کأشر زبان تہٕ امیُک ادبی بُتھ چھُ وونٛی سوٚکنی سدِ سکندری یوسہٕ کٔشیرِ تہٕ امہٕ زِچھِ تہٕ ڈیگی جل زبانٛ ہنٛز رأچھدر چھِ۔ یہِ چھُ سانہِ مُنفرد شناختُک بولہِ وُن اِظہار یتھ نہٕ کانٛہہ ورزٕ واویل أنتھ ہیکہِ۔ فاروق فیاض ہنٛز زیرِ نظر کتاب چھَ امیُک اعلانِ بالجبر۔ تمو چھِ اتھ منٛز سانہِ موجوٗدٕ صدی یوسہٕ وُہمہِ تہٕ اکوُہمہِ صدی پیٚٹھ وہرأوِتھ چھِ تمن کأشرٕ ن علمبردارن ہُنٛد انہاروٗنہِ کوٚ ڈُمت۔ یِم نوِ کیٚو پرٛانہِ زمانہٕ کیٚن کأشرٕ ن نیٚچن تہٕ عوأمی اِظہارن ہنٛدی ترجمان چھِ۔ مےٚ چھُ باسان زِیہِ چھِ سانہِ تازٕ شتہٕ کُک سُہ وِکی پیڈیا یُس پرن والین امہِ گزٕ زوٗنہِ دریاوٕک سوٗرے منظر ہاوِ تہٕ یتھ سُرٕ تہٕ دیہِ تہٕ نوٚ توٚ زٕھ تہِ زِ کٔشیر ہیکہِ نہٕ زٕنٛہی پامال کرنہٕ یتھ۔ امیُک تہذیبی سنٛبر تہٕ ادبی تھزر روزِ بہرحال اتھ ارجمندی عطا کران۔ فاروق فیاضن چھُ اکہِ بلکُل نوِ انمانہٕ اتھ شاندار ارضنتس وہراو دیٚتمت، تمہِ آیہِ زِیہِ روزِ کأشرٕ ن ہُنٛد قومی وجوٗد پرٛزٕ لاوان تہٕ نوٕ ن أدیبن کیٚو گونماتن بروٚنٛہہ پکنُک حوصلہٕ دِوان روزان۔ فاروق فیاضنٛز یہِ کتاب روزِ کأشرٕ ن پننِس خوٗنی رشتہ دار علامہ اقبال سُنٛد یہِ ارشادتہِ یکہِ سان یاد پاوان۔

اندھیری شب ہے جُدا اپنے قافلے سے ہے تو
تیرے لیے رہے میرا شعلۂ نوائے قندیل

محمد یوسف ٹینگ

| کتابہِ ہُنٛد ناو | : | زأنۍ ڈب (اکھ تنقیدی مطالعہٕ) |
|---|---|---|
| مصنف | : | فاروق فیاض |
| چھپَن وٕری | : | 2020ء |
| سائز | : | 23X36/16 |
| مول | | ستھ ہتھ روپیہ Rs.700/= |
| کمپیوٹر کتابت | : | TFC سنٹر مدینہ چوک گاؤکدل سرینگر 2473818 |
| طباعت | : | الحیات پرنٹوگرافرس سرینگر 7006575292 |
| نأشر | : | فاروق فیاض سرینگر کشمیر |

کتاب میلنگ پے

- ☆ گُلشن بُکس سرینگر
- ☆ کتاب گھر لالچوک
- ☆ TFC بُکس سرینگر
- ☆ نُنہ پوش پبلی کیشنز ریگل چوک سرینگر

# ترتیب

# پَنٕنۍ کتھ

وُہمہِ صٔدی ہٕنٛدبن گوڈنکین دٔہلین منٛز ییٚتہٕ سیأسی ، معاشی تہٕ ثقافتی سوٚتھرس پیٹھ مختلف تأریخی وجوہاتو کنۍ کشیرِ منٛز انقلابی تبدیلیو زایُن لوٚب تہٕ یمن ہٕنٛدِس نتیجس منٛز وأتسہِ وادن ہٕنٛدِس اجتمأعی روایتی طرزِ فکرس تہٕ سوٗچن تژ ایہِ منٛز نوبر پسندی ہٕنٛدِس رو۔جحانس گن لوٚگ تتہٕ آو علمی تہٕ ادبی شعبس منٛز تہٕ یمن تبدیلین ہُنٛد اثر ٹاکارٕ پأٹھی نوٚن نیرنہٕ۔ گنو ہمہِ صٔدی ہٕنٛدس اُخرس تام کأشرِ شأعری پیٹھ یُس صوٗفیانہٕ موضوٗعاتن ہُنٛد غألب رو۔جحان درٛینٹھۍ گژھان اوس تتہٕ آیہ وُہمہِ صٔدی ہٕنٛدِس آغازس ستی مجبورتہٕ آزادنہِ دٕسی کأشرِ شأعری روایتی موضوعاتو نِش آزاد کرتھ یہِ نوبن سیأسی تہٕ فکری تژ این تہٕ رو۔جحانن ہٕنٛدِ اظہارٕ باپتھ استعمالس منٛز اننہٕ ،موضوعاتن ستۍ ستۍ آونوبن شأعری قألبن ہُنٛد تہِ دٕسلابہٕ کرنہٕ یم نوبن موضوعاتن ہٕنٛدِ بےٚ پھٔرک اظہارٕ باپتھ ضرٔوری اُسی۔

وُہمہِ صٔدی ہٕنٛدِس ترٛییمِس دٔہلس منٛز ییلہِ کشیرِ منٛز ہتہٕ وادن ؤرین پیٹھ پھألتھ سیأسی تہٕ معاشی نظامس خلاف منظم عوامی احتجاجُک شروعات سپد تتہٕ آو وطن تہٕ قوم پرستی ہٕنٛدِس جذبس تحت کأشرِ شأعری منٛز وطن دأری ہٕنٛد بن

موضوعاتن شاعری ہُند وردن ولنہٕ۔ یِم عوامی آرزوٗہن تہٕ امارن ہنٛز ترجمانی کران اُسی۔

امہِ نوِ تبدیلی ہنٛدی نقیب بٔنِتھ آیہِ کاشُرِ شاعری ہنٛدِس منظرنامس پیٹھ مہجور تہٕ آزاد۔ موضوعاتن ہنٛدِ نوٗہنہٕ تہٕ عصری لگہٕ ہٲرِ انتخابہٕ ستی، سادروار عوامی لہجہ ستی تہٕ مخصوص کاشُرِ تہذیبی تہٕ لِسانی استعارٕ کہِ ورتاوٕ ستی گوٚو سُہ ژھین وارِیہس حدس تام دوٗرِیُس اردٲہمہِ تہٕ گنوہمہِ صدی منٛز شاعرس تہٕ سماجس درمیان پادٕ اوس گومُت۔ روٗسی کمیونسٹ انقلاب کِس پوٚت منظرس منٛز فکری تہٕ نظریاتی سوٚتھرس پیٹھ یوسہٕ تبدیلی عالمی سوٚتھرس پیٹھ ادب، معاشیت تہٕ سیاست کہِ حوالہٕ دیدن تل آیہِ تمہِ ییٚتہِ دُنی یہچھن بجن زبانن ہُند تخلیقی ادب، فکری نہج تہٕ انہار متأثر کوٚرتتہِ ژیوٗن دأنشورارنہ تو ژھ تھون والبوِ کاشُربو شاعروتہٕ اُدیبوتہِ امہِ نوِ فکری روجحانٕک آلوتہٕ کاشُرس ادبس منٛز تہِ روٗٹ ترقی پسند تحریکہ زوٗ زہتہٕ تہٕ پزٕرتہِ چھُیِ زِ امہِ تحریکہِ ہنٛدِس اثرس تحت گوٚو کاشُرِ شاعری تہٕ ادبس منٛز معیارٔی تہٕ مبقدارٔری دوشوٕنی سوٚتھرن پیٹھ باگہِ بوٚرُت اضافہٕ، یمیُک بامعنی اثر شاعری ہنٛدِس شعبس ستی ستی کاشُرس نثری ادبہٕ کِس ووتلنس تہٕ پوٚھنس منٛز تہِ درٕیِٹھی آو۔ ووٚنی گوٚو نثری ادبس منٛز یِمۍ شعبن زیادٕ ترقی ہنٛدی امکانات سرٕ کری سہٕ اوس افسانوی نثر۔ اتھ دوران ووت کاشُر افسانوی نثر تتھ تخلیقی معراجس پیٹھ یمہِ ستی نہٕ صرف کاشُرِ زبانٕی ہنٛدس فنی باڑوس منٛز ہُر بر گوٚو بلکہ روٗٹ امہِ کہِ بدولت کاشُرِ زبانٕی اکھ معتبر، دأنشورانہٕ طرح تہٕ تہٕ ساروے کھوتہٕ اہم دیُت اوس امہِ تحریکہ ہُند یہِ زِ امہِ کِس اثرس

تحت گۄوکاشرین شاعرن تہٕ أدیبن منٛز فن پارن یا ادبی تخلیقاتن نسبتھ تنقیدی تہٕ تجزیاتی أنہٕ کنۍ سرٕ نہٕ سونچک ظون پاد۔ وونۍ گۄو اکھ کتھ چھےٚ ضروٗر زِ کاشرِ شاعری ہٕندِ حوالہٕ اوس تنقیدی مطالعس عبدالاحد آزادنہٕ ڈٕسی 'کشمیری زبان اور شاعری' لیکھتھ گوڈے دس وۄتھمُت تہٕ یہوے چھُ وجہ زِ کاشرس منٛز چھُ تنقیدِ کس تارٕیخس آزادنہٕ اتھ کتابہِ براںٛدٕ کنہِ ہنٛز ہش حیثیت حاصل۔

1960 ء پتہٕ ییلہِ زن ترقی پسندی ہُنٛد مخصوٗص نظریہ مرکوٗز سماجی مساواتک ، انسانی عظمتُک تہٕ انسانی رواداری ہُنٛد فلسفہ تہٕ ادبی رُوی یہ تہٕ رجحان نوین فِکری تبدیلین بروٗنٛہہ کنہِ بےٚ معنی تہٕ بےٚ زور ہیوٚتن باسُن تہٕ جدیدیتکۍ ذات مرکوٗز تہٕ داخلیت پسند فلسفن عالمی ادبی منظر نامس پیٹھ پننۍ سرٕ نۍ اثرات ترٛاونۍ ہیٚتۍ ، کاشرِ و أدیبو تہٕ قلمکاروتہٕ ژیوٗن وقتُک یہِ آلو تہٕ آدرش واوادبی موضوعاتو بدلہٕ بنےٚ یہِ ادب آرٹ تہٕ زبانۍ اِظہارس منٛز وُہمہ صٔدی ہٕنٛدس دوٚیمس نصفس منٛز بسن وألِس انسانہٕ سُنٛد داخلی کرب، تٔمۍ سُنٛد نفسیاتی کشمکش تہٕ گُنہر ، بےٚ بسی تہٕ لاچاری، تخلیقی فن پارن تہٕ فن کین دوٚیمین صِنفن ہٕنٛدۍ موضوعات ۔ امہِ علاوٕ ساروٕے کھوتہٕ خوش پسندی ہٕنٛدۍ یِمۍ انہارن کاڈ ہیوٚٹ کڈُن سُہ گۄو سانین أدیبن تہٕ شاعرن ہُنٛد شعوٗری طور ظون ،تنقیدی تہٕ تجزیاتی مطالعس کُن گرٛھن ۔ وونۍ گۄو پزر چھُ یہِ زِ یتھ پاٹھی یہِ دوٚیمن علاقائی زبانین منٛز ووتلیو وتہٕ پیٛو کاشرس شاعرس ، افسانہٕ نگارس یا ڈرامہ نگارس پانہٕ پنُن تنقید نگار بنُن تہٕ اتھ منٛز کاژاہ دیانتداری ، انصاف تہٕ غار جانبداری ہُنٛد توقع ہیکہِ کانٛہہ ذمہ دارقاری کرتھ، سُہ چھُ اکھ

توجہ طلب مسلہٕ۔

ادبی مطالعہ کہِ حوالہِ اگر کتھ کرو، یہِ قبوٗل کرنس منٛز چھَنہٕ کانٛہہ قباحت زِ کاشُرِ زبانٛۍ منٛز چھُنہٕ ونہِ تہِ تنقیدی یا تجزیاتی ادبن سُہ مقام تہٕ مرتبہٕ پرٛووُمُت یا چھُن نہٕ سُہ تجزیاتی معیارس پرٛووُمُت یُس اتھ اکھ باوقار تہٕ بامعنی علمی شعبہ کہِ رٔنگۍ ووتلنس منٛز مددگار ثأبت ہیٚکہِ ہیٚتھ سپدتھ۔ اتھ چھِ وارِیاہ وجوٗہات۔ کینٛژھن وجوٗہاتن پیٹھ کتھ کرنہٕ برونٛہہ چھُ یہِ وَنُن ضروٗری باسان زِ تنقید چھُنہٕ بذاتِ خود بنیأدی طور کانٛہہ تہِ تخلیقی عمل۔ یہِ چھُ پننہِ بقاتہٕ وجوٗدِ باپتھ گُلس پیٹھ تخلیقی ادبس تابع تہٕ اوٗرزمان۔ گُنہِ تہِ زبانٛۍ منٛز تخلیقی ادب یوٚت تہِ باگہِ بوٚرُت، ہمہ جہت تہٕ وسیع آسہِ، تیٚژٕے آسہِ تنقیدی عمل تہِ کُشادٕ، صحت مند تہٕ باگہِ بٔرٕژ۔ کاشُرِ ادبی تأریخ کہِ مطالعہ تلہٕ چھِ یہِ حقیقت برونٛٹھ کُن یوان زِ امیُک بیشتر حصہٕ چھُ شعری تخلیقاتن پیٹھ مبنی تہٕ یاتہِ افسانوی نثر پارن پیٹھ۔ ادبی باوُژہنٛز یہِ تنگ دامنی چھُ گوڈنیُک چیلنج یُنتھ کاشُرِس تنقید نگارس نال وَلان۔ تمۍ سٕنٛزِ وتہٕ چھےٚ محدوٗد تہٕ منٛزِل یہِ ڈٔلۍ زِ تہِ گوٚٹ بناوان۔

دوٚیم بیٛا کھاکھ بوٚڈ وجہ چھُ زِ کاشُر تنقید نگار چھُنہٕ پانس منٛز گُپتھ تخلیق کار سٕنٛدِ جذبأتی تہٕ ذات پسندی ہٕنٛدِ جذبل رٔویہِ نِش آزاد ہیوٚ کٔمُت گرٛٔھتھ۔ ووٗنۍ یُس تجزیہ نگارامہِ عأبہِ نِش ہنا مُبرا چھُ سُہ چھُنہٕ ذأتی وابستگی، یار برادری تہٕ برونٛہہ اخذ کٔری مُتیوٚ نتیجن ہٕنٛدِ زولانہٕ منٛز پانس آزاد ہیوٚ کٔمُت کٔرتھ۔ تِمس برونٛٹھ کنہِ چھُ فن پارُک آزاد متنی، ہیتی تہٕ اظہاری وجوٗدٕ کھوتہٕ ذأتی پسند تہٕ یار برادری ہٕنٛد غأر ادبی تہٕ غأر تخلیقی روٗہ رکانہٕ تہٕ رٔویہِ زیادٕ معنی تہٕ با

وزن لبنہٕ یوان۔ نتیجہ چھُ نیران زِ تنقیدی رۄح چھُ زاینٕ لبنہٕ بروٗنٛہہٕ فوت سپدان۔

بیٚاکھ اکھ وجہ یُس کاشرس منٛز صحت مند تنقید پھانٛپھلنس منٛز رُکاوٹ بنتھ بروٗنٛٹھ کُن یوان چھُ سُہ چھُ تنقیدی زبانۍ پیٹھ تخلیقی اظہار کہِ اشارٲتی، بناوٹی، علامتی تہٕ سجاوٹی شاعرانہٕ زبانۍ ہُنٛد غلبہٕ۔ تجزیاتی نٲرُک ساروٕے کھوتہٕ بنیٲدی تہٕ اہم شرط چھُ تخلیقی فن پارکہ حوالہٕ اتھ منٛز گُپتھ متن، اظہار، ہیت تہٕ فنی حُسنہٕ کہِ تعلقہٕ پننہِ رایہِ ہُنٛد مربوٗط، معتبر تہٕ مستند رایہِ ہُنٛد اظہار تہٕ امہِ باپتھ چھُنہٕ ضروٗری زِ تخلیقی زبانۍ ہُنٛد متبادل تخیٖل مرکوٗز زبان ییہِ استعمالس منٛز اننہٕ، بلکہ تجزیاتی مطالعہ چھُ تمہِ زبانۍ ہُنٛد تقاضہٕ کران یُس عوامی تہٕ اطلاعاتی ضروٗرتن پوٗرٕ آسہِ کران۔ تکیا زِ تنقیدُک مقصدٕے چھُ مخصوٗص تخلیقی فن پارکہِ حوالہٕ گُپتھ تہٕ مُضمر فنی فکری تہٕ موضوعی تہٕ اظہارٲتی آدابن، شرٲیطن تہٕ تقاضن ہُنٛد ووتھہٕ واشُر آسان۔ نہَ زِ تخلیقی زبانۍ ہنٛز علامتی، اِشارٲتی یا مُبہم زبانۍ ہنٛد نمٲیش کرٕنی آسان۔

بیٚاکھ اکھ عٲب یا قبوٗح یُس کاشرِ زبانۍ منٛز مستند تنقید کس پھانٛپھلنس منٛز بطوٗرِ رُکاوٹ بروٗنٛہہ کُن یوان چھُ سُہ گوٚو تبصرٕ نگارن ہنٛدس تتھ حلقس ستیٚ وابستہٕ أدیبن ہنٛز اکھ بڈٕ چھوکھ یمو درسی طور تھد بن علمی تہٕ تحقیقی اِدارن یا درس گاہن منٛز پننہٕ نٔمن ووستادن ہِنٛش تنقید بحیثیت ادبی مضموٗن پوٚر مُت چھُ تہٕ اتھ حلقس ستیٚ وابستہٕ تجزیہ نگار ییٚلہِ تہِ کُنہِ ادبی موضوٗعس تنقیدی آیہِ ڈٔل دِنچ کوٗشش کران چھِ تِم چھِ محض پننہٕ نٔمن ووستادن ماڈل یا Ideal زٲنتھ

تِہنٛدبن یہِ ڈٲپؠ زِتہِ وٲسی پایہِ فنی کوٗششن تہِ ہنگہ منگہٕ تھُر کھاٲلتھ تِمن عالمی ادبہٕ کین سرکردٕ شخصیتن ہم پلہِ بناونچ کوٗشش کران۔ دلاٲئیلوتہٕ ڈٲپلو بغار چھِ تِم تِتھی فاٲصلہٕ صاٲدر کران یِمن ہُنٛد کھوٗگراَسُن اکھ عام پرن وول تہِ آساٲنی سان سمجتھ ہبکان چھُ۔

کاٲشرِس منٛز صحیح تہٕ رِتہِ تنقیدٕ کس ووتھٕ واشرس منٛز کُمی ہُنٛد بیٚیا کھا اکھ وجہ چھُ زِ ساٲنی اکثر تبصرٕ نگار، تنقید کرن وٲلی یا تجزیہ کار چھِ کُنہِ ادب پارس یا کاٲنسہِ ادبی شخصیتٕ کس فنی یا ادبی کارنامس پیٹھ کتھ کرنہٕ وِزِ ارضی صداقتن، مخصوٗص علاقاٲیی یا تہذیبی قدرن، تاٲریخی محرکاتن تہٕ معاشرتی گاٲیلن، نفسیاٲتی تضاداتن تہٕ کھُر بن یکسر نظرانداز کرتھ فن پارٕ کس ظاٲہری معنوی ساختس پیٹھ پنٕنۍ نظر مرکوٗز کران۔ امہِ سٟتی چھُ فن پارُک یا ادبی تخلیقُک محض ظاٲہری کرٕژ سمجنس منٛز مدد سپدان، فن پارٕ کس روٗحس تام قاٲری سُنٛد واتناوبر چھُ ناممکن بنان۔ تجزیاتی عملہِ دوران چھِ ساٲنی یِم تنقید نگار یورپی یا عالمی ادب، تنقید تہٕ فلسفکی تِمے اصوٗل تہٕ شراٲیط داٲیراوان یِمن نہٕ علاقاٲیی، معاشرتی، تہذیبی تہٕ تاٲریخی صداقتن سٟتی کانٛہہ واٹھ چھُ آسان۔

جدید تنقیدی نظرین ہُنٛد مطالعہ تہٕ زان آسٕنۍ چھےٚ اَکس تنقید نگارٕ سٕنٛدِ خاٲطرٕ ضروٗری۔ تجزیاتی تشریحات، ادبی یا تخلیقی فن پارس منٛز پوشیدٕ معنی، مفہوم تہٕ زباٲنی ہٕنٛدبن بسیار پاسل سربستہٕ اسرارن ہٕنٛدبن امکاناتن دریافت کرنہٕ باپتھ چھُ ضروٗری مہاٲرژ، تجربہ، تکنیکی ہونر تہٕ علمی زان کاٲری اکہِ موثر وسیلہٕ رٕنگی تجزیہ کارس معاونت کران تہٕ ہرگاہ نقاد ذاٲتی یا جذباٲتی وابستگی نِش لوٗب

ہیتھ تجزیاتی دیانتدأری ہٕنزن قدرن پٹھ عمل گرتھ گژھِ ادب پارس پٹھ پننہِ رایہِ ہُنٛد اظہار کرُن، یہِ رائے آسہِ واقعی وزن دار تہٕ تخلیق کارسٕنٛدِ خاطرٕ آسہِ صحی معنی ین منٛز صحت مند تہٕ تعمیری نوعیچ۔ پرٛتھ تخلیق کار چھُ پننہِ معاشرُک پروردٕ آسان۔ اکہِ مخصوص طبعی ماحولُک تہٕ تہذیبی اثرُک فرد آسان تہٕ انسأنی جذبات، احساسات تہٕ معاشرتی صداقتہٕ تہٕ تہذیبی روایات تہٕ تأریخی اسرار چھِ اکہِ نتہٕ بیٚیہِ رنگہٕ چاہے اشارن منٛز چاہے علامتن منٛز، چاہے اسطورن منٛز، چاہے رسمن منٛز، توہماتن منٛز، عقیدن منٛز یا لُکہ پرٛیژن منٛز ادبی اظہارُک وردن اکہِ نتہٕ بیٚیہِ رنگہٕ ضروری پٕزاوان۔ لہٰذا ہیکہِ نہٕ کانٛہہ تہِ تجزیاتی عمل نتیجہ خیز ثأبت سپدِتھ ہرگاہ نہٕ تنقیدی نظرین ستی ستی علاقایی تہٕ تہذیبی حسیتس یا حسأسیتس تنقید نگار زیرِ نظر تھاوِ۔ تخلیقی زبأنی ہُنٛد اکھ بوٚڈ انہار چھُ زِ اتھ منٛز چھِ الفاظ لغتی معنی ین ہٕنٛدِ روایتی سرحدِ نش آزاد گژھتھ وسیع تہٕ پُر اسرار تہذیبی دأیرس منٛز استعمالس انہٕ یوان، لہٰذا متنس منٛز سحر کأری ہٕنزٕ گژھِ تہِ کوٚششہِ ہُنٛد ہیکہِ نہٕ تیتس کالس ادراک ممکن سپدِتھ ییتس کالس نہٕ علاقایی تہذیبک تہٕ تأریخُک سرٛ ون مطالعہ تنقید نگارس آسہِ۔

وونی گوٚو پزر تہِ چھُ یی زِ کأشرس منٛز جامع مثبت تہٕ منصفانہ تنقید نگاری ہٕنزٕ ویٚژھے یا کمی خأطرٕ ہیکون نہٕ صرف تجزیہ نگار یا تنقید نگارے یوت موردِ الزام گنزرِتھ۔ تکیازِ تنقید چھِ صحت مند روایت رٕکس پھاپھلنس منٛز چھُ معیاری تخلیقی پأداوأری ہُنٛد سبٹھاہ عمل دخل آسان۔ تنقیدی عمل چھےٚ ادبہٕ رٕکس شعبس منٛز اکھ ثانوی حثیت تھاوان نہَ زِ بنیادی۔ ییتس کالس نہٕ معیاری

ادب تخلیق کرنہٕ پیٹھ تیتس کالس ہیکہِ نہٕ بااثرتہٕ بامعنیٰ تنقید بروٗنٹھ کنہِ یتھ۔ یوٚ تامتھ زن کأشرس منٛز تخلیقی پأداوأری ہُنٛد تعلق چھُ یوٚ دوے زن پرٛتھ ڈٕری یہ ہتہٕ بژ کتابہٕ بازریوان چھِ مگر تمن منٛز چھنہٕ بیشتر مطالعہ معیاری ادبکو شرایطتہٕ آداب پوٗرٕ کران۔ نتیجہ چھُ نیران زِ تنقید نگارس یا تجزیہ نگارس خأطرٕ چھُ تجزیاتی مطالعک دأیرٕ سیٚٹھاہ محدوٗد سپدان تہٕ یتہٕ چھُ اکھ وجہ بنان کأشرس منٛز مبقدأری یا معیاری تنقید کس پھاپھلنس منٛز۔

ماضی قریب کین کینٛژھن ڈٕہلین منٛز چھُ ادبی پأداوارس تہٕ سرتازٕ تنقیدی نظریہ سأزی ہنٛدِس تعدادس منٛز عالمی سوٗتھرِس پیٹھ سیٚٹھاہ ہُرٕ بڑ سپُد مُت۔ اعدادتہٕ وِو ہاریُس اکہِ ساعتہٕ تنقید نگأری منٛز مرکزی حثیت تھاوان اوس، تیچ اہمیت گیہٕ وارٕ وارٕ کم۔ خاص کرٕ تم تنقید نگارتہٕ نظریہٕ یم نزدیکی پتھ کالس منٛز بروٗنہہ کُن آمتیٚ أسی۔ دوٚیمہِ عالمگیر جنگ پتہٕ ہیوٚت ادبی نظریوا کھ وجوٗد پننہِ باپتھ تسلیم کرناوُن تہٕ 1970 پتہٕ یم تنقیدی نظریہ سازتہٕ تنقید کہ حوالہٕ نوٚی زٕوی یہِ ہتھ بروٗنٹھ کُن آیہِ، تموٚ گرٕ تنقید تہٕ تھوری ہنٛدِس شعبس منٛز اکھ اہم جاے حأصل تہٕ انہِ چھُ عالمی زبانین ہنٛد بن ادب پارن یموے تھوریزن تہٕ زٕوی ین ہنٛدِس بنیادس پیٹھ تجزیہ کرنہٕ یوان۔ مگر سأنی اکثر تنقید نگار چھِ وُنہِ تہٕ تنقید کین روایتی اصوٗلن لأری۔ ووٚنی ییٚلہِ تم سرتازٕ تجزیاتی نظریہ عملاوٕنچ کوٗشش کران چھِ تم چھِ تمن نوبن تنقیدی نظرین ہنٛدی ٹوٗل وسطی دورٕ کین روایتی شأعری تخلیقاتن پیٹھ آزماونچ سعی کران ییمہِ کنہِ نہ صرف تنقید نگارس دُژیوٚت گژھان چھُ بلکہ چھُ پرن وول تہٕ اُکس تحمص منٛز گیر گژھان۔ سُہ چھنہٕ تھیوری تہٕ

تخلیقی پاٗ دواٗ ری درمیان ژھننگ صحیح ادراک گرتھ ہیکان۔ سُہ چھُ تخلیقی فن پارُک حظ تُلنہٕ بدلہٕ تمیُک معنوی یا فکری عرفان حاصل کرنہٕ بدلہٕ شک و شُبہاتن منز ولنہٕ یوان۔ نتیجہ چھُ یہِ نیران زِ ادبی مطالعہ کہِ حوالہ چھُ قاری سُنز دلچسپی ہنہٕ ہنہٕ کم گژھان، یمیُک براہِ راست اثر گلہم پاٗٹھی زبانیٚ ہنٛدِس ادبی معیارس پیٹھ پیوان چھُ۔

عالمی سٔتھرس پیٹھ قومن ہنٛدِ بن ادبی تواٗریخن ہنٛدِ مطالعہ تلہٕ چھےٚ یہِ کتھ غاٗر مُبہم اندازس منز بروٚنٹھ کُن یوان زِ انسانی تہذیب کہِ ترقی تہٕ علم وآگہی ہنٛدس پیش رفتس ستۍ ستۍ چھُ علمی زبانن ہنٛدِ بن ادبی رُ ویین تہٕ رو۔جانن منز تہِ تبدیلی یوان۔ ییٚتہِ تاٗریخی تبدیلین ہُنٛد قومن ہنٛدِس فکری تہٕ تخلیقی ارتقاٗکس منظر نامس پیٹھ اثرات تراوِنی لابُد ی بنان چھُ تتہِ چھُ لرِ لوٗر تخلیق تہٕ تجزیہ کہِ حوالہٕ سرتاز رو۔جانن، نظریہن تہٕ اصولن ہُنٛد تعین تہِ سپدان تہٕ تنقید نگارن ہنٛدِ خاطرٕ چھُ زِ تمن گژھِ سرتاز ادبی تنقید کین نوٚین نظریہن ہنٛز زانکاٗری آسنۍ تہٕ یمن عملاونہٕ وِزِ چھُ ضروٗری زِ تنقید نگار تھاوِ علاقایی حسبا گہی، تہذیبی قدرن تہٕ صداقتن ہُنٛد تہِ لحاظ۔ ہرگاہ سانۍ تنقید نگار یہِ صحت مند توازن قایم ہکبن گرتھ، ادب پارٕ چ معتبر، مستند تہٕ معروٗضی تنقید ہیکہِ معیارٕ کیٚنۍ معراج سرٕ گرتھ۔

کینٛہہ کال بروٚنٹھ آیہِ پزی سانو کینٛہو حسبہٕ ہُشار تجزیہ کار روٗدۍ (یمن منز دوشوے بُزرگ تہٕ جوان شامل چھِ) کینٛہہ تِتھی ساٚدٕ وار تجزیاتی مطالعہ بروٚنٹھ کُن یمہِ ستۍ یہِ آش دران چھِ زِ سانین تجزیہ نگارن منز تہِ چھےٚ توٚژھ،

گہرٕ مطالعہ تہٕ دوٗربین نظر تہٕ ہرگاہ تِم ذاتی مصلحت، جانبداری تہٕ یار برادری ہِنٛدۍ بوغٲر ادبی زوٗلانوٗ نِشہِ پُٹن پان مُچھِ ہیٚکن تھٲوِتھ تہٕ ادب پارس بحیثیت اکھ خودمختار تخلیقی صِنفہِ ہِنٛدِس داریس منٛز مطالعہ کٔرتھ امہِ کِس داخلی حُسنس پیٹھ پُٹن ظون مرکوٗز کٔرتھ ہیٚکن تھٲوِتھ، یہِ آسہِ واقعی کاشرِ زبٲنۍ منٛز تنقید نگٲری وِقار، مرتبہ تہٕ پرٛتیتھ کہ حوالہٕ اکھ بوٚڈ دیُت۔

یِہے حقیقت نظرِ تل تھٲوِتھ چھُ مےٚ زیرِ نظر مطالعس منٛز درج مضموٗنن تہٕ شخصیتن پیٹھ کتھ کرنہٕ وِزِ امہِ کتھِ ہُنٛد سرٛون خیال تھووُمُت زِ تخلیقی فن پارن یا أدیبن تہٕ شاعرن ہِنٛدِ بن ادبی رٕوییَن، موضوٗعاتن تہٕ متن کیٚن آزاد مطالعن، زبٲنۍ یا اظہارکہ حوالہٕ حُسن کٲری ہِنٛدِ بن أنیکھ طرحن تہٕ ژھاین ٕستی ٕستی گوٚژھ تاریخی یا عصری محرکاتن، تہذیبی ژھاین گراین تہٕ علاقٲئی انہارن ہِنٛدِ حوالہٕ تہِ کتھ کرنہٕ یِن، یُتھ أدیب یا شاعرٕ سُنٛدِس داخلی تخلیقی رٕویِس ٕستی ٕستی تِمن خارجی مضمراتن تہٕ محرکاتن ہُنٛد تہِ پییہ دریافت یا تلاش کرنہٕ یِم شعوری یا غٲر شعوری طورأدیب یا شاعرس تخلیقی عملہِ دوران ادب پارٕ تخلیق کرنس منٛز یا تشکیل دِنس منٛز رول ادا چھِ کران تہٕ یِہوے وجہ چھُ زِ مےٚ چھُ ادبی تاریخ کیٛو اصوٗلو کھوتہٕ زیادٕ ادبی کلچر کیٛو نوٗہنہٕ شرأیطو، آدابو تہٕ میزانو کِتابہِ منٛز درج موضوعاتن پیٹھ کتھ کرنٕچ کوٗشش کٔرمٕژ۔ یِمیُک موٗلہِ مُدعا یہِ چھُ زِ زیرِ نظر مضموٗنن تہٕ موضوعاتن ہِنٛدِ بن ہمہ جہت پہلوٗون تہٕ انہارن ٕستی ٕستی گوٚژھ تمہِ دورٕ یا عہد کیٚن تِمن صداقتن ہُنٛد تہِ عرفان حاصل سپدُن یِم فن پارٕ کِس پوٚت منظرس منٛز پنٛنہٕ خاموش وجوٗد ہٮ۪تھ دریافت کِس تلاشس منٛز بےٚ تاب

آسان چھِ۔ بہ کتھ حدس تام آسہٕ یمن کوٗشِشن منٛز کامیاب سپُد مُت تمٕیگ اندازٕ ہیکَن پرن وٲلی گٔرِتھ تہٕ مےٚ روزِ تہنٛزن محترم تہٕ معتبر راین ہُنٛد انتظار۔

یہِ کتاب چھےٚ مےٚ زٲنِتھ مأنِتھ دون باگن منٛز تقسیم کٔرمٕژ۔ گوڈنِکس حِصس منٛز کینٛژھن کأشرِ ادیبن، شأعرن یا ترجمہ کارن تہٕ تہنٛدِ نثری مطالعہن ہنٛد حوالہٕ کتھ کٔرمٕژ یِم تخلیق، تنقید تہٕ ترجمس پٮ۪ٹھ مبنی چھِ تہٕ دوٚیِمس حِصس منٛز چھِ مےٚ کینٛژھن بہلہِ پایہِ کأشرِ بُزرگ کیٛو جوان شأعرن ہنٛزن شعری تخلیقاتن ہنٛدِ حوالہٕ کتھ کٔرمٕژ۔

دوٚیِم کتھ یوٚسہٕ یہِ کتاب ترتیب دِنس دوران مےٚ زیرِ نظر تھٲوسو گیہِ مضموٗنن ہنٛدس ترتیبس یا انتخابس دوران گوٚژھ نہٕ شأعرن یا ادیبن ہنٛزِ کرٛٲنی ہانٛکلہِ کانٛہہ دَدارٕ واتُن تہٕ یہِ ترتیب چھےٚ باگہٕ لحاظہ تھاونہٕ آمٕژ۔ امہِ کرٛٲنی ہانکلہ ہُنٛد مطلب چھُ صرف یوٚتےٚ زِ قٲری لیس گوٚژھ سلسلہٕ وار یا ترتیب وار طریقس پٮ۪ٹھ مختلف دورن منٛز مختلف ادبی روجانن، رٕوٕ یِن، انہارن، فکری تراین گراین، لِسأنی تبدیلین تہٕ معاشرتی صداقتن ہُنٛد اندازٕ سپدُن یِم نوٚہنہٕ ادبی رٕوٕ یِن، انہارن تہٕ رِمزازس تعمیر کرنس یا تشکیل دِنس منٛز اتھٕ روٚٹ چھِ کران۔ تجزیہ کٲری ہنٛدِ امہِ ولہٕ یا نظریہٕ ستیٚ چھُ فن پارُک یا ادب پارُک دأخلی تہٕ خأرجی دوشوے پہلوٗ وقأری لیس بروٗنٛہہ کنہِ جلوٕ گر سپدان۔ یِتھٕ پأٹھی چھُ تخلیق تہٕ تخلیق کارس ستیٚ ستیٚ تمٕی ہنٛدِ عہدُک رِمزازٕ تہٕ سمٕجنس منٛز معاونت سپدان۔ ادبی تنقیدِ کِس شعبس منٛز چھُ تخلیقی تجزیہ کٲری ہنٛدِ حوالہٕ ادبی کلچرُک مطالعہ تہٕ اکھ عمل آوری اکھ سأدٕ روار اضافہٕ تہٕ یہِ چھ رِوایتی ادبی تأریخ کیٛو

نزاکتو تہٕ تقاضو کھوتہٕ زیادٕ وسیع ، کُشادٕ تہٕ ہمہ جہتی ۔ ادبی کلچر کیا گوٚو؟ تہٕ یہ
کتھٕ پأٹھۍ چھُ ادبی تأریخ نشہِ وکھرٕ ؟ یمن نوقطن وضاحت کرنہٕ کہِ غرضہٕ چھُ
مےٚ اتھ موضوٗعس پیٹھ اکھ الگ مضموٗن تہٕ کتابہِ ہنٛدِس نثری بابس تحت درج
کوٚر مُت ، تا کہ کتھ نیرِ وارٕ پھٹ ۔

درِدست مطالعہس منز درج سارنۍ أدیبن تہٕ شاعرن ہُنٛد چھُ مےٚ
ذأتی طور سیٹھاہ ادب تہٕ احترام تہٕ بہٕ چھُس ذأتی طور یمن ہنٛدِ علمی تہٕ ادبی
بصیرتُک قدردان تہِ مگر تنقیدی یا تجزیأتی زبأنۍ ہنٛدِ بن بنیأدی لوٲزماتن تہٕ
شرأیطن ہُنٛد پاس گرتھ کوٚر مےٚ رِوایتی طرزِ اظہارٕ نش یہِ گرتھ ہنا انحراف زِ
کأنسہِ أدیب یا شاعرٕ ہنٛدِس ناوس ستی آونہٕ کانٛہہ تہِ صِفأتی لفظ مثلاً پروفیسر،
ڈاکٹر، جناب ، صأب بیٚترِ استعمال کرنہٕ ۔ پنٛس تجزیأتی اِظہارس دوران باسیے
مےٚ یِم الفاظ زن تہِ مےٚ ذاتہٕ نیارتہٕ جانبدأری ہنٛدِس سرحدس گن نوان ۔
امہِ انحراف خأطرٕ اگر مےٚ کانٛہہ کنہِ کنہِ کرنچ کوٗشش تہِ کرِ بہٕ مانہٕ تتھ پوشہِ
ورشُن ۔ تکیاز اتھ پتۍ کنۍ چھِ صرف کاشرِ زبأنۍ ہنٛدِ ادبی وقارُک تہٕ اقبال
مندی ہُنٛد خیال ییٚنہٕ کینٛہہ ۔

بہٕ چھُس سارنۍ رفیقن ، یارن ، دوستن ہُنٛد وژھِ وأنجہِ شُکریہ کران یِم
میانٛین قلم پارن لولہٕ تہٕ خلوٗصہٕ کہِ أنہٕ وُچھان چھِ ، میانہِ خأطرٕ چھُنہٕ یہ ممکن زِ
بہٕ کیا ہیکہٕ تِمن سارنۍ لولہٕ والین ہُنٛد فردن فردن شکریہ ادا گرتھ ، مگر بہٕ
چھُس پننہِ اتھ تنگ دامنی تہٕ تنگ دِلی پیٹھ شرمندگی تہِ محسوٗس کران ۔ اگر زندگی
ساتھ دیُت تہٕ یہ قلمی قرض والہٕ بہٕ ضروٗر آیندٕ دوہن منز نکھٕ ۔ آمین ۔

اما پۄ زیہٕ تہٕ چھُ پزر زِ محمد یوسف ٹینگ ، شفیع شوق ، گلشن مجید تہٕ عزیز حاجنی یمو مسود کس صورتس منز یتھ مطالعس منز درج مضمونن ہُند مطالعہ کۄرتہٕ پننہٕ نمن زرین راین ہُند کۄ رُکھ اظہار تمن ہُند چھُ بہٕ وژھِ وأنجِہ تہٕ ذأتی طور شکریہ کرُن پننۍ دأ نشورانہٕ ذمہٕ دأری گنزران۔

الحیات پرنٹو گرافر کس پۄرِ ٹیمس تہٕ خصوصاً عبدالغنی صأبس چھُس بہٕ مایہِ تہٕ عزتہٕ سان شکریہ کرُن پنُن فرض زانان ، یمو پیشہ ورانہ ذمہ دأری اؤ ک طرف ترأوِتھ یمہِ کتابہِ ہنٛدس اشاعت کین مختلف مرحلن منز ذأتی دِلچسپی ہُند اظہار کۄر۔

شُکرانک یہٕ رسم روزِ تیتِس کالس اڈلیۄک ہرگاہ نہٕ بہٕ گرِ بأژن خصوصاً پننہِ گرِ واجینہِ ہُند شکریہ ادا کرِ یوسہٕ میانین لۘبھتمن اعتبار تیٚچ موہر چسپان کران چھےٚ۔

فاروق فیاض
باغاتِ کنی پۄر، کشمیر

# انتساب

کاشرِ زبانۍ ہٕنٛدبن

تِمن قداوارناون ہٕنٛدِ

ناوٕ

یِمو اظہارتہٕ معنے کہِ حوالہٕ

امیک ڈبکہٕ پژٕ زلوو

# ادبی کلچر تہٕ تخلیقی ادبٕچ لگہٕ ہأری

ادبی کلچر نأوی بحث چھُ تأریخس نسبتھ ہمیشہ بدلوٚنین تناظرن ہُنٛد نتیجہ، یمیُک سفر بادشاہن ہنٛدین داستانن تہٕ دربارن ستی منسلک ڈٟلیٖلن پیٹھ شروٗع سپدتھ کُلم انسأنی معاشرٕکس کامہِ کارس متعلق انکشاف تہٕ دریافت ٕکس پڑاوس پیٹھ وُنہِ کنبس ووتمُت چھُ ۔ تأریخ تہٕ ادبکہِ حوالہٕ اتھ بدلوٚنس نظریہس آو Epistomology ہنٛد یوٚ بدلٕونوٚطر حوتہٕ تمدنی تأریخس متعلق ذیلی شعبن ہنٛدِ ووتلنہٕ ستی انقلاب ۔ تمدنی توأریخس ییتھ منٛز ادب تہِ اکھ موثر تہٕ طاقت ور شعبہ گٔنزرنہٕ یوان چھُ ، چھُ ادارن ، دریافتن ، ایجاداتن تہٕ ژھوٚنٛڈی پأٹھی انسأنی تہذیب ٕکس پھاپھلنس تہٕ ترقی ستی سروکار ، یمن ہُنٛد فہم تہٕ ادراک حبسہ ہُشیار معاشرٕ خأطرٕ سبٹھاہ اہم تصور کرنہٕ یوان چھُ ۔ انسأنی معاشرکہِ تمدنی تأریخُک گرُت چھُ پانس منٛز تمن ماخذن یا سرچشمن کُن توجہ پھِرنُک ظوٚن دِوان یم زن دوٚیمین لفظن منٛز تأریخی تجزیہ یا انکشاف خأطرٕ غأر تأریخی اہمیت ہنٛدی چیز مانہٕ آسی یوان ۔ تأریخی انکشافُک سارِوے کھوتہٕ مقبول شعبہ یُس تمام ممکناتن منٛز تمدنی تہٕ تہذیبی زندگی أنہٕ ہاوان چھُ ، چھُ ادبی تأریخ یُس کُنو ہمہِ صٔدی منٛز اکہِ خودمختار تأریخی تجزیہ کہِ شعبہ رٔنگی بارسس آو تہٕ یمٕ وُنتام مولہ

آنکوٕنکۍ کینٛہہ اہم تٲریخی معیارتہٕ میزان پانس منٛز شروٗ پرٲوِی ٕتی چھہِ۔

مگر یہٕ ٮ۪تہٕ نس چھےٚ اکھ کتھ ضرٗوری یاد تھاوٕنی لایق سُہ گوٚو یہِ زِ ادبی توٲریخ چھُ زمانی حدٗود منٛز ادبی منظرنامس تمہِ آیہِ واشگاف کران ییٚتہِ نس اکھ لِکھاری سمےَ ہانکلہ ہِندِس عمودی طرزس پیٹھ جانشینی ہُنٛد منصب پراوان چھُ تہٕ ادبی تٲریخ چھُ سماجی آگہی علاوٕ متنس تہٕ سیاقس یا تناظرس درمیان رِشتٕچ وضاحت کرٕنی ضرٗوری سمجان۔ یُس نوٕ تٲریخی تھیوری ہُنٛد بنیادی مقصد چھُ۔

سماجی زانہٕ نیار علاوٕ یہِ زِ ادب کمہِ آیہِ چھُ عوامس منٛز قبوٗلیت پرٛاوان تہٕ یہِ زانُن زِ مطالعہ کرن والین ہُنٛد مخصوٗص حلقہ کتھ حدس تام چھُ خاموش روٗزِتھ ادب پارس حض ٹُلنہٕ نِش پتھ روزان یا امہِ کینٛہ اسرارن سمجھنہٕ نِشہِ قاصر روان۔ لہاذا یہِ کمی نظرِ تل تھاوِتھ آو ادبی کلچرک جامع تصور بروٚنٛٹھ کُن انہٕ تہٕ یُس پرٛتھ کُنہِ ادب پارس بحیثیت ثقافتی دستاویز تہٕ پرٛتھ کانٛسہِ ادیبس اکہِ مخصوٗص زمان و مکانُک پٲداوار یا نقیب زانان چھُ۔ یمہٕ سُنٛد تخیل فن تہٕ ذہانت، معاشی تہٕ سیاسی محرکاتو سِتی تشکیل لبان چھُ۔ ادبی کلچر چھُ ادبی موٗلہ آنکونہ ہِندِس کنہ اسس معنی ہِندی طرحدار سوٚتھری بخشتھ اتھ ڈِکوڈ کرنٕچ کوٗشش کران۔

تٲریخی انکشاف کینٛہ دوٚیمین شعبن ہِندی پٲٹھی چھُ ادبی کلچر ادبس منٛز اقتداری سیاستس یُس بظاہر باسان چھُ امکاناتن ہِندِ دٲیرہ نیٚبر وضاحت کرٕنی یژھان مگر یہِ چھُ ادبس منٛز عملا ونہٕ یوان مرکوٗزمتی اِشارو سِتی۔ ادبی کلچر چھُنہٕ علمی یا اعلیٰ زبٲنی تہٕ ادبس منٛز تہٕ عوامی مقبول ادبس منٛز دشمنت یا ژھین پٲدٕ کرنس منٛز یقین تھوان۔ اتھ برعکس چھُ یہِ دون منٛز مکالمہ متعارف کرنس پیٹھ

زور دِوان ۔ یُس فنس منز منطقی ڈلیلن اتھ روٚٹ کرِ، امہِ علاوٕ یُس زبانیٚ ہنٛدِ تخلیقی تہٕ عوامی اِظہارس درمیان ہمکلامی ہنٛدِس قوتس دریافت کرنٕچ کوٗشش کرِ۔

زبان چھےٚ آدمی وجوٗدِ چ اکھ منفرد تہٕ مخصوص پہچان یوسہٕ ترسیلی عملہ ممکن چھےٚ بناوان ۔ یوسہٕ معاشرتی زندگی توازن تہٕ ترقی دِنس منز اکھ اہم رول ادا چھےٚ کران ۔ یوسہٕ ثقافتی تبادلس، محسوساتن، تجرباتن، مشاہداتن تہٕ جذبن انہار تہٕ اِظہار بخشان چھےٚ تہٕ اجتماعی عوامی انجمنن وہ تلنس منز اتھ روٚٹ چھِ کران۔ زبانیٚ ہُنٛد غاٚر طبع زادادارٕ چھُ سبٹھاہ دِلچسپ تہٕ کھٔری دار، تکیاز آوازن تہٕ تاثراتن ہُنٛد منہٕ مونٛمت وضح چھُ بنیادی طور انسانی تہٕ غاٚر طبع زاد طریقے خیالاتن، جذباتن ،خواہشاتن پانٕی پانے تخلیق کٔری متیو علامتن ہنٛدِ ذریعۂ اظہار بخشان ۔ زبانیٚ ہنٛز اکھ بنیادی کام چھےٚ انسانی برادری اکھ تہذیبی سند تہٕ تاریخی اعتباریت عطا کرٕنی تہٕ آدن کالہٕ پیٹھٕ یمن ادارن ہنٛدِ تشکیل باپتھ وتھ گتھ ہموار کرٕنی ،یم انسانی زندگی مخصوٗص لِسانی، تہذیبی ، ثقافتی تہٕ ادبی انہار دِوان چھِ تہٕ بڈ کتھ چھےٚ یہِ زِ کُنہِ معاشرس اکھ تواریخی تسلسل عطا کران چھ مختلف فرقن پانہٕ وانٕی لسانی تنظیمہٕ کس داٗیرس منز رَلاونٕچ اکھ سبٹھے منہٕ موو کوٗشش ادا کران ۔ زبانیٚ ہُنٛد یہوے وصف یا انہار چھُ کلچرٕکس ارتقس پھانٛپھلاونس منز اتھ بنٛدٕت کران۔

لغت نویسی ہنٛدِ معنہِ کنٛہ چھُ پرٛتھ تحریری مسودس ادب ونان مگر علمی اصطلاحس منز چھُ ادب تخیلی یا تخلیقی تحریر تہٕ تخیلی تہٕ تخلیقی انہارے چھُ باقٕے تحریری کوٗششن زبانیٚ ہنٛد بوٗدٕ یموا ظہاراتی اسلوٗ بوٚنش الگ کران ۔ اٚکِس مخصوٗص کلچرٕل داٗیرس منز چھےٚ زبان انسانی برادری منز سماجی ملہٕ ژار پاٛدٕ کرنٕچ

اکھ اہم وسیلہٕ بنان تہٕ یہِ عمل چھےٚ اکہِ پُیہِ پٮ۪ٹھ بیٚیس پُیہِ تام مسلسل پأٹھی منتقل سپدان روزان۔ أتھی چھِ دوٚیمین لفظن منٛز کلچرل ٹرانسمشن ونان۔ یِہوے ثقافتی اِنتقال چھُ نظریاتن ، اخلاقیتس ، ورتاوس ، رٕوی ین ، غأر تحریری اِشاراتن، انسأنی علمس یا معاشرس قأیم تھوونس یا دوام بخشنس منٛز مدد کران۔ یہِ تبدیلی چھےٚ چونکہ زبأنی ہنٛدِ ذٕسی کاڈ کڈان تہٕ زبأنی ہُنٛد ادب چھُ اتھ مستحکم بنیاد فراہم کران۔ کلچر چھُنہٕ صرف طبعی صورٕژ منٛز یاسیأسی سوٚتھرس پٮ۪ٹھ سبکہ تنظیم تہٕ ترتیب دِنس منٛز مدد کران بلکہ رٕوحأنی سوٚتھرس پٮ۪ٹھ تکیٲ زِ کلچر چھُ اِنسأنی زندگی، عملہ تہٕ ورتاوٕکس پرٛتھ شعبس وحاطہ کران۔

ادب ہیکہِ یتھ معاملس منٛز تہذیبی سیاست سمجنس منٛز اکہِ کُنٛزِ ہنٛز کأم دِتھ تکیٲ زِ ادبے چھُ زبأنی ہنٛدِ ذریعہ جذباتن تہٕ محسوٗساتن تخلیقی اظہار بخشان۔ تجزیاتی تہٕ کلچرل تھوریز چھِ قومن ہنٛد بن ، قبیلن ہنٛد بن، نٔسلن ہنٛد بن تہٕ فرقن ہنٛد بن أندرٕ ٹین تام وتناویرک سامانہٕ پأدٕ کران۔ اگر أسی ادب، تأریخ نِش مکمل پأٹھی ژھننہٕ کرون تیٚلہِ ہیکہِ نہٕ یتھ کالُک مکمل انکشاف توأریخ باپتھ بدس یتھ ، أکِس مربوٗط تأریخی سیٹنگ منٛز ادبی کلچر اقتدار یا طاقت کین اصوٗلن پٮ۪ٹھ کاڈ کڈتھ تہٕ تخلیقی اقلیت چھےٚ ادبی کلچر کی سرحد متعین کرنس منٛز سبقت نوان۔ یہِ تخلیقی اقلیت چھےٚ ادبی کلچر کین ترجمانن ہُنٛد مخصوٗص سنجید طبقہ۔ ادبی کلچرس منٛز چھُ اکابر...... تہٕ امراہن ہنٛز زبان نفاست تہٕ نزاکتکی سأری معیار پزٲونس ستی اقتدارٕچ سرپرستی تہٕ حأصل کرٕنی یژھان۔ یہِ تخلیقی اقلیت چھےٚ اکثر مہذب یوان مانہٕ تہٕ تہندس ادبی کلچرس چھُ حوالجاتی ادبی کلچر رنگی تسلیم

یوان کرنہٕ۔ حوالجاتی اِشارن ہنٛز آگہی چھےٚ دوٚیمین طبقن ہنٛدس ثقافتی انہارس وارِیہس حدس تام متعین کران۔

ادبی تأرِیخس تہٕ ادبی کلچرس منٛز فرق

ادبی تأریخ چھُ تأریخُک اکھ مخصوٗص ذیلی شعبہ یتھ پننِ تأریخ نویسی ہنٛدی اصوٗل بدس چھےٚ یُمہِ گوڈنکہ لٹہِ یورپس منٛز اردأہمہِ صدی لگ بھگ عقیلت پسندی ہنٛز تحریکہِ کِس پوٚت منظرس منٛز کاڑ کوٚڈمگر جنوب ایشیاہس منٛز چھُ ادبی تأریخکِ موٗل تہٕ انہار امہ بروٚنٛہہ نظر گژھان یِچ عکأسی درویش شأعرن ہنٛزن وسطی تذکرن منٛز میلان چھےٚ۔ ووٗنی گوٚو بروٗنٛہم خلاصہ اُسی زیادٕ ترادبی کامبن ہنٛدس سَمے ہانکل بدِ کڈنس، تہنٛدی موٗل دریافت کرنس منٛز تہٕ تمن ہُنٛد مدعا دأیرونس تام محدوٗد آسان۔ تأریخُک مقصد چھُ فنُک فہم یا ادراک وسعی تمدنی تہٕ توأریخی کاٹھ کٔرِس منٛز زانٛنچ کوٗشش کرٕنی۔ ادبی تأریخ چھُ بنیادی طور کینٛہہ معیار یا میزان پانہٕ ناوان مثلاً لِکھاربن تہٕ متنن ہنٛز کرٕأنی ہأنکل، زمان و مکانہِ کِس دأیرس منٛز بروٗنٛہہ پکہٕ ناون تاکہ ادبی منظرنامُک اکھ شفاف نظریہ سپدِ واشگاف تہٕ یہِ عمل چھےٚ زیادٕ تر دار و مدار تھوان، تأریخی تنقیدس پیٹھ۔ یعنی ادبک شرح، امہِ کِس سماجی، معاشی تہٕ سیأسی پوٚت منظرِ کِس أنس منٛز کرنس پیٹھ تہٕ یتھ پأٹھی چھ ادبی اعداد و شمار تہٕ موضوعات پننِ مخصوٗص وقتہِ کِس تأریخی سانچس تہٕ ڈھانچس منٛز وچھنُک طلبگار۔ بیاکھ اکھ اپروچ یُس ادبی تأرِیخس منٛز پانہٕ ناونہٕ یوان چھُ، چھُ اصنافن ہنٛز تھیوری۔ امہِ مطابق چھُ ادبک پرٕتھ کانٛہہ زمرہ مخصوٗص پأٹھی ژٕمٕر بندی ہنٛد بن اصوٗلن پیٹھ ژارنہٕ تہٕ

واضح کرنہٕ یوان مگر یہِ چھُ اکھ پزٕ ون طریقہ تکیٚاز ادبی تأرٟخکۍ أمی طریقن اوس نہٕ تنقیدس منٛز ۱۹۶۰ء تام پوٗرٕ پأٹھی کاڈ کوٚڈمُت۔

ادبی تأریخ چھُ کُلس پٮ۪ٹھ شعبہ تو ارتخٕک اکھ مخصوص تہٕ منفرد انگ۔ یتھ پٔنٕز کینٛہہ تأریخی نقوشن ہنٛدی اصول ڈٲکھس چھ۔ اتھ منٛز چھُ متن یا Text وسیعی کلچرل پوٚت منظرس منٛز تہٕ جامع تأریخی صداقتن ہنٛدس پوٚت منظرس منٛز پیش یِوان کرنہٕ۔ زبأنی ہنٛدس دأیرس اندر اندرۍ چھ انسأنی معاشرچہ اکایہِ زاینُن لبان تہٕ قومی شناختٕچ تعمیر چھےٚ زبأنی ہنٛز بنیأدپٮ۪ٹھےٚ یِمن سمأجی اکأین ہُند گُلھم نتیجہ آسان۔ زبأنی ہُند بن باقےٚ گونن اوٚک طرف تھأوِتھ چھُ بہر حال زبأنی ہُند اکھ مأری موٚند گون امیک تخلیقی قوت ماننہٕ تہٕ زاننہٕ آمُت۔ زبأنی ہنٛزِ اَمے تخلیقی قوتُک نتیجہ چھُ فن، فکر تہٕ جمالیات۔

ادبی کلچرِ کس تصورس تہٕ تعمیرس منٛز چھُنہٕ یتھ کتھ کانٛہہ معنیٰ تہٕ جائے زِ ادب کیاہ ہیٚکہِ مکمل پأٹھی ثقافتی سماجٕ نش مُچھِ اُستھ یا یہِ ہیٚکہِ ہم عصر سیأسی تہٕ نفسیأتی نٮ۪جن ہُندہ ترسیلہٕ تہٕ توژھ ٕنش کھوکھر اُستھ۔ تأرٟخن منٛز ادبہٕ کہِ وساطتہٕ یا مدد اکھ جائے پراونس منٛز چھےٚ تخلیلی تہٕ سمأجی صداقتن ہنٛز برابر شراکت دأری۔ یہِ کتھ تسلیم کرنس منٛز چھُنہٕ کانٛہہ عأب زِ کانٛہہ تہٕ ادب پارہ یا تخلیقی فن پارہ اگر تأریخی پوٚت منظرس منٛز زانٛنچ کوٗشش یِی کرنہٕ معنی ہکو اتھاہ امکانات ہٮ۪کن روشن سپدتھ تہٕ یتھٕ کنہِ ہیٚکہِ ادب عام لوٗکن ہنٛدِ باپتھ اکہِ دأنشورانہٕ تأرتخٕک رول تہٕ نبھأوِتھ۔

ادبی تأرٟخن منٛز ییٚتہِ زمانی لحاظ منصبن ہنٛدِس ترتیب وار حوالہٕ جأتی

نظامس تہٕ موضوعاتن ہِندِس ترتیبس پٹھ تاکید کرنہٕ چھُ یوان تتہٕ چھُ ادبی ثقافتس منز تِمن متحرک تہٕ پوشیدہ تأریخی محرکاتن ہِندِس دریافتس پٹھ زور دِنہٕ یوان، یِم أکس خاص وقتس منز ادبی ہیِن، رو بحانن تہٕ ادبی رٔوین مشخص کرنس منز زبردست رول ادا چھِ کران۔

ادبی ثقافت چھ تتھ روایتی تصورس رَد کران یُس ادبس عوامی تہٕ عالمانہٕ زمرن ہِنزِ باگرنہٕ منز تقسیم کران چھُ۔ اتھ برعکس چھ ادبی ثقافت یِمن دون بظاہر متضاد ہیِن درمیان اکھ ربط پاۓدٕ کرنس پٹھ اصرار کران۔ دون ہیِن تہٕ دون رٔویین درمیان ٹکراو بدلہٕ مفاہمتس تہٕ مکالمس پٹھ دلالت تہٕ وکالت کران تہٕ یتھ پاٹھی انسانی معاشرکِ خاکک سُہ نقش دیدن برونٹھ کنہٕ انٕنچ کوشش کران یُس بکھراو بدلہٕ اتحادٕ چ، نفرت تہٕ دٔیہِ بدلہٕ بوزشر وسیچ تہٕ جغرافیأیی، لسأنی تہٕ نسلی دوگنیارِکس مقابلس منز مشترکہ انسأنی قدرن ہِنزِ ثمردأری تہٕ سلامتی ہِنز کتھ چھ کران۔ تہٕ یہِ چھ انسأنی سماج مثبت تہٕ متوأزی خطوطن پٹھ تعمیر کرنہٕ کہِ حوالہٕ ادبک اکھ اہم تہٕ مأرک موٚند رول تہٕ لگہ ہأری۔ ادبک یہ رول تہٕ لگہ ہأری روزِ انسأنی معاشرس ہمیشہ نٔوبن نٔوبن فکری منزلن بدِ کڈنس منز رہبری کران۔

ادب چھُ انسأنی ذہانتک سُہ اکھ منفرد، مخصوص تہٕ طاقت ور لسأنی اظہار، یُس معاشرتی صداقتن ستہٕ ستہٕ کائناتی اسرارن تہٕ وجود کِبن گُپتھ قوژن زمان و مکانہٕ کیو دایرو نبر تہٕ ادراک کرنک تہٕ سمجھنک گُر تہٕ صلاحیت عطا کران چھُ۔ تہذیبی تأریخس منز یتہِ مسلسل انکشافن ہِنز عمل انسان سٕنز معاشرتی تہٕ مأدی زندگی منز آسأیش تہٕ آرام بدس تھوان چھُ تتہٕ چھُ ادب

انسٲنی زندگی تہٕ امیُکۍ اسرارتہٕ اچھ معنویت تہٕ اچھ لگہٕ ہأری سمجھاونس منز اہم رول ادا کران۔ سائنس چھُ تأریخی حد بندی اندر زمان و مکانہٕ کِنہٕ دأیرن أندرۍ أندرۍ سنجیدہ عالمانہٕ تہٕ تحقیقی کوٗششوٕ ستۍ انسانس باپتھ مأدی خوشحألی تہٕ پاپرجائیلی ستی تباہی ہٕندۍ تہِ سامانہٕ تخلیق کران یِیلہِ زن ادب تأریخی وقتہٕ کہوٗ حد بندیوٕنش آزاد سپدِتھ انسانہٕ ہٕندس دانشورانہٕ قوتس اکھ تہذیب عطا کران چھُ۔ تہذیبی ارتقاءکس پرٕتھ پڑاوس پیٹھ چھُ انسان ہٕنز بودھ، تمی ہٕنز ذہانت تہٕ تمی سُند پرٕژھلی من لَس نوٚبن انکشافن تہٕ دریافتن پیٹھ اُکساوان روزان، تہٕ امہِ عملہِ ہٕندس نتیجس منز چھِ مختلف انسٲنی معاشرن منز نوٚہنہٕ فکری تہٕ فلسفیانہٕ تراین زاین لگان۔ یِمن فکری تہٕ فلسفیانہٕ تراین ہٕندِس پوٚت منظرس یتہِ تأریخی عملن تہٕ محرکاتن ہُند سیٹھاہ عمل دخل آسان چھُ تتہِ چھُ ادب یِمن نِہجن، یِمن رو۔ جحانن تہٕ یِمن فکری تہٕ فلسفیانہٕ تحریکن ہٕندس ژھایہِ ہٕلس یا گُپتھ تِمن اوچھی تہٕ اودۍ صداقتن تہٕ اسرارن تخلیقی تہٕ تخیلی قوژ ہٕندس بنیادس پیٹھ ڈِکوڈ کرنٕچ کوٗشش کران۔ ڈِکوڈ کرنٕچ یہے عمل چھےٚ ادبُک بنیأدی مُدعا تہٕ مقصد۔ یمس أدیبس تہٕ شأعرس لسٲنی اظہار کِنہٕ پیچدہ ولن ہٕنز سنجیدہ زان کأری آسہٕ تہٕ انسٲنی نفسیاتس سمجھنُک بترآسہِ تہٕ محسوس خیالن، تجربن، تصوراتن، صداقتن، تخلیقی سوٗتھرس پیٹھ بازیافت کرنٕچ توژھ تہٕ تونگر آسہِ۔ تمی ہٕندن ادبی تخلیقاتن چاہے سو شأعری آسہِ، ڈراما آسہِ، افسانہٕ آسہِ یا ادبٕچ کانٛہہ تہِ صِنف آسہِ، تتھ چھےٚ عوأمی پذیرأیی حأصل سپدان تہٕ سُہ چھُ نمائندہ أدیب یا شأعر بٕنتھ پنہٕ نِن ہم عصرن منز اکھ الگ شناخت یا پہچان حأصل کران۔

موجودہ تیکنالوجی تہٕ سائینسی ایجاداتن تہٕ انکشافاتن ہٕندس یتھ انقلأبی دورس منز چھُ دأنشورانہٕ تہٕ عالمانہٕ حلقن منز ادب تہٕ شأعری ہٕنزِ لگہٕ ہأری ہٕنزِ حوالہٕ وارِیاہ بحث و مباحث سپدان۔ تہٕ مادی ترقی ہٕندی طلب گارتہٕ طرف دارتہٕ موجودہ صارفانہٕ کلچرکی دعویدار چھِ ادب کس شعبس غارلگہٕ ہارتہٕ غأر فایدہ مند کارزأنتھ سخت گیر لفظن منز رَد کران۔ پزر چھُ یہِ زِ تِہندس دعوٕہس پتہٕ کنہِ تہِ چھ کینٛہہ ارضی صداقتہٕ بدس، حقیقت چھےٚ یہِ زِ ادب ہیکہِ نہٕ تتھ پیمانس پٹھ اجتمأعی طور ہم عصر صارفی معاشرٕکس بانبرِ منز ہینہٕ آمتِس فرد سٕنزن کٔثیر معأشی مفادن تہٕ مقصدن اُچھ ٹٹہ رایہِ منز پورہ گرتھ تمس آسودگی تہٕ عیش پسندی ہٕندی سامانہٕ بدس تھاوناوِتھ۔ مگر یہِ چھُ انتہاپسندانہٕ سونچک طرز عمل۔ یتھ عملہِ ہٕندس مسلسل جدوجہدس منز کُلس پٹھ انسأنی سرٕورتہٕ سکوٗنہٕ کہِ حوالہٕ صرف شکست، بحران، نفسیأتی تناوٗ، معاشرتی تنازات تہٕ بے اطمیانی ہُند انبھ گٹہٕ زوال چھُ تہٕ یتھ بروٗنٹھ کنہِ مادی ترقی ہنز پرٛتھ کانٛہہ آسودگی تہٕ فرحت بے معنی تہٕ غأرلگہٕ ہار چھےٚ۔ یہِ عمل چھےٚ انسانہٕ ہٕندس محض اُکِس سوٗتھرس یعنی طبعی سوٗتھرس ایڈریس کران یمیک اند جسمأنی موتس ستی تکمیلس واتان چھُ۔ اتھ برعکس چھُ ادب انسأنی ذہانتس، انسأنی لیاقتس تہٕ انسأنی قوٕژن مسلسل ترتیب گرتھ تہٕ تہذیب عطا گرتھ فردس زندگی تہٕ کایناتس سمجھنک سلیقہٕ عطا کران۔ یہِ ادبی عمل چھےٚ انسأنی زندگی ہٕندبن دوشونی طرزن وحاطہٕ کران، جسمأنی تہٕ روحأنی۔ پرٛتھ ادب چھُ تہٕ خصوصاً شأعری ہُند غألب طرح چھُ وچھنہٕ آمت یہ چھُ Sacred تہٕ پرٛتھ کانٛہہ پاک چیز چھُ

خوبصورت، تہٕ توٗ ے چھ پٔرتھ ادب پارٕ کس پوٚت منظرس منٛز روحانی، فکری تہٕ
نفسیٲتی سکون و آشتی ہٕندبن ابدی سرمدی چشمن ہٕندہ تلاشٕچ جستجو گٕژھتھ
آسان۔ تلاشٕچ یہٕ عمل روز تیتس کالس جٲری ییتس کالس زندگی ہُند سفر جٲری
چھُ۔ تہٕ ییتس کالس روز ادبٕچ لگہٕ ہٲری تہٕ جٲری۔

ادب چھُ اُکس فردس ہٕتہٕ ہٕتی تمہٕ تہذیبی تہٕ جغرافیٲیی اِکٲیی ہُند تہٕ اُنہٕ
پیش کران۔ یتھ منٛز اُدیبن زاین آسہٕ لوٚ بمُت، فکری کاڑ آسمین کوٚ ڈُت تہٕ زندگی
ہندبن تجرباتن تہٕ مشاہداتن ہُند عرفان آسہن حاصل کوٚرمُت۔ ادیب چھُنہٕ
دیِد مانہٕ مظاہرن صرف ظٲہری رنگ وروغنس منٛز وُچھِتھ تسلیم کران بلکہ چھُ
سُہ پرٛتھ مظہرس اکھ علامتی معنیٰ عطا کران۔ یُتھ تمی ہٕندس تصوراتی لینڈ سکیپس
پٹھ معنی تہٕ امکاناتن ہٕندی وسیع تہہ پٲدہ گژھن، یہوے چھُ وجہ زِ اُدیب سُند
اسلوب یا اظہار چھُ تٲریخ دان یا صحافی ہٕندِ اظہارِ اسلوب نِش وَکھرٕ۔ تٲریخ
دان سُند اظہار چھُ غٲر پیچیدہ، غٲر مبہم تہٕ واضح آسان تہٕ یہے کتھ چھےٚ صحافی
یَس پٹھ تہِ عائد سپدان۔ اتھ برعکس چھ اُدیب یا شاعر پننہٕ تخیلی قوت کہِ بدولتہٕ
تخلیقی توژھہِ ہٕندِس بنیادس پٹھ حقیقتُک، صداقتُک یا مشاہدُک اکھ سُہ سوٚ نزلی
تصور یا منظر تخلیق کران۔ یمہٕ منظرک قٲری یا پرن وول پننس پانس اکھ
اژھیوٚن عنصر زانان چھُ۔ تہٕ یتھہ کنی چھُ ادب مطالعہٕ کرن وٲلس فردس اکھ
پوشہٕ وُن جمالیٲتی حض عطا کرنچ کوٚشش کران۔ یُس پرٛتھ حبہٕ ہشیار، سلیقہٕ
مندتہٕ تہذیب یافتہٕ فردٕ ہٕندِ کلہم شخصیت کہِ تعمیر باپتھ ضروری چھُ۔



## مطالعہ کُتب

۱)اے،بی،این، چکراوتی، Popular culture/ Literary cultural theory

آرنیٹ بلیک سوین

۲) ڈیوڈ ڈیچنیر، A Critical History of English Literature , Vol: ۱

یُسر نو واپبلشیرز

۳)پرمود،کے،نیر، a)Literary Theory today,b) An introduction to cultural studies(c) Contermporary literary and cultural theory,

۴)رچرڑ،ایب کے رین،(ترتیب)مارون کلوٹنر

Literature - The Human Ecperience ،

کلیفورینا سٹیٹ یونیورسٹی

# محی الدین حاجنیٛ:

## مقامیت، شخصیت تہٕ دأنشورانہٕ جہژ

سٕہرس آسنہٕ کنہٕ اوس حأجن علاقہٕ اوترٕ تام سہلا ٹیک شکار سَپدتھ پننہٕ ارزَتھ تہٕ نہ آسنہٕ نِش تہِ اتھہٕ چھلان۔ لہٰذا اُس عام لۄکن ہُنٛز حالت تہِ پست تہٕ اکثریتی لۄکن ہُنٛد پیشہٕ اوس زِراعتس ستی وابستہٕ۔ زمین گتل، سُتھر، آسنس ستی ستی اُس سہلابہٕ کہو وجوہاتو ستی یٚیمہٕ علاقٕچ میوٚ ذرخیز تہٕ یٚیمہٕ کنہٕ فصل تہٕ عام حالتس منٛز زیادٕ ووپدان اوس، سُے اوس وجہ زِ جاگیرداری ہنٛدی مختلف انہار اُسی یٚیتہٕ لبنہٕ یوان۔ یِمن منٛز خالصہ سرکار، چک، جاگیر، مافی، دھرمرت، وقف تہٕ بارسوخ شہری خوجن ہُنٛد اعزازی ملکیت تہٕ شأمل اُس۔ یِمن سارنٕے زرعی رپیس طبقن یا ادارن ہُنٛد بار اوس غریب گُمیلبن پیٹھ پیوان۔ یٚیمہٕ ستی بأتہٕ گامن ستی ستی یٚیمہٕ علاقکہٕ چہ شخصیت پیٹھ تہِ سرٕ ون اثر پیٚن لازمی اوس۔

قناعت، صبر، تقدیر پرستی، پیرمُریدی، توہم پرستی تہٕ من وولسناوُک تخیلی تلاش تہٕ زِٹھسن، اکابرن تہٕ موقدمن تہٕ چوکیدارن برٛونٛٹھہٕ گنہٕ کارٛنوٚ مرانک ورتاو۔ سٚیزرتہٕ سادگی، دوکھن تہٕ دادبن منٛز اکاربکارِیُن، مہمان نوأزی، یِم

سأری چیز چھِ یمہِ علاقہٕ کین لۆگن ہٕنٛدی گلہم علاقائی کردارٕ کۍ اژھنہِ انگ بنان۔

چنانچہ حأجنی تہٕ زاوأ تھۍ ماحولس منٛز، پرٛتھیو وتہٕ کاڈ کۆڈُن۔ تمۍ ہٕنٛز لوکچہٕ وأنسہِ منٛز خاندرسپدُن تہٕ پتہٕ تتھ رِشتس وأنسہِ مازُن، علی گرٛڑھ تھٕز تعلیم حأصل کرنہٕ برٛونٛہہ پنٛنہِ ہٕنٛدِس وَننس پٮ۪ٹھ پیر سُند گرٛ گرٛشُن تمۍ سُند اجازت طلب کرُن۔ پروفیسر بٕنتھ تہٕ پنٛنہِ گرِ مخصوٗص موقعس پٮ۪ٹھ ختم تہٕ مولودَن ہٕنٛز محفلہٕ سجاونہِ۔ جۆمہِ ملازمتس دوران یارَن تہٕ دوستَن ہٕنٛدِس حلقس منٛز پیر ......قلندر تہٕ صوفی بزرگہٕ ہٕنٛدِ بن کراماتَن ہُنٛد زور دِتھ اظہار کرُن۔ حاجنی صأبنہِ شخصیتکۍ یم سأری انہار چھِ تمہِ وراثتکۍ نتیجہٕ یوسہٕ وراثت مقامی سوٗتھرِس پٮ۪ٹھ مختلف وجوہاتو کِنۍ یمَن وارثتس منٛز میج۔

دۆیم گتھ چھےٚ مقامی اثرات کہِ حوالہٕ۔ یۆ دوَے شہرس تہٕ حأجنس درمیان رسل ورسائیلکۍ وٚسیلہٕ نہٕ آسنس برابر أسی۔ لہٰذا اوس حأجن علاقُک شہرٕ نِش Disconnect آسُن اکھ لأزمی اَمر مگر وولرس نکھہٕ آسنہٕ کِنۍ أسی اتھ نقصانَس سٟتۍ کینٛہہ فأیدتہٕ۔ سُہ گۆ ویہٕ زِ گامن منٛز اوس نہٕ سرکأری راشنُک کانٛہہ بندوبست۔ سرکار اوس گامن منٛز پھل پھۆل وُٹھ ہرٕ دِ کأل شہرباشن سوزان۔ پتہٕ گملِس نم زٕم زٕتھ پانس تہٕ پنٛنہِ عیالہٕ خأطرٕ کینٛہہ روزِہایہ اُس نہٕ کانٛہہ ذمہ دأری سرکارٕ چ۔ امہِ پالیسی سٟتۍ گۆو گامن تہٕ شہرن درمیان اکھ جذبأتی ژھینہٕ ہیوٗ پأدٕ۔ اکثریتی گأمی لۆگن خأطرٕ اوس عام حالتَن منٛز تہٕ خصوٗصَن سہلاب یا قحطس دوران کھین کھوردنی ہُنٛد بۆڈ سامانہٕ گأری آسان۔ امہِ کہِ افأدیتُک اندازٕ ہیکہٕ یمہِ گتھہِ سٟتۍ لگاونہٕ یتھ زِ سکھ تہٕ ڈوگر دورس منٛز

اوس محل سنگاڑہ سرکارُک اَکھ اہم تہٕ نفع بخش شعبہٕ گٔژزرنہٕ یوان۔ مأئیہ پتہٕ اوس سرکأری خزانک آمدنی ہُنٛد یہِ اَکھ بوٚڑ ؤسیلہٕ تہٕ أمیک بوٚڑ مرکز اوس وولرَس نکھہٕ مختلف گأم تہٕ خصوٗصَن حاجن۔ یہِ اوس اَمہِ کاروبارٕچ اَکھ بٔڑ منڈی۔ أمی علاقہٕ پٮ۪ٹھہٕ اوس اَمِچ سپلایی کٔشیرِ ہٕنٛدبن طرفاتَن یِوان کرنہٕ۔ گاہ اوس اَمہِ کاروبارٕچ نگرأنی سرکار پننٮ۪ کارندوٗ ذریعہِ کران تہٕ گاہے اوس یہِ کاروبار ٹھیکس پٮ۪ٹھ یِوان دِنہٕ۔ دوٚشوٚنی صورتَن منٛز بڈیو حاجنٛگ شہرس ستی رأبطہٕ تہٕ بتھہٕ پأٹھی ینہٕ گژھنہٕ ستی آو حأجن کٔشیرِ ہٕنٛدِس نقشس پٮ۪ٹھ اکہِ تسلیم شدٕ کاروبأری مرکزٕ ژنگی وجوٗ دَس۔ دوٚیم شہرس ستی رأبطُک بوٚڈ سبب اوس زِ حاجنس ستی ملحقہٕ رکھَو پٮ۪ٹھہٕ اوس شہر زالنۍ زِیُن تہٕ بأتے گھریلو چیز تہٕ یِوان سوزنہٕ۔ اَمہِ ستی تہِ بڑھیاو حاجنس ستی شہرُک یُن گژھُن۔ چونکہ تمہِ ساعتہٕ اوس ینہٕ گژھنٕک اہم ؤسیلہٕ أبی ٹرانسپورٹ۔ وبتھہِ بٔٹھس پٮ۪ٹھ آباد حأجن گام اوس اوترٕ تام ریاستس منٛز اکہِ اہم أبی گاٹھہٕ ژنگی کٔشیرِ ہٕنٛد اقتصأدی زندگی منٛز اہم رول ادا کران۔ پرٛژ، گاڈٕ، کھِل، ندٕری، پٔچھنٛی، دالہٕ، ژنہٕ، بتٕرآسہٕ حاجن آبی گاٹھہٕ پٮ۪ٹھے شہر تہٕ وادی ہٕنٛدبن مختلف علاقَن سوزنہٕ یِوان۔ اَمہِ ینہٕ گژھنہٕ ستی پیٚو وِیمَن سارنے تبدیلیَن ہُنٛد اثر حاجنس پٮ۪ٹھ یم وُہمہِ صدی ہٕنٛدِس آغازس ستی تعلیم، انتظامیہ، تہٕ صحت کہِ حوالہٕ کٔشیرِ منٛز شروٗع آسہٕ گمٕژ۔ جأگیر دارانہٕ تعلق کہِ حوالہٕ بااثر شہری خوجَن ہُنٛد یور یُن گژھُن، کاروبار کہِ حوالہٕ دُرس وادی ہٕنٛدبن باپاربن ہُنٛد حأجن ینہٕ ستی یا سرکأری کامبن ہٕنٛدِ رأچھراوٹھ کہِ غرضہٕ افسر شأہی ہٕنٛدبن مختلف زمرن ہُنٛد یور ینہٕ گژھنہٕ ستی تہٕ

پیر مُریدی ہٕنٛد بو تعلقا تو ٲستی تہٕ سپٕدی حاجنکۍ لۆکھ تِمَن سارِنے انقلاب انگیز تبدیلیو، تحریکو تہٕ روجحانو ٲستی روشناس سپدان۔ یِم مہاراجہ پرتاپ سنگھٕ سٕنٛدِ تخت نشینی ٲستی بالعموم تہٕ وُہمہِ صدی ہٕنٛدِس آغازس ٲستی بالخصوٗص شروٗع آسہٕ گأمٕژ۔ یوٗہے چھُ وجہ زِ شہرٕ دور حاجن علاقٕک محی الدین پرے آو تِمنے دوہَن دوران تھزٕ تعلیم حأصل کرنہٕ کہِ غرضہٕ گرِ دۄرٕ رہتہٕ ہٕدٕی کلومیٹر علی گڑھ سوزنہٕ۔ ہرگاہ وُچھو حاجنی صأب چھِ تِمَن کینٛژَن نفرَن منٛز شأمل یِم اقتصأدی طور آسوٗدٕ حال خاندانَن ٲستی تعلق ٲسی تھاوان تہٕ یِمو اَتھ وقتس منٛز پوسٹ گریجوٗیشنٕچ ڈگری حأصل کٔر۔ حاجنی اوس نہٕ تِمَن کینٛژَن امیرزادَن ہٕنٛدِس فہرستَس منٛز شأمل مگر...... !! گرِ کِنہ ہُنٛد شوق، ذأتی اٟژھکل تہٕ جدید تعلیمی انقلابک ترسیل تہٕ حاجن تہٕ شہرک مستقل رأبطَن تہِ کوٚر سُہ ماحول تیار یُیمہِ کِنہٕ غربت نظر انداز کٔرِتھ أمی سٕنٛد بوگرکو حاجنی صأبنس اٟژھکلی ذہنَس واش کڈنک سامانہٕ بہم کوٚر۔

کٔشیرِ منٛز برٹش ریذڈنسی کہِ قیامس ٲستی آیہٕ وادی منٛز انتظأمی معاملاتن ہٕنٛدِ حوالہٕ واریاہ اصلاحی پروگرام درِدس ہنہٕ۔ یُیمہِ ٲستی کٔشیرِ منٛز جدید کأری ہٕنٛد بو موٗلو جاے رٔٹ۔ یِمَن اقدامَن منٛز اوس سرینگر راولپنڈی روڈ تعمیر کرنٕک منصوٗبہٕ، جموں بانہال روڈٕچ سروے تہٕ کأمہِ ہٕنٛز شروٗعات۔ ایس پی کالجک قیام، ریشم خانٕک دٔسلابہٕ۔ انجمن نصرت السلامٕچ بنیاد (غأر سرکأری بنیادس پٹھ) تہٕ جموں راجپوت تہٕ پنجأبی ملازمَن ہٕنٛدِس ریاستس منٛز غلبس خلاف کأشرِ بٹن پنڈتَن ہُنٛد احتجاج بیٚترِ، یِمو سارِوے کوٚشِشو ٲستی گوٚ وُہمہِ صدی ہٕنٛدِس آغازَس منٛز اکھ نوٚ سمأجی، سیأسی تہٕ انتظأمی بیدأری ہُنٛد

احساس کأشرِ بن منز پأدٕ۔ یِہٕ پأرِ اوس کأشر بو آسوٗدٕ حال پنڈتو اَمہٕ نٔو تبدیلی ہُنٛد دَس مسلم اکثریتی طبقہٕ بڑٕ وٚنٛھے تُل مُت تہٕ تِمَن اوس اَمہٕ نِٔو تبدیلی ہُنٛد زیادٕ فائیدٕ ووتُمت۔ مگر کأشرِ مسلمان اُسی وُنہٕ تہٕ توہم پرستی تہٕ مذہبی لیڈرن ہنٛد بن فولأدی پنٛجن ہٕنٛدِس اثرس تل گرفتار۔

1932ءمنز یِیلہٕ مُسلم کانفرنس بناونہٕ آیہٕ تحریک آزأدی لوٚب اَکھ منظّم طرح۔ قومی بیدأری ہنٛزِ اَمہٕ تحریکہٕ کوٚر کأشرِ بن نوجوانن منز وطن پرستی ہٕنٛدِس جذبَس سبٹھاہ بٔڑ ژر۔ محی الدین حاجنی یُس اَمہٕ وقتہٕ سو پور کِس ہائی سکوٗلس منز زیرِ تعلیم اوس، کتھہٕ ہیکہٕ ہا وطن پرستی تہٕ سیأسی بیدأری ہنٛزِ اَمہٕ تحریکہٕ نِش مُچھہٕ روٗزِتھ۔ چنانچہ دراو تِمی سٕنٛزِ سربرأہی منز سوپر بازرو منٛزی سکوٗل شُر بن ہُنٛد اَکھ احتجاجی جلوسہٕ تہٕ تہٕ یِم منتشر کرنہٕ خأطرٕ ڈوگرٕ رِسالہ فوجن یِمَن نوجوانن سبٹھاہ ایذا دِیُت۔ حاجنی ہٕنٛدِس بدنس پیٹھ تہٕ آیہٕ کیٚین ہنٛز بأرِش کرنہٕ۔ اَمہٕ عذابُک اثر روٗد بقول حاجنی تِمَس وُمرِ للہٕ وُن۔ حأجنی صأبنس شخصیتَس منز وطن دأری ہُنٛد یُس سرٛ ون شعور تہٕ جذبہٕ اَسہٕ میلان چھُ، تتھ پٔتؠ کنِ چھُ اَمہٕ تحریکہٕ ہُنٛد سرٛ ون اثر۔

چنانچہ 'گرٛیسی سُنٛد گرٕ' ڈراما چھُ أکِس مخصوٗص سمأجی، اقتصأدی تہٕ سیأسی نظامَس منز لتہٕ مونٛجہٕ سپٔدی متہٕ مظلوٗم کأشرِس گرٛیسی سُنٛد تخلیقی بغاوت یا احتجاج۔ یہٕ اوس ظالمانہٕ شخصی نظامس خلاف تخلیقی احتجاج، یِیمہٕ جأبرانہٕ نظامُک نشانہٕ سون بےکَس گرٛیسی بوے اوس۔

بزاز چھُ کأشرِس بےوٗسیلہٕ گرٛیسی سٕنٛز ترجمأنی یِمَن لفظَن منز کران:

"Too ignorant to understand acounts, the muslim peasants are fleeced by the Hindu Sahukars and Muslim Waddars and Khojas in ways shocking to fair mind. For a long time in the past, they have been bleeding the poor peasants by extorting their hard earned Pennies in the shape of interest. The loan still remains intact. A large number of peasants are born in debt, remain in debt all their lives and die in debt."

گامس منٛز روزنہٕ موکھہٕ تہٕ حساس تہٕ سنجیدٕ ذہن تہٕ ظوٗن تھاوَن وول حاجنی اوس اَتھ ناانصاٗفی تہٕ استحصالس پیٹھ مٔنی سیاسی تہٕ سماجی نظامُک چشم دید گواہ۔ چنانچہ یوٗہے وجہہ چھُ زِ ''گام'' چھُ سادگی مظلومیتٕچ، مِلہٕ ژارٕچ، خلوٗصٕچ تہٕ مہمان نواٗزی ہُنٛز علامت بٔنِتھ حاجنی سٕنٛزِ شخصیت تہٕ تٔمۍ سٕنٛدِ تخلیقی اظہارُک اَکھ اژھیوٗن حصہٕ بنان۔ تٔمۍ سٕنٛدِ شخصیتُک یہِ غاٗلب انہار ڈیٖشِتھ چھِ اکثر نقادٕ تٔمِس پیٹھ یہِ الزام دِوان زِ تَس اوس شہرَس ستۍ بغض تہٕ شہرٕ کۍن ہُنٛد اوٗسُس وَچھس وَٹھ۔ مگر حقیقت چھےٚ یہِ زِ تَس اٗس شہری زندگی ستۍ نفرت۔ شہری بناوٹُس ستۍ رٕش۔ مشرقی تہٕ مغربی علومَن ہُنٛز گہرٕ زان اٗسِتھ تہٕ روٗدُس پننہٕ مکمل واٗنسہِ گامس ستۍ جُڑِتھ تہٕ گاٗمی مسلن تہٕ نیاین اند بۄرِ دِنس منٛز گوٚو تِمس وارِیاہ عالمانہٕ پاٗداواٗری وقت تہٕ صرف۔ مگر تٔمۍ اوس نہٕ تِمس کانٛہہ غم یا ملالہٕ۔ گاٗمی نیاے اٗنزراونس منٛز اٗس تِمس اَکھ عجیب فرحت حاٗصل سپدان۔ سُہ اوس عاٗلمانہٕ رٔخس منٛز گاٗمی زندگی ہُنٛد حقیقی ترجمان۔ تٔمۍ سٕنٛدِس شخصیتَس منٛز اٗسی خٔصوٗرلد گرٕیسی تہٕ باوقار، غاٗرت مند، پُرخلوٗص، سادگی تہٕ شوزرٕکۍ اٗنیکھ گون درینٛٹھ گژھان۔ یوٗہے چھُ وَجہ زِ تٔمۍ سٕنٛزَن کتھَن اٗسی لوٗکھ

تبرُک زاٲنتھ یاداوآری ہٕنٛدِس کنواٗسس پیٹھ رقم کران۔ تہٕ تتھہٕ پاٹھۍ بنیہٕ تٔمۍ سٕنٛز ذات پننہِ قولہٕ ہاٲری تہٕ لگہٕ ہاٲری۔ کُنہٕ اکھ مستند عواٗمی آوازتہٕ یتھ تٔمۍ سٕنٛد بوٚہی خواہوا ساطیری انہارُک ناوِدیُت۔

عوامی اعتبار چھُ تاٲریخی تناظرس منٛز کانٛسہٕ شخصیت کِس کردارس تہٕ کارنامن ہٕنٛدِ حوالہٕ اکہِ معتبر عواٗمی شہادژ ہٕنٛدی رٔنگۍ تسلیم یِوان کرنہٕ۔ تہٕ اَتھ اساطیری انہار زانٛن چھُ چھرا لاعلمی۔ حاٲجنی صاٲبنہِ شخصیژ اکھ باوقار انہار چھُ زِ تِم روٗدۍ ہمیشہِ پننہِ میٛژِ ستۍ جُڑتھ۔ فیشن پرستی موزنہٕ تٔمۍ زانٛہہ تہٕ۔ تٔمۍ سٕنٛدِس شخصیتس منٛز اٲس نہٕ مصلحتس کانٛہہ جاے تہٕ نہٕ اٲس چرب زباٲنی کانٛہہ جاے۔ تٔمۍ سٕنٛدِس اَتھۍ بے پھرک اظہارس آوِ بتھ آسنٛک تہٕ ناودِنہٕ......
غاٲرمتواٲزی تہٕ ظاٲہری نماٲیش پیٹھ مبنی پرٛتھ کُنہِ کلمس چاہے سُہ کمی سٕنٛزِ نیٚوتہٕ نیر ہاتس پیٹھ اوس سُہ طنز تہٕ کران، ٹاٲنہِ تہٕ ژٹان تہٕ متکلمس بعضے بدنی توژراتو ستۍ تہِ پننہِ قدُک انداز کرناوان۔

عالمی تہٕ قومی سوٚتھرِس پیٹھ مسلمانٛن ہُنٛد حالت زار وُچھتھ اوس پرٛتھ ذی حس مسلمانَس خصوٗصن پرٛی تتھن لیٛکھی تتھن جوانٛن منٛز پان اِسلامک تحریکہِ ہٕنٛدِس مقصدس ستۍ شعوری طور دِلچسپی پاٲدٕ گاٲمُت۔ اقبال سٕنٛدۍ ملی نغمو اوس نوجوانٛن ہٕنٛدِن ذہنَن پیٹھ بڈٕ وِہَے پوٚر اثر کوٚرمُت یہٕ اوس سُہ وَق ییٚلہِ پروفیسر حاجنی علی گڈھ مسلم یونیورسٹی منٛز زیرِ تعلیم اٲسۍ تہٕ اَتھۍ وقتس منٛز لوٚب تٔمۍ سٕنٛدۍ فکری رٔویَن اکھ نٔو سمت۔ کانگریس تہٕ مُسلم لیگ کہِ نظریاٲتی اختلاف تہٕ مجادلہِ آراٲی ستۍ ووت اٲمۍ سٕنٛدِس قوم پرستی ہٕنٛدِس جذبس ٹھیس۔ یہِ اوس سُہ تضاد

تہٕ ٹکراو تیمی اٚمی ہِنٛدِس شخصیتَس پٮ۪ٹھ وارِیاہ سوال کھڑا اٚکری تہٕ پروفیسر حاجنی وفات سپد نہٕ پَتہٕ تہٕ روٗدی تِم سوال سوالے۔

ا۔ کیا محی الدین حاجنؔی اوسا وطن پرست کِنہٕ قوم پرست؟

۲۔ سُہ اوسا سیاٚسی معنیٰ ہَس منٛز کاٗشریتُک علمبردار کِنہٕ نہٕ؟

۳۔ تِمی ہِنٛدِ تہذیبی تہٕ سیاٚسی نظریتکو سرحد کیا زِاٚسی متضاد تہٕ مختلف؟

۴۔ تِم اٚسیا پان اسلامک تحریکہ ہٕنٛدی بہی خواہ کِنہٕ عرب قومیتکی طرفدار؟

پروفیسر حاجنی ہِنٛدِ شخصیتُک معروضی مطالعہٕ خاطرٕ چھِ یِمَن سوالَن ہُنٛد جواب ژھارُن ضروری۔

ستم ظریفی چھےٚ یہِ زِ حاجنی ہِنٛد بو رفیقو تہٕ دوستو تہٕ چھِ حاجنی یَس متعلق تِمَن کتھَن ہُنٛد اظہار کوٚرمُت یِم تِمَن زمینہِ پٮ۪ٹھ وُڑوکرناوِتھ طلسماٚتی تہٕ خیاٚلی خوابہٕ زوبن ہُنٛد اساطیری کِردار کِس صورتس منٛز پیش چھِ کران۔ مون یہِ ما آسہِ حاجنی صاٚبس نسبتھ تِہنٛد بے پناہ لول، اکثر ام یاماے۔

مگر صداقت چھےٚ یہِ زِ حاجنی نہٕ اوس اساطیری کِردار تہٕ نہٕ اوس تخیلی خوابہٕ زوبن ہُنٛد ساٚرکرَن وول داستانوی کردار، بلکہ اوس سُہ پننہِ میٛژٕ ستی جُڑِتھ اٚکھ سُہ بسیار جہوٗل شخصیت تیمی سُنٛد مرکز تہٕ محور اِنساٚنی لول تہٕ ذمہٕ داٚری ہُنٛد سرٛون احساس اوس۔ مشرقی تہٕ مغربی علومَن ہُنٛد گہٕر مطالعہٕ تہٕ زان کاٚری اٚسِتھ......... سُہ تہٕ تِمہِ زمانہٕ یِیلہِ وُنہٕ کاٗشرِ مسلمان علٗمی شعبَس منٛز کھوٚشی کران اٚسی، حاجنی صاٚبُن گاٚمی سادٕ طرزِ زندگی لور روزُن، مغربی تعلیم پرٛتھ تہٕ مشرقی وضعداری ہِنٛد بن تقاضَن ہِتی جُڑِتھ آسُن یہِ اٚس اٚمی ہِنٛزِ طرح دار

شخصیژ ہنٛز بڈ شہادت۔ یمَو نہٕ تژ وو گام نہٕ پٔنٛنی پینڈ پُرن تہٕ نہ کرام۔ تہٕ نہٕ گییہ زانٛہہ شہر زدے...... یمَو گونو ستی میج أمِ ہنٛزِ شخصیت اَکھ عوأمی سنٛد...... یِم بنے یہ لُکہٕ ہیرو۔ یمٕنزن وٕنی تمن تہٕ کتھَن آیہ تعویذ کرنہٕ تہٕ یہ مرتبہ چھُنہٕ سارِنے نصیبس آسان۔ اَمہِ خاطرِ چھُ ضروٗری زِ ذات گژھنہٕ زمانٔس پتھ غالب سپدٕنی۔ پننین امارن، خواہشن، خوابن تہٕ وومیزَن چھُ پہوان ہٕنٛڈ چیر دِیٛن...... تہٕ یہ ہیکہِ سُے قلندر صفت گرِتھ تیمس خلوص، خوف خدا تہٕ ایماندأری ہُنٛد مضبوط ڈۄکھ بدِس آسہِ۔ دوٕیمن ہنٛز پریشأنی وُچھِتھ اُس تمَن جگرس تچھِن ووتھان تہٕ یہ تچھن اوس نہٕ تِمس تیتِس کالَس سوکھہٕ سان بہٕنہٕ دِوان ییتِس کالس نہٕ سُہ پننہِ مقدوٗر موجوٗب کأنٛسہِ ہنٛزِ پریشأنی حل ژھانڈنٕچ کوٗشش کَرِ ہے۔ تم اُسی دفتر پتہٕ دفتر، میز پتہٕ میز پٔنٛنی منصبی حیثیت نظر انداز گرِتھ تہٕ ہمساین، یارَن، دوستَن تہٕ بے کسَن ہٕنٛدن کیسن ہنٛزِ پیروی کران۔ اَتھ تگہ دِومنٛز اوس یمَن ہُنٛد قیمتی وقت تہِ ضایع گژھان تٔمیک اوس نہٕ حاجنی صأبس کانٛہہ ملالہٕ یا پرواے۔ حأجنی اوس غأر سیأسی سوٗتھرِس پٹھ پننہِ علاقُک اصلی عوأمی نمایندہ تہٕ یہ کأم ہیکہِ سُے نفر انجام دِتھ یُس پُر خلوٗص، بےٚ زر بر تہٕ تیمی سُنٛد سمأجی حبس سبٹھاہ پایہِ دار تہٕ جذبۂ ایثار سرٛ ون آسہِ۔

اساطیرٕ ی دُنیہُک سہارٕ چھُ تیٚلے اَکھ سوانح حیات لیکھن وول یا تجزیہ کار نوان یِیلہِ سُہ ارضی صداقتَن ہٕنٛدِ عرفانُک شعوٗر تہٕ سمجھ بالا فطری قوتَن ہٕنٛدِ لوٗنچہ گنٛڈنٕچ ٹاٹھری کوٗشش چھُ کران۔ حأجنی نِس تصورس تہٕ اظہارس منٛز اوسنہٕ کانٛہہ بہن۔ سُہ ییٚمہِ ذہنی ذأویہ کِنہٕ گُنہِ ڈٔلیلہِ، گُنہِ دعواہس، گُنہِ نظریہَس یا

کُنہِ فکرِ تصورس منز انان اوس۔ سُہ اوس تِمی آیہِ تتھ اظہارٕک جامہٕ تہِ ولان۔ تِم
اُسی نہٕ مصلحت پسند۔ تِمو دُیُت نہٕ سو یہِ زانہہ تہِ بیرِ ہُند ناو تہٕ نہ وونُکھ زانہہ
ٹبٹھہٕ وِنس نابد۔ کردارٕ چ یہِ جہت اُس محی الدین حاجنی یَس پننیو ہم عصرٕ ادیبو
تہٕ شاعرو نِش الگ کران۔ تِمو کوٚر نہٕ سانین اکثر ادیبَن تہٕ شاعرن ہُندی
پأٹھی صاحب اقتدارن ہنز بناوٹی قصید خوانی تہٕ کرِ کھ پننی شری مُری آباد کرٕنکی
ژھل۔ حاجنی صابنہِ اظہارُک یہِ طریقہٕ تہٕ ذہنگ یہِ باوقارٕ ؤیہِ کتھہٕ کھسہ ہا
تِمَن سیاسی تہٕ انتظامی شعبہٕ بازَن ٹاریم فرشی سلامہٕ بوزٕنکی قایِل اُسی۔ تہنز
بے حِسی، عوام دشمنی تہٕ سماجی منصبس مازن وأرِلس طریقس اُس حاجنی
صابنٕز زبو تلوارِ ہنز تُندی تہٕ تیزی تھاوان۔ یہِ اوس تہنزِ باغأرت شخصیژ اَکھ
غأر بناوٹی اظہار۔ یتھ اُمی ہُندی یار دوست تہِ جہالژ ہُند ناو دِوان چھِ۔
حاجنی صابس پیٹھ چھُ مصلحت پسندی تہٕ بیٚیہِ وَرگہٕ پأٹھی بے ایمأنی ہُند تہِ
الزام پننس اَکس رفیقہٕ ہُند دِسی لاگنہٕ آمُت۔ یُس اَز تہٕ حالے حیات
چھُ۔ یِم دوشوے الزام چھِ بے بنیاد تہٕ بے سَند۔ اَمہِ الزامُک شانِ نزول
چھُ یہِ زِ ییٚلہِ یو جی سی کہ طرفہٕ یونیورسٹی منز پی جی ڈپلوما شروٗع کرنُک باضابطہٕ
پأٹھی حکم نامہ دراو تہٕ شعبَس منز آو سینئر فیلوشِپ اَکھ پوسٹ قایم کرنہٕ۔ قاعدٕ
موجوٗب اوس سُہ امیدوار موزون تیٚمس لِسانیاتچ پأری زان آسہِ ہا۔ چنانچہِ
کوٚر سانیو کہنہ مشق اَدیبو تہٕ شاعرو اَمہِ پوسٹ خاطرٕ Apply۔ حاجنی صاب اُسی
سِلیکشن کمیٹی منز بحیثیت Expert مقرر آمتی کرنہٕ۔ اَدیبَن تہٕ شاعرَن اُس
شاید یہِ پتہ زِ تہنز تقرری چھےٚ لابودی۔ مگر ییٚلہِ نتیجہ دراو۔ اَدیبو تہٕ شاعرو منز

اوس نہٕ کانٛہہ ژارنہٕ آمُت، البتہٕ اوس اَکھ کالج پروفیسر تیٚمِس لسأنیاتَس تہٕ ادبس پٮ۪ٹھ ئرنی نظرٕ اَس۔ تٔمۍ سۭنٛز کارکردگی سٟتۍ اَسۍ ماہرین سٟتۍ سٟتۍ وائس چانسلر تہٕ بأقٕے ممبر تہِ متأثر گأمتۍ۔ ییٚلہِ کینٛہہ کالی یہِ شأعر اُمیدوار حأجنی صأبس بقول تٔمۍ سۭندِ لالچوکس منٛز سمکھان چھُ۔ سُہ چھُ حاجنی صأبَس ورگہٕ پأٹھی ییٚمہِ آیہِ مصلحت پسندی تہٕ ایمان چہٕ کمی کُن اِشارٕ کران۔

"کوٚرتھا پٮ۪نٛسِس پیر گٹیرس مریدی ہُنٛد حق ادا، ہیٚیا حأجنی یا ژٕرے
اوس یا دِلہٕ ہنٛز شٮ۪چھ وٕنتھ اَنس برٛونٛٹھہٕ گنہٕ طوطہٕ بنیو مُت۔ کھرٛ بس
تہِ چھےٚ ناوسان۔ یہِ نٔو قراقلی ٹوٗپۍ کتیو چھےٚ أنۍ مٕژ۔"

پرٛزرچھُ یہِ زِیو، جی، سی، یَن یوسہٕ قأبلیت تہٕ تجربہٕ اَمہِ پوسٹ خأطرٕ تھأوٕمٕژ اَس سوٚ اَس لسأنی شودبو دا آسنٕچ نہٕ کہِ شأعرانہٕ مہارت یا کرتب بأزی ہنٛز۔ اَتھ کیٛاہ کرِہا حأجنی صأب بحیثیت ایکسپرٹ۔ تٔمۍ تھأو یارٕ زاوٕک طرف تہٕ میرٹ تھوٗن زیرِ نظر۔ اگر أتھی مصلحت پسندی وَنو تیٚلہِ گتھ وَنو کردارٕچ طہارت تہٕ پاکیزگی۔

حأجنی سٟنٛز زندگی منٛز چھنہٕ مثألن ہنٛز کانٛہہ کمی۔ ییٚلہِ تٔمۍ نتیجن ہُنٛد پرواے کرنہٕ بغأر حقیقتٕچ تہٕ صداقتٕچ آواز بلند چھےٚ کرٕمٕژ۔

دأنشورانہٕ جہژ:

حاجنی یَس چھُ کأشرِس ادبی تأرٟخَس منٛز یہِ امتیاز زِ تٔمو کوٚر کأشرِ زبأنۍ اَکھ باوقار دأنشورانہٕ جہت عطا۔ تٔموٗتٕل شعوری طور گوڈنچہٕ لٹہِ کأشرِ زبأنی منٛز سنجید، تحقیقی تہٕ تجزیأتی نثرس دَس۔ یہِ اوس ہَتہٕ وادٕ ری یَن پٮ۪ٹھ پھٕلِتھ کأشرِ

زبانٕی منٛز شاعرانہٕ غلبس خلاف اَکھ انحراف۔ اَوٚ تام اوس کاشُرِس منٛز یَسلہٕ پاٹھۍ فقط شعری روایژ ہُند عمل دخل تہٕ امکی موضوعات، ہیتی تقاضہٕ تہٕ نفسِ مضمون تہٕ روٗدی وقتس سٟتۍ سٟتۍ بدلان۔ مگر حاجنی صابنہِ ذٟسی لۆگ گوڈنچہِ لٹہِ سنجیدٕ تہٕ پُر مغز نثری اظہارس گٔن۔ یۆ دوٚے زَن تنقیدی تہٕ تجزیاتی نثر نگاری بڑ وٕنہ حاجنی صابَن گرٛیسی سُند گرٕ لیکھتھ تخلیقی نثرس سٟتۍ سٟتۍ کاشرس ادبس منٛز نثری اظہارُک ابتداتہٕ کۆر رنگرامہِ پتہٕ روٗد تحقیق، تأریخ، سائنس، ادب، فلسفہٕ، زبان، سماجیات تہٕ لُکہٕ ادب ہُمی ہنٛدی تحقیقی تہٕ تجزیاتی کاوشن ہُند مرکز۔

1917ء کہِ روسی انقلابہٕ پَتہٕ ییلہِ مارکسی فلسفس پٮ۪ٹھ مبنی سویت سماج تشکیل دِنہٕ آو۔ موزورَس تہٕ کاشکارَس ہُر بوٗش تہٕ تخلیقی کوٗشش منٛز تہِ آیہٕ اَتھ طبقس مرکزیت عطا کرنہٕ۔ ہندوستانَس منٛز تہِ آو وُہمہِ صدی ہٕنٛدِس ترٛیمس ذٔہِلس منٛز سماج وادِکس فلسفس نٔوی تشریحات کرنہٕ۔ ترقی پسند تحریکہٕ کِس اثرس تحت لۆب ادب برائے زندگی ہٕنٛدی نعرن پوچھر۔ منشی پریم چند اوس ہندی تہٕ اُردو ادبس منٛز افسانَن تہٕ ناولَن منٛز دیہاتی زندگی ہٕنٛدی نقوش وۄتلاونہٕ سٟتۍ سأرے ادبی دُنیاہس منٛز مشہوٗر رسپُد مُت۔ حاجنی اوس سنجیدٕ ظوٗن تہٕ پوٚختہٕ شعور تھاوَن وول فرد۔ تہٕ شخصی راجس تحت کٔشیرِ منٛز یُس سماجی نظام ذٔرِتھ اوس تمیُک سورُے بار اوس بےکس گرٛیسی تِس یا کاشتکارس پٮ۪ٹھ۔ غأر حاضر جاگیردار اوس کاشتکارٕ سُند کمر پھٕٹرٲوِتھ تروومُت۔ وُٹر دأری، چکدأری، سوٗدخأری تہٕ جاگیردأری نظامَن اوس مجبوٗر گرٛیسی تِس زٕلِتھ تہٕ جکھِت تہِ ژٕٹ تہٕ میٚٹ کأمنٛز کرمُت۔ حاجنی اوس وُنہِ ایس پی کالجس منٛز انڈر گریجویٹ

کورسُک طالب علمہٕ زِ أمی لیوکھ ''گرٚیسی سُند گرٕ''۔ یہِ ڈراما چھُ کٲشرِ ہُندِس ادبی تأرٟخَس منٛز گوڈنیُک حقیقت پسند ڈراما، یمکی کردار زندٕ زُوی انسان اُسی۔ یہِ اُس نہٕ حأجنی ہِندِ ذٟسی محض اَکھ افسانوی ادبی کوٚشش بلکہِ اَتھ پتہٕ کنہِ اوس سرٛنی تہٕ پزرس پیٹھ منی تأریخی شہادتہٕ تہِ۔ شخصی راجس منٛز ییلہِ پرٛتھ احتجاجی عملہِ ہُند نتیجہٕ زندان، جلاوطن تہٕ دوٚیم اذیت ناک حربہٕ اُسی آسان مگر حاجنی صأبن کوٚر نہٕ تِمچن ہُند کانٛہہ پرواے تہٕ گرٚیسی سُند گرٕ لیکھِتھ کوٚر نہٕ أمی نااِنصأفی پیٹھ منی زرعی نظامَس پیٹھ قلمُک وارِ ے یوت ئلی کہِ تِم کأشرِ توت پچھأری تہٕ گرٕنی ننگہٕ یِم پننیو حقیر مفادو خأطرٕ پننین ہم وطنہٕ پیٹھ ظأ لمانہٕ حربہٕ استعمال کران اُسی۔ صحیح دأنشور سُند بوٚڈ وصف چھُ یہِ زِ تِمس چھےٚ آسان وسعی سوچ تہٕ سماجچہِ پرٛتھ ہموار تہٕ ناہموار ترٛ ایہِ گرایہِ پیٹھ پوٚرٕ نظر۔ سُہ چھُ وقتُک نباض آسان۔ یہِ نہٕ اَکھ تأریخ دان تہٕ سمأجی مبلغ تہٕ دینی رہنما گرِتھ ہیوٚک۔ سُہ سمأجی فرض نبھوو حأجنی ین پننہِ بے باک قلمکہِ مدژٕ ستی۔

تأریخ چھےٚ أکِس قومَس زندگی ہُند سلیقہٕ بخشان۔ تہذیب کِس شعورَس ستی زان کرناوِتھ انسأنی تفکرَس بالیدگی، عظمت، اعتبار تہٕ وبقار بخشان تہٕ فردن، اِدارَن، قومن غرض گُلہم انسأنی وجودَس پننہِ آسنُک تہٕ پننہِ شناختُک عرفان عطا کران۔ حأجنی یَس اُس غولامانہٕ زندگی ہُندِ بن آدابن ستی نفرت، بُزدلی تہٕ بے عزتی ستی رٕشی مگر ستی اوس تَس یہِ اندازٕ تہِ زِ واریاہَس کالس غأر کأشرِ بن آقاہن ہُندِ غولامی منٛز چھےٚ کأشرِ بن ہُنٛزِ شخصیژ اند رٕمنفی آثار تہٕ آکار پأدٕ گأمتی۔ لہٰذا کأشرِ بن منٛز تہذیبی شعوٗر، سیأسی بیدأری، سمأجی حیس تہٕ

غارت مندی ہٕنٛد بن جذبن وُتشِ دِنہٕ خاطرٕ چھُ ضروٗری یِم پٔنٛنۍ بختاوار تہذیبی
تہٕ تأریخی وراثت نِش زأنۍ یاب کرِنۍ۔ کأشُر تہذیب تہٕ تأریخ چھُ یِہنٛدِ سکالر
شپک اَکھ غألب موضوع۔ مقالات، کأشرِ نثرٕچ کِتاب بیترِ علمی تہٕ تحقیقی
کوٗششہِ چھےٚ اَمی جذبُک پأداوار۔ تحقیقی مقالاتَن منٛز چھِ محی الدین حاجنؠ عموٗمَن
تمام سأری لوازمات ورتاونٕچ کوٗشش کران یِم تحقیقی اصولَن پٮ۪ٹھ وُتران چھِ۔

کأشرِس تحقیقی ادبس منٛز آو یِمن تراین محی الدین حاجنؠ ہٕنٛدِ دٔسۍ گوڈنیتھ
دٔسلابہٕ کرنہٕ۔ یِمو کوٗششو سٟتۍ گیہِ کأشرِ زبأنۍ تہٕ ادبس پٔزی دأنشورانہٕ وقار تہٕ
علمی روتبہٕ حاصل۔ ہرگاہ یِمَن مضموٗنَن انگریزی پأٹھی ترجمہٕ آسہِ ہاسپدُ مُت،
سُہ آسہِ ہا کأشرِ زبأنۍ، ادب، تہذیب تہٕ تأریخ باپَت بوٚڈ سو چھ۔

یوٗتام تھ زَن حاجنؠ ہٕنٛد بن تحقیقی کوٗششن ہُنٛد تعلق چھُ یِمو چھِ مختلف
گامن، سریَن تہٕ محلَن منٛز گرٕھتھ مُردیا دم لوٗکن سٟتۍ کتھہٕ کٔرِتھ تِہنٛدی تجربہٕ تہٕ
یاداوأری ہٕنٛدِس بل بوٗتَس پٮ۪ٹھ کٔشیرِ ہٕنٛدِ تہذیبی زندگی ہٕنٛدی وارٕیاہ اَنہِ گٹہ
گوشہِ گاشراونٕچ کوٗشش کٔرمٕژ۔

تنقید تہٕ تجربأتی مطالعس دوران چھِ حاجنؠ نہٕ صرف متنس أچھَن بٕرٕ وٕنٛتھہٕ
کٔنہِ تھاوان بلکہ چھُ سباق کہِ مدد سٟتۍ ادب پارَن ہٕنٛدی تم جہژ تہٕ طرح تہٕ
بٕرٕ وٕنٛتھ کٔن انان یِمیک نہٕ ظون خود تخلیق کارس تہٕ آسہِ ہا۔ بیٚیا کھا اَکھ دأنشورانہٕ
جہژ چھےٚ محی الدین حاجنؠ سٟنٛزٕ تمہِ ساعتہٕ نٔنۍ نیران یِیلہِ سُہ کُنہِ فن پارس یا اَدبی
شخصیتس ہٕنٛدِس پٮ۪ٹھ کتھ کرنہٕ وِزِ مختلف زاوین ہٕنٛدِ حوالہٕ تتھ پٮ۪ٹھ تنقید یا تبصرٕ
کران چھُ۔ مِثالے تمہِ چھِنہٕ کأشرِ ن صوفی شاعرَن پٮ۪ٹھ کتھ کرنہٕ وِزِ تمَن

متعلق مکمل پأٹھۍ علاحدگی منز گتھ کران ئلۍ کہِ چھِ عالمی منظرنامس منز صوفی
اصولن تہٕ صوفی تحریکہِ ہٕنٛدِ بن مختلف سکوٗلن ہٕنٛدِس پس منظرس منز تہٕنٛدِس
شعری اظہارَس تہٕ تجربَس سام ہیوان۔ ووٗنی گوٚو حاجنس ستۍ چھِ چونکہِ
حاجنی یَس جذبأتی وابستگی تہٕ اَمہِ جذبأتی وابستگی ہُنٛد موٗثر چھِ اَسہِ تِمَن مطالعَن
منز ضرور رمیلان یِمَن منز حاجن بستی ستۍ وابستہٕ ادبی شخصیتَن ہُنٛد ذکر چھےٚ۔ یِمَن
منز اسد پرے، مولوی صدیق اللہ حاجنی تہٕ وہاب پرے حاجنۍ بیترٕ شخصیت
چھےٚ۔ شعری ہونرمندی ہٕنٛدِ بن عأبن پٮ۪ٹھ چھےٚ سوٗن دأنشوریہِ ڈٲلۍ زِ تہٕ أچھِ
وٹان تہٕ تِمَن گوشن چھُ زیادے تھُرکھاران یِم مطالعہ کرِتھ مرگرٕ یِتَس ستۍ کانٛہہ
براہ راست واٹھ چھِنہٕ تھاوان۔ اتھ دوران چھےٚ ذات پسندی ضرور غالب
گژھان یوسہِ متوأزی مطالعہٕ باپتھ اَکھ عأب چھےٚ گنٛزرنہٕ یِوان۔

ڈِس کورِس تہٕ پرتاپ میگزینَس منز یِم انگریزی زبأنی منز حاجنی سٕنٛدی
مقالہٕ شایع چھِ گمتۍ، تِم چھِ أمی سٕنٛدِس دأنشورانہٕ قدس ہیٚیہٕ ہَن تہٕ کارِووگن تہٕ
قداوار بناوان۔ تِم چھِنہٕ روایتی مذہبی عالمن ہٕنٛدی پأٹھۍ سائنسی انکشافَن تہٕ
ایجاداتَن ہٕنٛدِ عملہِ اسلام تہٕ قرآنی روح باپتھ سم قأتل سمجھان ئلۍ کہِ چھِ تِم
زانان زِ سائنسی عمل چھےٚ قرآنی اِرشاداتَن تجرباتی سَند تہٕ تصدیق کران۔ یہِ
طرزِ خیال چھُ أکِس روشن خیال عالمہ تہٕ دأنشور سُند تہٕ حقیقت تہٕ چھےٚ یِہے۔
حأجنی أسی پانہٕ سائنسی علومَن تہٕ انکشافَن ہٕنٛدِس پوٚت منظرس منز قرانی آیاتَن
ہٕنٛز تشریح کرنس پٮ۪ٹھ زور دِوان۔ معراج اَکِس نورأنی سفرس چھِ یِم فزیکس
کِنہِ اصولَن ہٕنٛدِس بنیادَس پٮ۪ٹھ تشریح کران یِتھ اِنسأنی عقل اَمہِ نوٗرأنی

سفرٕ کٕنۍ اسرارَن ہُنٛد پےٚ ہیکہِ لگٲوِتھ۔

حاجنؠ لیس اوس یِیمہِ کتھہِ ہُنٛد پوٗر اندازٕ تہٕ یقین زِ محض تٲریخی کتابن تہٕ قدیم آثارَن ہٕنٛدِ مطالعہٕ ستی ہیکو نہٕ أسی کٔشیرِ ہنٛز تٲریخ مکمل پٲٹھی سمجھِتھ یا زٲنِتھ۔ اَمہِ خٲطرٕ چھ ضروری اجتماعی وراثت کٕنۍ گُپتھ خزانَن ٹھانٛڈ مٔشرُن تہٕ لکہٕ وراثتہٕ منٛزٕ یُس چیز سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ تحقیق کرن وٲلِس اکار بکار یِیہِ سُہ گوٚو لکہٕ ادب۔ یہِ عوٲمی یا زبٲنی ادب چھُ لُکہٕ گاٹہٕ جارُک أنہٕ۔ یہِ چھُ قوٗمُک باوژ بل، یَتھ پتہٕ کنہِ قومہِ کہِ گاٹہٕ جارُک تہٕ ذہانتُک اکھ خاموش تہٕ مالا مال سمندر شولہٕ چھُ ماران۔ لُکہٕ ادب چھُ غٲرٕ شعوری طورا کہِ قوٗمُک اجتماعی تخلیقی تٲریخ آسان۔ لُکہ رس کتابہِ منٛز چھُ مختلف مضموٗنَن منٛز حاجنؠ فوک لور کٕنۍ جدید تھیوٗرین ہٕنٛدِس پوٚت منظرَس منٛز کتھ کٔرمٕژ تہٕ تِمَن گوشَن کُن پرن والین ہُنٛد ظون گوڈنچہ لٹہِ پھِرنٕچ کوٗشش کٔرمٕژ نتہٕ روزٕ ہَن یِمہٕ رٲوِس تل۔ یہِ کٲم اوٚند واتناوِتھ چھ حاجنؠ ین کٲشرِس قومَس پیٹھ سبٹھاہ سوچھ کوٚرمُت۔ ووٚنی گوٚو فوک لور ہیکون نہٕ خود مختار طریقس پیٹھ مستند تٲریخی آثار یا ماخذ ژنگی تِنِس کالس استعمال کٔرِتھ یِتِس کالس نہٕ یہِ تٲریخی آثارَن ستی رَل یِیہِ کرنہٕ۔ اَمہِ ستی چھےٚ اَمِچ لکہٕ ہٲری تہٕ افٲدیت زیادٕ ےٚ تٕژ نیران۔ محی الدین حاجنؠ چھِنہٕ یہِ نوٗزُک کٲم یَتھہِ پٲٹھی سرانجام ہیوٚ کمُت دِتھ۔ ووٚنی گوٚو علمہ کِس وسیع مطالعہِ کِس بل بوٗتَس پیٹھ چھِ تِم أمِکۍ نٔوی امکانات بَدِ کڈنَس منٛز کامیاب ضروٗر گٲمتی۔



## مطالعہ کُتب


۱)عزیز حاجنی، أنہٕ خانہٕ، سرینگر کشمیر

۲)بشیر اختر (ترتیب) شیرازٕ سپیشل حاجنی نمبر، جموں وکشمیر کلچرل اکیڈیمی

۳)پی، این، بزار، اِن سایڈ کشمیر

۴)کے، این، کلا، دی لٹریری ہیری ٹیج آف کشمیر

۵)مشعل سلطانپوری، دھوٗنٛژ

۶)محمد امین، ڈسکورس آف محی الدین حاجنی، حلقہ ادب سوناواری

۷)محی الدین حاجنی، مقالات

۸)محی الدین حاجنی، کأشِر شأعری، ساہتیہ اکادمی نٔو دِل

۹)محی الدین حاجنی، کأشِرِ نثرٕچ کتاب

۱۰)محی الدین حاجنی، گامن منٛز پھیری پھیری

۱۱)محی الدین حاجنی، گرٛیسی سُنٛد گرٕ

۱۲)رُسل پونپُر (ترتیب) سون ادب، ۹۳۔۱۹۹۱ء، جموں وکشمیر کلچرل اکیڈیمی

# امین کاملؔ بحیثیتِ افسانہٕ نگار

امین کأملن ییٚمہِ آیہِ کأشرِ شأعری تہٕ خصوصاً کأشرِس غزلس نٔو ولہجہٕ، آہنگ تہٕ طرح عطا کۆرتمی آیہِ دیُت تمۍ کأشرِس افسانس تہِ ابتدأیی کالس منٛز اکھ منفرد اسلوٗب، اکھ نٔو وفنی ہوا نواتہٕ ساد رٕوار اظہار۔ یتھ منٛز چھنہٕ کانٛہہ شک زِ امین کأملنٛ ژور پننہِ تخلیقی شخصیژ ہنٛدِ اظہارٕ خأطرٕ گوڈٕ شأعری ہُنٛد وسیلہٕ تہٕ اَتھ منٛز اوس نہٕ کُنہِ خأرجی اثرُک عمل دخل تہٕ نہ أس یہِ عمل کُنہِ نظریہ ہَس تحت تخلیق سپزمٕژ۔ یہِ أس اکھ خود مختار فنی عمل یوسہٕ شأعرس محض ذأتی محسوٗساتن تہٕ تجرُبن ہنٛدِس بُنیادس پیٹھ دٕرِتھ أس۔ اَتھ برعکس اوس یہٕنٛد افسانہٕ نگار بننس منٛز تہٕ افسانہٕ بحیثیت اکھ فنی اظہار ورتاونس منٛز اکہِ خاص نظریہ ہُک عمل دخل ضروٗر۔ وُہمہِ صدی ہنٛدِس ژوٗرمس تا پأنژمس دٔہی لس منٛز ییٚلہِ کٔشیرِ منٛز ترقی پسند تحریک عروٗجس پیٹھ أس تہٕ سأنۍ اکثر پٔرۍ مٕتۍ لیٚکھۍ مٕتۍ أدیب پننین تخلیقاتن منٛز اَکِس خاص نظریہ ہَس ستۍ وابستہٕ موضوٗعاتن مرکزیت بخشان أسۍ۔ امہِ ستۍ سپُد مقدارٕ رٕنگۍ واقعی کأشرِ زبأنۍ ہنٛدِس شعری سرمایس وارِیاہ بٔرژر مگر أتھۍ ستۍ سپُد اَتھ تحریکس ستۍ وابستہٕ ادیبن تہٕ شأعرن منٛز یہِ احساس تہِ پأدٕ زِ شأعری مقابلہٕ چھُ کأشرِس نثرس منٛز یمن موضوٗعاتن

جاے دِنٕی ضروٗری۔ چنانچہِ یہےٚ کمی پوٗر کرنہٕ خاطرٕ تہٕ کأشرِس نثرس پوچھر دِنہٕ باپتھ ٹُل سانو کینژو وحبہٕ ہُشیار قلمکارو کأشرِس منٛز افسانس دس۔ أتھی ابتدأیی کاروانس ستی وابستہٕ ادیبن تہٕ شأعرن منٛز چھِ امین کأمل تہِ شأمل۔ افسانس کُن مأل پھِرنس متعلق چھِ امین کأمل أکِس انٹرویوٗہَس منٛز یتھٕ پأٹھی پننہٕ رایہِ ہُنٛد اظہار کران:

"1948ءہَس اندر ریٖیلہِ کٔشیرِ منٛز ترقی پسند تحریک شروٗع گیہٕ، یم ادیب تہٕ شأعرامہِ چہٕ گیٚچھِ گنڈنہٕ آے، تِمن نٔنیو وِزِ کأشِر زبان چھےٚ نثرٕ ژنگی بِلکُل ژھرتہٕ چھینٛی۔ مےٚ ہیٚتی ادبی مضموٗن تہٕ افسانہٕ لیٚکھنہٕ یم زبأنی مواد تہٕ طرزِ اظہار، کٔنی بلکُل وکھرٕ تہٕ بدوٗن روٗدی"۔

اگرچہِ پننہِ شأعری ہنٛدِ وساطتہٕ امین کأملن کأشرِس ادبی دُنیاہس منٛز اکھ معتبر مقام پرٛوومُت اوس مگر یہنٛد بن افسانن ہنٛز ادبی تہٕ ہیٚتی شان، یہنٛد گرُت، ہوا نوا، کینواس، کردارن ہنٛدِ انتخابُک نبرل ورتاوٕ ستی گوٚو یہنٛدِس ادبی شخصیژ وار یاہ وہراوعطاتہٕ یہنٛد بن افسانن آو عالمی تہٕ قومی زبانن منٛز ترجمہٕ کرنہٕ۔ تہٕ یتھٕ پأٹھی سپز یہنٛد بن افسانن ہنٛدِ ترجمہٕ ذٔسی کأشرِ زبأنی تہٕ خصوصاً کأشرِس نثرس اکھ مأری مٔنز دأنشورانہٕ جہت عطاتہٕ کأشرِ زبأنی میچ قومی سوٗتھرس پیٹھ قبوٗلیت۔ سبٹھاہ کم وقتس منٛز پیوٚ کامیأبی پرٛأوِتھ کُس ورسپد کأملس زِ تِمو تھأونہٕ شأعری مقابلہٕ افسانہٕ لیٚکھنٛچ عمل تمہِ آیہٕ برقرار۔ نتیجہِ درٛاویہِ زِ سانٛن نوجوان افسانہٕ لیکھن والین برٛونٛہہ کنہِ گوٚو اکھ زبردست سوال وونلِتھ زِ امہِ نثری صِنفہِ ہنٛز فنی ساخت ماچھےٚ ترٛتھ پیچیدٕ تہٕ مشکل زِ کأمل ہوِس صاحب طرز

افسانہٕ نگارس پیٹھ یہٕ صنف مُشراوُنی۔ وونی گۆو پزر چھ یہٕ زِ اختر محی الدین، رتن لال شانت، ہری کرشن کول، اُمیش کول، ہردے کول بھارتی، بنسی نِردوش، اوتار کرشن رہبر، فاروق مسعودی تہٕ بشیر اختر بیترِ افسانہٕ نگارو ہنٛز و کوٗششو ستی میوٗل اتھ نثری صِنفہِ فن، فکر تہٕ اظہارٕ رنٛگۍ واریاہ تھزر تہٕ بجر۔ مگر کأمل صابُن امہِ صِنفہِ نِشہِ پۆت ہیوٗن چھ ازتہِ کأشرِ زبأنۍ ہنٛدبن ژُکھی درن خأطرٕ اکھ بوٚڈ سوال؟

کأشرِس منٛز پیٹھ وُہمہِ صدی ہنٛدِس ژوٗرِمس دہی لس منٛز افسانہٕ لکھنٕچ روایت تھنہٕ۔ اگرچہِ دٔلیلن تہٕ داستانن ہنٛز روایت کٔشیرِ منٛز سبٹھاہ مضبوٗط اۆس مگر افسانہٕ بحیثیتِ اکھ آزاد تہٕ منفرد فنی اِکأیی یا نثری صِنفہِ رنٛگۍ سپد کأشرِس ادبی تأریخس منٛز ہناژیری نموٗدار۔ اردو زبأنۍ منٛز اۆس أمی صِنفن امہِ برٛونٛہہ واریاہ کال رۄمأنی مزاز پتھ ترٛوومُت تہٕ ترقی پسندی ہنٛدِس اثرس تحت اوس اَتھ منٛز حقیقت پسندی ہنٛدی رُجحانن موٗل دٔررأوی مِتی۔ اگرچہِ اردو زبأنۍ منٛز حقیقت پسندی ہنٛدی رُجحانن رۄمانوی مزاز کِس ردِ عملس منٛز کاڈ اوس کۆڈمُت مگر کأشرِبن افسانن منٛز اوس حقیقت پسندی ہنٛدی رۆین ترقی پسند تحریکہِ ہنٛدِس اثرس تحتے زایُن لوٚب مُت۔ اردوٗ زبأنۍ منٛز یمو افسانہٕ نگارو اَتھ رُجحانس معیار تہٕ مقدار رنٛگۍ برٛژر عطا کوٚر تِمن منٛز چھِ منشی پریم چند، غلام عباس، ممتاز شیرین، بلونت سنگھ، حیات اللہ انصاری، سُہیل عظیم آبادی، احمد ندیم قاسمی، حسن عسکری، علی عباس حُسینی ناوٕ ہینٛنۍ لایق۔ چونکہِ سأنۍ اکثر مُقتدر ادیب تہٕ شأعر تہٕ اُسی أتھی وقتس منٛز ادبی آسمانس پیٹھ نموٗدار سپدی مِتی لہذا

اوس قدرتی امر زِ یموتہٕ کوٚر عصری ماحولس تہٕ جأری ادبی تقاضن تہٕ رُوِیس مُطأبِق پننین فنی اظہارٕ کین وٕسیلن امی انمانہٕ شیرِ پأر کرنٕچ کوٗشش۔ نتیجہِ دژاو یہِ زِ شأعری ہِتۍ گیہِ سأنی ادیب تہٕ شأعرفنِ افسانہٕ نگأری کُن متوجہ۔ چونکہِ اختصارتہٕ دلیلی عنصر ـ کنہٕ اُس یہِ نثری صِنف اردوٗ میڈیم کہِ وساطتہٕ لوٗکن منز سبٹھاہ مقبوٗل سپز مژ۔ چونکہِ اَتھ صِنفہِ منز اوس اردوٗ زبأنی منز عملی زندگی منز پیش سپدن والین تضادتہٕ وٕبکھتۍ حأدِثاتن، حأرِثاتن، دوکھن تہٕ دادبن، امارن تہٕ خابن، آرزوٕیَن تہٕ ارمانن ہُنٛد پُر کشش اندازس منز اظہار سپدان تہٕ یوٚہے چُھ وجہ زِ عوأمی حلقن منز اوس افسانہٕ اکہِ نماینٛد عوأمی صِنفہِ ہِنٛدی رٔنگی شمالی ہندوستانس منز سبٹھاہ مقبوٗل سپدٕ مُت۔ چونکہِ یہِ دوراوس کٔشیرِ ہُنٛد سمأجی تہٕ سیأسی تأریخُک اکھ زبردست سنجیدٕ تہٕ حساس دور۔ شخصی نظام اقتدارس خلاف تحریکہِ ہِنٛدِ کامیأبی پتہٕ یم ماضی ہِتۍ وابستہٕ فیوڑل دورٕ کی آثار کأشرِ زندگی منز نوِ آیہِ، انہار تہٕ انمانہٕ کاڈ اُسی کڈان۔ جمہوٗریت، سمأجی برابری تہٕ مذہبی آزأدی ہِنٛدِس آڈس منز عوأمی تہٕ اقتدار دوشوٕنی سوٚتھربن پیٹھ استحصألی قوت یمن غأرصحت منٛد قدرن آبیأری کران اُسی تمہٕ ہِتۍ اُس عام لوٗکن منز سبٹھاہ بے چینی تہٕ بدظونی تظرِ گژھان۔ اَتھ نوِس سمأجی، سیأسی تہٕ اقتصأدی ماحولس منز یوسہٕ دگ عوامس تہٕ بے وسیلہٕ لوٗکن وتبراوٕنی پیوان اُس تمی دگہِ ہِنٛز ہِنٛدِ تنگ اظہار چُھ امہِ دورٕ کین اکثر افسانن منز تظرِ گژھان۔ ''کتھِ منز کتھ'' افسانہٕ سوٚمبرنہِ ہِنٛدبن تمام افسانن ہِنٛدی کردار، واقعات، ہوا نوا، کینواس چُھ چھرا کأشر۔ منتخب کردار چھِ کأشرِ میٛژ ہِتۍ وأٹتھ تہٕ یِہنٛد نفسیأتی

رٕوِیہٕ چھُ کأشرِ سأیکی ستیٚ تتھ پأٹھی جُڑِتھ یتھ پأٹھی نم تہٕ مازٕ چھُ۔

شخصی حکمرانی خلاف عوأمی جدوجہدس دوران یم خواب تہٕ امارٕ کأشرٕ بو جمہوٗری نظامِ حکوٗمتکی چشمن منٛز وونی یتی أسی تم خواب ییلہِ کأشرٕ بولتہٕ موٗنجہِ گژھان وُچھ تہٕ امہِ رکس نتیجس منٛز یوسہٕ بے یقینی، اجتمأعی نفسیأتی پریشأنی تہٕ نِوسمأجی تنظیم کأری ہنٛدی چھوکھ تہٕ دوکھ کأشرٕ بن سرِ نی پیٚیہٕ تمیک ٹیس تہٕ دگ چھےٚ امین کأمل نٔبن افسانن ہُنٛد غالب موضوٗع۔ مگر ییٚتہِ نس چھےٚ یہِ کتھ ونٕنہٕ لایق زِ ترقی پسند تحریکہِ ستیٚ نظریأتی وابستگی أستھ تہِ چھنہٕ اسہِ کأمل سٕنٛدبن افسانن منٛز تاثر مقصدیت یا سمأجی حقیقت پسندی ہنٛدی نقوٗش میلان بلکہِ چھِ یہنٛدبن افسانن منٛز فنی تہٕ تکنیکی پوختگی ستیٚ ستیٚ موضوٗعن ہنٛز رنگارنگی، کردارن ہُنٛد زندٕ زوٗبر تہٕ افسانوی منظر کأری ہنٛدی متضاد تہٕ متحرک کیفیژٕ درٕ ینٛٹھی گژھان۔ أمی سٕنٛدبن افسانن منٛز چھُ کأشرِ معاشرتی زندگی ستیٚ وابستہٕ تضادن، نفسیأتی گھربن، جذبأتی ووتل بجن، سمأجی بےحسی تہٕ تأریخ چہِ کوچھِ منٛز زایِن لبن وألی کأشرِ کردارٕ کی أنیکھ ژھایہِ رگتی سہِ درٕ ینٛٹھی گژھان۔ امہِ لحاظہٕ ہکو نہٕ أسی أہنٛدبن افسانن پٹھ چھرا ترقی پسندی ہنٛز لیبل چسپاں کٔرِتھ۔ یمن موضوٗعن پتہٕ کنہِ اگرچہِ خاص زمأنی تہٕ زمینی صداقتہٕ ڈٕکھِس چھےٚ مگر یمن افسانن ہُنٛد فنی گرُت زبان تہٕ کردارن ہُنٛد انتخاب چھُ یمن مخصوٗص زمأنی تقاضو نشہِ ہیوٚر کھأتھ یمن تیژٕ طرحدأری تہٕ تہہ دأری عطا کران زِ یہنٛز لگہٕ ہأری چھےٚ پرٛبتھ زمانس خأطرٕ معتبر تہٕ مُستند روزان۔

''کوکر جنگ'' افسانہٕ چھُ کأمل نٔبن تمن کامیاب افسانن منٛز اکھ نمایندٕ

افسانہٕ یِمن ہندوستانٔی تہٕ یورپی زبانن منٛز ترجمہٕ کرنہٕ آو۔ افسانس منٛز چھُ پوٚت منظرِ رٔنگۍ اکہِ غریب کاشُرِ شہری گرِچ تصویر کٲری کرنہٕ آمٕژ۔ افسانہٕ یہٕ ت یوٚت بڑ ونہِہ پکان تہٕ کاڈ کڈان چھُ یہِ چھُ سمأجی طور کمزور شہری کاشُرِ زنانہِ ہِتۍ ہِتۍ کلہُم کاشُرِ سمأجی شخصیت ہُنٛد اکھ فنی اظہار بنان۔ امہِ افسانٕک أسی ییلہِ نفسیأتی تجزیہ کران چھِ اکھ سو کربناک صوٗرتِ حال چھےٚ دیدن تل یوان ییٚتھ منٛز کاشُرِ زنانہٕ خأرجی ماحولکۍ پٔشری ہِتۍ سأرِے معأشی تہٕ معاشرتی بدحألی نِشہِ دامن بچأوِتھ دأخلی تہٕ ذأتی سوٚتھرِس پیٹھ تٔمن غأر صحت مند قدرن پھِہٕ چھےٚ دِوان یِم تٔمس بربأدی، تبأہی تہٕ شرمندگی بغأر بیٚیہِ کینٛہہ چھنہٕ عطا کران۔ ''شاہ مال'' چھےٚ کاشُرِس سماجس منٛز امی طبقہٕ چِن کاشُر زنانن ہنٛز نمایندٕ کردار، یوسہٕ منفی رٔوِیس تہٕ سوٗنچس ہِتۍ سأرِے ارزٕ تھ گروی تھأوِتھ گرُک سوکھ تہٕ خوشحألی گارت چھےٚ کران۔ پیش چھُ افسانٕک یہِ ژورمُت حصہٕ، یُس میأنہٕ دٔلیلہِ تأید چھُ کران:

''کتھ أس ژکہِ تلہٕ یہِ زِ شاہ مالہِ اوس یہِ کوٗر جانہٕ ہِنٛدِ شرانہٕ نوومُت۔ جانہٕ ہِنٛز آسہٕ پانٛژھ کوٗرِ تہٕ اکھ کوٗر تہٕ شاہ مالہِ آسہٕ کوٗرے یأژ۔ جانہٕ ہِنٛز ہُنٛد کوٗر اوس دوہس منٛز اکہِ دۄیہِ پھِرِ پننہِ آنگنہٕ منٛز دوسہِ پیٹھی وُپھ تُلان تہٕ توٚپتہٕ شاہ مالہِ ہِنٛدِس آنگنس منٛز وسان۔ شاہ مال أس پٔنن کوٗر نہٕ آسنہٕ کِنۍ اتھ خدأیی یأری زانان۔ مگر ییٚمہِ وِزِ شاہ مال آنگنس منٛز دانہِ یا بیٚیہِ کانٛہہ ییٚتھ چیز تاپس تراوِہے یہِ اوسُس دوٗن أچھن کھران۔ تِکیازِ یہِ اوسُس

بڑٲژ درہیوٗ اگادِ گڑھان۔ چھگ دی دی تہٕ اوٚسس نہٕ یہِ چھلہٕ
وِدرٕ کرنس پڑان۔ پچھ کھنڈ بڑ ونہہ ییلہِ أمی تِتھے پاٹھی سنگ جیر
تلُس، شاہ مال متییَس بَہہ من ووہوَن۔ جانہٕ بڑٕ بوٗزتہٕ سو درٛایس
دارِ کنہٕ واد کرنہِ تہٕ أتھی منٛز دِژنس پام" (افسانہٕ: کوکر جنگ)

اختر محی الدین چھُ پننِس أکِس مقالس "افسانہٕ کیاہ گوٚو" منٛز افسانہٕ
کِس فنس پیٹھ کتھ کرنہٕ وِزِ اہین کامل سٕندِ امی افسانہٕ منٛزٕ پنُن دعویٰ معتبر بناونہٕ
خاطرٕ دٔلیل پیش کران۔ افسانس منٛز عملہِ نِسبت کتھ کران چھُ اختر محی الدین
پننہِ موضوٗع خاطرٕ کوکر جنگ افسانک یہِ حوالہِ پیش کران تہٕ ونان:

"تِتھے غلام خان کو کر ہتھ آنگنس منٛز ژاو شاہ مال گٔیہِ تھوٚد وٚتھِتھ"

بقولِ اختر محی الدین:

"وُچھِو یہِ افسانہٕ چھُنہٕ روأیتی داستانہٕ ہِندِس اندازس منٛز شروٗع
سپدان۔ پرن وول چھُ حأرتس پیوان زِ امایہِ غلام خان کُس گوٚو؟
یہِ کیازِ آو کوکر ہتھ؟ یہِ کوکُر وُچھِتھ کیازِ گٔیہِ شاہ مال تھوٚد وٚتھِتھ"

افسانک فن چھُ مُشاہدٕ تہٕ تجربہ باوُنک فن۔ یتھ منٛز عمل کردار، واقعہٕ تہٕ
حالات أکِس منظّم تہٕ مربوٗط طریقس منٛز تکمیلس کُن وانٛتنٛج کوٗشش چھِ کران۔
یہِ چھُ انسان سٕنزِ عملی زندگی ہُند فنی نقشاو۔ مشاہدٕ یوٗت سرٛ ؤن آسہِ تہٕ ہرگاہ
فنکارٕ سُند تخیٌل تہٕ امی آیہِ گہرٕ تہٕ وسیع آسہِ واقعی پَیہِ شاہکار کہأنی تھنہٕ۔ کُنہِ کُنہِ
ساتہٕ چھُ اکھ معموٗلی واقعہٕ اکھ نفسیأتی کیفیٔژ تہٕ اکھ لمحأتی حأدثہٕ تہِ اکہِ بڑٕ تہٕ
کامیاب افسانک موضوٗع بنان۔ غرض کہأنی ہِندِس تھنہٕ پننس پیٚتی کنی چھُ

کہانی کارِ سندِ مشاہدک تہٕ تخیلی بتریک سبتھاہ زبردست عمل دخل آسان۔ امین کامل سندی اکثر افسانہٕ چھِ سرٛنہِ مشاہدکہٕ تہٕ تجربکی پاداوار۔ سُہ چھُ اکہِ لمحہٕ کس مشاہدس پننہِ تخلیقی شخصیژ کہِ قوت تہٕ تحریکہٕ ستی اکہِ دورٛک ترجمان، اکہِ نفسیاتی صداقتک اَنہٕ بناونس منز کامیاب سپدان۔ ''کوکر جنگ'' افسانہٕ کس بُنیادس متعلق کتھ کران چھُ افسانہٕ نگار یمہِ آیہِ وضاحت کران:

''اَسی اَسی بٹہٕ مالنہِ کرایہِ روزان۔ سانہِ لرِ پتٕی کنیٚ اَسی صرف زٕ گرٕ۔ اکہِ دوہہ صُبحٕ گوٚو یمن پانہٕ وانی سخ بکواس۔ مےٚ دِژ دارِ کنیٚ نظر، اتہِ وُچھم اَکس آنگنس منز کوکر جوراہ جنگ جنگ کران۔ دونوٕنی گرن ہنٛز خاندار نہٕ پننہِ پننہِ مکانہٕ دارِ کنیٚ اتھ پتھ پانہٕ وانی مالایانی تہٕ دوٹنہٕ دونتھ کران۔ یہٕ منٛد چھوش تہٕ ژاس اندر۔ یہِ بنیو و کوکر جنگ افسانٕچ بُنیاد''۔

امین کامل چھُنہٕ پتمن افسانن ہنٛدِ ذریعہ سماجس منز مُروج خرابین تہٕ یمن ہنٛدِس تہس منز پوشیدہ ناکارِ گین بےٚ وطیر آیہِ ننبر کران زِ قاری سپدِ گُنہِ ہنٛزٕ رُک شکار۔ اتھ برعکس چھِ تم سماجی تہذیبکی ساری حد نظرِ تل تھاوِتھ تمہِ آیہِ اشارن منز کتھ کران زِ چھو کُن چھُ پتھن ہیوٗ ضرورتہِ ووتھان مگر بلغارتہٕ چھکھ آیِت روزان۔ ''سوال چھُ کلک'' افسانس منز چھُ اَکس خاص دورس منز کشیرِ منز مُروّج سرکاری بدحالی ہنٛز تمہِ آیہِ کردارن ہنٛدِ ذریعہٕ تصویر کاری کرنہٕ آمٕژ زِ اکہِ مخصوص دورٛک انتظامی رویہِ چھُ پننی سارِے ناکارِ گی ہتھ اَچھن بڑ و نہہ گُن یوان۔ آدمی دگ تہٕ انسان سنٛز بےبسی تہٕ مجبوری کتھٕ چھےٚ

قانوٗنی داوٚپیچن ہنٛدِس میزانس پٮ۪ٹھ تولنہٕ یِوان۔ افسانہٕ کہِ کامیاٲبی ہُنٛد راز چُھ یَتھ کتھِ منٛز مضمر زِ افسانہٕ چُھ سبٹھاہ وہراٲوِتھ اَستھ تہٕ پرن واٲلِس خاطرٕ پُراسرار روزان۔ مکالمہٕ تہٕ تاثُرات چھِ یتھٕ پاٲٹھی رٕلِتھ میلِتھ کاٲم کران زِ افسانٕک انٛد چھُ کہاٲنی ہُنٛد گوڈُت باسان۔ افسانہٕ انٛد واٲتِتھ تہٕ چھُنہٕ پرن واٲلِس تٔتھٕ ہُنٛد تکمیل دیدن تل یِوان۔ بلکہِ چھُ افسانٕک اختتام قاریَس اکہِ نوِ پُراسراری ماحولُک تخٔیُلی سفر کرناوُنس پٮ۪ٹھ مجبوٗر کران:

"مگراَتھ لاشہِ...... وُچھ حٔض سوٚسرٕ۔ اَخر کوٚت کال......" تٔمی دِژٕنہٕ

مےٚ پوٗرٕ کتھ تہٕ کرنہٕ۔" سرٕنے دوجی۔ سوال چُھ کلُک۔ سُہ کورٕ کُن

اوٗسُس؟ یوٚت تام نہٕ سُہ نیاے انٛدِ، اوٚرٕ چھُ معاملہٕ آویزان......

مےٚ گیہِ ژھوپہٕ، وَنہٕ ہاتہِ کیاہ؟......

(افسانہٕ: سوال چُھ کلُک)

دوٚیمہِ عالمگیر جنگہٕ (1939-1944) پتہٕ جنس اگرچہ عالمی افسانوی ادبُک غالِب موضوٗع اوس مگر امین کاٲملس چُھ تتھٕن موضوٗعن پٮ۪ٹھ قلم تُلنہٕ وِز علاقاٲیی تہذیبی شخصیژ ہُنٛد سرٕ ۆن پاس تہٕ احترام۔ سُہ چھُ جسماٲنی مظاہرٕ بدلہٕ اکہِ صحت مند جنسی توازنٕک تبلیغ کران۔ سُہ چُھ کاٲشرِ زنانہٕ ہنٛدِ نوٗزُک احساسٕچ عکاٲسی یتھٕ پاٲٹھی کران زِ جنسی بوٚچھ چھےٚ اکہِ لطیف نفسیاٲتی کیفیژ ہنٛز جاے رٹان۔ کاٲمِل نہٕ چُھ ڈی، ایچ، لارنسٕ سٕندی پاٲٹھی جنسس مذہبُک درجہٕ دِوان تہٕ نہٕ منٹوٗ سٕندی پاٲٹھی زنانہٕ ہنٛدِ بٔن نرم و نازُک اَنگن ہُنٛد اُچھری نقشاوُرِتھ جذباتن وُتش دِنٕچ کوٗشش کران۔ بلکہِ چُھ سُہ تٔمہِ آیہِ کردارن ہنٛدِ ذریعہٕ

تاثُرات ووتلاوٕنچ کوٗشش کران زِ جنسی تٟپشہِ برخلاف چھُ صحت مند سماجی قدرن ہُند تعیُن سپدان۔ یہِ نفسیأتی کیفیژ تہٕ سماجی تہذیب چھُ "ظأہر بأطن" افسانس منز گُل جان تہٕ سارنہِ کردارن ہٕندِ ذٔسی ووتلان۔ شک تہٕ بے یقینی ہٕندِس افسانوی کینواسس پیٹھ چھُ مثبت نفسیأتی عملہِ ہُند ظہوٗر سپدان:

"دوٗ پَچھ یہِ نیرٕ ووٗنی۔ ژیر گژھم۔ سارن تژأ ووداریٚ کُن نظر ژٕ مہٕ کھوژ، یہِ نیرِ رسہٕ پأٹھی واپس۔ کانٛہہ تہٕ ڈیشم نہٕ۔ أمی سُند بُتھ اوس ونان۔ یہِ چھےٚ تہٕ وُنی یژھان یٟمہِ موکھ اور ژامژ أس مگر وبتاراوُسس نہٕ یوان"۔

(افسانہٕ......ظأہر بأطن)

"أنہٕ" افسانس منز چھُ افسانہٕ نگار أکِس بُزرگ کردار ووستہٕ غفوٗر سٕنزی ذٔسی امہِ قبیلہٕ کٮ۪ن مردن ہٕندِ نفسیأتی محروٗمی تہٕ جنسی ژھرِ رچ اکھ درد ناک تصویر پیش کران۔ ووستہٕ غفوٗر چھُ خیأل تجرُبن تہٕ انزأنی احساسن منز اکھ سُہ دُنیا تخلیق کران یُس تٔمی سٕندِ عملی زندگی کیٛنژس وقتس خأطرٕ صحیح، اکھ میوٗٹھ تہٕ موٗدُر طرح عطا کران چھُ۔ ووستہٕ غفوٗرس تیٛمس زندگی ووبدُربنیمژ أس، تیٛمس نہٕ کارس کسبس ہتی کانٛہہ لوے کھوے روٗزمژ أس، زندگی أس تِمس نِش اکھ بے معنی تہٕ بےٚ کار چیز۔ مگر تیٚتھے تِمس اکِہ دوہہ ڈوٗنی ہِچہ کارخانہٕ چہِ دارِ کِنی دوٗیِمِس ہمسایہِ مکانس پیٹھ الغأبہ نٕیبہٕ کانہِ پیٹھ نظر پیوان چھےٚ أمی سٕنزن حستہٕ أڈی جن منز چھُ خوٗن ہیٚیہِ اکِہ لٹہِ دورٕ کرنہِ لگان۔ تہٕ زندگی نِسبت چھُس ہیٚیہِ اکِہ لٹہِ لول تہٕ مأے گنان۔ گُلین منز چھِس کأری گری ہٕنٛدی گون

تہٕ وصف بیٚیہِ ووتلان تہٕ سوریمتین اُچھن منٛز چھِس امارٕ کہ تہٕ جوأنی ہٕنٛدی خواب رقص کرنہِ لگان:

''مگر ینہٕ پپٹھٕ اُمی (ووستہٕ غفوٗرن) زیبہٕ کأنی وُچھ تہٕ تس ؤتی اُنہ اُنٛدری عشق لوٗگ کرنہِ۔ اُمِس زن آوتاون زدوٗنیا دُبارٕ کومہِ۔ وأنِس زن بیٚیہٕ ہَس ۳۰ رؤری پتھ۔ اُمی ہیوٚت ہنگرن تہٕ ریشس کرٛوہُن بسمہٕ کرُن۔ کلس ہیٚژن عرق چینہِ بدلہٕ چٔری ٹوٗپۍ دِنی تہٕ شوخ رنگہٕ نیلأمی کوٹ نالہِ ترٛاوُن۔ نقش گری کرنہٕ وِزِ یم نرِ زنگہٕ پھُچھٕ آسس باسان، تِمن لوٗگس نوٚو خوٗن گرٛوتہٕ گرٛو تہٕ کرنہِ۔ اُمی ہیٚژ بیٚیہٕ اکہِ لٹہِ زأوی لبن طرحن اُوِج کأم کرٕنی۔ تِژھ کأم زِ اُمی ہنٛدی زٕ ژاٹہٕ بأج غلام تہٕ وہبہٕ گیہ ہے بنگہٕ۔ تِمن ہیٚژن پنِنس ووستہٕ کارہنٛدِس اَتھ کسبس پیٹھ چالہِ کھسنہِ۔ اکہِ لٹہِ پرٛژھ ہَس زِ ''ووستہٕ از کتھ سأ پیٹھ یؤت زأوی جار''۔

(افسانہٕ......اُنہٕ)

ووستہٕ غفوٗرنس کردارس منٛز چھُ افسانہٕ نگار تِمن اڈٕوَرٕ مردن ہٕنٛز نفسیات پیش کران یِم سماجی قدرَو، مذہبی بنٛدِشو تہٕ وأنِسہِ ہنٛد بوٗ تقاضو نظرِ تل تھأوِتھ پأنی پانس منٛز شدید کشمکش تہٕ تضادس منٛز ہینہٕ چھِ آسان آمتی۔ مگر یہِ محروٗمی یہِ تفاوت تہٕ کشمکش چھےٚ عملی زندگی منٛز کیٚنژن انسانن منٛز شعوٗری تہٕ کیٚنژن منٛز غارٕ شعوٗری بے چینی تہٕ اضطراب کِس صوٗرتس منٛز ظأہر سپدان۔ امی کومبہِ ہنٛد بن اڈٕوَرٕ مردن ہنٛز ذہنی حالت، نفسیأتی بے چینی تہٕ جنسی محروٗمی چھےٚ امین

کاُملن ووستہٕ غفوٗ رنہِ کردارٕ ذٔ ریعہٕ ووتلاونچ کوٗشش کرٕمژ۔

"کفن ژوٗر" افسانس منز چھُ امین کامل داستانوی تکنیک کِس پوٚت منظرس منز اکہِ تژِھ شرمناک عملہِ ہُنٛد ننبر کران یتھ مذہب، سماج تہٕ انسانٔنیت تژیشوَے لانہٕ طعنہٕ کران چھِ۔ انسان تیمس اشرف المخلوٗ قاتٕگ درجہِ دِنہٕ چھُ آمُت، کتھ حدس تام ہیکہِ پننین حقیر مقصدن ہنٛدِ حوٗلہٕ خأطرٕ بون وٗسِتھ۔ یہٕے کیفیت، یوٚہَے خیال چھُ افسانٕک مرکزی موضوٗع بناونہٕ آمُت۔ سُل دبد تیمس کُن کمایہِ گُل نیٚچوٚ پننہِ حیأتی منزٕ ے موتہٕ کہِ کانٛک شکار چھُ سپدان تہٕ یوسہٕ نیٚچوِ ہنٛدِ جدأیی منز سےٚ منز رأژمی ہنٛدِس مقبرس وٗنی دِنہٕ گژھان چھےٚ۔ سو چھےٚ یہِ وُچھِتھ تژہران زِ کوستام بلایہِ چھےٚ تہنٛدِس نیٚچوِ ہنٛزِ لحدٕ ستی چھیڑ خأنی کران۔ سو یٚیلہِ ہنابزٕ وٚنہہ پکان چھےٚ تس چھُ یہِ واضح سپدان زِ یہِ کاُم چھُنہٕ کانٛہہ بالا فطری کردار انجام دِوان بلکہِ چھُ کُستام ماجہٕ گوٚبُر یہِ شیطنت کران۔ اکہِ دوہہٕ پتہٕ چھُ بستی منز یہِ اکھ عام سرگرمی بنان۔ تیٚتھےٚ کانٛہہ لاش دفناونہٕ یِوان چھےٚ دوٚیمہِ دوہہٕ چھےٚ سو لاش بے کفن پأٹھی لحدِ منزٕ عیاں آسان۔ امہِ ستی چھُ سأرِسے پتھرِ منز اکہِ خوٗفٕک ماحول پأدٕ گژھان تہٕ کانٛہہ چھُنہٕ شامہٕ پتہٕ دروازٕ ننبر نیرنٕک جُرت پأدٕ کران۔ صرف چھےٚ آسان افسانٕچ مرکزی کردار سُل دبد یوسہٕ کُنِس گوٚبرٕ ہنٛدِ مرنہٕ پتہٕ تہٕ تمی ہنٛزٕ لاش بے کفن وُچھِتھ پاگل چھےٚ آسان گمژ، کُنہ کُنہِ باکہٕ ژٔھٹ ژٔھٹ یا وحشتناک کرٕ بکوٕ ستی پتھرِ ہنٛدِس وأناکھ ماحولس مزید ہیبت ناک بناوان۔ افسانہٕ چھُنہٕ غنی جوٗ نِس قبول جُرم کرنس پتھ انٛد واتان بلکہِ چھُ غنی جوٗ نہِ مرنہٕ پتہٕ تہٕ یہِ

پُراسرٲری عمل جٲری روزان۔ تہٕ یِمہٕ سِتۍ انسٲنی بوٗ دِبٕز وٕنہہ کنہٕ نٔوی نٔوی سوال
ووتلان چھِ۔ یہے چھےٚ افسانہٕ کہِ کامیٲبی ہنز بڈٕ دٔلیل۔ افسانہٕ چہِ کامیٲبی ہٕنز
بیا کھا اکھ دٔلیل چھےٚ یہِ زِ افسانہٕ اگر داستانوی طرزس پیٹھ ضرورٕ لکھنہٕ آمُت چھُ
مگر اَتھ منز چھنہٕ داستانٕچ طوٗل کلٲمی لبنہٕ یوان۔ یِمہٕ کہِ مدد تہٕ عام حالتن
منز داستان گوز تچھن انہٕ گٹہٕ رٲژن بوزن والین زیر کران اوس۔ یہِ چھُ سُہ
ژھوچر یُس کہٲنی بیانیہ دٲیرٕ منزٕ نیبر کڈِتھ اظہارٕ کہِ کُنہٕ تجربٲتی لہرِ ہُنٛد اَنہٕ
بناوان چھُ۔ کہٲنی خاطرِ چھُ زیادٕ ژچھر تہٕ تیوٗتے نقصان دِہ یوٗتاہ حدٕ کھوتہٕ
زیادٕ ژچھوچرامہِ خاطرِ مہلک چھُ۔ اکہِ اعتبارٕ چھُ امتیاز حسین ہٕنٛدی پاٹھی کامل
پتھن افسانن منز ہیّت کہِ توازنک تہٕ تناسبک سُہ اکھ معیار قایم کران یُس نوِ
کاشرِ افسانہٕ نشہٕ یمن اکھ منفرد شناخت بخشان چھےٚ۔

نوبو افسانہٕ نِگار ویمو پلاٹ کِس ترتیبس، کلایمکس تہٕ کہٲنی خاتر باد
کوٚرمُت چھُ تہٕ تِمن افسانوی منطق نیبر ووٚنی گٔژران چھِ مگر اَتھ برعکس چھُ
کٲمل نِنِ افسانن منز افسانکی ساری جُزدر ژینٛٹھی گرٕ ھان۔ مثالہِ کِردار، پلاٹ،
ہوا نوا، مکالمہٕ، کلایمکس، واقعاتن ہنز روانی بیترِ۔ کٲمل نِنِ افسانن ہٕنٛدی
کردار چھِ کشیرِ ہنٛدِ معاشرتی زندگی ہنٛدِ تمہِ طبقچ نمایندگی کران یُس غریبی ہنٛدِ
سوٚتھرِ ہنا تھوٚد چھِ۔ تہٕ یم عام طور شہری قاصبن ہنٛدس قبیلس سِتۍ تعلق تھاوان
چھِ۔ یِہنٛد بن کردارن ہنٛدِس ضمیرس منز چھےٚ گامی ساگ زارن ہنز خوشبوے
تہٕ شہری زندگی ہنز ژھرٕ ژھرٕ ٹہٕ ژھرٕ ٹ تہٕ۔ یِہنٛد افسانوی کینواس چھُ سبٹھاہ
کُشادٕ۔ یِہنٛد بن افسانن ہٕنٛدی کردار چھِ کاشرِ سماجی زندگی ہٕنٛدی ویٚدی تہٕ زِنٛدٕ

زُو کردار۔ یِم چھِنہٕ محض افسانہٕ نگار ہِندِ تخیُلکۍ پٲداوار، بلکہٕ سانہٕ زندگی منٛز
سأنس أندی پکھِس منٛز سانٮ۪ن أچھن بڑ وٕنہہ کنہٕ تہٕ سأنس ماحولس منٛز لسن
بسن وألۍ کردار زیٛبہٕ کأنی، جانہٕ بٹہٕ، ووستہٕ غفوٗر، غنی جُو بیترِ چھِ اَمِکۍ زندٕ
ثبوٗت۔ کأمِل چھُنہٕ پننٮ۪ن کردارن پہہِ انان بلکہِ چھُ سُہ کردارن پننہٕ میٖڑ منٛز
ژأرِتھ تِمن شخصیژکۍ نۆوۍ انہارتہٕ نفسیأتکۍ نۆوۍ طرح عطا کران۔ کأمِل نِن
افسانن منٛز چھِ سیأسی، سمأجی، اخلأقی تہٕ معاشرتی بحرانکۍ تِم سأری اشارٕ
میلان یِیمہِ بُحرانکۍ کأشرِ بن 1947ء پتہٕ تجرُبہ پیوٚ کرُن۔ یِم سأری اشارٕ تہٕ
نقوٗش چھِ ورگہٕ پأٹھۍ تہٕ اشارن منٛز کأمِل ہِندٮ۪ن افسانن منٛز میلان۔ اکہِ
دورِچ مکمل دگ تہٕ کرب چھُ کردارن، مکالمن، واقعاتن تہٕ افسانوی پوٚت
منظرتہٕ پسِ منظرٕ سی جایہِ جایہِ اظہار لبان۔ کأمِل چھُ پننٮ۪ن افسانن منٛز خأرجی
حقیقژن ستی ستی تِمن دأخلی قوّتن تہٕ نفسیأتی سِترٕن تہِ تلاش کرنٕچ کوٗشش
کران، یُس نۆوۍ نۆوۍ منٛزل بدِ کڈنس منٛز یِہنٛدی معاون تہٕ مددگار بنان چھِ۔
امہِ طرٕچکۍ نقوٗش چھِ اسہِ یِہنٛدٮ۪ن یِمن افسانن منٛز میلان۔ لاگ، جہنمی، أنہٕ
بیترِ۔ ظرافت تہٕ طنٛز چھُ یِہنٛدِ افسانوی اسلوٗبُک اکھ منفرد پہچان۔ ''کوکر جنگ''
افسانہٕ چھُ امِچ بہترٮ۪ن مثال۔ اَتھ کتھِ چھُ اکھ کأشُر نقاد یِیمہِ آیہِ ووٚکھنے
کران:

''کأشرِس افسانس منٛز چھےٚ ظرافت پٮ۪ٹھِس کمالس پیٹھ کوکر جنگ
افسانس منٛز میلان''۔

تہٕ نیب رسالکۍ مدیر چھِ ۲۳ ر ہمہِ شُمارٕ کس ایڈیٹوریلس منٛز ''کوکر

جنگ" افسانس منز ظرافت ہٕکس موضوعس پیٹھ کتھ کران ییٚمہٕ آیہ پنٕنۍ راے ووکھناوان:

"امہٕ افسانچ (کوکر جنگ) ظرافت چھنہٕ جٹن، چاٹن پیٹھ مشتمل بلکہٕ چھےٚ یہٕ سو ظرافت یوسہٕ طنز چہٕ لطیف مِل مِشہٕ ستی چیزن، واقعاتن تہٕ کردارن ہنٛدس حقیقتس اٚنزی منزی گرشھنگ موقعہٕ تہٕ حوصلہٕ دِوان چھ"۔

کأمل ہٕنٛد بن افسانن ہنٛز منفرد موضوعی، ہیٚتی تہٕ تکنیکی شناخژ کہٕ حوالہٕ چھہٕ جیالال کول پننہٕ کتابہٕ سٹیڈیزان کشمیر اندر ییٚمہٕ آیہ پننہٕ رایہٕ ہُنٛد اظہار کران:

"امین کأمل ہنٛز "کتھِ منز کتھ" سوٚمبرنہٕ اند ر درج داہوَے افسانہٕ چھہٕ ممتاز۔ اَتھ منز چھُ شاہکار "کوکر جنگ" یَتھ منز شاہ مال تہٕ جانہٕ ہٕنٛز ہنٛدی یادگار کردار چھہٕ، ییٚم تِہنٛد بو کوکرٕ وہنٛدی ڈٕسی ووتلاونہٕ چھہٕ آیتی۔ "جہنمی" یَتھ منز وقتہٕ کین حُکمرانن تہٕ سرکارن پیٹھ زبردست طنز چُھ۔ "نوٚوتاون" یَتھ منز اخلاقی ڈیٚبرِچ تصویر کشی چھےٚ، "پوٚت کل" یَتھ منز گامہٕ چہٕ أکس بےاولاد زنانہٕ ہُنٛد نفسیاتی مطالعہٕ چُھ۔ "أنہٕ" یَتھ منز أکس عُمر رسید شخصہٕ ہٕنٛدِ دُبارٕ گوٚمُت محبت چُھ۔ "پینٛڈ پُرن" یَتھ منز زمین چہٕ نوِ زرأعتی پالیسی بدولت لوٗکن ہنٛد بن اخلاقن، انسأنی رشتن اندر تبدیلی متعلق اہم نوکتہٕ چھہٕ۔ یہٕ چُھ جان تنوع مگر تمام افسانہٕ چھہٕ پننہٕ پننہٕ جایہٕ سٕہ معیار پٔراوان یَتھ منز مثلن "آبہٕ سرتہٕ گنہٕ پل" اکھ ماحول پأدٕ

کرنس منز کامیاب چُھ یُس دباونہٕ آمتہٕ محبت چہِ وَلوَلہٕ انگیزی
موأفق چُھ، تتِھٕ زبأنؠ منز یوسہٕ پٔننہِ سادگی، نفاستہٕ اثر پذیری
ہِکنؠ غأر معمولی چھےٚ''۔



## مطالعہ کُتب

١)امین کامل 'کتھ منز کتھ' (افسانہٕ سۆمبرن)

٢)انہار(افسانہٕ نمبر) شعبہ کشمیری، کشمیر یونیورسٹی

٣)غلام نبی خیال، کاروانِ خیال، کشمیر رایٹرس ایسوسی ایشن

٤)جے، ایل، کول، دی سٹیڈیزاِن کشمیری

٥)منیب الرحمان، نیب (فایل)

٦)مسرت اقبال، واد، (فایل)

٧)نیرجامٹو، Contentporary Kashmiri short stories

٨)رتن لال شانت، افسانہٕ کیا گۆو، شعبہ کشمیری، کشمیر یونیورسٹی

٩)روپ کرشن بٹ) ترجمہ کار) ہندوستانٕی افسانہٕ، ساہتیہ اکادمی نٔو دِل

١٠)ظفر مظفر (ایڈیٹر) شیراز، خصوٗصی کاٗمل نمبر

# اخترمحی الدینٕنین افسانن منٛز تأریخیت

مشہور مورخ جی۔ایم۔ٹریولیان (G.M. Trivlyon) سُند قول چھُ زِ:

''تأریخی ناول یا داستان چھنہٕ تأریخ مگر یہِ چھےٚ پٔنن وجود تأریخ نِش دریافت کٔرتھ اتھ متعلق پٔنن ردعمل باوان۔تأریخی ناول نگار چھِ پتھ کالس متحرک تہٕ زندہ زٕو بناوان،مگر امیک مطلب چھُنہٕ واقعات زندہ زٕو بناوِنی تہٕ توٚے ہیکو نہٕ اتھ تأریخک ناو دِتھ''

یِزر چھُ زِ جرمن تأریخی سکول کس دایرہ اثرس تحت آیہِ ادب تہٕ تأریخ زٕ متوٲزی تہٕ متضاد علمی شعبہ تصور کرنہٕ۔امہِ سکول کہِ نظریہِ مطأبق چھُ تأریخ سَنو، واقعاتو تہٕ شہادتو ستی بٔرتھ تہٕ توٚے ہیکون نہٕ یہِ ادب کِس زُمرس منٛز شأمل کٔرتھ۔قدیم تأریخ دانو ہیروڈاٹس تہٕ تھیوسی ڈایڈس پٔتھ ٹریولیانس تام چھِ تِتھی وارِیاہ تأریخ دان یمن ادبی فن کاری ستی یمن ہنٛزن تأریخن پوشہٕ ون حُسن، تہٕ عوامی قبولیت حأصل سپز تہٕ کِہن ہندیو اتھولوٚب تأریخی شعبن بے مثال تہٕ یادگار ادبی انہار۔

دویمہِ جنگہِ عظیم پتہٕ یُس نوٚو تصور تأریخس متعلق بارس آو تمہِ کِس نتیجس منٛز گیہِ وارِیاہ رِوایتی تأریخ نویسی ہٕندی اصول رَد، یمن منٛز فردن،

واقعاتن، سیاسی حادثاتن، انقلابن تہٕ تحریکن ہٕندس مطالعس پٮ۪ٹھ اوس یوان زور دِنہٕ۔ اتھ مقابلہٕ دیوٚت جدید تأریخ نویسی، شاہی افرادن، سیاسی شخصیژن، سیاسی حالاتن تہٕ واقعاتن ہٕندس تسلسلس کھوتہٕ زیادہ قومن یا لوٚکن ہٕندس اجتماعی لسنس بسنس، انسانی ادارن، مثلاً زبان، ادب، مذہب، سماجیات، اقتصادیات، اجتماعی، ذہنی روین، قومن ہٕندس ذہانتس، تکنیکی ووتھ واتھس، ثقافتی نہجن، فکری تراین، سماجی گرتس تہٕ انسانی تنظیمن ہٕندس مطالعس پٮ۪ٹھ زور۔ تأریخی موضوعن یُس وہراوتہٕ وُسجار ۲۰ ہمہٕ صدی منز لوٚب۔ تمہٕ ستی لوٚگ تأریخی آگرن ہٕندس دایرس سبتھاہ وہراو۔ قدیم یا وسطی تأریخ نویسی منز ییتہٕ تذکرن، تحریری مسودن، فلسفیانہٕ تشریحاتن، تأریخی کھنڈراتن، سرکاری ضربس تہٕ پتھ موژبن ہٕندس مطالعس پٮ۪ٹھ اوس یِوان زور دِنہٕ، تتہِ آو نوِس تأریخی تحریرس منز زبان، ادب، اسطورن، نفسیاتی تہٕ سماجی علومن ہٕندس تقابلی مطالعس پٮ۪ٹھ زیادہ اصرار کرنہٕ۔

پرٛتھ کانٛہہ فنی تجربہ، ادبی تخلیق یا علمی کوٚشش یا مطالعہ چھُ زمینی سوٚتھرس پٮ۪ٹھ زمان و مکانہٕ کِس دایرس منز انسانی معاشرس منز رونما سپدن والین تبدیلین ہُند انفرادی یا اجتماعی فکری، لسانی، تأریخی، نظریاتی یا نفسیاتی سونچہٕ ارضتک اظہار آسان۔

ییتہٕ سماجی مورخ، ماہر نفسیات، ماہر عمرانیات تہٕ صحافی مختلف خارجی سرچشمن یا ماخذن ہٕندس بنیادس پٮ۪ٹھ تجزیاتی صداقتس پٮ۪ٹھ مبنی بیانیہ یا تجزباتی مطالعُک اکھ خاکہ پیش کرتھ امہِ کِنہ بنیادن پٮ۪ٹھ پننہٕ نتیجن ہُند تعمیر

کھڑا کران چھُ تتہٕ چھُ أدیب بصارت تہٕ بصیرتکی ساری بدس ول استعمالس منز أنتھ تارِیخی صداقتن ہُند تمہِ آیہِ مطالعہٕ پیش کران یمہِ کِس پوت منظرس منز کانٛہہ تہٕ تارِیخی صداقت، یزٕ ریا واقعہٕ پتن سورے بیرون تہٕ اندرون ہیتھ یمن منز انسأنی احساسات، جذبات، تمنا، آرزو، خواب، شکست، خوشی، مایوسی، اُمیدی تہٕ نا اُمیدی منظرتہٕ پوت منظر ہیتھ تِتھ پأٹھی نوٕ ہِ تہٕ نوہنہٕ آیہِ ترتیب دِوان چھُ یمہِ کِنی زندگی لرِ لور تخلیقی سوتھرس پیٹھ اکھ فنی کاینات وجود پراوان چھُ یمکی سرحد زمانہٕ و مکانہٕ کِنی دأیرن نبر تہٕ کاڈ کڈتھ چھِ آسان۔ یم بدس فنی ول چھِ ادبی تارِیخس محدود کاٹھ گرِ منز آزاد گرتھ ادبی کلچرکس وسعی زمرس منز تبدیل گرتھ، ادب پارن ہٕندس متنس نوہنہٕ معنوی امکاناتن تہٕ دریافتن ہُند اکھ مولل عجأیب خانہٕ بناوان۔

کانٛہہ تہٕ معیاری ادبی تخلیق چھنہٕ سیدٕ سیوٚد تارِیخی واقعاتن تہٕ حالاتن ہُند چشم دید بیانیہ آسان بلکہ چھُ یہِ ورگہٕ پأٹھی تخیلی توڑھ تہٕ أدیب سند ذأتی فنی ہُنرمندی ہٕندِ بدولتہ تارِیخی یا عصری صداقتن ہُند اکھ فنی بازیافت یا دریافت آسان۔ ادبی متن چھنہٕ تارِیخ آسان بلکہ تارِیخی تژاین گژاین نسبتھ اِشارأتی، علامتی تہٕ تمثیلی اظہار آسان۔ اکھ مستند تہٕ معتبر تارِیخ ترتیب دِنس یا تہذیب کرنس منز چھِ یم غأر منضبط اِشارٕ أکس تارِیخ دانس آگہی، شعورٕ کہ تہٕ ادراککی نوی اِمکانات بدِ کڈنس منز سبٹھاہ مددگار ثابت سپدان۔

امہِ بروٚنٛہہ زِ اتھ پوت منظرس ہیمو أسی اخترنین افسانن منز تارِیخیت کِنی آثارن سام اکھ کتھ چھےٚ ذہن نشین تھاوٕنی سبٹھاہ ضروری زِ اختر محی

الدین نہ چھُ کانٛہہ پیشہ ور تأریخ دان تہٕ نہ چھُ کانٛہہ ورکنگ صحافی تہٕ نہ چھُ عکس بند کرن وول فوٹوگرافر۔ سُہ چھُ اکھ بالغ نظر تہٕ فنی طور پوٚختہٕ تہٕ تجربہ کار افسانہٕ نگار۔ یُس کردارن، مکالموتہٕ کہانی ہٕندہ ذریعہ زندگہ ہٕنزن حقیقتن صداقتن تہٕ شکستن تہٕ تضاداتن ہنز تخلیلی تہٕ تخلیقی بازیافت کران چھُ۔ سُہ چھُنہٕ أکس صحافی، فوٹوگرافر یا تأریخ دان سٕندی پأٹھی واقعاتن تہٕ صداقتن ہُند اکھ سپارٹ، بےٚ زُوتہٕ غار متحرک منظر پیش کران بلکہ چھُ سُہ کردار، بیانیہ تہٕ مکالمو ذٕسی معاشرس ستی متصادم مختلف النوع کِنہن افرادن ہُند سوٚن ووٚگُن۔ تِہندی تضادات، تِہندی ذہنی وطیرہ، تِہندی خواب، تِہندی شکست تہٕ تِہندی نفسیأتی کشمکش درشاوان۔ ووٚنی گوٚ یِمن کہأنین ہٕندِ پلاٹ کِنہن پوٚت منظرن منز چھِ اجتمأعی عصری زندگی ہٕندی، کہیا پزٕ مخصوص تأریخی وقتکی، کہیا صداقتہٕ، اِشارن، کردارن، علامتن تہٕ واقعاتن ہٕندس صورتس منز جلوہ گر سپدان۔ تہٕ یِم فنی تمثیلہ چھِ أکس خاص دورس منز رونما سپدن والین تأریخی صداقتن کُن علامتی اشارہ کران۔ تہٕ یتھٕ پأٹھی چھُ پیشہ ور تأریخ دانن خأطرہ تأریخ نِوہ آیہٕ ترتیب دِنس منز یِمن ادبی یا افسانوی شہاداتن تہٕ اشارن ہُند سبٹھاہ عمل دخل آسان۔

یوٚدوَے زن اختر محی الدین کأشر تواریخہ کہِ حوالہٕ أکس تِتھِس وقتس منز تھنہٕ پیوٚ یُس سیأسی منظر کہِ حوالہٕ سبٹھاہ انقلاب انگیز دور اوس تہٕ یِمن حالاتن ہُند اثر یِہندِس تخلیقی ذہنس پیٹھ پیوٚن اوس لأزمی۔ 1932ء پیٹھ 1948ء تام یِم سیأسی تہٕ تأریخی تبدیلیہٕ کأشرس تأریخی منظر نامس پیٹھ رونما سپزٕ

بحیثیت اکھ ذی حس تہٕ زیرک اٗدیبہٕ ہٕنٛدِ حیثیتہٕ اوس یمن سارنے تبدیلین ہُند ژینُن تہٕ ژھٕرُن اکھ شعوری عمل تہٕ یِیلہِ 1950ء پتہٕ اختر محی الدینن باضابطہٕ پاٹھۍ افسانوی ادبس دس ثُل، تمۍ ہٕنٛدس شعورس منٛز یمن معاشرتی صداقتن لرِلوٗ رٮ۪یُس تاریخی شعور گیتھ اوس، سُہ ہیوٗتن مختلف افسانن منٛز مختلف کردارن، مکالمو کہانیو تہٕ بیانیو ذریعہ اظہار پراوُن۔

''شینہٕ جنگ'' افسانُک منظر تہٕ پوٗت منظر چھُ اکہِ طرفہٕ کُنوہمہِ صدی ہٕندس وسطس منٛز شہر خاص کہِ کارخانہٕ داٗری ہنٛز بناوٹی وضع داٗری، خواجگی، سماٗجی منصب داٗری، ظالمانہٕ تہٕ غاٗرانساٗنی برتاوُک تخلیقی اظہار تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ چھُ سٚۄنہِ موٗ زوٗرن یا شہری کھنڈ واون ہنٛز بے کسی، مجبوری، ناداٗری تہٕ غربتُک اکھ دردناک تصویر پیش کران۔ 19ہمہِ صدی منٛز یِیلہِ یورپس منٛز اعلیٰ تہٕ اقتداٗری خاندانن منٛز کاشُر شال نفاست پسندی تہٕ منصب داٗری ہٕنٛدِ علامتہٕ رٮ۪نگی وچھنہٕ یِوان اوس تہٕ امہِ نسبتھ اٗس کاشرِ بن شالن یورپی بازرن منٛز سبٹھاہ منگ۔ بارسوخ تہٕ پوٗنسہٕ واٗلۍ کارخانہٕ داراٗسۍ شہرِ سرٛینگرس منٛز نادار کاٗریگرن استحصال کٔرتھ دوہس راتس شالہ پٮ۪کن پٹھ کاٗم کرناوِتھ یہِ ڈٟلۍ زِتہٕ اٗچھن ہُند گاش تام مُہتھ نِوان تہٕ اتھ عرق ریز محنتس بدلہٕ اٗسۍ یمن کینٛہہ ٹانٛکہ دِتھ پنٕہ نٟمن رنگہٕ مندوربن تہٕ زوٗنہِ ڈبن زوٗل کرناوِتھ شاٗہی تہٕ سرکاٗری پرٛھن مہمان بناوِتھ تھٕندہ عیش و مستی ہٕنٛدۍ سامانہٕ مہیا کران۔

خوجہ موٗمہٕ چھُ امی استحصاٗلی طبقچ نمایندگی کران یِیلہِ زٕ ٹٮ۪ری جوٗ فاقہٕ ہتٕین، شانشہِ لدن تہٕ غریب کھنڈ واون ہنٛز نمایندگی کران چھُ۔ چونکہِ شال کاروبار

اوس سرکأری آمدنی ہُند اکھ بوٚڈ ذریعہ، لہٰذا اوس سرکارِ وقتُک سورے ڈۆ کھ ظالم کارخانہٕ دارن حأصل۔ تہٕ تِم اُسی یِمن کھنڈواون پیٹھ محض روزگار بدس تھاونہٕ کِس بہانس تل پرٛتھ قسمک ظلم تہٕ جبر روا تھاوان۔ ملکی قانون مطأبق ہیکہِ ہانہٕ کانْہہ تہٕ شالباف پننہِ مرضی اکھ کارخانہٕ ترٛاوِتھ بییس کارخانس منٛز کأم کرِتھ۔ یوہے چھُ سہ وق ییلہِ ہتہٕ بُدی کأشری شالباف ژُواتھن کبتھ تھأوِتھ کشیر پیٹھ پنجاب کُن ہجرت کرنس پیٹھ مجبور گیہِ تہٕ امرتسرس منٛز چھےٚ ازتہٕ کأشرِ بن شالبافن ہنٛز اکھ بستی یِم سکھ تہٕ ڈوگرہ دورس منٛز سرکار تہٕ کارخانہ دارن ہُندہ ظالمانہٕ برتاوٕ کِنۍ ہجرت کرنس پیٹھ مجبور گیہِ۔

شالبافن ہنٛد بن دوکھ زد حالاتن نسبتھ چھُ رابرٹ تھورپ یتھٕ پأٹھۍ Cashmeer Misgovernment کتابہِ منٛز چشم دید حالتن ہُند نقش پیش کران:

"The most detestable piece of oppression committed against the shawlbaff is, however this, that none of them are permitted to relinguish their employment without finding of substitute which, of course, it is almost always impossible to do. The shawl baaf may become half blind due from the nature of the work. He may contract other diseases, which the sedentary life and the foetid atmosphere of the low rooms engender and ripen.

کُنوہمہِ صدی ہُندس شیٚمس ڈہلس منٛز ییلہِ داغ شال ادارُک تہٕ امہِ کیٚن افسرن ہُند ظلم تہٕ کارخانہٕ دارن ہُند شالبافن پیٹھ ظلم ہَری پیٹھ گوٚو، تمو کوٚر 29/ اپریل 1865ء اکھِ منظّم شالباف تحریک ہُند ابتدا۔ شہر سرینگر کیو

طرفاتو پێٹھ سمے یہ موٚ زور زال ڈگرس منز، تمو زول داروغہ شال، راج کاک در سُند پُتلہٕ۔ موٚ زورن ہُند احتجاج دباونہٕ خاطرٕ کوٚر کشیرٕ ہُنڈی گورنر کرٛ پارامن فوجُک امداد طلب۔ کرنل بھجے سنگھن یُس فوجُک کمانڈر اوس کوٚر شالبافن پێٹھ گولین ہُند روٗد۔ پان بچاونہٕ موکھ ییٚلہِ احتجاجی موٚ زور وژنٕچ کوٗشش کرہتہٕ بٔڈی پھٔڑ حاجی راتھر جایہِ دریاوس۔ ۲۸ بے گناہ شالباف گیہِ از جان۔ کشیرِ ہنٛدِ ہ تحریکہِ آزآدی منز چھُ شالبافن ہنٛز ہ اتھ تحریکہِ سبٹھاہ اہم مقام حاصل۔ اختر محی الدین سُند افسانہٕ ''شینہٕ جنگ'' چھُ اُتھی ہیومن المیہ ہس کُن اِشارٕ کران تہٕ یہِ حقیقت تہِ چھےٚ برونٹھ کُن یِوان زِ سرکار اوس نہٕ صرف ظالمانہٕ وٕلن ہُند اجازت دِوان بلکہٕ اوس سرکارٕ کس شہس پێٹھ لوکل حاشیہ بردارن ہُند اکھ بوٚڈ حصہٕ پنہٕ نبن وطنی بے کس باین پێٹھ ظلم وجبرٕ کی پہاڑ تہِ گراوان۔ تہٕ یتھ پأٹھی اوس انصافس پێٹھ مبنی پرٛتھ احتجاجی آواز دباونہٕ یِوان۔ خواجہ ممہ چھُ امی اِستحصألی طبقٕچ نمائندگی کران۔ سُہ چھ شاتٕنشل، فاقہٕ ہتٕس وانسٕٹھ نٔبرٕی بُڈس تہٕ تمی ہند بن سأتھی شالبافن چلے کلان چہِ شٔشرٕی تر منز تمن پٔنُن من رنز ناونہٕ کہٕ غرضہٕ ننگے تہٕ ننہٕ وورے شٔینس پێٹھ وونتہٕ دمبألی کرنُک حکم دِوان۔ تہٕ یہے تہٕ چھےٚ افسانہٕ کس مرکزی کردار شالباف نبری جوس سینس ترٛتھ گرٛتھ موتک پأغام ہبتھ یِوان۔

کمر پھٹر اوان وألس سرکأری ٹیکسس، داغ شال ادارٕ کین ظألم افسرن ہٕندس برتاوس تہٕ کارخانہٕ دارن ہٕندس جأبرانہٕ رولس خلاف 1865ء بغاوت چھےٚ یمنے حالاتن تہٕ اسبابن ہُند نتیجہ۔

''آدم چھُ عجب ذات'' افسانہٕ یوٚ دوَے حُسن فطرت تہٕ انسأنی جذباتن تہٕ نفسیأتی کشمکش درمیان فرد ہندہ خود سپردگی تہٕ فناسپد نچ اکھ دلدوز کہانی چھےٚ مگر ملہٕ سبحان ہندس نچوٚس رمضانس یُس جود وطن عزیز۔ کس قودرتی حُسنہٕ گنج ؽکس پوٚت منظرس منز فناکس سرحدس تام واتناوان چھُ تتھ پتّی۔ کنی چھُ اکھ بوٚڈ تأریخی گأیلہٕ مضمر۔ ڈلس منز روزتھ حُسن قدرت کین نظارن ہُند چشم دید گواہ أستھ تہٕ چھنہٕ رمضانس توت تام پننہِ ماجہِ وطنہٕ کہِ قدرتی حسنگ کانٛہہ انداز آسان۔ تِمس چھےٚ کٔشیر ہٕندس پرٛتھ چیزس ءستی نفرت آسان۔ سُہ چھُ پرٛتھ تِمس یوٗرپی سألانس ٹأنہ ژٹان یُس تہندس ہاوس بوٹس منز روزتھ کٔشیر ہندہ حسنگ شیدأیی بٔنتھ تعریف چھُ کران۔ مگر افسانٕک پلاٹ چھُ تمہِ ساتہٕ اکھ نوٚو موڑ رٹان یێلہِ ملہٕ سبحانن نچو رمضانہٕ رنگروٹ بٔنتھ مغربی یورپ گژھتھ عالمگیر جنگس منز برطانوی سامرأجی فوجس منز شأمل گژھتھ جرمن اتحادی فوجس ءستی لڑنہٕ باپت شأمل گژھان چھُ۔ جنگ عظیمچ مألی تہٕ جأنی تبأہی وچھتھ چھُ رمضان ؽنس نفسیأتی تہٕ ذہنی رٕویس منز یکسر تبدیلی یِوان۔ مأدی آسودگی تہٕ تبأہی ہنز کشمکش دوران چھُ تِمس پننہِ وطنہٕ عزیزُک لول تہٕ ابدی حُسن رُمس رُمس سَنان۔ سُہ چھُ حُسن فطرت کین نظارن منز پوشہٕ ؤنہٕ انسأنی لولُک تہٕ روحأنی سکوٗنُک نہٕ ژھوکن وول سرچشمہٕ لبان۔

افسانٕک یہِ موڑ چھُ یتھ کتھ کُن تہٕ اشارٕ کران زِ سامرأجی طاقتہٕ۔ کتھٕ پأٹھی أسی پننہِ قومی غأرت تہٕ آزادی ہٕندہ حفاظت خأطرٕ پننہٕ نٔبن نوآبأدین ہٕندبن شہرِین دور دراز سرحدن سوٗزتھ پان چھپہِ ڈِنس پیٹھ مجبور کران تہٕ یپأرٕ أسی

نوآبادین ہندِ بن لۆکن بنیادی انسانی تہٕ سیٲسی حقوقن نِش محروم تھاوان۔

جدید تٲریخی ضابطن تہٕ اصولن ہٕندس بنیادس پیٹھ چھِ قومن ہٕنز صحی تہٕ معروضی تاریخ بدہ کڈنہٕ خاطرٕ ووِنی ربوٲیتی، تٲریخی آثارن لرِلو ردویمین علمی تہٕ فنی شعبن کُن توجہ دِنس پیٹھ زور یِوان دِنہٕ۔ نوبن تٲریخی تجزیہ نگارن ہُند وُنن چھُ زِ ربوٲیتی تٲریخی آثارن مقابلہ چھِ ادبی آثار متن تہٕ تناظر ہیتھ کُنہِ تٲریخی صداقتُک یا واقعہک خارجی تہٕ داخلی انہار سارے شِدت تہٕ محسوسات ہیتھ برونٹھ کُن انان تہٕ یتھ کُنی چھِ پرن وألس برونٹھ کنہٕ کُنہِ دورِچ تٲریخ زندہ تہٕ متحرک بِنتھ دیدن تل یِوان۔ اِقتدٲری طبقہٕ بدلہٕ ادارن ہٕندس مطالعس پیٹھ زور دِنہٕ ستی چھُ نوتٲریخ نویسی کرنزن بدلہٕ قوم یا معاشرٕ کس رۆحس سمجھنہٕ خاطرٕ ونتشاوان۔ بقول کولن لیوکاس Collin Lucas:

> ''نوِ تاریخُک بنیادی خیال چھُ یہِ زِ یتھ کال گرٛھ ہِیُن نظامن تہٕ ڈھانچن ہٕندس صورتس منز زانُنہٕ۔ یتھ تناظرس منز چھنہٕ ڈھانچُک معنی محض سماجی ڈھانچہ بلکہ زیادٕ ضروری پوشہٕ وُن، طبعی، مادی تہٕ ذہنی ڈھانچہ یمن ہٕندِ بن سرحدن أندرٕ أندرٕ انسانی افراد تہٕ تِہُند اجتماعی برتاو چھُ نظر بند۔ تٲریخ گرٛھ ہِیُن زانُنہٕ سسٹم تہٕ سٹرکچر کہِ مشترکہ نتیجہِ کِس صورتس منز۔ یتھ منز پرتھ أکس پٔژن اکھ اندرونی ربط تہٕ تسلسل آسہِ، تہٕ یمیک بازیافت یا دریافت کرن تہٕ تتھ نمایش کرٕنی تٲریخ دان سُنز ذمہ دٲری آسان چھے''۔

تٲریخ نویسی ہٕندس اتھ سرتازہ نظریہس تحت أسی یٖیلہِ اختر محی الدین

نٔمن افسانن ہُند مطالعہٕ کٔشیرِ ہٕندہ تاریخی حوالہٕ کران چھِ، تتھ کٔہیا تاریخی نقطہ چھِ بروٚنٹھ کُن یوان یِمن کُن نہٕ سانٮ۪ن پیشہ وَر تاریخ دانن ہُند ظوٗن یاتہٕ گوٚمُت چھُنہٕ یا چھُکھ مصلحتس کأم ہیتھ یا عدم تحفظ کِس شدید احساسس تحت اُچھ وٕٹنٕج شعوری کوٚشش کٔرمٕژ۔ مگر اختر محی الدین چھُ یِمن تأریخی، سمأجی تہٕ اجتمأعی نفسیات کِبن چھوکن تہٕ دوٚکھن تمہِ فنی چابکدستی سان افسانوی کردارن، واقعاتن تہٕ مکالمن تہٕ تمثیلو تہٕ علامتو ذریعہ بروٚنہہ کُن انان زِ فنی جمالیات کِبن اصولن زکھ یا دَدار واتناونہٕ بغأر چھُ واقعاتن تہٕ کردارن پوٚت ژھایہِ عصری صداقتن ہُند روح گرایہِ ماران لبنہٕ یوان۔ کٔشیرِ ہٕنٛدِ حوالہٕ اوس تس عصری تأریخی حأدثاتن تہٕ تبدیلین ہُنٛد سرٕ ون احساس۔ نیا کشمیر کس قوم پرست تہٕ خود مختار سیأسی تہٕ معأشی شعورُک اوس تٔمس صحیح فہم و ادراک۔

1948ء پتہٕ یِمن داخلی تہٕ خأرجی سازشن تحت پنہٕ نوٚ تہٕ پردٕو ذریعہ وطن عزیزُک آزاد تہٕ خود مختار قومی وجود ختم کرنچہِ سأزشہِ رِگند نہٕ آیہِ۔ 1953ء پتہٕ بتہٕ گردنن ہنٛز لالچہِ تحت سیأسی غنڈہ گردی، انتقام گیری تہٕ کنبہ پروری ہُند یُس دور شروع سپد تمہِ ستی یتہِ کٔشیرِ ہُند سیأسی وجود مجروح سپُد تتہِ آو کأشرِ معاشرتی زندگی منٛز تہِ انقلاب انگیز تبدیلیہِ۔ کأٔلکی ژھوٚٹہٕ کھٔری بنےیہِ ذی عزت سمأجی منصب دار تہٕ امہِ معأشی ولہٕ گتنہِ ستی آیہِ کأشرِ سمأجی زندگی منٛز تتھی طبقہٕ بارسس یِمو پوٚنسہٕ اقتدار تہٕ دولت کِس بل بوٚتس پٔٹھ سمأجی تہٕ انسأنی قدرن تہٕ مونجہِ کرِ تہٕ ہوس پرستی، جنسیت تہٕ بدکرداری کأشرِ معاشرتی زندگی ہُندی اژھٕن انگ بنےیہِ۔ اختر محی الدین اوس یِمن سارنےٕ حأدثاتن ہُند چشم دید گواہ۔ تہٕ یِم

سارے لرزاون واجنہِ صداقتہٕ چھےٚ اختر نئن کہیا افسانن منز میلان۔ یمن منز ''معصوم گونہگار''، ''ونن مابنم''، ''چھا کانسہِ سامرت'' بیترِ ہ بیترِ ہ۔

1952ء کہِ نہرو عبداللہ اکارڈ پتہٕ ییلہِ ہندوستان کس سیأسی منظرنامس پیٹھ ہندوستانس منز کشیرِ ہ ہنٛدِ مکمل اتحادٕ کہ حوالہِ دچھنہِ درِ کیو سیأسی جمأژو کانگریس چہِ کشمیرِ پالیسی خلاف ملک گیر ایجی ٹیشن شروع کُر۔ ہندوستان کِس سیأسی قیادتس آو امیک حل شیخ محمد عبداللہ سنٛزِ برطرفی منز لبنہٕ تہٕ یہِ منصوبہٕ آو 9 راگست 1953ء منز پرایم منسٹر شیخ محمد عبداللہ تہٕ نہرو سُند اکہِ وقتُک یارجأنی برطرف کرنہٕ ستی تہٕ پرایم منسٹری ہُنٛد منصب شیخ محمد عبداللہ سندس اکہِ وقتہٕ کِس بھروسہِ مند ساتھیس حوالہِ کرنہٕ ستی عملہِ منز انہٕ۔ 1953ء پیٹھ 1964ء تام یُس زژُر کشیرِ ہنٛدہ آئینی خودمختاری مختلف مرکزی قانون لاگو کرتھ ژانہٕ آو۔ تتھ خلاف عوأمی احتجاج تہٕ غوصہٕ دباونہٕ باپتھ آیہِ زٕ متوأزی حربہٕ پانہٕ ناونہٕ۔ اکھ حربہٕ اوس سبسڈی کلچرک فروغ تہٕ دویم اوس طاقت کِس بل بوتس پیٹھ عوأمی آرزو ہن لتہٕ مونجہِ کرن۔ اتھ دورس منز آیہِ یم دوشوٕے حربہِ شدتہٕ تہٕ کامیأبی سان پانہٕ ناونہٕ۔ چنانچہ لوُکن ہنٛدی جائز سیأسی جذبات دباونہٕ خأطرٕ آیہِ پیشہ ور مجرمن ہنٛز خدمت تہِ طلب کرنہٕ تہٕ یتھ ریاستی تہٕ مرکزی سرکارچ سرپرستی تہٕ ڈٔکھ تہِ شأمل حال اوس۔ پیس برگیڈُک قیام یمن خفتن فقیر یا 29/15 تہِ ونان اُسی، صحافتہٕ کِس شعبس پیٹھ قدغن تہٕ یہِ اشتہأری غولام بنأوِتھ ظلمس انصافُک ناو دِنہٕ وول تشریح کار بناوُن، محلّہ پریذیڈنٹن تہٕ حلقہِ پریذیڈنٹن پرٕمٹ اجرا کرتھ تمن رأتی راتس منز دولت

مندی ہنٛز سرٹفکیٹ اجرا کرٕنۍ تہٕ افلاس زدٕ لوٗکن رعایتی سرکاری رسدات آیہِ تن تھاوِتھ تہٕ سیاسی مخالفن مختلف اپزۍ تہٕ بےٚ سُند مقدمن منٛز ملوث کٔرتھ جیل خانن منٛز وٕری وادن بند تھاوٕنۍ اوس سرکارٕ وٕنکی کینٛہہ ژھل تہٕ وَل یِم رعایہ عامہ دباونہٕ باپتھ سرکارِ وقت استعمال کران اوس۔

''موصوم گنہگار'' تہٕ ''وٕنن مابنم'' زٕ افسانہٕ چھِ اختر محی الدیٖنٕنۍ یِم اتھ دورس سٕتۍ وابستہٕ تلخ صداقتن، اقتدار مرکوٗز ژوین تہٕ غربت زدٕ شہرۍ ین ہنٛزِ لاچاری تہٕ بےبسی وٕرُن ٹُلان چھِ۔ ''موصوم گنہگار'' افسانس منٛز چھُ اشہِ کاکہٕ دیٖدِ ہُنٛد خاندار گوڈے شخصی راجس خلاف سیاسی تحریکہ دوران شہید آسان گوٚمُت۔ مالِکی ہٕنٛدِ شہید گژھنہٕ پتہٕ چھُ تٔمۍ سُند نیٚچو رام چند کاک نہِ سربراہی واجنہِ سرکارس منٛز جیل تہِ آسان آمُت برنہٕ مگر 1947ء پتہٕ ییٚلہِ عوٲمی حکومت بارٕسس چھےٚ یِوان۔ وطن عزیٖزس پٹھ پان چھپہِ دِنہٕ والین چھُنہٕ کانٛہہ تہِ مازان۔ اشہِ کاکہٕ دیٖدِ ہُنٛدس نیچوس چھنہٕ مالِکی ہٕنٛز شہادت کانٛہہ سوچھ کران تہٕ پتہٕ ییٚلہِ بخشی غلام محمد ہٕنٛدس دورس منٛز عوامی اظہار رائے تہٕ سرکار تہٕ مرکز مخالف احتجاج دباونہٕ خاطرٕ سپیشل پولیس یِمن خوفتن فقیٖر یا 29/15 تہِ حقارت کٕنۍ ونان أسی کینٛہہ کمپنی یہِ بناونہٕ آیہٕ تہٕ یِمن ذی عزت نفرن دستار والن تہٕ اوس آسان۔ اشہِ کاکہٕ دیٖدِ ہُنٛد نیچوٚ تہِ آواُتھی سپیشل پولیٖسس منٛز ریکریوٹ کرنہٕ۔

اشہ کاکہٕ دیٖد اُس پتہ زِ تسٕنٛدس نیچوس چھےٚ باعزت سرکاری نوکری میٖج مٕژ مگر یہِ راز چھُ تٔمس تمہِ ساعتہٕ واشگاف گژھان ییٚلہِ حکم عدولی پٹھ سبکشن آفیسر تہٕ پولیسک کمانڈنٹ اُمس لتہٕ مونڈ کران چھُ۔ ذی عزت نفرن وٕکر

واٗلنہٕ، تھپہٕ دِتھ پونسہٕ لوٗٹِتھ انن تہٕ یہِ تھانہٕ کین افسرن منٛز تقسیم کرُن، یہِ اُس سپیشل پولیٖس کین نفرن ہنٛز کاٗم۔ لتہٕ مونجہِ کرنُک وجہ چھُ اشہِ کاکہٕ دبد ہٕندِ نیچو تہٕ تٔمی ہٕندی ساٗتھی یِتھ پاٗٹھی کران "سیکشن آفیسرن پرژھو سُلی مے زِ توہہ کاٗژا روپیہِ اٗنوٕ۔ مے دوپمس تژے حض یِژھ کمانڈنگ آفیسرس دِژٕ۔ تٔمی دوپ تلا قسم کر۔ میٚہ دوپمس نہ حض قسم کتھ پٹھ کرٕ...... بہٕ کیاہ اپُز وَنا؟ اشہِ کاکہٕ دبد ہٕندس نیچوس ہٕنز کتھ ژٕٹِتھ وۄتھ بیا کھ جوان "یہندی کنٕز گوژھا کہ سون لوکن لوٚٹ کرن بٔیہِ تٔمن اِنتظام ہیوٚن، زِ ییٚژٕ روپیہِ ہسا نیکھ اِژ بٔیہِ با یٔمن..........." "مے ہا چھُ سپنس وُنہِ لگان ترِ ہا پھٹرا ونم، ہیرَن، توتہِ کرنم نہٕ پرژھ"۔ افسانہٕ رَکس اٗخرس پٹھ یِیلہِ لوک اشہِ کاکہٕ دبد ہٕندس نیچوس زندہ لاش ہش ڈانجہِ کبتھ گرٕ رَکس براندس پٹھ تراوان چھِ۔ سوچھے نیچوی ہٕنٛز یہِ حالت وُچھِتھ مس کڈان اِتہٕ پننس بتہٕ خدایس وَدان۔ مگر ماجہِ ہٕندس یتھ سوالس زِ یہِ اڈمور گٔرتھ کٔمی ترونکھ؟ یہِ جواب لٔبِتھ زِ "اَفسرن دپیونم لوکہٕ جلوٗسَس لاے ساکنہِ۔ مے مونمس نہٕ، تٔم اٗسی حقوق منگان۔ ازکل چھنا ساٗری لوٗک حقوق منگان"۔

"ژٕ کتہِ چھکھ نوکری کران" ماجہِ پرٛژھس بمہٕ چاٗرِتھ۔

"خبر ہے تتھ کیا چھُ انگریزی ناو" نیچوی ژھُن کلہٕ بون گُن "مگر لوکو چھُ ناو کوٚرمُت خوفتن فقیر"۔

"خوفتن فقیر"! اشہِ کاکہٕ دیٚدِ زن محلہٕ والو بڈ تھوک بُتھِس لاٗے۔ تس گوو یہِ وٗنِتھ گبگ زن بند۔ تس آیہِ خوفتن فقیرن ہٕندی ساٗری کارکرتوٗت نظرن

برونٹھ کُن ۔ تمہِ اوس واریاہ لٹہِ تِمن وُہومُت تہٕ ازاوُسس باسان زِ نچوس گوم پننہٕ نُے وُہوکارگر''۔

''وٕنن مابنم'' افسانہٕ تہِ چھُ بخشی دورچہِ غنڈہ گردی، لاقانونیتس تہٕ کنبہ پروری، صحافتی برادری ہٕنز بے ضمیری تہٕ ریاستی تہٕ مرکزی سرکارچہِ عوام دشمن تہٕ اَیپن مخالف سازشن ہُند تخلیقی سوٚتھرس پیٹھ پردہ فاش کران۔ افسانس منز چھِ زندہ تہٕ حقیقی کرداریمن منز رشید بخشی، عمہٕ صوفی، رحمان غازی بیترِ ہ نیشنل کانفرنسی عوہدہ دارتہٕ یہندی حاشیہ بردارن ہندِ ہ ذریعہ کتھِ پاٹھی اوس سرکار خِلاف یا ملک خلاف احتجاجی آواز دباونہٕ خاطرٕ پیشہ ورمجرمن ہٕندی خدمات طلب یِوان کرنہٕ۔ افسانک مرکزی کِردار قادر چھان تہِ چھُ اکھ قاتل آسان۔ مگر جُرم نِش بچاونہٕ کِس شرطس پیٹھ چھِ بخشی رشیدنی دہرہ بوج اَمس شہرس منز دنگ فساد کرنس، ذی عزت شہرین دستار والنس تہٕ سرکارس خلاف عوامی غیض وغضب دباونس تہٕ حکومت مخالف سیاسی ورکرن لتہٕ مونڈ کرنہٕ باپتھ اَمی سندہ مجبوری ہُند فائیدہ تُلتھ اَمس بے ضمیری ہٕندس کارس ستی شامل کران۔ پیش چھُ افسانہٕ ''وٕنن مابنم'' منز کینہہ اقتباسات۔ یتھ اِقتباسس منز چھُ قادر چھان افسانہٕ نگارس برونٹھ کینہہ پننہِ گونہک ارتکاب کران وَنان:

''ییلہِ آلوگو'' قادرا............ہیوقادرا''۔

مےٚ حض پزٕ زنو وآلو...... یہٕ اوس عمہٕ کوٚ زھل۔ خبر زانہٕ ہن ما......؟

''اَہن حض زانن ہے تہٕ مےٚ وونس ''یُس نا اسمبلی ممبر

بنوُ وُکھ"۔

آسُے...... یِم حض چھِ مےٚ ونان "ژٕ وَلوژادرتہٕ پکھ آسہٕ ستیٚ۔ بہٕ وۄتھسکھ کوٚتو"۔ عمہٕ وۄتھ "رشید صأب ہا چھے ژھانڈان"۔

رحمانن وۄن "ژٕ مابر غم پکو صفا کدل ہا چھُ وسن"۔

...... بہٕ ژاس تہٕ اتہِ چھُسکھ وِچھان پانژھ اُٹھ زٕنی ............

عمہٕ صوٗفی قاٗدرناٗ تہٕ بیٚیہٕ پانژھ شیٚیہٕ نفر یُتھے حض بہٕ اور ژاس رٔشید صأب حض وۄتھ مےٚ کُن خشمہٕ سان "ہیوٚ بہٕ کہو چھُت خون کوٚرمُت" سے مےٚ حض ژلیہٕ نٹھ نٹھ۔

اُخر حض وۄتھ عمہٕ صوفی "ژٕ مابر پرواے ژٕ بہٕ نایِیٚ کانٛہہ جیل۔ بیٚلہٕ ژٕ یہٕ جیل ہنے، ہیٚلہٕ نین گوڈٕ آسہٕ۔ پندا ہن شتن مترٕ زن مۆ دچانہٕ ستیٚ تہٕ اکھا...... کھسٕنی"؟

وُنہٕ ہا مرن چانہٕ دِی خبر کا تناہ۔ ژٕ کیاز وھگر [illegible] بران۔ باقر آن [illegible] ژے بوزن [illegible] ضرورت"۔

[illegible] کالس ژ اور شید صاب [illegible] ووتھ [illegible] کُن "[illegible]

عاٗش۔ مگر [illegible] بود [illegible] کام۔ [illegible]

[illegible] [illegible] [illegible]

[illegible]

[illegible]"۔

1989-90 ءپتہٕ کشیر ہندس تأریخی منظرنامس پیٹھ مسلح جدوجہدٕ کنۍ یُس انقلاب آو تمۍ ترٲوۍ نہٕ نہ صرف یتہٕ کس سیأسی منظرنامس پیٹھ دوٗررس اثرات بلکہٕ معاشرتی معاشی تہٕ نفسیأتی تہٕ کلچرل سۆتھرس پیٹھ تہٕ گۆو زندگی ہُند پرٛتھ کانٛہہ شعبہ متأثر۔ شک، عدم تحفظ، ذہنی انتشار، اجتمأعی مایوسی، معاشی بدحالی، بداعتمادی تہٕ کٔجر بنے یہٕ کأشرِ ہٕندہ اجتماعی شخصیژکی شِناختی انہار تہٕ آکار۔

سون افسانہٕ نگار اختر محی الدین یُس طبیتاً سبٹھاہ ہشیار تہٕ زیرک اوس یُمس گہرہ تأریخی شعور اوس۔ کتھِ روز ہایمن حالاتن نِش غأر متأثر۔ تمۍ سٔری ذأتی سۆتھرس پیٹھ تہٕ نہٕ مشن وأری چھوکھ تہٕ دوکھ۔ نتیجہ دراو زِ تٔمۍ ہٕندہ قلمہٕ وژلیہٕ واریاہ تمہ مختصر افسانہٕ یم امہِ بوحرانی دورٕکی ترجمأنی کران چھِ۔ یم تمن حقیقتن تہٕ صداقتن أنہٕ ہاوان چھِ یمن کُن نہٕ سانین پیشہ ور تاریخ دانن ظون گۆمُت چھُ۔ امی قبیلہٕ کین افسانن منٛز چھِ۔ ''چھا کأنسہِ سامرتھ''، ''سوٚن ون ناین سوٚن وَن''، ''مرٛ ون یُس نہٕ موٗد''، ''توتن کھاموٗن'' داغ تہٕ ''جلہٕ ہٕندی دندہ پھٔلۍ'' ناوہٕنس لایق۔

بقول غلام نبی خیال:

> ''یم افسانہٕ چھِ از کالچہ کأشرِ سیأسی ووسہٕ دروسہٕ تہٕ سانہٕ أندۍ پٔکۍ کس ماحولس منٛز کینٛہہ شرم ناک تہٕ عفونت لد پہلوٗئن کڈان تہٕ پرن وول چھُ کلہٕ نومرأوِتھ خبر کیاہ سوچنس پیٹھ مجبور سپدان''۔

افسانہٕ ''جلہِ ۂنٛدی دنہٕ پھٔلی'' چھُ دہشت گردی، گن کلچرتہٕ انسأنی حقوقن ۂندس لتہٕ مونجہِ کرنس تہٕ عوامچہِ بے بسی، مظلومی تہٕ لاچأری ہُنٛد بے مثال تخلیقی شاہکار۔

رؤسل کھر والہ نہِ کورِہ جلہٕ اوس بے۔اے۔ایل۔ایل۔بی۔پاس کٔرتھ منصفی ہُندامتحان تہٕ پاس کۆرمُت۔اِنسأنی حقوقن ۂندہ حوالہٕ اوس تمس آینی تہٕ قانونی تحفظاتن ۂند پورہ پور علم۔

''امہِ دوہ اوس کرفیو تہٕ سڑکن پیٹھ اوس صرف فوج۔جل دراپہِ دروازہ نبر تہٕ وؤنن فوجی افسرس:

''بھائی صاحب میرے یہ پتاجی سڑک کے اِس پار جائیں گے۔آپ کی اجازت ہے؟ ان کو پھر واپس بھی آنا ہے''۔

فوجی افسرن ترٲو رسل کھر وألس ہیٛرہ بون نظراہ، کینٛژھاہ جلہِ ۂندہِ حُسنہٕ تہٕ کینٛژھا رُسل کھر والہِ نہِ بجرٕ ستی کملِتھ وؤنُن رسل کھر وإٔلس ''ہاں ہاں! جاوٗ چاچا جاوٗ''۔

............گأنٹہٕ کھنٛڈ گۆو تہٕ نیٛبری۔کٔنی گۆو کیا ہتام کرٛ بکہٕ نادہیوٗ ''او بوڑھے اِدھر آؤ''۔ بیا کھ فوجی آفیسر اوس رسل کھر وإٔلس ونان۔امہِ پتہٕ گٔیہِ وَدن کربکھ۔جل ؤژھ گٔنی دوِ تہٕ سڑکہِ پیٹھ ؤچھن بیا کھ فوجی آفیسر رسل کھر وإٔلس مار دِوان۔جلہِ تُج دَو، مإٔلس کٔرن زِتھف تہٕ سخت ژکھ سان وؤنن فوجی آفیسرس'' کیوں مارتے ہو میرے پیتاجی کو، تمہارے ہی آفیسر نے اس کو سڑک پار کرنے کی اجازت دی تھی''۔

''چلولڑکی بکواس بند کرو۔ چلی جاؤ''۔فوجی آفیسرن وِژ حقارتہٕ سان کریکھ، جلہ گونڈن ہیرِ ہٕوِنہٕ نارتہٕ کھوڑ ٹھکرأ وِتھ ووننس:

''تمہارے ماں باپ نہیں ہیں کیا؟ بکواس تم کرر ہے ہو''۔

..........ہنگہٕ منگہٕ نیلہ نبہٕ تزٹھ پئیہٕ۔جل آیہٕ پتھر وکراونہٕ۔اُمس اُسی سپنس ،گردنہِ تہٕ ہونگنہِ پرِز وڈیمتی''۔

پگاہ ییلہِ کرفیو وۄتھ رسل کھرۄول اوس سڑکہِ پیٹھ اوش ہاران تہٕ کیاہتام ژھانڈان۔ ستی اوس کائنسہِ ہٕندہ پرژھنہٕ ورا ے ونان''اُمس ہاجلہِ ہٕندی دندہ پھٹی،پیتی آسنس پہمتی''۔

یہٕ افسانہٕ چھُ گن کلچرکس سایس تل عوامی بے بسی،لاچأری تہٕ مظلومی ہنز، اکھ وأنج پھلٹہٕ ناون واجبن ڈٔلیل پیش کران۔یہِ چھُنہٕ محض اکھ افسانہٕ بلکہ چھ یہِ اکہِ پۆرٕ دورِچ کرب ناک تأریخ پیش کران۔یس پتہٕ وأ لس پیشہ ور تأریخ دانس صداقتس پیٹھ مبنی تاریخ رقم کرنس پیٹھ ضرور پگاہ مجبور تہِ کرتہٕ معاونت تہِ کرِ۔



## مطالعہ کُتب


۱)اختر محی الدین، ستھ سنگر (افسانہٕ سۆمبرن)

۲)انہار، افسانہٕ نمبر، شعبہ کشمیری، کشمیر یونیورسٹی

۳)سیون وَن نِین سیون نَین (افسانہٕ سۆمبرن)

۴)غلام نبی خیال (ترتیب) شیرازٕ اختر محی الدین نمبر

۵)غلام نبی خیال، کاروان خیال، راول پۆرسرینگر

۶)رُسل پونپرُ (ترتیب) سون ادب، جموں و کشمیر کلچرل اکیڈیمی

۷)رتن لال شانت، أزیُک کأشُر افسانہٕ، شعبہ کشمیری، کشمیر یونیورسٹی

۸)شفیع شوق تہٕ ناجی منور، کأشِر زبان تہٕ ادبُک توأریخ، علی محمد اینڈ سنز سرینگر

۹)نیر جامٹو، Contemparary Kashmiri short stories، ساہتیہ اکادمی

۱۰)پی، این، کے بامزئی، A History of Kashmir، گلشن بکس سرینگر

# نثری جمالیات تہٕ محمد یوسف ٹینگ

ڈوبلٹ اۍج پارکر چھ پنٕنِس شہرہ آفاق مطالعہس "The Principles of Aesthetics" منٛز نثری جمالیاتس متعلق ونان:

''نثری لَے چھےٚ شعری لَیہِ مقابلہٕ بنیادی طور خیالاتن ہٕنٛز نغمأتی حرکت آسان، اتھ منٛز چھنہٕ شأعری ہٕندی پأٹھی کُنہِ شعوری ضأبط بندی ہُنٛد عمل دخل آسان۔ ووٚنی گوٚ ویٚیلہِ زن خیالاتن ہٕنٛز ترسیل لفظن ہٕندی ذٕسی عملاونہٕ یوان چھ، یہِ لَے چھےٚ ازخوداتھ منٛز شأمل سپدان۔ بیٚیہِ چھےٚ بیٚاکھ گتھ یہِ زِ ترکیبہٕ یا شبیہہ چھےٚ بذات خود خیالاتن نِش زنم لبان تہٕ پتہٕ وجوٗد لفظن ہٕندی ذٕسی آشکار کران۔ تخلیقی عملہِ دوران ییٚلہِ ادیب معنی تہٕ مفہوم کہِ حوالہٕ خیالاتن تہٕ شبیہَن درمیان توازن تہٕ تسلسل پأدٕ کرنٕچ کوٗشش کران چھُ نثری متنس چھُ پتہٕ اکھ سازت، حُسن تہٕ نزاکت بدس یوان تہٕ یتھٕ پأٹھی چھِ نثری جمالیاتکۍ واریاہ طرح ادب پارس منٛز ووتلان۔ نثری اظہار چھُ موضوع تہٕ فنٕک حُسن پانس ستی شریکِ کارتھوان یتھٕ پأٹھی اکھ شفاف أنہٕ تمہِ گاشُک رنگ واپس ژھٹان چھُ یُس تتھ ستی ٹکراونہٕ یِوان چھُ''

جمالیات چھُ عِلمِ فلسفُک سُہ شعبہ یُس قدرتی مأرِ منظرَ کس پوٗت منظرس منٛز اِنسأنی زندگی ہُند بَن پُر اسرار تہٕ طرح دار انہارن نسبتھ فردن منٛز حُسن شِناسی ہٕندس ظوٗنس تہٕ شعورس زیٚر دِنچ ترغیب تہٕ تحریک عطا چھُ کران۔ ووٚنی گوٚو فنی یا ادبی اصطلاحس منٛز ییلہِ أسی جمالیات کہِ حوالہٕ کتھ چھِ کران۔ امیُک مدعا یا مقصد چھُ آسان فن پارس یا ادب پارس منٛز زبأنی، اظہار، معنی، مفہوم، خیال تہٕ تجربہ کہِ تعلق تِمن حسین تہٕ فرحت بخش فنی نزاکژن ہُند دریافت کرن۔ یِم پرن وألِس قلبی، بصارتی، نفسیاتی تہٕ ذہنی مسرت تہٕ فرحت ہیٚکن دِتھ۔ ادب پارس منٛز جمالیأتی ورتاوُک مطلب چھُ عموماً مخصوص متن کس دأیرس منٛز فنی نزاکژن تہٕ حُسن کأری ہُند بَن معنوی تہٕ اظہاراتی اِشارن ہٕندہ حوالہٕ سمجھنہٕ یوان۔

پزر چھُ زِ ادب کس نثری اظہارس منٛز چھِنہٕ تِمہٕ آیہٕ جمالیأتی طرح ووتلاوُنکی امکانات بدس ییٚمہِ آیہٕ یِم شاعری یا دوٚیمن فنونِ لطیفن منٛز چھِ، یِمن منٛز مصوری، سنگتراشی، موسیقی، ڈراما یا تعمیراتی نمونہٕ بیترِ شأمل چھِ۔ شأعری منٛز ییٚتہِ نغمگی، سازت، وزن، لَے تہٕ تکرار بیترِ لسأنی وَلوٗستی جمالیأتی عُنصر ووتلاونہٕ یِوان چھِ تتہِ چھِنہٕ نثری ادبس منٛز یِمن شرطن تہٕ تقاضن ہنٛزِ غأر حأضری منٛز جمالیاتُک مکمل ورتاولبنہٕ یِوان۔ نثر چھُ زبأنی ہِند اظہارُک سُہ وَل یُس بےٚ پھرٛوک لہجُک تہٕ گرامرکین روایتی ضابطن ہُند پابند چھُ آسان مگر امہِ باوجود تہِ چھُ نثری ادب بحثیت فن پٔنُن وجوٗد قأیم تھاوِتھ آسان۔ نثری ادب پارس متعلق چھُ یہِ وَنُن زیادہ وَزن دار زِ یہِ گژھِ زیادہ کھوتہٕ زیادہ

مکالماتی اظہارُک اٚیِنہٕ دار آسُن ووٚنۍ گوٚ وادبی ثقافت کہِ مطالعہٕ ستۍ چھےٚ یہِ کتھ تہٕ ووٚنۍ بڑوٚنٛٹھ کُن آمٕژ یمہِ کنۍ شاعری یا نثری شاعری ستۍ ستۍ تجزیاتی یا تنقیدی نثرس منٛز تہِ مختلف لسانی وَلوٕ ستۍ تہٕ مخصوص فنی ورتاوٕ ستۍ جمالیاتی آثار یا آکار ووتلاونہٕ ہیٚکن یتھ۔ یمن منٛز چھُ سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ وَل نثر پارس منٛز ورتاونہٕ آمتین لفظن ہُنٛد سُہ مخصوص ورتاو یمہِ ستۍ نہٕ صرف تہُنٛد لغوی یا لسانی معنی سمجھنَس منٛز اتھ روٚٹ سپدِ بلکہِ گژھِ لفظن، محاورن، ترکیبن، علامژن پوٚت ژھلیہِ تہذیب وثقافتکۍ تم اویدٕ گوشہٕ تہِ دریافت کرنس منٛز معاونت یم انسانی زندگی ہٕندِس حُسنس، پاکیزگی، طہارتس تہٕ ماٚرۍ منظرس پننہٕ نِس دامنس تل جائے شیر تھ آسن۔ خیالاتن، محسوساتن، تجربن، مشاہداتن تہٕ نظریہن ہٕنٛز گژھِ تمہِ آیہِ تعمیر کاری یا شیرازبندی گژھنۍ زِ اظہار تہٕ معنی گژھن اکہِ منہ موہ تہٕ ماٚرۍ مَندِ اتحادُک یا سنگمُک باس دِنۍ۔ دوٕیم کتھ چھےٚ زِ زبانۍ ہٕنٛز سحر کاری ستۍ ہر گاہ نثر پارس منٛز تہِ سازت تہٕ نغمگی ہُنٛد احساس پاٚدٕ سپدِ یتہِ چھُ وار یہس حدس تام نثری جمالیاتس زایُن دِنَس منٛز معاونت کران۔

یوتام تھ زن محمد یوسف ٹینگ نہِ نثر نگاری ہُنٛد تعلق چھُ یم دوشوٕے طرح چھِ اتہِ مطالعاتی تہٕ تجزیاتی سوٚتھرس پیٹھ میلان یمہِ کنۍ یِہند بن مطالعہن منٛز نثری جمالیاتکۍ اٚنیکھ گوشہٕ دریٚنٛٹھۍ چھِ گژھان۔

تنقیدی یا تجزیاتی نثر لیکھنچہِ رِوایژ یوٚدوَے زن کاشر زبانۍ منٛز ہنا ژِپرۍ پہن کاڈ کوٚڈ تہٕ اٚمۍ لوٚب نہٕ سُہ جہار یُس افسانوی یا تخلیقی نثرن پتۍ مین شیٹھَن ستہٕ تھَن وٕرِیین دوران پژوو۔ تتھ چھِ مختلف وجوہات تہٕ تمن

وجوہاتن پیٹھ کتھ کرٕنۍ چھُنہٕ وُنہِ کُنہِ سون موضوع۔ تتھ دِموٗ کُنہِ موزوٗن وقتس پیٹھ بروٗنہہ کُن مُدلل پاٹھۍ دَل۔ تمن گوڈ انوارِ کُنہِ اُدٕبن منز یموٗ شاعری مقابلہ شعوری طور کاشرِ زبانۍ منز نثرٕکس وۄتلنس تہٕ پوٗٹھنس کُن توجہ دِیُت تمن منز چھِ پروفیسر محی الدین حاجنی، غلام حسن بیگ عارف، اختر محی الدین، محمد یوسف ٹینگ تہٕ اوتار کرشن رہبر بیترِ شامل۔ یمن سارِنے ادٕبن تہٕ نثر نگارن منز یِمۍ قلمکارن پننین تجزیاتی، تنقیدی یا تحقیقی کوٗشِشن باپت پٔنُنمیڈیم صرف نثر پانہٕ نوو تمن منز چھِ محمد یوسف ٹینگ سارِوٕے کھوتہٕ سرس۔ پننہٕ نمن تمام نثری مطالعہن یمن منز تحقیق، تنقید، تجزیہ، تأریخ، تہذیب تہٕ لُکہ وراثت بیترِ شامل چھِ خاطرِ چھُ یموٗ اُردوہس ستۍ ستۍ زیادٕ ترٕ صرف کاشرس نثری اظہارس پیٹھے اکتفا کوٚرمُت۔ یہِ وننس منز چھُس نہٕ بہٕ کانٛہہ قباحت محسوٗس کران زِ تموٗ چھُ شعوری طور علمی تہٕ دانشورانہ سوٚتھرس پیٹھ کاشرس نثرس پننہٕ نیٚو رنگہٕ رنگہٕ مطالعہو ستۍ باگہِ بوٚرُت ہُربرٕ کوٚرمُت۔ برصغیرکین نامور اُردو اُدٕبن منز شامل آسِتھ تہِ ییٚلہِ محمد یوسف ٹینگن پننین تنقیدی تہٕ تجزیاتی مطالعہن باپت پننہِ ماجہِ زیوِ ہُندے انتخاب کوٚر امہِ ستۍ میٚچھ بُزرگ کیٚنو بن کاشرٕ بن لِکھاربن منز تہِ شاعری مقابلہ نثرٕ لیکھنس کُن تحریک تہِ تہٕ ترغیب تہِ۔ چونکہ نثر نگاری خاطرِ چھُ وسیع مطالعہ، سرٛون تجربہ، گہرٕ مشاہدہ، تہٕ تجزیاتی نقطہ نظر آسنس ستۍ ستۍ زبانۍ ہُند تہذیبی، لسانی تہٕ تأریخی پوٚت منظرُک جامع مطالعہ تہٕ شعور آسُن ضروری۔ چنانچہ ٹینگ سٕندِ علمی شخصیت منز چھِ یِم ساری بنیادی لوازمات تہٕ شرایط حدٕ کھوتہٕ زیادٕ مضمر، لہذا تموٗ ییتھ تہِ

موضوعس پٮ۪ٹھ قلم تُل تمہِ موضوعکی ساری دیدہ تہٕ نادیدہ پرت تہٕ طرح چھِ یوان پرن وأرِلس بروٚنٛہہ کُن وسیع معنی تہٕ مفہوٗمکی امکانات ہٮ۪تھ۔ تہٕ یتھ پأٹھی ترووٚ تمو کأشرِ جدید نثرنگأری منٛز تتھ منفرد طرزس کُن یتھ خالص ٹینگ صابُن طرز ہیکو وٕنِتھ۔ تہنٛز نثرنگأری ہُند اعجاز تہٕ اِفتخار چھُ یتھ حقیقتس منٛز پُٮ۪تھ زِ تم چھِ پننہِ نفس مضمون کہِ اظہار باپت نثری اسلوٗبکی بنیادی گون تہٕ شرایط دیدن تل تھاوان یمہِ کِنی پرن وول متن، معنی تہٕ مفہوم چہِ جامع مطالعاتی عملہ دوران طلسمأتی خوابہ زوٚبن ہٕندس پُراسرار پوٚت منظرس منٛز کلان تہٕ راوان چھُنہ بلکہ چھُ نثری اظہارُک اِشاراتی فِضا پرن وأرِلس لفظن، ترکیبن تہٕ محاورن پتہٕ کنہِ ڈٕکھِس تمن نادیدہ معنوی تہٕ ثقافتی امکاناتن ہُند تلاش کرنس پٮ۪ٹھ اُکساوان یہنٛدی موٗل تأریخس، تہذیبس یا لگہِ جغرافیہس ستی جُڑِتھ آسان چھِ۔ یہِ چھُ ٹینگ نہِ نثرنگأری ہُنٛد الگ تہٕ بدون انہار۔ تہٕ یہِ انہار چھُ کأشرس نثرس منٛز فنی جمالیاتکی واریاہ آکار ووتلاونس منٛز مددگار ثأبتھ سپدان۔ پیش چھُ ''کأشرِ کتاب'' منٛز ماخوذ اکہِ مضموٗنک یہِ اقتباس یمیک عنوان ''پکھ پنجہ تہٕ پڈر'' چھُ۔ وِچھتو مصنِف کِتھٕ پأٹھی چھُ بظاہر غأر معمولی حیاتیاتی، ارضی تہٕ فزیکل پوٚت موٗزہن تہٕ آثارن متعلق کتھ کرنس دوران یمن آثارن ہٕندس تہذیبی تہٕ تأریخی پوٚت منظرس وضاحت کرِتھ عالمی نوعیت کٮ۪ن تأریخی اہمیژ ہٕندِ بن آثارن مقامی تہذیبس تہٕ جغرافیاہس ستی واٹھ دِتھ کأشر تہذیب شِناس آسنگ باس دِوان:

''کشیرِ منٛز تہذیبی خود مختاری ہُنٛد اکھ شولہٕ وُن تہٕ لوبہٕ وُن سِمبُل
چھُ آگر پچھنی۔ اُسی چھنہٕ چین، ایران تہٕ عربکی پأٹھی راد زنٛٹھ تہٕ
ہوژنز کھٔلی۔ ستن اُٹھن مربع میلن ہُنٛد اکھ زمینہٕ ژٔکل یا پوشہٕ پینڈ۔
مگر اَسہ چھ پننہِ خود مختاری منٛز پننی وبتھ یوس سأنی ہے آنگنس منٛز
تھنہٕ پیٚوان چھےٚ تہٕ اَمہِ کیٛہہ گرٛد ونجس پٔتھ پنٕن آب سٔو مبرأ وتھ
وولر چھ بناوان۔ اَسہِ ہیکہِ نہٕ کانٛہہ مِسالے پنجابکی پأٹھی ترٛیش
ژٔٹتھ یا سگ در بند کرتھ۔ اسہِ چھُ پنٕن گنگہٕ بل، پنٕن پرٛیاگ تہٕ
پنٕن پُشکر۔۔۔ تِتھے کٔنی چھُ اسہِ ڈریگن تہٕ سیمُرغ ہنٛدی پأٹھی پنٕن
مِثالی جانور۔ آگر پچھنی، یہ ناوٕ ے چھُ سردأری تہٕ سروری ہُنٛد تہٕ
کأشر لُکہ گاٹہٕ جارُک اظہار۔ آگر پچھنی چھِ کأشرٕن لُکہٕ کتھن،
دٔلیلن تہٕ داستانن ہُنٛد اکھ بے مثال تہٕ پرجلال پرندہ۔ یٔلہِ یہِ
پکھہٕ یلہٕ تراوان چھےٚ روئے زمینس چھےٚ وِشال شامیانکی پأٹھی
پھنس پناہس منٛز انان''۔

کأشرس لُکہٕ جغرافیاہس منٛز مخصوص جاے پراونہٕ کٔنی چھُ یہِ مِثالی/خیالی
جانور کأشرِ لُکہٕ سایکی منٛز اکھ منفرد مقام تھوان۔ لُکہٕ ادبس منٛز بحیثیت اکھ
اجتماعی عوامی محاورہ آسنہٕ علاوہ چھِ یہِ ترکیب کأشرِ صوفیانہ شاعری منٛز تہٕ یَسلہٕ
پأٹھی ورتاونہٕ آمٕژ تہٕ یہِ چھُ سِری شاعری منٛز تِمن نادیدہ مضمراتن تہٕ انسأنی
شعور کین وو ٹُل بجن ہُنٛد متضاد کیفیٖون کُن اِشارٕ کران یِمن ہُنٛد پے پتہٕ تہٕ
معنی اسرار کین گٹہٕ زلبن منٛز گُپتھ چھُ۔ ٹینکس چھ یِمن مضمراتن پٔتھ سرٛ نی نظر

تہٕ وچھوسہٕ ،کتھ پاٗٹھ چھُ اتھ ڈلیلہِ صوفی شاعری ہٕنٛد بن یمو مثالو ستی پنٕنہٕ نِس دعوہس در بر کران۔

ہا وٚنیسی تس ستی کونہٕ لاجیو تاز یارانےٚ
آگر پچھ نےٚ تا بیا چھی ژن تہٕ انسانےٚ

(وہاب کھار)

آگر پٕچھنٕ اُس پیٹھ کوہ قافس
اُمی ساعتہٕ سأٔلس دراے
تھاہ لاٗے نےٚ سمندرَس
شاہزادہ نیوٗن یکبار

(احمد بٹوٗاری)

ٹینگس چھُ نثر نگاٗری ہُنٛد بیا کھ اکھ مخصوص تہٕ منفرد گون چھُ زِ سہٕ چھنہٕ باونہٕ پننہٕ وول خیال یا مضموٗن ،کس مرکزی موضوہس تہٕ امہِ کین ذیلی لنجن، صحافتی یا روزمرٕ بیانیہ ہٕکِس منٛز ورتاوِتھ پٔننِ اُدیبانہ ذمہ داٗری نِبھاونس پیٹھے یوت اِکتفا کران بلکہ چھِ اُکس پرٕ مغز زبان شناس ہٕنٛدی پاٗٹھی اِقتباسَس منٛز ورتاون والین لفظن کٕثیر المعنی تناظرس منٛز تتھٕ پاٗٹھی پیش کران زِ معنی ہَن ہٕنٛدی انیکھ پرت چھِ خود بخود یرن واٗلس بڑ ونٹھ کنہِ پننہِ نموٗدُک تلاش کرنس پیٹھ اصرار کران۔ یہِ چھنہٕ یہندہ نثر نگاٗری ہنٛدِ شاعرانہٕ اعجاز چ سحر کاٗری بلکہ زباٗنی تہٕ امہِ ،کس محاورس پیٹھ مصنف سٕندِ مکمل دسترس آنٛچ شبقہٕ ڈلیل۔ یہ چھُ پوٗز زِ امہِ ممتاز تہٕ منفرد نثری اسلوب ،کنٛ چھُ اُمی سٕندس اظہارَس منٛز

شاعرانہٕ حُسن کاٲری تہٕ نزاکژ ہِسیار پہلوو وتلان مگر یہ شاعرانہٕ حُسن کاٲری چھےٚ نثری اِقتباسَس مزید تخلیقی ماٲری منٛز رتہٕ بخشان نہ زِ غاٲر ضروری ابہام پاٲدٕ کران۔فنی یا جمالیاتی اظہارُک یہِ وَل چھُنہٕ پرٛتھ نثر نگارس بدس، تِکیازِ اکثر نثری ادب پارٕ چھُ گرامرکین ساختیاتی حدبٔندین قاٲدرٕ زِتھ امہِ حُسنہٕ نِش محروم آسان۔پیش چھُ ’’کاشُر رنگ‘‘ مضمون منٛزِ یہ اقتباس:

’’کشیر چھےٚ تتھ زمینی سوتھرس پیٹھ مَس مُژراٲوِتھ یوسہٕ نہٕ تبت لداخکی پاٲٹھی تیژاہ ووگنی چھےٚ زِامہِ کین فضاہن منٛز آسہِ پرٛدٕہ تتھ تہٕ رٔٹتھ ییتہِ گاشہِ زٔژن کوچہِ پھیرُ چھُ گژھان۔یہِ چھےٚ تتھس بُتلہِ زاٲنپاٲنس منٛز لال مرجان ہِش بہتھ ییتہِ اَنہٕ پوٚٹ ہیوٚنب گاشَس پھیٚر کران تہٕ شوٗبہٕ راوان چھُ۔اتھ چھِ رنگ تتھے پاٲٹھی وزان ییتھٕ گٔژ معشوق سٕنزن چشمن منٛز سورمہ گتہٕ ماران چھُ‘‘۔

مخصوٗص جغرافیکل سیٹنگ منٛز کشیر ہُنٛز وادی زنتہٕ زاٲنپاٲنس منٛز لال مرجان تہٕ معشوق سٕنزن چشمن منٛز سورمہٕ ٹاربن سِتی ہشر، تشبیہہ تہٕ تمثیل چھِ موضوع کِس مرکزی خیالس اکھ تیُتھ لوبہٕ وُن پوٚت منظر بخشان زِ نثری بیانیہُک تاٲثیر چھُ اَکس پُرفضا تہٕ دلکش بصری (Visual) فضاہس منٛز تبدیل گژھان ییتہِ قاٲری پنٛن پان اکہِ دِپد مانہٕ ڈرامائی عملہ ہٕنٛد پانس اَکھ اژھیوٚن حِصہٕ گنٛزران چھُ۔ترکیبَن تہٕ تشبیہَن ہٕنٛدِ نبرل ورتاوٕ سِتی مذکورٕ نثری اقتباسَس منٛز یُس داخلی سازٕ ت پاٲدٕ چھُ گوٚمُت تمہِ سِتی چھُ یہ باس لگان زِ زنتہٕ یہ نثری شاعری ہُنٛد نمونہٕ چھُ تِکیازِ نثری شاعری منٛز چھُ اکثر سازٕ ت تہٕ نغمگی

ووتلاونہٕ خأطرٕ یہِ فنی وَل ورتاونہٕ یوان۔ شاید چھ یو ہے مخصوص نثری حُسن مدنظر تھأوِتھ کینٛہہ نقاد ٹینگکس نثر نگار کھوتہٕ زیادہ نثری شأعرتہِ مانان۔ امہِ لسأنی ہونرٕ ستی چھُ مصنف موضوع کہِ یک رنگی ہُنٛد جمود ختم کُرتھ اتھ منٛز حُسن ودلکشی ہُندی نٔوی انداز پأدٕ کران تہٕ یتھٕ پأٹھی پرن وألی سٕنٛز جمالیاتی ژہٕڈ واریٛہس حدس تام ہوٚمراوِنس منٛز کامیاب سپدان۔

ٹینگ سٕنٛدِ نثری جمالیاتک آگُر چھُ کشیٖرٕ ہٕنٛد بن حسین، پُرفضاتہٕ مأری مند بن تہذٖیبی، تأریخی تہٕ روایتی پہلون ستی وابستہٕ طلسمأتی داستانٕن تہٕ کردارن ہٕنٛدس انتخابس ستی منسوب۔ کأشرِ ارضیأتکی انہار (یِمن منٛز وڈر، ناگ تہٕ سر) بیترِ شأمل چھِ چھِ کأشر حیاتیاتی تہٕ نباتأتی زندگی ہٕنٛدی ارضیاتی آکارتہٕ کأشرِ معاشرتی زندگی ہُنٛدی شِناختی انہار یِمن منٛز ذأژ، کٔر امہِ پیشہ تہٕ یِمن ستی وابستہٕ تأریخی، لسأنی تہٕ لُکہٕ روایژن ہٕنٛدی آثار شأمل چھِ۔ یِمن سارِنے موضوٗعن چھُ ٹینگ کأشرس نثرس منٛز رنگہٕ رنگہٕ پیراین منٛز یتھ پأٹھی خوٗبصورتی سان وضاحت کران زِ جمالیاتی اِظہارس ستی ستی چھُ خیالات تہٕ فکرِ ہنٛد جمالیات تہِ پرن وألی سُنٛد توجہ پانس کُن متوجہ کران۔ موضوعی جمالیاتچ یہِ سحر کأری چھِ نثرپارس منٛز معنی ہٕکی اَن گنت امکانات ووتلاوان تہٕ باونہٕ آمُت نقط نظر چھُ نوبن ہیتی زأوی جارن تہٕ نزاکتن ہنٛدس پُرجمال صوٗرژ منٛز منہ موہ تہٕ دِلس تھف کرن وألس احساسس زاین دِوان۔

"دشش رنگ" کتابہِ منٛز چھُ "مےٚ نوٚو ماے مشأنی" عنوانس تحت ٹینگ کینٛژن تِمن بڑٕ یارن، دوستن تہٕ رفیقن نسبتھ یادوٗ ترکس بنیادس پٹھ پنٕنہٕ

رایہِ ہُنٛد اظہار کران یم تِہند وننہٕ ہجرتچ دَگ وبتر اوان پننہِ پوشہِ پننٛجہِ نِش دوٗر پانژالہِ اپارِ وانگج واٗری ہٕنٛدِس حالتس منٛز سوریہِ ۔ یہِ چھُ ادبی تہٕ تخلیقی شخصیون ہٕند بن قلمی خاکن رنگ بھرنک اکھ نوٚ وتہٕ ساٚدر وار طریقہٕ ۔ غاٗلِب ہِند بن خطوطن ہٕندی پاٹھۍ چھِ مذکورٕ سور گباٚشی کردار مصنفس یا پرن واٚلِس ہِتۍ زن تہِ ورگہٕ پاٹھۍ یا براہِ راست کتھ باتھ کران ۔ نہ چھُ موتس پتھٕ کانٛہہ واویلا تہٕ نہ چھُ ذاٚتی یا سماٚجی تخریبس پتھ کانٛہہ مرثی خوانی بلکہٕ چھُ مصنف یادِ وۄترِ کس بنیادس پتھ سُہ اُچھر نقش پیش کران زِ مذکورٕ شخصیتَن ہٕندِ ادبی تہٕ تخلیقی انہارن ہٕندی دِلفریب تہٕ دلکش طرح چھِ دیدن بروٚنٛھ گنہِ یوان ۔ یم اشارٕ ہکن معتبر ادبی تاٚریخ دانس یمن شخصیتَن نسبتھ وار یاہ تیٚتھ مواد فراہم کٔرتھ یمہٕ کنۍ ادبی مورخ ہِندس تحریرس تہٕ تحقیقس وار یاہ اعتباریت ہُرتھ ہیکہِ ۔ پروفیسر پشپس متعلق چھِ ٹینگ یمہٕ آیہِ وضاحت کران :۔

"کاٗشر رامایَن لکھن واٚلِس پرٛکاش رام کُری گاٚمۍ نہِ علاقہٕ پتھ شہروس وول پشپ صاٚب اوس سنسکرت، فارسی، ہندی تہٕ اُردوہک زبردون تھاون وول تہٕ کاٚشریک وتہٕ باوکھ اُدیب مگر تیٚمِس ادبی وُزِنی زَن گۓ بانبرِ چھانبرِ منٛز راٚسی تہٕ پاٹاٚسی" ۔ پوناہَس منٛز یکہٕ وٹہٕ اکھ ورکشاب اٹینڈ کرنہٕ پتہٕ ییلہِ ٹینگ صاٚبس چندہ ژوٗر پھاٚنگری کٔرتھ تراوان چھُ تہٕ غریب الوطنی ہٕندِس حالتس منٛز کتھ پاٹھۍ چھُ پشپ صاٚب اُمس دلبری کران ۔ تتھ متعلق چھُ ٹینگ صاٚب بےٚ پھرٛک اندازَس منٛز اظہار کران:

''پشپن ییلہٕ بہٕ گرواجنہِ حوالہٕ کٔرتھ واپس نیرُن ہیوٚت۔ میأنی

آشنہٕ لۭجس لوٚت لوٚت معذرت کرنہٕ: ''چاے چیتھ میہرانیرُو''۔

پشپ صأبن دِژنہٕ پوٚت نظر مگر اسان اسان ووٚنُس ''کوٚری

......خانداروٕ وتےٚ گرٕ۔ نیاز گری زبس''

پزر، ٕرژر تہٕ حُسن چھُ مشرقس تہٕ مغربس دوشوٕنی طرفن منٛز اِنسأنی قدرن

ہُنٛد موٚژتہٕ بنیاد یوان تصور کرنہٕ۔ جمالیات چھُ یمن ترییٚن منٛز أخری چیز س

یعنے حُسنس ٕستی منسوب تہٕ وابستہٕ، حُسنک تعین چھُ اکھ ذہنی عمل یوان زاننہٕ یوس

اکہِ خاص ووہارٕنش زاین لبان چھےٚ یا بذاتِ خود ذہنی حالتھ، کنی تمہِ چیزٕنش

بالکل جُدا آسہِ۔ چونکہ ہیٚر کنہِ درج نثری اِقتباسَس منٛز چھُ مصنف بیانیہ

اسلوب بدل مکالماتی اسلوب ورتأوِتھ مذکورہ ادبی کردارن ہٕندِس ظأہرس

ٕستی ٕستی تہندہ باطنی یا نفسیاتی حالتھ ہُنٛد أنہٕ پیش کران یُس مذکورٕ نثر پارس منٛز

جمالیاتُک سُہ طرح غأرشعوری طور ووتلاوُنس منٛز کامیاب گوٚمُت چھُ یتھ

Lipps Theodre مکالماتی عمل آوری ونان چھِ تہٕ یُس تمی ٕسنٛدِ مطابق نثری

جمالیاتُک اکھ ہُنٛدِ بون طرح گنزرنہٕ چھُ یوان۔ تمی سُنٛد مانُن چھُ زِ ''نثر چھنہ

کُنہِ رسمی جمالیاتی نزإ کٔرِ یا شرطُک پابند۔ اظہارُک یہِ وَل چھُ زیادہ تر ضابطہ

بند گرامری نِظامس پیٹھ مشتمل آسان۔ یمہِ باپت لسانی یا معنوی ابہام (یُس

شاعری خأطرٕ سبٹھاہ اہم گنزرنہٕ یوان چھُ) ضروری چھنہ۔ اتھ برعکس چھُ اتھ

منٛز زبأنی ہنٛز سادگی صفأیی تہٕ غأر مُبہم باوتھ آسٕنی ضروری۔ اتھ متعلق چھُ یہِ وُنن

زیادٕ وزن دار زِ یہِ گژھہ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ مکالماتی اظہارُک أیِنہٕ دار آسُن''۔

مکالماتی انہارُک یہِ نثری گون چھُ اسہِ ٹیٹنگ نٔمن وار یٛہن سوانحی خاکن تہٕ مقالن منٛز میلان۔

کینٛژھن تجزیہ نگارن ہُنٛد وُنن چھُ زِ ٹیٹنگ چھُ پننٮ۪ن نٔمن تنقیدی تہٕ تجزیأتی مطالعہن منٛز أکِس صاحب طرز نثر نگار ہٕندہ کھوتہٕ زیادہ أکِس نثری شاعر ہٕندس صورتس منٛز بروٚنٛٹھ کُن یوان۔ تِہُنٛد مانُن چھُ زِ نثری زبأنی خأطرٕ ییٚتہٕ نفسِ مضمون کہِ بأوژ خأطرٕ غأر سجاوٹی اظہار، روزمرہ زبأنی ہنٛد ورتاو، لکہٕ محاورٕ تہٕ غأر آرایشی زبأنی ہُنٛد استعمال اکھ بنیادی شرط تسلیم کرنہٕ چھُ یوان تتہِ چھُ ٹیٹنگن نثر شعری تشبیہاتن، استعاری ابہام کأری تہٕ آرایشی اظہارِ اداہس پٮ۪ٹھ پٔنُن سورُے عالمانہٕ قوت صرف کٔرتھ نثر نگأری ہٕندو بنیادی آدابو تہٕ شرأیطو نِش ہنا دور گژھان تہٕ نثر نگأری ہٕندی یِم بنیادی گون تصور یوان کرنہٕ چھِ، یِمن منٛز اختصار، وحدت تہٕ نقطہ نظرچ مرکزیت بیترِ شأمل چھےٚ۔ تِمن نِش انحراف کران، اختصار بدلہٕ چھُ تِہُنٛد نثر وہراوی صورت رٹان تہٕ یٔمہِ کِنی قأری مرکزی نقطس تام واتنہٕ بدل جذباتن منٛز گرفتار گژھتھ دندبن تہٕ حأشین ہٕندس گٹہٕ زٔلِس منٛز راوان چھُ۔

اتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ ٹیٹنگُن نثر چھُ باضے شعری نزاکتن ہُنٛد سورُے ترسیلی تہٕ لغوی میچھر ہیتھ پرن وألِس مطالعہ کرنس دوران تخیل کِنہن اسراری جزیرن ہُنٛد سأرتہِ کرناوان مگر یہِ چھُنہٕ أکِس تخلیقی شاعر ہٕندی پأٹھی پرن وألِس لِسأنی طِلسمات کِس بنیادس پٮ۪ٹھ بے معنویت، مُبہم تہٕ نادیدہ خوابہ زُوبن ہٕندس سأر کرناونس پٮ۪ٹھے یوت یقین تھاوان بلکہ چھُ پأراوی زبانہِ ہوٚت

ژھایہِ لفظن ہُنٛد لغوی یا ڈکشنری معنین ہِتؠ ہِتؠ یہنٛد ہ تہذیبی تہہ دآری، لسانٔی وسعتھ تہٕ یمن ہنزٕ ہ تخلیقی باوژ بلکہ قوژ ہنٛد اظہار آسان۔ نثری اسلوبک یہِ منفردتہٕ مخصوص ورتاوچھُنہٕ قآری یس نفسِ مضمون نش دوٗر کٔرتھ ابہام کیٚن لنہِ گٹین منز ٕگرفتار کران۔ اتھ برعکس چھُ اظہارُک یہِ پٲراو نثری متنس زیادہ دلکش، منہ موٗہ تہٕ خوش یوٗن بناوان تہٕ یم سٲری وصف چھِ یہنٛدِس نثرس جمالیاتی فرحتھ تہٕ نفسیٲتی تسکینکی وارِیاہ طرح عطا کران۔ پیش چھُ ''سوچھ کرٛالس بارنگ رونہ ہے'' مضمونہٕ منز یہِ اقتباس یُس شش رنگ کتابہ منز درج چھُ:

''کاشُری گوبنکو ساریو ے کھوتہٕ میٹھی تہٕ مدری، لگہٕ وونٛدن، وتارتلن وآلی تہٕ بلغارلاگن وآلی بٲتھ چھِ سانیو صوفی شاعرو ے وٕنی ہتی۔ یم چھِ ازتہِ سماع چِن محفلن منز فرماشس پیٹھ گوبنہٕ یوان تہٕ بوزن والین حواسن ہُنٛدی تآرک تہٕ ہوشن ہنز ہانکلہ مژرأوِتھ تِتھے کُنی وبگلاوان یتھ کُنی تیز اوگنس پیٹھ گولابس عارق چھُ پھیانہٕ یوان''

یہِند بن نثری مطالعن منز چھُنہٕ، بامے تم تجزیاتی نوعتکی اُسیتن یا تنقیدی نوعیتکی، تحقیقی نوعتکی اُسیتن یا اطلاعاتی، لفظن ہنٛد شروٗنیل سازُت شاعری اظہارکی پأٹھی وزن بند یا بحر بند شاعرانہٕ میزانو ہِتی ووتلاونہٕ یوان یتھ پأٹھی نثری شاعری منز عام پأٹھی ووتلاونہٕ چھُ یوان۔ اتھ برعکس چھُ ٹینگ نثری اقتباسَس منز یہِ سازتی اثر تمہِ مخصوص لفظہٕ ژارِہِتی پأدٕ کران یتھ پتن أندری سازتی لَے تہٕ شرونیل نغمگی چھے آسان۔ نثرُک یہِ نیرل انہار چھُ أمی ہندِس نثرس، شأعری یا سنگتراشی ہُنٛدس فنون لطیفہ ہَس نکھہٕ انان تہٕ یہِ چھُ

نثری جمالیاتُک اکھ فرحت بخش گون یوان تصور کرنہٕ۔

یوٚتامتھ زن تجزیاتی نثر کہِ جمالیاتی طرحک تعلق چھُ امہِ کِس اظہارس منٛز چھُ معنے تہٕ علامت تِتھی پاٹھی یکُت گرتھ آسان یمن ہُند جدا کرن ناممکن اگرنہٕ کینژہہ مگر مُشکل ضرور چھُ۔ نثری لے چھےٚ ژکہِ خیالاتن تہٕ تصوراتن ہنٛز سازٕتی حرکت آسان یتھ پاٹھی شاعری منٛز یہِ ژھوٚپہِ صورتس منٛز آسان چھےٚ چونکہ نثرس منٛز چھِ خیالات لفظن ہٕندِ ذریعہ ترسیل لبان تہٕ موسیقیت تہٕ لے منٛز ترکیب تہٕ خیالاتن ہٕندِ سازٕتی ستی ووتلان تہٕ یہ چھُ نثری جمالیچ اکھ مخصوص سحر کاری تصور یوان کرنہٕ۔

علامت تہٕ تشبیہو ستی یُس خیالہ سازت ٹینگ پاٗدٕ کران چھُ۔ سُہ چھُ تمی سُندے کمال، سُہ چھُنہ اُچھرلے، وزن یا بحر بندنثرٕ ستی پٹنن نثری مطالبن، شاعرانہ حُسن کاری ہُند رِگٹھ کران بلکہ چھ مخصوص لفظ ورتاوٕ ستی نثری اقتباسَس منٛز لسانی کاری گری ستی معنے تہٕ مفہوم کہِ حوالہِ دِلس تھف کرن وول تہٕ نافہ ژھٹن وول سُہ ماحول تہٕ فِضا تعمیر کران، یمہِ ستی نفسِ مضمونک کرتچھر میچھرس منٛز تبدیل گژھان چھُ۔ پیش چھُ ''رنگہ دِوے'' کتابہِ منٛز تلنہٕ آمُت یہِ اقتباس یمِیُک حوالہ محمد شفیع خانن ٹینگ صایٔنس نثرس منٛز شاعری جمالیات کہِ تعلق دِیُتمُت چھُ:

> ''یہِ چھے 1952 عیسوی ہچ کتھ۔ بہٕ اوسُس ایس۔ پی۔ کالجس منٛز پران۔ تمہِ وِزِ اُسی اتھ کالجس اژِنے دٕ چمِن تہٕ کھوٚرِ کِنہ کم رنگ دار تہٕ شہلی شہلی پوشہِ چمن پاٗراوِتھ۔ منٛزم وتھ اُس یاون موٚ

زنہٕ ہُندس زٕ ژٕتراون والس مستس منٛز زنتہٕ گاشہٕ پٔتھٕ چھ سُم۔تہٕ پتہٕ
پہن اوس وٕسنۍ پوشن ہُند زوٗل تیُتھے باسان زن کائنسہٕ وٕتھ ہٕندِس
زلال نیلس آبس منٛز ساسہٕ بدۍ ژٲنگی آسن وپرترٲ وِ منتیٖ"

ہمعصر امریکی فلسفہ دان ڈینسِ دتن (Dennis Dutt) چھ انسانی جمالیات
خٲطرٕ ستن بنیادی آفاقی اوصافن ہنٛز نشاندہی کرمٕژ۔ حالانکہ اتھ ستی ہیکہٕ
اختلاف تہٕ اُستھ مگر یم چھِ جمالیات زانہٕ خٲطرٕ براںٛد ہ کنہٕ ہنٛز ہش حیثیت
تھاوان۔ یم چھِ پزر تہٕ مہارت محسوس سپدان واجینٛز مسرت یا خوشی۔
اسلوب، تحسین، نقل، مخصوص تاکید، تہٕ تخیل۔

أسی ییٚلہٕ ٹینگ نہٕ نثرک مطالعہ سنجیدگی سان کران چھِ، یمن مذکورہ
اوصافن ہٕندی واریاہ وطرح چھِ اَسہٕ مختلف فنی لِسانی تہٕ اسلوٗبی وُلن ہٕندس
صورتس منٛز نظر گژھان۔ أمی ہٕندس نثرس منٛز چھےٚ اسہٕ ریشمی نرمی تہٕ درینٛٹھی
گژھان تہٕ بربگہ یاون مژٕ مہرہنہٕ ہنٛز قولہ ساری تہٕ۔ رنگ برنگی گولابن ہُند
ژھٹہٕ وُن مُشک تہٕ تہٕ کونگہ ہٕنجن ہنٛز نزاکت تہٕ۔ بالہ دامنٕ تل بربکہ ناگہٕ
رادن ہنٛز وُزے تہٕ وڈرن پٹھ ازخود پھٔلِتھ آمتین گُلِ لالن ہنٛز شوخی تہٕ......
یم ساری علامتی اظہار چھِ ٹینگ نہٕ نثری جمالیات کِہن مختلف طرحن ہنٛز
نِشاندہی کران۔ چاہے سُہ تخیل آسہٕ یا اسلوب، چاہے سو فنی پاکیزگی یا لسانی
سحرکاری............



## مطالعہ کُتب


۱) ای،بی،وایٹ، The Elements of style، پیرسن

۲)ایونی میل برگ، دی اَستھٹکس آف پروز، فیگ باک فارلگیٹ

۳)ای برک، The prose style

۴)بیٹنسا برانڈٹ، Politics of Aestheties

۵)ٹی،این،رینہ، A History of Kashmiri Literative ساہتیہ اکادمی نٔو دِل

۶)سی،میکس ویل، Teaching 19th century Aesthefic prose

۷)جارج سِٹبس A dialogue on beauty

۸)ڈاکٹر سعید عبداللہ، اِشارات تنقید، بسم کتاب گھر، دہلی

۹)ڈی،ایچ،لارکر، The Princiaples of Aesthatics

۱۱)محمد یوسف ٹینگ: شش رنگ.....مہجور شناسی............راش............رنگہٕ دِوے

کشمیری قلم......مقبول شاہ کرالہ وآری، کلچرل اکیڈیمی

# اقبال نازکی تہٕ شمشاد کرالہ وأری بحیثیت ترجمہ کار

## (افلاطون مکالمہ تہٕ جرم تہٕ سزا کس تناظرس منز)

تحریری اظہارس ستی یتہِ انسأنی تہذیب ہِکس تأریخس منز قودرتی اسرارن تہٕ کایناتی وجوٗدکین اوٚلین تہٕ زأوِلین نوقطن تہٕ تبدیلین ہٕنٛد تعلق پرٛزنٛاوُن انسانی بودِ، انکشافن تہٕ دریافتن ہٕندٮ۪ن محرکاتن تہٕ نتیجن، اِشاراتی سوٗتھرِ پیٹھ بروٗنہہ پکِتھ تحریر کس صورتس منز درج کرن ہیوٚت، تہٕ یہے مسلسل تہٕ سنجیدٕ کوٗشش بنیہ بروٗنہہ کُن علم وادب، تحقیق، تاریخ تہٕ فلسفہ بیترِ علومن تہٕ فنونن ہٕندِ ارتقأیی سفرٕچ بنیاد۔

یوٚتامتھ تخلیقی ادبک تعلق چھُ یہِ چھُ زِ کہِ انسأنی زندگی ہُند تعبیر تہٕ تہٕ تشریح تہِ تجزیہ تہِ تہٕ تعمیر تہِ تہٕ تعبیری تہٕ تشریحی عملہِ پتہٕ کنہٕ یمن خارجی تہٕ دأخلی محرکاتن تہٕ وجوہاتن ہُند عمل دخل چھُ آسان تخلیقی فن یا ادب چھُ یمنے متحرک تہٕ متضاد صداقتن ہٕندس interplay ہِکس نتیجس منز تھنہٕ پیوان۔ ادب یا فن پارہ ہِکس تخلیقی پوٚت منظرس منز یتہِ ماحول، تہذیب، تہٕ فن کار یا أدیب سٕندِ ذاتی تخلیقی ذہانت تہٕ ذہنی رویک اہم رول چھُ آسان تتہِ چھِ امِکس پرٛتھنس تہٕ پوٚتھس منز گُلس پیٹھ زندگی ہٕندِس سفرس منز معاشرتی تہٕ

نفسیٲتی صداقتن تہٕ تضاداتن ہٕندس بوٗژ شروژس سبٹھاہ عمل دخل آسان۔ یِمے زٕ الگ الگ صورتہٕ چھِ ادب یا فن ، کُس علاقٲیی یا عالمی تناظر ، کُس تصورس ذاین دِوان۔ یوٗ تامت زن ادب یا فن کہِ علاقٲیی سیاق وسباقک یا ماحولُک تعلق چھُ۔ یہِ چھُ مسلم وار یہو وجوہاتو ، کنٕ ییتھ منٛز جغرافیٲیی ، تہذیبی تہٕ معاشرتی مخصوص تراین گراین ، آکارن تہٕ انہارن ہُند زبردست رول چھُ تہٕ یِم مخصوص علاقٲیی آثار چھِ زبٲنی ہٕندہ علاقٲیی اظہار ؤسیلہٕ شکل پراوان۔ ادب یا فن ، کُس اتھ تناظرس منٛز چھُ فن پارن یا ادب پارن ہٕندس داخلی وجودس منٛز علاقٲیی میلاناتن ، معاشرتی آثارن ، سیاسی وولہرشن یا تہذیبی رِوایژن ہُند علامتی اندازس منٛز ، شعری پیکرن منٛز ، تمثیلن منٛز یا واقعاتن یا کردارن ہٕندس صورتس منٛز یِہُند موجود آسُن ضروری۔ مگر علاقٲیی آثارن تہٕ عنصرن ہُند یہِ آسُن چھُنہٕ ضروری زِ کیاہ ہیکہِ معیاری فن پارہ یا عالمی معیارُک ادب پارہ بننس منٛز رُکاوٹ بنٕتھ...... مگر امہِ باپتھ چھُ شرط زِ اُدیبس یا فن کارس گژھِ اظہار تہٕ موضوع کہِ لحاظ ، ہونرمندی تہٕ تجربہ تہٕ تصور کہِ اختراع کہِ حوالہٕ وسیع کُشادگی تہٕ دیدہ ؤری ، سنجید ظون تہٕ گہرہ حبس آگہی آسنۍ۔ یوٗہے چھُ وجہ زِ دُنیٖ یِہکین مختلف کلاسیکی عالمانہ زبانین یِمن منٛز لاطینی ، عبرانی ، سنسکرت ، عربی ، فارسی تہٕ بییہ تہِ کینٛہہ زبانہٕ شامل چھےٚ ، یِمن منٛز تحریر سپدی متین ادب پارن چھُ علاقٲیی تناظرس ستی ستی وسیع عالمی تجربن تہٕ صداقتن ہُند ڈوکھ تہٕ شامل تہٕ توے چھِ یِمنٛز لگہٕ ہارٕی لسانی ، تہذیبی ، معاشرتی تہٕ تاریخی پھیر ہاوٕ باوجود تہِ عالمی ادبی منظرنامہٕ باپتھ ازتہِ مسلم تہٕ

معتبر یوان زانن۪ہ۔

وۄن گۄو عالمی سۄتھرس پٮ۪ٹھ یمن شاہراہ آفاق مطالعہن ہٕندس قبولیتس تہٕ پذیرأیی پتہٕ کنہٕ چھُ اکہِ طاقت ورلسأنی ترسیلہٕ ۄلک رول گٔژھتھ......سُہ گوو ترجمہٕ کأری ہٕندہ فنٕک۔ یہ چھُ ترجمہ کأری ہُندے اعجاز زِ عالمی نوعیت کٮ۪ن شہرہ آفاق ادبی کارنامن چھُ مخصوص لسأنی تہٕ تہذیبی دایرہ یا سرحدو منٛز آزاد کرتھ آفاقی معنویت تہٕ لگہٕ ہأری بخشان۔ تہٕ یتھ کٔنہ چھُ ترجمہ کأری ہٕنٛز عملہ ستہٕ أکِس مخصوص تہذیبی خطس یا علاقس منٛز تخلیق سپدِ مُت، ادب یا فن پارہ دوٚیمِن لسأنی یا تہذیبی سرحدن منٛز بسن والین ادبی موضوعاتن یا دوٚیمِن علمی شعبن ستہٕ دلچسپی تھاون والین ہٕندہ خاطرہٕ علم و آگہی، تحقیق و جستجو تہٕ فہم و ادراکٕکی دار وژھہ ترٛاونس منٛز کارگر رول ادا کران۔ علم، ادب، تہذیب وفن، تأریخ وثقافت، سائنس تہٕ فلسفہ بیترٕ شعبن منٛز کُنہِ مخصوص لسأنی تہٕ جغرافیٲیی خطس منٛز تخلیق سپدن وول یہِ علمی سرمایہ چھُ ترجمہٕ کأری ہٕندی بدولت تمن لۆکن تام واتان، یِم امہِ خطہٕ کہِ لسأنی تہٕ تہذیبی روایژ یا وراثت نِش بالکل بے زأنی چھے آسان یتہٕ یہِ ادب یا علمکی یِم ناگہٕ رادشروعس منٛز وُزے مُتہٕ آسن۔ یتھٕ پأٹھی چھُ علمی آگہی ستہٕ ستہٕ عالمہٕ کٮ۪ن بے شمار تہٕ متضاد لسأنی، تہذیبی، نسلی تہٕ جغرافیٲیی خطن درمیان ترجمہٕ کأری ہٕنٛز عمل اکہِ تہذیبی یا ادبی اتحاد کہِ موثر ایجنٹ یاؤ سیلچ کأم تہٕ سرانجام دِوان۔

عالمی سۄتھرِس پٮ۪ٹھ ادب تہٕ تہذیب کہِ فروغ تہٕ ترقی ہٕندہ حوالہٕ چھُ یونانس انسأنی تہذیب کِس تأریخس منٛز اکھ پوشہٕ وُن مقام تہٕ مرتبہ بدس۔

فلسفہٕ اَسِن یا ادب، سیاست اَسِن یا سپورٹس، تأریخ اَسن یا تہذیب، غرض زندگی ہُندس لگ بھگ پرٛتھ شعبس منٛز چھُ اتھ ملکس افتخارتہٕ اعزاز حاصل۔

پاَنژٕی مہِ صدی ق۔م۔ پیٹھ چھُ ادب، فلسفہٕ تہٕ تنقید کہِ حوالہٕ یوٗنٲنۍ مفکرن تہٕ نظریہ سازن ہُند دیُت علم و آگہی، فلسفہٕ تہٕ سیاست ،کس مأ دانس منٛز عالمی سوٗتھرس پیٹھ اکہِ مضبوط تہٕ مستحکم براٹھ ہ کنہِ ہنٛزٕ ہش حیثیت تھاوان۔۔یوہے چھُ مقصد زِ یِیلہِ پنداَہمہِ صدی لگ بھگ یورپس منٛز تہذیبی یا فکری انقلاب آو تہٕ امہِ ،کس نتیجس منٛز یِیلہِ یورپس منٛز کہیا علاقٲیی زبانن ہُند وجود عملہِ منٛز آو، سنجیدہ تہٕ شعوری کوٗشِشہ آیہ کرنہٕ زِ یوٗنٲنۍ مفکرن تہٕ فلسفہ دانن ہنٛزن کلاسِک کتابن گوٚژھ یِمن زبانن منٛز ترجمہٕ سپدُن۔ چنانچہ یِمن علمی کوٗششن ہنٛز ثمر آواری وچھنہٕ گیہ مشرقی ملکن منزٕ تہِ عالمن تہٕ ادب تہٕ فن کِہن شوقینن یِمن شہرہ آفاق تصنیفن پننہِ پننہِ زبانٕنۍ منٛز ترجمہٕ کرنٕچ کل پاَدٕ۔ ایشیأیی ملکن ہتیٚ ہتیٚ گوٚو برصغیرس منٛز تہٕ کہیا تأریخی وجوہاتن ہُندس پوٚت منظرس منٛز عالمہٕ کِہن ادبی شاہپارن پنہٕ نِمن پنہٕ نِمن قومی تہٕ علاقٲیی زبانن منٛز ترجمہ کرنٕچ عمل شروع۔

گُنوہمہِ صدی ہُندس اَخرس پیٹھ تہٕ وُہمہِ صدی ہُندس ابتداہس منٛز یِیلہِ یورپس منٛز ادب تنقید تہٕ نظریہ سازی ہُندہ تعلقہ وار۔یہن تحریکن تہٕ نظریاتن زاین لوٚگ قومی زبانن ہتیٚ آو علاقٲیی زبانن منٛز تہٕ نوبن رجحانن نوبن نظریہن تہٕ نوبن تحریکن اَنزی منزی گرٛھنہٕ باپتھ تہٕ یِمن تنقیدی اپروچن تہٕ نظریہن ہُندس تأریخی پوٚت منظرس ہتیٚ زٲنۍ یاب یا متعارف

سپدنچہِ کوٗشش کرنہٕ۔ نتیجہ دراو یہِ زِ یونانٕ کٮ۪ن قدیم مفکرن مثلاً سقراط، افلاطون تہٕ ارسطوٗسٕندٮ۪ن بیان گٔرۍ متنن یا تحریر گٔرۍ متنن نگارشاتن ہُند مطالعہٕ تہٕ یمن علاقٲیی زبانن منز پھیرنہ یا ترجمہٕ کرنٕچ ضرورت آیہِ سنجیدگی سان محسوس کرنہٕ۔

یۆدوَے زن کٲشرِ منز ترجمہ کٲری ہنز روایت سبٹھاہ پرٲنۍ چھےٚ تہٕ تٲریخی آثارتہِ چھےٚ یتھ کتھِ ڈکھ کران زِ زین العابدین بڈشاہ سٕندِس شاہی فرمان رِکس تٔحتس منز آو اکھ دارالترجمک قیام تہِ عملہِ منز انہٕ۔ یتھ منز سنسکرت تہٕ فارسی زبانن ہٕندٮ۪ن ادبی تہٕ تٲریخی شاہپارن اکہِ زبٲنۍ یتھ بٔیس زبٲنۍ منز ترجمہٕ کرنہٕ آیہِ۔ تہٕ یتھ پٲٹھۍ گوٚو علم وادب تہٕ تاریخ وثقافت کہِ ترسیلہٕ کہِ حوالہٕ اکھ شعوری کوٗشش کرنہٕ۔

سرکٲرۍ کوٗششن ہٮ۪تۍ ہٮ۪تۍ آو ذٲتی سوٗتھرس پٮ۪ٹھ تہِ اردٲہمہِ تہٕ کُنوہمہِ صدی منز کٲشرٕ فارسی خواندہ شاعرو ہٕندۍ ڈٔسۍ فارسی زبٲنۍ ہنزن لولہٕ مثنوی ین تہٕ جنگ نامن کٲشرس منز منکستاونٕچ کوٗشش تہٕ یتھ پٲٹھۍ گیہ کٲشرِ ایران، مرکزی ایشیاتہٕ عرب کٮ۪ن تہذیبی حالاتن معاشرتی پزرن، لسٲنۍ زٲوِ جارن تہٕ تٲریخی صداقتن ہٮ۪تۍ متعارف۔ یمن لولہٕ مثنوی ین تہٕ جنگ نامن کٲشرس منز ترجمہٕ کرنٕچ عملہِ چھُ کٲشرس ادبی تہٕ خاص کر کٲشرِ شاعری ہُندس تٲریخس منز اکھ اہم اہمیت تہٕ یہِ چھُ واقعی کٲشرس منز ادبی تٲریخہٕ کہِ حوالہٕ اکھ اہم پڑاو۔

یۆتامتھ زن کٲشرس منز نثری ترجمہ کٲری ہُند تعلق چھُ کُنوہمہِ صدی

ہٕندس دوٚیمس وسطس تہٕ وُہمہِ سدی ہٕندس ابتداہس منٛز چھ بائبلُک ترجمہ
ہنٛزن تمن کوٗششن سبٹھاہ اہمیت یمہِ کنہِ بائبل مقدس (New Testament)
کبن مختلف اقتباساتن کأشرس نثرس منٛز ترجمہ کرنک ابتدا آو کرنہٕ یتھ
کأشرنثرِکس تأریخس منٛز بڑانده کنہِ ہنٛز ہش حیثیت تھاوان۔

1935-36ء پتہٕ ییٚلہِ برصغیرس منٛز مختلف تأریخی سیأسی تہٕ معاشی وجوہاتن
ہٕندس بنیادس پیٹھ ادب کہِ حوالہٕ ترقی پسند تحریکٕچ بنیاد آیہِ تراونہٕ تہٕ اتھ تحریکہ
ہندوستان چین بجن بجن زبانٕن پیٹھ پنٕن اثر تروو تہٕ یوٚدوَے یہ نظریاتی تحریک
ہُند اثر علاقأیی زبانٕن ہٕندس ادبس پیٹھ تہِ۔ تہٕ یمن منٛز کأشرزبان تہٕ شامل
اُس۔ چنانچہ اتھ تحریکس ستی وابستہٕ أدیب تہٕ فنکار آیہِ جدید تعلیم یافتہ یمن
مشرقی ادبیاتس ستی ستی مغربی علم وادب کبن مطالعن ہُند تہٕ سبٹھاہ سرٕ وان تہٕ
گون مطالعہ اوس۔

تموٚ ژیوٗن کأشرِ زبأنی منٛز نثرٕچ غأر موجودگی تہٕ یہِ گمی پُروٚنہٕ خأطرِ دِتھکھ
شأعری ستی ستی کأشرس منٛز نثر لیکھنس کُن توجہ۔ چنانچہ گوٚو یمہِ تحریکہِ ہٕندس
اثرس تحت نہ صرف بنیادی نثری تخلیقاتن ہُند اکھ سلسلہ شروع (شأعری، نثر)
بلکہ آو عالمی اہمیت کبن ادبی مطالعہن یمن منٛز فلسفہ، ادب، تنقید، تأریخ،
فکشن، ڈراما، داستان بیترٕ شأمل چھےٚ کأشرس نثرس منٛز ترجمہ کرنہٕ تہٕ یتھ
پأٹھی آو ترجمہن ہٕندی زٕنگی کأشرس نثرس منٛز موجودہ دورس پرٕ وٕچ اکھ کارگر،
موثر تہٕ بامعنی کوشش کرنہٕ۔

کأشر موجودہ ادبی منظرنامہٕ کہِ حوالہٕ چھےٚ ترجمہ کأری ہنٛز یہ کوشش ازتہٕ

جأری۔ ترجمہ کأری ہٕنزن کوٚشش یوس عزت افزأیی قومی یا علاقأیی ادبی یا فنی ادارن یا انجمنن ہٕندی ڈٲسی کرنہٕ یوان چھےٚ تمکی نتیجہ تہٕ چھہِ علاقأیی زبانٕن منز نثرس یا شأعری پوچھر دِنس یا نوبن عالمی ادبی معیارن ہٕندس مرتبس تام واتناونس منز پٔنن رول نبھاوان۔ امہِ حوصلہٕ تہٕ عزت افزأیی تہٕ مالی معاونت ٕستی چھہِ نوبن أدیبن تہٕ ترجمہٕ کارن تہٕ تحریک میلان تہٕ یمن کوٚشش ہُند چھُ یہٕ نتیجہ زِ پٔتی متین کینژھن ؤرین منز آیہِ۔ شأعری علاوہ کأشرِس نثرس (ادبی کہیو غأر ادبی) منز عالمی تسلیم شُدہ مطالعہن ترجمہ کرنہٕ تہٕ یتھ پأٹھی چھُ یہٕ کأشرِس نثرس ترجمہ کارن ہٕندی ڈٲسی بوڈ سو چھ۔ یمنے ترجمن منز چھُ اِقبال نازکی سُند افلاطون مکالمہ تہٕ شمشاد کرالہٕ وأری سُند دوستووِسکی ٕسنٛدِ شہرۂ آفاق ناول ''جُرم تہٕ سزا'' ہُک کأشرِ ترجمہٕ تہٕ۔

(ا) افلاطون مکالمہ

اقبال نازکی چھُنہٕ کُنہِ تعارفکی موحتاج، ووٚنی گوٚ ویونیورسٹی منز پننہِ عہدہ نِش سبکدوش گژھنہٕ پتہٕ یوس سنجیدگی تہٕ دلچسپی تمی کأشر شأعری تہٕ نثر تہٕ خاص کر ترجمہ کہِ حوالہٕ ہأوتہٕ یمہِ کس نتیجس منز یمن کوٚشش ہٕندہ بدولت کأشرِس ادبا تہٕ خاص کر کأشرِس نثرِس معیاری بُرُژ رسیدٕ سہ چھُ تھکبن لایق۔ دوٚیم کتھ یوس زن اقبال صأبنہِ گہرہ کأشرِ زبأنی نسبتھ أمی ٕسنٛزہ دلچسپی تہٕ گہرہ وعدہ بندی کُن اِشارٕ کرارن چھُ سہ گوٚ ویہٕ زِ یمو ژور پننہِ ترجمہ باپتھ سہ علمی یا ادبی شعبہٕ، یمہِ کہِ ترجمہٕ باپتھ ترجمہ کارس منز باقی گونو علاوہ سبٹھاہ صبر تہٕ حوصلہ گژھ آسُن۔ سہ گوٚ وفلسفُک شعبہٕ تہٕ سہ یونأنی کلاسیکی کہِ حوالہٕ۔

ملکِ یونانس چھ یہ شرف زِیہِ چھُ تہذیب وفلسفہ، ادب تہٕ فن، سیاست تہٕ شہریت کہ حوالہٕ ساٗری سےٚ عالمس منٛز بحیثیت قاعدتہٕ گٔن یوان تصور کرنہٕ۔ سُقراط، افلاطون، ارسطو بیترٕ ہ عظیم مفکرن تہٕ فلسفی ین ہٕندی مکالمہ تہٕ مطالعات چھ ازتہِ فلسفیانہٕ ادبی تہٕ علمی مجلسن تہٕ محفلن منٛز بحث ومباحثکی موضوع بٔنتھ۔

''افلاطون مکالمہ'' چھُ ژکہِ سُقراطٕ سِندہ تمہِ زبأنی جواب دعوٕہک تحریری تہٕ تخلیقی شکل، یُس جواب دعوا، سُقراطن پنہٕ بے گناٗہی ہٕندہ حقہٕ اتھینز رِکس عدالتس منٛز پٔنِس مقدمس دوران خطابت کس صورتس منٛز پیش کوٗر۔ یہ چھُنہٕ کُنہ جایہِ تحریر تکیازِہ سُقراط اوس نہٕ تحریرٕ کس حقس منٛز، تمی چھُنہٕ پانہٕ کہٕنٛی تہِ پتھ کُن لیکھتھ تر ٛوومُت۔ تہٕ تمی سُند خیال اوس زِ کانٛہہ چیز تحریر کرنہٕ ستی ہیکہِ انسان سٕندس یاداشتی قوتس ددار وأتتھ تہٕ تحریر ہیکہِ نہٕ خطابتُک یا مکالمُک نعم البدل أسِتھ۔ مگر افلاطون یُس سقراط سُند ٹوٗٹھ شاگرد اوس، اوس زانان تحریرُک طاقت تہٕ تاثیر تہٕ پنہٕ زِس ووستاد سُند ناوتاریخس منٛز زندہ تھاونہٕ خاطرٕ ہ تہٕ یِمن مکالمن تہٕ خطابتن ہُند علمی، فلسفیانہٕ تہٕ فکری گہرأیی نظر تل تھأوِتھ گری تمی پنہِ آیہ، پنہِ یاداشتہٕ تہٕ تخلیقی قوت کس بنیادس پٹھ پٔنِس ووستاد سقراطٕ سِندی مکالمہٕ پنہِ قلمہٕ تحریر تہٕ یتھ پاٹھی تھووٗن پٔنن ووستاد ازڈاے ساس وٗری پتہٕ تہِ مکالمہٕ افلاطونٕ سِندہ شکلہِ منٛز تحریرٕ ستی زندہ۔ یِمن مکالمن اندر کتھ حدس تام چھُ افلاطون ووستادٕ سِندہ زِیوٕ پٔنن ووندہ باوان تہٕ کتھ حدس تام چھُ ووستادٕ سٕنز نمائندگی کران، یہِ وَنن چھُ سبٹھاہ مشکل۔

سقراط اوس حضرت عیسیٰ ہس برونٹھ 469 وٗری یونان رِکس اتھینز

ریاستس اندر اُکس سنگراش گرس منز تھنہٕ پیوٚمُت ۔ پزٕ رگارنچ کل اُس تَس لوکچارٕ پیٹھے ذیہنس وُبردُرتلان ۔ غربت تہٕ مشکلات اُسِس واریاہ یم سُہ حوصلہ مندی تہٕ جرات سان وہتر اوان اوس ۔ سُہ اوس وقتہٕ کِبنٕ اِکٹہٕ عالمن دون اُچھن کھران تکیا زِ ہ سُہ اوس رتہندِ علمی ژھریر نوٚن کڈان، تمہِ سُند تعلیم دِنُک طریقہٕ اوس رِوایتی مکتبی تعلیم نِش وکھرہ ۔ سُہ اوس کوچہ گلین، کولہٕ بٹھن تہٕ کدلہٕ ٹھٹھن نکھٕ وتہِ پکان پکان تہٕ ورزش خانن منز لُکن سِتی کتھ کران تہٕ سوال پرٛژھان ۔ سُہ اوس نہٕ عالم آسنک زانہہ تہِ دعویٰ کران بلکہ اوس سوال پرٛژھتھ لۄکن نِش رگیان حاصل کرنچ کوشش کران ۔ سُہ اوس تۄ تام سوالس پیٹھ سوال کران روزان یوٚ تامت نہٕ بروٚنہہ کنیُک نفر لاجواب اوس گژھان ۔ یمن لُکن پننس علمس پیٹھ ناز اوس آسان ۔ تِم اُسی نہٕ بُتھ دیٚن لایق روزان حالانکہ سقراطس اُسی نہٕ یِم نقلی عالم خرس کھالنٕ آسان مقصد بلکہ اوس سُہ تِمن نِش کینہہ حاصل یژھان کرُن مگر تِم اُسی ننگہ گژھان تہٕ تِمہِ سندس رَتس زاگان ۔ رنگہٕ رنگہٕ اُسی تِمس ہانژ لاگان ۔ تہٕ دیوتاہن ہُند منکر آسنک تہٕ دیُتھس الزام تہٕ نۆی دیوتا ایجاد کرنچ تہِ لاجھس ہانژ ۔ نوجوانن گمراہ کرنُک لوگہس الزام ۔

سُقراط اوس پننس ایمانس پیٹھ ڈٹتھ ۔ خوف یا لالچ ہیوٚک نہٕ تِمس وتہِ ڈالِتھ ۔ عدالتس منز پننہِ صفائی دوران ہر گاہ سُہ عدالتس منز نرمی کرِ ہا، فاصلہ آسہِ ہابدلِ ۔ پزٕ رکس اُمس علمبردارس پیٚیہ ہانہٕ 339 ق ۔ م سُہ زہر پیالہٕ چوٚن یُس چوان تمہِ اُف تہِ کوٚر نہٕ ۔ پزٕ رچہٕ وتہِ منز موتس نالہٕ متہٕ رٹنک اوس نہٕ تِمس

نہٕ کانٛہہ خوف تہٕ نہ اوَسس کانٛہہ ملالے۔

سقراط ٕسندی پاٗٹھی اوس افلاطون تہٕ ایتھنز جایہِ ہُندے روزن وول۔ سُہ اوس 427-428 ق۔م پاٗدہ سپدمُت سُہ بنیو لوکچِہ واٗنسہِ منٛز سے افلاطون سُند شاگرد...... مکالمہ افلاطوٗن ،کس یتھ کاٗشری ترجمس یُس اقبال نازکی ین عملووُمُت چھُ چھِ تٔمی ٕسندبن پانژن اہم مکالمن کوم کرنہٕ آمٕژ۔ یم چھِ: ''اپولجی''، ''کریٹو''، ''فیڈو''، ''سیموزیم'' تہٕ ''یوتھایفرو''۔ سومبرنہِ منٛز شاٗمل گوڈنکین ترٛبن مکالن ہُند تعلق چھُ سقراط ٕسندہ زندگی ہٕندبن اٗخری دوہن ٕستی یمن منٛز تٔمس مُقدمہ چلیو، سزالوٚگ تہٕ زہر پیوٚس چوٚن۔ زندگی تہٕ موتہٕ کہِ حوالہٕ چھےٚ یمن مکالمن اندر بیوٚن بیوٚن نظرین ہنٛز وکھنے آمژ کرنہٕ۔

ژوری مہِ مکالٕمچ نوعیت چھےٚ گوڈنکو مکالمونش بیوٚن۔ یہِ مکالمہ چھُنہٕ سیٚدسیوٚد کردارن درمیان کتھ باتھ۔ اتھ اندر چھ راٗوی تہٕ راٗوی۔س تہِ چھےٚ راٗوی۔

یوتھایفرو چھُ اکھ مذہبی عالم، یُمی پننس بڈ ماٗلس خلاف اکھ زرعی موزور قتل کرنہٕ ،کِس پاداشس منٛز مقدمہ داٗیر اوس کورمُت۔ یوتھایفرو سُند دعوا اوس زِ تٔمی اوس ماٗلس خلاف مقدمہ داٗیر کرٕتھ دینداٗری ورتاومٕژ۔ مگر سُہ چھُنہٕ سقراطس برونٛٹھ کنہِ دینداٗری ہنٛز عملہِ ہنٛز کانٛہہ اطمینان بخش وضاحت ہیکان کٕرتھ۔

یونانٔی کلاسک دورس منٛز اوس ڈرامایوان پرٕتھ ادبی صِنفہِ ہُند تاج گنزرنہٕ تہٕ چونکہ مکالمہ چھُ ڈراماٗیی عملہِ ہُند اکھ اژھیوٚن تہٕ موثر عنصر تہٕ

یو ہے چھُ وجہ زِ افلاطونن تہٕ چھُ سقراطہٕ سندِ بن زبأنی خطاباتن ہُند ہرتہٕ تر، معنی تہٕ مدعا رژھراونہٕ تہٕ آیندہ نسلن تام تحریری صورتس منز واتناونہٕ خأطرٕ مقالمکۍ اسلوب ورتومُت۔ اسلوبی لحاظ چھِ مکالمس منز پننۍ کینہہ لوازمات تہٕ یمن لوازماتن ہنز پاسدأری چھِ عموماً سارویٕ ترجمہٕ کاروپننہِ پننہِ آیہٕ کرہش۔ وونی گوٚ ویوٚ تامت زن اقبال نازکی سُندِ ہ افلاطون مکالمہ کہِ کأشر ترجمُک تعلق چھُ مکالمُک اسلوبیاتی وَل چھُ کأشرس منز کمے پہن ورتاونہٕ آمُت۔ آ......

داستانن، ناولن، افسانن تہٕ ڈراماہن ہٕندس ترجمس دوران چھُ لگ بھگ سارِوے ترجمہ کاروتوضیحی اسلوبی وَلس کأم ہیتھ پننہِ ذمہ دأری نکھٕ واجھش۔ تہٕ امہِ لحاظ چھِ نازکی ہِن کأم دوییمو ترجمن ہٕندہ مقابلہٕ ہنا مشکل پہن۔ مگر اقبال نازکی صأبن یمہِ مہارت، یمہٕ صبر سان تہٕ یمہٕ محنت سان اتھ مشکل ترین کامہِ اندیوٚ ردیوٚ تمُت چھُ، سُہ چھُ واقعی تعریفن تہٕ تحسینس لایق۔

عالمی شہرت یافتہٕ ترجمہ کار ڈینیل مہنڈل سوہن سُند گفت چھُ زِ ترجمہ کأری ہنز کأم چھےٚ واقعی چلینجنگ تکیا زِ ہ پرٛتھ زبأنی چھےٚ پننۍ کینہہ مخصوص ساختیأتی انہار آسان تہٕ یمن انہارن دوییمہِ زبأنی منز منتقل کرن چھُ سیٹھاہ مشکل۔ پزر تہٕ چھُ یی تہٕ وونی ییلہِ قدیم یونأنی ادبی یا فلسفیانہٕ صنفی ولک تعلق آسہِ یعنی مکالمُک، تیلہِ چھُ ہیرٕ ہِ کنہِ درج ڈینیل سُند بیان زیادے پوٚز باسان۔ مگر نازکی ین یمہِ خوبصورتی تہٕ ژھوٹین جُملن منز مکالمہ کین فلسفیانہٕ نوقطن کأشری پأٹھی ترجمہ کوٚرمُت چھُ تمہٕ ستی چھُ یمن مکالمن ہنز فلسفیانہٕ خوشکی، تہٕ معنوی ابہام ییتھ حدس تام ختم گومُت زِ پرن وول چھُنہٕ کُنہِ تہٕ صورتس منز تنگ

گژھان بلکہ چھُ تمۍ سٟتۍ دلچسپی متن، مفہوم تہٕ تٔتھٕ چھٕن ہٕندِ حوالہٕ سبٹھے شِدتہٕ سان برقرار روزان۔ پیش چھُ "اپالوجی" مکالمک یہِ اقتباس، جملن ہُند ساخت، زبانۍ ہُند کاشُر مزاز تہٕ کاشُر لہجک باس چھُ سنجیدہ موضوعس تہٕ منہ موہ بناوان۔

"ایتھنز کبوٗلوٗکو پنس بچاوس منز یہِ یہٕ ونہٕ سُہ آسہِ یتھے تہٕ لگ بھگ یوتے۔ ووٗنی گوٚو اکھ کتھ چھُم ییٚہِ ونٕی۔ توہہِ منز ما آسہِ مےٚ کانٛہہ شخص ناراض تہٕ گوٚمُت یَس پنٕن گذریومُت یاد آسہِ پیومُت۔ بنان چھُلس تہِ آسہِ میون ہیوٗ یا تمہِ کھوتہٕ کم سنگین مرحلہٕ بُتھہِ آمُت۔ تمۍ آسہِ تمہِ وِزِ وٕدۍ وٕدۍ جٕن زار پار کوٚرمُت تہٕ گٕلی کنڈۍ ٲتی۔ تمۍ آسہٕ ہن شُرۍ تہِ عدالتس منز اٰنۍ ٲتی یمہِ سٟتۍ زَرٕ زِر آسہے گژھان۔ یار دوست تہٕ انگ اُشناو تہٕ آسہٕ ہس سُفارشہِ باپت سٟتۍ، مگر مےٚ کوٚر نہٕ یہِ ییلہِ زن مےٚ زُوچھےٚ اتھس کبتھ"۔

میون ہیوٗ گژھن "وٕدۍ وٕدۍ زار پارٕ کرن"، "گٕلی گنڈنۍ"، "زُو اتھس کبتھہٕ آسُن" اقتباسَس منز یم اظہار چھےٚ کاشرس مخصوص نفسیأتی مِزازس وِیڈۍ یم چھنہِ کُنہ تہِ طریقہٕ باسان زن تہِ چھُم لاٗ گتھ ژوٗپرتھ عبارتس منز آمۍ ٲتی ورتاونہٕ۔ محاوراتی لہجہ چھُ مکمل طریقس پیٹھ کاشریتُک احساس دِوان۔ تہٕ یتھہٕ پأٹھی چھُ واریہس حدس تام قأری سندہ آورنہٕ ہٕندی سامانہٕ، ترجمہ کار سندی دٕسی بدس تھاونہٕ آمتی۔ تہٕ یہِ چھےٚ ترجمہ کأری ہُنز فنۍ بڈ بارخوشی زِ ترجمہ گژھ واریہس حدس تام اصل تخلیقُک ہو بہو باس یا accurate لبنہٕ یِن۔
مذکورٕ ترجمہ اقتباس پرِتھ چھُنہٕ کُنہ تہِ جایہِ یہِ محسوس سپدان زِ کیا چھُ کُنہِ دوٚپر زبانۍ ہٕندہ لیکھتیُک ترجمہ بلکہ چھُ کاشرس قولس سٟتۍ جڑتھ کانٛسہِ کاشرس کردار

ہیٚژ ووندہ باوتھ۔

ماڈرٕ موٚندتہٕ موثر ترجمہ کاڈرِی ہیٚژ بیاکھ اکھ خوٗبی چھےٚ زِ ترجمہ کاڈر گژھہ اصل تخلیقُک نہ صرف معنیٰ یا مفہوم منتقل کرنس منٛز کامیاب روزن بلکہ گژھہ معنی تہٕ مفہومس ستی اصل تحریک تناظر، پوٚت منظر تہٕ مصنف سُند نقطہ نظر درشاونس منٛز تہِ کامیاب گوٚمت آسُن۔ اَتھ سلسلس منٛز چھ یتہِ نس یہِ ضروری دأیراوُن زِ ترجمہ کار اقبال نازکی ین چھُ مذکورہ مطالعہ کاٗشرس منٛز ترجماونس دوران انگریزی زبانٛی منٛز ترجمہ کرمتی افلاطون مکالہ زیرِ نظر تھاوی ٚتی تہٕ امہِ علاوہ چھُن اکھ اُردو زبانٛی منٛز ترجمہ سپدُمُت نسخہ تہِ دیدن تل تھووُمُت۔

ضروری چھُ زِ اصلی یونانی زبانٛی یا لاطینی زبانٛی منٛز یمہِ آیہِ یونانی تہذیبی روایت تہٕ نفسیاتُک نقش افلاطن سندین ڈایلاگن منٛز ووتلان آسہِ، اُسی ہکو نہٕ گُنہِ تہِ صورتس منٛز انگریزی زبانٛی یا اُردو زبانٛی ہندس ترجمس منٛز تمہِ بنیادی تقاضچ وومید کرتھ مگر تہِ چھُ پزر زِ اقبال نازکی یَس چھ ترجموٗسی کلاسیکی یونانی ادبک، تأریخُک تہٕ تہذیبک سرٛون مطالعہ تہٕ اُمی آگہی تہٕ مطالہن چھُ سیٹھاہ واریہس حدس تام ترجمہ کرنس دوران نازکی یس اتھ روٗٹ کوٗرمُت، وولہ وِچھو ہو نہِ کنہِ اقتباسَس منٛز کتھ حدس تام چھُ نازکی معنی تہٕ مفہومس ستی ستی تناظر تہٕ پوٚت منظر ووتلاونس منٛز تہِ کامیاب سپدی ٚتی تہٕ یہِ تناظر تہٕ پوٚت منظر کتھ حدس تام چھُ ٹارگیٹ زبانٛی یعنی کاٗشرس معاشرتی، تہذیبی تہٕ نفسیأتی ماحولس تہٕ فضہس ستی یہِ ڈیٖلِ زِ تہِ رَلان:

"سقراط بیوٗٹھ پتھر تہٕ کھیوٚن باقین لُکن ستی بتہٕ۔ دیوتاہن ہندہ ناد

پٔتھرس شرا بک چھِر کاوکرتھ، بھجن گیوٚتھ، تہٕ باقے رسم ادا کرتھ پٔتھی شراب چیٚنہ۔ یہِ چھےٚ سأنی خوش نصیبی زِ بڈٕ بن چینہٕ والین چھنہٕ از رغبت۔ پتھ روٗدی اُسی، اُسی اُسی دوہے کیٚتھے ............ مےٚ چھُ طِبُک تجربہٕ، تمہِ کِنی چھُس بہٕ زانان زِ نشہٕ چھُ انسانہٕ ہِندِ خاطرہ مضر۔ پانس یوتاہ مےٚ پلہِ تیوٚتاہ چھُس بہٕ امہِ نِش دور روزان تہٕ باقے لُکن تہِ چھُس نشہٕ نِش دوٗر روزنُک مشورہ دِوان تہٕ خاص کرتمہِ ساتہٕ یمہِ ساتہٕ کالُک خُمارُونہ باقے آسہِ............ وونی ییلہِ فأصلہٕ سپُد زِ پرٔتھ کانْہہ چیٚیہِ پننہِ مرضی مطأبق زور زبردستی بغأر۔ چھنا صلح یہ نےٚ واین واجینۍ کٔریوسہٕ وِنی آمٕژ چھےٚ سوزون واپس، پٔتن ساز بوٚزی تن از سو پانے یا اگر یژھ اُژن تیٚلہِ اندر، بوزنأوِن زنانن، تہٕ اُسی گذاروأ زیک شام کتھ باتھ ستی"۔

سمپوزیم مکالمکہِ اقتباسُک یہِ کأشر ترجمہ یو دوَے اکہِ طرفہٕ بیانہ کرنہٕ اُمتِس معنے ہس تہٕ مفہومس صفأیی تہٕ سادگی سان کران چھُ دوٚیمہِ طرفہٕ چھُ یہِ پرانہِ کٔشیر تہٕ یونأنی ریٚژی عقیدتی تہٕ معاشرتی زندگی ہٕندبن وارہن مشترکہ پہلوَن تہِ درشاوان۔ قدیم کٔشیر ہٕندس عقیدتی تہٕ معاشرتی زندگی منٛز یوس اہمیت شرابس، گیوٚنس نژنس تہٕ موسیقی اُس، تتھے پأٹھی اوس قدیم یونانس منٛز، تہِ دیوتا پوٗزا، شرابس تہٕ رقص وسرورچن محفلن تہٕ مجلسن ہُند سنٛز یِوان کرنہٕ۔ ترجمس دوران چھُ نازکی صأبن لفظن ہُند سٕہ ورتاوکۍ رُمت یہندلیہ تہٕ مودھر سازتہِ ستی پرن وألی سُند ظون تہٕ ضمیر مٔدران چھُ۔ "شرابک چھِرکاو"، "بھجن گیوٚنی"، "کالُک خمار"، "نےٚ واین واجینۍ"، "زنانن ساز بوزناوُن"۔

یِم ساری اظہار چھِ ویڈی کاشرِ اظہار۔ یِم نفسیأتی سکوٗنس ہِتی ہِتی جذبأتی تہٕ حیسأوی ژبڈ ہومراونس منٛز تہِ مدد چھِ کران۔ فلسفک کرتیچھر چھُ مُدریس منہٕ موہ اظہارس منٛز قندُک سادلبان تہٕ معنی تہٕ مفہوم چھُ وولی کنٛی ووٹھ لأتیتھ، ذہنہٕ کٕہن تہہ خانن منٛز باوقار جائے رٹان۔ یہے چھےٚ ترجمہ کار ہٕنٛز تخلیقی تہٕ فنی سحرکأری۔ انتھونی بُرگس سُند دوٗپ تہٕ چھُ ترجمہٕ کس فنس متعلق یُتھے۔ تمی سُند خیال چھُ زِ ترجمہ چھُنہٕ محض لفظن ہنٛز جودوگری بلکہِ گرٕ ھِ یہِ مکمل پأٹھی سأری سے تہذیبی وراثتس قأبلِ فہم بناوُن"۔

وننہٕ چھُ آمُت زِ ترجمہ کأری ہنٛز عمل چھےٚ تخلیقی فن پارس یا ادب پارس لسأنی تہٕ جغرافیأیی سرحدن ہنٛز گلہِ میوٚٹھ کرنہٕ آمٕژ خاموشی، یا کجر، خوش یونس بول بوشس منٛز تبدیل کران۔ اتھ سٹیٹمنٹس منٛز چھُ واریاہ پزر گیتھ۔ یتھ زبأنی ہِتی نہٕ انسان زأنی یاب آسہِ یا متعأرف آسہِ، تمہِ زبأنی ہُند پرٛتھ کانٛہہ اَچھر یا لفظ چھُ بے معنی تہٕ مبہم شکلن ہُند صرف نقشا و باسان۔ یِیلہِ لفظے یا اَچھرے بے معنی باسہِ یا پزٕ بٕ باسہِ، یہِ کیا ہیکہِ مفہوچ ترسیل گرتھ۔ ترجمہ کأری ہُند فن چھُ یِمن پزٕ بٕن معنی بخشتھ، علم و آگہی تہٕ فہم ادراکی بروٗتھی تراوان تہٕ یتھ پأٹھی چھِ علم وادبک پرٛتھ کانٛہہ شعبہ لسأنی یا علاقأیی سرحدوٕنش آزاد سپدِتھ عالمگیر انسأنی وراثتک حصہٕ بنان۔

پرٛتھ زبأنی چھِ پننٛی کینٛہہ مخصوص صوتی یا ساختیأتی انہار آسان، یِمہِ ہِتی امکہِ اظہارُک سازت نوٚن چھُ نیران، یہِ چھُ سنہٕ وُن تہٕ مودر باسان۔ اگر کانٛہہ ترجمہ کار اصل زبأنی ہُندہ فن پارک یا ادب پارُک یہِ صوتیأتی مأری منزر

قائیم کرنس یا ووتلاونس منز کامیاب چھُ رودمُت، یہِ چھےٚ ترجمہ کارٕ سندہٕ فنی مہارت ہنٛز سبٹھاہ بڈٕ ڈلیل۔ نتہٕ باسہِ ترٕجمہ عمل غاأرفطری، یُس ترجمہ باپت اکھ بوٚڈ عاأب گنزرنہٕ یوان چھُ۔ تہٕ قاأری چھُنہٕ تِھس ترجمس منز کانٛہہ دلچسپی نِوان۔ یوٚ تامت زن نازکی نہِ ''افلاطون مکالمُک'' تعلق چھُ موضوعی طور مُشکل تہٕ وبکھُت اُسِتھ تہِ چھُ ترجمہ کِس صورتس منز امیک اظہاراتی تہٕ معنوی ماأرِ منزر مُقدم تہٕ معتبر۔ قاأری چھُنہٕ بور گرٛھان یا نفسیأتی تھکاوٹ محسوس کران بلکہ چھُ یہِ تمام داستانوی سِر ساوبر ہتھ قاأری سُند ظون تہٕ ذہن پانس کُن بغیر کُنہِ غاأر دلچسپی متوجہ کران۔ یہِ چھُ ترجمہ کار یا ترجمہ کاأری ہُند بوٚڈ اعجاز تہٕ وصف: وِچھو بوٚنہٕ کنہِ درج اقتباسس منز کتھِ چھُ یہِ دعوی ڈلیل ہُتھ برونٛھ کُن یِوان، یہ چھُ موتس پیٹھ جِن ہُندس فاأصلس پیٹھ سقراط سُند ردِ عمل۔

''دوستو زُو بچاوُن چھُ مُشکل مگر بدی نِش پان بچاون چھُ سبٹھاہ کرٕ وٕتھ تکیازِ ہ بندی ہُند رفتار چھُ موتہٕ کھوتہٕ واریاہ زیادہ۔ یہٕ چھُس بڈٕ، پکان تہِ چھُس لوٚتُے لوٚتے روٹنس کم رفتاروأ لی یعنی موتن۔ یِیلہِ زن میأنی مخالف تزٕ کی تہٕ تیز چھِ تہٕ تم رٕٹی تیز رفتار واجنہِ بلایہِ یعنی بدی۔ توہہِ دیتومےٚ موتک سزا تہٕ مےٚ چھُ یہِ وبتر اوُن، یِیلہِ زن توہہِ یعنے میانین مخالفن تہِ حق تہٕ صداقت کہِ دربار منز پیچھ تہٕ ناکارٕ زندگی گذارنک سزا میٔول، توہہِ تہٕ چھُ یہِ میأنی پأٹھی وبتر اوُن۔ شاید اوس یِی تقدیر تہٕ یِی گوڑت.......... روخصت ہنٛک وق ووت تہٕ اُسی نیرو پنٕنہِ پنٕنہِ وتہٕ۔ مےٚ چھُ مرن تہٕ توہہِ اُسن زندگی مبارک۔ دہ یو منز کیأہ چھُ بہتر۔ تہِ چھےٚ صرف خُدایس خبر''۔

کاشرِ نثر کہِ ترقی تہٕ ادبی تہٕ علمی ووتھ واشر کہِ حوالہٕ روزِ کاشرِ ترجمہٕ کس تأرتخس نازکی ہنٛدِ ڈٟسی ترجمہ کرنہٕ آمتِس ''افلاطون مکالمہ''ہَس اکھ معتبر تہٕ مستند مقام۔ کأشر زبأنی منٛز چھِنہٕ لفظن یا اظہار کہِ حوالہٕ کانٛہہ ژھربر۔ أکس أکس لفظس چھِ معنے ین ہٕنٛدی بسیار طرح بدس مگر ضرورت چھُ زِ نازکی ہنٛدی پأٹھی گژھن عالمانہ موضوع منتخب کرنہٕ ینٛی کأشرس منٛز ترجمہ کرنہٕ خأطرٕ تہٕ عظیم موضوہن یا عظیم شخصیتن ہٕنٛدی مطالعہٕ ترجمہ کرنس دوران ییٚن ضرور وارِیاہ مشکلات تہٕ ترجمہٕ کارن مگر ونان چھِنا پننٛی مُہم چھِ پانے وَتھ ہاوان۔ مگر یمن کوششن ہُنٛد نتیجہ نیرزِ کأشرس نثرس گژھِ معیار تہٕ مبقدار دوشونٛی ہٕنٛدی رٕنگی مولُل اضافہ۔

(ب) جُرم تہٕ سزا

فیودور میکائیل دوستووسکی یُس عام پأٹھی ادبی حلقن منٛز دوستووِسکی ہنٛدہ ناوے مانٛنہٕ تہٕ زانٛنہٕ یِوان چھُ، چھُ روسی زبأنی ہُنٛد مشہور ناول نگار، افسانہٕ نولیس، مضمون نگار، صحافی تہٕ فلسفہ دان۔ سُہ زاو ۱۱ر نومبر ۱۸۲۱ء ہس منٛز روس کِس ماسکو شہرس منٛز تہٕ انتقال سپُدس ۹ فروری ۱۸۸۱ء منٛز پیٹرس برگ روٗسس منٛز۔

دوستووِسکی اوس ژکہ انجینئرنگ گریجویٹ مگر دِلی دلچسپی اُس تِمس ادبس سٟتی تہٕ روٗسس منٛز یُس شاہی سیأسی نظام تہٕ جاگیر دارانہ زرعی تہٕ معأشی گرٗت گنو ہمہٕ صدی منٛز رأیج اوس، تہٕ تمہٕ کِس تیٚچس منٛز یُس معأشی استحصال، یُس سمأجی بین، ظلم تہٕ ناانصأفی ہُنٛد دَم پھاٹناون وول ماحول عام

لۆکن ہُند مقدر بنیومُت اوس، تمۍ ترووو دوستو وِسکی ہندس سنجیدہ تخلیقی ذہنس پیٹھ سبٹھاہ سرٛون اثر تہٕ خاٗرجی سوٚتھرس پیٹھ ییہ وأنج کوٚرن واٗلی حالات و واقعات بنیہٕ طاقتور محرکات دوستو وِسکی ہندہ ناول نگار یا افسانہ نویس بننہ باپتھ۔

''جُرم تہٕ سزا'' ناول چھےٚ پننہٕ وقتہٕ کہٕ بدلونہٕ روسی سماجٕچ کتھ یوسہٕ گوڈنچہٕ لٹہٕ 1866ءمنز اٜکس رِسالس اندر قسط وار چھپنہٕ آیہ۔ پننہٕ مخصوص اسلوٗب، فنی سیٹنگ، کردارن ہندہ بدلونہٕ نفسیاٗتی وۄہار، منظر، ماحول تہٕ پۆت منظر کہٕ رنگ بستگی کِنۍ نیوٗ امۍ ادبی حلقن ہُند ظون پانس کُن مُہتھ۔ امہٕ کِس گوڈنکی سےٚ قسطس پیٹھ لگی تبصرہ چھپنہٕ۔ اکھ برطانوی داٗنشور تہٕ ترجمہ کار ڈیوڈ میکڈن چھُ لیکھان زِ یوٗت یوٗت ناولہٕ ہندی قسط چھپان روٗدی تیوٗت تیوٗت بنےٚ یہٕ یم قسط سماٗجی تہٕ عواٗمی مباحثن ہندی مرکزتہٕ محور۔

''جُرم تہٕ سزا'' ناولہٕ ہُند مرکزی کردار چھُ راسکولنکاف یُس تجزیہٕ نگارن ہندہ رایہٕ کِنۍ بذات خود ناول نگار دوستو وِسکی چھُ۔ دوستو وِسکی تہٕ اوس آزاد خیال یُس قدامت پرستی ہندس پرٛتھ آثارس نہناوُن یژھان اوس تہٕ یُس روسی سماجس منز انقلاب انُنہٕ باپت ملک بدر کرنہٕ آمُت اوس۔ یُس پتہٕ واپس پٔتن ملک یِوان تہٕ چھیکرس پتہٕ اٜتھی میٚہ منز شروپان چھُ۔

راسکولنکافنہٕ دٕسی چھُ ہاٗوِتھ دِنہٕ یِوان زِ سماجس منز نابرابری تہٕ نوسوٗر منطق کِس بنیادس پیٹھ دور کرن چھُ لاحاٗصل عمل۔ سُہ چھُ پانے ڈُبان تہٕ ناکام گژھان۔ گوہنن تہٕ ثوابن ہُند تصوریٔتس کالس نہٕ داٗخلی سوتھرس پیٹھ روحاٗنی

قوت، کس بنیادس پٮ۪ٹھ سرنہٕ یِی یا ژٕبَر نہٕ یِی نہٕ تِ تس کالس چھُ نتیجن ہُند تکمیل ناممکن۔ انسانٕتیس ستۍ جذباتی رِشتن ہنٛز ضرورت ہیکہِ نہٕ نظر انداز کرنہٕ یتھ تہٕ زندگی ہٕندی سڑنی وونگی چھِ روحانی طاقتس برونٛٹھ کنہِ سرخم گژھٲ ژٲلنٕی تہٕ نبر ترٲوِتھ پانس اندرٲ ژِتھ چھُ زندگی ہُند جوہر لبن۔

ناول "جُرم تہٕ سزا" چھےٚ پننہِ وقتکہِ روسُک اَنہٕ ہاوان۔ یتھ منٛز سُہ مستقبل گاشراونہٕ یِوان چھُ یُس از کل سانین نظرن تیر لایان چھُ، یمہِ ستۍ صاف چھُ سپدان زِ دوستووِسکی چھُ پننہِ بصیرت تہٕ کنٛز زمانہٕ کہِ قادنبر نیرتھ عالمگیر انسانی صداقتس، فرد سندین اَندرٹنن تہٕ دٲخلی تہٕ خٲرجی سوٚتھرس پیٹھ انسان سندس ذہنس منٛز ووتلن والین متضاد تہٕ متصادم خیالہٕ محشرستانن ہُند کردار تہٕ واقعاتن ہٕند ذریعہ اظہارُک قالب بخشان۔

دوستووِسکی سندین اکثر ناولن منٛز چھُ غٲر یقینی صورت حال درٲنٛٹھی گژھان خاص گژھتھ "جرم تہٕ سزا" ناولہِ منٛز۔ سُہ چھُ ونان، نہٕ فقط زِ جرم کرنٕکی مقاصد تہٕ محرکات کیا چھ؟ بلکہ موقعہ محل تہٕ زمان و مکان تہٕ چھُ غٲر یقینی صورتحالس منٛز پرن وٲلِس بلکہ جُرم کرن وٲلِس تہٕ برونٛہہ کُن یِوان۔ یہ چھےٚ امہِ کتابہِ ہنٛز بڈٕ خوبی زِ اتھ غٲر یقینی تہٕ غٲر واضح صورتحالس منٛز چھےٚ دلیل برونٛہہ برونٛہہ پکان۔ یوہے چھُ دوستووِسکی سُند ووستادانہ فن یُس ژھنٛد بن بیشتر مطالعاتن منٛز کاڈ کڈتھ تہٕ ووتھ واشرسان پرن وٲلِس تہنٛدِ بجرُک قٲیِل کران چھُ۔

شمشاد کرالہٕ وٲری ین چھُ دوستووِسکی سنٛز یہ شاہراہ آفاق ناول "جرم تہٕ

سزا'' کأشرس منز ترجمہ کرتھ نہ صرف کأشرس نثرس معیار لحاظ باگہٕ بورت اضافہ کوٚر مُت بلکہ چھُن فن تہٕ موضوع کہِ حوالہٕ کأشر زبأنی ہٕندس افسانوی ادبس تہٕ نثر دوشوٚنی کارِ ووگن برٛزرتہِ کوٚرمُت تہٕ نوبن منزلن ہنز نشاندہی تہٕ کرٕمژ۔ شمشاد کرالہٕ وأرۍ چھُ گوڈے ترجمہ کأری ہٕندس فنس منز پننہٕ مہارژ سَند پرأوٕمژ ییٚلہٕ تمو ساہتیہ اکادمی ہٕندہ طرفہ دون ایوارڈ یافتہٕ ناولن ''گوڈ چھےٚ یوان راتھ'' تہٕ ''دانبس زٕ سیر'' ناولن کأشرۍ پأٹھۍ ترجمہ کوٚر تہٕ یمن علمی تہٕ ادبی حلقن منز سبٕٹھاہ پذیرأیی حاصل سپز۔

یوٚ تامت زن ادبی ترجمہ کأری ہُند تعلق چھُ اتھ منز چھنہٕ لفظن ہٕندس ظأہری معنے ہس یا لغوی معنے ہس ترجمہ کرنس دوران زورِ یوان دِنہٕ۔ اتھ بدل چھُ متن کس پوٚت منظرس منز لفظن ہٕندن تہن تہٕ طرحن پوٚت ژھایہٕ گُپتھ تہذیبی تہٕ کلچرل معنے ہن دریافت کرٕنچ کوٗشش یِوان کرنہٕ۔ امہٕ باپت گژھِ ترجمہ کارس اصل زبأنی تہٕ تہذیبی تأریخُک گہرہ مطالعہ آسُن ضروری۔ یتھ منز سو ادبی تخلیق آسہِ لیکھتہ۔ چونکہ شمشاد کرالہٕ وأرۍ چھُ ناولہِ ہنز گوڈ کتھِ منزے پننہٕ ادبی دیانتدأری ہُند یہِ ژٕنتھ ثبوت دِوان زِ یوٚ دوٚے مےٚ روٗدۍ واریاہ انگیز ترجمہ أچھن تل تہٕ یمو منز مےٚ اکھ منتخب کوٚر یُس کانسٹس گارنٹن (Constance Garnett) کوٚرمُت اوسس تہٕ یُس مےٚ پننہٕ حسابہٕ رُت باسیوٚو''۔

اگرچہ شمشاد کرالہٕ وأرۍ سیٚدہ سیوٚد دوستووِسکی ہٕندہ ناولہٕ اصل روسی زبأنی پٹھ ترجمہ کوٚر مُت چھنہٕ مگر اکھ کتھ چھےٚ ضرور زِ ئہ چھِ واریہس حدس

تام کامیاب گوٚمُت نہ صرف بنیأدی یا اصل ناولہ ہُند روح، تہٕ کردار کأشر زبأنی منٛز منتقل کرنس منٛز بلکہ چھُ سُہ اظہار کہِ حوالہٕ لفظن تہٕ ترکیبن تہٕ محاورن ہٕنٛز تمہِ آیہِ ژأر کران زِ اصل زبأنی ہُند لسأنی تہٕ تہذیبی دأیرٕ چھُ دِیدن تل رقص کرنہِ لگان۔ تہٕ یتھ کٔنی چھُ مفہومس معنے ہَس تہٕ واقعاتن ہٕندس پوٚت منظرس درمیان اکھ معنہ سوٚ متحرک تہٕ پُراسرار تعلق دأری پأدٕ ہ گژھان۔ ووٚنی گوٚو کُنہِ کُنہِ جایہِ چھُ سُہ لفظن ہٕندس انتخابس دوران زیادے ہشیاری سان کأم ہیتھ ہتم لفظہٕ استعمال کران یِم نہٕ سباق وسیاقس ستی ہشر چھِ تھوان تہٕ یِمہِ کٔنی معنے کہِ اثر آفرینی پیٹھ منفی اثر چھُ پیوان۔ پیش چھُ ناولہِ ہٕندِ ہ شروعاتک یہِ اقتباس:

''أمی چیوم شراب......... تہٕ بہٕ تھاونس پھأنگر کٔرتھ''۔ میلا دوف ہٕنٛز خاندار نہِ ووٚن مویوس اندازس منٛز۔ گوٚ وژے چیوتھ پوشاک کٔنِتھ شراب تہٕ یِم موصوٗم بچأری مودی ہۄ چھِ ہۄ چھِ کران! شُر بن کُن اِشارٕ دِتھ ووٚننس اتھ موران موران ''ہتا مردودا! ژے چھینٛہ مند چھی تہٕ گژھان''؟ یکایک مٔتے یہِ سوراسکولنکامن ''گووژ آکھ أمِس شراب وانہٕ پیٹھ ستی! ژیتہٕ آسی أمس ستی شٕلہِ چیوٚمُت؟ آ ژے چھے أمی سے ستی شراب چیومُت۔ ژٕ نیر میانہِ کُٹھِ منٛز نبر یتہٕ گژھ دفع''۔

''جُرم تہٕ سزا'' چھےٚ اکھ نفسیأتی ناول۔ تہٕ توٚے چھُنہٕ اتھ منٛز یک پاسل اسلوب نظر گژھان۔ اتھ منٛز چھُ یکہِ وٹہٕ بیانیہ اسلوبس تہٕ کأم آمژ ہینہٕ، کردارن ہٕندِ بن دأخلی جذباتن تہٕ احساساتن زبو انہِ خأطرٕ چھُ خود کلامی

ہُند طریقہ اظہارتہٕ نظر گژھان تہٕ ناول ہُند پلاٹ بروٚنہہ پکہٕ ناوٕنہٕ کردارن ہُند بدل وُن انہار درشاوٕنہٕ خاطرٕ مکالماتی اسلوبس تہٕ کأم إٓنٛز ہیٚنہٕ۔ یہٕ اسلوبیاتی پھیرہاوچھُنہٕ ترجمہ کارن کُنہٕ تہٕ رنگہٕ نظرانداز کوٚرمُت، بلکہ چھُن امہٕ پھیرہاوٕ چ دلچسپی برقرار تھوٚنہٕ خاطرٕ ٹارگیٹ زبأنی ہٕندہ مخصوص محاورک سبٹھہے مہارت سان ورتاو کوٚرمُت یمہٕ سِتی معنے تہٕ مفہومس سِتی سِتی کردارن ہٕنٛز عملہٕ تہٕ توٚژرک تہٕ تسلسل برقرار چھُ ہیوٚ کمُت روزِتھ۔ وچھیو یتھ درج اقتباس منٛز یِتھ چھِ یم سأری اسلوبیاتی پھیرہاوتہٕ ترجمہٕ کارن کمہٕ بأریک بینی سان چھِ یم کأشرمحاورکہٕ مددِ پنٛنہٕ ماجہٕ زبو منٛز منتقل کٔری مٔتی۔

"تمی دیٚت ہنگہٕ منگہٕ خیالن ہٕندس طوفانس اندر تھمِ تہٕ گوٚو اِستادٕ" آیہ ہیکہِ نہٕ بنِتھ؟ اماٚژ کیاسنا ہیکھ امیک روٗٹ کرنہٕ باپتھ گرتھ، پأنی پانس لوٗگ پرژھنہٕ" ہیٚکھا تمن مدد کرتھ۔ تکرتھ ژے کُس حق تہٕ چھےٚ تمن منع کرنکھ؟ ژٕ کیاسنا ہیکھ تمن معاوضہ دِتھ۔ یہ حق یِو دوٚے ژے دِنے تہٕ ژٕ تھاوکھ پنٛنٕ سأری زندگی............ پٔنٕن سورے مستقبل تمن آیتن۔ مگر یِیلہٕ تعلیم پرٔ اوتھ ملازمت میلی"۔ آ............ آیہ چھُ بروٚنہہ تہٕ بوزمُت۔ یہٕ چھُ فقط زبأنی زیادٕ"۔

نوٚم چومسکی سُند وُنُن چھُ زِ "زبان چھےٚ خودمختار تخلیقی عمل۔ امِکو شرأیطہ تہٕ ضوأبط چھِ اٹل مگر ترجمہ کرنس دوران یمہٕ طریقہٕ یِمن ضوابطن ہُند پاس یوان چھُ کرنہٕ، سو عمل چھےٚ واقعی آزادی طلب کران تہٕ بیٚیہ گژھ سو حدروٗس گٔژھِر

الجھتی آسنہٕ"۔

گۄ وکہِ ترجمہ کار ہیکہِ نہٕ محض لفظ بہ لفظ ترجمہ کرنس منٛز پانس قاۍدتھاوِتھ، ضروری چھُ یہِ زِ تصورات، محسوسات تہٕ خیالات گژھن تِتھہٕ پاٹھۍ منتقل کرنہٕ یِنۍ ترجمائے زبانۍ منٛز یتھہِ پاٹھۍ تِم اصل زبانۍ منٛز آسن مخصوص تناظرس تہٕ ماحولس منٛز ووتلان تہٕ اظہار لبان۔ ترجمہ کارس چھےٚ یہِ آزادی بدس ووٚنۍ گۄ و امہِ ستۍ گژھہ نہٕ تخلیق کس بنیادی رۄحس تہٕ معنے کِس تہذیبس تہٕ صداقتس کانٛہہ دٕ دار واتن، شاعری ترجمہ کرنس دوران ہیکو گرامرکہِ لحاظ جملن ہٕندس ترتیبس یا ساختس منٛز یہِ ڈۍلِ زِ تہٕ تلگھ پیٹھ تہٕ کرِتھ مگر نثری ترجمس دوران چھنہٕ کانٛہہ گنجایش یژھ ہشہِ اسلوبیاتی تبدیلی ہنٛز۔ نثری تخلیقہٕ یا نثری ادب پارس ترجمہ کرنہٕ وِزِ چھُ زبانۍ ہٕندہ گرامرکہِ حوالہٕ زبردست ہشیار پیوان روزن تہٕ ہرگاہ معمولی زیر زبر ہنٛز تہٕ فرق گژھہ گرامرکین ضوابطن ہنٛز عمل آوری منٛز یہِ چھُ یوان بوڈ کوس گنز رنہٕ، ترجمہٕ کار ہٕندہ حوالہٕ تہٕ یہِ چھےٚ یوان سہل انگاری مانٛنہٕ۔ شمشاد کرالہٕ واری چھُ بحیثیت ترجمہ کار اتھ رنٛگس منٛز پورہ ہشیار لبنہٕ یوان۔ اگرزن "جُرم تہٕ سزا" ناول اسلوبیاتی لحاظ سبٹھاہ پُریچ ناول چھِ تکیازِ ہٕ اَکس کامیاب نفسیاتی ناولہِ ہٕندی پاٹھۍ چھِ اتہِ کردارن ہُند شعورتہٕ تل شعور درشاونہٕ خاطرِ ناول نگار بسیار اظہار جہژن ہُند ورتاو عملہِ منٛز انان تہٕ یمن بدلوٚنین ذہنی کیفیژن دویمہِ زبانۍ منٛز ترجمہٕ کرنس دوران ہیکہِ ترجمہٕ کارس کھور تہٕ ڈلِتھ تکیازِ ہٕ پرتھ زبانۍ چھِ پنٕنۍ مخصوص گرامری ضوابط آسان۔ مگر شمشاد کرالہ واری چھُ ترجمہ کار ہٕندہ حیثیت یہِ فرض سبٹھاہ

ہونرمندی، سنجیدگی تہٕ سلیقہٕ سان اداکوٚرمُت۔

پیش چھُ درج ذیل اقتباس دأخلی شہادت کہِ غرضہٕ:

''یہِ چھاسوے میٚری بیانا یُسند ژٕ ونان اوسکھ تمہِ گٔری تژے آزاد خاندر''؟

''نہ.........نہ.........یہِ چھُس وُنہِ دوٗیے۔ پزر چھُسے ونان۔ تہٕ گٔرتھ فرق کیاپیٚیہِ ہے اگر یہِ ژوٗ رِم یاپندأ ہم تہِ آسہِ ہَس۔ اسمان پیٚیہِ ہا زمینس پیٹھ۔ یہ سونچنُے چھُ بکواس۔ مےٚ اگرے پننِس مألس ماجہِ ہٕندِ ہ مرنک زانٕہہ پھیورمُت چھُ سُہ چھُ ووٚنی۔ کیازِ یہٕ چھُس دپان اگرے مول موج زندہ آسہِ ہم تمن برخلاف کیٚتھ شدید احتجاج کرہابو.........تمن ژلہِ ہا کھورتلہٕ میٚوہ نیرتھ''۔

یمہِ ساتہٕ أسی اقتباس کس گوڈنکس جملہٕ کس ترتیبس وٕچھان چھِ۔ گوڈے چھُ پرٚنسپل کلاسس منٛز مرکزی ناوت یوان متعارف کرنہٕ یعنی ''میری بیانا'' تہٕ جملس چھُ تکمیلس واتناوان predicate یمٕ ترٚیہِ آزاد خاندر چھ گٔری مُتی''۔ تہٕ یتھ پأٹھی چھُنہٕ جملہٕ کس ساختس منٛز کانٕہہ ابہام ورتاونہٕ آمُت بلکہ چھُ دوشوٕنی زبانٕین ہٕندین نحوی اصولن ہنٛز پاسدأری تہِ دیانتدأری سان نِبھاونہٕ آمژ۔ یوٗتے یوت نہٕ بلکہ ''اسمان زمینس پیٹھ پیوٚن''، ''کھور تلہٕ میٚوٗ نیرِتھ ژلنی'' بیترِ محاورتی اظہار چھِ جملس منٛز ساختی تہٕ معنوی اختصار عطا کرنس منٛز سیٹھاہے مددگار ثأبت سپدی مٕتی تہٕ یہِ چھُ واقعی ترجمہ کارٕ سندہ ذہنی بالیدگی تہٕ ترجمہٕ کس فنس پیٹھ تٔمی سندہ مکمل دسترس آسنس ہٕنٛز تعبیر سپدان۔

ترجمہ بامعنیٰ تہٕ قابلِ قبول آسنہٕ خاطرٕ چھُ اکھ اہم شرط یہِ زِ ترجمہ کارس پزِ نہٕ محض فن پارک متن نظرِ تل تھاوُن بلکہ گژھِ تمس لکھارٕک یا مصنف سُندہ نظریہِ زندگی، ذٲتی وِہارتہٕ تمہِ سٕنزہ معاشرتی پوٚت منظرٕچ تہٕ آگہی آسنۍ۔ یوٚتے یوت نہٕ تمس گژھِ پرن والێن یا تماشہٕ بێن (ڈراما یا فلم کہ حوالہٕ) ہُندہ دلچسپی ہُند تہِ احساس تہٕ لحاظ آسُن۔ تمِ مِثالہ یِم غٲر ضروری آسن تہٕ یِم نہٕ پرن وٲلس پلہِ پێن، یِم انتشارُک سبب بنن، تمِ گژھن ترٲوِتھ ژھننہِ یِنۍ۔

پرن وٲلی سٕنز دلچسپی برقرار تھونہٕ خاطرٕ چھُ ترجمہ کارس زبٲنۍ ہُند لگہٕ لہجہ یا روزمرہ لہجہ نظرِ تل پَوان تھوُن تہٕ یہِ وَل آزماونہٕ خاطرٕ چھُ ضروری زِ ترجمہ کرنس دوران گژھِ ٹارگیٹ زبٲنۍ ہُند محاورٲتی کردار ورتاوُن یِتھ پرن وٲلس یہِ پننہِ لسٲنی تہٕ تہذیبی ماحولُک انگ تہٕ رنگ باسہِ تہٕ شمشادن چھ یہِ وَل زبرپٲٹھۍ ورتوٚمت یِتھ پٲٹھۍ ہیرِہ کنہِ درج اقتباسہٕ تل ننان چھُ۔

ادبی ترجمہٕ کٲری منز چھنہ زبان صرف ترسیلی عملہِ ہُند وٚسیلہٕ آسان بلکہ چھُ امچہِ لگہٕ ہٲری ہُند رازادبُک یا فن پارک اہم مقصد یعنی جمالیاتی حِس پرن والێن تام واتناوُنس منز گێتھ۔ ترجمکہِ حوالہٕ چھےٚ کانٛہہ تہِ ادبی تخلیق تصور کرنہٕ پتھٕ تکمیلس تام واتنس تام اکہِ پیچیدہ عملہِ منز گذران تہٕ بقول روسی افسانہٕ نگار پُشکین:

”ترجمہ چھُ ٹارگیٹ زبٲنۍ ہُندبن لوٚکن ہُند اُنہٕ آسان یُس علامتن تہٕ اِشارن ہُندس وَردنس منز وٚلتھ چھُ آسان۔ توے چھُ ادبی ترجمہ کٲری ہُندی مسایٔل فن کس دٲیرس منز یوان تہٕ امہِ

خأطرٕ چھُ ضروری امیُک مخصوص لوازمات تہٕ پانہٕ ناوٕنۍ''۔

شمشادن چھُ ''جرم تہٕ سزا'' ناولہِ منٛز ادبی ترجمہٕ کرنس یمن ضوابطن ہنٛد احترام وار یہس حدس تام کوٚر رٕمت۔ تہٕ یوہے چھُ وجہ زِ باوجودیکہِ غأر ملکی لسأنی تہٕ تہذیبی میوٗ ستی جُڑِتھ، ''ناول جُرم تہٕ سزا'' چھ کأشرس پرن وألس پنٕنہِ لسأنی، تہذیبی تہٕ معاشرتی صداقتن ہُنٛد باس دِوان تہٕ یمن صداقتن ہٕندہ اظہار خأطرٕ یوس زبان یا یُس لہجہ ترجمہ کارن پانہٕ نو وُمت چھُ۔ سُہ چھُ ماجہِ میوٗ ہنٛز خوشبوے ہُند نافہ ژھٹان۔

کأشرس ادبس منٛز یوس کم مایگی تہٕ ژھرٕ بر ناولہِ ہٕندہ حوالہٕ میلان چھُ، سُہ گٔمی ہیکہِ ''جرم تہٕ سزا'' ہو بن شاہکار ناولن ہٕندہ ترجمہٕ ستی وار یہس حدس تام پُرٕ وَنہٕ یِتھ۔ تہٕ شمشاد چھ واقعی شاباشی ہُند مستحق تہٕ تہُند ناوروزِ کأشرِ زبأنۍ منٛز ترجمہ کس تأریخس منٛز امہِ ناولہٕ ہٕندہ بدولت زندہ۔



## مطالعہ کُتب

۱)اقبال نازکی،افلاطون مکالمہ(ترجمہٕ کأشُر)
۲)شمشاد کرالہ واری،جُرم تہٕ سزا(ترجمہ کأشُر)
۳)ایلنسڈ رافِکاڑدی، Translation studies
۴)لارنس وینوٹی، Translation studies, theories and application،اٹلانٹک پبلشرز
۵)شوسان بینسل Reflections on translation
۶)رچیل گلمور، Maltilingual carrents in literature, translation and culture

# آتشن نثرنگاری ہنٛدی کینٛہہ امتیازی انہار

یہِ حقیقت قبول کرنس منٛز چھُنہٕ کانٛہہ عاب زِ کاشُر زبانۍ چھِ نثری تخلیقاتن ہنٛدِ حوالہٕ ادبی عظمتکۍ تہٕ علمی شناختکۍ وُنہِ واریاہ منزل سر کرٕنۍ تہٕ امہِ باپتھ چھُ کوہنہٕ مشق، تجربہ یافتہٕ، سلیقہ مند تہٕ سینہٕ کشادہ عالمن، وسیع مطالعہٕ تہٕ سنجیدہ ذہن تھاون والین لکھارٕن ہنٛز سخت ضرورت۔ وونۍ گۄو کینٛہہ صدی بروٗنٛہہ تام اوس عالمچین علمی زبانن منٛز تہِ نثرس مقابلہٕ شاعری ہُندے پوتر زیادہ گوب۔ یوتام متھ زِ ڈراماتہِ اوس شعری صِنفہِ ہنٛزے صورتے یوان لیکھنہٕ گنزرنہٕ، لہٰذا چھُنہ یہِ تیژھ ہژر مندی ہنٛز کانٛہہ کتھ زِ کاشرس منٛز چھُنہٕ نثرٕچ کانٛہہ ڈٕر تہٕ وسوار شہادت بدس۔ پزٕ رتہِ چھُ پی، گنوہمہِ صدی ہُندس اٰخرس تہٕ وُہمہِ صدی ہُندس ابتداہس تام اوس کاشرِ ادبی تاریخُک گُلہم اساس شاعری ہُندی مختلف انہار۔ تہٕ کاشرِ زبانۍ ہُندِ ادبی تاریخُک دَس تہِ چھُ ژوداٛہمہِ صدی منٛز شاعری ہُندِ صِنفہٕ ستی ووتلان۔

یوٗ تامتھ زن کاشرس منٛز نثرک تعلق چھُ۔ امیک شروعات چھ ترٛبن بیوٚن نثری انہارو ستی سپدان۔ گوڈنیک اوس عقیدتی قسمُک نثر، دوییم اوس اطلاعاتی تہٕ تریٚیم اوس داستانوی یا فکشنل نثر۔ وونۍ گۄو یمن ترٛبن قسمن ہُندس نثرس

منز ییتھ قسمس مختصر وتس منزے فنی خوبصورتی تہٕ فکری پختگی تہٕ اعلیٰ معیارُک اعزاز حاصل سپُد سہ اوس فکشنل نثر۔

ییٚتہٕ ترقی پسند تحریکہ ہٕنٛدس اثرس تحت کأشرِ شأعری منز مبقد ارتہٕ ہیتی تجربن ہٕندی رٕنگی وارِیاہ اضافہ سپُد تتہٕ آو اعلیٰ تعلیم یافتہٕ کأشرین اُدیبن ہٕنٛدِ دٕسی کأشرس منز رنگہٕ رنگہٕ نثر لیکھنُک شعوری دٕسلابہٕ تہِ کرنہٕ۔ یوٚ دوے زن یمن نثری کوٗششن منز اوس فکشنل نثرس کُن زیادہ مأل لبنہٕ یوان۔ مگر یمو ابتدأیی کوٗششو ترأو اکھ بنیاد کأشرِ زبأنی منز شأعری ستی ستی نثر لیکھنہٕ کہِ حوالہٕ تہٕ یمن منز ادبی، عالمانہ، انکشأفی، سوانحی، تنقیدی، تجزیأتی، رپورتاژ، داستانوی تہٕ اطلاعاتی نثر بیترِ ہتہِ شأمل اوس۔

وُہمہِ صدی ہٕندہ ستِٕ مہِ دہلہِ یورُن پھیُر کینژھو کأشرو بہلہِ پایہِ اُدیبو کأشرس نثرس کُن خاص توجہ تہٕ پننہِ دأنشورانہ تہٕ تجربأتی صلاحیژ کامہِ منز اُنتھ ترأو کھِ تِتھی نثری مطالعہ بروٚنہہ کُن یمہِ ستی نوین اُدیبن تہِ کأشرس نثرس کُن شعوری مأل پھیوٚر۔ اُدیبن ہٕنٛدِس اُتھی حلقس ستی وابستہ اکھ باصلاحیت، محنتی تہٕ وسیع مطالعہ تھاون وول اُدیب چھُ غلام نبی آتش۔

آتشن تہِ یوٚ دوے پننہِ تخلیقی شخصیژہِ اظہار باپت ابتداہس منز شأعری ہُندے مُروج وٚسیلہِ منتخب کوٚرمگر اُکس بالغ نظر اُدیب سٕنزِ حیثیتہٕ ژٲنی یمو یہِ صداقت گہرأیی سان زِ کأشرِ زبأنی ہٕندس ادبی سرمایس منز یوس کمی نثرِ کہِ حوالہٕ لبنہٕ چھےٚ یوان۔ سہ دور کرنہٕ خأطرٕ چھُ زبأنی منز نثری ادبس کُن توجہ دِنٕچ سخت ضرورت۔ چنانچہ یوٚہے مقصد نظرِ تل تھأوِتھ آیہِ وُنیس تام کم از کم ترٕیہِ

درجن کتابہٕ آتش نہٕ چھاپ گژھتھ بازر۔ یمن نثر پارن منز چھِ لُکہٕ ادب، تخلیقی ادب، تنقیدی ادب، تجزیأتی ادب، انکشأفی ادب، تدریسی ادب، سوانحی ادب، مذہبی تہٕ سماجیأتی ادب، تأریخ، تہذیب تہٕ اطلاعأتی ادب، ترجمہ، تحقیق، بیترِ علمی تہٕ ادبی مطالعہ شأمل۔

شعری ادبکہِ پأٹھی چھِ نثری ادبس متعلق تہِ مربوٗط، واضح، تہٕ مثبت اسلوبیأتی آداب، تقاضہٕ تہٕ شرط وشروٗط۔ یمن تقاضن تہٕ فنی مہارت کین شرط وشروطن تہٕ مؤلہٕ ضابطن ہُند سرٗ ون مطالعہٕ تہٕ زان کأری گژھ پرٛتھأدیبس تہٕ قلمکارس آسنۍ ضروری۔ امہِ علاوہ یتھ پأٹھی شعری اصنافن پنٕنۍ کینٛہہ الگ الگ ہیتی، لسأنیأتی، موضوعأتی، اسلوبیأتی تہٕ فنی آداب تہٕ ضوابط چھِ، تتھے پأٹھی چھِ مختلف نثری صِنفن تہٕ زمرن تہِ پنٕنۍ منفرد تہٕ مخصوص انہارتہٕ آکار آسان۔ مثالہِ پأٹھی یوٚ تامتھ زن اطلاعأتی نثرک تعلق چھُ، امیُک مرکزی مُدعا چھُ آسان کانٛہہ اطلاع، کانٛہہ زان کأری یا کانٛہہ پأغام پرن وألس تام یا بوزن وألس تام واتناوُن۔ زبأنی ہُند یُس لُکہٕ انہار آسہِ یا زبأنۍ ہٕند ہ حوالہٕ یُس اجتمأعی محاور آسہِ یا سو زبان یتھ عام تہٕ عوأمی ترسیلچ توژھ، تونگر تہٕ بل آسہِ۔ اطلاعأتی نثر نگارس چھُ یمن سارنے کتھن ہُند خیال تھاوُن ضروری۔ یتھے پأٹھی چھُ سوانحی نثر لبکھن وألس خاطرٕ ہ بیانیہ، تحریری اظہارُک وَل عملاون سبٕٹھاہ ضروری تکیازِ یہِ وَل ورتاونس پتہٕ کٕنۍ چھ زٕ وجوہات، اکھ یہِ زِ مذکورہ شخصیت ہٕند ہ کردارٕ کی گژھن دوشوے خأرجی تہٕ دأخلی پہلو قأری یس باپت متعارف سپدنۍ، دویم یہِ زِ قأری سُند توجہ سوانحی شخصیوٕ ستی اندس تام جُرتھ روزنہٕ

باپتھ چھُ کہانی ہُند بیانیہ اظہار، سوانحی نثر خاطرٕ ہ موزون قرار آمُت دِنہٕ۔ لگہٕ نثر صحی معنے ہس منٛز ورتاونہٕ باپتھ چھُ ضروری زِ نثر نگارس گژھ گاٗمی سماٗجیاتُک سرٛون مشاہدہ تہٕ مطالعہٕ تہٕ بیٚیہٕ گژھبس آسُن گامی زندگی ستی وابستہٕ اِدران، کارندن تہٕ مختلف گاٗمی پیشہ ور طبقن ہنٛز زانکاٗری تہٕ گاٗمی نفسیات سمجھنُک گژھس شود بود آسُن۔ یتھے پاٹھی چھُ انکشاٗفی نثر لیکھنہٕ باپتھ تمہِ لساٗنی تعمیرٕ چ ضرورت، یوس شک، تذبذب، دلچسپی، تاٗجبی تہٕ تجسُس پرن واٗلس منٛز ووتلاوِ۔ غرض پرٛتھ نثری صِنفہِ چھ پنٕنی الگ الگ تہٕ مقررہ زبان و بیانٕکی شراٗیط تہٕ یِم آداب چھِ تجربہٕ کار نثر نگار پنٕنہِ پنٕنہِ ضرورت تہٕ موقعہ محل ڈیشتھ اسلوبیاتی وَلو تہٕ زباٗنی ہُندی مخصوص ورتاوٕ ستی باعمل اَنان۔

یِمن مخصوص نثری صِنفن علاوہ چھ عام ادبی نثر، تخلیقی نثر یا دانشورانہ نثرٕ خاطرٕ بنیاٗدی شرط زباٗنی ہُندہ گرامری ساختُک خیال تھاوُن از حد ضروری۔ کُنہِ تہِ نثر پارہ کہِ بنیاٗدی شناخت خاطرٕ ہ چھُ ضروری ترسیلی وسیلہٕ زباٗنی ہُندس گرامرس نسبتھ ایمانداٗری برتٕنی۔ نثرس تہٕ شاٗعری درمیان چھےٚ یہ اکھ بنیاٗدی فرقہٕ ہنٛز نشاٗندہی کران۔ یہ شرط عملاوُن چھُنہٕ شاٗعری خاطرٕ ہ ضروری۔ شاٗعرس چھےٚ یہِ آزاٗدی زِ سُہ ہیکہِ زباٗنی ہُندس مُسلّم گرامری اصولن نظمہِ ہُندس تعمیرس تہٕ تشکیلس دوران تلکھ پتھ تہِ کٔرتھ۔ مگر یہِ چھُ نثرٕ باپتھ سُم قاتل تصور یوان کرنہٕ۔

نثرک دوٚیِم بوٚڈ خصوصی انہار چھُ امیک اختصار تہٕ موضوع مرکزیت، غاٗر ضروری جُزیات تہٕ بے وایہِ تفصیل چھُ جان نثر نگاٗری خاطرٕ اکھ بٔڈ خاٗمی

یِوان مانِنہٕ۔ نثری اقتباسکی سأری پرٛت، تہٕ یا شیڈس گرٛھن مرکزی خیال یا مذکوره موضوعس أندۍ أندۍ گتھ کرٕنۍ۔

ترٛیٖیم بیاکھ گون چھُ صحت مند نثرک زِاتھ منٛز چھُنہٕ شأعری ہٕندۍ پأٹھۍ بیرونی یا اندرونی آہنگ، سازٕت تہٕ لَے آسٕنۍ ضروری۔ امہِ خأطرٕ چھُنہ شعری مصرعن پأٹھۍ نثری جُملن ہُند بحر بند یا وزن دار آسُن ضروری۔ نثری جملس منٛز چھُ مفہومٕکس اختتامس تام واتنس دوران ضروری گرامری علامتن تہٕ نشانن ہُند عملاوُن ضروری۔ نتہٕ ہیکہِ مفہوم تہٕ معنیٕکس صحتس دَدارٕ وأتتھ یُس گُلہم موضوعی دوٚیزاو خأطرٕ ٹھٔری ہیکہِ پأدٕ گرتھ۔ واحد یا جمع، اِسم اشارٕ بدل چھُ نثری جملُک شروعات بذات خود بنیأدی اِسم یا ناوٕتی ستی کرن لازمی۔ آ۔ افسانوی نثرس خأطرٕ چھُنہ یہٕ ضأبطہٕ ضروری۔ جملن ہُند گرت چھُ ادبی نثرس منٛز عوامی یا روزمره اظہارکی پأٹھۍ زبأنی ہٕندس تسلیم شُده گرامری اصولن تابع آسُن ضروری۔ یتھے پأٹھۍ چھِ بیٚیہٕ تہٕ وارِیاه اسلوبی قأعدٕ تہٕ ضأبطہٕ یم مخصوص لسأنی ورتاوٕ ستی نثر پارس منٛز عملاوٕنۍ ضروری چھِ۔ یِہے اسلوبیاتی وَل ییٚلہِ کانٛہہ نثر نگار پننہِ مخصوص تخلیقی بِتر تہٕ مہارت ستی موقعہ محل، موضوع تہٕ تناظر وُچھِتھ ورتاوان چھُ أتھۍ خاص ضابطہ بند تہٕ مسلسل تحریری کوٗششہِ چھ یِوان کانٛسہِ نثر نگارٕسنٛز طرزِ ادا، طرزِ بیان یا خاص اسلوبیاتی انہارٕ ستی تعبیر کرنہٕ۔ تہٕ یہے تمیز یا امتیاز چھُ تمس دوٚیمبن لکھأربن نِش اکھ انفرأدی، اسلوبیأتی یا تحریری شناخٕچ سَند عطا کران۔ وون کروأسی کوٗشش ہیٚره کنہِ درج نثر کین بنیأدی شرأیطن یا ضأبطن ہٕنده حوالہٕ یہٕ زانٕنۍ زِ غلام نبی آتش کتھ حدس تام چھُ

کامیاب سپُد مُت پنٕنہِ نثری مطالعن منٛز تہٕ کیاہ تم چھا پزٕ ی بحیثیت اکھ صاحب طرز نثر نگار وو تلنس منٛز کامیاب سپدی ٚمتی کنٕہ نٕہ؟ اگر گمتی چھِ تہٕ کتھہٕ پاٚٹھی؟ اگر نٕہ تہٕ تیلہِ کم چھِ تم خاٚمیہ یم تمس اکھ صاحب طرز نثر نگار بننس منٛز ٹھٕرِ چھِ آمتی؟

نثری مطالعہن ہٕندہ حوالہٕ چھِ مبقدار تہٕ معیار دوشؤنی ہٕندِ لحاظ غلام نبی آتشن ساروٕے کھوتہٕ زیادہ کاٚم فوک لور، زباٚنی ادب تہٕ لُکہٕ ربوایژن ہٕندس بارس منٛز کرمژ۔ یم چھ تحقیقی تہٕ تجزیاٚتی مطالعس دوشوٕنی کوٚم کرٕتھ۔ یوٚتامتھ زن لُکہٕ ادب کس شعبس منٛز تحقیقی مطالعہُک تعلق چھُ، اتھ منٛز چھُ قومن، قبیلن، معاشرن، وٹن ہنٛزہ اجتماٚعی یاداوٚری تہٕ مسلسل پاٚٹھی لُکہٕ ربوایژن ہٕندس عملاونس پتہٕ کینٛہہ مذہبی، معاشرتی، عقیدتی، یرژھن، پرژھن تہٕ رسم وریژن ہٕندس افادیتس، لگہٕ ہاٚری تہٕ قبیلہ شناخت کٕنن اجتماٚعی کوٚششن، منظر تہٕ پوٚت منظر دوشوٕے دیدن تل اٚنتھ سنجیدہ مطالعُک مرکز تہٕ پوان بناوٕنی تہٕ بنیادی سرچشمہٕ تہٕ............دؤیم گوٚو یہٕ زِ مےٚ بروہے عرض کوٚر زِ زباٚنی ادب یا فوک لورکس تحقیق کارس گژھہ گاٚمی سماجیاتچ تہٕ لُکہٕ نفسیاتچ صحی زان کاٚری آسٕنی۔ ترٛیم گژھبس اسلوب کہِ حوالہٕ زباٚنی ہٕندس لُکہٕ ارضتس پیٹھ نظر آسٕنی تہٕ امہِ ارضتکہِ اظہار باپتھ گژھبس زباٚنی ہٕندس لُکہٕ محاورس پیٹھ کامہِ منٛز انٕنچ اُستادنہٕ مہارت تہٕ بدس آسٕنی۔ فوک لوریا لُکہٕ ادبکہِ حوالہٕ چھِ مےٚ لگ بھگ آتشنٕنی ساٚری مطالعہٕ پرٛ ٚمتی۔ یم ساٚری لیٚکھتھ چھِ آتش نس وسیع مطالعس، کٔشیر ہٕندس تہذیبی تہٕ سماٚجی تاٚریخس پیٹھ تہنٛز گہرہ زان کاٚری، گاٚمی

سماجیاتس تہٕ لگہٕ نفسیاتس پٮ۪ٹھ تہنٛز سنجیدہ نبض شناسی تہٕ ذاتی تجربس تہٕ مشاہدس پٮ۪ٹھ دٲرِتھ، یِمن مطالعہن پتہٕ کنہِ چھُنہٕ کُنہِ تہِ زبانی تاریخ یا زبانی ادبہٕ کہِ تھیوریزن ہُندہ حوالک کانٛہہ عمل دخل مگر یمہِ آیہِ لگہٕ وراثت، لگہٕ رِوایژن، زبانی یادداوری تہٕ لگہٕ ادب کٮ۪ن موضوعاتن پٮ۪ٹھ آتشن قلم چھ تُلمت، شعوری یا غارشعوری طور چھِ تم یِمن تھیوریزن ہُندٮ۪ن مؤلہٕ نقطن یا نظریاتن ہنٛز پاسداری کرنس منٛز وارِیہس حدس تام کامیاب سپدٕ مُتۍ۔

وچھتو "زِراعتس سٍتی تعلق تھاوَن والی کینٛہہ رسم تہٕ رواج"، مضمونس منٛز چھُ آتش ہیٚر کنہِ زبانی وۄتر کہِ ریژٕی تھیوری ہُنٛدی اَن مطابق کینٛژھن مذہبی، موسمیاتی تہٕ سماجی رسمن ہنٛز ذکر کران یِمن منٛز وۄنی کینٛہہ یا تہِ گاٹھ کھاتس آمتی چھِ تراونہٕ۔ نتہٕ چھِ شہر یا سرَین دۄرۄنہِ وُنہِ کُنہِ گامس منٛز اجتماعی کُملی یاداوری ہُندس بنیادس پٮ۪ٹھ ازتہِ مختلف زرعی سرگرمین دوران عملہِ منٛز یِوان۔ وچھتو مذکورہ مضمونس منٛز کتھِ پاٹھی چھُ سُہ اتھ موضوعس واش کڈان۔ امہِ پتہٕ کرواسی اقتباس کٮ۪ن اسلوبی گونن ہنٛز نشاندہی:

"زراعتس سٍتی تعلق تھاون والی رسم تہٕ رواج اَسی پتھ کالہٕ پٮ۪ٹھ سبٹھاہ یژھ پژھ تہٕ جوشہٕ جذبہٕ سان پالنہٕ یِوان۔ یِمو منٛز اَس وارِیہن رسمن ہنٛز شکل وصورتھ مختلف علاقن منٛز مختلف آسان۔ کُملی چھِ ہمیشہ نم ژم گاٹلتھ رٹتہِ تہٕ ہُر فصلچ آش رچھان رۄدی مُتۍ۔ پٔنن فصل غاٹیلو تہٕ بیمار بونش بچاونہٕ باپتھ اَسی تم آستانہٕ آنکنو تہٕ مشید براندو پٮ۪ٹھ لوٚھ ڈوِتھ انان تہٕ تو برک رٹنگی پنہٕ نٮ۪ن کھہن چھکان۔

زرعی فصلن ددار واتنکہٕ خدشہٕ سببہٕ اُسی گژیسی، پیرن، فقیرن تہٕ
اولیا کرامن ہُند اتھ روٗٹ ژھاران۔ زراعتس چھُ ہمیشہ توٗمس
خلاف بے وق موسمی تبدیلی ستی نقصان واتنک اندیشہ مثالے
ڈونٹھ، واو، داوُک، رَے تہٕ بے وق بأرش تہٕ شٹین چھُ اتھ بعض
اوقات تباہ تھوان گرتھ۔ اوے چھُ گامن منز سونتہٕ ہردٕ، اجتماعی
خأراتھ یِوان کرنہٕ، خاراتھ چھُ الاین بلاین تہٕ وأری داتن ٹھوٗر۔
گژیسی اُسی پیرن فقیرن نِش تعویذ تہٕ توبرکھ اُنتھ زراعتہٕ کہِ پیشگی
بچاوٕچ سبیل ژھاران''۔

یہِ چھُ اطلاعاتی نثری اقتباس یمیک مُدعا تہٕ مقصد پرن وألس تام لوکہ
ادب یا فوک لور کہِ حوالہٕ زمین زراعتس ستی وابستہ کینژھن مُروج لکہٕ
پژھن، لکہٕ وطیرس، لکہٕ نفسیاتس، لکہٕ توہماتن، رسمن تہٕ رِواجن متعلق
زانکأری واتناوٕنی۔ اطلاعاتی نثر خاطرٕ چھُ بیانیہ اظہار معقول تہٕ لگہ ہاریوان
مانّہٕ۔ اتھ منز چھُنہ زبأنی ہنز وضع دأری، تخلیقی زأوجارس تہٕ اظہارِکس مُبہم
آسنَس کانْہہ جائے۔ یہِ فرض چھُ آتش سبٹھے پُرخلوص طریقس پیٹھ ادا کرنس
منز کامیاب رؤدی مُتی۔ مذکورہ عبارتک یُس اسلوبی گرت چھُ سُہ چھُ بیانیہ نثرٕ
کِس قالبس بالکل عین۔ مرکزی موضوع چھُ زراعت تہٕ رسم رِواج تہٕ
توہمات بیترِہ چھکو لیفے کرن وألی صفاتی انہار یا منسوبہ اظہار۔ آتش چھُ سہل،
سادہ، سلیس تہٕ ژھوٹین جُملن منز گوڈہ مرکزی موضوعس یعنی
زراعتس یا زرعی سرگرمیہ یا سرگرمین ستی متعارف گرتھ پرن وألی سُند ظون تہٕ

من منتخب موضوعس کُن راغب کران۔ تہٕ پتہٕ چھُ یمن سرگرمین ہِتی وابستہٕ یرٛھن پرٛھن، عقیدن، لکہٕ نفسیاتس تہٕ گامی معاشی تہٕ معاشرتی زندگی منٛز زراعت ہِکس اہمیتس تہٕ امکہٕ کامیاب وو پرٛاو خاطرٕ اَوچھی تہٕ موسمیاتی شرارتن نِش محفوظ تھونٕ باپتھ کُملی برادری ہُندبن توہماتن، امارن تہٕ ارمانن ہُند اکھ پُر اثر معنی سووتہٕ یقینس پیٹھ مبنی لکہٕ وِو ہاژک اکھ خوبصورت لفظ نقشاو پرن واٲلی ہِندبن دیدن تل اپٕنچ کوٗشش کران۔ مذکورہ عبارت منٛز نہٕ چھُ حوالجاتی اِشارٕ، نہٕ چھُ مبالغہ نہٕ چھُ غٲرضروری جُزیات تہٕ نہٕ چھےٚ تخلیقی تکن گری۔ یہِ چھُ اطلاعاتی نثرچ خوٗبی تہٕ یہِ ذمہٕ دٲری چھےٚ آتشن زبرپاٹھی نکھٕ وٲجمٕژ۔ موضوع تہٕ اسلوبک یہِ توازن، معنی تہٕ اظہارٕچ یہِ باہمی وَٹھ تہٕ غٲر سوالیہ جملن ہُند گُرت چھُ مذکورہ نثری اِقتباسکہِ متی مٲری منظرٕچ صاف تہٕ شفاف دٔلیل پیش کران۔

اِطلاعاتی نثرکہِ ہیٚرٕ ہ کنہِ درج اِقتباسہٕ پتہٕ کرٕبہٕ غلام نبی آتش نہٕ ''کاشُر معراج نامہٕ'' کہِ حوالہٕ تمہٕ ہِندس تجزیاتی نثرس پیٹھ موضوع تہٕ اسلوب نظرٕ تل تھاوِتھ کتھ کرنٕچ کوٗشش۔ تجزیہ چھُ فن تنقید نگاری ہُند اکھ موثر تہٕ معتبر وَل۔ یمہٕ ہِکنی تجزیہ نگار کُنہِ ادب پارس یا ادب پارن، فن پارس یا فن پارن ہُند گہرتہٕ سنجید مطالعہٕ کرتھ تمن منٛز تخلیقی سوٚتھرس پیٹھ اظہار، معنی، متن یا دویمین پہلوٗوَن ہُندِ ہ حوالہٕ پنٕنی کانٛہہ رائے پیش کران چھُ۔ مختلف تجزیہ کار چھِ مختلف ادبی تھیوریزن ہُندس بنیادس پیٹھ یا کُلہم تھیوریزن ہُندس مُتفقہ یا متضاد نظرین ہُندس بنیادس ہیتھ کُنہِ فن پارس، ادب پارس خارجی تہٕ داخلی عوامِلن

ہُندس پوٚت منظرس منٛز سام ہیٚنٛج کوٗشش کران۔ یہ چھُ تجزیہ نگار سٕندس ذہنی رٔویس تہٕ تِمی سٕندِس نظریہ یا نظریاتی تعلق دأری پیٹھ منحصر۔ ہاں اکھ کتھ یوس تجزیہ نگارس ذہنس منٛز تھونی ضروری چھےٚ سُہ گیہ غأر جانبدأری یوٚت ممکن تیٚژھ نبھاوٕنی تہٕ بیٚیہ نہٕ جذباتن تجزیہ کأری ہنٛز عملہِ پیٹھ حاوی گرٕھنہٕ دیٚن۔ ووٕنی ہمو أسی کأشرِ معراج نامہ یُس اکھ تجزیأتی مطالعہٕ چھُ امہِ کِس پوٚت منظرس منٛز آتش سٕندِس تجزیأتی نثرس سام ہیٚنٛج کوٗشش۔

کأشر معراج نامہٕ (جلد ا) کتابہِ منٛز چھُنہٕ صرف کأشرِ زبأنی منٛز لیکھنہٕ آمتین کینٛژن معراج نامن ہنٛز سومبرن کرنہٕ آمٕژ بلکہِ چھُ ابتداہس منٛز گوڈ کتھِ عنوانس تحت ۲۸ صفن پیٹھ مشتمل اکھ تجزیأتی مطالعہٕ تہِ پیش آمت کرنہٕ۔ امہِ بروٚنٹھہ زِ أسی کرو موضوع تہٕ اسلوب کہِ حوالہٕ کتھ، أسی وِچھو غأر جانبدأری تہٕ جذباتن ہٕنٛدِ عمل دخل کہِ حوالہٕ کیاچھُ آتش سُندرٔوی یہ رود مُت؟

تجزیہ نگأری ہنٛز عملہِ منٛز یوٚتامتھ زن آتش نہٕ غأر جانبدأری ہُند تعلق چھُ، سُہ چھُ یہِ نبھاونس منٛز وارِیاہ کامیاب رٕو دمُت، مطالعہٕ کہِ دأخلی شہادژ ہٕندہ حوالہٕ۔ سُہ گوٚو یہِ زِ آتش چھُنہٕ شأعر سٕندس ذاتی تخلیقی منصبس، تِمی سٕندس صوفیانہ مرتبس یا کأشر ادبی تاریخ کہِ حوالہٕ شاعر یا شأعرن ہُندس تأریخی کارنامن یادِتس نظرتل تھأوتھ یا اسلأمی تأریخس یا تحریکن منٛز موضوع یا واقعہ معراج کِس عظمتس، طہارتس تہٕ تقدُسس نظرتل تھأوِتھ جذباتن منٛز یِتھ شأعرن ہُند بن فنی ناکأمین یا تخلیقی کمزورین پیٹھ پردہ ترأوِتھ پنٕنی ذِمہ دأری نبھاوٕنٛچ کوٗشش کران بلکہ چھ تِم أکِس سنجیدہ تجزیہ نگار سٕندی پأٹھی کأشر

معراج نامس منز شامل۔ معراج نامن ہٕندِ بن تخلیق کارن مستند تہٕ مثبت تخلیقی معیارن ہٕنڈِس بنیادس پٮ۪ٹھ سام ہیٚنچ کوٗشش کران۔ وچھتو کاشرِ زبانۍ ہٕندِس بہلہِ پایہِ تہٕ بسیار گو شاعر محمود گامی ہٕندِس معراج نامس متعلق کمہِ آیہِ چھُ تجزیہ نگار تتھ مولہِ آنکون کران۔ محمود گامی ہٕندِ بن مجموعی شاعری گونن تہٕ زبانۍ ہٕندہ حوالہِ تٔمی ہٕندِس دِیٚتِس اؤک طرف چھُ آتش غار جانبدأری آیہِ تٔمی ہٕندِ بن شعری کوتاہین نقاب کُشائی کران۔ پیش چھُ کاشر معراج نامہِ کتابہِ ہٕندہ گوڈِ کتھ نِش منتخب یہِ اقتباس:

''محمودن تہِ چھُ یہِ (معراج نامہ) ثواب تہٕ اجر حاصل سپدنکہِ امارتہٕ نیتہٕ موکھ لیو کھمُت، حالانکہ اوسط سوٚتھرِ کس اتھ منظومس منز یُس سرساوِرٕک تھٔرل ماحول ووتلاونہٕ یُن گوٚژھ سہ چھُنہٕ ووتلیومُت، موضوع تہٕ مواد کہِ حوالہٕ یوسہٕ ڈُپھ وأری اتہِ نظر گژھنۍ گژھ سہ چھُنہٕ گُنے۔ محمودن چھنہ اتہِ شاعرانہٕ وَل ورتأوی مُتۍ۔ دراصل یہِ کینہہ ہاتٔمی پورمُت اوس یا بوزمُت اوس، تی بوون سیٚد سیوٚدتتھ ہیوٚکن نہٕ ژیمتہِ یا ئری متہِ تجربکۍ پأٹھۍ شعر وَردن لاگتھ۔ باسان چھُ تٔمی تہٕ چھُ اتھ اُولس مقدس موضوعس تہٕ امہِ کین متولقاتن، پھٔری پھاہ تہٕ تخیلکہِ کوندہ منز پین جوش دِنک جُرتھ کرن نہٕ ووٚرے شمشیر دارِ پیٹھِ پکہٕ نس برابر بلکہ تمہِ کھوتہ تہٕ مشکل زونمُت۔ اوے کیازِ ن مولہِ آنکون ہیکہِ اتھ وژنس سپدِ تھ۔ وون گوو واریاہن جاین چھُ سہ خبر کیازِ، اتھ منظومس منز

اوسط درجہٕ شاعری ہُندِ ہ سوٗتھرِ پٔٹھ تہٕ بوٗن وسان، ہرگاہ گُنہِ ساتہٕ
تشبیہہ ورتاوان تہِ چھُ تتہِ پھٕس رِکنی گژھان"۔

واقعہ معراج چھُ تمہِ مقدس تہٕ پُراسرار سفرُک روداد یمہِ متبرک سفرٕچ
دعوت رب کاینات پننِس محبوب تہٕ ٹاٹھِس پیغمبرأ خرزمانس، پانہٕ دِژمٕژ اُس
تہٕ یہِ اوس سُہ تعشوقہٕ سفر یُس زمان ومکانہٕ کیو ٹھہر بوتہٕ حدودو نِش مُبراتہٕ پاک
اوس۔ یہِ واقعہ چھُ اسلامی تأریخ وتہذیبس تہِ سلسلہ انبیا کس متبرک کرأنی
ہانکلِ منز اکھ باعظمت تہٕ پُروبقار پڑاوٕچ نشاندہی کران۔

اتھ بابرکت تہٕ نورانی سفرٕ کس موضوعس پیٚتہِ عربی، فارسی تہٕ
دویمبن عالمی تہٕ علاقأیی زبانن منز شعری اظہارُک تخلیقی جامہٕ
ولنہٕ آمُت چھُ، تتہِ چھِ کأشرِ زبأنی منز تہٕ وار یہو شأعرو یہِ سنجیدہ
موضوع نظماونٕچ کوٗشش کٔرمٕژ یمن منز سید عبداللہ بیہقی، محمود
گأمی، شمس فقیر، وہاب کھار بیترِ ناوہنٛس لایق چھِ۔ آتش نہٕ
مذکورہ نثری مطالعہُک موضوع چھ یمنے معراج نامن ہنٛز
سومبرنا تہٕ تمن پٔٹھ مختصر تجزیأتی یا ناقدانہٕ نظر۔

تجزیأتی نثرٕچ اکھ واضح خصوصیت چھےٚ امیک غأر وضاحتی اسلوب۔
توصیفی یا صفاتی اظہار نِش یوٗت پلہِ تیوٗت پٔتھ پان لوٗب تھاوُن۔ زبأنی ہُندہ
غأر شخصأوی طرحٕچ پاسدأری کرٕنی، محاورأتی زیبأیش تہٕ آریشی شعری اسلوبہٕ
نِش فأصلہٕ قأیم کٔرتھ زبأنی ہُندس دانشورانہٕ ورتاوس پٔٹھ توجہ مرکوٗز کرُن یتھ
فن، معنی، مفہوم تہٕ فکر ہُندی بسیار طرح پنہٕ عنن سارنے دأخلی تہٕ خأرجی

محرکاتن شمول کماحقہٗ بدہٕ ین کڈنہٕ۔

آتش سُند یہِ تجزیأتی نثری اقتباس چھُ وارِیاہس حدس تام یِم بنیادی ضرورتہٕ پزٕی پورٕ کران۔ وؤں گوٚ آتش چھُ عبارت کہِ دأخلی شہادژ اوٗک طرف ترأوِتھ شاید موضوعچ نزاکت تہٕ تقدس نظرِ تل تھأوِتھ، محمود گأمی سٕنزن شعری کوتأہین نسبتھ بحیثیت أکس پوختہٕ کار تجزیہ نگار سُند رول ادا کرنہٕ بجایہِ فنی خأمیین ہُند بار موضوع کس متبرک تہٕ زأویل آسنس ستی تعبیر کران۔ موضوع یوت تہٕ پُراسرار متبرک تہٕ معنی سوٚ وآسہِ یہِ چھُ اظہار تہٕ ترسیلکی، زبان وبیأنکی تتھے قألب تھرنس پتھ تہِ شأعرس آمادٕ یوٚت نہٕ بلکہ مجبور تہِ کران۔

اسلوبیأتی سوٚ تھرس پتھ تہِ چھُ تجزیأتی نثر خأطرِ آتش صأب آرایشی، صفاتی تہٕ محاوراتی زبان ورتاوان۔ امہِ ستی چھُ مذکورہ اقتباس کس گوڈنکسے جملس معنوی کوس یوان۔ مِثالے آتش صأب چھُ ابتداہس منزٕ ونان ''اوسط سوٚتھرِکس اتھ منظومس'' منزٕ یُس سرِ ساوِرک تُھرل ماحول ووتلاونہٕ یُن گوٚ ژھ سُہ چھُنہٕ ووتلیو مُت''۔ تجزیہ نگار چھُ گوڈے تسلیم کران زِ یہِ چھُ اکھ اوسط سوٚتھریک منظوم تہٕ اگر یہِ فنی ڈیجرن بےزُوتہٕ لسأنی گرِتی اوسط سوٚتھرک منظوم بنوومُت چھُ تیلہِ کُس سرِ ساوبر تہٕ تُھرل ماحول ووتلاونک متمنی چھُ باسان تجزیہ نگار۔

''شمشیر دار پتھ پکُن'' تخیلہ کہِ کوندہ منزٕ پیُن، تُھرل ماحول بیترہ محاورأتی تہٕ زیبأیشی طرز اظہار چھُ سیدٕہ سیوٚد باسان ٹینگ تہٕ رأہی نہِ نثری طرزِ اسلوبک پوٚت گژھ تہٕ یہِ وَل چھُنہٕ کُنہ تہِ صورتس منزٕ صحت مند تہٕ تجربأتی

نثر خاطرٕ ہ سوٗ دمند۔ تتھے پاٗٹھی چھُ برونٹھ کُن تہٕ آتش صاب وہاب کھارنِس لیکھی مِتِس معراج نامس پیٹھ کتھ کران اُمی قسمہٕ کیٚن اظہاری لغزشن ہُند شکار گژھان۔

آتش نین یمن کینژھن اسلوبیاتی کوتاہین اوٗک طرف ترأ وِتھ اُسی ییٚلہِ امہِ مذکورہ مطالعہُک بغور جائزہ ہیوان چھ۔ تجزیہ نگار سُندِس موضوعی انتخابس، تمی سُندِس مؤلہ مدعاہس تہٕ تمی ہندس خلوصس تہٕ نیک نیتی پیٹھ ہیکہِ نہٕ شاید کانٛہہ تہٕ اونگیج تُلِتھ۔ معراج نامن ہنٛز یہِ سوٗمبرن تہٕ یمن ہُند تقابلی مطالعہٕ تہٕ تجزیہ چھُ ووتھ وٕنین سکالرن ہٕندہ خاطرٕ چشم کُشا یمہِ لحاظ زِ تجزیہ نگارن چھُ موضوعُک تقدس تہٕ طہارت اوٗک طرف ترأ وِتھ، مذکورہ معراج نامن پیٹھ چھرافنی تہٕ تخلیقی معیارن نظرتل تھاٗوِتھ مولہٕ آنکون کرنٕچ کوٗشش کرٕمژٕ تہٕ تقابلی مطالعس دوران چھُکھ مختلف معراج نامن ہٕندہ حوالہٕ تخیلی تہٕ تخلیقی سوٗتھرس پیٹھ مثبت پھیرہاٗورِکی نقوش بدہ کڈِی مِتی تہٕ یہٕ وَل ہیٚکہِ تقابلی ادبی مطالعہٕ کِس سکالرس یا طاٗلب علمس خاطرٕ نفیس رہبری کرٕتھ۔

تحقیق چھُ آتش نہٕ علمی تہٕ ادبی دلچسپی تہٕ سرگرمی ہُند بیا کھ اکھ منہ موہ شعبہٕ۔ اُکس پیشہ ور محقق سندی پاٗٹھی چھُنہٕ تِمس کانٛہہ خاص یا مخصوص تحقیقی سرحد یتھ اُندی اُندی سہ موضوعاتن ہُند انتخاب کران چھُ۔ آتش سٕند بن تحقیقی موضوعاتن ہُنٛد داٗیرٕ چھُ تاٗریخ پیٹھ ادبس تام، سماجیات پیٹھ لُگہٕ وِدٕ ترس تام تہٕ سوانحی پیٹھ تہذیبی شناختس تام پھاٗلِتھ۔ ''بازیافت''، ''تحقیق''، ''سرمایہ تہٕ سام'' چھِ کینٛہہ تِتھی تحقیقی مطالعہٕ یمن ہٕندہ گہرہ مطالعہٕ ستی آتش نین تحقیقی صلاٗحیتن ہُند

اندازہ ہبکان چھُ سپدِتھ۔ یہِ مےٚ بروٚنٛہہ عرض کوٚر زِ آتش چھِنہٕ پیشہ ور محقق تہٕ تِمس نِش ہیکو نہٕ تمہِ آیہِ ریسرچ میتھاڈولجی ہُنٛد تقاضہ کرتھ تہٕ تِہٕ پاٹھی اَکِس سند یافتہ محققس نِش کرتھ ہیکو۔ چونکہ آتش چھُ مختلف علمی شعبن یکوٹہٕ کوٚم کرتھ تہٕ تحقیقی ذمہ دأری نبھاونس دوران اوس اصولاً آتشن یمن مختلف علمی زمرن ستیٚ وابستہ رنگہٕ رنگہٕ موضوعاتن خأطرٕ بیٚون بیٚون میتھاڈولجی پانہٕ ناوٕنی ضروری، ووٚنی چونکہ آتش صأب چھِنہٕ درساً کانٛہہ تحقیق کار بلکہ چھِ عملاً تہٕ شوقیہ اکھ متحرک تہٕ سرگرم محقق لہٰذا ہیکو نہٕ اَمِس پیٹھ یمن اصولن ہُنٛدس بنیادس پیٹھ کانٛہہ کوس اَنتھ۔ تہِ کرتھ تہِ چھُ اَہندِ بن تحقیقی موضوعاتن پیٹھ نظر تراوِتھ، اَکِس پوٚختہٕ کار تہٕ حبسٕہ ہشیار محقق سُند باس لگان تہٕ یہے چھےٚ بحیثیت تحقیق کارأمی ہندہ کامیابی ہُنٛز بڈ سَنَد۔

یوٚتامتھ زن تحقیقی مطالعن باپت کارگر تہٕ موثر نثری ورتاوٕ چ کتھ چھےٚ۔ اکھ کتھ چھےٚ بہرحال نظرتل تھاوٕنی ضروری سُہ گوٚ ویہ زِ تحقیقی مطالعہٕ تحریر کرنہٕ وِزِ چھُ نہٕ محض مثبت لسأنی جملن ہُنٛدس ساختس پیٹھ ڈٔو کھ کرن ضروری۔ یہ چھُ جملس واد، دٔلیل یا دعویٰ کینہہ بنیأدی تحقیقی شرأیطن یا ضابطن نِش آزاد کرتھ چھِ راسٹیٹمنٹ یا بلا سند بیان کس سوٚتھرس پیٹھ واتناوان۔ اتھ برعکس چھُ تحقیقی نثرس منٛز سوالیہ یا استفامیہ لہجس پیٹھ تاکید یِوان کرنہٕ یتھ اِنکشافن تہٕ ممکناتن ہُنٛد اکھ نوٚو کاینات ظہور لبہِ تہٕ اتھ عملہٕ دوران یم ممکنہ جوابات ردِ عمل رِکس صورتس منٛز بروٚنٛہہ کُن یِوان چھِ تِم چھِ کہیا اوٚچھی تہٕ نادیدہ صداقتن تہٕ پزرن کُن بھروسہ مند رہنمأیی کران۔ تہٕ اَکِس تحقیق کارس خأطرٕ چھِ یم آثار

نتیجس تام واتنس منز پزٕی رہبری کران۔ تحقیقی نثرک بیاکھ اکھ خصوصی شرط چھُ زِ اتھ منز گژھ تشکیکی اظہارس کُہ پہن مازنہٕ یُن تکیا زِ ہ۔ یتھ ہی جملہ یا اظہار چھِ نتیجن بے اعتبارتہٕ شک آور بناوان یُس تحقیقی عملہِ ہٕندس صحتس پیٹھ سوالیہ نشان کھڑا چھُ کران۔ مثلاً یم لفظ ''دپان چھ'' ونہٕ چھ یوان ''شاید'' بیترِ ہ۔ یتھ ہی اظہار چھ غاٗر یقینیتُک باس دِوان تہٕ غاٗر یقینیت چھے تحقیقی عملہِ باپتھ نوقص یانا کارِ یوان زانہٕ۔

ووٚنی نمو أسی ''سرمایہ تہٕ سام'' کِتابہِ منز تحقیقی نثرک اکھ نمونہٕ تہٕ کرو کوٗشش یہِ زانٛنچ زِ آتش کتھ حدس تام چھُ کامیاب روٗ دمُت تحقیقی مضمون منز مخصوص نثرٕکی آداب بجا انٛنس منز۔ پیش چھُ یہِ اقتباس یُس ''سرمایہ تہٕ سام'' کتابہِ ہٕندس یتھ عنوانس تحت ''سوٗنتی پندتن کاٗشر فارسی نصاب' منز ژارنہٕ آمُت چھُ۔

''سوٗنتی پنڈی تنہِ کاٗشرِ فارسی نصابُک ترٛے قلمی نسخہ چھِ ازتام دسیاب سپدی مُتی۔ زِ سپدی انیس الرحمان صاٗبنہِ ذٕسی دریافت تہٕ تمو گری دونوی یو منز الہِ پلہٕ 85 شعر نقل، یم 1973ء کہِ کاٗشر شیرازٕکس گوڈنکِس شمارس منز اکہِ موخصر معلوماتی تہٕ تجزیاتی مضمون سان شایع کرنہٕ آوکھ۔ تمو چھِ کینٛہہ مصرعہ تہٕ نیم مصرعہ تہٕ نقل کٔری مُتی۔ بیاکھ نصاب سپد شیرازٕ کِس امی وٕ ری یکِس ژوٗرِمس شمارس منز شایع یُس نوٚم حرف لیکھن وأ ٔلِس دستیاب سپد مُت اوس۔ امہِ پتہٕ آو سید انیس کاظمی صاٗبس دسیاب سپد مُت بیاکھ نصاب (یُس

نتیجس تام واتنس منز پزٕی رہبری کران۔ تحقیقی نثرک بیا کھ اکھ خصوصی شرط چھُ زِ اتھ منز گرٕ شتھ تشکیکی اظہارس کُے پہن مازنہٕ یِن تکیا زِ ہ یتھ ہی جملہ یا اظہار چھِ تہٕنجن بے اعتبار تہٕ شک آور بناوان یُس تحقیقی عملہٕ ہٕندس صحتس پیٹھ سوالیہ نشان کھڑا چھُ کران۔ مثلاً یم لفظ ''دپان چھ'' وننہٕ چھ یوان ''شاید'' بیترِ ہ۔ یتھ ہی اظہار چھ غأر یقینیتُک باس دِوان تہٕ غأر یقینیت چھےٚ تحقیقی عملہٕ باپتھ نوٗقص یا ناکارٕ یوان زاننہٕ۔

ووٚنی ہمو اُسہِ ''سرمایہ تہٕ سام'' کِتابہِ منز تحقیقی نثرک اکھ نمونہٕ تہٕ کرو کوٗشش یہِ زانٕنچ زِ آتش کتھ حدس تام چھُ کامیاب روٗ دمُت تحقیقی مضمون منز مخصوص نثرٕکی آداب بجا انٕس منز۔ پیش چھُ یہِ اقتباس یُس ''سرمایہ تہٕ سام'' کتابہِ ہٕندس یتھ عنوانس تحت ''سوٗنتہٕ پنڈتن کأشر فارسی نصاب' منز ژارنہٕ آمُت چھُ۔

> ''سوٗنتہٕ پنڈتن کأشرِ فارسی نصابکۍ ترٛے قلمی نسخہ چھِ از تام دسیاب سپدی مُتی۔ زٕ سپدی انیس الرحمان صأبنہِ ذٔسی دریافت تہٕ تمو گٔری دونوی یو منز الہٕ پلہٕ 85 شعر نقل، یم 1973 ء کہِ کأشر شیرازٕ کس گوڈنکس شمارس منز اکہِ موخصر معلوماتی تہٕ تجزیأتی مضمون سان شایع کرنأو کھ۔ تمو چھِ کینٛہہ مصرعہ تہٕ نیم مصرعہ تہِ نقل گٔری مُتی۔ بیا کھ نصاب سپُد شیرازٕ کِس امی وٕری یکس ژوٗرِمس شمارس منز شایع یُس نوٚم حرف لیکھن وأٹِس دستیاب سپُد مُت اوس۔ امہٕ پتہٕ آو سید انیس کاظمی صأبس دسیاب سپُد مُت بیا کھ نصاب (یُس

باسان چھُ سونتہ پنڈتن چھُنہٕ) تہند اکھ نوٹ ہتھ کاُشر شیراز کہٕ
دوٕیتر ہمہِ جلدِ کِس اَکِس شمارس منز چھاپنہٕ۔ یمن سارنے
نِصابن ہنز بحر، اکے، فاعلاتن، فاعلاتن، فاعلاتن، فاعلات۔
امیک مطلب گوٚ و کشیر منز چھُ تتھی نصاب لیکھنک رِواج اوسمت
تہٕ تمن ہندی نسخہ آسن گنہِ گنہِ لوٗکن نِش ضرور موجود............امہِ
نصابک یُس قلمی نسخہ مےٚ نِش موجود چھُ تتھ منز چھ 160 شعر۔ یہِ
نسخہ چھُ اصل نسخہٕ پٮ۪ٹھ نٲنِل اسلام آبادٕکی پیر محی الدین مخزون
صأبن 1345ھ منز نقل کوٚرمُت۔ مخزون صأب اَسی نہٕ چھرا
گونماتھے یأتی بلکہ عربی فارسی زبانٕی ہندی عالم آسنہٕ ہُریمانہٕ جان
خوش نویس تہِ۔ دپان سونتہ پنڈت اوس عِشق کرنہٕ کِس رٕژس پٮ۪ٹھ
قأدکرنہٕ آمُت، پتہٕ تمی فارسی زبانٕی ہندس قدردان حأکمس خوش
کرنہٕ خأطرِ یہِ نصاب لیوٗکھ تہٕ اتھ منز کشیر ہندٕن صحت افزا
مقامن ہُند تہِ ناوہیوٚت تہٕ شیٚیہِ ترٕہن پرگنن ہُند تہِ، حالانکہ گرٛند
گرتھ چھِنہٕ یِم پرگنہٕ شیٚیہِ ترٕہ سمان............سونتہ پنڈتس متعلق
چھُنہٕ معلوم سہٕ کتھ زمانس منز چھ اوسمُت۔ ونہٕ چھُ یِوان سہٕ اوس
پٹھان دورس منز۔ کیٚنٛژھن ہُند گفت چھُ رسہٕ اوس ڈوگرہ راز امر
سنگھ نس زمانس منز، ہپأری ییٚلہِ سہٕ لیکھان چھُ "از امید الِسفاتِ
بندگان نادشاہ"، تمیک مطلب گوٚو نادشاہ چھُ گُستام حأکم یہندِس
زمانس منز سونتہ پنڈت اوسمُت چھُ، تمی سےٚ خوش کرنہٕ باپتھ چھُن

نصاب تہٕ لیو کھمُت۔ زیرِ نظر نصابس چھُ مرأزی پھوٚر بنان چھُ
نقل کرن وألی مرأزی ما آسبس پھور بدلومُت، نتہٕ ماچھُ سونتی
پنڈی تھےٚ مرأزی اوسمُت"۔

آتش نہِ ڈٲسی ژارنہٕ آمُت درج یہِ مضمون چھُ تحقیقی حوالہٕ سبٹھاہ دوررس
تہٕ وسیع تأریخی اہمیتُک۔ دوررَس امہِ کِنہٕ زیہِ کوٗشش ہیکہِ نوبن سکالرن باپتھ
تحقیقی مضمونن ہُندس انتخاب کرنس منٛز فأیدہ مند رہنمأیی کٔرتھ۔ دوٚیم بیا کھ
اکھا ہم تحقیقی گون۔یتھ کُن یہِ اقتباس اشارٕ کران چھُ زِ آتش چھُنہٕ گوڈے ژأپی
مِتِس مضمونس یا موضوعس مہارت، مطالعہ تہٕ محنت کس بل بوتس پٮ۪ٹھ محض
اضافہ کٔرتھ یا نوبر دِتھ پننہِ سکالرشپک باس یژھان دیٚن بلکہ چھُ سُہ تِتھِس غأر.
معروف تہٕ وٕبھتی موضوعس، تحقیقُک، مدعا تہٕ مرکز بنأوِتھ پننس پانس اُکس
مشکل صورت حالس منٛز تراوان تہٕ امہِ عرق ریز محنتہِ ہُند پھل چھُ تحقیق
کارس ضرور اُخرس پٮ۪ٹھ میلان۔ تہٕ آتش سنٛز محنت تہِ چھ پزی رَتھ کھٔژ ہٕژ۔

تأریخی اہمیت چھےٚ اتھ منتخب موضوعس یہِ زِ یٮ۪لہِ سنسکرت بدلہٕ شُراُہمہِ
صدی یورکُن فارسی مکمل پأٹھی شاہی تہٕ سرکأری زبأنی رنگ تسلیم کرنہٕ آیہِ۔ تہٕ
سوٚرے سرکأری کأم کار تہٕ علم وادب کہِ حوالہٕ پٔرتھ کانٛہہ سرگرمی آیہِ فارسی زبأنی
منٛزے کرنہٕ۔ یٮ۪تہٕ کبوٗ سنسکرتی تہٕ پنڈتی وبدوانو کوٚر بغأر کانٛہہ وقت ضایع کرنہٕ
فارسی زبأنی تہٕ امہِ کِس علم وادبس نِش متعارف گژھنہٕ باپتھ پٔرتھ کانٛہہ شعوری
کوٗشش۔ تأریخ چھےٚ گواہ زِ مغل تہٕ افغان دورس منٛز یٮ۪لہِ کشیر منٛز فارسی زبان
ظٲلس پٮ۪ٹھ اُس، مسلمان عألمو، شأعرو تہٕ تأریخ دانن ستی ستی اوس کأشریو

پنڈت عالموتہِ فارسی زبان وادبس منز پٔژن ناوکمووُمت۔ سوتیٚ پنڈتن کأشُر فارسی نصاب چھُ امی عالمانہ تہٕ ادبی روایژ ہُند اکھ شاندار تسلسل۔ یہِ موضوع چھُ اسہِ بنیٚس أکِس تارٖیخی صداقت کُن ظون پھِرِناوان۔ سُہ گوٚو یہِ زِ افغان دورس منز یُس سیأسی بےیقینیُک ماحول کٔشیرِ منز اوس تمہِ باوجودتہِ چھُ یہِ دور علمی تہٕ ادبی لحاظ سبٹھا ووپزأوی دوراوسمُت۔ نہ صرف أسی کأشری، ایرأنی تہٕ وسط ایشیأیی مسلمان عالم علم وادبہٕ کین کامبن منز سرگرم بلکہِ کأشرِ بن پنڈت سکالرن تہِ اوس افغان سرکارس منز عزت تہٕ احترام سان وُچھنہٕ یوان۔

لہٰذا چھُ یہِ تتھ بیانیہس تہِ واریہس حدس تام رَد کران زِ افغان دورس منز آو کأشرِ بن پنڈتن پٹھ رنگہٕ رنگہٕ ظلم کرنہٕ۔ افغأنی حأکمن نِش اوس نہٕ مذہب کانٛہہ تہِ میزان یا پیمانہ ظلم، استحصال تہٕ ناانصأفی ورتاونس منز۔ تِہندِ ظلمُک تہٕ جبرُک اوس اکُے مقصد کٔشیرِ ہٕندِ بن معاشی تہٕ اقتصأدی وٗسیلن تہٕ وسأیلن ہُند پاز۔ لہٰذا موضوعی تہٕ تأریخی لحاظ تہِ چھُ یمہِ مضمونُک انتخاب بامعنیٰ تہٕ بروقت۔

ووٚنی یوٚ تامتھ تحقیقی نثر کہِ حوالہٕ درج اقتباسکہِ اسلوبیأتی مطالعہُک تعلق چھُ۔ زِ کتھ چھِ بروٚنٛھ کُن یوان۔ اکھ یہِ زِ تحقیقی نثر باپتھ یُس اسلوب درکار چھُ، سُہ ذمہٕ دأری نبھاونس منز چھ آتش واریہس حدس تام کامیاب سپدی مٔتی۔ سُہ گوٚو یہِ زِ درج ذیل اقتباس کِس جملٕہی ساختس منز چھُ نہٕ کانٛہہ ابہام تہٕ نہٕ کانٛہہ رِسر ساوبر۔ جُملہ چھُ ژھوٚٹی، معنوی تہٕ ترسیلی اعتبار چھِ سلیس، عام فہم تہٕ معلومأتی۔ بنیادی تہٕ ثانوی سرچشمن ہُند حوالہٕ چھُ دیانت دأری سان

دِنہٕ آمٕت ۔ عبارتس منز نہ چھُ کانٛہہ بناوٹی شعری اظہارُک وَل یا وطیرہ ورتاونہٕ آمُت نہ چھےٚ کانٛہہ علامت، تمثیل یا محاوراتی انداز بیان ورتاونہٕ آمُت ۔ لفظن ہُند انتخاب چھُ تحقیقی نثر کہِ گو، وون گو تحقیقی طریقہٕ کارس خلاف چھُ متنی تہٕ حوالجاتی مواد س بے جارَل کرنہٕ آمُت ۔ مثلاً سید انیس کاظمی تہٕ پیر محی الدین مخروون ہِندِ بن نسخن مُتعلق یُس اِشارٕ متنس منز میلان چھُ ۔ سُہ چھُ بذات خود متنکس مفہومس تہٕ سیاقس عین ۔ مگر یِم اضافی جملہٕ آتش یِمن دون شخصن متعلق بیان کران چھِ تِم چھِ حوالجاتی ضرورتکی تہٕ تِم چھنہٕ بنیادی متنس دٔلیل یا دعویٰ رٔنگی کانٛہہ ہُر بر کران ۔ بیا کھ اکھ تحقیقی تہٕ اسلوبیاتی خامی یہ زن مےٚ بروٹھے عرض کوٚر زِ تحقیقی مقالن منز مشکوک لفظ استعمال کرنہٕ ستی چھِ تحقیق کارٕ سِندِس پرتیتس پٹھ کوس یِوان ۔ درج ذیل اقتباس منز تہٕ چھِ لفظ "باسان" "دپان"، "ونہٕ چھُ یِوان"، "گُستام"، "مرأزی ما" بیترِ ہ لفظ چھِ تحقیق کارٕ سندہ غأر یقینی رویک اِشارٕ ہاوان یہ غأر یقینی ہُند طرز اظہار چھُ تحقیقی روحس تہٕ دَدارٕ واتناوان تہٕ دریافت تہٕ پزرگارنچہِ عملہِ تہٕ شک آور بناوان ۔

وون گوٚ و آتش نہِ تحقیقی کامہِ ہُنٛد باڈو چھُ وسیع تہٕ أمی سٟتؠ پُرخلوص تہٕ ایماندارانہ دلچسپی برونٹھ کنہِ چھنہٕ یِمن کمیٚن یا خامیٚن کانٛہہ زیادہ اہمیت ۔ آتشن بحیثیت محقق یا تحقیق کار چھُ تمی سُند اکھ بوٚڈ وصف یہ زِ تِم چھِنہٕ درسی سکالرن ہٕنٛدی پأٹھی بند کمرن منز پٮ۪ن پان قأد کرتھ دویمین ہٕنٛد بن مطالعاتن کولاج کٔرتھ پننہٕ عالم یا تحقیق کارآسنٛچ سنٛد حأصل کران ۔ بلکہ چھِ تِم تریشہٕ ہتی سندی پأٹھی نایاب علمی ناگن تہٕ سرچشمن ہُند پے کڈتھ پننہٕ دٔسل وُٹھ خود یِمن

ناگہِ رادَن نِش ،کرٕ ناوان تہٕ پنٕنز علمی ترٛیش ہومراوان۔ آتش چھُ ثانوی سرچشمن ءستۍ بنیادی سرچشمن ہُند مطالعہ کرُن پٔنُن فرض اولین سمجھان تہٕ یہِ چھےٚ یہنٛزہ عملی تہٕ علمی تحقیق کأری ہنٛز اکھ بٔڈ سنَد تہٕ کامیأبی ہُنٛد ثبوت تہِ۔



## مطالعہ کُتب

۱) ایڈمنڈ برک، The prose style

۲) ای، بی، وایٹ، The elements of style, pearson

ڈاکٹر گلزار احمد راتھر (ترتیب) غلام نبی آتش، شخصیت تہٕ ادبی خدمات، ۲۰۱۷ء

۴) غلام نبی آتش ،کاشُر لُکہ شاعری (وکھنے تہٕ وبڑھنے، ۲۰۰۷ء)

سرمایہ تہٕ سام......۲۰۱۱ء

کاشرِ معراج نامہ، جلدا، ۲۰۰۷ء

بازیافت (تحقیقی تہٕ تنقیدی مقالہ سۆمبرن) ۲۰۰۵ء

وُہمہِ صدی ہِنزِن زنانہٕ شاعرن ہِنزٕ تخلیقہٕ، ۲۰۰۳ء، ساہتیہ اکادمی

# عزیز حاجنؠ سُنٛد تنقیدی شعور......

# اُنہٕ خانہٕ کہِ حوالہٕ

کأشرِ تخلیقی ادبکہِ مولانکونہٕ کہِ حوالہٕ یۆ دوَے زن باقیَن زبانٮ۪ن ہنٛدِ مقابلہٕ تیز کأم چھَنہٕ وُنہِ سپز مٕژ، ییٚمیُک زن توقع اوس یِوان کرنہٕ مگر کیٚنٛہہ کالہٕ پیٹھٕ چھُ ضرور اَتھ خودمختار تجزیأتی شعبس کُن سنجیدگی سان توجہ دِنہٕ یِوان۔ بڑ ونٛہِ مہِ مقابلہٕ چھُ کیٚنٛژن نوٚبن تجزیہِ نگارن منٛز زبأنؠ، متن، موضوع، شرح تہٕ ساخت رٕنٛگی تجزیأتی رٕوِیَس منٛز ضرور نوٚبر لبنہٕ یِوان ییٚمہِ کِنؠ کأشرِس منٛز تنقید نگأری ہنٛدِس فنس بھروسہٕ مند سوٚتھرِس پیٹھ لگہأری یا پرتیپت حأصل سپدنؠ ہیٚژن۔ نوٚبن تنقید نگارن ہنٛز تجزیأتی زبأنؠ منٛز نہ چھ اظہارٕچ شأعرانہٕ نزاکت، نہ چھُ جزیات نگأری ہنٛدۍ غأرضروری تفصیل تہٕ نہ چھُ متنس تہٕ موضوعس مقابلہٕ ذات پسندی ہنٛدٮ۪ن غأر تخلیقی عنصرن ہُنٛد عمل دخل۔ وونؠ چھُ کأشرٮ۪ن تنقید نگارن ہُنٛد نوٚ وحلقہٕ عِلمِ جرأحی ہنٛدٮ۪ن مأہرن ہنٛدۍ پأٹھۍ تخلیقی اِکأیی ہنٛدٮ۪ن رنگہٕ رنگہٕ طرحن تہٕ پہلوٗوَن بأریک بینی تہٕ سنجیدٕ تجزیأتی عملہِ ہنٛزِ کھوَچہِ کھأرِتھ فن پارس یا ادب پارس منٛز پوشیدٕ تخلیقی حُسن کأری یا قبوٗحن متعلق کانٛہہ راے پیش کران۔

حال حالے آیہِ کاشرِس نثری ادبس منز تہٕ تنقید تہٕ تحقیق کہِ حوالہٕ کینہہ کتابہٕ شایع گژھتھ بازرس منز تہٕ یہنٛدِ مطالعہٕ کرنہٕ پتےٚ چھےٚ یہِ پڑھ ہش ہیٚوٚہ درٕنی زِینہٕ وأرِس کالس منز مارٕٹہِ کاشُر تجزیأتی مطالعہٕ اکہِ بامعنی تہٕ تنقیدی شعبہٕ رٕنگی پٔنن منفرد تہٕ مخصوص مقام۔ یِمنے کینٛژن تنقیدی، تجزیأتی یا تحقیقی مطالعہٕ ہِن منز چھےٚ عزیز حاجنی سٕنز تنقیدی مضمونن پٕٹھ مشتمل سأ دروار کتاب ''أنہٕ خانہٕ'' تہٕ۔

''أنہٕ خانہٕ'' ناوٕ پنٛدٕ ہن تجزیأتی تہٕ تنقیدی مضمومن پٕٹھ مشتمل یہِ کتاب چھےٚ 2014ء منز شایع گژھتھ بازرس منز آمٕژ۔ کتابہِ ہنٛدِس سرورقس پٕٹھ چھُ نیوی بلیوٗ رنگہٕ رکس بُنیادس پٕٹھ کینہہ جیومیٹرِ کل یا نیم جومیٹرِ کل شکلہٕ کتابہِ ہنٛدِس اسرأرٕی عنوانس سبٕتھے فن کأری سان علامتی اندازٕ درشاوان تہٕ یہِ چھُ اختر رسوُلن فنکارانہٕ کمال تہٕ امہِ ستی چھُ پٕتھےٚ بانہٕ زیرِ تبصرٕ کتابہِ اکھ مأرٕ موٚند انہار باگہِ آمُت۔

کتابہِ ہنٛدِس ابتداہس منزٕ ے چھُ مصنف ادبی تنقید نگأری ہنٛدِس أرکس سنجیدٕ نو قطس کُن یہِ دِتھ پرن وأ لی سُندٕ ظون مُتوجہ کرنٕچ کوٗشش کران زِ ''تخلیقی فن پارن منز چھُ لفظن ہنٛدِ پوٚت ژھایہِ کایناُتی صداقتن ہنٛدی سٕدر ویپرِتھ آسان تہٕ یِمن اَویدی امکاناتن ہُنٛد بازگشت یا دریافت چھُ ادیب یا تخلیق کارٕ سنٛدِس ذٔہنی بٕترِس پٕٹھ دٕ رِتھ آسان''۔ تخلیقی باوٕ ژ بلس متعلق مصنف سُنٛد یہِ رٔدِیہ چھُ یایہِ راے چھےٚ سبٕتھاہ حدس تام زیرِ نظر مطالعہٕ ہُک پیچ وخم سنٛبھالنس تہٕ شیرنس منز تنقید نگارٕ سنٛدِ تجزیأتی عملہِ ہُنٛد بنیأدی مقصد یا محرک

رۄ دمُت۔

زیرِ تبصر کتابہِ ہنٛدِ مطالعہٕ پتہٕ چھےٚ یہِ صداقت بڑ وٚنٛتھ گُن یِوان زِ تجزیہِ نگار چھُنہٕ بڑوٚنہہ مُشخص کٔری ہتمن میزانن ہنٛدِس بُنیادس پێٹھ تخلیق کارن تہٕ تہنٛد بن ادب پارن یا تخلیقی فن پارن متعلق پنٕنہِ رایہِ ہُنٛد اظہار کران بلکہِ چھُ مصنف مُتضاد تہٕ مُتحرک تنوظرن ہنٛدِس پۄ ت منظرس منٛز، ییتھ منٛز سمأجی، نفسیأتی، تہذیبی، عقیدتی، ادبی تہٕ لِسأنی سأری سوٚتھری شأمِل چھِ، مدِ نظر رٔٹِتھ فن پارن منٛز گِنٛتھ ادبی صداقتن تہٕ تخلیقی تہٕ تخیُلی حُسنہٕ گنجن ہُنٛد دریافت کرنٕچ کامیاب کوشش کران۔

زیرِ نظر مطالعہٕ ہس منٛز چھُ عزیز حاجنی لل دید تہٕ شیخ العالمؒ (تقابلی مطالعہٕ) پێٹھ نوجوان ہم عصر شأعرن تام پنٕنہِ مطالعہٕ ہِک باڈوآیتَن تھاوان۔ یعنی لگ بھگ ساڑن شمن ہتن وٕرِیَن پێٹھ وٕہرِتھ کأشرس ادبی تأرِخس ستی وابستہٕ کینٛژن اہم شخصِیَتن تہٕ تہنٛدِس ادبی دِتس پێٹھ مختلف تنقیدی نظریاتن ہنٛدِس پۄت منظرس منٛز کتھ کران۔ یِم مختلف مضمون چھِ اکہِ نتہٕ بیٚیہِ رنگہٕ ورگہٕ آیہِ مختلف تأریخی پڑاون پێٹھ کأشرِ ادبی رٕ وِیچ تہٕ نہجن ہنٛز تہٕ عکأسی کران۔ یِیمہِ کتابہِ ہُنٛد مطالعہٕ کرنہٕ تلہٕ چھُ ننان زِ کتابہِ ہنٛدِس مُصنفس چھُنہٕ صِرف کلاسیکی تنقیدی اصولن ہنٛز زانکأری بدس بلکہِ چھُ تِمس جدید عالمی تنقیدی تھیوریزن پێٹھ تہِ سبٹھاہ ئزٕنی نظر۔ امیُک اشارٕ چھُ کتابہِ ہنٛدِس گوڈنکس مضمونس، ''کأشرِ تنقیدٕچ موخصر تنقیدی سام'' ناٗوی تحریرس منٛز میلان۔

تنقیدُک مؤلہِ مُدعا چھُنہٕ بقول فوکالٹ (فوکو) تخلیق کار تہٕ تمی سٕنٛدِس

تخلیقی فن پارس درمیان رِشتک تعیُن کرُن تہٕ ئہ چھُ متن کہِ ذریعہِ فِکر یا تجربُک تعمیرِ نوٚ کرُن بلکہِ چھُ تخلیقُک تجربہٕ کرُن امکہِ ساختہٕ کہِ حوالہٕ، امکہِ گرتہٕ کہِ حوالہٕ، امکہِ دأخلی ہیٚژ کہِ حوالہٕ تہٕ دأخلی رشتہٕ دأری ہِنٛزِ عملہِ ہٕنٛدِ حوالہٕ۔ یِیمہِ حوالہٕ نِسبت واریاہ آثار چھِ دٔیمبن تنقیدی نظریاتن تہٕ اصولن لرِ لوٚ راسہِ عزیز حاجنی ہٕنٛدِس یتھ تازٕ تجزیأتی مطالعہٕ ہس منٛز تہٕ میلان۔

مصنف ہٕنٛدِ بحیثیتِ تجزیہٕ نگار اکھ مخصوص خوبی چھےٚ یِیمہِ دردست مطالعہٕ کہِ حوالہٕ یہٕ بڑونٹھ کُن یوان زِ سہٕ چھُ پوٗرٕ جُرت مندی سان کأشرِ بن بہلہِ پایہٕ ادیبن، محققن تہٕ نقادن ہٕنٛدِ بن تجزیأتی خأمین متعلق بےٚ پھرٕ وک اندازس منٛز پننہٕ رایہِ ہُنٛد اظہار کران۔ سہٕ چھُنہٕ ڈُٹھ سوٗی سوٗی تہٕ پرٕ بژن منٛز غأر صحت مند تِمن تنقیدی میزانن تہٕ ذات پسند معیارن پیٹھ ؤٹھ کڈان یِم معیارتہٕ میزان سانیو بُزرگ تنقید نگارو تنقید کرنہٕ وِزِ اکثر و بیشتر پانہٕ نأوی متی چھِ، بلکہِ چھُ سہٕ جُرت مندی سان تِہنٛزن کوتأہین نِسبت ظون پھِر نأوِتھ کأشرِس منٛز صحت مند تہٕ مثبت تنقیدی اپروچس یا رٔوِیَس پانہٕ ناونہٕ کِہن امکاناتن ہِنٛز تہٕ نشاندہی کران۔ بقولِ عزیز حاجنی:

''سأنی واریاہ نقاد چھِ کلہم کأشرِ قومہٕ کہِ اجتمأعی لاشعور چہٕ اُڈرنہٕ تہٕ ہٕرٕ کہِ احساسہٕ موجوب تقریبن تِمی انمانہٕ شخص پرس سوچہِ کِس آوٕلنس منٛز ہیٚنہٕ آمتی، یتھ کِنی زندگی ہٕنٛدِ بن باقی شعبن تہٕ معاملن ستی وابستہٕ کأشری چھِ۔ امہِ ستی چھُ کأشرِس منٛز لیکھنہٕ آمٕت تنقید تہٕ عموٗمن شخصی تہٕ ذأتی نوعیژک بنیوٗمُت۔ بیشتر جاین چھُ تنقید

ادبین نہ زِ ادب پارس کرنہٕ آمُت ۔ عملی تنقیدس چھےٚ خاپے کُنہِ کُنہِ
جایہِ کأم ہیٚنہٕ آمژ نتہٕ چھُ عمومن پانژن شمن ناون تھُر کھأیتھ ییٚہِ داہ
ترٕ ہیہٕ ناو گنزٕ رَنہٕ یوان تہٕ بس''

''موجودٕ دورِچ کأشِر شأعری'' عنوانس تحت مضمون چھُنہٕ زیرِ تبصرٕ کتابہِ
منٛز موضوعس ستی پورٕ انصاف کران ۔ تِکیازِ اتھ منٛز چھُ مصنف تِمنے کوتاہِیَن تہٕ
کمزوٗرِیَن ہُنٛد شکار باسان سپدیوٗمُت یِمن کوتاہِیَن تہٕ کمزوٗرِین خاطرٕ سہ
باقیَن ٲکٕھ کڈان چھُ ۔ مضمون چھُنہٕ تِمن محرکاتن ہُنٛد مکمل پأٹھی وِحاطہٕ کٔرِتھ
ہیوٚکمُت یِم موجودٕ کأشرِ شأعری منٛز موضوٗع، ہیئت تہٕ لہجہِ کہِ مناسبتہٕ تبدیلی
ہنٛدی موجِب چھِ بنیمتی ۔ تجزیہِ نگار چھُ من پسندٕ صرف کینٛژن زِٹھین تہٕ کأنسِن
شأعری ہُنٛد شعری حوالہِ دِتھ پانہٕ ذات پسندی ہنٛدِ غأر صحت مند تنقیدی
اپروچُک شکار گژھان ۔ امہِ ستی چھُ مصنف سٕنٛدِ تجزیأتی دیانتدأری پیٹھ کوس
یوان تہٕ یِہ جأیز شک شُبہالس زأیِن دِوان ۔

تحقیقی تہٕ تجزیأتی حوالہِ چھُ کأشرِ نعتیہ شأعری پیٹھ اکھ مُدلل مضمون کتابہِ
منٛز درج ، یُس نہٕ صرف مصنف سٕنٛدِ اعلیٰ تحقیقی صلأحیژ ہُنٛد باس دِوان چھُ بلکہِ
چھُ کأشرِس منٛز نعتیہ ادبکہِ حوالہٕ اکہِ نوِ تنقیدی اپروچ ژینہٕ ون تہٕ دِوان ۔
مصنف چھُ اتھ مقالس منٛز مخصوص تہذیبی ، معاشرتی ، عقیدتی تہٕ جُغرافیأیی
پوٚت منظرٕ کِس حوالس منٛز مختلف جغرافیأیی تہٕ لِسأنی اکأیین منٛز پھانٛپھلن
وأرلس اتھ مُتبرک تہٕ محترم شعری صِنفہِ یعنی نعتس شعری صِنفہِ ہنٛدِس پرٛتھنس
تہٕ پوٚھنس پیٹھ کتھ کران ۔ عقیدت کہِ سرحد نشہِ آزاد سپدِتھ چھُ تجزیہ نگار اتھ

کاشرِ مخصوص شعری صِنفہِ تخلیقی نزاکت، لِسانی حُسن تہٕ شعری محسوساتن ہٕنٛدِ دلفریب اظہار وَلن ہٕنٛدِ اَنہٕ مولوٚنچ کوٗشش کران۔ امہِ علاوٕ چُھ یہِ مضمون عزیز حاجنی ہٕنٛدِ گہر تحقیقی شود بود تہٕ تنقیدی صلاحیژ بےٚ زنگ اَنہٕ ہاوان تہٕ ہٕتی چُھ تٔمۍ ہٕنٛدِ وسیع مطالعچ تہٕ باریک بینی ہُنٛد تہٕ احساس کرناوان۔

''للہ دید تہٕ شیخ العالم...... تقوبلی جایزٕ'' عنوانس تحت مضمونس منٛز چھ مصنف عقیدت تہٕ لُکہٕ پرٛدِ ہٕنٛدِ سوٚتھرِ پیٹھہٕ آزاد گرٕژھتھ یمن دون تہذیب شناس تہٕ تارٕیخ ساز شخصیتن ہٕنٛدِ بن شعری موضوعاتن، یہنٛدِس لِسانی یکسانیتس تہٕ پھیرِ ہاوس، یہنٛد بن متضاد تہٕ متحرک عقیدتی نظریاتن تہٕ مخصوص معاشرتی صداقتن، خارجی تہٕ داخلی شہادتن ہٕنٛدِس بُنیادس پیٹھ مولہٕ ناوٕنچ کوٗشش کران۔ تجزیاتی تہٕ تقوبلی عملہِ ہٕنٛدِس پوٗت منظرس منٛز چُھ مصنفس منطق، نہٕ زِ عقیدت مدد کران۔ یہِ کتھ تسلیم کرنس منٛز چھنہٕ مےٚ کانٛہہ عار لبنہٕ یوان زِ ہرگاہ اتھ موضوعس پیٹھ امہِ برٛونٛہہ تہٕ سانیو مقتدر ادیبو کتھ چھےٚ کٔرمٕژ مگر عزیز حاجنی چُھ اکہِ نوِ اندازٕ اتھ سنجید موضوعس پیٹھ کتھ کران یُس نوجوان تنقید نگارن ہٕنٛدِ خاطرٕ اکھ رُت وَتہٕ ہاوک ہیکہِ ثابت سپدِتھ۔ سماجی سمہٕ ژارتہٕ ذہنی وبپنیاریُس ژوداٗہمہِ صدی ہٕنٛد بن یمن دون پایہٕ بجبن شخصیتن منٛز میلان چُھ تمۍک محرک چھ بقولِ حاجنی تتھ پزرس پیٹھ مبنی یمہٕ کِنۍ یمو شِدت پسندی رد کٔرتھ عقیدچ پاروی امہِ کِس حقیقی جذبس تحت کٔر تہٕ یہِ بنوو کھ مُقامی لوٗکن ہٕنٛدِ مزاز چہ کلہُم اُڈرنہِ مطابق لگہٕ ہار تہٕ وَیہِ دُن۔

روایتہٕ برخلاف چُھ گوڈٕ نکہٕ لٹہِ کانٛہہ تنقید نگار کاشرِ شاعری ہٕنٛدِ حوالہٕ

کیٚژٕن باصلاٗحیت نوجوان غاٗر معروف شاعرن ہنٛزن شعری تخلیقاتن پیٹھ کتھ کران لبنہٕ یِوان۔ واقعی چھ کاٗشرِ شاعری ہنٛدِ حوالہٕ کینٛہہ نوجوان شاعر یا شاعرہ پننہٕ مُنفرد تخلیقی لہجہٕ کِنی پرن والین ہُنٛد ظوِن پانس کُن مُتوجہٕ کرِتھ ہیٚکی ہتی مگر کمہٕ تام مصلحتو پسندی کِنی چھنہٕ سانٛی بُزرگ کیٚنٛہ نقاد یہنٛد بن شعری مضمراتن تہٕ تہنٛد بن تخلیقی گوٗنن تجزیاتی مطالعکی موضوع ہیٚکی ہتی بناٗوِتھ۔ اتھ پوٗت منظرس منٛز حاجنؔی سُنٛد نوجوان نسل کہِ حوالہٕ یہِ مضمون چھُ پزی حوصلہٕ افزاءِ تہٕ غور طلب تہِ۔ واٗنس، منصب تہٕ ذاتی تعلق داٗری اگر خاٗلص تخلیقی تہٕ ادبی مطاٗلعن ہنٛدِس پرکھاوس منٛز میزان بنن، یہِ آسہِ غاٗر جانٛب دار تہٕ صحت مند کاٗشرِ تنقیدی نگاٗری ہنٛدِس پھاٗپھلنس منٛز ضرور اکھ رُکاوٹ تہٕ نوجوان پُیہٕ ہنٛدبن شاعری تخلیقاتن پیٹھ کتھ کرنہٕ سٍتی چھُ عزیز حاجنی ین واریاہس حدس تام اتھ غاٗر صحت مند رجحانس قدغن لگاوٕنچ اکھ کامیاب کوٗشش کٔرمٕژ۔

زیرِ تبصرٕ کتابہِ منٛز چھُ ژون ہم عصر شاعرن غلام نبی فراق، امین کامل، رشید نازکی تہٕ رخسانہ جبین ہنٛد بن شعری رٕوِ ین، لہجس تہٕ اسلوبس پیٹھ کتھ کران حاجنؔی یمن نِسبت مانٛڈٕ متین تجزیاتی آراہن بدلہٕ عملی تنقیدس پیٹھ منی زاٗوِین تہٕ زاٗوِجارن ہنٛدِس اٗنس منٛز پننہٕ تنقیدی رایہِ ہُنٛد اظہار کران۔ وونی گوٚو یہِ تہٕ چھُ پزر زِ یمن کالہٕ بوجن پیٹھ کتھ کرنس دوران چھُ سُہ بعضے تمن تقاضن ژھایہِ ہٚلس تہِ تھاوان یمن تقاضن ہنٛز وکالت سُہ کتابہِ ہنٛدِس ابتداہس منٛز کران چھُ۔ امہِ سٍتی چھُ مصنف سنٛدِ تجزیاتی عملہِ منٛز ذات پسندی

ہُند عنصر غالِب سپدتھ اُمۍ ہِندِس متواُزی تہٕ معروضی تنقیدی رٔوِیس پٮ۪ٹھ سوالیہ نشان پاٗدٕ گژھان ۔ مثالے صفحہ نمبر 197 لس پٮ۪ٹھ رُخسانہ جبین ہٕنڈِس مخصوص شعری اظہارس پٮ۪ٹھ کتھ کران چھُ حاجنؔی اُمۍ ہِندِ شخصیت کٮ۪ن ذٲتی انہارن، آکارن تہٕ آدابن بوش کھالتھ پننہِ رایہِ معتبر تہٕ مُستند بناونٕچ کوٗشش کران ۔ یہِ چھُ ورگہٕ پاٹھۍ اینٹی تھیِسس بنان تَمہِ تجزیاتی تہٕ تنقیدی بُنیادٕ ہٕنز، یٔمیُک دعویٰ حاجنؔی کھور ٹھیکراوِتھ پننِس ابتدایی مضمونس منز کران چھُ۔

بقولِ حاجنؔی:

''یِم لۆکھ رخسانہ جبینہِ زانن تِم ہیکن یہِ وَنِتھ زِ میچھر ، نزاکت، نفاست تہٕ زاُوِجار چھُ اُمۍ ہِندِ شخصیتکۍ تہٕ مزاژکۍ فطری پہلو۔ عام کتھ باتھِ دوران تہٕ یِم لفظ سو ورتاوان چھےٚ یا کتھ کرنٕک یُس اندازتِمس چھُ سُہ چھُ ہاوِتھ دِوان زِ یہِ شخصیتھے چھےٚ سراپا شعرٕ انہار ہتھ بڑ وٕنتھ گٕن یوان''

عالمی ادبس تہٕ خصوصاً مشرقی تہٕ مغربی شعروشاعری ہٕندِ حوالہٕ چھُ موجودٕ علاقٲیی، معاشرتی تہٕ نفسیٲتی انتشار کس پۆت منظرس منز سِری شاعری ہٕنزِ لگہٕ ہاٗری تہٕ معنوِیتس پٮ۪ٹھ ادبی مکتبن منز شِدتہٕ سان بحث ومباحثہٕ سپدان۔ مغربی شعری سرمایس منز چھُ ولیم پٹ مور، ولیم بلیک تہٕ فرانسس تھامپسن ہِندِن شعری مطالعہن نوٚسرٕ تشریح تہٕ شرح کرنٕچ کوٗشش یِوان کرنہٕ یتھ موجودٕ پُرتناو دورس منز Sacred شاعری ہٕنزٕ لگہٕ ہاٗری ہٕندی نٔوۍ امکانات تلاش تھٕنۍ کرنہٕ ۔ اتھ پۆت منظرس منز زیرِ تبصرٕ کتابہِ منز درج مضمون ''موجودٕ

زمانس منٛز صوفی شاعری ہنٛز لگہٕ ہاری' چھُ جاری عصری ادبی مباحثس بلکل عین۔ مصنفن یم نوقطہٕ کاشرِ صوفی شاعری منٛز لگہٕ ہاری ہنٛدِ حوالہٕ ووتلاوِمتی چھِ، تم چھِ غور طلب۔ ووُنی گوٚو یمن نوقطن پیٹھ چھُ مصنفس ستی اختلاف کرنٕچ واریاہ گنجأیش تہِ موجود۔

سِریت چھُ اَکس خاص تأریخی دورس منٛز کاشرِ شاعری ہُنٛد غالب موضوع تہٕ رجحان رُودمُت۔ موضوعٕچ یک رنگی اُستھ تہِ چھُ کیٛنٛژو بہلہِ پایہِ صوفی گونماتو اظہار، اسلوب تہٕ محاورٕ کہِ حوالہٕ منفرد اندازٕ اظہار پانہٕ نووُمت۔ یمن گونماتن منٛز چھِ نعمہٕ صأب، شمس فقیر، رحمان ڈار تہٕ وہاب کھار ناوٕ ہنٛبس لایق۔ "اَنہٕ خانہٕ" سوٚمبرنہِ منٛز چھُ مصنف وہاب کھارنس درج شعرٕ کس پوٚت منظرس منٛز سِریت کس اصطلاحس تہٕ امہِ کس فطری تہٕ فلسفیانہٕ سوٚتھرِس پیٹھ امہِ کین معنوی امکاناتن بازیافت کرنٕچ دأنشورانہٕ کوٗشش کران۔ وہاب کھارُن شعر چھُ:

تیٚلہِ اوس آدم بوٗ دگرٕ ھنےٚ، تس تہٕ مےٚ اُس زان
اِدٕ لوٗ دُن جنت، کعبہٕ، جہنم بیٚیہٕ ہابُت خانےٚ

مذہب الگ الگ اُستھ تہِ کُس چیز چھُ پٔرتھ مذہبس منٛز مشترکہٕ سِریت کس پہلوٗ وس جوازٕ پادٕ کران، تتھ متعلق چھُ مصنف پننہٕ رایہِ ہُنٛد اظہار تیٚمہِ آیہِ کران:

"اکھ شاید اِدٕ موکھ زِ پٔرتھ کانٛہہ فرد چھُ اکہِ جماژ ہُنٛد تہٕ سماجک
حصہٕ آسنہٕ باوجود تہِ پننہِ خأرجی انفرأدیت زمأنی ووٚہارٕ خاطرٕ

دأخلی پسند وناپسند تہٕ پننہٕ نفسیأتی پسِ منظرچہِ بُندِ شہٕ کنۍ پالان تہٕ
امیُک اظہار تہٕ چھ سُہ موقعہٕ محل مطأبق کران۔ پننہٕ پرٛتھ کُنہٕ کرٛیہٕ
چُھ سُہ پننہٕ سوچکہٕ پلہٕ حسابہٕ جواب دِنچ کوٗشش کران تہٕ تتھٕ
پأٹھی چُھ سِریت چہِ ترٛایہٕ ہُنٛد پرٛتھ مذہبس تہٕ دھرمس اندر جواز
نیران، شاید اِو موکھ تہٕ زِ تیٚتھ چھُیی نہٕ وُنہٕ کانٛہہ دھرم یا مذہب
بارسس آمُت یتھ نہٕ ظأہری پہلوٗہس عٔتۍ عٔتۍ بأطنی انہار تہٕ آسہٕ،
یا وَنو خأرجی معاملاتن لرِلوٗر دأخلی محسوسات تہٕ آسن، یِمے دأخلی
تہٕ بأطنی محسوسات چھِ مذہبن تہٕ دھرمن ہُنٛد روٗحأنی پہلوٗ بزٕ ونٛتھ
گُن انان تہٕ أتھی چھِ أسۍ وٕنٛتھی پوٗٹھی پأٹھی سِریت ونان"

مضمونس منٛز چُھ ورگہٕ پأٹھی کأشرِ صوفی شأعری ہٕنٛدِ حوالہٕ تہٕ خصوصاوہاب
کھارنہٕ شِعری اظہار کہِ حوالہٕ مختلف جمالیأتی پہلوٗہن ہنٛز تہٕ نشاندہی کرنہٕ آمٕژ
یُس کأشرِ صوفی شأعری تہٕ باوٕژبلہٕ کہِ حوالہٕ سبٹھے مأرۍ موٗنٛد اضافہٕ چھُ۔

سوٗمبرنہِ منٛز شأمِل مضمونن ہٕنٛدِس ترتیبس منٛز چھُنہٕ مُصنفن ادبی سمے
بندی ہُنٛد کہٕنٛھے تہٕ خیال تھوومُت۔ ادبی تہذیب تہٕ ادبی تأریخ کُنن بُنیأدی
اصوٗلن منٛز چُھ تأریخی کرٛأنی ہأنکلہِ ہٕنٛدِس تصوٗرس پیٹھ سبٹھاہ زوریوان دِنہٕ،
تِکیازِ امہٕ عٔتۍ چھ تأریخی سمےٚ کِس دأیرس منٛز مختلف پڑاون پیٹھ مخصوص ادبی
رٕوی ین، رُجحانن، نہجن تہٕ فِکری ترٛاین نِسبت شنبہٕ اشارٕ تہٕ شہادت بدس
سپدان، یِمن ہٕنٛدِس بُنیادس پیٹھ ادبی مورخ مکمل، جامع تہٕ بااعتبار ادبی
تأریخ ترتیب ہیکان چھُ دِتھ۔

گُلس پیٹھ ہیکو یہِ وُنِتھ زِ عزیز حاجنی سُنْد یہِ ساٗ درواں تجزیاٗتی مطالعہٕ چھُ پزٕی کاشرِس تنقیدی ادبس اکھ زۄ دار تہٕ ماٗرٕ مۄند اضافہٕ۔ کاشرِ ادبہٕ کین طاکبِ علمن تہٕ خصوصاً سکالرن خاطرٕ ہیکہِ یہِ اکھ معتبر، مُستند تہٕ جامع حوالہٕ جاٗتی موادٕ رٔنگی سٔو دمند ثابت سپدِتھ۔ زیرِ تبصرٕ مطالعس منٛز چھنہٕ مُصنفن ماٗنڈٕ متین موضوعاتن پیٹھ راے زٕنی کٔرمٕژ بلکہِ چھِہ تم موضوعات تہٕ پننہٕ تجزیاٗتی مطالعہٕ خاطرٕ منتخب کٔرمٕتی یِمن پیٹھ نہٕ وُنیکتام زیادٕ چھُ لکھنہٕ آمُت۔

دۄیِم خاص خصوصیت چھےٚ امہِ مطالعُک یہِ زِ مصنف چھُنہٕ ہنگہٕ منگہٕ دۄیِمین نقادن ہُنْد برٛونٛہہ ژۄپُت مواد پننہٕ زیوٕ دُبارٕ پیش کرنٕچ کوشش کران بلکہِ چھُ سُہ أکِس زیرٕک تہٕ حسبہٕ ہُشیار سکالرتہٕ تجزیہِ نگارہٕندی پاٗٹھی مختلف تہٕ متضاد تناظرن ہٕندِ أنہٕ ادب پارن ہٕندبن مختلف انہارن یِتھ منٛز متن، موضوع، ہیّت، ساخت، محاورٕ تہٕ اسلوبس دۄنٛوٕ دِتھ پننہٕ ذہانت کِس بنیادس پیٹھ کانٛہہ راے قاٗیِم کران مگر تمی ہٕندی آراء چھِنہٕ محض بیان یا Statement بٔنِتھ مُصنف ہٕندِ تکنگری ہٕنٛز دٔلیل پیش کران بلکہِ چھُ أکِس پُرمغز تہٕ ماہرٕ تنقید نگار ہٕندِ گہرٕ تنقیدی شعوٗرٕچ ژینہٕ ون دِوان۔ یہِ مطالعہٕ ہیکہِ پزٕی کاشرِ تنقید نِگاٗری ہٕندِس فنس منٛز ساٗنین نوجوان سکالرن واریاہس حدس تام اتھ رۄٹ کٔرِتھ۔



## مطالعہ کُتب

۱) اےجے داس، A short History of Literary critisism، گُمد پبلیکیشنز

۲) ایبکے رین کلوز، Literature the Human experience، کیلفورینا سٹیٹ یونیورسٹی

۳) عزیز حاجنی، أنہٕ خانہٕ (تنقیدی مضموٗنن ہنٛز سوٗمبرن)

۴) ایگلٹن ٹیری، Literary theory and introduction، مینی پریس یونیورسٹی آف فیسی سوٹا پریس

۵) ڈاکٹر سعید عبداللہ، اِشارات تنقید، بسمہ کتاب گھر دہلی

۶) نارتھروپ فرائے، Anatomy of criticesm، پرنسٹن یونیورسٹی پریس

# ماسٹر زندہ کول......
# شعری جہت تہٕ زمانُک عکس

یۆتام تھزن کٲشِرِ ہِنٛدِ جدید دورٕ کہِ تٲریخُک تعلق چھُ، گُنوُہمہِ صدی ہُنٛد ذویم نصف اوس وارِیاہ ہوو جوہاتو کِنہٕ وسیع تہٕ جامع تبدیلی ہُنٛد دور۔ یۆ دوَے زن برصغیرس منٛز 1857ء کہِ انقلاب پتہٕ مختلف مذہبی تہٕ سماجی تحریکن ہِنٛدِس ووٚت منظرس منٛز تہٕ ہندوستانس منٛز برطانیہ سرکار کہِ جدید کٲری سٟتۍ نوِ علمی آگہی، صنعتی وو پزاو، سائنسی تہٕ دانشورانہٕ عملہِ ہُنٛد آغاز ہیوٚتمُت اوس گژھُن، مگر کٲشِرِ منٛز سپٕز یِمن تبدیلی یِن ہُنٛد شروعات 1885ء یعنی مہاراجہ پرتاپ ہِنٛدِس تختس تہٕ کٲشِرِ منٛز برطانیہ ریذیڈنسی ہِنٛدِ قیامہٕ پتہٕ۔ وونی گووتھ کتھہِ منٛز چھنہٕ کانٛہہ شک زِ مہاراجہ رنبیر سنگھ نِس دورس منٛز آوا کہِ علمی تہٕ دانشورانہٕ عملہِ ہُنٛد اشارٕ گوڈنچہِ لٹہِ ڈیشان منٛز۔ یہ ہے چھُ سُہ وقت ییلہِ کٲشِرِ منٛز مختلف شعبن سٟتۍ وابستہٕ یورپی عالم، منتظم، کرسچن مشنریز، ماہر زبان تہٕ لسانیات وارِد گژھن سپدۍ۔ اگرچہ مہاراجہ گلاب سنٛگھن یورپی ین ہِنٛدِس یورینس گژھنس پیٹھ کینٛہہ ٹھرٕ ضرور تھاوِ وِٲٹۍ آسۍ مگر تِمہٕ ہُنٛدِ مرنہٕ پتہٕ آیہ یورپی ین یور گژھنہٕ خاطرٕ کھلہٕ ڈیل دنہٕ۔ یورپی لوکن ہِنٛدِ یور یِنہٕ گژھنہٕ سٟتۍ گیہِ زٕ شعبہٕ

زیادٕ جدید کاٲری ہنٛدِ عملہٕ ستی متأثر۔ یعنی تعلیم تہٕ عوٲمی صحتُک شعبہٕ۔ یہٕ اوس کرسچن مشنری ین ہنٛزن کوشِشن ہُنٛد نتیجہ زِ گُنوٗہمہِ صدی ہنٛدِس اۄخرس کیٚتھ آیہِ کٲشیرِ منٛز واریاہ سکول تہٕ شفاخانہٕ قایم کرنہٕ۔ علمی تہٕ دانشورانہٕ سوٚتھرِس پیٹھ آیہِ ہتہٕ بدٕلن وٕرِی ین پیٹھ پھلِتھ فارسی زبانٕنی ہنٛدِ بدلہٕ اردو سرکاری زبان تسلیم کرنہٕ تہٕ أتھۍ ستی آو ڈوگرٕ سرپرستی منٛز سنسکرت کہِ احیانو خاطرٕ تہٕ واریاہ قدم تُلنہٕ۔ اردوٗ، سنسکرت تہٕ انگریزی زبانٕنی ہنٛدِ وساطتہٕ گیہِ کٲشیرِ ہنٛدِس تہذیبی پروفائلس منٛز دوٗررس تبدیلی ہُنٛد آغاز۔ سنسکرت زبانٕنی ہنٛدِ احیا کاٲری ستی گوو کٲشرٕن پنڈتن منٛز ہندو ثقافتی میراثس نسبت اکھ تازٕ تہٕ نٔو دِلچسپی پأدٕ۔ اردو زبانٕنی ہنٛدِ وساطتہٕ گوو کٲشرٕن مخصوص ہندوستانی مسلم مشترکہِ تہذیبی زندگی ہنٛدٕن نقوشن ستی جذباتی رِشتہٕ دأری پأدٕ تہٕ انگریزی زبانٕنی ہنٛدِ استعمالہٕ ستی گوو کٲشرٕن لوکن تہٕ خصوصاً کٲشرٕن پنڈتن منٛز سائنسی تہٕ جدید سونچُک تہٕ مغربی طرزِ زندگی نسبت دلچسپی ہُنٛد شروعات۔ گُنوٗہمہِ صدی ہنٛدِس اۄخرس منٛز یِمن بجن توأریخی تبدیلی ین ہُنٛد کٲشیرِ ہنٛدِس سیأسی، تہذیبی تہٕ ادبی منظرنامس پیٹھ نمود سپُد تہٕ یِمو ستی اکہِ نٔوِ سیأسی آگہی، جدید سرکاری تنظیم کاٲری تہٕ أکِس نٔوِس رٕوِیس تہٕ روحجانس زاینٛن لوٚب تتھ پتہٕ کنہِ چھُ یِمن محرکاتن ہُنٛد زبردست اتھہٕ۔

ماسٹر زندہ کول زایہٕ سرینگرٕکس مرکزس منٛز حبہ کدل جایہِ 1884ء منٛز۔ یعنی ماسٹر زندہ کول ٲسی محض اکھ وٕہری ییلہِ مہاراجہ پرتاپ سنگھ 1885ء منٛز جموں و کشمیرٕکی مہاراجہ بنے یہٕ۔ حبہ کدل، یوس ماسٹر زندہ کوٕلنۍ زٕنہٕ جاے

أس، تہٕ یہِ چھُ شہرُک سُہ علاقہٕ یَمیٚ گوڈنچہ لٹہِ نوٕبن تبدیلیین ہنٛدی اِشارٕ شعوٗری طور ژٲنٛنۍ۔ تہٕ یوہے چھُ وجہ زِ أتھی علاقس أندۍ پکھی آیہٕ واریاہ تم سرگرمیہٕ درٲنٛٹھی یِہُنٛد مقصد کٔشیرِ منٛز نوٕس علمی تہٕ دأنشوٗرانہٕ ماحولس کُن دیُن اوس۔ اتھ علاقس چھُ یہِ فخر تہٕ حأصل زِ امہِ کِس أندۍ پکھس منٛزٕ آیہٕ جدید مغربی تعلیمہِ ہنٛدی گوڈنِکی اولین نقوش قائیم کرنہٕ۔ مذہبی بدعاتن خلاف جنگ تہٕ سمأجی کٹرپنس خلاف جدوجہد ہُنٛد آغاز تہٕ سپُد کأشرٕبن روشن خیال پنڈتن ہنٛدِ ذٔسی أتھی مرکزی جایہِ أندۍ پکھۍ۔ کینٛہہ وقت بروٛنٛہہ پھٔن آو یوہے علاقہٕ کأشرٕبن پنڈتن ہنٛدِ ذٔسی لوکن منٛز قومی جذبہٕ، سیأسی بیدأری تہٕ سمأجی بدعاتن خلاف اکہِ مرکزی حیثیتہٕ رٔنگۍ منتخب کرنہٕ۔ یتھ منٛز شیتل ناتھ مندرس اکھ تأریخی اہمیت حأصل چھےٚ۔ دٔکشیرِ کأشرٕبن ہنٛزٕ نعرُک گوڈنیک بازگشت چھُ کأشر بو پنڈتوٕے ذٔسی أتھی علاقس منٛز کنن گژھان۔ یہِ اوس مہاراجہ پرتاپ سنگھنہِ ذٔسی کٔشیرِ ہنٛدِ سرکأری تنظیم کأری منٛز جموں ڈوگرہ تہٕ پنجأبی مسلمانن ہنٛدِس غلبس خلاف اکھ زبردست تأریخی قدم تہٕ کشمیریت نعرُک اکھ عملی تہٕ سنجیدٕ مظہر۔

سیأسی سوٗتھرِس پٮ۪ٹھ اگرچہ وُہمہِ صدی ہنٛدِس آغازس منٛز مختلف وجوہاتو کنٛۍ زبردست عوأمی بیدأری ہنٛدی آثار نمودار سپدٕنی ہیٚتۍ ٲسۍ تہٕ یِمیٚک عملی اظہار بروٛنٛہہ پکِتھ منظّم موٗزوٗرتہٕ عوأمی تحریکن ہنٛدِس صورتس منٛز نوٚن دراو۔ یپأرۍ اوس علمی تہٕ ادبی سوٗتھرِس پٮ۪ٹھ تہٕ کأشرِ زبأنۍ ہنٛدِ حوالہٕ اکہِ نوِ منٛزٕلکی نشانہٕ دیدن بروٛنٛہہ کُن ہیوان ینۍ۔ کأشرِ زبأنۍ منٛز ٲسۍ نوٕبن علمی

امکاناتن ہنٛدِ تلاش کأم شروع ہیۄتمٕژ گژھنہِ۔ موضوع تہٕ زٕوی یس منٛز اُس زبردست تبدیلی درینٛٹھ یوان لبنہٕ۔ نٔوی محاورٕ تہٕ نوٕ اپروچ موختہٕ اوس کأشرِ زبأنی ہنٛدِس شارٕ سرمایس ڈیکس جرنہِ ہیۄتمُت لگُن۔ کأشرِ زبأنی، ادبس تہٕ فوک لورس نسبت مغربی سکالرن ہنٛدِ دلچسپی ستی اوس کأشرِ بن پٔرۍ ہتین لیکھی ہتین پنڈتن منٛز تہِ اَتھ زبأنی منٛز علمی موضوعن پٹھ لیکھنس کُن مأل پھرنہِ لگُن ہیۄتمُت۔ ایشور کول ہنٛدِ دٕسی کأشرِس منٛز ''شبدہ زان'' تہٕ سنسکرتس منٛز کأشُر گرائمر ترتیب دِنچ عمل اُس امیک عملی ثبوت۔ أتھی وقتس منٛز آو بیٚیس أکِس یورپی مشرق دوست ہنٛدِ دٕسی کأشُر گرائمر ترتیب دِنچ کأم تہِ اند واتناونہٕ۔ نیوٹیسمنٹ کہِ کأشرِ ترجمہٕ ستی تہِ پھیوٚر کأشرِ بن پٔرۍ ہتین پنڈتن ہُنٛد ظون کأشرِ زبأنی کُن۔ 1893ء منٛز مرنہٕ وِزِ اُسی ایشور کول پنڈت کشمیری سنسکرت ڈکشنری ترتیب دِنس منٛز آوِ رٕی۔ یہِ ڈکشنری آیہٕ پتہٕ 1932ء منٛز رائل ایشاٹک سوسایٹی طرفہٕ گریرسن ہنٛدِس اِدارِیس تحت A dictionary of Kashmiri language ناوٕی چھاپ کرنہٕ۔ مکتبی تہٕ پاٹھ شالہ روایتی علمی عملہٕ مقابلہٕ ییٚلہِ کأشر بوٗہمہِ صدی ہنٛدِس آغازس منٛز جدید مغربی تعلیم ہنٛدِس حصولس نسبت سنجیدٕ دلچسپی ہاوِنی ہیۄ۔ سرکارِ وقت تہِ گو مجبور تتھی سکول قأیم کرنہٕ خأطرٕ ییٚتہٕ روایتی تعلیمہِ ستی ستی جدید مغربی علومن ہنٛزٕ تعلیمہِ ہُنٛد تہِ بندوبست آسہا۔ چنانچہ آو امی کوششہِ ہنٛدِس نتیجس منٛز ہندو کالج سرکأری تحویلس منٛز نتھ سری پرتاپ کالجس منٛز تبدیل کرنہٕ۔ سرکأری یا پرائیویٹ تعلیمی ادارن منٛز جدید علومن ہنٛدِ شروع ستی سپد بچن منٛز وطن پرستی، سائنسی نظریہ، مذہبی توہم پرستی، سمأجی

کٹر پنس بیترِ منفی رو حجانن خلاف اکھ زبردست ردِ عمل شروع۔ أتھی ستی گوو عوامس منز اجتمأعی معاشی بدحالی، جاگیردرانہٕ وضعدأری، سرکأری کارندن ہنٛدِ دٲسی عوأمی استحصالس خلاف آواز تہٕ مذہبی ٹھیکہٕ درن ہنٛدِس استحصألی رٕویس خلاف شدید احساس تہِ پأدٕ۔ یم موضوعات بیٚیہِ سانہِ نٔوِ سیأسی تہٕ سمأجی زندگی ہنٛدی غأالب موضوعات بنیہ تہِ بنییہِ یم موضوعات کأشرِ زبأنی ہنٛدِ ادبی مزازٕ کٕ نٔوی طرح تہِ۔

ماسٹر زندہ کول اوس یمن سارِنے تبدیلی ین ہُنٛد چشم دید گواہ۔ رِوأیتی سمأجی نظامکی فرسودٕ اصول أسی سائنسی نقطہ نظر تہٕ ڈلیلن تہٕ دلأیلن برونٛھہٕ کنہِ بے معنیٰ تہٕ کھوکھری باسان۔ مذہبی رہنماہن ہنٛز بے عملی تہٕ کھوکھر پن اوس عام لوکن برونٛہہ کنہِ ننگہٕ ہیوٚ تمُت گژھن۔ جأگیردارانہٕ نظامس منز مردن ہنٛز بالادستی تہٕ زنانن پیٹھ روا مردن ہُنٛد رعب وداب، ظلم تہٕ زیادتی خلاف اوس عوأمی شعور بیدار ہیوٚ تمُت گژھن تہٕ أکِس نٔوِس سیأسی ماحولس منز بیٚیلہِ شخصی راجس خلاف عوأمی تحریک أکِس وسیع، جامع تہٕ قومیت تہٕ وطن پرستی ہنٛدٕ بن اصولن پیٹھ منظّم کرنس پیٹھ زور اوس یوان دِنہٕ۔ مذہبی روادأری، انسان دوستی، سمأجی اتحاد تہٕ مشترکہٕ تہذیبی لون بیترِ بنییہِ وقتکی ضروری تقاضہٕ۔ ماسٹر زندہ کوٕلنۍ سأرے شأعری چھےٚ أتھی ریفرنس فریمس منز وۄتلان، بڈان تہٕ کاڈ کڈان۔ ماسٹر جی لیس متعلق یہِ وُنن زِ تم چھِ بھگتی واد قبیلہٕ کیٚن شأعرن ستی تعلق تھاوان یا یہِ وَنن زِ تم چھِ نبرگن واد فلسفس پننہِ شأعری ہُنٛد مرکز تہٕ موضوع بنأوِتھ۔ یہِ چھُ محض أہنٛدِ شأعری متعلق اکھ سرسری مطالعک نتیجہٕ۔

ماسٹر زندہ کول اُسی پڑی ہتی لیکھی ہتی۔ تمن اوس سنسکرت زبانٕی ہتی ہتی انگریزی علم وادبُک سبٹھاہ سرٛ ون مطالعہٕ۔ پننہِ زمانچن ناہموارٕ ین متعلق پننہِ تخلیقی توثرات بیان کران چھِنہٕ تم یمن ناہموارٕ ین جغرافیٲیی اکأیی، منفرد سمأجی تنظیم تہٕ خاس تہذیبی ماحول کہِ اُنہٕ وُچھان بلکہ چھِ تم یمن کھسہٕ وَسن، وسیع کاینأتی تہٕ انسأنی نظریہ کہِ حوالہٕ وُچھان۔ تہندِ شأعری کینواسس پیٹھ چھُ اَکِس مخصوص تہذیب، سماج تہٕ جغرافیٲیی بنہٕ بندی منٛز بسن والین فردن ہنٛز دگ، تہندی غم تہٕ تہندی امار، تہنٛز مجبوٗریہٕ تہٕ لاچأریہٕ اَکِس وسیع کاینأتی نظامس منٛز پرٛتھن والین افرادن ہنٛز اجتمأعی دگ، غم، امار، خاب، مجبوٗریہٕ تہٕ لاچأریہٕ بنان۔ اَتھ سأرِسے وسیع انسأنی پۆت منظرس منٛز چھُ کأشرِ ن ہنٛزِ اجتمأعی بے بسی، لاچأری، مجبوری وہرأوِتھ تہٕ کاڈ کڈِتھ۔

ماسٹر زندہ کول چھِنہٕ پرانہِ پیٹھٕ ہندی شأعر۔ تم چھِ کأشرِ زبانٕی ہندِ ن جدید موٗلادرن منٛز اکھ تھکبُن لایق ناو۔ یُس تمو کأشرِ شأعری منٛز اسلوبہٕ رٔنگی یتھ منٛز اتحاد اظہار تہٕ رٔوی یہٕ شأمل چھُ، پانہٕ نوو سُہ چھُ کأشرِ تخلیقی زبانٕی تہٕ امہِکِس باوٕ ژ بلس منٛز اکھ مأری موٗ ند اضافہٕ۔ بقولِ پریم ناتھ بزاز ُزِندہ کول چھُ پرأنِس تہٕ نۆوِس درمیان اکہِ کڈلُک معنی تھاوان۔ تٔمی ہنٛزِ شأعری منٛز چھُ صوفیانہٕ خیالاتن تہٕ جدید سونچُک سنگم میلانٕ۔

مغربی تعلیم کہِ حصولہٕ کنہٕ اُسی ماسٹر زندہ کول اکھ جدید ذہن تھاون وألی کأشِری حسبہٕ ہُشار تخلیق کار۔ مگر تمن اوس پننہِ عظیم ادبی تہذیبی، تأریخی تہٕ ثقافتی میراث کہِ ڈبکہٕ بجرُک مکمل احساس تہٕ جدید آگہی ہنٛز رووُچھتھ ڈٔلی نہٕ

تٔمۍ ہنٛدۍ قدم بلکہ کوٚر تمو اکھ متوازن لائحہ عمل اختیار۔ یتھ منٛز بظاہر قدیم موضوعن اظہارٕکۍ نٔوۍ وردن وَلنہٕ آیہ۔

ماسٹر جی نہٕ شاعری ہنٛدِ گہر مطالعہٕ ستۍ چھےٚ یہ کتھ ٹاکارٕ پاٹھۍ بروٚنٛہہ کُن یوان زِ تمہ چھِنہٕ پننہِ سماج تہٕ پننہِ زمانکین چھوکن تہٕ دوکھن نِش دوٗر روٗزِتھ ذاتہٕ کین داخلی اَنہِ گٹن منٛز پناہ ژھاران بلکہ چھِ اَکس فرد سنٛز انفرادی دگ اجتماعی دگہ ہنٛدِس اَنس منٛز پیش کران۔

بوٗزِتھ زِ بوزان چھُم نہٕ کانٛہہ

فریادٕ کرٕنچ زیر کیاہ......؟

موٚرانہ آنے چھٕس مران

فکر و غمو ہوبز وو دمُت

یم غم ژٕلِتھ ہتۍ یاونس

مُشر وومُت وبسر ومُت

یم دوٗرِ روٗزِتھ ژوٗرِ زَن

پھمباہ لٔدِتھ تھوومُت کنن

زانٛہہ چھاسوران، زانٛہہ چھاوَنن

یم کالہٕ گٹہِ مےٚ ترأوی متۍ

اما، تمن گیہ کیاوَنس......؟

یہِ چھُ پزر زِ ماسٹر جی چھِنہٕ زمانہٕ چن ناہموارین تہٕ سماجی ٹھیکہٕ درن ہنٛدِس اظہارس تہٕ عملہِ درمیان تضاد کِس صورتس منٛز تمن تبلیغی اندازٕ ٹانہٕ یا

ٹسنہٕ ژٹان۔ چونکہ ماسٹر جی یِس اوس نوبن ادبی تقاضن ہُنٛد پوٗرٕ علم تہٕ گہر تخلیقی شعوٗر تہٕ تمہِ اُسی پننین نظمن منٛز اکھ تیُتھ تخیلی فضا تعمیر کران یتھ منٛز تصور تہٕ موضوع نٔوی تخلیقی طرح رٹان اُسی۔

مذہبی رہنما ہن ہنٛدِس استحصٲلی وٕطیرس تہٕ ژھوٗژنیارس پیٹھ چھُنہٕ شاعر برملا تمن پیٹھ ٹیپ ژٹان بلکہ چھُ شاعر اکھ متوٲزی تہٕ متضاد فضا وۄتلاوِتھ اَکِس تِتھِس کردارس بروٗنہہ کُن انان یُس مکٲری تہٕ فریب کٲری مقابلہٕ صداقتُک ، شروژرُک تہٕ گیانُک سمندر چھُ۔ یہِ چھُ جوٗگی سُنٛد کردار۔

کُنہِ ویلہٕ شوٗقچ گتھ یوان
چھَم زورٕ مانسبل نِوان
تس بالہٕ پیٹھ آلو دِوان
چھَم زورٕ مانسبل نِوان
جوگیو سوندر ناوس لگے
بڈٕ لولہٕ کِس باوس لگے



فیوڈل سیٹنگ منٛز یوس حیثیت سمٲجی روٗتبس ، مردانہٕ بجرس ، شہری وضعدٲری تہٕ خواجگی ہنٛد بن خانداٲنی اصولن دِنہٕ اُس یوان تتھ منٛز اوس پتی ورتاپن تہٕ کُلہم سپردگی زنانہِ ہُنٛد زیور تسلیم یوان کرنہٕ۔ جاگیردٲری تہٕ ذالدٲری ہنٛدی وضع نبھاوان نبھاوان یمن کرتلہِ چھوکن ہنٛز دگ زنانہِ ژالنی پیوان اُس تہٕ یِمہِ جذباتی ہیجان انگیزی ہنٛز اکھ حیاویژ زنانہٕ شکار اُس سپدان تمِچ باوتھ اُس

سوٚیندرٕ ءگس گس چہِ لَیہٕ منٛز دَیس مختلف اظہارن منٛز باوان ’ناتیأری‘، ’مجبوریا‘ بیترٕ نظمن منٛز چھےٚ ورگہٕ پأٹھی کأشرِ زنانہٕ ہٕندٮ۪ن اَوِیٚل تہٕ نوزُک جذباتن ہُنٛد پُروقار نظماوسپد مُت۔

کانچھ وُن مےٚ ژھارُون تے گارُون
پرارنک تے آدنک دِلدار میون

رحمان راہی چھُ أتھی پزرس یمہٕ آیہٕ وکھنے کران۔

’’نظمہِ منٛز چھُ پرانٮ۪ن جاگیردار چالہِ قدرن منٛز پلیمٕژ اکھ لولہٕ مُژ نمودار سپدان یوس أشہِ ہُنٛز تہٕ حیاویٚژھ چھےٚ۔ اَسہِ پنٕنس محبوب تہٕ معزز أشِس ستیٚ متأثر کران، تہٕ تمہِ پتہٕ حسبِ ضأبطہٕ تَسُند ناوہینہٕ ورأے ونان زِ تٔمی ڈ ویمٕ ڈیوا اکھ أکِس ماے برن والٮ۪ن تہٕ اکھ أکی سُنٛد روتبہٕ زانن والٮ۪ن بأژن دون ہُنٛد ہیوٚ معاملہٕ‘‘۔

حیا اوس کأشرِ زنانہِ ہُنٛد موٗلُل زیور۔ خأرجی زندگی منٛز مرد ءسنٛزِ بے پروأیی ستیٚ یُس دأخلی سوٗتھرِس پیٹھ جذبأتی تہٕ نفسیأتی کرب أکِس حیاویٚژ کأشرِ زنانہِ فیوڈل قدرن لور سماجی ماحولس منٛز ووتلان اوس، سُہ اوس تِمس کاکذی کیہنکی پأٹھی أندری وجودس کوٗران۔ رِوایتی وضعدأری، خاندأنی بجر، کردارٕچ پاکیزگی، تہٕ قدرن ہُنٛد احساس اوس دأخلی بوحرانس پیٹھ غألب سپدان۔ وُچھو زندہ کول کتھہٕ پأٹھی چھُ تمثیلن تہٕ اشارتاً أکِس حیاویٚژ مگر ’گدرنہ صدرس منٛز ہینہٕ آمژِ کأشرِ زنانہٕ ہٕندٮ۪ن چھوکل جذباتن ہنٛز عکأسی

کران۔

مند چھیس یِٔژ گمو ستی گاٗم شران
ژھونڈ ژھپہٕ دِمہٕ ہا نتے گژھہٕ ہا مُرِتھ!
ڈیٹھمے یِیمہٕ حالہٕ من ما ہٕندر بس
بےٚ ورش بیٚہہٕ روزٕہا دوٗربر زٗرِتھ

ماسٹر زندہ کوٗلن دنیاہ چھُ یِیٚژھِ پڑھِ ہُنٛد دنیاہ، یتھ منٛز دیس تاجدآری حاصل چھےٚ مگر اٗہنٛز شاعری چھنہٕ زمانٛی تہٕ مکانٛی شعوٗرٕ نِش مکمل پاٹھی مبراتہٕ پاک۔ امیُک اعتراف چھُ یِہُنٛدُے ہمکال کاشُر مورخ پریم ناتھ بزاز یِیمہٕ آیہِ کران:

> "The spread of Western education and modern thought wrought a revolution in the old mentality .... A new spirit was being infused in the Kashmiri poetry by the composition of pieces full of zest, vigour, and force which brought the unbearable social, economic and political conditions to limelight. I destinctly remember how the audience was thrilled and visibly moved to their depths by the recitation of a poem satirizing the fate of a petty clerk composed by Zinda Koul in a public meeting of Kashmiri Pandits - a community of clerks in March 1929 at Jammu."

وُہمہٕ صدی ہنٛدِس ترٛیٛیمِس دہلہٕ کِس منٛزِ مِس حِصس منٛز 1935-36ء منٛز آیہِ کٔشیرِ ہنٛدِس سیاسی منظرنامس سکوٗلریز کرنٕچ شعوٗری کوشش کرنہٕ یتھ زن

شخصی راجس خلاف عوأمی تحریک غاأر فرقہٕ ورانہٕ بنیادس پٹھ تہٕ محض وطن دأری تہٕ کأشرِ قومیت کِس جذبس تحت بروٗنہہ پکناونہٕ پیِٚہ ۔ یہِ جذبہٕ عملاونہٕ خأطرٕ آوسیأ سی سوٗتھرِس ءستۍ ءستۍ ادبی سوٗتھرِس پٹھ فرقہٕ ورانہٕ اتحادس، سمأجی بأے بندِتس، مذہبی روادأری ہٕنٛدِ جذبن گوڈ برنس کُن توجہ دِنہٕ۔ ماسٹر زندہ کول أسۍ امہِ قومی فریضہٕ نِش شعوٗری طور وأقف۔ چونکہ یِہٕنٛزِ شأعری ہُنٛد مرکزی موضوع چھُ انسأنی لول، یُس سُہ پرٛتھ صورتس منٛز سرِس وُچھن یژھان چھُ، یتھ منٛزنہٕ ڈوگنیارس کانٛہہ رول آسہِ ۔

بہٕ چانے وِیر سومبراوَے أچھو کنٛز رنگ رویک رس
کنو کنٛز شبدٕ سازُک مس، أنتھ کھاسن برے لولو
پٔنن تے تیٛز گُے آگُر یَمن زرن اندر باسِم
گُنبر بأوِتھ یہِ دِہ کاسِم، گٹے ہٕنٛدِ گاشرے لولو



باوُک گنبر لولُک سنبر، وأنٛج بہٕ مُژرِتھ ہاوِسَے
نوٗو ناگہٕ رادس سونتھ زن، سرٛ یہٕ مایہِ ہُنٛد وُزناوِسَے



زندہ کول أسۍ دِہے ،نفرت، کینہٕ پروری، بغض، تعصب تہٕ ریاکأری بدلہٕ انسأنی لولُک میوٗٹھ سرٛ یہٕ پرٛتھ شبیہہ منٛز وُچھن یژھان۔ سُہ اوس لولس، شانت کاینات سرنہٕ خأطرٕ اکھ زبردست ذریعہ کہِ حوالہٕ وُچھان تہٕ یہِ أس وچھ ضرورت تہِ ۔

پتھنس سماجس تہٕ زمانس منز موجود منفی تہٕ غأر صحت مند قدرن ہنٛدِس موٗل ڈررراونس منز چھُ بذاتِ خود انسان سُند واریاہ عمل دخل۔ یتھ پٹھ نہ محض تقدیرس راہ کھالُن جائیز چھُ۔ تِکیا زِ انسانس چھُ انسانس باپتھ چاہ کھنتس پٹھ وُتاوُل لبنہٕ یوان۔ دَے چھُ سوندر یتھ آگر، مایہِ ہُند صدر تہٕ زراشن آشن منز تبدیل کرن وول۔ سُہ چھُ اکھ زبردست تہٕ متحرک طاقت۔ ییٚمی ہنٛدِ اتھہٕ رٹہٕ تہٕ آگیا بغأر کہنہٕ ممکن چھُنہٕ۔ توَے چھُ زندہ کول ونان:

فضا ترأوِتھ مےٚ کھنہٕ متی زِسی
زمینس تل تہٕ پورٕنی چھِم
سبٹھاہ دیوار کورٕنی چھِم
ژٕےٚ رٚوستے کیا کرے لولو



غرض ماسٹر زندہ کول چھِنہٕ اَکِس مخصوص جغرافیٲیی، تہذیبی تہٕ سماجی اِکأیی منز لسن بسن والین لوکن ہنٛد بن چھوکن تہٕ دوکھن، امارن تہٕ آرزوبن، خابن تہٕ خیالن منفرد تہذیبی یا ماحولیاتی زاوِیہِ نظرٕکنہٕ تعبیر کران بلکہ چھُ سُہ یِمن علاقأیی حقیقتن وسیع کاینأتی نناظرس منز پیش کرنٕچ تخلیقی کوشش کران۔ یتھہِ پأٹھی چھُ یہنٛز شاعری منز تاثر تہٕ طرح بدلہ اکھ وسیع کاینأتی پوٚت منظر برونٹھ کُن یوان۔ یہ جہت چھےٚ یہنٛزِ شاعری ہنٛز بڈٕ عظمت۔



## مطالعہ کُتب


۱)عبدالاحد آزادؔ کشمیری زبان اور شاعری، جموں وکشمیر کلچرل اکیڈیمی

۲)اے این دھر "Mystiaism across cultures" اٹلانٹک پبلیشرز

۳)ڈاکٹر حامدی کشمیری 'جدید کاشُر شاعری' شعبہ کشمیری، کشمیر یونیورسٹی

۴)ماسٹر زندہ کول، سمُرن (شعری انتخاب

۵)ناجی منور تہٕ شفیع شوق، کاشرِ ادبُک تواریخ، شعبہ کشمیری کشمیر یونیورسٹی

۶)ٹی، این، رینہ، A History of Kashmiri literature، ساہتیہ اکادمی دلی

۷)وجے ولی، ماسٹر زندہ کول (مونوگراف) جموں وکشمیر کلچرل اکیڈیمی

# مہجورتہٕ جوش......

## شاعرانہٕ رُوِیہِ تہٕ تأریخی صداقت

یہِ بحث اوٗک طرف ترأوِتھ زِ ادب یا فن چھا علاقٲیی بنہٕ بندی ہُنٛد قٲیِل کِنہٕ عالمی سرحدن ہُنٛد علمبردار، یہِ کتھ چھےٚ شبقہٕ زِ کانٛہہ تہِ ادب یا فن پارٕ ہرگاہ کوتاہ تہِ فردٕ سٕنٛدِ ذأتی سوچن ترایہ یا توٗ ژأتی ژھایہِ گتین ہُنٛد اظہار آسی تن، یہِ چھُ بہرصورت تمن متضاد ذہنی رُوِیِن، سمأجی تراین، تأریخی حقیقوٗن تہٕ فکری گتین ہُنٛد اُنہٕ ہاوان یم أکِس مخصوص سیأسی، سمأجی، اقتصأدی یا تہذیبی گرتِس منز زایُن لبان چھِ۔ تأریخ تہٕ ادبہٕ کہِ سنجیدٕ مطالعہٕ تلہٕ چھےٚ یہِ کتھ واضح سپدان زِ تقریباً چھُ پرتھ کُنہِ زبأنۍ ہنٛدِ ادبکۍ موٗلہٕ انہار اکہٕ پلہٕ ہوی آسان، ووٚنۍ گوو تہذیبی سوٗتھرِس پٮ۪ٹھ یم علاقٲیی انہار زبأنۍ تہٕ ادبہٕ چَن مختلف صورژن منز اَسہِ درٛیٹھی چھِ گژھان، تِم چھِ تتھ سوسائٹی مخصوص جغرافیٲیی حالاتن منز زایُن لبن والین تِمن لُکہٕ وطیرن ہنٛز باوتھ آسان یم تأریخ کِین مختلف دورن منز تعمیر لبان تہٕ تشکیل پراوان چھِ۔ ووٚنۍ گوو شأعرس کوتاہ تخلیقی بٔژر آسہِ، نظر کأژاہ سرٕنۍ آسہٕ بس تہٕ ذہن کوتاہ پرژھیل آسہٕ بس، تیوٗتاہ آسہِ تٔمۍ سٕنٛدِس کلامس منز تھوٚد شأرت تہٕ شأعرانہٕ گون تہِ۔ شأعرس یا فنکارس یمن

ولن پٹھ کاُژاہ ووستادانہٕ دسگاہ آسہِ۔ تمۍ سُند فن پارٕ ہیکہِ تیوتے ماُرۍ موٚند بٕنتھ تہٕ تتھہِ پاٹھۍ چھِ تتھۍ فن کار قومن ہٕنٛدِ تہذیبی توأر آنٛکھۍ ڈیکہِ ٹِکہٕ بنان۔

گنوہمہِ صدی ہُنٛد آفتاب ییلہِ برصغیر کس نبہٕ ڈٕندِس پٹھ لوسنس تیار اوس ہندوستانس منز ییلہِ انگریز سامراجی نظامس تحت واریاہ مذہبی، سماجی تہٕ سیاسی انجمنن ہُنٛد ذال وہراونہٕ یوان اوس تہٕ ساسہٕ بدٕن ؤرۍ ین ہُنٛد فیوڈل نظامکۍ موٗل بٕنلی اسی محسوس کران۔ کشیرِ منز تہٕ اوس گنوہمہِ صدی ہٕنٛدِ منز کالہٕ پتھے یورپی مہم بازن، ماہر نباتات، کرسچن مشنری ین تہٕ سوشل سکالرن ہٕنٛدِ ذٔس تیتھ ہوا نواہیوٚ تمُت پاٗدٕ گرٕھن یُس پتہٕ کینہہ کال گرِھتھ کشیرِ منز کلچرل احیاءِ نو خاطرٕ بنیاد بنیو و۔ اتھۍ تبدیلی تہ بدلاوٕ کس دورس منز یعنے گنوہمہِ صدی ہٕنٛدِس اخری دون ڈٔہلین اورِ یورزاے ہندوستانس تہٕ کشیرِ منز زٕ تتھۍ عصر شناس نفر یمو ذہنی بالیدگی پراُوتھ پننہِ تخلیقی جدت پسندی ستۍ نہ صرف اکھ تیتھ معتبر ادبی فضا پاٗدٕ کوٚر بلکہ یمو پننہِ شاعری ستۍ سیاسی منظر نامکۍ زُلف تہٕ شیرۍ۔ یم چھِ غلام احمد مہجور تہٕ جوشؔ ملیح آبادی۔

مہجور پیوٚ و 1887ء یس منز تھنہٕ تہٕ جوشؔ 1898ء یس منز۔ میانہِ یمہِ مقالک مقصد چھنہٕ ہرگز تہِ یہ زِ یمن دون شاعرن ہُنٛد شاعرانہٕ حُسن ییہِ بدِ کڈنہٕ بلکہ تمہ ہشے تارٛیخی صداقتہٕ بروٗنہہ کُن انہِ یمہِ ستۍ تہنٛدِ شاعرانہٕ رٔوی یہٕ اکھ ماُرۍ موٚند ارتقا چھُ پراوان۔

یہ مےٚ گوڈے عرض کوٚر زِ مہجور تہٕ جوشؔ سُند دور اوس تبدیلی تہٕ زبردست سیاسی تہٕ سماجی کھسہٕ وَسہِ ہُنٛد دور۔ جاگیردارانہٕ نظامس تحت مستحکم سپدنہٕ

واجنہِ سماجی تہٕ ثقافتی قدرن ہندِ چھکراوُک عمل اوس شروع گومُت۔ نِو سماجی تعمیرُک، مذہبی اصلاح پسندی تہٕ قومی تشخصکی آکار بَدِ کڈنس گُن اوس عوامُک ظون بیدار ہیوٚتمُت گژھن۔ یِمن سارِنے تبدیلین ہندی آثار تہٕ انہار چھِ اَسہِ فنی پوٚختگی سان جوش تہٕ مہجورس منز یسلہٕ پاٹھی میلان۔ اگرچہِ اردوہس منز جوشس برونٹھ حالی، آزاد تہٕ اقبال ہوٚ بوحبسہٕ ہُشیارنفرویہٕ تبدیلی بروٚنٹھے محسوس کُرمژٕ اُس مگر کاشُرِ زبانی تہٕ ادبس منز بنیو وامہِ نِو آگہی ہُند نقیب مہجور ے۔

فیوڈل نظامس پوٚت ژھایہِ یم جمالیاتی قدرٕ ادبی منظرنامس پیٹھ مختلف قومن ہندس ادبس منز ووتلےیہِ تِمن ہُند اثر اوس برصغیرٕکس ادبی منظرنامس پیٹھ تہِ پیوٚن لازِمی۔ مہجور تہٕ جوش سٕنزِ جوانی ہندِ دورٕچ شاعری ہندِ مطالعہٕ تلہٕ چھےٚ یہِ کتھ نیٚرن نیران زِ یم دونوے شاعر اُسی حُسنہٕ کین مانچھ گنن ویوٚرٕچ تکنیچ سٕخ تہٕ سیوٚل کل تھاوان۔ مہجور تہٕ جوش دوشوے اُسی حُسنکی دِلداد۔ یہِ حُسن اوس نہٕ زمان ومکان کیوٚ حدونبر کانہہ اکایل صوٗرت بلکہ چھُ حُسنُک یہِ تصور بُتراُژہنزِ کوچھِ منز پھوٚجمژٕ اَکس خوب روتہٕ ماری منزِ حسینایہِ ہنز اکھ ٹھوس صورت۔

دوشونی ہُند حُسن اوس ارضی تہٕ دوشونی شاعرن ہندی تقاضہٕ تہِ بشری:

یارٕ سُند مارٕ موٚت سارٕ چھُم نہٕ تھاوان
یارس لرِ پان ساوان چھس
کامہٕ دِیو یار چھنہٕ جامہٕ مُوراوان
پوٚشن مالہٕ کرناوان چھس

(مہجور)

یہے جنسی تیہہ نفسیأتی بو چھِ تہٕ وُٹھ پھیشن واجینٛہ کفیتھ چھےٚ اَسہِ جوشنہٕ شأعری پرٕتھ سپدان۔ مثلاً:

ہائے کیا گوری کلائی میں ہے لچھا دِل فریب
ہائے کیا چاندی کی ہیکل ہے ستم ڈھائی ہوئی

جوش سٕندِ مجموعہ کلام ''نقش ونگار'' ہس منز یتھہٕ پاٹھی شباب تہٕ حُسن کِتہٕ ماران لبنہٕ چھُ یوان، مہجورنہِ لولہٕ شأعری منز تہٕ چھےٚ دِلبر سینہٕ مۄشرِتھ نرٛآلہٕ وِنس پتھ مجبور کرناوان۔

جوش تہٕ مہجور دوشوے چھِ جمالیأتی حُسنس سٟتی سٟتی شدتِ جذباتکی تہٕ پرستار۔ مگر یہِ جذبأتیت چھُنہٕ محض خأرجی حالاتن ہُند دیُت بلکہ چھےٚ یہِ ہیجان خیزی بشری ضرورژن ہٕندِ تکمیلک آرزو تہٕ۔ بقولِ محمد یوسف ٹینگ ''مہجور ایک رِند بھی رہا اور حسن مجاز کا پرستار بھی''۔ آزادتہٕ چھُ اَتھ حقیقژِ کُن عارض نہِ ناوِ اَکس خطس منز اشارٕ دِوان۔

''آج بوڑھے نظر آتے ہیں، نتیجہ بھی دیکھوان کی محفل میں
عورت کی جگہ خدا لینے لگا''۔

وُہمہِ صدی ہٕندِس دوٚیمہِ ڈٲلہِ کِس شروعس منز ییلہِ ہندوستانس منز نان کواپریشن مومنٹ تہٕ خلافت تحریکہِ کِس پوٚت منظرس منز قومی تہٕ وطنی جذبن نوِ آیہِ کاڈٕ ہیوٚت کڈُن تہٕ سامرأجی طاقتن ہندوستأنی لوکن ہُند قومی جذبہ لتہٕ مونجہِ کرنٕکی نوی تہٕ ظالمانہٕ وَل استعمالس اَنٕنہ ییٚتی، امہِ سٟتی وۄتلیو لوکن منز انقلابک جذبہ زیادے پھٔہن تہٕ پرٛتھ طرفہٕ گوو سیأسی بیدأری ہُند اکھ نوٚوُے

ہوانواپاڈ۔ سماجک حساس طبقہٕ کتھہٕ ہیکہٕ ہا امہٕ تبدیلی ہنٛدِ احساسہٕ نِشہٕ مُچھ روٗزِتھ؟ شاعرِ رومان بنے یہِ شاعرِ انقلاب۔ کشیرِ منزٕ تہٕ اوس مہاراجہ پرتاپ سنگھ نہِ مرنہٕ بروٗنٛہہ کینٛہہ کال مزوٗرن ہنٛزا کھ تحریک زبردست طاقتہٕ ستۍ دباونہٕ آمٕژ مگر اَمی تحریکن دیُت آزاٗدی ہندٮ۪ن نوٮ۪ن مجاہدن وُتش تہٕ یتھہٕ پاٗٹھۍ آیہِ گوڈنچہِ لٹہِ شخصی راجس خلاف سیاسی منصوبہٕ منظّم طریقہٕ تیار کرنہٕ۔

وُہمہِ صدی ہنٛدِس ڈ وٮ۪مِس دٔہلہِ کِس اٰخرس پٮ۪ٹھ اُس سیاسی تہٕ معاشی بدحاٗلی طیَس پٮ۪ٹھ۔ یمن حالتن منز کتہِ روزِ ہا مہجورس محبوبہٕ ہنٛدی زُلفہٕ پیچان یاد۔ تٔمی کوٚر جوش ہنٛدی پاٗٹھۍ انقلابس تہٕ بغاوتس ستۍ باٗج واتھ۔ جوش اگرامہِ شعری رٔوی یہِ چہِ تبدیلی ہُنٛد اظہار ییمہِ آیہِ چھُ کران:

ہٹ، کہ اب سعی و عمل کی راہ میں آتا ہوں میں
خلق واقف ہے کہ جب آتا ہوں چھاجاتا ہوں میں
پھر اٹھوں گا ابر کے مانند بل کھاتا ہوا
گھومتا گرتا گرجتا گونجھتا گاتا ہوا



تہٕ مہجور چھُ اَمہِ آگہی ہُنٛد عرفان ییمہِ آیہِ مولناوان:

چھےٚ ہوچھٕو پوشہِ تھُر باغس کمی آبس گمٕو ناگس
کھسُن چھُم اوٚبُر لاٚ رِگتھ آسمان باران تراوُن چھُم
اگر وُزِ ناوٕہن بستی گلن ہُنٛد تڑاو زیر و بم
بُنٛیل کر، واو کر، گگراے کر، طوفان پیدا کر

پتھٕ پاٗٹھی چھُ جوش نِس کلامس منز اَمہِ نوِشعری آگہی ہُند شروعات 'شعلہ و شبنم' ستی سپدان، مہجور نِس کلامس منز چھُ یہٕ موضوعی نوبر تہٕ تبدیلی یسلہِ پاٗٹھی 'پیام مہجور' سلسلہٕ ناٗوی کلامہٕ ستی سپدان۔

موضوعس ستی چھُ زبانیٔ ہنٛدس بناوٹس پیٹھ تہِ امہِ نوِتبدیلی ہُند اثر پیوان، نزاکت چھےٚ ٹکراوُک جامہٕ رٹان تہٕ سرگوشی چھےٚ آرٕ گر بڑُک اظہار پراوان۔

فطرت کِنہ منظرن ہُند شعری اظہار چھُ پوٚز دوشوٕنی شاعرن منز میلان مگر مہجور نہِ شاعری منز ڈل تہٕ نسیم، تارسر تہٕ مارسر، درنگ تہٕ برنگ چھِنہٕ محض جمالیاٗتی آسودگی ہندی سامانہٕ بہم کران بلکہ چھُ شاعر کشیرِ ہنٛد بن یمن حُسنہٕ کِنہ ناگہٕ رادن ہنٛدِ شاعرانہٕ اظہارٕ ستی کاشرِ بن منز قومی شناخت کِنہ آثارن تہٕ تہذیبی عظمت کِنہ آکارن کُن عام کاٗشرِ بن ہُند ظون پھِرناوٕنچ اکھ شعوری کوشش کران۔ جوش تہِ چھُ تیٚتھے پاٗٹھی پننین واریاہن نظمن منز ہندوستان کِس قودرتی حُسنہٕ کِس پوٚت منظرس منز ہندوستان چہِ قدیم تہذیبی عظمتچ باوتھ کران۔

دوشوٕنی شاعرن منز چھِنہٕ فطرت نگاٗری ہُند مقصد تہٕ مُدعا محض ارضی حُسنُک نقشاو بلکہ چھُ اتھ پوٚت ژھایہ اکھِ شدید قومیت کہِ جذبُک ووتلاو۔ قودرتٕکی حسین نظارٕ مثلاً شالہٕ ماٗر، نشاط، اچھہ بل چھِنہٕ صرف فقط فرحتٕکی تہٕ فراغتٕکی ساٗل گاہ کِس صورتس منز ووتلان بلکہ چھِ یِم کاٗشرِ بن ہنٛدِ احساسہِ جماٗلکی تہٕ آثار بٕنتھ برونہہ کُن یوان، یمن ہُند تصوُرے یوت کاٗشرِ بن ہنٛدِ عظیم پتھ کالُک شدید احساس دِوان چھِ۔ یمن دوشوٕنی شاعرن نِش چھِنہٕ فطرت محض خاٗرجی

منظرن ہُنٛد بیان بلکہ چھےٚ یہِ وطنیُک ہِنٛدِ جذبأتی رِچھ دلیل تہٕ فرام کران۔

روسی انقلابہٕ کس پوٚت منظرس منٛز یُس بوش مزدٗرتہٕ کاشتکار طبقس کھالنہٕ آو، تہٕ یتھہِ پأٹھی تِمو قو درت کین خزانن ہِنٛدی وأرِث آیہِ مقرر کرنہٕ تمیک پوٚت گربز چھُ اَسہِ مہجورس تہٕ جوشس رِنش ہوُے میلان۔ ووٚنی گو ویٚتہِ جوش عقید تاَ اتھ تحریکہِ ستی وابستہٕ سپُد تتہِ رٕنگرو و مہجورن صرف امہِ فلسفک سوزہٕ یوت تہٕ ساز تھووُن پرونُے۔

جوش ییٚتہِ کاشتکارس فطرت کین اسرارن ہُنٛد وأرِث گنزران تہٕ تہذیبک خالق تسلیم کران چھُ، تتہِ چھُ مہجور مزدٗرس تہٕ کاشتکارس تمام قو درتیٚو سیلن ہُنٛد جائیز وأرِث گنزران۔

مہجور تہٕ جوش دوشوے اُسی سماجہِ کین تِمن طبقن ستی وابستگی تھاوان۔ یِہُنٛد شمار بلواسط بلاواسط استحصألی طبقن منٛز شمار اوس گژھان تہٕ یِم سرکارٕکی وظیفہ خوار اُسی یوان تسلیم کرنہٕ۔ مہجور اگر پیرزادٕ طبقس ستی واٹھ اوس تھاوان یِمن سرکارٕ ڈٕسی واریاہ مراعات حاصل اُسی، تتہِ اوس جوش جاگیردارانہٕ خاندانک چشم و چراغ۔ مگر دوشوٕنی منٛز یوسہٕ کتھ مشترک اُس سو گیہِ یہِ زِ تِہنٛدِس کلامس منٛز چھنہٕ گنہِ جایہِ رئیسانہٕ بوے نظرِ گژھان۔ یِم شاعر چھِ رئیسانہٕ طرزِ عملس پٹھ طنز کرِتھ پننی جذبأتی وابستگی سماجہِ کین پتھ کھورِ تہٕ مُشرأوی متین طبقن ستی ہاوان۔ جاگیر درانہٕ طرزِ نظامس ستی نفرت چھےٚ مہجورس گرٕسی کور سورٕ چ حوٗر بناونس پٹھ مجبور کرناوان تہٕ جوش چھُ رئیس زادبن ہِنٛدِس وضعدار حُسنس مقابلہٕ اَکس سیٚز سادٕ مالنہِ رِچھ حُسنچ تاجدأری بخشان۔

آ رہی ہے باغ سے مالن وہ اٹھلاتی ہوئی
مسکرانے میں لبوں سے پھول برساتی ہوئی
بار بار آنکھیں اٹھاتی سانس لیتی تیز تیز
رس جوانی کا گھنی پلکوں سے ٹپکاتی ہوئی

مہجورس تہٕ جوشس دوشونی پیٹھ چھُ یہ الزام یوان دِنہٕ زِ ہرگاہ یم عوٲمی آرزوین تہٕ اُمنگن ہندی علمبردار بٔنتھ شاعری ہنٛدِس نبہٕ ڈٔندِس پیٹھ پژ زلیے تیٚلہِ کمہِ چیزن گرِی یم شخصی راجہِ کین مولادرن ہنٛدی قصیدٕ گوٚنس پیٹھ مجبور؟ مہجور اگر بلہ کاک دروزیر وو زارت تہٕ پرتاپ سِنگھس پیٹھ قصیدٕ گوٚوان چھُ تتہِ چھُ جوش نظام حیدر آبادس پیٹھ قصیدن ہنٛدی قصیدٕ گوٚوان۔ دوشوے گوٚناوِی وقتہٕ کین تاجدارن ہنٛدی بأتھ روزگارکی غمن تہٕ بیٚیہٕ نہٕ کُنہِ چیزن۔
شخصی راجہِ رِکس خأتمس پیٹھ یتیٚلہِ تحریکہِ آزأدی ہنٛز تٔوصف بندی سیکولر بنیادن پیٹھ وُسوار کرنٕچ کوشش آیہِ کرنہٕ سیأسی فلسفٕچ یہ تبدیلی گھژ نہٕ واریاہن حلقن ٹارِکینٛہہ۔ تتھہٕ کنٛز آیہِ واریاہ تم سأزِشہِ کرنہٕ یمیٚنک مطلب کٔشیرِ منٛز ساسہٕ بدٕبن ؤرِکین پیٹھ محیط بأے برادری ہنٛدِس جذبس زکھ واتناوُن اوس۔ مہجوریُس انسان دوستی، مذہبی بأے چارُک روادار اوس، کتھہٕ ہیکہِ ہے اُچھ وٕٹتھ یہ سورُے سٔرتھ۔ چنانچہ لُج تمی ہنٛدِس شارِ مضرابس زیرِتہٕ گیوٚدُن:

ذات بُتراتھ کاشرین ہنٛز چھو کُنی
خواہ مخواہ دوٗربر مہ پأوِو پانہٕ وأنی



جوشن تہٕ چھُ ''وقت کی آواز'' نظمہِ منٛز تمثیلی طور أتھی حقیقژ کُن اِشارٕ کران۔ مہجورتہٕ جوش یوٚ دوے تمن کینژن خوش اقبال شأعرن منٛز درج چھِ یمن پننہِ زندگی منٛز ے عوأمی مقبولیت حأصل گیہ، تہٕ گرِتھ تہٕ چھُ یمن یہِ احساس أندری کوران زِ تہنٛدِ کلامُک روح آوٕنہٕ اصل پأٹھی سمجنہٕ۔ مہجور چھُ اتھ احساسس یتھہٕ پأٹھی زبو دِوان:

مہجورٕ کاشرِ کأنسہِ ژٕ زونگھ نہٕ وُنستام
یم زانہٕ نَے تمِ چھِ زنٔے بوز کانٔہہ زاو

جوش چھُ پننین لوکن أنی وٕنتھ یتھہٕ پأٹھی خندٕ کران:

اندھوں سے جب پڑا ہو زمانے میں واسطہ
اے جوش آپ یوسف کنعان ہوئے تو کیا



1947ءیس منٛز ییلہِ برصغیرس منٛز زٕ آزاد مملکتہٕ وجودس آیہِ، نقلی جغرافیائی سرحدو ترأوی جسمن تہٕ جانن اندر ژھین۔ توَے گووبأیس بوے جُدا۔ رَتٕ ہولی آیہِ وتن پیٹھ گِندنہٕ۔ وأنسہِ وادن ہندی وَچھس منٛز ژھمتی خاب گیہِ میٛژ بُزی۔ جوش چھُ اَتھ قومی بحرانس منٛز ییمہِ آیہِ لوکن مِلٕو اررٕ ژھراونک تلقین کران۔

روح بشر کی موت ہے خون خواری و فساد
اپنے غضب سے جنگ ہے سب سے بڑا جہاد
اے دوستی سعیٔ امن سے ہوشیار و بامراد
انسان کے دماغ کا سرطان ہے عناد

تہٕ مہجور چھُ مشہور تأریخی کأشرٕ ن کردارن کُن کأشرٕن ہُنٛد ظوٗن پھِر نأوِتھ تِمن منز بأے بندُت قأیم تھاونس پٮ۪ٹھ اِصرار کران۔

کوٗر بٹس پٮ۪ٹھ زُو فدا قٕدٕ گوجأری

اَز تِمے کتھٕ یاد پاوَو پانٕہٕ وأنی

یوٗد تھٕو اتھواس توہہِ پوشو نٕہٕ کانٛہہ

ژھٕمن گرِتھ یِنٕہٕ پوشہِنأوِو پانٕہٕ وأنی

بأے سُند بأیس شوٗبیا تھاوُن ملال

گنڈ دِلن ہٕنٛدی مُہرٕ أوِو پانٕہٕ وأنی



مہجورن تہٕ جوشن یِمہِ آیہِ انقلأبی نغمہٕ گیوٗتھ قومی بیدأری ہُنٛد جذبہٕ خوفتہٕ لوکن منز پأدٕ کوٗرتہٕ آزأدی ہٕنٛدٕ بن یمو خابہٕ جزیرن ہُنٛد تِمو تخلیقی سأراوس کوٗرمُت آشن تہٕ ووٚمیدن ہٕنٛز یِمہِ مندورِتِمو تعمیر آسہٕ کرِمٕژ، عوأمی حکومت بنٕہٕ پتہٕ باسیوٚ ویِمن مندورٕ بن ہیوٚتُن وقتہٕ کیو سألأبی گٕتوٕ ستی شگاف پیٚنی۔ تِہنٛدٕ بن حساس دِلن لٕج گرا یے تہٕ انقلاب کِین نغمن باسے یگھ زنتہٕ لے بگرٕ پٕمٕژ۔ عوأمی راجہِ کِین یِمن اِدارن تہٕ فردن ستی تِمو پنٕنہِ سماجکہِ تعمیرِ نوٗک رِشتہٕ جوٗرمُت اوس، باسیو کھ زِ آزادی ہٕنٛز نٕو نوشہِ ویوٚرتلٕنہٕ پتہٕ دِتکھ تس زن جبرأ کُھلا۔ جوش اگر "ماتمِ آزأدی" نظمہِ منز آزأدی ہٕنٛدٕ بن یِمن علمدارن خبر ہوٚان چھُ، مہجور چھُ پنٕنہِ نظمہِ "آزأدی منز سماجہِ کِین تہٕ آزأدی ہٕنٛدٕ بن یِمن ٹھیکہدرن یِمہِ آیہِ نیٚز ورشن کران۔

یہِ آزأدی چھےٚ سورٕچ حوٗر، پھیریا خانہٕ پتہٕ خانے
فقط کیٖژون گرن اندر چھےٚ ماران گرایہِ آزأدی
یہِ آزأدی چھےٚ تراوان مغربس کُن رحمتِ باران
کران سائنس زمینس پیٹھ ژھریے گگرایہِ آزأدی

یا

تتہِ چھا زمیندار کاشتکار، نانگار، تتہِ چھا بڈٕی چکدار
تتہِ چھا آلژھن رنگہٕ رنگہٕ نیائرٕ کمٕ لین گرٕھان بتہٕ مار
خابن ہُند شیشہِ محل چھلہِ چھلہِ گرٕھنس پیٹھ کتھہٕ پأٹھی چھُ جوش اکہِ نوِ

بغاوتُک درس دِوان:

فٹ پاتھ، کارخانے، ملیں، کھیت، بھٹیاں
گرتے ہوئے درخت سلگتے ہوئے مکاں
بجھتے ہوئے یقین، بھڑکتے ہوئے گماں
ان سب سے اٹھ رہا ہے بغاوت کا دھواں

☆☆☆

## مطالعہ کُتب


۱)عبدالاحد آزادؔ کشمیری زبان اور شاعری، جموں وکشمیر کلچرل اکیڈیمی

۲)ٹی، این، رینہ، A History of Kashmiri literature، ساہتیہ اکادمی دلی

۳)جوش ملیح آبادی، شعلہ و شبنم

۴) جے، ایل، کول (ترجمہ نگار)، Kashmiri Lyrics، ساہتیہ اکادمی، دلی

۵)حامدی کشمیری (ترتیب) جہات

۶)رام بابو سکسینہ، اُردو ادب کا تاریخ، ایجوکیشنل بک ہاوس دہلی

۷)شفیع شوق (نگران) انہار، تقابلی ادب نمبر، کاشُر ڈیپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی

۸) غلام احمد مہجور، پیام مہجورؔ

۹) غلام نبی آتش، سرمایہ تہٕ سام

۱۰)محمد یوسف ٹینگ، شش رنگ

۱۱)محی الدین ریشی (ترتیب) آلو نظم نمبر، محکمہ اطلاعات جموں وکشمیر

۱۲)وزیر آغا، اُردو شاعری کا مزاج، سیمانت پرکاش دریا گنج، دہلی

# صمد میر......وُہمہِ صدی ہٕنز منفرد صوفی آواز

کینژٕو مخصوص سیأسی تہٕ سمأجی حالاتو کنؠ رُود کأشرِس شعری ادبس پٔتھ اردأہمہِ تہٕ گُنوہمہِ صدی منز غأ لب موضوع تصوُف یا صوفی تجربن ہٕنز باوتھ۔ أمؠ ادبی رِوایژ لوٚب یمن دۄن ۂتلین منز تیوٚت بہارتہٕ جہار زِ امہِ کِس اثرس تحت روٚٹ اجتمأعی طور کأشرٕن ہنٛدی سوچن تہٕ وطیرن اکھ سُہ انہاریُس سانہِ لگہٕ سائیکی ہُنٛد اکھ اژھیوٚن طرح بنیو۔

امہِ فکری تہٕ شعری رِوایژ ترووکأشرِس مزازس پٔٹھ تیوٚت سرٕ ون اثر یتھ وُہمہِ صدی ہُنٛد سائنسی وِوہار، منطقی سوچن تراے تہٕ نوٚو سیأسی شعور تہِ ہیوٚک نہٕ مُلے موٗل پرأٹتھ۔

یوٚدوَے زن گُنوہمہِ صدی ہنٛدِس أخرس تہٕ وُہمہِ صدی ہنٛدِس اِبتداہس منز عالمی، ملکی تہٕ علاقأیی سطحس پٔٹھ دوررس تبدیلین ہنٛدِس اثرس تحت زندگی تہٕ کایناتس نسبت رِوایتی سوچس منز انقلاب انگیز تبدیلیہِ رونما سپز، کأشر بو شأعروتہِ ژیوٚن شُد تہٕ سان وتھٕ آلو۔ نہ صرف موضوع رٔنگی بلکہ ہیت تہٕ لسأنی زیرکی رٔنگی تہِ آیہ تِتھی تجربہ کرنہٕ یم بدلونہٕ انسأنی نفسیات تہٕ بدلونہٕ سیأسی تہٕ سمأجی تقاضن ہنٛز نمایندگی کران أسی۔ دۄن ہتن وٕ ری ین ہنٛدِ

صوفی تجربن ہنٛز باوتھ خاطرٕ یُس اظہار وَل کأشرٕ بو صوفی شأعرو پانہٕ نووُمت اوس تتھ پٮ۪ٹھ اوس فارسی زبأنۍ تہٕ ایرأنۍ صوفی طرزِ فکر تہٕ تہذیبُک سٮ۪ٹھا سٔرٕ ون اثر۔ مگر وُہمہِ صدی ہنٛدِ ڈ ویمہِ دٔہی لہِ پٮ۪ٹھہٕ آو زبأنۍ ہنٛدِس ورتاوس منٛز مقامیت ہِکس انہارس پٮ۪ٹھ شدتہٕ سان زور دِنہٕ۔ شعر وادبس منٛز اَمہِ نٔو لسأنۍ تبدیلی ہُنٛد وجہ اوس وُہمہِ صدی ہنٛدِس ڈ ویمس تہٕ ترٛیٚیمس دٔہی لِس منٛز سیأسی بیدأری تہٕ قومی شعوٗرُک پھانٛپھلُن تہٕ ووتلُن۔ اَتھ نٔوِس منظرنامس منٛز آو لفظن ہنٛدِس رِوایتی تصوٗرس نٔو وتناظر عطا کرنہٕ۔ امہِ تبدیلی ہُنٛد اثر اوس تیٚوٗت سٔرٕ ون تہٕ ٹاکارٕ زِ صوفی تجربن ہنٛزِ باوٕژ خأطرٕ آیہِ زبأنۍ ہنٛدِس رِوایتی استعمالس منٛز تبدیلی کرنہٕ، تہٕ وُہمہِ صدی منٛز یِمو شأعرو یہِ دُشوار ترین کأم انجام دِژ تِمن منٛز چھِ صمد میر تہٕ احد زرگر ہوی ناو سارِنٕے سرس۔ پننہِ مخصوص تہٕ منفرد لسأنۍ ورتاوٕ سٟتۍ کٔر یِمو رِوایتی موضوعن منٛز تیٚوٗت نوبر تہٕ رنگا برنگی پأدٕ ییٚمیُک مقابلہٕ واریاہ سأنۍ جدید شاعرتہِ ہیٚکی نہٕ کٔرِتھ۔

گنٛوُہمہِ صدی ہنٛدِس آخری دٔہلِکس أتھی پُرتاو دورس منٛز چھُ صمد میر 1892ء منٛز موجودٕ بڈگامٕکی ضلعہٕ کِس کرمشور گامس نگھہٕ نمبل ہارٕ تھنہٕ پیوان۔ یہِ اوس سُہ وق یٮ۪لہِ کٔشیرِ منٛز انگریز ریذڈنسی ہنٛدِ وساطتہٕ مہاراجہ پرتاپ سنگھن شہری ترقی ہنٛدی واریاہ منصوبہٕ درِدٔس أسی نِمتۍ۔ سرکارس لَرِ لٔر آسہٕ یورپی عیسائی مشنری ین ہنٛز سرگرمیہِ تہِ خصوصاً صحت، تعلیم تہٕ لُکہٕ ادبہٕ تہٕ لسانیات کِمن شوبن منٛز ہُر یمٕژ۔ یِمو سارِوٕے محرکاتو سٟتۍ اوس کٔشیرِ منٛز نٔوِ شعوٗرُک رَد طلوع سپدُن ہیوٚتمُت۔ ییٚمہِ کِس نتیجس منٛز رِوایتس پٮ۪ٹھ مبنی زندگی ہُنٛد پرٛتھ

کاشِہ آثار تنقیدُک نشانہٕ بنیو و۔ اتھ ژُوِس فکری منظر نامس منز ییٚتہٕ زندگی ہنٛدی باقے شوبہٕ تہِ متاثر گیہِ تتہٕ آوسانہٕ رِوایتی صوفی شاعری تہِ واریاہ دُلتہٕ۔ مگر یہِ چھےٚ کاشرِ صوفی شاعری ہنٛز خوش بختی زِ اَتھ آیہِ تم ژٕ سوخن شناس صوفی شاعر باگہِ ییمو موضوع کہِ یک رنگی باوجوٗد تہِ زبانٛی ہنٛدِ نرل ورتاوٕ ستی اَتھ منز تم تجربہٕ کٔری زِ یہِ رِوایت روٗز جدید آگہی ہنٛدِس تیز طوفانس منز تہِ محوسفر۔

دَچھِ رانٹھ گھرٛ ہلہِ ہلہِ، تتھ مازاشہِ وَر دژاو
کأرِ گر کوتاہ دَلہِ، کہو کلہِ کر ٹھہراو
(صمد میر)

یہٕ گلو ژٔری شہر روؤس
مگر أکی أنی بچوؤس
أنِس موزوٗر نکھن پیٹھ
اگر بوزکھ یہٕ چھےٚ کتھ
(صمد میر)

صمد میرس میٚج شاعری ہنٛز رِوایت وِراثتس منز۔ تہنٛد بابہٕ صاٚب خاٚلق میر اوس پانہٕ اکھ صوفی شاعر، تہٕ پیشہِ کنہِ اوس أری کش۔ معاشی حالت کمزور آسنہٕ کنہِ سپز صمد میرس تہِ مالی سُند رِوایتی أری کش پیشے اوز کہِ خاطرٕ منتخب کرُن تہٕ یہِ پیشہِ اختیار کرنہٕ کِس نتیجس منز پیوٚ وصمد میرس قودرت کین حسین نظارن، بالہِ دامنن، ویرِ وارن، وَن یاربن تہٕ کولہِ آرن ہنٛدِس پُر فضا ماحولس منز أری کشی ہنٛز کأم کرِنی۔ أتھی شروٗژتہٕ پُرامن ماحولس منز میوٗل تٔمس

کاینات رِکس خالق ہِنذ بن خالقانہٕ گونن ستنک موقعہٕ نصیب۔ چنانچہ صمد میرنہِ شاعری منز چھُ نباتات تہٕ جماداتن ہنز یسلہٕ پاٹھی ذکر میلان تہٕ تِمَو چھےٚ پننہٕ صوفی تجربن ہنز اظہارٕ خاطرٕ امہِ جاندارٕ ری سلطنت کِنہِ رنگین نشانین ہُنذ ورتاو تمہِ آیہ کوٚرمُت زِ پرن والی ہِنذِ خاطرٕ چھُ تجربہٕ وکھُت اُستھ تہِ سبٹھاہ مارٕ ری مۆ ندباسان۔

پارٕ ری کوَے طوطہٕ ہنز پارٕ ری زان ڈُ جیے
اُنجی یے دوٚرن گرائے
مارٕ ری مُندی پانس ہی گُمی ؤجیے
اُنجی یے دوٚرن گرائے

(صمد میر)

کاوس کنہٕ دوٚر تھاوس کِنہٕ
ہاوسہٕ رٕٹنم وَنہٕ نے جائے
داوس بُلبل لوگ گلشنہٕ
ہاوسہٕ رٕٹنم وَنہٕ نے جائے

(صمد میر)

صمد میر چھُ پُرگوشاعر۔ یمو چھےٚ لگ بھگ تمام شارٕ ہیتن منز پننین تجربن ہنز باوتھ کرمٕژ۔ یمن منز وژن تہٕ چھِ تہٕ نظم تہٕ چھِ، پد تہٕ چھِ تہٕ ژٕ مصرائے تہٕ۔ تمثیل تہِ تہٕ دلیلہٕ تہِ، شہر آشوب تہِ تہٕ غزل مسلسل تہِ، نعت تہِ تہٕ مناجات تہِ، روٗو تہِ تہٕ ریختہٕ تہِ۔

بظاہر چھُنہٕ صمد میرن درس کُنہِ تہٕ ژاٹہٕ ہالس یا مکتبس منز حاصل کوٗرمُت، مگر صاحب ضمیرن تہٕ اہل نظرن ہنٛدِس صحبتس منز روٗزِتھ چھُ تمو باطنی علمہٕ کین ناگہٕ رادن رنش پنٕنۍ وُڈھ تتھہٕ پاٹھۍ کرشناوٕمتۍ، ییمہٕ ستۍ یہنٛدِس شعور بلس تتھہٕ پاٹھۍ زیر لٕج زِنغمن ہنٛدبن ناگن لٕج وُزِنۍ۔ اظہارس موٗٹھ کجر، تہٕ اسرارن ہنٛدبن گُپتھ خزانن گیہٕ ٹھانٕوٕتھی۔

علم گوٗو علمِ لدُنی

ژوٗلُم شک عام بدنی

پوٗرم نو کائنسہٕ رنش توش

کوٗرُس آراستہٕ یاری



وَن کوچھِ منز موجوٗد پرٛتھ جاندار شے چھےٚ صمد میرنہِ شاعری منز جمالیاتس زیر دِوان۔ یم چھِ تمہ سنٛدِس داخلی رومانی وجوٗدس منز زاین لبن والین تجربن باوتھ کرنہٕ خاطرٕ اکھِ طاقتور شعری محرک رٕنگی کام کران۔ ژھالہٕ تُلہٕ وُنۍ جنگلی پوش، سنطوٗری لیہِ قُمری تہٕ کستوری، قداوار شمشاد تہٕ حیا ویژھی ہی تہٕ سوسن پوش چھِ یہنٛدِ شعری منظر نامکۍ اژھبنی جُز

گتی رہنزی تہٕ راتہٕ کرپلن

دویہٕ قسمہٕ تھوٗو تمو ظون

ہہہ دم دِوان چھُ خرگوش

وَن وَن گرٛھی فراموش

کاون چھوٗکھ یہِ کوٗنگ پوٗش
وَن وَن گژھی فراموش

(صمد میر)

ریحانہٕ ستی دِل بلہِ
سویہِ کوتاہ چکہٕ چاو
جوے تے صدر ما رَلہِ
کہو کلہِ کرو ٹھہراو

O

یاون ژوٗرس کیا گیہِ وَننے
ناوس ہی تن گرٕنم گرائے
ساوس لرِ پان ہی چھس سِننے
ہاوسہٕ رٹنم وَنہٕ نے جائے



بیا کھا اکھ منفرد شاعری گون یُس یسلہٕ پأٹھی اَسہِ یہنزِ شاعری ہُنٛد مطالعہ پتہٕ چھُ ذہنس سوچنس پیٹھ مجبور کران سُہ گو وشعر کہ ظاہری حال کہِ تجربکہِ اظہارُک لسأنی تضاد۔ سُہ چھُ حیساوٕ انگن متضاد صفأتی کیفیت دِتھ شعری تجربس نہ صرف معنے خیز بلکہ ہیجان انگیز بناوان۔ امہِ ستی چھُ شعرس منزابہام کی سبٹھاہ امکانات پأدِ گژھان تہٕ شعری تجربہٕ کہِ دریاپتچ عمل چھےٚ ہنا تہدارتہٕ معنہِ ساو بنان۔

أچھو ؔستی بوز دِلکی اسرار
چھُکھے بیدار چھُکھے بیدار
کنو ؔستی وُچھ بنی دیدار

(صمد میر)

ییٚتہٕ گاش زأٔلِتھ دراس بیرۄن
جاے وُچھِتھ آس
تتہٕ گاش دارن رأچھ اوٚنۍ
کأٔنسہِ وۆنۍ نو



صمد میرنہٕ شعری اظہارٕچ یوس بیا کھ منفرد خصوصیت اَسہِ پانس کُن ظون پھِرناوان چھےٚ سو گیہِ أمی ؔسندِ کلاچ ثقافتی جہت۔ أمی ؔسندِ شأعری منٛز چھےٚ اَسہِ دیدن بروٹھہ کنہِ کأشرِ ثقافتی منظرنامکۍ تم مأری مُندی آثار یوان یِم زن وقتہٕ کِس تیز بہاوس ؔستی یہ ڈٕلۍ زِتہِ پیرٕ گرِتھ نابوٗد گأمتۍ چھِ۔ صمد میر چھُ یِمن لفظن شعری اصطلاحس منٛز تِتھہٕ پأٹھۍ ورتاوان زِ أچھن بروٹھہ کنہِ چھُ پٔنن میوٗٹھ تہٕ موٚدُر پتھ کال گرایہِ ماران لبنہٕ یوان۔ کینٛہہ مثالہٕ چھےٚ ؔتتھہٕ پأٹھۍ:

بٔنۍ بٔنۍ کتھہٕ وُچھ أنۍ قندورے
تنہٕ پھٔس موٗرِے للہٕ وان نار

(صمد میر)

ڈبکہٕ ٹِکہٕ چوٚن دِیہٕ لچھ لال پٕتی
ٹاکاٲنٛ ہج مےٚ تھاو
نم چھی چمکان آدم رٕتی
اٚتی نظر تراو

(صمد میر)

ستھ پاٲوٕ شیشہِ ہیٚرِ کھس پٕتہٕ پٕتی
لاٲرِتھ داٲنتو کھراو
زوٗنہٕ ڈبہٕ پیٛٹھکھ نِش بھگوتی
اٚتی نظر تراو

(صمد میر)

صوفی چھِ انساٲنۍ لوٲلکۍ پرستار۔ کٹرپرستی ہندۍ مخالف، دٕے تہٕ دوٚگنیارٕکۍ ازلی دشمن۔ تِم چھِ ازلی حُسنکۍ طلبگار تہٕ حُسن چھُ سُہ بے داغ قوت ییمہٕ کِس تعمیرس منز خلوص تہٕ مایہِ ہنز اَڈرن چھےٚ۔ تِم چھِ تمہِ لامتناہی نوٗرکۍ متلاشی یُس نوررسی سرحدن نِش مبرا تہٕ پاک چھُ آسان۔ رواداری تہٕ انسان دوستی ہندِس اتھ موٗلہٕ صوفی پزرس چھُ صوفی شاعر تخلیقی سوٗتھرِس پیٹھ ورگہٕ پاٲٹھی اِشارن تہٕ تمثیلن منز وو تلاوان۔ صمد میر چھُ تصوٗفک یہِ گوڈٕ مدعا لساٲنی تہٕ فکری سوٗتھرِس پیٹھ زباٲنۍ ہندِ مخصوص ورتاوٕ ستی عملہِ منز انان۔

اوم اوس اخلاص گوم کور گُن یے
چوم خونہِ جگر کھیوٗم ارمان

آوارٕ گرتھس مارٕتی یِے
پاروتی یِے لو
لچھِ ہٕدی وٲنسہِ گوو اکھ أچھ موو
مِن وراءِ محیط البشر چھو



یتھ منز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ صوفی شاعر چھِ خارجی دُنیاہس کھوتہٕ زیادٕ باطنی سلطنت کِہن پُر اسرار وتن ہنٛدی مسافر آسان مگر اُکس پوختہٕ مشق تہٕ حبسہٕ ہُشیار فنکارس چھُ تِمن سارِنے خارجی قوتن تہٕ محرکاتن پیٹھ تہِ نظر آسان یِم سماجی سوٗتھرِس پیٹھ رونما چھِ سپدان تہٕ سماجی نظام، تہٕ امیک انہار پارٲنس منز اہم رول ادا چھِ کران۔ صمد میرس نِش تہِ چھُ یہِ ظون سبٹھاہ شدید۔ 'شہر آشوب' نظمہِ منز چھُ شاعر سماج کِہن تِمن ٹھیکہٕ دَرن خبر ہوان یِم عوامس اکہِ نتہٕ بیٚیہِ رنگہٕ زِرچ تُلان یا استحصال کران چھِ۔

سونر، گورِ، آرم، مُنزِ، پُچ تہٕ پیر
تِمن سر چھِ ڈرائیور، گرٕ ؤس چھُکھ وزیر
دِوان سگ ایزس پزِس آتشس
مِزاج تو از حالِ طفلی نہ گشت



انسانی تہذیبی توارٕیخس منز چھُ کرالہٕ پیٚشس اکھ اہم مرتبہٕ تہٕ مقام حاصل۔ انسان ہٕندِس تہذیبی ارتقاہس منز چھُ کرالہٕ سُند ووتلُن اکہِ نوِ

پڑاوِ چ نشاندہی کران۔ صوفی شاعری منز چھُ کرالہٕ سِنٛدِس تخلیقی قوتس خالقِ کاینات َکس اعلیٰ تہٕ بے مثال تخلیقی گونس سٟتۍ تشبیہہ یوان دِنہٕ۔ کرالہٕ سِنٛد بٔن گری ہٕتمن رنگہٕ رنگہٕ بانن چھُ انسان سٕنٛزن بیوٚن بیوٚن صورتن تہٕ شکلن سٟتۍ یوان علامتی تعبیر کرنہٕ۔ صمد میرن تہٕ چھُ 'کرالہٕ پد' نظمہِ منزأتھی موضوعس کامل فن کارٕ سان شاعری ہُنٛد جامہٕ ؤولمُت، لامحدود تہٕ محدود ُک رشتہٕ چھُ أَکس تمثیلی تہٕ ڈرامأیی صورژ منزأ چھن برونٛہہ کنہِ یِتھہٕ پأٹھۍ یوان زِ بأطن چھُ ظأہرس منز جلوٕ گر سپدان۔

شہہ سِنٛدِ ورتنہٕ برتن تھٔری نم
گاہ سٟتۍ أنٛزنس لیے
لہہ کے پننہٕ سٟتۍ ژھنبہٕ اوکرنس
ہو کھرِتھ گرٕنم لاے
میٚچہِ میٚچہِ کھأتلِتھ ژژ چہِ پٔٹھ کھأرنس
شیٚچھہِ سٟتۍ گرٕنم لیے
رَچھہِ کے ٹٹہٕ سٟتۍ چہٕ خادِتنم
مو چھہِ سٟتۍ رٔٹنم ترأے

(کرالہٕ پد نظم، صمد میر)

'اکہ نندُن' چھےٚ سبٹھاہ پرأنۍ کأشرِ لکہٕ دلیل۔ اتھ منز چھ قدیم کأشرِس سماجی تہٕ مذہبی پوٚت منظرس منزأ کہٕ تہٕ دٕ لُکہٕ کتھ آہ ژ تمثیلی آیہِ بیان کرنہٕ یتھ واریاہ شرح چھِ آمٕتۍ ازتام کرنہٕ۔ شرحن ہُنٛد اختلاف اوک طرف ترأوِتھ چھےٚ

یہ دلیل کاٗشرِ ہنٛدِ اجتمٲعی ذہنی وطیرٕچ نفسیٲتی کیفیژ تہٕ جذبٲتی رٕوِیچ اکھ شاندار تخلیقی یا شعری اظہار۔ یوٗ تامتھ زن صمد میرنہِ اکہِ نندُن نظمہٕ ہُنٛد تعلق چھُ تٔمی چھےٚ یہِ دلیل تتھہٕ پٲٹھی نوِ آیہِ تخلیق کٔرمژ زِ مقامیتُک احساس چھُ سیٹھاہ شدید گژھان۔ کردارن تہٕ جاین ہنٛدی ناو چھِ نظمہِ منز تمہِ آیہِ منتخب آمتی کرنہٕ یم کاٗشرِ سائیکی ستی بنیٲدی ہشر تھاوان چھِ، تہٕ کاٗشرِ ثقافتی شناخت کہ حوالہِ چھُ ورتاو سیٹھاہ اہم۔

کھیٚنہِ آو نابد تہٕ بنہٕ گےٚ قندٕنے
ژاٹہٕ ہال سون اکہِ نندٕنے وڑاو
مٲلی ماجہِ دوستو کوٗرس شاٗدی یانے
نازٕ تنہِ پوٗرہس ساز و سامان
کھٲلی مالہ، نٲلی اٗلہٕ، بادام چندٕنے
ژاٹہٕ ہال سون اکہِ نندٕنے وڑاو

(اکہٕ نندن، نظم، صمد میر)

صمد میر اوس شعوری طور کاٗشرِس شعر و ادبہٕ کِس صوفی خانوادس ستی تعلق تھاوان۔ تمو دِیُت پننو شعری تخلیقاتو ستی یہِ ثابت کٔرتھ زِ ہرگاہ موضوع کوٗت تہٕ روایتی تہٕ مونڈمُت آسہِ مگر نبرل شاٗعرانہٕ ورتاوٕ تہٕ زبٲنی ہنٛدِ مخصوص استعمال ستی ہیکہِ یہِ جدید سے جدید موضوعس تہٕ ادبی انتخابس منز پتھ ترٲوِتھ۔ صمد میر تہٕ احد زرگر چھِ صوفی قبیلکی تمہ زٕ قداوار تخلیق کار یمو شاٗعری منز خاٗرجی مرکزیت کِس دورس منز تہٕ باٗطنی سلطنتُک چراغ روشن تھوو تہٕ اتھ بخشٕکھ اکھ

ماأرِ موٚنداںہارتہٕ ادبی وقار تہِ۔ جدید دورٕ کیٚن شاأعرن منز چھِ یِم ییمہِ کنہ سرس زِ یہنٛدِس کلامس میٚج ادبی مقبولیت تہِ تہٕ عوأمی شوہرت تہِ۔ بقولِ موتی لال ساقی:

'صمد میرنہِ شاأعری منز چھُ روحُک رس، تہٕ ماأرِ فتُک خمار،
عملہِ ہُنٛد سنبر تہٕ وُشنیر'۔

ناجی منور تہٕ شفیع شوق سُنٛد وُنُن چھُ زِ:

'صمد میرنہِ شاأعری منز چھِ گوڈنیتھے تمِ ہنٛز لفظہٕ ژاأرمتاأثر کران'۔

دوشوے بیان چھِ محض لفظن ہنٛز جودوگری تہٕ بیٚیہٕ نہٕ کیٚنٛہہ۔ یِم چھِ چھرا بیانہِ یمن پتہٕ کنہِ کانٛہہ تہِ شعری دلیل یا تنقیدی دعوٰی ڈُکھِس چھُنہٕ۔ تنقیدُک یِہ اپروچ چھُ سرسری، تاثر، بگر تہٕ کھوکھر۔ کاشرِ تنقیدُک عمل اگر اَمی آیہِ بروٚنٛہہ پکان روٗزِ سانہِ ادبی تواأریخ مولانکون ہیکہِ نہٕ معروضی طور متعین کرنہٕ یتھ۔



## مطالعہ کُتب

۱) امین کامل، ترتیب صوفی شاعری، جموں وکشمیر کلچرل اکیڈیمی

۲) فاروق فیاض، زبان ادب تہٕ تأریخ، ننہ پوش پبلی کیشنز سرینگر

۳) غلام محمد شاد (نگران) کأشُر صوفی شاعری، شعبہ کشمیری کشمیر یونیورسٹی

۴) شفیع شوق ناجی منور، کأشرِ ادبُک توأریخ، شعبہ کشمیری کشمیر یونیورسٹی

۵) موتی لال ساقی، کلیات صمد میر، جموں وکشمیر کلچرل اکیڈیمی

۶) محی الدین حاجنی، کأشُر شاعری، ساہتیہ اکادمی، دہلی

۷) شاد رمضان (نگران) کأشُر صوفی شاعری، شعبہ کشمیری کشمیر یونیورسٹی

۸) ناجی منور، پرسان،

# عبدالاحد آزاد

## انسانٕی آزادی تہٕ سماجی بغاوتُک نقیب

پرٛتھ کانٛسہٕ حبسہٕ ہُشیار ادیب، فنکار یا شاعر سُند تخلیقی فن پارٕ چھُ ذاتی محسوساتن، انفرادی تجربن تہٕ سماجی صداقتن ہتۍ ہتۍ تتھ مخصوص زمانس منز پرٛتھن تہٕ پھاپھلن واجنبن فکری، تہذیبی، سیاسی، نفسیاتی ہنجن تہٕ تراین گراین ہُنٛد ترجمان تہٕ اَنہٕ آسان یتھ زمانس منز شاعرن، ادیبن یا فن کارن زاینُن آسہِ لوٚبمُت تہٕ ذہنی طور کاڈ آسین کوٚرمُت۔

تمہیدٕکس اَتھ پوٚت منظرس اَسی ییٚلہِ عبدالاحد آزادنین شعری تخلیقاتن موضوعی تہٕ فنی حوالہٕ سام ہوٚان چھِ اَسی ہیکوٚنہٕ کاشرِ سیاسی تہٕ سماجی تواریخُک سُہ اہم دور تہٕ تتھ منز پاہد سپدن واجنبن تمن دوٗررس تبدیلین نظر انداز کرِتھ یم عالمی، قومی تہٕ علاقائی سوٚتھرِس پیٹھ وُہمہِ صدی ہنٛدِس پرٛتھ ذی حبس فردس پانس کُن متوجہ کران آسہٕ۔ آزاد بحیثیتِ گاٹُل تہٕ زیرک فرد کتھہٕ ہیکہِ ہایمن تبدیلین ہنٛدِ تخلیقی عرفان نِش اَچھ وٗٹتھ۔ لہٰذا چھُ تمی ہنٛدِس تخلیقی زیرو بمس زیرٕ تہٕ کاشرِس ادبی تہٕ خصوصاً شعرٕ مزازس دِتُن اکھ نوٚو طرح تہٕ اظہار۔ مہجورس ہتۍ ہتۍ بنیہٕ تم کاشرِس منز نوِ ادبی مزازٕکی تہٕ نوِشعرٕ طرٕچکی امام تہٕ یتھہٕ پاٹھی

آیہٕ کاشُر زبان سنجیدٕ طور گوڈنیچہ لٹہٕ صوفیانہٕ موضوعی اظہارٕنش آزاد گرِتھ ہمعصر گوناگوں زمأنی صداقتن ہنٛدِ اظہارٕ باپتھ اکہٕ موثر وسیلہٕ رٔنگی استعمالس منز اَنِنہٕ۔ فرسودٕ اِدارن، جاگیردارانہٕ نظامس، شخصی حکمرأنی ہنٛد بن شاہانہٕ فرمانن، دربارس ستی وابستہٕ معزز پیٹھن تہٕ اکابیرن ہنٛد بن وضعدار ورتاوٕلن۔ سرکأری تہٕ نیم سرکأری کارندن ہنٛد بن ظألمانہٕ حربن، سماج تہٕ مذہب کین بے عمل مگر باثر فردن خلاف بغاوت بنیہ آزادنہٕ شعری آدرشُک اکھا اڑھیونٛ انگ۔

تأریخی تہٕ نیم تأریخی دستاویزن، تخلیقی تہٕ لُکہٕ ادب کین مختلف صِنفن منز لُکن ہنٛدِ حوالہٕ یوسہٕ بے چینی، اِنتشار تہٕ بددِلی اَسہِ شخصی حکمرانن ہنٛدِس دورِ اِقتدارس منز میلان چھے، تِمہٕ دگ روٗد عام کاشُر خصوصاً سون گامی کُملی طبقہٕ بغأرِ کُنہِ احتجاج برداشت کران۔ استحصالی قوتن منز اوس نہٕ فقط غأر کاشُر حکمران طبقے یوت ملوِث بلکہ اَسی کاشرِ سماجکی تِم بااثر ذٔری تہٕ شأمل یِمن شأہی سرپرستی ڈیکھِس اُس۔ اتھ منز اَسی جاگیردارتہٕ تہٕ مذہبی عألم تہٕ تہٕ افسرشأہی تہٕ شہری کارخانہٕ دارتہٕ شأمل۔ کأشرِ بن ہنٛدِ سیأسی تہٕ سمأجی زندگی منز اُس نہٕ احتجاجس کانٛہہ جاے۔ ناانصأفی خلاف ژھوٚپ احتجاج تہٕ اوس سرکارس خلاف بغاوت ستی تعبیر کرنہٕ یوان۔ یِتھِس ظألمانہٕ سیأسی نظامس منز ہیوٚت کأشرِ بو شأعرو باطنہٕ کین سِرن تہٕ سنبرن وضاحت کرٕنی۔ زمانس ستی بتھی لاگے کرنہٕ بدلہٕ ہیوٚت کأشرِ بو گونماتو ذاتہٕ کین اسرأری انہِ گٹن منز زمانہٕ چہٕ دگہٕ ہُند مہلامہٕ ژھأرُن۔ مگر وُہمہِ صدی ہنٛدِس ترٛیمِس ڈٔہلِس تام واتان واتان اوس مختلف ادبی، سمأجی، سیأسی تہٕ دانشورانہٕ کوششو ستی اتھ غألب

شعری رٕوِیس منز اکھ موثر تبدیلی رونما سپدِنی ہیٚژ مٕژ ۔ امہِ نٕو شعری کِہجکی آثار
یوٚڈوٚ وہاب پرے حاجنی، ماسٹر زندہ کول، دیارام گنجو بیترِ ہٕنزن تخلیقاتن منز
ضرور میلان چھِ مگر مہجور تہٕ آزادن ژٕ ٕنٕو آگہی شعوری طور تہٕ کاشرِ شاعری ہُنْد
رِوایتی شعری اظہار تبدیل کٔرِتھ اوٚنکھ یہِ تتھ سوٚتھرس پیٚٹھ ییٚتہِ نس اَتھ اکھ فکری
سنبر تہِ عطا سپُد تہٕ تخلیقی طرح دٲری تہِ باگہِ اٲس۔ عوٲمی اُمنگن تہٕ آرِزوین ہنٛز
ترجمان تہِ بنے یہِ تہٕ نوبن فنی تہٕ لسانی زاُوِجارن ہنٛز زبو تہِ بنے یہِ۔

جاگیردٲری نظامس منز یوس وَنن ہارنہ تاپہ کرایہِ تہٕ شراونہٕ کینہ روٗدٕ
راٹھن منزٕ ہرٕ ؤرٕ لیس کھلن تہٕ کھہن منز زراعتس ستی وابستہ کاشرِس کُملس
گرٛھان اٲس تہٕ ییمیک ہَر ترٲسی چکدار، ذٲلدار، جاگیر دار تہٕ شہری خوجہِ
ہردس منز پننو حاشیہ بردار و تہٕ کارندو ذریعہ ٹُلان سأنس گریسی بٲلیس اٲس
جکِھتھ تہٕ زینتھ نہٕ زٔٹ تہٕ نہ مٕیٹ مویسر آسان۔ پنٛنس فاقہٕ لدعیالچ ییڈ برنہٕ
خاطرِ اوس وہرٕ ؤرٕ لیس گریسیٚ تس وڈدارن تہٕ سودخوارن برونٛہہ کنہِ پننہِ
غولامی ہُنْد پٹہٕ پہوان لیکھن ۔ ناانصافی پیٹھ مِنی تھٔر کوٚنڈ پھٔٹر اون وأرِلس
اَتھ نظامس پیٹھ کتھہٕ ہیکہِ ہا آزادُن بأغیانہ ذہن خاموش روٗزِتھ۔ سُہ چھُ
خاموشی سان یہِ ظلم برداشت کرنس پیٹھ زراعتس ستی وابستہ کُملین تہٕ
موٚزوٗرن بٹاُہر ٹیپ تہٕ ٹانہٕ ژٹان مگر مدعا چھُ محض یہِ زِ یمین منز خودداٲری،
عزت نفس، تہٕ بغاوتُک تہٕ آزاٲدی ہُنْد احساس پأدٕ کرُن۔

نہ بوٗزتھ زانٛہہ نہ بوزنہٕ اوے
جکِھت جوٗرِتھ ژٕے کیاہ لارٕ ثٕوے

تہٕ وَنہٕ ہے چھُم نہٕ وَننس وار
کِتھن تھاو گوش معنے ژار



ژِ ے مائِلکھ چونُے گرٕ تے بار
ژِ ے باغوان چانی گُل تے خار
ہٲلی مو بن ہا ملکھ دارو ہو
گرٕھ تہٕ بیدار ہا وطن دارو ہو



ظُلمس تہٕ ناانصافی بروٚنٛہہ کنہٕ کلہٕ نوٚمرِتھ خاموش تماشائی بننس پٮ۪ٹھ اوس آزادس جگر کورنہٕ یوان۔ یہٕ اوس طبیعتاً تمہٕ ہٕنٛدِس باغیانہٕ مزازس خلاف۔ تس اُس کشیرِ ہٕنٛدِس تأرٛیخس پٮ۪ٹھ نظر۔ رابرٹ تھورپ، الیسن بینرجی، والٹر لارنس تہٕ عبدالقدیر بیترِ یمو غأرکأشر بو کأشر بن پٮ۪ٹھ سپد یمتِس ظُلمس خلاف پٮُ۪ن ردِعمل ہووُمت اوس۔ آزاد چھُ اِشارتاً قومی غأرتُک جذبہٕ پأدٕ کرنہٕ خأطرٕ لوکن ہِنٛدِ جُرتُک تہٕ جوانمردی ہُنٛد تہٕ احساس دِوان۔ مثلاً:

غأرت یوان چھُ غأرن عبرت کھوان چھُ عالم
سختی کران ہٕہن پٮ۪ٹھ ہے ہے یہٕ شال آسیا؟



قومی بیدأری تہٕ احساسِ وطن دأری ووتلاونہٕ خأطرٕ چھُ آزاد کأشر بن پٮ۪تھ کالس منز پأدٕ سپد یمتین عظیم دأنشورن، مفکرن تہٕ ملٹری کمانڈرن ہٕنٛد بن عظیم

کارنامن متعلق تہٕ ظون پھرناوان یُتھ کاشرٕن منز کہالت، بُزدلی تہٕ خوف ختم ہیکہِ گژھتھ تہٕ یمن پٔتھ ڈیکہٕ لون شیرنک اجتماعی احساس پأدٕ سپدِ ۔

سون ماز واژ وانن سالن ضیافژن کیُت
معصوم خانٕہ مالِین سانٕین یہِ حال آسیا!
اولاد بڈشہس ہیوٚ روٗچھمُت چھُ تیمٚ کوچھے منز
بوچھِ ستۍ مران وتن پیٹھ تہنٛدُے عیال آسیا!
کلھن، غنی تہٕ صرفی سأراب گری یمٚ آبن
سُے آب سانہِ باپتھ زہرِ ہلال آسیا!



وُہمہِ صدی ہِنٛدِس ترٛیمِس دٔہلس منز یتہٕ عالمی سوٗتھرِس پیٹھ سامرأجی قوتن خلاف ایشیا، افریقہ تہٕ جنوب مشرقی ایشیا کِبن نوآبأدین منز قومی تحریکن ہِندِس اثرس تحت بغاوٕتکی جنونن لوکن منز انقلابک تہٕ آزأدی ہُند جوش تہٕ جذبہٕ پأدٕ اوس کوٚرمُت تتہِ اوس ہندوستانس منز تہِ 1919ء پتہٕ گاندھی جی نِس قیادتس منز تحریک آزأدی اکھ نوٚ عوأمی طرح ہیوٚ تمت رٹُن ۔ کٔشیرِ منز تہِ اوس أتھی وقتس منز شخصی راجس خلاف منظّم عوأمی بغاوتن موٗل ہیٚتی ٕمتی رٹنی ۔ چنانچہ چھےٚ تأریخ گواہ زِ 1924ء منز ٕے اوس کینہہ وطن پرست قاید ہنو انگریز وائسرا اے لیس برونٹھہٕ کنہِ کأشرٕن مسلمانن ہنٛز لاچارگی، بے بسی، غربت تہٕ سرکارِ دفتن کہِ دٔسی عام کأشرٕن ستۍ ببن ورتاوس پیٹھ اکھ تحریری یاداشت پیش کوٚرمُت ، تہٕ امہِ برونٛہہ اوس ریشم خان ایجی ٹیشنن تہٕ کأشرٕن کأریگرن تہٕ

موٗ زوٗرن ہٕنٛدبن ذہنن منز باروٗدُک تاثیر پاد کوٚرمُت۔ آزاد اوس یِمن سارِنے واقعاتن ہُنٛد چشم دید گواہ۔ تس اُس کاشرِبن ہٕنٛدبن تِمن قومی ہیروٗہن ہٕنٛز ہٕنٛز تارٟیخی زان یمو پتھ کالس منز کشیرِ تہٕ کاشرِبن ہُنٛد ناو نیچھنو وُمت اوس۔ کاشرِبن منز قومی بیدارٟی ہُنٛد جوش تہٕ جذبہٕ تہٕ غارتُک ولولہٕ پاد کرنہٕ خاطرٕ کٔرِ تٔمۍ پننہِ شاعری منز تِتھۍ واریاہ کردار پیش۔ سُہ اوس یژھان اَمہِ شعری عملہٕ ستۍ کاشرِبن منز خوداعتمادی تہٕ خودارٟی ہُنٛد احساس پادٕ کرُن، یُتھ تِم تِمہٕ زنجیرٕ پھٕٹراونہٕ خاطرٕ تیار سپدن یِم زنجیرٕ وقتہٕ کِہ حاکموتہٕ تِہنٛد بو بتہٕ سازندرو پننو حقیر مفادو خاطرٕ کاشرِبن نالہِ آسہٕ تراوِمژ۔

یِمو أچھو وُچھ مے راجہ للتادتس ہوٚی گل پھولان وارے
تِمن أچھن تل نہٕ ترییش ناگن گرٛ ہان باغس چھُ لوٗرٕ پارہ
پلیمِتۍ آسن چرخ تہٕ کلہن، غنی تہٕ صرفی تیمِس لولے منز
تھوٗن پزیاتس یہِ ناراللہٕ وُن تہٕ یوٗت حسرت تہٕ خارٕ خاراہ
گوٚبُر تہٕ اولاد بڈشہس ہوٚی یِمو اَتھو رٔچھنہٕ اُسی آٲتۍ
جُکھت تہٕ جوٗرِتھ گرِتھ تہٕ کرأوِتھ تِمے اَتھٕ ووٗنی لُگن یہٕ داراہ
یِتھۍ یِتھۍ خانہٕ مالہِ کاتیاہ مے پالہِ کمہِ لولہٕ ستۍ لولے منز
چھِہم تِمے چشمہٕ لوسہٕ ناوان گرٛ ہان چھُ جگرس مے پارٕ پاراہ



'دریاو' نظم چھےٚ آزادنی اکھ شاہکار شعری تخلیق گنزرنہٕ یوان۔ امہِ نظمہِ ہُنٛد آہنگ، لہجہٕ، لفظت تہٕ تخلیقی لینڈس کیپ چھُ یتھ دعوہس دربر کران زِ

آزادن چھُ دریاؤ وطن دأری، آزأدی، قومی بیدأری، سمأجی مساوات، انسأنی عظمت تہٕ تہذیبی وقار کہ علامژ رٔنگی ورتو وُمت ۔ مدعا چھُ یہِ زِ کأشرِ بن منز گرٛدھ مجموعی خفتگی، احساس شکستگی، ذہنی فالج، نفسیٲتی ژھربر، سمأجی بے کسی، کرام تہٕ قبیلہٕ دأری ہنٛدی مصنوعی بُٹھی تہٕ مذہب کس بنیادس پیٹھ بٔن تہٕ بینبر ختم سپدُن ۔

سنبر ووگنیار بُٹھی تے بیرِ ڈیشتھ جیرِ چھُم یوان
گُنبر یکسان چھُس ژھاران لاران یٔوت ماران پان
توے چھُس آب اُستھ وارِ تُلہٕ وبن تیوٕ نگلن اندر
یوان چھُم زندگی ہُنٛد سوز سفرن، منزلن اندر



دریاؤیُس مسلسل جدو جہد، کشمکش تہٕ اجتمأعی بہودُرانہٕ تہٕ دلیرانہٕ رٔ وِیک استعارٕ چھُ، امیک موٗلہٕ مدعا اوس کأشرِ بن منز قومی بیدأری تہٕ غأرتُک جذبہٕ ووتلاوِتھ کأشرِ بن ہنٛدِ بزدلی، کہالت تہٕ بے حسی ہنٛدی موٗل پراٹنی ۔

بہٕ روزہ سوزِ دِل ترأوِتھ سرن، سنبرن، تلاون منز
بہٕ وَتھرہ سینہٕ پھیرن عأشہِ مُتی ڈوٗنگن تہٕ ناون منز
یوان چھا کارٕ وأرِس وار جأہل کأہلن اندر
یوان چھُم زندگی ہُنٛد سوز سفرن، منزِلن اندر



ساز، سنطور، ڈونگہ سأر، مأٔلن تہٕ وورسن ہنٛز گر بکھ، شوٗدِ پینٛچن ہُنٛد سرٛ ؤد تہٕ

بچہٕ نغمن ہُنٛد شروٗنۍ یمن سارِنٕے ماٗدی فرحت کیٚن چیٖزن اوس آزاد بھنگ تہٕ اُفیٖن تصوٗر کران یِہُنٛد مقصد اِقتدارس ستۍ وابستہٕ لوکن نِش صرف یہٕ چھُ زِ لوکن منز گوٚژھ نہٕ سماجی تہٕ سیاسی بیدآری ہُنٛد ظوٗن پاد سپدُن۔ وُچھو آزاد کتھہٕ پاٹھۍ چھُ یمن فاقہٕ ہتبن مگر ساٗلہٕ متین ہُنٛد ظوٗن یِہُنٛدِس حالس کُن پھِرناوان۔

چون عیال کیاہ کران فاقہٕ وتن پیٹھ مران
چون جکھن راوِران چاۓ ژھوپہٕ تہٕ چاۓ ماے
یا ژٕ نمان خدمتس یا ژٕ بڑمان دولتس
پارٕ کران غارتس حاۓف افسوس واے واے
نیر بُتھ شیرِ مرد ہاو پَنُن دِل تہٕ درد
بوٗز سبٹھاہ ہی مال بیٚیہٕ تُسند ناۓ گراے
لولہٕ بہار چھاوِکھ سوزِ جگر چھاوِکھ
یام ژٕ مشراوِکھ ناز و ادا ژھاے گراے



دعقل تہٕ عشق، تمثیلی نظمہِ منز تہِ چھُ آزاد سماج کیٚن تمن ورگن تہٕ اِدارن خبر ہوٚوان یم کاشرِس سماجس منز بارسوخ گنز رنہٕ اُسی یوان تہٕ یم پنٕنین ذاتی مقصدن تہٕ مفادن ہِنٛدِ حصولہٕ باپتھ ؤسی پایہٕ ورگن ستۍ تعلق تھاون والین موٚزوٗرن، نان گارن شالی تارکھ ہاوِتھ تمن واٗنسہٕ وادن پیٹھہٕ ذہنی تہٕ جسماٗنی غولام بناوان اُسی، آزادس اوس یقینِ کاٗمل زِ وقت چھُ بدلوٗن تہٕ سو وِزِ چھے

قریب ییٚلہِ مویوسی تہٕ نااُمیدی ہُنٛد کالہٕ اوٚبر اُمیدی تہٕ آزاُدی ہٕنٛدِس نٔوِس سِریس جاے شیرِ تہٕ کاُشرٕ بن لوکن ہٕنٛد بن دِلہٕ کیٚن ختہٕ باغن نیرِ نوٚو بامُن۔ توے چھُ ونان۔

آسہِ دوہا عنقریب دیدٕ وُچھن خوش نصیب

نیرِ یہِ خونِ غریب جوش دِوان آشکار

وۄتھ یہِ طوفان زن تراوِ پتھر ظاُلمن

پھیرِ کوہن جنگلن نیرِ کران لۄٹ پار

روزِ جنوٗنچ کتھاہ پوشہِ وِنٛی دولتھاہ

رود گسٕتے سود خوار، روزِ یہِ سرمایہ دار



حامدی کاشمیری چھُ اُتھی دلیلہِ ییمہِ آیہِ وضاحت کران:

''آزادُن اصلی شعرٕ مزاز چھُ تمہِ وِزِنوٚن نیران ییٚلہِ سُہ فرضی یا خیاُلی عشقہٕ افسانن ہُنٛد بورشانو پیٹھہٕ پتھر اُتھ پننِس وطنس تہٕ انساُنی قدرن لول بران چھُ۔ تٔمۍ چھےٚ پننۍ اُچھو انساُنی قدرٕ خاکس ستۍ رلان وُچھمٕژ۔ گامن منٛز پھیری پھیری چھِ تٔمۍ شخصی راجہِ کیو موکل دَرودٕ سۍ غریب تہٕ لاچار لوکن پیٹھ رنگہٕ رنگہٕ ستم تہٕ تاراج پننو اُچھو وُچھمتۍ۔ تِمس چھُ مظلومن ہُنٛد حال وُچھتھ خونس گربھ لگان، غریبی تہٕ نادارِی ہٕنٛدِس پوٚت منظرس منٛز چھُ تِمس عشقہٕ نار ژھوٚنگ وجہ فکرِ تران''۔

منگے نہ مۆنگھے مےٚ عائش وعشرت، شراب، کباب یا ناز ونعمت
مےٚ گوٚژھ غریبن تہٕ بیکسن کیٚت بُن گذاراہ تہٕ اختیارا



'نالہ بڈشاہ' نظمہِ منز تہِ چھُ آزاد پننین ہموطنن ہنٛز خفتگی تہٕ تسائل پسندی پیٹھ مویوسی ہُنٛد اظہار کران۔ سُہ چھُ تِہنٛدِس غاٛرتس زیر دی دی تِمن بیدار گرٕھنگ سامانہٕ بہم کران۔ شاید چھُ توے پننین ہموطنن یہِ وُنتھ وُزناونٕچ کوشش کران۔

ہا وطن دارٕ وُنی ہِندرِ گرٕھکھ نا بیدار
مال چون ضایہِ سپُد زُو تہِ ما گرٕھی ضایے
چھُکھ ژٕ خاموش کمن لولہٕ چمن زارن منٛز
بول ووٚنی جانورو ہول گوٚمُت چھُے کیاے
چھُکھ ژٕ بیہوش نہ چھُے دود نہ چھُے دگ مولوم
ژھارٕ ہکھ چارٕ پنُن ہوشہِ یِہکھ ہے ہاے



کٔشیرِ منز منظّم سیاسی جدوجہدس دوران آیہِ شخصی حکمران طبقہٕ ڈٔسی کاشرٕ بن منز فاس تراونہٕ کہِ غرضہٕ واریاہ حربہٕ استعمال کرنہٕ۔ مہجورن تہٕ آزادن بِھووتاٛریخ کِس اَتھ بوحرانی دورس منز سۓ عظیم رول یُس اکہِ وِزِلِل دیٚدِ تہٕ علمدارِ کشمیرن نبھوومُت اوس۔ توے چھُ آزاد بار بار پننہِ شعری وسیلہٕ ڈٔسی لوکن اتحاد تہٕ اتفاق تھاونس پیٹھ زور دِوان۔

دِتکھ ژٕ توفیق برادری ہُنٛد، محبتُک لولہٕ دِلبری ہُنٛد
دِلا بخشتکھ دِلاوری ہُنٛد، دِلن ژٕ تراوُکھ پزٕ یک امارا
سُہ ولولہٕ دِکھ زِ کاٗلِ نیرن، پٔنُن یہِ سامانہٕ پانہٕ شیرن
قیامتکی پاٗٹھی ژوٕپاٗرِ پھیرن، کوہن تہٕ بالن تُلن غبارا



آزادس اوس کاٗشرِ شاعری ہِنٛدِ رِوایتی پوٚت منظرُک سرٛ ون مطالعہٕ۔ تس اُس پتاہ زِ کُنہِ خطے ارضُک آب وہواہ حالات کتھٕ پاٗٹھی چھِ اجتماعی شعری رٔوِیس سورمہٕ سجاوان تہٕ زلف شیران۔ آزاد چھُ کاٗشرِ قودرتی حُسنٕکی نغمہٕ گیوٚتھ کاٗشرِ بن منز گہٕرٕ قوم پرستی تہٕ وطن داٗری ہِنٛدِس جذبس وُٕتش دِنٛچ شعوری کوشش کران۔ چنانچہ یوٚہے مقصد نظرِ تل تھاوِتھ چھُ شاعر شینہٕ ماٗئی، بٹہٕ کوٗر، پھٕلی کوٗر، پاں ژادر، بیترِ نظمہٕ گیوٚتھ اِشارتاً تہٕ علامتی طور کاٗشرِ بن منز حب الوطنی ہُنٛد جذبہٕ ووٚتلاونٕچ اکھ کامیاب کوشش کران، تہٕ اَتھ کوششِ منز چھُ آزاد کامیاب تہٕ روٗدُمت

موٚہتِس شمہس گھ گری گری یے
پان زولتھ ژےٚ لولریے
یہِ تہِ چھا کوٚرمُت کاٗنسہِ پوشری یے
بٹہٕ کوٗر ماٗرِ مٔنز سوندریے

(نظم: بٹہٕ کوٗر)

پوشو ما وُچھے بمہٕ چاٲرِ چاٲری
رُمہٕ رُمہٕ گمہٕ گوے جاٲرِ یے
دَمہٕ دمہٕ پوشنٕے یہٕ شرمداٲری
پٔہلی کوٗر لولہٕ ون یاٲرِ یے
(نظم: پہلی کوٗر)

یمن نظمن ہنٛدِ آہنگ، لہجہٕ تہٕ متن وُچھتھ چھِ یہِ کتھ واضح سپدان زِ یمن تخلیقن پتہٕ کنہِ تہِ اوس ڈٔکھس سُے وطن داٲری تہٕ قومی شناختُک شدید احساس تہٕ جذبہٕ تیمیُک مدعا تہٕ مقصد کاشرِ بن پننہِ میٖرہٕ موٗلن ہنٛز زان کرناوٕنی اُس۔ آزادنہِ شاعری منز چھُ رومان تہٕ بغاوتُک میٖل۔ سُہ چھُ محبوب سٕنٛزن اَچھ رِٹراین منز تہِ تمن وُزملن تہٕ ترٛٹن ہُنٛد نیب لبان یم عوٲمی بیداٲری تہٕ تاریخی شعور و وتلاونس منز زبردست محرکا تورٕنگی کاٗم کران چھِ۔
تازٕ غزل پران پران آزاد آسہِ دبن بران
شاٲدی غمن اندر کران چھُس نہٕ قرار کیاہ کرے



سنیاس لاٲگتھ پھیرٕس ونہٕ نٕے
ٹاٹھی یاونہٕ نٕے گرٕنم گراے



قومن ہنٛدِ خودداٲری خاطرٕ چھُ آزاد غولامی سُم قاتل تصوُر کران۔ آزادنہِ جواٗنی منز اوس کشیرِ ہنٛز تحریکہِ آزاٗدی اکہِ منظم تہٕ متحرک تحریکہِ ہنٛز

شکل پرأوٕمڈ۔ شخصی راج تہٕ جأگیردارانہٕ نظامن یمو کأشرٕن ہُند کمر پھُٹرِ وومُت اوس، تِمن اوس ظُلمہٕ تہٕ جبرٕ ستی احساسِ آزأدی ہُند تصوٗر تہِ یہِ ڈٕلی زِتہِ خاب لبنہٕ یوان۔ آزاد چھُ پننہِ شعری وسیلہٕ ستی پننین ہموطنن غولأمی ہنزن نفسیأتی، سیأسی، اقتصأدی تہٕ سمأجی ناکارٕ گین کُن ییمہِ آیہِ اِشارٕ کران تہٕ تِمن اشارتأ تہٕ علامتن منز یہِ پأغام دِنچ کوشش کران زِ زِندٕ قومن ہنزٕ پایہ پر جأیی تہٕ خوش بختی ہنز دلیل چھےٚ آزأدی منز مضمر۔

کمن دِل ہُشارن تہٕ بیدار مغزن
زِندے موتہٕ چے ہندرِ ساوان غولأمی
کمن نابکارن ہنٛدٕن براندٕنے کُن
کمن گاٹلین سجدٕ دیاوان غولأمی

'شکوہِ ابلیس' نظمہِ منز تہِ چھُ آزاد ورگہ پأٹھی شیطان سنٛزٕ زیوٕ یتھ کتھہِ پیٹھ افسوس کران زِ تِم دِلیر دِل تہٕ بہوٗدرکتھ میٚوٗ شر وٚڈٕی یمن ظُلمس، ناانصأفی، طاقس، اقتدارس تہٕ منصب دأری خلاف احتجاج کرنک جُرت تہٕ حوصلہٕ اوس آسان۔ مکالماتی اظہارُک یہِ اندازٕ چھُ نبرل تہِ تہٕ بغاوت بوٗ رُت تہِ۔

دپان چھُس تِم دلیر کوٚت گے موژیہِ پوٗژلأوی شیر کوٚت گے
نِوس زمانس تھوان یِم أسی تیار کٔری کٔری نوٚوے جہانا
چھُ خون ظأ‌لم ہوان غریبس، غریب دپان چھم لیکھِتھ نصیبس
یہِ وُچھتہٕ تھووتھکھ ژٕے باغ چھاوُن تِمو بنوو خاصہٕ جیل خانا



## مطالعہ کُتب


۱) عبدالاحد آزادؔ کشمیری زبان اور شاعری، جموں و کشمیر کلچرل اکیڈیمی

۲) غلام نبی خیال، جہان خیال، کشمیر کلچرل کانفرنس

۳) جی، ایم، ڈی صوفی، Kasheer، کیپٹل پبلشنگ ہاوس دہلی

۴) مجروح رشید، معاصر کشمیری شاعری

۵) موتی لال ساقی، (ترتیب) گاشرٕ، آزاد کلچرل فورم چاڈورہ

۶) پی، این گنجو، کلیات عبدالاحد آزاد، جموں و کشمیر کلچرل اکیڈیمی

۷) پی، این، کے بافرائی، A History of Kashmir، گلشن پبلشرز سرینگر

۸) رحمان راہی، کُہوٹ، شعبہ کشمیری کشمیر یونیورسٹی

۹) شاد رمضان، سہل چھامعنہ بوزُن

۱۰) ٹی، این، رینہ A History of Kashmiri Literature، ساہتیہ اکادمی، دلی

۱۱) حسرت گڈھا، عالم کرِ یاد آزاد آزاد

۱۲) مطالعہ رسایل

| | |
|---|---|
| واو......فایل | مسرت اقبال |
| نیب......فایل | منیب الرحمان |
| انہار......نظم نمبر | شعبہ کشمیری کشمیر یونیورسٹی |
| شیراز......خصوصی نمبر آزاد | جموں و کشمیر کلچرل اکیڈیمی |
| نہج......فایل | نگران، نذیر آزاد |

آلو......سپیشل نظم نمبر (ترتیب محی الدین ریشی) محکمہ اطلاعات جموں و کشمیر

# رسا جاودانی سٕنٛز شاعری منٛز مکانٕچ صداقت

عالمی سوٚتھرِس پیٹھ چھِ وُنی کینہہ ادب تہٕ تأریخ کہِ حوالہٕ زٕ اہم نوقطہٕ ادبی مباحثکۍ مرکز توجہ۔ اکھ یہِ زِ ادب پارن منٛز باونہٕ آمتۍ تجربات تہٕ احساسات کتھ حدس تام چھِ صداقتس پیٹھ مبنی آسان تہٕ اَتھ منٛز کتھ حدس تام ہیکو معروضیت پرأوِتھ۔ دٔویم زِ ادب پارس تجزیہ کرن وألی نقاد چھا زبانۍ تہٕ لفظن درمیان ٹکراو، تفاوت، تخریب یا تعمیر کینہہ رِشتن ہنٛزِ نزاکژ ہُنٛد علم تہٕ آگہی تھاوان کِنہٕ نہ؟

وَنہٕ چھُ یوان زِ یُتھ کانٛہہ کلچر چھُ پننِس أندی پکھس تہٕ دٔویمین خأرجی اثراتن تہٕ محرکاتن پننہِ پننہِ تصوراتی حبس آگہی سٕتی زول دِوان، مشاہدٕ کران تہٕ اَتھ پیٹھ سران سونچان تہٕ یتھہٕ پأٹھی کتھہٕ ہیکو أسی کُنہِ ادبی بیانیہس منٛز اکھ آفاقی پزٕرِیح تناظرس منٛز لبتھ تہٕ ژٕتھ؟ تحریری ادبہٕ کہِ حوالہٕ چھےٚ یہِ کتھ سبٹھاہ بحث طلب زِ زبانۍ چھنہٕ لفظن سٕتی کانٛہہ ضابطہٕ بند رِشتہٕ دأری آسان تہٕ لہٰذا کتھہٕ ہیکو أسی تحریری ادبہٕ کِس صداقتس تہٕ اَتھ منٛز باونہٕ آمتِس تجربس پیٹھ یژھ پژھ درأوِتھ؟ امہِ سوچکۍ طرفدار چھِ دٔویمین لفظن منٛز انسأنی شعور کہِ مخصوص، منفرد تہٕ متحرک حبسأوی تہٕ نفسیأتی بترِ تہٕ مُشاہدٕ کہِ توژرنِش یہِ ڈٲلِ زِ تہِ اوٚن

لاگان۔ یہِ چھُ پزر زِ انسانی نفسیاتُک آگُر چھُ ژِکہِ کُنۍ مگر خارجی دنیاہس منز پننہِ مخصوص أندی پکھی کہِ طبعی تہٕ ہیتی صداقژن کتھ ہیکہِ اکھ حبہٕ ہشیار تہٕ زیرک فرد مُچھِ روٗزِتھ، تہٕ یم انفرادی انہار چھِ پتھ تخلیقی عملہِ ہنٛدِس تعمیرس، تہذیبس تہٕ اظہارس منز اکہِ نتہٕ بیٚیہِ رنگہٕ ضرور جلوٕ گر سپدان۔ چاہے سُہ تعمیر اُسۍ تن، پلو پوشاک اُسن، کھین چین اُسۍ تن، عقیدٕ یا توہمات اُسۍ تن۔ یمن سارِنۍ سماجی تہٕ نفسیاتی صداقتن پتہٕ کنہِ چھُ مخصوص علاقائی ارضیت تہٕ تہذیبی تراین گراین ہنٛدی نقوش تہٕ عکس دانستہٕ یا نادانستہٕ طور ضرور باوتھ لبان۔ یِہے غارشعوٗری عمل چھےٚ زبانۍ تہٕ امہِ کین اظہارولن منز تہِ بےٚ شونکی پاٹھی در ینٛٹھی گژھان۔ اَتھ منز چھُ تخلیق کارٕ سنٛدِ ذاتی عملہِ ستی ستی مخصوص تہذیبی دائریس ستی تمی سنٛدِ گہر وعدٕ بندی ہنٛز دلیل تہٕ گُپتھ آسان۔

رسا جاودانی سنٛدِس تخلیقی شعورکس پھاپھلاونس، کاڈکڈنس تہٕ یہِ فنی معراجس واتنس منز بیٚیہٕ اُمی سنٛدِ ذاتی مشاہدُک تہٕ سرٕ نہِ حبا گہی ہنٛز عمل کارفرما چھےٚ تتہِ چھُ تمہِ خارجی ماحول کہِ مارٕ منزرُک، اسراری افسانوی ماحولُک، توہمات تہٕ رِوایژن ہنٛدِس ڈٕکھس تہٕ شہری ہاوباوٕ نش بدوٗن گامی ماحول کہِ پاکیزگی، سادگی تہٕ شروٗژلولُک اکھ پوٗز تہٕ پوشہِ وُن ڈوکھ آیت۔ اُمی سنٛدِس شعری صداقتس منز چھُ کلاسیکی قدرن تہٕ رومان کہِ حسین طرحداری تہٕ ضابطہِ بندی ہُنٛد سنگم میلان۔ رسا جاودانی چھُ کاشرٕ بن شاعرن ہنٛزِ تتھ چھوکہِ ستی وابستہٕ یم شاعری جمالیاتی قدرن ہنٛزِ تاجداری خاطرٕ ورتاوس چھِ انان۔ یہِ چھُ کاشرٕ بن شاعرن ہُنٛد سُہ قبیلہٕ تیٚمہ علمداری حبہٕ

خوتون، محمود گامی تہٕ رٚسُل میر ہیوٚ شاعر چھِ کران۔ یِہنٛزِ شاعری منٛز چھُ آدمی نفسیاتکی انیکھ وَل، ذاتی کرب، انسانی ماے، حُسنکی چھوکھ تہٕ لوٚلچ دگ بیترِ میلان۔ ذاتی محسوساتن تہٕ تجربن شعری اظہار بخشنہٕ باپتھ پیوٚ وامہِ قبیلہٕ کِہن شاعرن رِوایتہٕ نِش تہٕ ڈوٚکھ حاصل کرُن تہٕ زبانٕی ہنٛدی نوٚہنہٕ ورتاو وَل تہٕ دریافت کرٕنی۔ تہٕ بقولِ رفیق راز "امہِ قبیلہٕ کِہن (روحانی) شاعرن ہنٛزِ شاعری ہُنٛد بہترین حصہٕ چھُ میانٕی کٔنزِ سٕہ یتھ منٛز لطیف استعارٕ تہٕ مُرٕ ژٕ ورتاونہٕ آمٕژ چھےٚ۔ یِہنٛزِ شاعری منٛز چھُ فارسی شاعری ہنٛدِس اثرس تل شعرُت پھبان"۔

رسا جاودانی ہنٛدِ شعری اظہارُک اکھ منفرد طرح چھُ امیک مکالماتی لہجہٕ۔ اَتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ کیٛژھ وصوفی شاعر و مثلاً سوچھ کرال تہٕ رحمان ڈارن تہٕ چھُ یہِ مخصوص وَل پننہٕ شعری تجربہٕ کہِ اظہارٕ باپتھ ورتو مُت تہٕ یِمن شارن منٛز یہِ وَل ورتاوس اَنہٕ آمُت چھُ تمہِ سٟتی چھُ تجربٕچ تہٕ داری تہٕ نفسیاتی پیچیدگی شعرس لسانی حُسنس سٟتی سٟتی فنی ماٗری منٛز مزید بخشان۔

دوٚہُن وندٕ ہم ژٕ کیاہ دوٚہس جوانی
دوٚہُن پتھ گُن مےٚ دوٚہس زندگانی
دپیوٚس پرٕدٕ تُل دوٚہنم چھیا تاب؟
دوٚہنم اٗرنی تہٕ بوزُن لن ترانی



شعرس منٛز چھُ تھرڈ پرسن واحد شاعرس مخاطب تہٕ اٗکس سنجیدہ تہٕ نوٗزُک رِشتہٕ کِس نادید ماہیتس پیٹھ چھُ اکھ اٗکی ہنٛدی خیالات زانٛنچ کوشش یوان

کرنہٕ۔ مگر مکالمہٕ چھُ وہراوُلبتھ تہٕ معنیٰ تہٕ مطلب کہِ محدود داۓرٕ نِش وُپھ تُلتھ انزاۓنی اسراۓرٕکۍ سرحدن ہُنٛد بازیافت یژھان۔ اظہارٕکِس اتھ اِبہامس پتہٕ کنہِ چھُنہٕ شعری بیانیُک کانٛہہ عمل دخل بلکہ چھُ شعری مکالمُچ صداقت باوَنہٕ آمتِس خیالس سنٛگین تہداۓری عطا کران۔

غزل چھُ ژِ کہِ اکھ داۓخلی شعری صنف یتھ منزٕ حُسنچ مصوری تہٕ لولہٕ کین کیفیژن علاوٕ فردٕ سنٛدبن داۓخلی جذبن تہٕ خیالن تہٕ ذاتس تہٕ زمانس ستی وابستہٕ ہنگامن ہٕنٛدِس تذکرس ستی ستی اجتماعی انساۓنی بےقراۓری ہنٛز دگ تہٕ کرپھر تہٕ پوٚت منظرس منٛز لبنہٕ چھےٚ یوان۔ محض لفظن ہٕنٛدِ ورتاوٕ ستی ہیکن نہٕ یمن سارِنے کیفیژن ہٕنٛدی انہار ووتلاونہٕ یتھ۔ اگرچہِ لفظن پتیٚ کنیٚ پٔنن اکھ مخصوص تہذیبی داۓرٕ کاڈ کڈِتھ چھُ آسان، مگر یہ خصوصیت چھُنہٕ گلہم تجربس گیراۓیی تہٕ گہراۓیی پاٚدٕ کرنس منٛز تیوٚتاہ معاوِن ثابت سپدان یوٚتاہ اَکِس شعری تخلیقہِ منٛز عملہِ ہُنٛد وَل کاٗم چھُ کران۔ واقعاتن ہٕنٛدِ بیانہٕ کھوتہٕ چھےٚ عملہِ ہنٛز زبان زیادٕ موثر تہٕ اثر آفرین آسان۔ رٕژ شاعری چھےٚ سو تسلیم یوان کرنہٕ یوٚسہٕ بیانہٕ کھوتہٕ توژرس زاۓنٛ دِوان چھےٚ۔ رسا جاودانی چھُ ڈراما کہِ مکالمُک وَل شاعری منٛز استعمال کٔرِتھ شعری تجربس دیدمانہٕ بناونچ کوشش کران۔ تہٕ یتھہٕ پاٹھی چھُ باونہٕ آمُت تجربہٕ قاریٔ سنٛدِ ذہنکیٚ تہٕ جسمکیٚ تمام دریچہِ مُوراونس پیٹھ مجبور کرناوان۔ بیاکھ اکھ گون چھُ اَمہِ منفرد شعری اسلوبُک یہٕ زِ یہٕ چھُ قاریٔ لیس نوبن معنوی تہٕ عملی امکاناتن ہٕنٛدِس تلاشس خاطرٕ زیرٕ دِوان۔

بَرٕ میانہٕ ژٕ ما ژاکھ بہٕ درمنٕد سبٹھاہ گوس
اے درد کے درمانہٕ ژٕ ے کر یاد پیٚے بو؟



شعرس منٛز چھُ شاعرسیٚد سیوٚد مُتکلمس ءستۍ مخاطب۔ کانٛہہ شبیہہ کانٛہہ تلمیح تہٕ نہ چھُ کانٛہہ رمزیہ اظہار۔ مکالمٕچ جاے چھنہٕ شارس منٛز گذریمتہٕ محسوس تجربک بازگشت بُنتھ بروٗنٛہہ کُن یوان بلکہ چھُ اکھ واقعاتی پزٕ رمقالمہک روٗپ دھارن کٔرِتھ اکہِ شدیدتہٕ کربناک احساس کس صورتس منٛز بروٗنٛہہ کُن یوان یُس سوالیہ اظہارس ءستۍ اندواتان چھُ۔ امہِ مقالماتی لہجہٕ ستۍ چھُ شارُک حُسن تہٕ وو پزاومنہٕ مووتہٕ پُرکشش بنیومُت۔ ییٚتہٕ نس چھےٚ یہ کتھ وننۍ لایق زِ مکالمہٕ کہِ استعمال ءستۍ چھنہٕ خصوصاً رسا جاودنی ءسٕژن غزلن منٛز غزلہِ ہنٛدِس بنیادی شرطس یا غزلہِ ہنٛدِس نغماتی لٔیہ کانٛہہ دَدارٕ واتان بلکہ چھُ یہِ منفرد لہجہٕ غزلہِ یا نظمہِ ہنٛز ہیتی تہٕ موضوعی یکسوٗیی کُنہِ حدس تام ضرور پھُٹراوان زِ پرن وول چھُ تماشہ بینن ہنٛدی پاٹھۍ شعری عملہِ ہُند اکھ اژھیوٗن انگ بنان۔ امہِ ءستۍ چھُ شارس منٛز بیا کھا اکھ جہت یعنی استفہامی لب ولہجہٕ ووتلان یُس پرن وإٔلس رِوایتی معنے نِش اوک طرف روٗزِتھ ڈ ویمبن شعری جہژن کُن تٔنند ظون پھرناوان چھُ، تہٕ قأری چھُ شعری عملہِ ہُند اکھ کردار بُنتھ بروٗنٛہہ کُن یوان۔

ڈُچھتو یِمن شارن منٛز کتھہٕ چھُ رساڈ ویمبن شعری نزاکژن یِمن منٛز شبیہ کأری، تلمیحن ہُند ورتاو تہٕ رمزیاتی اظہارس ءستۍ مکالمُک ڈ وکھتہٕ ورتاوس انان۔

ژ چھکھ بلقیس وۄنۍ سبٹھاہ چھے رُتبہٕ عالی
سلیمان جاہ کائتیاہ ژےٚ چھی برتل سوالی



دِلس منز چانۍ تعشوقن گرٕم جاے
سرس منز زن تہٕ لوٚگ نیلوفرس آے



اَمہِ منفرد لہجہٕ ستی چھنہٕ رسا جاودانی سُنٛد شعری اظہار محض بیان، کُس محدود دائرس منز روزان، یُس ساقط چھُ روزان۔ بلکہ چھُ باونہٕ آمُت تجربہٕ واقعہ مرکوٗز بنان ییمہٕ ستی شعری اظہارس منز ڈرامایتٕک تأثیر پاد چھُ گژھان۔ باونہٕ آمُت خیال یا محسوس شعری تجربہٕ چھُنہٕ ڈرامائی عملہِ ہنٛدِس منطقس پٮ۪ٹھ پنٕنہِ شعری کاینات چ بنیاد شیران تہٕ نہ چھُ مکالماتی لب ولہجہ ڈرامہکی پاٹھی مخصوص کردارن ہنٛزِ شخصیژکی مختلف نفسیأتی وِہی بروٗنہہ کُن انان بلکہ چھُ مکالمن ہنٛدِ شعری ہونہٕ ستی تجربک، خیالُک یا احساسکہِ مشترٕکہ انداز سپدان۔ اَمہِ قبیلہٕ کہِ شعری حوالن نسبت کتھ کران چھُنہٕ قاری محض شاعری پران یا بوزان تہٕ لطف اندوز سپدان بلکہ چھُ شارس منز باونہٕ آمتِس تجربہٕ کُس بنیادس پٮ۪ٹھ ڈ ویمین گٮ۪تھ شعری جہون کن سنہٕ نس پٮ۪ٹھ تس مجبور کران۔

اگر چہ یہِ وَل کأشرِ شاعری ہنٛدِ حوالہِ کانٛہہ نوٚہنہٕ حیثیت تھاوان چھُنہٕ تکیا زِ صوفیانہ شاعری منز چھُ خصوصاً رحمان ڈارن بڈٕ کامیأبی سان ''شش رنگ'' نظمہِ منز یہِ ول ورتاوس منز آونمت تہٕ مکالمکی صداقتن چھُ رحمان ڈارنہٕ

اَمہِ نظمہِ ہِنٛدِس مقبولیتس منٛز زبردست رول ادا کوٚر رمُت۔

رسا جاودانی یس ستی ستی کوٚرامین کأملن تہٕ رفیق رازن پننین جدید غزلی شارن منٛز امہِ مکالمأتی لہجُک استعمال، تہٕ دوشویو شأعرویٚمن شارن منٛز اَمہِ ولُک استعمال کوٚر، یمن سپٕز علمی تہٕ عوٲمی حلقن منٛز وارِیاہ مقبولیت حأصل۔ امہِ لہجہِ کہِ برکتہٕ گوو تھٕہنٛد بن غزلن منٛز معنے تہٕ توٗرک ابہام پأدٕ نہ زِ زبأنی ہُنٛد۔ امہِ وَلہٕ ستی أنی کأملن تہٕ رازن نوٚو کأشُر غزل عوٲمی مزازس سبٹھاہ نکھہٕ تہٕ یہِ سپُد کأشرِ شأعری تہٕ خصوصاً کأشرِ جدید غزلہِ باپتھ اکھ رُت فال ثأبت۔



## مطالعہ کُتب


۱) بشیر بھدرواہی، جۆمس تہٕ کٲشیرِ منز نعتیہ ادبُک توٲریخ

۲) تنویر این رسا، کلیاتِ رسا جاودانی

۳) چمن لال چمن، بشیر اختر، اوحال نامہ، جلد۔ا۔شعبہ کشمیری، کشمیر یونیورسٹی

۴) تریلوکی ناتھ رینہ، A History of Kashmiri Literature، ساہتیہ اکادمی دہلی

۵) محی الدین حاجنی، کاشُر شاعری، ساہتیہ اکادمی، دہلی

۶) مرغوب بانہالی (مونوگراف) رسا جاودانی، ساہتیہ اکادمی، دہلی

......کٲشیر بالہٕ اپارِ، شعبہ کشمیری، کشمیر یونیورسٹی

۷) منشور بانہالی، جۆمی صوبس منز کاشرِ زبان وادبُک توٲریخ، ساہتیہ اکادمی، دہلی

8) محی الدین ریشی (مدیر) آلو نظم نمبر، محکمہ اطلاعات جموں وکشمیر

9) موہن لا آش (نگران) ناگراد، ناگراد ادبی سنگم جۆم

۱۰) ناجی منور تہٕ شفیع شوق، کاشرِ ادبُک توٲریخ، شعبہ کشمیری، کشمیر یونیورسٹی

# دینا ناتھ نآدمنہٕ غأر تخلیقی شخصیتکی کینٛہہ انہار

ماجہِ میٛنٛزٕ ہٕنٛدِ تہذیبی اَڈرنہِ تہٕ مخصوٗص معاشرتی گرتہٕ کہِ صوٗرتِ حالُک
چھُ کانٛسہِ تہِ فردٕ سٕنٛزِ شخصیت ہٕنٛدی انہار وۄیدی کڈنس منٛز یا اتھ مخصوٗص کِردار،
ہیت تہٕ فکر و شعوٗرٕکی طرح دِنس منٛز وار یاہ رول آسان۔ اگرچہِ تخلیقی یا فنکارانہٕ
ظوٗنٛکی کینٛہہ آثار کانٛسہِ ہٕنٛزِ شخصیت منٛز زینہٕ پانہٕ پیٚٹھے معدوم شکلہِ منٛز موجوٗد
آسان چھِ مگر مخصوٗص خأرجی ماحول چھُ یِمن داخلی یا اندرونی مولن زندگی منٛز
بروٗنٛہہ پکن حیأتی بخشنس یا اظہار دِنس منٛز کلیدی رول ادا کران۔ یہَے شخصیتی
عمل تہٕ نفسیأتی صداقت چھِ دینا ناتھ کول یُس پتہٕ کینٛہہ وقتہٕ پتہٕ نآدِم ناوِ
مشہوٗر سپُد، تٔمۍ سٕنٛدِس تخلیقی شخصیت کِس وۄتلنس پیٚٹھ تہِ لاگو سپدان۔ مگر زیرِ
تبصرٕ تخلیق کارُ سٕنٛد تیٚوٗتے اغلب یادٕ یِمن لفظن منٛز ہیٚکو یتہِ وٕنتھ زِ نآدمنہِ ادبی
شخصیت ہٕنٛدِ حوالہِ انہار دریافت کرنس منٛز یا تِمن جہار دِنس منٛز چھُ تِمن غأر
تخلیقی حادثاتن، سرگرمین یا زندگی ہٕنٛدِ بن نفسیأتی اَندٕ رٹن تیوٗتاہ موثر رول زِ
یِم ہیٚکو کھنہٕ اکھأ رکس نِش مۄلے بدٕون کڈتھ یا یہِ مطالعہ ہیٚکو نہٕ مکمل پأٹھی
علاحدگی سان دردس نتھ۔ وۄنی گۄو بہٕ کرٕ حتی الامکان کوٗشش زِ نآدم سٕنٛزِ شخصیت
کیٚن تِمن طرحن یا پہلون پیٹھ یِہ کتھ کرنہٕ یِمن نہٕ براہ راست شاعر نآدمس

یا تمیٚ ہِنٛد بن فنی یا ادبی محاسنن ہِتیٚ واتھ چھُ، البتہ ناٗدم ہنٛز تخلیقی شخصیت تعمیر کرنس یا تشکیل دِنس منٛز چھُ ورگہٕ پاٹھی تمن سماٗجی، معاشرتی، سیاٗسی تہٕ فکری محرکاتن ہُنٛد اکھ زبردست رول۔

دینا ناتھ نادم پیٚو تتھ وقتس منٛز تھنہٕ یُس کٔشیرِ ہنٛدِ تاٗریخہِ کہِ حوالہٕ اکھ زبردست تبدیلی ہُنٛد دور اوس۔ مختلف تاٗریخی محرکاتن ہنٛدِس پوٚت منظرس منٛز اوس کاٗشرِ بن منٛز سماٗجی بیداٗری ہنٛدی احساسن کاڈ ہیوٚتمُت کڈُن تہٕ کاٗشرِ بن پنٛڈی تن ہُنٛد سرکار کہِ دٔسی جدید کاٗری ہنٛد بن منصوٗبن نسبتھ مثبت ذہن ہاوِنہٕ کہِ برکتہٕ یِم سہولیات اتھ طبقس گوڈٕ انوارِ پیٹھ بدس آمٕژ آسہٕ، تمیٚک اوس وونی اکثریتی مسلمان طبقس تہِ احساس ہیوٚتمُت سپدُن۔ چنانچہ یتھ وٚری یس منٛز دینا ناتھ کول ناٗدم تھنہٕ پیٚو سُہ چھُ جدید تعلیم ہنٛدِ حوالہٕ کٔشیرِ ہنٛدس علمی تاٗریخس منٛز اکھ میلہٕ کنہِ ہنٛز ہش حٔثیت تھاوان۔ میون مطلب چھُ 1914ء رِکس ہینری شارپ کمیشنس کُن۔ یہِ کمیشن آو کاٗشرِ بن منٛز تہٕ خصوصاً اکثریتی طبقس منٛز تمہ وجوٗہات بدِ کڈنہٕ خاطرٕ قاٗیم کرنہٕ یِم تہنٛزِ تعلیمی بدحاٗلی ہنٛدی ذمہ دار آسی تہٕ یہِ بدحاٗلی رِکتھٕ یِیہِ دوٗر کرنہٕ یِہنٛز نشاندہی کرِنی تہٕ آسی کمیشن رِکس دٲیرِ اختیارس منٛز۔ یہِ چھےٚ بیا کھ کتھ زِ یمن سفارشاتن کتھ حدس تام آیہِ عمل کرنہٕ۔

کاٗشرِ بن ہنٛز معاشی بدحاٗلی اٗس طیس پیٹھ، جاٗگیردرانہِ نظامکی حاٗشیہ بردار آسی گاٗمی کُمہٕ لبن ہنٛدِ رتہٕ پنہٕ نمن محلہٕ خانن ہُنٛد چراغان کران تہٕ شہری خوجہ تہٕ کارخانہٕ دار آسی فاقہٕ ہتین شہری قاٗصبن تہٕ کاریگرن ہُنٛد لوٗسہٕ ہوٗن

چشمن ہُنٛد گاش ژھوراُوتھ ذات تہٕ ضمیر کیٚن انہِ گٔژھن روشن کٔرِتھ وضع دار وَل عملاوِنی پنٛنِ شان زانان۔ سیأسی سوٗتھرس پیٹھ اوس مختلف تأریخی محرکاتن ہٕنٛدِ ذریعہ کأشرٕ بن منٛز سمأجی تہٕ سیأسی بیدأری ہُنٛد ایحساس پأدٕ ہیوٗتمت گژھن۔ جدید تعلیم تہٕ غأر منقسم ہندوستانس منٛز وُہمہِ صٔدی ہٕنٛدِس آغازس منٛز یم سمأجی بیدأری ہٕنٛز تحریک شرٛوع گٔیہِ تمٕہ کُ اثر اوس روشن ضمیر ہٕنٛد بن تہٕ مسلمانن پیٹھ ہیوٗتمُت پیوٗن، چنانچہ امہِ رِکس تتیچس منٛز گٔیہِ کٔشیرِ منٛز تہٕ مختلف بٹہٕ تہٕ مسلمان قأیدینوٚ ذریعہ واریاہ سمأجی ناکارٕ رٕگین خلاف انجمنن ہُنٛد قیام شرٛوع۔ بٹن منٛز اگر اکھ طرفہٕ کشپ بندھو، جیالال کلم، پریم ناتھ بزاز ہیوٚ لیڈر یمن تحریکن بروٚنہہ اَسی، مسلمانن منٛز تہٕ اَسی کینٛہہ ژُکی دَر روشن ضمیری، سمأجی بیداری تہٕ سیأسی حقوقن ہٕنٛدِ حصولہٕ خأطرٕ سرگرم سپدٕ متی۔ چنانچہ دینا ناتھ کول نأدم ہٕنٛدِس لوکچارس منٛز یعنے تم اَسی وُنہِ اَژھے وٕہری زِ کٔشیرِ منٛز سپدی تأریخ کہِ حوالہٕ زٕ بٔڈی واقعات رونما۔ اکھ گوٚو لارڈ ریڈنگ وایسرے ہٕنٛدِس آو مسلمانن لیڈرن ہٕنٛدِ ذریعہ مسلمانن ہٕنٛز بدحأ لی کُن ظوٗن پھِرناوُنہٕ خأطرٕ اکھ میمورنڈم تہٕ پیش کرنہٕ، دوٚیم واقعہ اوس صنعتی مزوٗرن یانے ریشم خانہٕ کیٚن موٗزوٗرن ہُنٛد مینیجمینٹس خلاف احتجاج۔ تریٚیم اکھ بوٚڈ واقعہ اوس کٔشیرِ ہٕنٛزِ وطن پرستی ہٕنٛدِ حوالہٕ کأشرٕ بن بٹن ہٕنٛدِ دٕسی سرکأری نوکرین منٛز غأر کأشرٕ بن فوقیت دِنس خلاف سٹیٹ سبجیکٹ تحریک یا کٔشیرِ کأشرٕ بن باپتھ، اَمی نعرن دیُت وطن پرستی تہٕ قوم پرستی ہٕنٛدِس ایحساسس اکھ نوٚو انہار یُس پتہٕ کینٛژھہِ کالی کٔشیرِ ہُنٛد مخصوٗص سیأسی کردارُک اکھ مخصوٗص انہار بنیوٚو۔ غرض

معاشی بدحالی، سماجی بہن تہٕ وطن پرستی ہندی خیالن یُس تارٖیخی صداقتن ہُند ایحساس کاشرین وُہمہ صدی ہندس دوہمس ڈہلس منز دیوت تمیُک براہ راست اثر پیو دینا ناتھ کول نادمنس وۄتھ ؤنس تہٕ کاڈ کڈ ؤنس شعوٗرس پیٹھ۔ خارجی سوتھرس پیٹھ دم پھاٹناوَن وول ماحول تہٕ شخصی یا خاندانی سوتھرس پیٹھ أشناون ہنز بے رُخی، کاشرین بٹن ہنز بے مروتی تہٕ یتیمی دوران سخت معاشی بدحالی ہتی معصوٗم دینا ناتھنۍ بُتھی لاگے، یمو سارِوے محرکاتو کوٗر نادمنہِ شخصیت ہندی انہار شیرنس منز پنُن پنُن رول ادا۔ تس ؤژھ لوکچارس منزے ریژن تہٕ رواجن پیٹھ یژھ پژھ، زمینداری تہٕ جاگیرداری ہنزِ کھوکر وضعداری پیٹھ ووھس یقین،، فرسوٗدٕ تہٕ غار منطقی مذہبی یژھ پژھ مقابلہ گیٖس انسانی قدرن ہندس عظمتس تہٕ لولس پیٹھ یژھ پژھ، امیرانہٕ تہٕ رئیسانہ رٕختس بدل بوٗرن سادٕ تہٕ غریبانہٕ طرزِ طریقس لول، نادمنہِ شخصیتکی یم انہار شخصی، سماجی، سیاسی، اقتصادی تہٕ نفسیاتی وجوہاتو کنۍ لوکچارس منزے تس ووتلیے تمن ہُند اِظہار چھُ جوان سپدتھ دوشوے غار تخلیقی انہارن تہٕ تمٕہ ہندٕ بن تخلیقی تہٕ دانشورانہٕ باوتھ وسلین منز تہٕ میلان۔

لوکچاروانسہِ منزے پنہٕ نین ہندی ڈیسی ظلم، بے بسی، استحصال بیتر وُچھتھ گوٚو نادم ہندس ذہنس شُری پانہٕ پیٹھے نا انصافی، سماجی نا برابری تہٕ جبرس خلاف احتجاجک تہٕ بغاوتک میلان پادٕ۔ چنانچہ وُنہِ اوس نادم باہ تُرواہ وُہرے پیٖلہِ یہ شُہلی ٹینگہ بابا پورِ سرکاری سکولس منز پران اوس۔ اتہِ اوس مقامی مقبرکس بٕتھس پیٹھ بیٚتہِ نعمہ صاب تہِ دفن چھُ ڈل ہانزنتہٕ ہانزنہِ ڈیمبہٕ ناوَن منز مختلف

سبزی کننہٕ خاطرٕ ہ انان تہٕ اتہِ اوس مالہِ ہیٚوٗ لگان۔ اکہِ دوہ دسمبر کس ہٕترٕ گتہٕ کارس منٛز ییٚلہِ اکھ ہانزٕ نہِ ٹُلہِ کنٛز پھٹر اوان پھٹراوان باشرِ باشرِ ڈیمبہٕ ناوٕ ٹھس لاگنچ تیزی کٔر، ناوِ ہٕنٛدِ نمہٕ سٕتی لوٚگ اَکس کھڈ پینچس کھورس، تمۍ ٹُل کھوٗرتہٕ لگوون ہانزٕ نہِ یمہِ سٕتی اَمِس تھوڑا چھوکھ تہِ آو تہٕ پتہٕ پھٹس مَنن۔ ناؠدمس گیہٕ نہٕ ہانزٕ نہِ ہنٛز یہِ ژھرٹہٕ ژھرٹہٕ برداشت تمۍ تہٕ تمۍ سٕندی یوسہٕ تھویمن منٛز گوٚدوٗد باغٕک اسد گلہِ وان تہٕ جبہٕ کدلُک رحیم ہٕز اَرٕکی اوس، دیُت کھڈ پینچس سخ چوب۔ معاملہِ واتہِ ہاپُلسس تام مگر سکول کس ہیڈ ماسٹر سٕندِ مداخلتہٕ آو معاملہ رفع دفع کرنہٕ۔ ناؠدمنہِ لُکہِ طرز کلامس تہٕ خصوصاً ہانزٕ نہِ ہنٛدِ باتہٕ کس پوٚت منظرس چھُ شایدا می پوٚت منظرُک بازگشت لبنہٕ یوان۔

یوتام تھ زن ناؠدمنن سیأسی سرگرمین منٛز شعوری یا غأر شعوری طور عمل دخل دِنُک تعلق چھُ، اتھ اوس نہٕ کُنہِ خاص سیأسی نظریہس سٕتی تمۍ سٕند گہری وعدہ بندی ہنٛز دٔلیل ڈٕکھس۔ تکیازِ ہتا ناؠدمنن یمن غأر ادبی سرگرمین روزنہٕ اکے سمت۔ اِمکی مٔنزل روٗدکی بدلان، اچ وتھ روٗز تبدیل سپدان تہٕ اَمی سٕندی مقرر کرٕی متی ہیرو روٗدکی نہٕ دوہے ہیرو بلکہِ بنیہ تم وقت بدلنس سٕتی اینٹی ہیرو تہٕ۔

ییٚلہ 919 پتہٕ مہاتما گاندھی ہندوستان کس سیأسی منظر نامس پیٹھ بحیثیت قآید نمودار سپد تہٕ تمۍ سُند مخصوص معأشی تعلیمی تہٕ سیاسی اپروچ وُچھتھ بنیو کینٛہہ وقتس مہاتما گاندھی ناؠدمنہِ باپتھ سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ ہیرو، مذہبی کٹر پرستی خلاف سمأجی نابرابری خلاف تہٕ فرسودہ ریتن تہٕ رسمن خلاف، گریسی تمن تہٕ سماج کین ؤسی پایہ وَرگن ہنٛز طرف دأری باپتھ تہندس پیش کرنہٕ آمتس

منشورس منز آو نٲدمس غریبن ہُند بوٚڈ ژُکی درلبنہٕ۔ امیک پرتو یا عکس چھُ لبنہٕ یوان نٲدم سٕنز شخصیت منز تمہِ ساتہٕ ییلہِ یہِ 1929 ء منز میٹرک پاس کٔرتھ ایس پی کالجس منز دٲخلہ جاری تھونہٕ خاطرہ بطور فیس ڈھاین روپین ہُند انتظام تہِ ہیوٚک نہٕ کٔرِتھ تہٕ کینژھس کالس باضابطہٕ کلاس ایٹنڈ کٔرتھ گوٚ وسہٕ کالج تراونس پیٹھ مجبور۔ مگر تٲلیم حاصل کرنس کُن اوُسس سبٹھاہ ظوق، چنانچہ امہِ باپتھ کوٚر نٲدمن پرائیویٹ ماسٹری ہُند پیشہٕ اختیار، تکیازِہ اتھ وقتس منز ہیکہِ ہا صرف وستادِ ے یوت بحیثیت پرائیویٹ پٔرِن تعلیمی کیریئر جاری تھٔوِتھ۔

نیو ایرا اسکوٗل کِس درسی سٹافس منز بحیثیت اکھ ایکزیکٹیو ممبر چھےٚ نٲدم سٕنز اکھ بڈ کام یہِ زِ تاٲلیمہِ خاطرِ یمن شرطن ہُند گاندھی جی ین پننس تاٲلیمی فلسفس منز زور اوس دیوٚتمُت تِتھ پیٹھ کرنووُ نٲدم صاٲبن سکول مینجمنٹ عمل کرنس پیٹھ شعوری طور تیار۔ بیا کھ اکھ شوبہِ دار طرح یُس اتھ سکولس منز نٲدم صاٲبن شروع کوٚر سہٕ اُوس میرٹ سکالرشپ علاوہ سوشل سیکورٹی سکالرشِپک سٕنز کرناون یُتھ زن غریب تہٕ نادار بچہ معاشی بدحالی کِنز اڈِ وتی تعلیم تراونس پیٹھ مجبور سپدن نہٕ۔ میانِس تحقیقس منز چھےٚ یہِ کتھ تہِ آمِژ زِ نٲدم صاٲب اوس کُنہِ کُنہِ ساتہٕ بچن ہُند فیس تہِ پننہِ قلیل تنخواہ منز دِوان، ہرگاہ سہٕ کانسہِ بچس قابل تہٕ محنتی وِچھان اوس، تہِ اتھ منز اوس نہٕ ذاتیا مسلکک کانٛہہ عمل دخل آسان۔

گاندھی جی سٔندس قیادتس منز عدم تشددس پیٹھ مبنی سیاستس پیٹھ ییلہِ ملکس منز کینٛژھن بغاوتس پیٹھ آمادہ انقلابی نوجوانن ہنز یژھ پژھ ختم گیہ تہٕ کانگریس لرِ لوٚر آو انقلابی پارٹی ہُند قیام عملہِ منز اننہٕ، نٲدمنس ذہنس پیٹھ تہٕ

گوٚو گاندھی جی نس عدم تشدد پٹھ مبنی فلسفس پٹھ شک تہٕ شبہہ پاٖدہ تہٕ ناٖدم سُند انقلابی ذہن تہٕ گوٚو تخریبی سیاستس سٟتۍ ہم آہنگ۔ مہاتما گاندھی سٕنز جاے رٕٹ شہید بھگت سنگھن۔ بھگت سنگھ تہٕ تمہٕ سٕند یو سرفروش سٟتۍ باٖجن ہٕندِ انقلاٖبی سیاسی نظریہٕ سٟتۍ گوٚو نادم تیوٚت متاثر زِ یمو کرانا رکسٹ ناٖوۍ اکھ تنظیم قاٖیم۔ اٖتھی تنظیمہٕ تحت آو سرینگر ایس پی کالجہٕ کِس اٖکِس کوٚنس منز گوڈنچہٕ لٹہٕ کٲشیر ہٕندس سیاٖسی تحریکس منز اکھ دیسی بمُک تجربہٕ کرنہٕ۔ اگرچہ یہٕ تجربہ ناکام سپُد، بم آو پھٹنہٕ برونہے ناکارٕ بناونہٕ مگر اتھ خبرِ لوٚگ پنجاب تہٕ خصوصاً لاہور اخبارن منز واریاہ تشہیر تہٕ ناٖدم سُند ناو گوٚو اٖچھی ٹٕرایہ منزٕ کٲشیر منز مشہور۔ ناٖدمس سٟتۍ اٖسۍ اتھ انارکسٹ گروپس منز عبدالعزیز سوپوری تہٕ شاٖمل ییمی پتہٕ پاٖکستانس منز مکمل سکوٗنت اختیار کٔر تہٕ بیٚیہٕ خواجہ غلام نبی یمس نبہٕ جی گورنر تہٕ ونان اٖسۍ۔ امہٕ گروپ چہٕ خفیہٕ میٹنگ آسہٕ شنکر آچاریہٕ پہاڑس پلن ژھایہٕ سپدان۔

یتھ منز چھنہٕ کانہہ شک زِ شخصی حکومتس خلاف 1931ء منز ییلہٕ کٲشیر منز گوڈنچہٕ منظّم سیاٖسی تحریک ہُند آغاز سپُد، 1932ء منز آیہٕ باضاٖبطہٕ مسلم کانفرنس بناونہٕ۔ امہِ کِنہ گوڈٕ مقصدن منز اوس مسلم اکثریتی لوٗکن ہٕنزٕ معاشی، علمی تہٕ فکری بدحالی ہُند قلع قمع کرُن تہٕ یہٕ اٖس واقعی سیاٖسی کھوتہٕ زیادہ اکھ معاشی تحریک، یتھ منز حقیقی طور کم رول اوس باقے کمیونٹی ین خاٖطرہ خصوصاً کاٖشر بٹن ہٕندِ خاٖطرہ، تکیازِ یہنز تعلیمی تہٕ معاشی حالت اٖس اکثریتی طبقہٕ کھوتہٕ کتہٕ کور سبٹھاہ جان۔ مگر مسلم کانفرنس کہٕ ناوٕ کِنۍ گوو یہٕ خدشہٕ پاٖدہ زِ یہٕ ماچھے فرقہٕ

پرست جماعت، مگر تہِ اوس نہٕ کیٛنہہ۔ اتھ منز اٰسی واریاہ روشن خیال بٹہٕ شامل یڑھان سپدنی مگر رُکاوٹ اُس ناوٕچ۔ چنانچہ آیہ ناوٕ کس بنیادس پٹھ کینٛژھن کاشرٕ بٹن ہٕندی ذٕسی مسلم کانفرنسِ کس مقابلس منز یووک سبھا ناوی بیاکھ اکھ انجمن بناونہٕ۔ یتھ منز پریم ناتھ بزازس سان دیناناتھ ناٛدم تہِ شامل سپدٕ۔ حالانکہ ناٛدم اوس سبٹھاہ لوکٕٹ مگر ذہنی طور اوس بڈہ بیدار۔ یمن محفلن تہٕ مجلسن منز ناٛدی ہنٛزٕ یوس کاٛم تعریفن لایق چھےٚ سو اُس یہِ زِ فرقہٕ پرستی ہٕندٕ بن جذبن وُتش دِنہٕ بدلہِ عظیم انسانی قدرن، سماجی اتحادس تہٕ وطن پرستی یا قوم پرستی ہٕندِس نظریس گوڈ برُن۔ یوہے وجہ چھُ زِ کیٛنہہ وقت گذرٲتھ دوشوے بزاز تہٕ ناٛدمس ییلہِ باسیوٚ زِ یہِ انجمن چھِ تنگ نظری تہٕ فرقہٕ پرستی ہنٛز لٲنہِ پکان، تمو کوٚر امہِ نشہِ پنُن پان الگ۔

1932ء پیٹھ 1938ء تام مُلک دوراوس کٔشیر منز شخصی راجس خلاف جدوجہد منز سبٹھاہ اہم اکہِ طرفہٕ اگرچہ فاقہٕ ہیتِن تہٕ مظلوم کاشرٕ بن شیخ صاٲب نِس قیادتس منز اکھ دردِل تہٕ ژُکی درمیٛولُمت اوس مگر دویمہِ طرفہٕ اوس مسلم کانفرنس کہِ بٔننہٕ ستی کاشرٕ بن پنڈتن منز قومی شناخت کہِ راوٕنک احساس ہیوٚتمُت سنجیدگی سان گٔژھن۔ یہِ احساس دور کرنہٕ خاطرہ تہٕ وطن پرستی تہٕ قومیتس پٹھ مبنی اکھ نوٚ وسیاسی منظرنامہٕ ترتیب دِنس منز اٰسی پنڈت جیالال کِلم، شام لعل صراف، پریم ناتھ بزاز سبٹھاہ بروٚنہہ بروٚنہہ تہٕ یپارٕ اٰسی باقےٚ سیاسی تہٕ شخصی محرکات اکہِ نوِہ سیاسی نظر ہکی موٗل مضبوط کرنس منز سیاسی قیادتس راغب کرنس منز ووتھ ژھرانٹ کران۔ شخصی راجس خلاف سیاسی جدوجہد کس

تحریکس وسیع بنیاد فراہم کرنہٕ باپتھ تہٕ اتھ اکھ قومی کردار عطا کرنہٕ باپتھ آیہ 1938-39ء منز مسلم کانفرنس، نیشنل کانفرنس منز تبدیل کرنہٕ۔ ووٚنی گوٚو پزر چھُ یہ زِ شیخ صابن یمہِ مقصد باپتھ مسلم کانفرنس نیشنل کانفرنس منز تبدیل کر، مطلب یہ زِ نیشنل کانفرنس ووتلہِ اکہِ مشترکہ سیأسی طاقت رٔنگی شخصی راجس خلاف یتھ منز اکثریتی فرقس ےتِ سٟتی کأشر بٹہٕ تہٕ دِلہٕ سان شرکت کران آسہٕ ہَن۔ سُہ خواب سپُد نہٕ شرمندہ تعبیر۔ ماسوائے کینژھو کأشر یو بٹہٕ لیڈر روہأ ونہٕ عام بٹوٚ کانٛہہ دلچسپی نیشنل کانفرنس منز شمولیت کرِنچ۔ حد چھُ یہ زِ پریم ناتھ بزاز، یُس نیشنل کانفرنس کِہن فکری معمارو منز اکھ اوس سُہ تہِ ہیوٚک نہٕ زیادہ کالس اتھ پارٹی ےتِ شأمل روٗ زِتھ۔

1932ء پتہٕ 1938ء تام روٗ دنأدم سُند ہیرو شیخ محمد عبداللہ، تکیازِ سُہ اوس ہُندو مسلم ملہٕ ژٲرک شعوری وکیل۔ اتھ دوران چھُ نأدم سیأسی سرگرمین منز بڈِتھ ہوٚلتھ حصہٕ نِوان تہٕ کأشر رِوایتی بأے بندی تس ہندو مسلم بأے چارس تہٕ جاگیردأری، ضألدأری تہٕ ڈوگرہ افسر شأہی ہِندبن ظالمانہٕ وٗلن خلاف تقریر تہِ کران تہٕ تحریری طور تہِ پننہٕ نمن خوابن ہُند زانیانہٕ سجاوِنچ کوٗشش کران۔ 1938ء کس گوڑ کالس منز ییٚلہِ شیخ صأب تہِ تمی سُندی قریبی ےتی بأج جیل آیہ سوزنہٕ نأدم تہِ آو شیر گجہِ ہٕندس حوالاتس منز کینژھن دوہن بند کرنہٕ۔

1938-39ء پتہٕ 1947-48 تامُک وقت اوس کٔشیر ہٕندِس سمأجی سیاسی تہٕ فکری تأریخس منز اکھ پُر تناو دور۔ کٔشیر ہنز سیأسی تحریک ییٚتہٕ انڈین نیشنل کانگریس سبٹھاہ نکھہٕ آیہ تتہِ اوس کأشرِبن لیڈرن پتہٕ 1917ء کہِ روسی

انقلاب۔ کس پوٚت منظرس منز سماج وأدی فلسفہٕ ذہنن پٹھ یسلہِ پأٹھی سوار سپدٕ مُت، شخصی راجس، جاگیردأری نظامس، افسرشاہی تہٕ اقتصأدی تہٕ معأشی استحصال کٔرن تمام ادارن تہٕ انجمنن خلاف بغاوت اُس سیاسی تحریکُک نصب العین بنیومُت تہٕ یمن سارنے نظریاتن تہٕ اجتماعی آرزوٕہن آوٕ کس مربوط تنظیم تہٕ جامع تحریرس منز نیا کشمیر ناوٕ اظہار بخشنہٕ۔ یہِ اوس سیأسی، معاشی تہٕ تمدنی طور واقعی اکہِ خودمختار آزاد ملکُک مأری موٚند خواب۔ یوٚہے چھُ سُہ وق ییٚلہِ ہندوستانس منز قأیم کمیونسٹ پارٹی تہِ امہِ کیو کارکنو کشیرِ ہنٛز ادبی، ثقافتی، معاشی تہٕ سیأسی تأریخس منز بٔڈتھ بوٚلتھ حصہٕ نیوٚن ہیوٚت۔ سیأسی لیڈرن ہُند رجحان یا میلان وچھتھ کوٚر نادمن تہِ کمیونسٹ پارٹی منز باضأبطہٕ شمولیت۔ أتھی نظریہس تحت آیہِ نأدمنہِ ڈٔسی وارِیاہ تژتھِ نظمہٕ بارسس یمو تمِس عوامی شہرت دِنس منز وارِیاہ اتھ روٚٹ کوٚر تہٕ نأدم آو سیأسی قیادتس سبٹھاہ نکھ۔ تہٕ أتھی ستی بنیو لیٖڈرن نأدمِ سُند سُورما۔ ووٚنی گوٚو حالاتن منز تبدیلی ینہٕ ستی تہٕ سیأسی مہرہٕ ہنٛدِ رخت بدلاوٕنہٕ ستی تہِ أمی ہنٛدٕ بن نازن تہٕ نکھرن ہُنٛد خریدار بنہٕ خأطرہ پیوٚ نأدمس تہِ نٔوبن محبوبن ہنٛز تلاش کرٕنٕچ ضرورت۔ بخشی تہٕ صادق بنے یہِ نادمنہِ مندرٕ کی نٔوی بُت۔ یِوٚ دوٚے زن نأدم پننہِ کہالژتہٕ ہنٛرمندی۔ کٕنی عملی سیاستس منز کانٛہہ بوٚڈ عوہدہ ہیوٚک نہٕ پرأوِتھ، ووٚنی گوٚو یہِ چھُ پزٕرزِ وقتہٕ کٔین بڈٕبن تاجدارن ستی أمِسن سبٹھاہ نزدیکی تہٕ تمن وزِ وزِ خوش کرنہٕ خأطرِ دِژ نأدمن پننہِ شخصی تہٕ ذہنی قداواری ہنٛز تہٕ قوربأنی مگر جمہوریت کٔین ایوانن منز جائے پراوٕنہٕ خأطرہ گٔری نادمن بدل وَل تہِ استعمال سُہ گو ٹریڈ

یونین اِزمُک وَل۔

یہِ آو برونٹھے وننہٕ زِناٗدم ہیوٚک نہٕ معاشی پسماندگی۔ کنٛز پٔننٛز تاٗلیم بحیثیت ریگولر سٹوڈنٹ قاٗیم تھاوِتھ۔ روزگار حاٗصل کرنہٕ خاطرٕ تہٕ تعلیم ہُند سرون شوق باعمل اننہٕ خاطرہ پیوٚ اُمس پرائیویٹ تعلیمی ادارن منٛز بحیثیت مُدرس کاٗم کرٕنی۔

1934ء منٛز ترٲو ناٗدمن سِتی اکادمی ناوٕ اکھ تعلیمی اِدارٕ چ بنیاد۔ 1934ء منٛز گرٕتمی نیو ایرا اسکوٗلس منٛز بحیثیت مُدرس کاٗم شروع مگر کینٛژھ ہے کالس گوٚ واپسی مژکری۔ کنٛز یہِ سکوٗل دون دھڑن منٛز تقسیم۔ اکھ دَڑ آو خالصہ سکوٗل ناوٕ بارسَس تہٕ بیا کھڈی، اے، وی سکول ناوٕ۔

1940ء منٛز ترٲون درٲبِ یارنزدیک ہندو ہائی سکوٗلچ بنیاد تہٕ پتہٕ رُوٗد مسلسل پاٗٹھی للہٕ دید میموریل سکول گنپت یارس منٛز بحیثیت پرنسپل کاٗم کران۔ بحیثیت اُستاد، منتظم تہٕ باٗنی کار مختلف تعلیمی ادارن ہُند چھُ ناٗدم سُند رول تھیکُن لایق رُوٗدمُت۔ درسی تعلیم ستی ستی نادم ییتھ سکوٗلس ستی وابستہٕ روٗدی تمی دِژ ہمیشہ کو کیری کیولر سرگرمین پیٹھ بچن ہنٛز مربوط شخصیت کہِ ووتھ بو خاطرہ بوٚڈ توجہ۔ چنانچہ چاہے سُہ ہندو ہائی سکوٗل، نیو ایرا اسکوٗل، لل دید میموریل سکول اوس، یمن سارنے تعلیمی ادارن منٛز آیہِ مباحثن، مشاعرن، سیمینارن، آرٹ مقابلن تہٕ کلچرل سرگرمین کُن توجہ دِنہٕ۔ دویم کتھ یوس یمن تعلیمی ادارن منز نادمنہٕ سربراہی منٛز کرنہٕ آیہِ سو گوٚ وسکوٗل نبر کمیونٹی شرکت داری ہنٛزٕ سرگرمیہٕ۔ یمن سرگرمین منٛز اُس أندٕ ہکی کین محلن منٛز سکول

شرٕبن ہٕندی صفائی ستھرایی ہنزٕن کامبن منز ہلہٕ شیری بنیادس پیٹھ شمولیت، تأریخی تہٕ وراثتی جاین نسبتھ طالب علمن منز دلچسپی پاٲدٕ کرنہٕ کہٕ غرض اوٹ ڈور سرگرمیہ منعقد کرٕنی تہٕ کأشر زبانی تہٕ امی کس مخصوص کلچرس ستی جدید تعلیم حاصل کرن والین طالب علمن تہٕ سٹافس منز دلچسپی پاٲدٕ کرنہٕ خأطرٕ مختلف ادبی تہٕ تأریخی تہٕ تہذیبی شخصیتن پیٹھ بحث و مباحثہٕ تہٕ ڈراما گنڈٕن تہٕ۔ ترتیٖم کتھ زِ بحیثیت ووستاد تہٕ منتظم یمن سکوٗلن منز کأم کرنس دوران یتھ پیٹھ خاص توجہ آمٕت چھُ دِنہٕ سہٕ گوٚو، بچن منز معاشرتی ناکارگیین خلاف بیداری ہُند احساس پاٲدِ کرُن۔

تعلیمی تہٕ ادبی مأدانن منز نأدم سنز مقبولیت تہٕ عملی سرگرمی ہٕندس بنیادس پیٹھ آیہٕ نأدم صأب جموں و کشمیرس منز آل جے اینڈ کے لداخ ٹیچرس فیڈریشنکی جنرل سیکرٹری تہٕ ژارنہٕ، بحیثیت اکھ ٹریڈ یونین لیڈر رکوٚ رنأدمن پنٕنٕ قریبی سأتھین ہٕندہ مدٕ ووستادن ہنز کمیونٹی ہنز بہبودی تہٕ تہنزٕن پیشہٕ ورانہٕ صلاحیتن ہٕندہ عمل آوری خأطرٕ سبٹھاہ محنت، مگر بدقسمتی سان یمس نأدم 1953ء پتہٕ نوِہ ترقی ہٕندہ مندرُک بُت مانان اوس، تمی ہندے ڈسی آو تعلیمی محکمس سہٕ زوزرژانہٕ، یمیکی گنڈی وار یہس کالس قومس وبتراونی پیٚیہٕ۔

ووٚنی گوٚو عملی سیاستس منز یم خواب نأدمس شرمندہ تعبیر آسی نہٕ سپدی ہتی تمہِ منز لکی نشانہٕ ہیٚتی نأدمس بحیثیت ٹریڈ یونین لیڈر ردیدن برونٹھ کنہٕ تنی۔

1957ء منز ییلہٕ لیجسلیٹو کونسل کبن کینٕژھن مخصوص سیٹن پُرونہٕ خأطرٕ ناون ہُند انتخاب آو، نیشنل کانفرنس کِس پارٹی قیادتس تہٕ سرکارس

درمیان بروٗنہہ کُن ۔اتھ پیٹھ سپُد سخت اختلاف۔صادق صأب ٲسۍ قیادتس
منز اوس ترقی پسند گروٗپ دیناناتھ نأدمس سپورٹ کران مگر بخشی تمی ہندی بأے
تہٕ سرکارن کوٚر اتھ سخت مخالفت۔مگر ووستادن ہٕندہ زبردست تعاونہٕ ستی میج
نأدمس کشیرِ منز تہٕ غلام رسول آزادس جوٚمی صوبس منز کونسل کس انتخابس منز
زبردست کامیأبی تہٕ یم آیہ شیٚن ؤرۍ ین ہٕندہ خأطرہ جموں کشمیر کہِ
لیجسلیٹو کونسلکی ممبر منتخب کرنہٕ۔مبارک بأدی ہُنٛد جشن مناونہٕ خأطرٕ کوٚر
وادی ہٕند یو ووستادو انت ناگک انتخاب۔یہِ جلسہٕ ناکام بناونہٕ خأطرہٕ کوٚر
سرکارن پیس برگیڈ استعمال مگر امہِ ستی آیہ نہٕ ووستادن ہٕندس حوصلس منز کانٛہہ
کمی۔ووستادن پیٹھ آو لاٹھی چارج کرنہٕ مگر ووستادن ستی گیہِ Peace Brigade
ہکی سپاہ تہٕ چھوکہٕ دأوی۔ اُخردرایہِ ستن ووستادن تہٕ ژورن لیڈرن گرفتاری
ہنز وارنٹ یمن منز سابقہ وزیر قانون سور گوأسی پیارے لعل ہنڈو تہِ شأمل
أسی۔أمی وأرداتن تر وو نأدم ہنزِ زندگی پیٹھ سرٕ ون اثر۔ أمِس گیہِ بخشی
خاندانچ نفرت وونی ہیوٚتن أمِس پارٹی ہٕندس 53 کس فأصلس پیٹھ تہِ شک
گژُن تہٕ صادق صأب بنیو نأدم صأبُن نوٚ وہیرو۔

بحیثیت ممبر لیجسلیٹو کونسل، یو دوَے زَن واریہَن موقعن پیٹھ
نأدمن ووستادن تہٕ تعلیمی شعبن بُتھہِ سنگین مسلن کُن سرکارُک توجہ پھیرن
یوٚژھ مگر چونکہِ نیشنل کانفرنس اُس دون حریف گروپن منز تقسیم سپُزمٕژ۔
روشن خیال گروٗپچ نمایندگی اوس صادق صأب کران تہٕ سرکأری گروٗپچ
نمایندگی اوس بخشی صأب کران۔ چونکہِ نأدم اوس صادق صأبس واریاہ نکھہ

آمُت تکیازِہ ووٗنی اوس نیشنل کانفرنسک پۆرمُت لیۆ کھمُت دھڑہ صادق صائبنس قیادتس پیٹھ اعتماد باوٕنہٕ لۆگمُت لہٰذا ووتنہٕ نأدم سٔند ڈٔسی کانٛہہ خاص سوچھ ریاستہٕ کِس ووستاد طبقس۔ بیٛیہِ اَسی نأدم صأب اقتدارٕچ شربت چیتھ ووٗنی یہ ڈٔپی زِتہِ غریب ماسٹرن ہٕنٛدِ بے کسی نِش ہنا بے مأل ہی گأمِتی۔امیک اندازٕ چھُ تمہِ حقیقت ٕستی سپدان زِ ییلہِ 1964ء منز ریاست گیر ووستادن ہُند ہڑتال کرنہٕ آو۔نأدم تہِ آزادن تھۆو ووستادن سینہٕ دِنہٕ بدلہٕ پٔتن ڈوکھ سرکارس آیُت یمہِ ٕستی یہندس قد اور شخصیتس سبٹھاہ ناکارٕ اثر ووت۔یہنز دیانتداری پیٹھ آو سوالیہ نشان لگاونہٕ۔تہٕ چونکہِ نأدم اوس ژ کہِ اکھ حساس نفر مگر ووستادن ٕستی یہِ دھوکہٕ رود تمس أندری کاغذی کٔمیکی پأٹھی پورٕہ وأنسہِ جگرس کۆران۔

آل جموں و کشمیر لداخ ٹیچرس فیڈریشن برونٛٹھ اَسی یم آل کشمیر ٹیچرس ایسوسی ایشنن ہٕنٛدی اہم رُکن۔امہِ ایسوسی ایشن ہنز میٹنگ آسہٕ گنپت یار ارجن دیو مجبورنس ڈیرس پیٹھ سپدان تہٕ کینٛہہ کألی پتہٕ ملک آنگن نکھٕ انجمنہِ کِس دفترس پیٹھ۔

بحیثیت جنزل سیکرٹری جموں و کشمیر لداخ ٹیچرس فیڈریشنگ تمٕی سٔند سارٕوے کھوتہٕ بۆڈ کارنامہٕ چھُ یہِ انجمن ریاستی دأیرہ منز نبر کڈِتھ ملکی تہٕ غأر ملکی سۆتھرس پیٹھ متعارف کرٕنی۔چنانچہ یہنٛدس قیادتس منز آیہِ فیڈریشن آل انڈیا ٹیچرس فیڈریشنگ اکھ حصہٕ یا یونٹ رٕنگی تسلیم کرناونہٕ تہٕ بین الاقوامی سۆتھرس پیٹھ بیا کھا اکھ کارنامہٕ اوس بحیثیت ٹریڈ یونین لیڈر نادم تہٕ اَمی سٔند بن

سأتھین ہُند سرینگرس منز 1958ء منز عالمی ٹیچرس کانفرنس ستی اتھ واس گرتھ اکہِ بین الاقوامی سوتھرِچ ٹیچرس کانفرنس ہُند اجلاس منعقد کرُن۔ اَتھ کانفرنسہِ منز أسی چشم دید گواہن مطابق ہندوستان نسبر کھو بیرونی ملکو پٹھ وہستادن ہندی نمایندہ بحیثیت مندوبین شرکت کرنہٕ آمتی۔

أ کس مقتدر أدیب یا شاعر سنٛدِ غار ادبی شخصیت کبن انہارن، آ کارن، نظریاتن تہٕ تجرباتن ہند اگر نہٕ سیٛدِ سیوٚ دمگر ورگہٕ پأٹھی چھُ ضرور رول آسان شاعر یا أدیب سنٛدِس تخلیقی رۄ ک یہِ کس تعمیرس منز، تمۍ سنٛدس فنی تہٕ فکری ارتقا کس تشکیلس منز تہٕ تمۍ سنٛدِس زاویہ نظر کس تہذیبس منز۔ یِم سأری محرکات چھِ تخلیق کار سنٛدِس تل شعورس منز نقش گرتھ آسان تہٕ یام یِمن داخلی سوٚتھرس پٹھ سازگار ماحول بدس چھُ یوان یِم چھِ اظہار باپتھ تخلیق کارس ضرور اکہِ نتہٕ بیٛیہِ آیہِ مجبور کران۔ مےٚ چھُ پوٚر یقین زِ نأدم سنٛدِ غار تخلیقی شخصیتکی یِم ویٛدی تہٕ اویٛدی انہار دِن شاعر نأدم سنٛدِ بدل وُنہِ شعری رۄ ی یکی محرکات تہٕ وجوہات سمجنس منز ضرور مدد تہٕ شاعرٕ سنٛد بن تِمن گِنتھ گوشن کُن تہِ گرٕ ھِ توجہ مرکوز یِمن پٹھ نہٕ وُنہِ پُرسیر تبصرٕ سپُد مُت چھُ کینہہ۔



## مطالعہ کُتب


۱)دیناناتھ نأدم، شێہلہِ کُل ،شعرِ سوٗمبرن

۲)غلام نبی خیال، Progrersive literary movement in Kashmir

۳)سیدرُسل پوٚنپُر (ترتیب سون ادب ۱۹۹۱ء، جموں وکشمیر کلچرل اکادمی

۴)شفیع شوق تہٕ ناجی منور، کاشُر ادبُک توأریخ، شعبہ کشمیری، کشمیر یونیورسٹی

۵)ریڈیو آرکیوز، دیناناتھ نأدمس سٟتؠ اکھ صدا بند انٹرویو

۶)حامدی کشمیری/ بشر بشیر، کاشرِ شأعری ہُند انتخاب، ساہتیہ اکادمی، دہلی

۷)حسرت گڑھا، ترتیب وتہذیب، مےٚ چھُم آش پگہچ، فنکار کلچرل آرگنایزیشن سرینگر

۸)رتن جوہر، عہد ساز دیناناتھ نادم، سمرتی جموں

۹)مشعل سلطانپوری، ترقی پسند کشمیری ادب، میزان پبلیشرز

۱۰)ٹی، این، کول، اے ہسٹری آف کشمیری لٹریچر، ساہتیہ اکادمی دہلی

# فاضل کشمیری نہِ شاعری ہُنٛد لُکہٕ طرز تہٕ طرح

تازٕ تحقیقن چھےٚ لُکہٕ شاعری نسبت اجتماعی تخلیق کاری ہنٛز ربو أیتی دلیل یہٕ وٕنتھ یہٕ ڈلِ زِتہٕ رَد کرٕمژ زِ:

''کانٛہہ تہٕ ذأتی تخلیق یوس أکس تخلیقی فنکار سٕنٛدِ قلمہٕ لیکھنہٕ آسہِ آمژ تہٕ ہیکہِ لُکہٕ شاعری ہنٛدِس زُمرس منٛز گنزرنہٕ یتھ ہر گاہ اَتھ عوامی سند تہٕ مقبولیت آسہِ حاصل سپزمژ۔ تہِ گوویہِ زِ ہر گاہ لوکو آسہِ یہٕ اجتماعی میراث زأنتھ پننِس وچھس منٛز محفوظ تھوٕمژ تہٕ سکون تہٕ حظ پراونہٕ خأطرٕ آسن اتھ بوقت ضرورت بے وایہِ گنٛگراوان''۔

أسی ییلہِ یم ساری ربو أیتی تہٕ غأر ربو أیتی میزان تہٕ معیار فاضل صأبنہِ شاعری پیٹھ بالعموم تہٕ 'کرالہ کوٗر'، 'پہلی کوٗر' تہٕ 'ڈوبی بائے' بیترِ بأتن پیٹھ بالخصوص لاگو چھِ کران، یم سارے نظمہٕ چھےٚ شاعرٕ سٕنٛدِ ذأتی کوششہِ اَستھ تہٕ لُکہٕ مزازٕ کی بے رُمل اُنہٕ باسان۔

گوڈٕ لو کچارٕ پیٹھے تہٕ پتہٕ سرکأری ملازمتس دوران میلی فاضل صأبس واریاہ موقعہٕ قو درت کین حُسنہٕ انبارن وُون تہٕ زوٗل دِنٕکی۔ تمو راوٕ رنہٕ سو کانٛہہ تہِ

حسین وِزیٖلہِ تس حُسنہٕ مورژن چشمن قزُل ملنگ تہٕ موین شانہٕ کرنٕک موقعہ بدس آو۔ ''پہٕلی کور''، ''کرالہِ کور'' تہٕ ''دۄبٕ بائے'' بیترِ نظمہٕ چھےٚ یِمنے حسین لحاتن ہٕنٛدی شأعرانہٕ یادگار۔ نغمأتی سازُت، وِگنہِ لے، ونہٕ وِنی ووج، ناگہٕ وُزِنی، بَبرِ شیہٕلتھ، پأٹھی نرمی، زبأنی ہُنٛد بےٚ پھرٕ وک تہٕ غأرٕ مُبہم ورتاو، عوأمی آرزوٕہن ہُنٛد پاس، انسأنی لولُک بربٕگہٕ اظہار، اجتمأعی ژٕین ترایہ ہٕنٛز ترجمأنی تہٕ وطن دأری ہُنٛد احساسِ شدید چھِ کینٛہہ تِتھۍ اوصاف یِم لُکہٕ باوٕژہٕنٛدی بنیأدی تہٕ اہم لوازِمات یا عنصر گنزرنہٕ یوان چھِ۔

یۄتام تھٕ زن فاضل نہٕ شأعری ہُنٛد تعلق چھُ تتھ منٛز چھِ لُکہٕ شأعری ہٕنٛدی یِم تمام سونٛزلہِ ژھایہِ نظرِ گژھان۔ لُکہٕ موضوعن ستی ستی چھُ فأضلن پننہِ شأعری اظہارٕ باپتھ لگ بگ تِم تمام شأعری صِنفہٕ ورتاوِمٕژ یِمن منٛز روٗد وَنہٕ وُن، لڑی شاہ، منٛزِلی بأتھ، شُری بأتھ بیترِ چھِ۔ یِمن لُکہٕ شأعری ہٕنٛزن فارمن ہُنٛد استعمال چھُ کأفی اُمِس طرحدار شأعرس لُکہٕ شأعروَننہٕ خأطرٕ۔ مگر پیٚتی نس کرٕ بہٕ صرف تِمن شاہکار نظمن ہٕنٛز ذکر یِم ذأتی تخلیق کأری ہٕنٛدی نمونہٕ اَستھ تہِ کأشرِ لُکہٕ میراثُکی اہم رنگ بنے متی چھِ۔ ضروری چھُنہٕ زِ یِمن بأتن ہٕنٛدِ اظہارٕ باپتھ آسہِ شأعرن رِوایتی لُکہٕ شأعری قألبَن ہُنٛدٕ ے استعمال کۄرمُت، مگر یِہُنٛد موضوع تہٕ موضوعن نِسبت شأعرٕ سُنٛد برتاو چھُ واقعی لُکہٕ طرزٕچی ترجمأنی کران۔

کأنٛسہِ فنکار سٕندبن تخلیقی فن پارن عوأمی مقبولیت میلٕنۍ چھُنہٕ پرٛتھ فن کارس نصیب آسان۔ امہِ باپتھ چھُ شأعرٕ سٕندِ خأطرٕ گہرٕ تأریخی تہٕ تمدنی شعور

آسُن ضروری تہٕ سماجی وعدٕ بندی ہُنٛد احساس تہٕ آسُن۔ عوامی نفسیات سمجنٕک وَل بدس آسُن تہٕ لُکہٕ سایکی ہُنٛد مطالعہٕ آسُن سبٹھاہ ضروری۔ فاضل اوس لگ بگ یِم تمام شرائط پوٗرٕ کران۔

فاضل کشمیری ین یتھ وقتس منٛز اَچھ مُژراوِسہٕ اوس کشیرِ منٛز سیاسی، سماجی تہٕ ثقافتی لحاظہٕ سبٹھاہ نوژُک دور۔ ہتہٕ وادٕ وٕری ین پیٹھ پھٔہلتھ یتھ جاگیردارانہٕ نظامس منٛز کأشر بو لوکو پننین آرزوہن تہٕ ارمانن ہنٛدی ژانگی وجارٕ گرٕ شان وُچھ ہتی اسی، تمن اوس اکہِ نوِ سِر یہِ گاشہِ کہِ تلاشک ظون ہیوٗ تمُت گرٕ ہن۔ جابر حکمرانن ہنٛز ناز برداری تہٕ تہنٛدبن مقامی تہٕ غارمقامی حاشیہ بردارن ہنٛدی نخرٕ برداشت کران کران اوس کأشربن قومی کیاہ بلکہ پننہِ ذاتچ زان تہٕ مشے ہمژ۔ یتہٕ کبن کُملبن تہٕ کأریگرن ستی اوس بے زبان چاروایِن ہنٛدِ کھوتہٕ تہٕ بدتر سلوک یوان کرنہٕ۔ سیاسی بیداری ہنٛز یوس منظم تحریک وُہمہِ صدی ہنٛدِ دوٚیمس تہٕ ترٛیٚیمس دٔہلس منٛز شروع اُس سپز ہمژ، فاضل اوس یمن سارِنے تبدیلین ہُنٛد چشم دید گواہ۔

1924ء منٛز ییلہِ وایسراے ہند ہنٛدِس دورس دوران کینٛہہ وطن پرست کأشر بو کأشربن ہنٛز معاشی بدحالی تہٕ قومی بدقسمتی ہنٛز تحریری دلیل پیش کٔر، تمہِ ساعتہٕ اوس فاضل صاب محض اُٹھ وہر۔ ییلہِ 1931ء منٛز 13/جولائی دوہ تأریخی واقعہ رونما سپد تمہِ ساعتہٕ اُسی فاضل صابن زندگی ہنٛدی فقط پنداہ بہار چھأوی ہتی۔ عوامی تحریک اُس شدید پأٹھی یہِ تقاضہ کران زِ جاگیرداری نظامکی تہٕ استحصالی قوتن ہنٛدِ وضح داری، ہاوباوٕ تہٕ خاندأنی بجرٕک تہٕ سماجی منصب

دأری ہُنٛد پرٛتھ کانٛہہ آثار گرٛٹھِ یُن نابوٗد کرنہٕ تہٕ اتھ برعکس گرٛٹھِ سماج کمن تِمن وٕسی پایہِ طبقن ہٕتی وابستہٕ لوکن بوٗش یُن کھالنہٕ یم اَزتام مکمل پأٹھی نظرانداز آسی آمتی کرنہٕ۔ چنانچہ چھےٚ مہجوٗرنی ''گریسی کوٗر''، آزادنی ''پہٕلی کوٗر'' تہٕ فاضلنی ''کرالہٕ کوٗر'' بیترِ نظمہٕ اَمی عوأمی تہٕ قومی تحریکہِ ہٕنٛدی تخلیقی نتیجہِ۔

فاضلُن مقصد اوس نہٕ 'پہٕلی کوٗر'، 'ڈٕبی باے' تہٕ 'کرالہٕ کوٗر' موضوعن پٮ۪ٹھ نظمہٕ تخلیق کرنہٕ ہٕتی محض شخصی نظامس تحت پسنہٕ آمتین بے وسیلہٕ کأشرٕ بن ہٕنٛد بن چھوکن مہلامہٕ کرُن تہٕ تِہنٛدی خستہٕ دِل محض رَنزناوٕنی بلکہ اوس غأر کأشرٕ بن حکمرانن ہٕنٛدِس پھٔرِس تل پھبن والین اِدارن مثلاً جأگیردأری، ضعالدأری، شہری خوجن ہٕنٛز وضعدأری تہٕ مذہب رٕکس ناوس پٮ۪ٹھ سادٕ لوکن استحصال کرن والین طبقن ہٕتی تہٕ فردن تہٕ افسرشأہی خلاف عوأمی ردِعملُک اکھ باوقار شأعرانہٕ اظہار تہٕ احتجاج تہٕ یِمیُک مدعا تہٕ مقصد یہ اوس زِ رنگہٕ مندوربن ہٕنٛد بن زألی پنجرن پٮ۪ٹھ بختاوری ہٕنٛدی دَم دِنہٕ واجنین خوجہ باین نسبت یارِ وَنن، یارِ بلن تہٕ بالہٕ دامنن تل کأم کرن واجنین سیوٚ دسادٕ عام زنانن ہٕنٛدِس حُسنس، سادگی، شروٗژرس تہٕ تِہنٛزِ حیادأری تہٕ وفادأری شأعری تخلیقاتن ہُنٛد محور تہٕ مرکز بناوُن۔ یہ آس ثقافتی سوٗتھرِس پٮ۪ٹھ عوأمی بیدأری ہٕنٛز تحریک عام لوکن نگھہٕ اَنٛنج اکھ سنجید تخلیقی کوشش۔

نظم کرالہٕ کوٗر:

انسأنی تہذیبی تأریخ رٕکس وۄتلنس تہٕ پوٚھٹنس منٛز یِیتہٕ زندگی ہٕنٛد بن مختلف شوبن ہٕتی وابستہٕ کارکنن ہُنٛد تھٔکبُن لایق رول روٗدمُت چھُ، تتہٕ چھُ سمأجی تہٕ

معاشی لون شیرنس منز کرالہٕ کامہٕ یا کرالہٕ پیشگ اکھ زبردست کردار روٗدمُت۔ روحانی تہٕ صوفیانہٕ سلطنژ منز چھُ کرالہٕ کوندِ منز تھُرنہٕ آمتین رنگہٕ رنگہٕ بانن اعلیٰ تخلیق کارٕ ہنٛدِ صورت گری ہٕنٛدِس صنعتس ستیٚ تشبیہہ یوان دِنہٕ۔ تمدنی تہٕ تأریخی سوٗتھرِس پیٹھ تہٕ چھُ قومن ہُنٛد موٗلہٕ آگُر پرٛزناونہٕ تہٕ دریافت کرنہٕ خاطرٕ کرالن ہٕنٛدِ دٕسی گرنہٕ آمتین بانن بنیأدی شوٲہدور نگی تسلیم یوان کرنہٕ۔ نفسیأتی سطحس پیٹھ نسوأنی وقار، غأرت مندی، خوداعتمأدی تہٕ حُسن کأری ہٕنٛز یِمہٕ مثالہٕ اَسہِ کرالہٕ کارس ستیٚ وابستہٕ زنانن منز میلان چھےٚ تمیُک تصور چھُ سائنس لگہٕ شاعرفأضل صأبس پرٛنہٕ پأٹھی ویوٚڈاوسمُت۔

ووٚنی گوو یہِ کتھ تہٕ چھےٚ پننہِ جایہِ ثبتہٕ زِ کرالہٕ کورِ ہُنٛد حُسن چھُ شاعرٕ ہٕنٛدِس بربکہٕ بدنس ژٕندٕنی ریہہٕ تہٕ شورتی تیہہٕ تہٕ بخشان۔ تُسنٛد شعری وجوٗد چھُ خابن ہٕنٛدِ تمہِ طلسمأتی زُویک سأرکران ییٚتہٕ کتھن جودہران چھُ تہٕ خیالن ہُنٛد سایبان شیٚہجار سرنہٕ بدلہٕ نارسران چھُ۔ کرالہٕ کوٗرٕ چھےٚ امی طلسمأتی زُوِچ اکھ زِندٕ پرٛی۔

بانہٕ یامتھ حُسنہٕ وانے چھکھ تھُران
کینٛہہ چھِ سپدان مأرٕ مُنٛدی کینٛہہ ہلان
لولہٕ نارٕ سے کتھہٕ چھِ زالان صوٗرتن
کرالہٕ کوٗری مالہٕ کریے کوسمن



ییٚہہ تہٕ واشا کڈ تہٕ نرِ ما چھےٚ تھکان
آب و خاکس ستیٚ دِل میون اُڈران

بٲلۍ میٚژ لاری یِمن مأنزے نمن
کرالہٕ کوٗری مالہٕ کرییے کوسمن



بقولِ غلام نبی فراق: ''امہِ نظمہِ ہٕنز مُدرٕ لَے، دِلس سَنہٕ وُن سازُت نغمأتی لہجہٕ، لوکہٕ مزاژٕ تہٕ زیروبم چھُ ازتہِ کأشرٕ ہندی دِل نغماونس پیٹھ وُتشاوان۔ اَمہِ نظمہِ ہُنٛد نغمأتی سروٗرتہٕ شأعرانہٕ حُسن چھُ ازتہِ پرانی آیہٕ قأیم تہٕ دأیم''۔
''کرالہٕ کور'' نظمہِ ہٕنٛدِ بن یِمن شارن منز وُچھتوٚ زِ نغمأتی لہجس ستی کوس حبسأوی کیفیت چھےٚ پأدٕ گژھان یوس عملہِ تہٕ توٚژس درمیان ژھٔمن نہٕ بلکہ اکھ یکٕت پأدٕ کران چھےٚ۔ ترکیبن ہُنٛد نپہٕ ناوبر چھُ معنی یس منز لطیف جمالیاتی زیرین لہر پأدٕ کران۔

کاژٕ زوٗنے آرٕ کوٚرمُت تارکو

نارٕ وُزمل زن لولے منز دون گٹن
کرالہٕ کوٗری مالہٕ کرییے کوسمن



غلام نبی خیال چھُ ''کرالہ کور'' نظمہِ ہٕنزِ لکہٕ لَیہِ متعلق پتمین توژاتن ہُنٛد اظہار یِیمہِ آیہِ کران:

فأضل صأبُن ناو دزاوسارے کٔشیرِ منز شہروگام تمہِ ساعتہٕ ییٚلہ 1936ء منز تٔمۍ کرالہٕ کوٗر لیچھ۔ یہِ اوس تٔسند سٕہ فن پارٕ یُس

محمود گامی، رٛ وسُل میر تہٕ مہجورنوٚ بأتو پتہٕ سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ مقبولِ عام کس مرتبس ووت۔ اَیِچ مٔدرٕ لے تہٕ سنہٕ وُن ساز چھُ اَزتہِ کأشرٮ۪ن گرن منزامہِ چہِ لگہٕ رنگہٕ چہِ شأعری ہُنٛد زیروبم دِلہٕ چنن تارن مضراب دِوان۔ امیُک نغمأتی سروٗد تہٕ شأعرانہٕ لطف چھُ اَزتہِ قأیم تہٕ دأیم'۔

رفیق راز چھ "کرالہٕ کور" نظمہِ متعلق ییمہِ آیہِ پننہٕ رایہِ ہُنٛد اظہار کران:

'اتھ نظمہِ (کرالہ کور) منٛز چھےٚ فأضل سٕنٛز originality پھٹِ پھٹِ نیران۔ اتھ نظمہِ منٛز ییم تشبیہ تہٕ استعارٕ وَرتاونہٕ آمٕتۍ چھِ تمہِ تلہٕ تہِ چھُ نَنان زِ فأضل چھُ نظم تخلیق کرنہٕ باپتھ پننِس مشأہدس تہٕ پننِس ژینن ترٛاین پیٹھے زیادٕ بھروسہٕ کران، تہٕ ییم چیز چھِ فأضلس original بناوان"۔

نظم پہٕلی کوٗر

خالےآسہِ کانٛہہ سو زبان یوٚس تتھٕ خطس منٛز بولان آسن یُس وَن کوچھِ ہٮ۪نٛدِس طلسمأتی فِضہس منٛز پان ژادرن ہٮ۪نٛدِس سنطوٗرٕ ساز س نگھہٕ آباد آسہِ تہٕ ییتھ قُمرٮ۪ن تہٕ گُکلن ہُنٛد سازٕ تی سروٗدٕ کھس آسہِ، ییتھ منٛزنہٕ شہری ہنگامہٕ خیز زندگی نِش دوٗر کانٛسہِ قبایلی دوشیزایہِ ہٮ۪نٛدِ سادٕ مگر جودکرن واجنہِ نسوأنی حُسنُک شأعرانہٕ اظہار کرنہٕ آسہِ نہٕ آمُت، سُہ یورپی زبانٮ۪ن ہُنٛد ادب اُسی تن یا افریقی قبیلن ہُنٛد زبأنی سرمایہِ اُسی تن، ہمالیٲیی بالہٕ دامنس تل آباد مُلکن ہُنٛد ادبی میراث اُسی تن یا عرب جزیرٕ نما چکو صحرأوی لگہٕ بأتھ اُسی تن یا منٛز

ایشیاہس منز واقع مرگن تہٕ بالن منز بسن والین لوکن ہُند ادبی زخیرٕ اٗسی تن، غرض پرٛتھ زبانٕی منز چھُ اَسہِ "پہلی کوٗر" ہو بن قبأیلی، موصوم، شروژل، سادٕ تہٕ حسین قبیلہٕ کور بن ہُند شعری نقش ضرور میلان۔

شہری زندگی ہٕنٛدِ ووسہٕ دژ وسہٕ نِش دوٗرقو درت چہٕ کو چھِ منز پرٛتھن والین سادٕ مگر حسین تہٕ مأرٕ مُندی کردارن ہُند فنی عکس چھُ دراصل غاٗر فطری، بناوٹی تہٕ بے بنیاد شہری وضعدأری تہٕ صنعتی تہٕ شہری کلچر کہِ مہم جوئی ہٕنٛدِس پھاٗلاوِ کس نتیجس منز انسأنی قدرن ہٕنٛدِ لتہٕ مونجہِ گژھنہٕ کس رَدِ عملس منز شاعرانہٕ احتجاج۔

کاشرِ لکہٕ شاعری منز تہِ چھُ "پہلی کوٗر" موضوعس پیٹھ اکھ سیٹھاہے خوبصورت بأتھ موجود۔ یتھ منز افسانہٕ تہٕ ڈرامہکی تمام بنیأدی عنصر مثلاً کردار نگأری، مکالمہٕ، تسلسل، پلاٹ تہٕ منظر نگأری بیترِ موجود چھِ تہٕ عبدالاحد آزادن تہِ چھےٚ أتھی موضوعس تحت اکھ دِلکش نظم تخلیق کٔرمٕژ تہٕ یتھہٕ گٔژ أس فاضل کشمیری لیس برونٛہہ کنہِ اکھ معتبر تہٕ مستند شاعری رِوایت بدس۔ چونکہ فاضلس اوس شاعری ہُند فطری گون ازلے ڈیکس نصیبہٕ، تہٕ قودرتن اوسکھ حُسن پرزناوُنک تہٕ مولناوُنک اکھ سنجید فنکارانہٕ حسبس تہِ عطا کوٗر مُت۔ پٔنٛنس أندی پکھس منز حُسنہٕ کولہِ ہٕنٛز پرٛتھ وَرل گتھہٕ اُس أمِس یہِ دُلِیٛ زِتہِ ڈٔہتھ نِوان۔ سُہ بیٚلہِ تہِ تصورس تہٕ حقیقتس منز حُسنہٕ صدرٕ کین خابہٕ زُوبن منز وُچھان اوس، تس ہٕنٛدِس شاعرانہٕ تخیلس اُس زیر لگان تہٕ نغمأتی لولہٕ اظہار اوس شارن ہُند روٗپ اختیار کران۔

نہ ژٕرٕے ہٹہِ چسکل نہ کنہٕ وألی
نہ زری تنہِ پیٹھ جامہٕ کمخاب

زوٗنہِ زن اوبرٕ کرِ جامہِ چھی نائلی
ہا پھٲلی کوٗرٕ ہی مائلیے



حُسنچ ڈائلی سورٕچ عائلی
ہا پھٲلی کوٗرٕ ہی مائلیے
جوش دار اوبرٕچ نوٗرٕ وُزمائلی
ہا پھٲلی کوٗرٕ ہی مائلیے

## نظم دوٗبِ باے

''دوٗبِ باے'' نظمہِ منز تہِ چھُ لُکہِ شاعری ہنٛدِس دلیلہِ طرزس پیٹھ نہ صرف اَکِس عام کامٕ کرن واجنہِ کاشرِ زنانہِ یعنے دوٗبِ بایہِ ہنٛدِ شاعرانہٕ نقش ووتلاونہٕ آمت بلکہ چھُ فاضل صابن دوٗبِ بایہِ ہنٛدِ سادٕ کردارٕ کی داخلی انہار تہٕ سماج تہٕ ماحول کہِ حوالہٕ تمٕی ہنٛد بن ذاتی محسوساتن تہٕ جذباتن تہِ زبو دِژمٕژ۔ شاعرِ سُند عوامی اظہار چھُنہٕ گُنہِ تہِ جایہِ نفاستک دامن ترٲوِتھ بازاری یا آورٕ گردگی ہُنٛد باس دِوان اَکِس مخصوص سماجی فِضہس یا پوٚت منظرس منز چھُ شاعر اَکِس کامٕ کرن واجنہِ زنانہِ ہُنٛد سورُے خارجی تہٕ داخلی وجوٗد ووکھناوان زِ پرن وألِس پیٹھ یا نظم بوزن وألِس پیٹھ چھُ اکھ پوشہٕ وُن جود طاری سپدان۔ قاری سُند ظون چھُ کردارٕ سنٛد بن تمن گُپتھ انہارن تلاش کرنہٕ خاطرِ بیتاب سپدان یمٕنز ووکھنے شاعر ہنا پتھ پھن نظمہِ منز کران چھُ۔ زبانی ہنٛزِ نغماتی لیہِ ستی چھُ اَکِس تتھِ مثالی کاشرِ زنانہِ ہنٛزِ شبیہ دیدن بروٗنٛہہ کنہِ

یوان یوس سأری ذأتی دوکھ تہٕ چھوکھ وبتراٲوِتھ پنٕنۍ آرزوٗ تہٕ ارمان مۄشراٲوِتھ
فقط پننِس ہتی بأج ہنٛزِ خوشی تہٕ مسرت خأطرٕ تِمٕس شانہٕ بشانہٕ کامہِ کارس منٛز
برابر شریک روزان تہٕ پلزان چھےٚ۔

چھلی چھلی ململ ہا ڈوبٕہ بأیی
چھلی چھلی ململ ہا ڈوبٕہ بأیی



یارٕ بلہٕ بٔٹھِس پیٹھ لوکن ہند بن مأکہٕ پلون تہٕ پوشاکن چھلنہٕ چھو کنہٕ ہتی
چھُ تس باسان زِ تمۍ سُند أندریم مل تہِ چھُ چھلنہٕ یوان۔ زمانس ہتی ہتی چھُ
ذات تہٕ تس پاکیزگی تہٕ طہارت پزٲوان باسان۔ مخصوص شعری ورتاوٕ ہتی چھُ
شأعر تتھ اکھ کیفیت پأدٕ کران زِ باسان چھُ زِ ڈوبٕہ بابے چھےٚ پلو چھلان چھلان
انسأنی ماحول بٔدی تہٕ اہنکار ہنٛزٕ بد خصلژٕ وِنش پاک کٔرِتھ لولُک، صداقتُک تہٕ
شرو ژرُک وردن پأراوان۔

بہہ تلہٕ وَس چھا اکہِ ڈنجہِ روزان
ملہٕ وۄتھ یُس تسٕی کنہِ پیٹھ چھاوان
کنہِ پیٹھ چھأوی چھأوی منہٕ پزٕ زلاوان
آب زُلالہٕ ہاے ڈوبٕہ بأیے
چھلی چھلی ململ ہا ڈوبٕہ بأیے

لُکہٕ طرحس پیٹھ مبنی تر بن اہم نظمن علاوٕ چھِ فأضل صأبن واریاہ وَنوٕنی تہٕ
رٔوف بأتھ تہِ مختلف شعری فارمن منز لیکھی متی، یمن تہِ واریاہ عوأمی مقبولیت

حاصل سپزٕ تہٕ یِم بأتھ آسی اوترٕ اوترٕ تام مختلف مذہبی تہٕ سمأجی موقن مثلاً عیدن پٮ۪ٹھ، بڈٕ بن دوہن پٮ۪ٹھ، خاندرن پٮ۪ٹھ لولہٕ تہٕ شوقہٕ سان گیوٚنہٕ یوان۔

"یخو" نظم چھےٚ بیاکھ اکھ عوأمی شأعری ہُنٛد نموٗنہٕ یوس فاضل نہٕ قلمہٕ تھنہٕ چھےٚ پیمٕژ۔ وژن فارمس منٛز یہٕ نظم تہٕ گیہٕ پننہٕ وقتہٕ واریاہ مشہور۔ اتھ نظمہٕ منٛز چھُ شأعرن کٔشیرِ ہنٛدِس مخصوص سمأجی تہٕ جغرافیٲیی پوٚت منظرس منٛز کأشرِ بن ہنٛدِ اجتمأعی بیکسی، لاچأری تہٕ بے سروسامأنی ہنٛز اکھ علاقٲیی تصویر پیش کرنٕچ کوشش کٔرمٕژ۔ وَنہٕ گٔژہٕ کارس منٛز کتھہٕ چھِ کأشری اکہِ طرفہٕ شیٚپنہٕ خزانن ہنٛدِس موجوٗد آسنہٕ کِس صورتس منٛز پننہِ لاچارگی ہُنٛد تخلیقی اظہار کران تہٕ ڈویمہِ طرفہٕ کتھہٕ چھُ یہ ہے شیٖن سوٚنتس تہٕ ہارس منٛز کأشرِ بن گرٚشمہٕ ژنجہِ نِش راحت تہٕ فراغت تہِ عطا کران۔

کمہِ ونہٕ وول مکھو یخو — أندری دوٚد کھو یخو
چلہٕ بچہِ بیٚلہِ اوس وکھ — پشہِ پٮ۪ٹھہِ دِیتمَے دکہٕ
یونہٕ کنہِ گیہٕ یو بنہٕ — کمہِ ونہٕ وول مکھو یخو
یہٕ وُچھان آو انسان — یہٕ گلان مُہہ چھُ شیٖہلان
یمہٕ کتھہٕ نِو کتھہٕ چھَنہٕ — کمہِ ونہٕ وول مکھو یخو

بقولِ رفیق راز:

"یِم موضوعات چھِ بظاہر بروٚنہہ کنِکی یِمن پٮ۪ٹھ نہٕ اوٚتام کأنٛسہِ ہنٛز نظر پیمٕژ آس۔ فأضل سُنٛد کمال چھُ زِ یِم موضوعات کٔرن تِتھِین لفظن تہٕ تِتھِس پُرکشش آہنگس منٛز پیش زِ یِم چھِ لگہٕ

شاعری ہندی اعلیٰ ترین نموٗنہٕ باسان۔ بلکہ پٔرتھ شاعری چھنہٕ رہتہٕ وادن منز بارسس یوان بلکہ اتھ پتہٕ کنہِ چھُ ہتہٕ وادن وٕری ین ہندی اجتماعی دِماغ تہٕ دِل آسان تہٕ پرٛتھ زمانہٕ چھُ اَتھ پننہِ پننہٕ مزازٕ مطابق شیرپأر کران۔ ہرگاہ فاضل سۄزن نظمن بغور مطالعہٕ پیٚیہ کرنہٕ، اَسہِ باسہِ زِ فاضل چھُ پننہِ دورکہِ کلہم اجتماعی دِماغچ تہٕ مزازٕچ نمایندگی کران"۔

یمن نظمن یاوڑن نما غزلن منز لگہِ طرزٕک مأری مۄندانہارتہٕ غأر مبہم انداز چھُنہٕ کُنہِ تہِ رٔنگی بازأری سَستگی چھیٚپہِ لۄگمت، بلکہ چھُ فاضلن أکس کوہنہٕ مشق ماہرِ نفسیات تہٕ پیشہِ ور دلیلہٕ گری شاعرٕ سٕندی پأٹھی عوامی کردارن ہٕندِ شبیہ کأری خاطرٕ سو زبان تخلیق کرٕمٕژ، یوسہٕ سادٕ أستھ تہِ شاعرانہٕ حُسن کأری ہٕندی سأری لوازمات پوٗرٕ چھےٚ کران۔ موزوٗن تشبیہات، منہٕ پزٕ یٚیہ وِنہِ ترکیبہٕ، فطری حُسنٕک اچھرٕ نقشاوتہٕ سراپا نگأری ہٕندی مأرٕ مٕندی نموٗنہٕ چھِ پرن وألس جمالیأتی حض بخشنس سٕتی سٕتی نوبن شعری تہٕ لسأنی امکاناتن ہُنڈ تہِ نیب دِوان۔

چون قد شمشاد یا سروے روان
یا مگر گلدستہٕ باغِ حنان
پانہٕ شیرِتھ تھوومُت کأریگرن

سراپا نگأری (کرالہٕ کور نظم)

مستس ژھایہِ چھے فوتہٕ انزألی
ظلماتہٕ منز یہِ زن لال تابان

زوٗنہِ چھی ستہٕ ریٚش پتہٕ اردٲلی
ہا پہٲلی کوٗرۍ ہی مأٔلی یِے

تشبیہ (پہٲلی کور نظم)

حُسنہٕ وان، اوٚبرۍ جامہٕ، بالہٕ میٚڑ، بیتر ترکیبہٕ چھےٚ تمہٕ اندازٕ استعمال آمٕژ کرنہٕ زِ کرداران ہنز حُسن کأری ستۍ ستی چھُ تہندِ شخصیژکو واریاہ دأ خلی تہٕ خأرجی پہلوٗ تہٕ دیدن بروٗنہہ کنہٕ یوان۔

پیالہٕ دِلہکی عاشقن ہنٛدۍ چھکھ ٹلان
یا ژٕ پھٹراوان یا غأرن کنان
یا ژٕ زالان کوندِ منز پیٹھ تیوٚنگلن
کرالہٕ کوٗرۍ مالہٕ کریے کوسمن

(کرالہٕ کور نظم)

لکہٕ شأعری ہُنٛد اکھ نوٚن وصف چھُ انسان دوستی، سمأجی بأے بندُت تہٕ مذہبی روادأری۔ کانٛہہ تہِ لکہٕ شأعری ہُنٛد نموٗنہٕ چھُنہٕ انسانس تہٕ انسانس درمیان زبأنی ہنٛدِس بنیادس پیٹھ، عقیدت کِس بنیادس پیٹھ، رنگ ونسل کِس بنیادس پیٹھ، قومی یا سمأجی منصب دأری ہنٛدِس بنیادس پیٹھ بمن پأدٕ کرنچ وکالت کران تہٕ نہ چھےٚ یتھ شأعری انسأنی سماجس منز نفرت پأدٕ کرنس روادور آسان۔

فاضل سُنٛد کلہم شأعری سرمایہ چھُ یمو اوصافو ستۍ برِتھ۔ تمۍ یِنٛدی لیکھیٕمتۍ دُعا، مناجات، مرثیہ، کرشنہ لیلا یہٕ، تہٕ گوٚ روبأتھ چھِ تہندِ شروٗژ وبہٕ ارکی، شودِ مٕنچ تہٕ انسأنی مِلہٕ وارکہٕ سنجیدٕ احساسک پوشہٕ وٗن اظہار۔

## مطالعہ کتب


۱)تسکینہ فاضل، فاضل کشمیری شخص اورشاعری

۲)جان وِنسنا، Oral Tradition as History

۳)جاویداقبال(ایڈیٹر)شیرازہ، فاضل کشمیری نمبر، جموں وکشمیرکلچرل اکیڈیمی

۴)سیدذی شان فاضل(ترتیب)بیادِفاضل کشمیری

۵)شبن کاچرو(ترجمہ) Eleven Horizons

۶)فاضل کشمیری 'گلدستہ فاضل'

......انوارِمحمدیﷺ

......تصویرِغم

......ستھ رنگ

......جامِ جم

۷)فاروق فیاض(مونوگراف)فاضل کشمیری، ساہتیہ اکادمی، دہلی

زوٗنہٕ چھی ستہٕ ریٖش پتہٕ اردألی
ہا پہٕلی کوٗرِ ہی مأل یے

تشبیہ (پہٕلی کور نظم)

حُسنہٕ وان، اوٗبرِ جامہٕ، بالہٕ میٚژ، بیترِ ترکیبہٕ چھےٚ تمہٕ اندازٕ استعمال آمژٕ کرنہٕ زِ کردارن ہنٛز حُسن کأری ستیٚ چھُ تہنٛدِ شخصیتُک واریاہ دأخلی تہٕ خأرجی پہلوٗ تہِ دیدن بروٗنٛہہ کنہِ یوان۔

پیالہٕ دِلِہکی عاشقن ہنٛدی چھکھ ٹلان
یا ژٕ پھٹراوان یا غأرن کنان
یا ژٕ زالان کوندِ منٛز پیٹھ تیٚونگلن
کرالہٕ کوٗری مالہٕ کریے کوٗسمن

(کرالہٕ کور نظم)

لکہٕ شأعری ہُنٛد اکھ نوٗن وصف چھُ انسان دوستی، سمأجی بأے بندُت تہٕ مذہبی روادأری۔ کانٛہہ تہِ لکہٕ شأعری ہُنٛد نموٗنہٕ چھُنہٕ انسانس تہٕ انسانس درمیان زبأنی ہنٛدِس بنیادس پیٹھ، عقیدت کِس بنیادس پیٹھ، رنگ ونسل کِس بنیادس پیٹھ، قومی یا سمأجی منصب دأری ہنٛدِس بنیادس پیٹھ بہن پأدٕ کرنچ وکالت کران تہٕ نہ چھےٚ یتھ شأعری انسأنی سماجس منٛز نفرت پأدٕ کرنس روادور آسان۔
فاضل سُنٛد کلہم شأعری سرمایہ چھُ یمو اوصافو ستیٚ بُرِتھ۔ تمی ہنٛدی لیکھی متی دُعا، مناجات، مرثیہ، کرشنہ لیلایہ، تہٕ گوٚ روبأتھ چھِ تہنٛدِ شروٗژوبٕوارکی، شودِ منٛج تہٕ انسأنی مِلٕوارکہِ سنجیدٕ احساسک پوشہِ وُن اظہار۔

## مطالعہ کُتب


۱) تسکینہ فاضل، فاضل کشمیری شخص اور شاعری

۲) جان وِنسنا، Oral Tradition as History

۳) جاوید اقبال (ایڈیٹر) شیرازہ، فاضل کشمیری نمبر، جموں و کشمیر کلچرل اکیڈیمی

۴) سید ذی شان فاضل (ترتیب) بیادِ فاضل کشمیری

۵) شبنم کا چرو (ترجمہ) Eleven Horizons

۶) فاضل کشمیری 'گلدستہ فاضل'

......انوارِ محمدی ﷺ

......تصویرِ غم

......ستھ رنگ

......جامِ جم

۷) فاروق فیاض (مونوگراف) فاضل کشمیری، ساہتیہ اکادمی، دہلی

# فراقۍ سٕنٛزِ شاعری منٛز پتھ کال پسندی

پرٛتھ کانٛسہِ حبسہٕ ہُشیار تہٕ گاٹٕلۍ فنکارس چھُ برٛنٛزٕ بن منٛز ژَلہٕ وِنس وقتہٕ کِس نبضس پیٹھ اَتھٕ آسان۔ سُہ چھُ بظاٗہر عواٗمی تہٕ عمومی رایہِ مطاٗبق پنٕنس أندۍ پکھِس نِش دوٗرذاتہٕ کنہِ طلسم خانن ؤنۍ دِنس منٛز محوٗ آسان مگر پزٕ رچھُ اَتھ برخلاف۔ اتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ تخلیق کار چھُ عام رٔوِش نِش لوٚب روٗزِتھ اکثر خاموش، سنجیدٕ تہٕ پُر متانت آسان مگر فنکارانہٕ رٔوِیک یہِ ظاٗہری اظہار چھُ اکہِ شدید طوفانُک تہٕ طلوطمُک پاٗ داوار آسان۔ فنکار چھُ زمان ومکانہٕ کِس کاٹھ گرس منٛز سپدن والین تبدیلی ین تہٕ تغیراتن پیٹھ أکِس فکر انگیز ماٗہر ہٕندی پاٗٹھۍ نظر تھاٗوِتھ آسان تہٕ تِتھےٚ لٕس خاٗرجی ماحولس منٛز سکوٗنچ ہنا کانٛہہ گرٕ دردست یوان چھےٚ سُہ چھُ یِمن ذاٗتی محسوساتن تہٕ تجربن پنٕنہِ پنٕنہِ آیہِ فنکارانہٕ اظہار بخشان تہٕ تتھہٕ کٕنۍ چھِ موٕللی تخلیقی دُردانہٕ تھنہٕ پیوان، یِمن ہنٛز زمانس تہٕ زندگی تلاش چھےٚ آسان۔ أسۍ ییٚلہِ وسیع تنوظرس منٛز شعری موضوعاتن پیٹھ کتھ کران چھِ اکھ کتھ چھےٚ ٹاکارٕ پاٗٹھۍ برونٛہہ کُن یوان زِ شاٗعر یا فنکار چھُ طبیعتٕ تہٕ مزازٕ کنۍ حُسنُک دِلدادٕ تہٕ پزرُک طلبگار آسان۔ پزر چھُ بنیاٗدی طور اکھ ہاٗرۍ موٚند میوٹھ تہٕ موٚ دُر تصور تہٕ یُٔت یُٔت بنی نوع انسان زندگی ہٕنٛدِس

سفرس منز بروٗنہہ پکِتھ نوٗی نوٗی منزل سَرِ کران چھُ، نوبن منزلن ہُنٛد سِرٕ ساوبر، تہٕنز تہدأری، یقین تہٕ فریب چھُ أکِس انسانس ازأنی زوٗبن ہُنٛد سأر کرناونس پیٹھ مجبور کران۔ فنکار ہِنٛدِس تخلیقی ذہنس چھِ ازکالکی گأیلات تہٕ ییٚنہٕ والہِ کالکی حأدِثات پینٛس پتھ کالس منز گذرأوی متین میٹھن تہٕ مُدرٕبن ژِہبن یاد کرناونس پیٹھ اکثر بیشتر وُتشاوان۔ پتھ کالُک یہِ قوت احساس چھُ ازکالہٕ کِنہ دولابن منز گیر فنکارس یا شأعرس کُنہِ وقتے خأطرٕ تہٕ سہی دِلُک سکون تہٕ روٗحٕچ فراغت ضرور بخشان۔ شأعری ہنٛدِ زبأنی منز چھُ یِہنے جذبن تہٕ احساساتن ماضی پرستی ہٕتی یوان تعبیر کرنہٕ۔

غلام نبی فراقؔ چھِ کأشرِ بن شأعرن ہنٛدِس تتھ قبیلس ہٕتی واٹھ تھاوان یِمو کأشر زبان تہٕ امیک ادب پننہِ وسیع مطالعہٕ، بأریک بینی، سنجیدٕ مشأہدٕ تہٕ تقابلی ادبہٕ کِنہ معیارن تہٕ میزانن ہنٛدِ بوز شروژِ ہٕتی أکِس پُروقار تہٕ معتبر دأنشورانہٕ سوٗتھرِس پیٹھ واتناونٕچ کوشش کٔر۔ اتھ قبیلس ہٕتی وابستہٕ شأعرن تہٕ أدیبن اوس علاقأیی زبان وادب کِنہ شعری صداقتن، لسأنی زأوی جارن، تخلیقی تہٕ شعوری روجانن تہٕ رٔوی ین ہٕتی ہٕتی عالمی ادب تہٕ تخلیق کِنہ انہارن، طرحن تہٕ تراین سمجھنُک شعور تہٕ تہٕ یِمن کأشرِ بن تخلیقاتن منز ورتاونُک بٕژر تہٕ۔ کأشرِ شأعری ہنٛدِس اتھ کاروانس ہٕتی وابستہٕ تخلیق کار سپدی وُہمہِ صدی ہنٛدِس ژوٗری مِس یا پأنژی مِس ڈٔہلس منز کأشرِس ادبی نبہٕ دٔندِس پیٹھ نمودار تہٕ 1960-65ء تام واتان واتان اُسی اتھ قبیلس ہٕتی وابستہٕ شأعر پننہِ تخلیقی اعتبأرِیتُک باس دِنس منز زبر پأٹھی کامیاب سپدی متی۔ یِمن شأعرن منز اُسی

دیناناتھ نادم، رحمان راہی، امین کامل، غلام نبی فراق تہٕ یِہنٛدی کینٛہہ کاٴنسی ہمعصر ناوٕینۍ لایق۔

اگرچہ ناٗدم تہٕ راہی پزٕنہٕ پاٴٹھی تہٕ شعوری طور کم از کم دون دٔہلین ترقی پسند تحریکہِ ستی وابستہٕ روٗدی تہٕ امہِ تحریکہِ ہنٛدِس اثرس تحت شاعری تخلیق کران روٗدی، غلام نبی فراق روٗدی واریاہس حدس تام شاعری ہنٛدبن آفاقی صداقتن تہٕ امہِ کین بنیاٗدی فنی زاٗوِژ جارن۔یتھ منٛز شارُت، جمالیات، قوت تخیلس تہٕ منفرد شاعری اظہار۔کس داٴخلی حسن کاری پیٹھ زوراوس یوان دِنہٕ لاری۔شاعری ہُنٛد یہِ اسلوب تہٕ طرح پانہٕ نو فراقن دوشوٕنی شعری صِنفن یعنے نظم تہٕ غزلہِ منٛز مساوی طور۔چونکہ فراقس نِش اُس نہٕ شاعری کُنہِ غاٴر تخلیقی یا وقتی آدرشک اظہار تہٕ تشبیہہ، بلکہ یہِ عمل چھےٚ تس نِش انساٴنی تہذیب کہِ کوٚچھِ منٛز اَکس حساس تخلیق کارسُنٛد زندگی تہٕ زمانس نِسبت پنٛنن محسوس تجربن تہٕ محسوساتن ہُنٛد فنی اظہار۔یوٗہے وجہ چھُ زِ فراق نہِ شاعری منٛز چھُ تجربن ہنٛز رنگا رنگی موضوعن ہُنٛد نوٗہنہٕ انتخاب تہٕ تجربن، جذبن تہٕ خیالاتن زوٗ دِنک اکھ الگ تہٕ مخصوص لساٴنی ارضیت میلان۔فراق اگر اکہِ طرفہٕ حسن تہٕ لوٗلُک رازدان بٔنتھ دم پھٕٹی دِلن تہٕ مجروح وَچھن وُٹھ کُملاونس پیٹھ مجبور کران چھُ تتہٕ چھِ تم ڈویمہِ طرفہٕ انکشاف تہٕ انکشاف کہِ ذریعہ عقل تہٕ داٴنش کین اُوٗلین نوقطن تہٕ واشگاف کرنس منٛز اَتھ رٕوٹ کران۔تمۍ سنٛدِس شاعری ہنٛدِس منظر نامس منٛز اگر اکہِ طرفہٕ کٔشیر ہُنٛد قودرتی حسن گتہٕ گیوٗرتلان نظرِ گژھان چھُ تہٕ ڈویمہِ طرفہٕ چھُ امہِ کہِ قداور تہٕ باگہِ بوٗرُت تہذیبی منظر

کاُری ہنٛدی آثارتہٕ شعری پیراین منٛز پوٗرٕ فنکاُری سان ؔتتھٕ پاٗٹھی ووتلان زِ یم چھِ باونہٕ آمتِس شعری تجربس موضوٗع تہٕ پوٚت منظر دوشوے عطا کران۔ پتھ کال شعری منظر کاُری چھنہٕ أکِس تأریخ دان ہنٛدی پاٗٹھی ماضی ہنٛز چھرا وضاحت بنان بلکہ چھُ شاعر پتھ کالس پوٚت منظر زأنتھ زندگی ہنٛزن ہمعصر ناہموأرین، شکستگی تہٕ آرزوین ووتلاونچ اکھ شعوری کوشش کران۔ چونکہ فراق اوس طبیعتاً اکھ رومان پسند شاعر تہٕ حُسنٛگ تلاش تہٕ دریافت اوس أمی ہنٛدِ شعری عملہِ ہُنٛد اکھ زبردست محرک تہٕ محور لہٰذا رومأنی تحریکہِ ہنٛدِس اثرس تحت چھُ أمی ہنٛدِ شاعری منٛز اَسہِ وطن پرستی ہنٛز خوشبوے تہٕ امہِکین تہذیبی موٗلن ہٕنٛز وعدٕ بندی ہنٛدی وارِیاہ شعری اظہار میلان۔

فراقس چھُنہٕ حالٕک کرچھر وبوٗدر ژلتھ پتھ کالہٕ کین یادن منٛز تخیلی وُڑو کرنس پتھ مجبور کران بلکہ چھِ ؔتم شعوری طور حال کہِ کوچھِ منٛز زاین لبن وأرِلس بے معنویتس ،شک وشبہس ،غأریقینی تہٕ عدم تحفظ کِس احساس پتھ کالہٕ کِس تہذیبی دأریس منٛز آیتن اجتمأعی فراغتس تہٕ آسودگی منٛز دریافت کرنچ یژھا ظاٗہر کران۔ یہِ چھنہٕ فرار گژھنچ عمل بلکہ دریاوفتٕک تلاش۔ وُچھو یہِ خیال کتھٕ پاٗٹھی چھُ فراقن ''اکھ منظر'' نظمہِ منٛز خاب کِس پوٚت منظرس منٛز نظموومُت۔

از ڈیٹھم روتلہِ خابس منٛز بے وہم و گمان
اسمأنی رنٛگٕک ژھوٚٹ ژھوٚٹ ریشمی پھمبر نہہ لأگتھ
سُے بختاور وأربو سُے گوڈنیک پرون مکان

تتھۍ کوٹھرِ منز ہُری میٚژ ہُری ہیتھ دیوار لِوان
ہُری میٚژ خوشبوے یوٚس از تہٕ یہٕ چھُس محسوس کران

نظم ''اکھ منظر''......

رٲشمی پھبرن، پرون مکان تہٕ ہُری میٚژ خوشبوے تژ یشوے ترکیبی اظہار چھِ اکہِ مخصوص تہذیبی دأیرچ نمایندگی کران۔ یتھ منز بظاہر کُنہِ جسمانی آسودگی ہنز کانٛہہ دلیل چھنہٕ مگر یمن اظہارن ہنٛدِس پوٚت منظرس منز یُس نفسیأتی تسکین خاب سرن وألِس شاعرس سپدان چھُ سُہ چھُ تس ہنٛدِ زندگی ہُنٛد ماحصل۔ شاعرس چھ حال کہِ حقیقت کہِ کرِ تچھرُک شدید احساس توٚے چھُ سُہ خابن ہنٛدِس جزیرس منز وأتتھ منٛج شانتی تہٕ روحُک سکون ژھاران تہٕ اتھ سأرِسے شعور تہٕ لاشعورس درمیان واجنہِ کیفیژ منز چھُ شاعرس ڈٲکھس مقأمیتُک مأری موٚند تہذیبی خزانہٕ یوٚ تام واتنہِ خأطرِ تس نِش اکھے وَتھ دردس چھےٚ سُہ چھُ پتھ کالُک شعوری تلاش تہٕ جستجو۔

''نامحرم چھنہٕ'' نظمہِ منز تہٕ چھُ شاعر متضاد موسمی کیفیتن ہنٛدِس پوٚت منظرس منز اکہِ ژتھہِ آرزوٕچ تکمیل ژھارُن یژھان تیٚچ نہٕ تِمس کانٛہہ ستھ بدس چھےٚ۔

وندٕ اوٚ برس منز پٔژنی تاپہ رِکھا
سُلہِ صُبحے سوٚنچ یمبر زل
دودٕ پٔژا اژو شُری سُنٛد پھرستہٕ اُسن
یہِ چھُ خابہٕ منزُک اکھ خاب محل
سُے زانہِ امیک مول گُدرِ تیٚمس ......

یِتھی ساتھ مےٚ چھِنہٕ ووٚنی زانٛہہ سمکھان......

یِتھ ساتھ مےٚ چھُم از وۄہہٕ کھیاوان......



شاعر چھُ پتھ کالس منٛز گذریمتێن میٹھێن تہٕ مۄدربن ژِہبن ازکالہٕ کِس پُرتناو حالس پێٹھ غالب یژھان کرُن۔ مگر شاعر ہندِ ذہنی تناوُک چھُ یہِ عالم زِ یمن مأرۍ مۄندۍ ژِہبن ہنٛز پأداوری تہٕ چھےٚ تمِس وۄہہٕ کھیاونس پێٹھ مجبور کران۔

''تمۍ ڈ وپنم'' نظمہِ منٛز چھُ فراق ہمعصر زندگی ہنٛزِ کو چھِ منٛز ایُن لبن واجنہِ دَگہِ تہٕ بیقرأری گذریمتێن لمحن ہندِس شِہلِس شیہجارس تل مُشراوُن یژھان۔ تس چھُ حال کہِ رأژ ہُند تصور تتھہٕ پأٹھۍ ترٛہراوان زِ سہٕ چھُ وقتس ٹھہرأوی وُچھن یژھان۔ اتھ اضطرأبی حالتھ منٛز چھُ تمِس پتھ کالکۍ تم دوہ یاد پیوان ییلہِ سہٕ کانچھان اوس زِ راتھ پرتو گۅژھ دُہلی گاشس وۄلی وۄلی نبنگلاوُن تہٕ طلسمأتی بۄ رُت شام گۅژھ جل واتُن۔ شاعر چھُ تمہِ شامُک تمنا کران ییمہِ شامُک ناووہ میزن مأنز اوس ملان تہٕ خابن اوس تعبیر نیران۔

تصور رأژ ہُند چھُم بانبراوان

گژھن ناشامہٕ ژھاین کھور روٗزِتھ

کتھن کانٛہہ لاگہِ نائیٖو کال سِریس

سہٕ دوہ چھُم نظرِ تل گۅو تام دوہ گے

دیان اوسُس ووٚل گۅژھ وۄلی شام واتُن

وو میزن ناوشامُک اوس رنز وان

کران دِل اوس ڈُب ڈُب شامہِ برونٹھے

نظم ''تمیٔ ڈ وپنم''......

''پھیرُ'' نظمہِ منز چھُ شاعر وقتہٕ کِس ژٕ کرِ وِہس منز ہنہٕ آمژن اجتماعی انسانی تہٕ سماجی قدرن ہنٛدِس لتہٕ مونجہِ گرچھنس پیٹھ خاموش واویلا کران۔ راونہٕ کِس اتھ شدید احساس تحت چھُ شاعرس ماضی منز بدس تم سارے انسانی اوصاف منس مُدریارتہٕ شِلس شیہلتھ بخشان یم پتھ کالس منز آدِمی بختاوری ہنٛدی مۆل گنز راونہٕ یوان آسی۔

وُزملا اکھ شولہِ وان اُسم مےٚ یتھ دِلہِ کِس نبس
خلوتس کُن خوش کران اُسم ٹھُنٛز چُری گیُش قدم

ازبہٕ چھُس آمُت یوٚتتھ
تتھ قلایس وُلی گمتی پیمتی شگاف
میانٛی پوٚت کل زن مےٚ نِش گامژ جدا
بانبراوان خلوتک احساس از......
آلہٕ ون نِش نغمگی زن رأوِمژ
زن تصور حُسنہٕ ڑوس
نارژھٹہٕ وُنی ذاتھ چھم باسان از......

نظم ''پھیرُ''......

سماجی اتحاد، جذباتی وابستگی تہٕ اجتماعی احساسی وُشنیر یُس پتھ کالس منز

زندگی ہنٛدِس سفرس منٛز انسانس زندگی فرحت تہٕ فراغت بخشان اُسی چھِ ہمعصر زندگی منٛز نابوٗد گاٮ۪متی ۔ اَز یُک انسان چھُ خلوتس تہٕ تنہائی منٛز تیوٗت آورنہٕ آمُت زِ تس چھُ پننہِ ذاتُک تصور تہٕ وجودس نار تٕلان ۔ فراق چھُ اَتھی جدید حبسا گہی اَتھ نظمہِ منٛز ووتلاوان ۔ زمان و مکانُک یہِ تغیر چھُ شاعر اَکِس خوبصورت شاعرانہٕ اظہارس منٛز نقشاوان ۔

''باغس منٛز'' نظمہِ منٛز چھُ فراق مختلف منظری کیفیوٗن ہنٛدی فنی نقشاوٕنۍ پتھ کالُک سُہ اکھ پری پیکر طلسمأتی فضا تہٕ فرحت بخش ماحول ووتلاوان یتھ منٛز خود بخود منفی سوچن تراے اَکِس مثبت ذہنی رٕ وِیس منٛز تبدیل سپدان لبنہٕ چھُ یوان ۔ سروٕ گجہِ تل بکچہِ کرن والہِ چھٕٹل پننہٕ پوٗنپر بن ہنٛدِس کاروانس چھِ بے پرواہ شوخ شُری اُتھل پتھل کرنہٕ کہِ غرضہٕ تمن کُن پیش قدمی یژھان کرٕنۍ ۔ مگر باغس اندر یوٗنہِ سونٛتُک دِلفریب منظر وُچھتھ چھُ شیتل تہٕ شُرۍ شُر بن پٕنٛن مقصد بے مُشتھ گژھان ۔ وُچھتو باغہٕ کِس حسین منظرس یُس نظمہِ ہُنٛد منظر نامہِ بنان چھُ کتھہٕ چھُ شاعر پتھ کالس منٛز گذریمتہِ سونٛتُک نقشہِ ووتلاوان تہٕ نظمہِ ہُنٛد یہِ پیکری اظہار کتھہٕ چھُ شعری تجربس منطقی نتیجس واتناوان ۔

وُشنہِ تاپکۍ پٔرٛتھۍ پٔرٛ زلوٗنۍ آبشار
بوٗنہِ تھنگو پٔتھۍ وسان باغس اندر
سون سبز پن گُلی لنجن پیٹھ زن وُچھان
پننہِ پتھ کالکی بہارکۍ میٹھۍ خاب
دون چھٕٹل پننہٕ پوٗنپر بن ہُنٛد کاروان

سرِ وُجہ تل ہکچہِ اندر باغ ژاو

بے خبر آغازِ نش انجامہِ نش

باغہِ منزِ کیٚتم بے پرواشوخ شُری

نارِ بزٕ یہہ شولان اُچھن اندریمن

ہے تتھے ٹیچہِ ہاٗرک پنہِ پوپرِ وُچھکھ رقص اندر

ووٗٹھ دِلن کڈنکھ بُتھن وو پدکھ گولاب

خوش سپدی جل جل ٹلِکھ اوگُن قدم

کرنہِ کیا آیے تہِ مُشتھے گوکھ وونی

نظم ''باغس منز'' ......

فراق چھُ ''شرط'' نظمہِ منز علامتی اندازس منز عصری تجربس منز ہیٚنہِ آمتس انسانی شعورِکس ہُندریارس سنان سنان پتھ کالس منز دردس تمن قدرن یاد کران یِم زندگی حرارت تہِ حیاتس نغمگی عطا اُسی کران۔ انسانی شعورس کُس دُژیوٚت گو ووقت گذرنس ستی، تس سِندِس بھروسس، عقیدس تہِ یژھ پژھ کُس دیوقامت شک برادو شاعر چھُ اُتھی خیالس یِیمہِ آیہِ اظہار بخشان۔

ژُو چھ ووت کوٚت پتھ یہِ موسم شعورُک

نہ پوٚک سونتھ نزدیک داربن دریچن

نہ بامن کتھن پھٕٹی نہ رنگ وِلی پھلے لٕج

نہ خابن وو گُن وَچھ نہ ارمان شوخے

نظم ''شرط'' ......

مگر یہِ وُنِل زدانہٕ گوٚٹ چھُنہٕ شاعرانسان سُند حتمی مقدر تسلیم کران۔ امہِ وُٹھلی زدی تہٕ انہِ گٹہِ ماحولہٕ منٛز چھُ موکلن پاپے ضرور ہرگاہ انسان پننہِ تہذیب تہٕ تأریخ کٕبن پتھ گوشن شعور کھوٚ چشموسأر کرنٕچ کوشش کرِ۔ شاعرس چھےٚ آش زِ ہرگاہ موجوٗدٕ انسان پتھ کالس منٛز دردست تہذیبی آشارن، نقوشن تہٕ ربوایتن شعور کھوٚ چشمودریافت کرنٕچ کوشش کرِ، حالٕک ٹلہٕ کتھ ہیٚیہِ ضروٗر پتھ کالہٕ کہِ کوچھِ وُشنیر ستی وبگلُن۔ ییلہِ نانہِ دامنس تل رٔٹتھ ژأنگی گاشس شُربن پادشاہ تہٕ پٔری یہِ کتھہٕ وٲنی وٲنی تمن ینہِ واجنہِ زندگی ہنٛد بن رازن تہٕ اسرارن نِش آگاہ اُسی کران۔ فراق چھُ ہیٚرِ کنہِ درج نظمہِ منٛز ییمہِ آیہِ اتھ خیالس شعرُک وردن پأراوان۔

ژےٚ یوسہٕ پادشاہ کتھ دِوان چھی پٕرنی رٕتہٕ
پرکھ ہے پزردون اُچھن تل ژےٚ وو پدی
بہٕ مانتھ اگر تتھ ژٕ اظہار بخشکھ
بہٕ مانتھ بنکھ بُت شکن میأنی پأٹھین
قضا کین اتھن منٛز ژٕ شمشیر پزٕ بزلکھ

نظم ''شرط''......

سونتھ چھُ فراق نہٕ شاعری منٛز اکہِ مستقل شعری پیکر کِس صورتس منٛز ووتلان۔ زندگی ہنٛزن ناہموأرِیَن، مصایبن، مشکلاتن، تکلیفن تہٕ غمن منٛز چھُ سونتُک تصور شاعرس زندگی ہنٛدِ تمہِ سفر کہِ پڑاوٕچ یاداوٗری کرناوان یُس پُرامن، معطر تہٕ خوشگوار گذریومُت چھُ۔ وُچھو شاعر کتھہٕ پأٹھی چھُ سونتہٕ کہِ

پوّت پھیر نُک تمنا کران یُس از کالن باگہٕ دِیتمت شاعرٕ سٕندِس ژٕ دونس تہٕ وجارگی نوبن تہٕ سرتازٕ ناگہٕ ژٕوبن ہُند پتاہ دِیہ ہاے۔

پڑٕنِس تاپس پھیکو پیٹھی آلہٕ وِتھ ژٕر

یہ کرٕ ہانالہٕ مُتی تاپس پڑٕنِس تاپس

اگر سُے سونتھ بییہِ یِی ہے

سےٚ پہرس ہیوٚ تِتھے پاٹھِن

نظم ''اگر سُے سونتھ''......

تِتھٕ پأٹھی فراق نِین نظمن منز یِہندِ دورٕ کی سأری مسأیِل مثلاً اخلأقی تہٕ مذہبی قدرن ہُند زوال، سوسائٹی ہُند تتر بتر سپدُن، جلوتس منز خلوتُک احساس۔ سماجس منز انسأنی جذبہٕ کہِ وُشنیرٕ چ کمی، بےبسی تہٕ غأر یقینی ہُند دم پھاٹہٕ ناون وول ماحول۔ پگہُک خوف بیترِ نظرِ گژھان چھُ تِتھے پأٹھی چھِ یِہندِ بن ڈ ویمبن شارِ صِنفن منز تہٕ خصوصاً غزلس منز تہٕ پتھ کال پسندی ہُند شدید احساس درٕ ینٹھی گژھان۔ لوکچارٕ کی معصوم وِہر، شریر شُری لأزی، شُری پأنکی مِیٹھی تہٕ معصوم خاب، ایثار قربأنی تہٕ وفادأری ہِندی وعدٕ، پادشاہ کتھن ہُند پٕرٕ یہ جوڈُت، ماگہٕ رأژن منز ژأنگی لَیہ تل شِہلی خابن ہُند پڑٕتھن، یِم سأری شعری اِشارٕ چھِ فراق نِہ تمہِ شأعری رٕ دِیکی پڑزناون نشانہٕ یُس تمِس پننِس مُدرِس تہٕ مِیٹھِس پتھ کالس بار بار ووج دِنس پتھ وُتشاوان چھُ۔ کینہہ شأعری مثالہٕ چھےٚ تِتھٕ پأٹھی۔

کتھ تام کتھِ پتھ یاد پیوٚ و از پڑون سمن بل

گٹہٕ کأری اوٚبرس سینہٕ ژٹان دزٲیہِ سو وُزمل

بس اڈس نِش وُچھوم روٗدس منٛز
یادِ کِس میٛنٛزِ پٔشس وسان وُنہِ وُتھ

☆

پوٚت کل چھےٚ وُنہِ ژھاران تتھ وقتس دپان یُس موٗد
ہتھ میل شوقس منٛز کڈان زن اٚسی قدم ڈاے

☆

گذریمتہِ صدی ہنٛدِ شیٚیمہِ دٔہلہِ پتھ ییمو شاعرو کاشرِس غزلس معنوی فکری تہٕ لسانی اعتبارٕ اکھ نٔو زندگی عطا کٔرتمن منٛز چھِ فراق ناوٕہنٛس لایق۔ ییمو تھوو کاشرِ غزل کہِ ربوایتی مزاژک تہٕ پاس تہٕ غزلہِ منٛز نوٚہنٛہٕ اظہار کہِ پاسدٲری ہُنٛد تہٕ خیال۔ یتھہٕ پٲٹھی کوٚر ییمو غزلہِ منٛز سُہ تخلیقی معیار پٲدٕ یتھ منٛز جذبُک خلوص تہٕ اظہارٕچ برجستگی دوشوے صورٕ ژنظرِ گژھان چھےٚ۔ امہِ منفرد لہجہٕ ستی گو وِہنٛدِ غزلہِ منٛز سادگی ستیٖ ستی سُہ تأثیر تہٕ پٲدٕ یتھ برونٛٹھٕ کنہِ بے معنی مبالغہٕ آرٲیی تہٕ ظٲہر پرستی کانٛہہ مول تہٕ موٗل روٗدنہٕ۔ وُچھتو غزلن ہنٛد ین ییمن درج شارن منٛز کتھہٕ پٲٹھی چھُ فراق پتھ کال پسندی ہنٛدِس جذبس نوین شعری تشبیہن تہٕ پیکرن ہنٛدِس صورتس منٛز اظہار بخشان۔

اٚچھ چھس فولادس گژھِ آب
دِل چھس پتھ کالُک شہٕتاب



ونِد کالس منٛز سوٚنٛتکی رنٛگ کم رنٛگ برنس
پتھ کالُک کانٛہہ تاپہٕ دوہا منٛزی چھاوِ اگر

فراق چھُنہٕ پتھ کالس نسبت مأنڈۍ متہٕ شعری رٕوِیک علمبردار۔ سُہ چھُنہٕ جدید کلچرل غلبس تحت روایتی قدرن نفی کران بلکہ تس چھُ یہِ احساس أندری کوٗران زِنوٗبرِ کس پرٛتھ تجربس تحت گرٛاسہِ پردن مٔنٛز اوٚنٛچ اکھ غاٗر سنجیدٕ کوشش۔ توَے چھُ یتھ شارس منٛز تِمۍ ہٕنٛدِ باطنی یا دأخلی تضادُک انتشار أکِس ٹوٚپل تہٕ طنزیہ اندازس منٛز بروٗنٛہہ کُن یوان۔

ژون یہِ فراقن پتھ کالس منٛز راوِ وَتھے
گٔری تن اَسنا دی تن تہٕ کاںٛہہ طعنہٕ ژٕیُہا



تخلیقی عملہٕ ہٕنٛدِس پرٛتھنس تہٕ پوٚٹھنس ہٕتی ییٚتہٕ ڈ ویمن خاٗرجی محرکاتن ہُنٛد اتھ ضروری چھُ آسان تتہِ چھُ فراقس شعری تعمیرتہٕ تخلیقُک بیا کھ اکھ سامانہٕ تہٕ بدس۔ پتھ کالچ یا داوٗری چھُ تخلیقی ناگہٕ راوس وُزِنی لگنہٕ خاطرٕ تمہِ حسین فطری منظرٕک تہٕ ماحولُک مُتلأشی ییمہٕ کِس معطر کرٕنِس فِضہس تل کلبن تہٕ زو یوان اُس۔

بادام پھلیاہ تاپہٕ دوہا اکھ سالہٕ اوٚنٛم
پزٕ بزلہٕ فراقا شاید نٔو کاںٛہہ شارٕچ وَتھ



جدید شأعر ہٕنٛدِ غور و فکرُک محور چھُ خود تسٕنٛز ذات تہٕ ییٚہِ امکی بے شمار امکانات۔ سُہ چھُ سماج، زندگی، زمانہٕ، کائنات کہِ ذٔریعہ ذاتہٕ کٮ۪ن رِشتن سمجنٕچ کوشش کران تہٕ سبٹھاہ سنجیدگی سان تہٕ بأریک بینی سان ذاتہٕ کٮ۪ن نہاں خانن

ۋون دِنٕچ کوشش کران۔ پننِہ جذبن، خیالاتن تہٕ فکروفنٕک اظہار سپدٕھ بامعنی تہٕ تہدأری سان کرُن یژھان۔ فراق تہٕ چھُ اظہار و بیان کِنہِ نوبن پیراین ہُنٛد مُتلأشی۔ أمِس نِش چھ پیکرتراشی تہٕ علامت نگأری ہُنٛد اکھ الگ دُنیاہ، یتھ پتہٕ کنہٕ ڈٕکھِس کٔشیرِ ہٕنٛز پتھ کالٕچ پرأنی تہذیبی وراثت تہٕ شناخت چھےٚ۔ مگر ہمعصر حالاتن ہٕنٛدِ یِمہِ کرتلی چھو کہٕ ستی زندگی ہٕنٛد بن ڈٕ ویمِہ شوبن ستی ستی سانہِ تہذیب محلکو موٕللو آثار تہٕ آکار تباہ و برباد گیہِ تمیُک چھُ سأئنس قداور شأعرس سپدٕھاہ شدید احساس۔ ازکالہٕ کِنہِ حالاتن ہٕنٛز دگ چھےٚ فراقس تیٚتھ وبوٗدٕرتلان زِ سُہ چھُ موجوٗدٕ حالاتن ہٕنٛدی گلہِ مٹھی کٔری ہٕتی چھو کن ہٕنٛز دگ پتھ کالہٕ کِنہِ سوٚنتلی یادن ہٕنٛزٕ کو چھِہ منٛز مشراوُن یژھان تہٕ تخیلی طورسکوٚنکو کینٛہہ لمحات پراوُن یژھان۔

چھُکھ ژٕ پتھ کالس اندر اکثر بیہان
وَن سا کتھ کتھ کیازِ کتھ پٹھٕ فان گوو

تہٕ ہمعصر تبأہی ہٕنٛدی موٗل ژھاران ژھاران چھُ فراق ہیوٗ اظہار پاسل شأعرانہٕ تہٕ یہٕ دٕپِ زِ تہٕ کوٚل گژھان۔

اَز فراقو یادِ ۋوترِس أچ پھٕلے
نار بوٚر سونٛتن گلان بالٕی بالٕی



## مطالعہ کُتب

۱) آنند کلکرنی، An introduction to literary criticesm
...........اشوک چاسکر

۲) عزیز حاجنی، اٗنہٕ خانہٕ

۳) عابد احمد (ایڈیٹر) شیرازٕ، خصوصی فراق نمبر، جموں و کشمیر کلچرل اکیڈیمی

۴) اے، اے رچرڈس، Principal of literary critiasm

۵) بشر بشیر، کاشُرِ شاعری ہُند انتخاب، ساہتیہ اکادمی دہلی

۶) پروفیسر ثریا حسین، غزل، فن اور فنکار، شعبہ اُردو علی گڑھ

۷) شاد رمضان، سہل چھامعنہٕ بوزُن، شعبہ کشمیری، کشمیر یونیورسٹی

۸) جارج سہنٹس، A Dialogue on beauty, pricipals of litetary certicesm

۹) غلام نبی فراق، صداتہٕ سمندر (شعرٕ سۆمبرن)

۱۰) حامدی کشمیری، جدید کاشُر شاعری

۱۱) مجید عاصمی (ایڈیٹر) سون ادب سرینگر نمبر، جموں و کشمیر کلچرل اکیڈیمی

۱۲) مجروح رشید، معاصر کاشُر شاعری

۱۳) قاضی ظہور (مدیر) انہار ۲۰۰۳ء، تقابلی ادب نمبر، جلد ۲، شعبہ کشمیری کشمیر یونیورسٹی

۱۴) ٹیمی کلیویل، Modernism, Nostalgia

# رحمان راہی سٕنٛزِ مختصر نظمہٕ ہُنٛد معنوی تہٕ اسلوٗبیاتی مطالعہٕ

لفظ تہٕ معنیٰ ، تجربہٕ یا اظہار، فکر تہٕ اسلوب یِم چھِ تم اُولی فنی یا تخلیقی ہونر مندی ہٕندی نکتہ، آداب یا شرایط یِم تخلیقی ادب پارن ہٕندس تعمیرس تہٕ تشکیلس دوران پرٛتھ قلمکارس پانس کُن تاکیدی ظون پھِرنس کُن مائیل یا مجبور چھِ کران۔ زندگی ہٕندس سفرس دوران خارجی یا داخلی سوتھرس پیٹھ یِمن حالات وواقعاتن (باسے تم میٹھی آسن یا ٹیٹھی) یِمن نفسیأتی تہٕ ذہنی کیفیون، محسوساتن تہٕ مشاہداتن ہُند تجربہٕ یا تصورأ رِکس تخلیقی ظون تھون وأرِلس فردس سپدان چھُ تہٕ یِمن تصوراتن تہٕ تجربن اظہار بخشنہٕ خاطرہ یتہٕ مختلف فن کارن مختلف وٚسیلہٕ بدس چھِ تتہٕ چھُ شاعرس یا اُدیبس پنٕن وونده ژھٹنہٕ خاطرٕ زبان بحثیت ترسیل یا میڈیم بدس۔ پرٛتھ شاعرس یا اُدیبس چھُ متعدد معنوی امکاناتن ہٕنده بااثر، بامعنیٰ تہٕ خوش کرونہٕ ترسیلہٕ باپتھ مخصوص لسأنی ورتاؤک ضرورت پیوان۔ یوٚہے چھُ وجہ زِ پرٛتھ معیاری ادب پارک روح سمجھنہٕ باپتھ چھُ معنیٰ تہٕ اظہارُک متوازی اِدراک کرُن سبٹھاہ ضروری۔ کُنہِ تہٕ لسأنی سحر کأری ہٕنٛز خألص عملہٕ ہیکو نہٕ ادب یا شأعری گنزرِتھ۔ تہٕ نہ ہیکو کُنہِ عمده خیالس، احساسس، شأعری یا ادب پارُک ناودِتھ۔ معنیٰ تہٕ اظہارُک غأر متضاد

تہٕ معتدل اتحادتہٕ سمت چھُ ادب پارٕ کس شعری یا نثری متنس، خاٗرجی تہٕ داٗخلی مضمراتن، کیفیژن، محسوساتن، تجربن تہٕ تصوراتن ہٕندس تخلیقی ارضتس صحیح یا ممکنہ Contexts منز پرن واٗلس بروٗنہہ کُن انٕنس منز قابل قدر معاونت کران۔ توٗے چھُ وننہٕ یوان زِ معیاری تہٕ اعلیٰ ادب پارُک دارومدار چھُ معنی کِس فکری رفعتس ستی ستی اظہار چہِ معجزہ کاٗری پیٹھ یکہٕ وٹہٕ ڈٕیتھ آسان۔ زباٗنی ورتاو یا اظہارچہِ اُتھی معجزہ کاٗری چھِ لساٗنی عملہِ منز یا ادبی اصطلاحس منز اسلوٗب ونان۔ اسلوبیات چھُ لسانیچ سو شاخ یمہِ کہِ مدد ادبی زباٗنی تہٕ ادب پارن ہٕنز موٗلہ آنکون لساٗنی طریقہٕ کار، اصوٗل تہٕ شراٗیط کامہِ لاگتھ کرنہٕ چھے یوان۔ چونکہ ادب چھُ زباٗنی ہٕندہ ذریعہ اظہار لبان تہٕ اسلوٗبک تعمیر تہٕ تشکیل چھُنہٕ لہٰذا زباٗنی ہنٛز غاٗر موجودگی منز ممکن مگر یتہِ چھُ پزر زِ زباٗنی ہُند مخصوص ورتاو یُس خصوصی لساٗنی اوصافو ستی فنپارس منز گۄڈتھ معنیٰ ہس طرح داٗری، تہٕ داٗری تہٕ فکری جامعیت عطا چھُ کران۔ چھُنہٕ کُنہِ مخصوص لساٗنی فارموٗلاہک گنڈِتھ نتیجہ بلکہ پرٛتھ کانٛہہ تخلیق کار چھُ زباٗنی ہٕندبن بدس وَلن پننہِ صلاحیژ تہٕ قاٗبلیژ مطاٗبق استعمال کران تہٕ اتھ عملہِ دوران چھُ نوٗہنہٕ معنوی امکاناتن ہٕندہ تلاشہٕ خاٗطرٕ زباٗنی منز ضرورتہٕ مطاٗبق ژٕھ کٹھ یا رَدوبدل تہِ کران۔ زباٗنی ہٕندہ پننہِ آیہِ ورتاو کٕنۍ چھُ اُدیب یا شاعر سُند انفراٗدی اسلوب بارسس یوان۔ دویمین لفظن منز ہیکوٚیہِ وٕنتھ زِ تمۍ سٕندس اسلوٗبس منز چھِ کینٛہہ تتھی لساٗنی وَل درٕ پیٹھی گژھان یم تمِس الگ اسلوٗبیاتی شناخت یا طرح چھِ عطا کران۔

رحمان راٗہی چھُ موجودہ کاشُر شاعری ہُند رجحان ساز شاعر یمۍ پننہِ مخصوص

شعری اسلوب تہٕ معنے یا فنی طرحدأری ،کنہٕ کأشُر جدید شأعری گھرہ فکری بالیدگی تہٕ معنوی معراجکو انیکھ امکانات پننہٕ بدون، ممتاز تہٕ منفرد اسلوٗب ستی گأشرأوی۔ چونکہِ رأہی یس چھِ عالمی تہٕ علاقأیی ادبی، تأریخی، تہذیبی تہٕ لسأنی منظرنامس پیٹھ سبٹھاہ گہرہ نظرٕ تہٕ ستی چھُکھ تقابلی ادبُک سرٛ ون مطالعہٕ۔ امہِ علاوٕ چھُ تِمن اجتمأعی ارضی لسأنی تہٕ تہذیبی محاورس پیٹھ گہرہ نظرٕ تہِ، یِم سأری اوصاف چھِ رأہی یس محسوس شعری تجربن تہٕ تصوراتن ہُندس تخلیقی اِظہارس دوران مثبت رہنمأیی کران۔ اساطیر، روایت، تہذیب، تأریخی آثار، لُکہٕ پرٛتھ، معاشرتی گأیلات، نفسیأتی تضادات، ذہنی ہیجان خیزی، کایناتی اسرار، اِنسانی عظمت وشکست تہٕ وجودی مسأیلن پیٹھ سرنہٕ سوچنس دوران یِم تصورات تہٕ نقوش شأعرٕ سندس تخلیقی ذہنس منٛز ردعملہِ رٕنگی کاڈ کڈان چھِ یا شکل پراوان چھِ تِمن مخصوص لسأنی اظہار بخشنس منٛز چھُ رأہی یَس بحیثیت شاعر مکمل مأہرانہ دست گاہ حأصل۔ سُہ چھُ رنگہٕ رنگہٕ شعری محسوساتن تہٕ تجربن ہُندہ متضاد تہٕ متحرک کیفیون ہُندہ عین مطأبق زبأنی ہُند استعمال کران۔ شعری تجربہ کہِ موزون باوژ خأطرہ ہرگانہٕ تِمس بدس زبأنی ہُند مروجہ اسلوب معاونت کران چھُ، سُہ چھُ زبأنی ہُندس تہذیبی دایرس منٛز روزِتھ تہِ نوینہٕ لفظ گران یُتھنہٕ باونہٕ ینہٕ وألس شعری تجربہ ،کس معنوی طرحس کانہہ ددار واتہِ...... مگر یہٕ چھُنہٕ سارنے شأعرن ہُند بتر۔ راہی یَس چھُ کأشرِ زبأنی تہٕ تہذیب ،کس اجتمأعی محاورس پیٹھ گہرہ نظر۔ توَے چھُ سُہ اساطیر، گہے زبأنی روایژ تہٕ گہے تأریخ تہٕ گہے تقابلی مذہبو منٛز تہِ شعری کردارن

تہٕ تمثیلن ہُند انتخاب کران۔ تہٕ یہِ چھُ أمی ہٕندہ شعری اسلوٗبک سارٕوے کھوتہٕ بدون طرح۔

مذکورہ مضمونس منز چھُ مےٚ رأہی ہٕنزٕ مختصر نظمہِ معنوی تہٕ اسلوبیاتی حوالہٕ مطالعہٕ کرنٕچ کوٗشش کٔرمٕژ تہٕ ووٚمید چھَم زِ یہِ مطالعہ تُلہِ تمی ہٕندہ شأعری یہ خصوصاً نظمہ ہٕندہ حوالہٕ تازہ بخشس دِس تہٕ تتھ پأٹھی ہیٚن نٔوِ کتھ برونٹھ کُن تہٕ رأہی ہٕندِ ہ کُلہم شعری رٕویہ کہِ حوالہٕ نیرواریہٕن کتھن پھُٹ۔

یوٚ دوٚے دُنی ہٕچہِ کُلہم شأعری منز کٔرتامنےٚ موضوٗہن ہنزٕ وَکھنے کرنہٕ آمٕژ چھےٚ مگر تہِ کٔرِتھ تہِ چھُ تِمن بڈٕ بن موضوٗہن متعلق پرٕ بتھ کأنسہِ شأعرٕ سُند اپرٕ وچ مختلف آسان۔ کیاز زِ پرٕ بتھ کأنسہِ فردٕ ہٕنز سوچن نٕہج تہٕ ردعمل چھُ تمی ہٕنز انفرأدی یژ موٗجوٗب وکھرٕ آسان۔ اوے چھِ أسی دون شأعرن ہندس اتھ سونچس یا مزاز س فرق کٔرِتھ ہیکان اما پوٚ زِ نہٕ صرف دون شأعرن ٹلی کہِ ہیکہِ أکی سےٚ شأعرِ سُند اپرٕ وچ دون مختلف موقن پیٹھ بدٕ ون تہِ اُستھ کیاز زِ سونچ تہٕ ردعمل چھُ بدلہٕ وُن مگر کُلہم پأٹھی یوٚ دوٚے أسی کأنسہِ شأعرٕ ہٕندبن موضوٗہن مطالعہٕ کرو أسی ہکو تمی ہٕنز مخصوٗص سوچن تہٕ ٲیہِ متعلق کانٛہہ راے قأیم کٔرِتھ۔

تہٕ یہے کتھ نظرِ تل تھاوِتھ ییٚلہِ أسی رحمان رأہی ہٕنزن نظمن سام ہیمو تیٚلہ وار یاہ نظمہٕ چھےٚ یہِ در ایٚنٹھی گژھان یمن منز انسأنی وجوٗدُک المیہ برونٛہہ کُن یوان چھُ۔ اما پوٚ زِ یہِ المیہ چھُنہٕ صرف زمأنی حالژن ہُند دیُت ٹلی کہِ چھُ امیُک محرک فطری حأدثہٕ یتھ منز انسان ہٕنز عمل پانہٕ امہِ المیُک خألق بنان چھےٚ۔ رحمان رأہی یس نٕش چھُنہٕ صرف جدید انسانٕنی یوت پیچیدٕ حالاتن منز ہبنہٕ یتھ

راوان تہٕ کلان ئلۍ کہِ چھُ سہ آدمہٕ ہندِ پٹھے فطری حاٗدثن ہُند شِکار سپدان رۄدمُت ۔ ''قعردریا سلسبیل''، ''صدا''، ''نیۆل غزل'' تہٕ ''دزٕ امُن'' بیترِ نظمہٕ چھےٚ یِمنے حالاتن ہُند پےٚ دِوان یِنہٕ نس انسان سٟز خودکار تہٕ آزاد عمل پانہٕ پننہٕ شکستگی تہٕ المیہ کردارُک خاٗلق بنان چھَ ۔ اتھ برعکس نی توکھ یِنہٕ تہٕ واریاہ کاٗشرِ نظمہٕ مِثالے ''ہیچولر'' (فراق)، آوِلُن (فراق) دِوُر (ناٗدم)، زلرِ زاٗج (ناٗدم) بیترِ ۔ موَن زِیم نظمہٕ چھےٚ جدید انسانہٕ ہندس جدید صوٗرتِ حالس منٛز ژھرٛ تہٕ ژھرٛٹھ کرُونہٕ بے معنہٕ اِنساٗنی زندگی ہنٛز عکاٗسی کران مگر یِمو تام شاٗعرن ہنٛزِ نظرِ ہُند تعلق چھُ، سو چھےٚ نہٕ امہٕ جدید صورت حالہٕ کہِ وانگہٕ منٛز نبر دزٕ امٕژ ۔ راٗہی چھُ اتھ برعکس جدید صوٗرت حال کس اُنس منٛز گلہم شکست خوردٕ انساٗنی اِرتقاہچ تصویر وُچھان ۔ راٗہی چھُنہٕ پتھ کالہٕ کین نوٚنہٕ گُربن تہٕ تِلہٕ تلاوُن منٛز راٗوِتھ پانس تسلی دِوان ۔ تمۍ ہندِ خاطرٕ چھُ ''شیتل ژھایُت'' تہٕ انساٗنۍ تیز اٗبی سوچس تھٔلتھ نوان توے چھُ سُہ ونان

کنہٕ پٹھ چھس یِتھ ژلہٕ وُنہٕ سیکہِ پٹھ پوتجن ٹینکہٕ تلان (صدا)

یِتھین چھے راٗہی ہنٛزن نظمن ہنٛز بیاکھ خوٗبی نۍ نیران سو گیہ زِ تمۍ ہنٛز اکثر نظمہٕ چھےٚ جذباٗتی سوٗتھرِ پٹھ ہیوٚر کھٔستھ فطری سطحس تام واتان، تہٕ جدید شاٗعری ہنٛز اکھ پھیرٕ ہاوخوٗبی چھےٚ یہ زِ یہ چھُنہٕ سطحی انساٗنی جذباتن منٛز وٚلنہٕ یِوان ئلۍ کہِ چھےٚ Instinctive سطحس تام واتان ۔ اٗتھی شاٗعری چھِ تخلیقی تہٕ فکری معراج پراٗوِتھ، پتہٕ آفاٗقی شاٗعری ونان ۔ یِنہٕ نس چھُ یہ وُنن تہٕ ضروٗری زِ انساٗنی فطرت تہٕ نفسیات یِمو دوٚے سطحی طور کُنی باسان چھِ مگر نفسیات چھُ فطرژ

وراُے بیٚیہِ تہِ کینٛہہ۔ فطرت چھےٚ گُنی چاہے انسان گُنہِ تہِ زمانٕک یا مکانٕک اُسی تن۔ اتھ برعکس چھےٚ انسٲنی نفسیات حالاتن ستۍ بدلوٚنی۔ تکیازِ حالات چھِ پانہٕ تہِ بدلان روزان۔ نتیجہ چھُ یہِ نیران زِ تم ادبی تخلیقہٕ یہندس پوٚت منظرس منٛز تتھ نفسیٲتی موضوع چھِ آسان چھِ، چھِ حالاتن ہندِ بدلنہٕ ستۍ اَسہِ تہِ وو پرباسان مگر تتھ شاعری یتھ انسٲنی فطرتس ستۍ واٹھ آسہِ شاید چھُ تتھ امہِ قسمٕک زربر کھےٚ پہن واتان۔

بلند مقامن گُنی چھےٚ دراہ
زمانہٕ بُتھی پھیُر آوار طمی یتھ
دِوان لرِ پھیُر تہٕ تاج پھٹران

(گاش......چمن لال چمن)

وا ے کم کم چشمہٕ شیٖتل شیٖشہٕ ناگ
ہوٚکھی ہوٚکھِتھ گیہ غاُب کوٚت
زنتہٕ تیوٚ نگلن پیٹھ بُزان اڈٕ پھلی گولاب
وا ے نظرن دِتھ گمتی یم روڈ پھٲلی

(یتھ سرٕکہِ پیٹھ...........غلام رسول سنتوش)

یمن شعرن منٛز چھےٚ تمن حالاتن ہنٛز عکاسی آمٕژ کرنہٕ یموٚ ستۍ جدید زمانس منٛز انسٲنی روٗحس یہِ بدحال سپُدمُت چھُ۔ اما پوٚز شاعرٕ سندس بلند مقامس چھیٚہ از گُنی دزٲمٕژ تہِ ازیُس گولاب تیوٚ نگلن پیٹھ بُزنہٕ یِوان چھُ سُہ چھُ راتھ تام کمہِ تام

باغہٕ کہِ مأرۍ منز رٕچ عکأسی کران روٗدمُت۔ اتھ برعکس چھُ رأہیَس نٕش انسان ازلہٕ پیٹھے ''دپٕنٕز ٲ دسل خنجرٕ ستی پٕنٕز اُچھ رتہٕ شیٖہلاوان آمُت''۔ سُہ چھُ توَے ونان:

مٮ۪یہ چھُ شہہ رگہ أندۍ پکھی چأنی قدٕچ چرٛاپھ وٗزان

دہو ژیوٗنمُت آسی

لرکانہِ مٮ۪یہ ییٚلہِ پھٹ مأنتھر پھرٕ کہٕ وٕنی امبرٕ گژھ

یوٗنچ لوٗن وٗژھم دوہٕ ہبڈ رس

رامس رِکھ مأنڈم سیتاہیہِ

(صدا)

رأہی سنٛز ''تخلیق'' تہٕ دینا ناتھ نأدم سنٛز نظم ''نابد تہٕ ٹٹھ وَن'' ہر گہہ دوشوَے بشری تقاضن ہنٛز تخلیقی تصویر کأری چھےٚ، مگر تہِ گٲتھ تہِ چھےٚ دوشہٕ وٕنی ہندس اپر وچس، رٕ وی یس تہٕ سوٗنچس منز واریاہ فرق۔ نأدم چھِ حُسنس قدر زأنتھ اساطیری پیکرن ہٕندِ ذریعہ جنسی جذبن ہُند اظہار کران مگر ستی چھُ سمأجی قدرن ہٕندِ شوٗعوٗرُک باس تہِ دِوان۔ نأدم سنٛز نظمہِ ہنٛز پٔرتھ کانٛہہ عمل چھےٚ علامتی عمل تہٕ امہِ عملہِ ہُند دار ومدار چھُنہٕ گُنہٕ تہٕ رنگس منز تجربن پیٹھ یٕلی کہِ چھُ تجربہ بدل مُشأہدس پیٹھ تہٕ مُشأہدس چھُ سمأجی قدرن ہُند سرٕ ون احساس ڈُکھِس۔ اخلأقی قدرن ہُند یُہے ظأہری شوٗعور چھُ نأدمس علامتی عملن منز فطری جذبک اظہار کرنس پیٹھ مجبور کران۔ سُہ چھُ حُسنس قدر زأنتھ یہِ گلہم تأمیری فکر تہٕ شوٗعوٗرخأطرٕ ضروری زانان۔ مگر اتھ برعکس چھُ رأہی، 'تخلیق' نظمہِ منز حُسنس جبلتھ زأنتھ تمن جبلی خاہشن ہندِ عملی ورتاوٕچ تصویرٕ ہاوان یم

ازلے آدم تہٕ حوایہ ہنٛدِ آزادتہٕ خودمختار وجوٗدُک محرک بنیو۔ 'تخلیق' نظمہِ ہُندس پوٚت منظرس منٛز چھُنہٕ کانٛہہ سماجی قدرٕ ئلیو کہِ اکھ مجبوری یوسہٕ جنسی بوٚچھِ تیز راوان چھےٚ تہٕ امیُک لازمی نتیجہ چھُ یہِ نیران زِ بوٚچھِ چھِ عملہِ زاینٛن دِوان تہٕ یہِ عمل چھُنہٕ ناآدمٕ سنٛدی پاٹھی علامتی عمل ئلیو کہِ انسانی عمل یوسہٕ تجربک پاداوار چھےٚ نہ زِ مُشاہدُک۔ نظمہِ منٛز چھُ جنسی تجرشہٕ ستی ستی نفسیاتی ہیجان خیزی ہنٛز تہِ تصویر ووتلان یوس زن عملہِ منٛز آوٕری۔ کردارن حاٚرانی ہُندس سٕدرِس منٛز ڈٕنگ تہِ دیاوان چھےٚ تہٕ ناہدی پھٔلین ہنٛدِ میچھرُک تہٕ مٔدریارُک حظ تہِ بخشان چھےٚ۔ ہرگہہ راٗہی تہِ ناآدمٕ سنٛدی پاٹھی علامتی اظہارس کاٗم ہیٚیہٕ ہے نظمہِ ہنٛز عمل باسہِ ہے ناآدمٕ سنٛز نظمہِ ہنٛدی پاٹھی کانٛسہِ بالافطری کردارٕ سنٛز عمل۔ یہِ بالافطری عمل چھُنہٕ پرن وألِس منٛز سُہ ہیجان انگیز تاثر ووتلاونس منٛز کامیاب سپدان یُس ہیجان انگیز تاثُر راٗہی سنٛز 'تخلیق' پرِتھ پانہٕ خود ووتلان چھُ۔

میٚیہ کوٚنہٕ پُتھرس پلان کانٛہہ انگ
کٔنن میٚیہ پکھ واو ہیوٚ گرشھان چھُم
یہِ کٕشہ سیاہ گوپھ بہ کور ووتس
میٚیہ دامہٕ چھا چوٚن یہِ نارٕ آگر؟
(تخلیق)

گنہٕ تہٕنجہِ چھِ ووشلیمو اوٚبرس
چھلہٕ چھانگر گٔیہ واوس زُلفن

کچھ سورے گوٚو گُمہٕ سۍ باغس
کُنتی ما کوٚر کرنس آلو......

(نابدتہٕ ٹٹھ ون)

جنس چھُ اکھ فطری عمل تہٕ فطرتھ چھُنہٕ ظاہری رنگ روغنک قٲیل۔

بقول ڈاکٹر اقبال ؎

میری مشاتگی کی کیا ضرورت حُسن معنی کو
کہ فطرت خود بخود کرتی ہے لالے کی حنابندی

شاید چھُ نادم سُند ترقی پسند سوچ تُمس اتہِ نس تہٕ جبلی جذبک فطری اظہار دِنس منز بتھ آمُت۔

رٲہی تہٕ نادم ہنز کُلہم شاعری نظرتل تھٲوِتھ ہکو وٕنتھ زِ نادم چھُ پنُن تجربہٕ پیکروذریعہ تہٕ رٲہی چھُ پیکرن ہتی علامتو تہٕ کردارن ہنز عملہ ذریعہ پنہٕ نین تجربن شاعری اظہار دِوان۔ تتھہِ مثالہٕ چھےٚ دوشوٕنی شاعرن ہندس کلامس منز میلان یم نظرِتل تھٲوِتھ یہ ہکو وٕنتھ زِ یتہٕ نادِم ہنز شاعری مصوری (Painting) نکھہِ واتان چھےٚ تتہِ چھےٚ رٲہی ہنز شاعری ڈرامہس نکھہٕ واتان۔ نادم ہنز امہِ قبیلچ شاعری چھےٚ ثینہٕ ٹک چیز۔ ضروٗری چھُنہٕ زِ پرن وول کیا سپد تتھ عملہِ منز شریک تکیازِ اتھ چھنہٕ سو عمل یوسہٕ اسہِ پانس ہتی آور۔ اتہِ چھُ پرن وٲلی سُند سوچ یتھ گتہٕ گیرس منز زِ ''کیا آسہِ''؟ یا ''کیا چھُ''؟ بہتر۔ رٲہی ہنزن نظمن منز چھُ اتھ برعکس پرن وٲلی سُند سوچ ''کیا سپد یا''؟ یا ''کیا چھُ سپدان''؟ بیترِ ترایہٕ گن نُمتھ آسان مگر سوالیہ رجحان چھُ دوشوٕنی منز

تہٕ یہٕ چھےٚ دوشہٕ وٕنی ہنٛز خوٗبی۔ وون گوٗ وناٗدم چھُ پیکرو ستی تاثر ووتلاوان۔ اتھ منٛز چھُ باضے یہٕ تہٕ ممکن زِ اکُے تاثر ووتلاونہٕ خاطرٕ چھُ بےٚ گنڈتہٕ بےٚ وایہٕ مُرژن ہُند استعمال کرنہٕ یوان۔

بوٗنیاہ، بجرا بیٚیہٕ شہجارا

سرواہ، سبزہ بیٚیہٕ وونہٕ ژاراہ

(نابدتہٕ ٹیٹھ ون)

بوٗنی پٔری تھےچھُ بجرُک تہٕ شہجارُک تصور برونٛہہ کُن یوان یا سرَ وٕ گلے ہیکہٕ ہے سبزارُک تاثر ووتلاوتھ۔ اتھ برعکس چھُ ڈرامٲیی عملہٕ منٛز تاثرٲتی ارتقس ستی فکری ارتقاتہٕ آسان۔ تتہٕ چھُ لفظس لفظس مانہٕ تہٕ اچھرس اچھرس زو۔

شاعری چھےٚ زبٲنی ہُند اکھ مخصوص ورتاو تہٕ اتھ ورتاوس پتھ یٔت دست گاہ شاعرس آسہٕ تیوت چھُ تٔمی سُندِ فنکارانہٕ بجرُک قٲیل یوان سپدُن۔ رحمان راہی سنٛز شاعری تہٕ خصوصن نظمن متعلق کتھ کران چھِ کینٛہہ نقادٲمی سنٛز زبٲنی گوٗب تہٕ ویکھ آسنُک اِلزام دِوان مگر یوٗ دوٚے راہی سٕنزن نظمن ہنٛز تخلیقی زبٲنی ہُند سروٗن لسٲنی مطالعہٕ کرو۔ یہٕ الزام چھُنہٕ نقادن ہنٛز غلط فہمی تہٕ ازانبر ورٲے بیٚیہٕ کینٛہہ تہٕ۔

عام بول چال چہٕ زبٲنی تہٕ تخلیقی زبٲنی ہنٛز بُنیٲدی فرق چھےٚ یہٕ زِ عام بول چال چہٕ زبٲنی منٛز چھُ دِنہٕ آمُت صوٗرت حال ونٕن وٲلِس ستی ستی بوزن وٲلِس تہٕ گُنہٕ حدس تام ویوٗ دباسان۔ تکیا زِ اتہٕ چھُ آسان بوزن وٲلِس تہٕ ونٕن وٲلِس درمیان سیدٕ سیوٗ دمیٖل۔ مگر تخلیقی زبٲنی منٛز چھُنہٕ یہٕ دِنہٕ آمُت

صورت حال تخلیق کارس تہٕ پرن واٗلس درمیان مشترکہٕ آسان۔ اتہٕ چھُنہٕ یمن دون کاتھہ سیٚد سیوٚ دواتھ۔ تتہٕ چھُ دِنہٕ آمتس صورت حالس تام واتنہٕ موکھ لفظن نِش معنے پھوان بدِ کڈُن۔ دویمن لفظن منز ہکبو یہٕ وٗنتھ زِیٚتہٕ عام زباٗنی منز لفظن اجتماٗعی معنہٕ بخشنہٕ یوان تتہٕ چھُ تخلیقی زباٗنی منز لفظن عروٗضی تہٕ منطقی رِشتو نِش آزاد کٔرتھ تِمن ذاٗتی معنہٕ بخشنہٕ یوان۔ توے چھِ عام زباٗنی منز اسہِ، کینٛہہ لفظ کُنہِ مخصوٗص سیاقس ستی ورتاونچ ہاٗل آسان مگر شاٗعری منز چھُ اتھ برعکس سپدان۔ لفظن ذاٗتی معنہٕ پُشراونچہ عملہِ دوران چھُ شاٗعر مختلف سیاقن ہندی لفظاٗ کِس نوِس سیاقس منز ورتاوان۔ چنانچہ یہے چھےٚ شعرٕچ سوخوٗبی یوسہٕ پرن واٗلی ہندبن خیالن منز اکہِ قسمٕچ ironyپاٗدِ کران چھےٚ تہٕ اَمی ironyہُند نتیجہ چھُ شاٗعرانہٕ حظ تہٕ نیران۔ یوٚ دوَے قاٗری ہندس نفسیاٗتی رٔوی یَس سٔو یِیے متضاد تہٕ مختلف سیاق واٗلی لفظ چھِ تِمس منز سُہ توثر ووتلاوان یُس اکہِ پاسہٕ پرٛژھل تہٕ بیٚکہِ طرفہٕ احساس خیز آسان چھُ۔ چنانچہ پرٛبتھ لفظس ستی چھُ پنُن مخصوص، حساٗسی علاقہٕ آسان۔ یتھے اٗسی سُہ لفظ کُنہِ شعرس منز پران چھِن تتہِ چھُنہٕ کُنہٕ پاٗٹھی تہٕ امہِ لفظُک پنُن سُہ سورے توثر غاٗب گژھان بٔلکہِ چھےٚ اَمِچ مؤلہٕ بوے اتھ ستی آسان۔ چناچہِ ییٚلہِ اٗسی کانٛہہ تیُتھ شعر پران چھِ یتھ منز متضاد احساسی علاقہٕ یا متضاد سیاق واٗلی لفظ آسان چھِ تتہٕ چھُ ساٗنس ذہنس منز اکہِ طرفہٕ لفظہٕ کہِ پننہٕ تاثرٕچ ژھاے تہٕ دویمہٕ طرفہٕ شعرکہٕ سیاقہٕ ستی ووپہٕ دیوٗمت توثر ووتلان۔ لفظہٕ کہِ پننہِ سیاقہٕ کہِ احساسی علاقہٕ پتٛھ شعرٕکِس سیاقس منز ووپدیمتِس تاثرس تام یوٚ دوَے قاٗری سُند ذہنی سفر سپدٕتھے موخصر چھُ مگر یہِ

چھےٚ اکھ تبدیلی تہٕ یہے تبدیلی چھےٚ ژکہِ شاعری منز جمالیاتی حض بخشان......
یوٚ دوَے یہِ کتھ نظرِ تل تھاٲوِتھ ووٕنی رحمان راہی ہٕنزن نظمن ہندس زبانی
ورتاوس سام ہموٚ یتھ کتھِ پیٹھ کرنہٕ شاید کانٛہہ تہِ شک زِ رحمان راہی ہٕنز زبانی
ہنز پھیرِ ہاو خصوٗصیت چھےٚ سبٹھہے مختلف تہٕ متضاد لفظن ہنز ترکیب بندی۔
لفظن ہُند امہِ قسمُک ورتاو چھُنہٕ صرف راہیس نشی یوٗت درٛینٹھی گژھان
بلکہِ چھِ یژھہٕ مثالہٕ کینژن باقیٕ شاعرن نِش تہِ موجوٗد مگر راہی یَس نِش چھُ
یِم لفظ ورتاونُک اکھ منفرد سٹایل سُہ منفرد سٹایل نیرِ تمہِ ساتہٕ نوٚن ییلہِ أسی أمی
ہٕنزن نظمن منز صِفاتی لفظن سام ہموٚ، سُہ چھُ خالے کانٛہہ ناوٗت (Noun)
تیُتھ ورتاوان یَتھ نہٕ صفاتی لفظٕ ستی آسان چھُ......کینٛہہ مثالہٕ چھہٕ پیش:

کیاوُنہِ تہِ سمکھےٚ نا
سُہ بزٕ ژہٕ بزٕ ژہٕ کرٕ دُن خنجر
چھو کہٕ لدٕ ہیمنی ہنزٕ ٹکہِ زاگے
ونہٕ وٕتھی تورگن ریٚہہ وُٹھی چو بکھ......

(تعارف)

گٕنڈی نوکھن پیٹھ شوقہٕ وُتاوٕلی لوٕ پھیری
تھاران
پزاران
لبہِ پیٹھ لٔب حوالہِ رِیچ ریٚہہ
أس بلیوس

آدم پھرٕٹہٕ ہوٗت اتھ پلہٕ وان
ہیرٕ بونہٕ وٗزملہٕ وۄلنبا اکھ نشہٕ وأ ژم
گٔہلس جنگلس چم چم نار

(تورٕ پھیرتھ)

لولہٕ وَنہٕ وہ شلیو وَچھ تھمبرٕ وجوٗد
مٔتۍ چھِ درٛسہٕ واں واوٕ ہانکل
ژٔانگی رٔسہہ تل شاعرس رتھ سٔندی جہِ بوٗلی

(سونتھ)

وچھتو پرٛتھ گٔنہِ ناوِ تس چھُ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ صِفٲتی لفظ ستۍ :

| ناوٗت | صفت |
|---|---|
| خنجر | برٛژھہٕ وٗن |
| تورگ | وَنہٕ وٗتھی |
| رٔسہہ | رٔ سج |
| سیمنز | چھوکہٕ لد |
| آدم | پھرٕ ٹہٕ ہوٗت |
| نار | چم چم |
| روٗسی گٹ | وٗزمَلہٕ وۄلیا |
| وۄجوٗد | تھمبرٕ و |

''برٛژھ برٕ زٕ وٗن''، ''وَنہٕ وٗتھی''، ''رٔسہہ وٕ ٹھی''، ''شوقہٕ وٗ تاوٕلی'' ہیترٕ صفاتی

لفظ یمن ناوتین ستۍ وابستہٕ چھ تہند معروضی یا منطقی رشتہٕ ژھاران ژھاران یوٚ دوَے کاتھہ نقادنا کام سپد تھ اتھ گوٚب زبان آسنک الزام دِیُٛس چھُ پزی پأٹھی تمی سٕنز ناپوختہٕ ناقدانہٕ صلاحیژ ہُند باس............شاعر چھُ منطقی تہٕ معروضی رِشتہٕ بدل اکھ نوٚو رشتہٕ ڈُری یاف کران۔ یہِ رشتہٕ یوٚت نوٚو تہٕ متضاد آسہِ تیوٚت چھُ نہٕ صرف شعر احساس خیز بنان بلکہ چھیہ یہِ ترکیب سأزی شاعرانہٕ تجربچ تمثیل تہِ بنان۔ لفظن ہُند امہِ قسمُک ورتاو چھُنہٕ صرف رحمان رأہی یوت کران بلکہ چھُ باقے شاعرن منز تہٕ یہِ درٛیٹھی گژھان۔ مگر رحمان رأہی ییمہِ نوٚیرٕ تہٕ متضاد آیہِ ناوِ تی لفظن ستۍ صفأتی لفظ ٹھولِ لاگان چھُ تتھہ مثالہٕ چھیہ تمی سٕندبن ہمکال شاعرن منز کمے پہن درٛیٹھی گژھان۔ وُچھی تو یم کینٛہہ مثالہٕ:

لوٚتچہ منز چھس چھاوان لانچل جنٛگلی نار
نالے قُلکی ڈُلہٕ گژھونی شار
شانشل زِنی موٚنڈلیہ ستھ مولہٕ وان آکاشی آرُت

(نیوٚل غزل)

پوٚز کھَنہٕ دِمہٕ سے پٹھ یوقوٗتی برٛہن پھوٚر پوتجہٕ سُرُت

(تورٕ پھیرتھ)

نارُک تیز رہنا زیادے پہن ہاونہٕ سببہٕ یوٚ دوَے اتھ "جنٛگلی" ونو مگر لانچل وٕنتھ چھ اتھ حیوأنی خاصیژ پأدٕ سپد مژ۔ شعرن "ڈُلہٕ گژھونی" وننہٕ ستۍ چھُ کایل تہٕ اکایل کہِ ملہٕ ستۍ اکھ متحرک پیکر و تلنس ستۍ ستۍ شاعر پنہٕ نین مسحوساتن معروضی سوٚ کوٗنتھ دِتھ ہیوٚ کمُت۔ ترٛیمہِ شعرُک اہم ناوٗت چھُ "زِنی

موٚنڈ‘‘ مگر شاعرن چھُنہٕ عام معروضہٕ تہٕ منطقہٕ مطابق اتھ ستۍ ہوٚکھ دوٗر، اوٚ دُریاہ ٲر پک ہوبن صفاٲتی نقطن ہُند رشتہٕ قٲیم کوٚرمُت۔ اتھ برعکس چھُن اتھ شانشل وۄنمُت تہٕ یہِ شانشل لفظ چھُ حیوانات کِس عالمس ستۍ وابستہٕ تہٕ زِنۍ ’’موٚنڈ‘‘ چھُ اَزوۍ عالمک۔ حیوانات کہِ عالمہٕ پیٹھ ازوۍ عالمس تام قٲری سُند ذہنی سفر چھُ اتھ سفرس منٛز شاعرانہٕ تجربچ تخلیقی بازیافت کرنس منٛز مددگار ثابت سپدان۔ شاعر سُند پرژھل سوچ چھُ سوالس زایُن دِوان۔ سوال چھُ لفظن ہُند جامہٕ وَلان تہٕ لفظن چھُ معنہِ راوان۔ زندگی چھےٚ کاڈ کڈِتھ تہٕ رنان تہٕ رٕنِتھ تہٕ یہِ گُلہم کاینات پننس پھٔرس تل ژۄمراوِنۍ یژھان۔

وچھی تو ووٚنۍ یمن کیٚنژن نظمن ہٕندبن بندن منٛز چھُنہٕ پرن واٲلس سوچن لایق کہنی۔ تِکیازِ رشتہٕ چھِ سطحی تہٕ عام:

شامہٕ شہُل کانٛہہ منہٕ وِتھ اٲنی تون
شراوِنۍ اوٚ برس نادادِی تو
یاداو ٲری گٔری تو کانژھ اہ بادام پھُلین
پھرٕ کہٕ وُن ژلہٕ وُن چھِٹہِ پوٚنپورا......

(صدا......رشید نازکی)

پتہٕ اوس راتس ژِھدہٕ روٗس شین پیوان
اَڈۍ جل کرزِ گوو
رسہٕ رسہٕ شینس تل

(اکھ نظم......حامدی کشمیری)

شِہلس شامس ہیوٚ وُنن ،اوٚ برس شراونک ونن تہٕ شێن پۄنس تُندی بخشنہٕ خأطرٕ اتھ ژِھدٕ رۆس وُنن یا کرٕنزس أڈۍ جن ہُند ونن۔ یِم سأری رِشتہٕ چھنہٕ کُنہِ تہِ پأٹھۍ پرٕژھلی تہٕ حأران کرٕونی ۔ نہ چھ تیتۍ مختلف تہٕ متضاد۔ راتھ چھےٚ خاموش آسأنی ۔ یوٚ دوَے اتھ زٕ رتہِ وَنوتہٕ کُج تہِ ۔ کہنہٕ فرق پێیہٕ نہٕ۔ کیازِ یِم سأری صفأتی لفظ چھِ اکی سطحکی۔ یِمن لفظن ستۍ شأعرسُند یُس جذبأتی رٕ وی یہٕ وابستہٕ چھُ، سُہ چھنہٕ کُنہِ تہِ رٕنگۍ مبہم۔ تخیلہٕ کھوتہٕ چھُ حساب دأنی ہُند ۲+۲=۴ منطق پتہٕ۔ اتھ برعکس چھُ رأہی سٕنزن نظمن منز شأعرانہٕ منطق۔ یُس سائینسی منطقہٕ نشہِ سبٹھاہ وِکھر چھُ تتہِ چھنہٕ۔ بلکہ ہیکہِ امیک وُلٹہٕ تہِ أستھ۔ شأعرانہٕ منطقہٕ چہِ امہِ تخلیقی عملہِ ستۍ چھُ بیاکھ نتیجہ تہِ نیران۔ سوٚ گیہٕ نوٚ تہٕ طرح دار لفظ تھرُ ے۔ یہِ کتھ نظرِ تل تھأوِتھ چھُ یہِ وُنن پزٕ زِ کاشرِ شأعری منز چھُ لل دێدِ پتہٕ وارِیہس حدس تام رحمان رأہی سُہ شأعر یُس تخلیقی عملہِ منز لفظن ہندِ مولک شدید احساس سپُد۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس رحمان رأہی تہِ لفظن بےٚ گنڈتہٕ بےٚ وایہِ ورتاوان۔ یمیُک ثبوت ''نوروز صبا'' چہِ اکثر نظمہٕ چھےٚ۔ مگر پتو لاکن سپُد رأہی یُس شأعری اختصارُک شدید احساس تہٕ ترکیب سأزی، علامت، تہٕ تشبیہہ بیتر آیہِ ذأتی معنے ین منز استعمال کرنہٕ یتھ ستۍ اجتماعی تصور وابستہٕ چھنہٕ بلکہ یتھ ستۍ شأعرسُند ذأتی شعوٗر تہٕ تصور وابستہٕ چھُ۔ امہِ عملہِ ستۍ سپُد شأعری منز ابہام تہِ پأدٕ مگر یہِ ابہام چھنہٕ کُنہِ رنگہٕ لفظن ہُند ابہام۔ یہِ ابہام چھُ تاثرک ابہام۔ یہِ ابہام چھُ معنیُک ابہام۔ یہِ ابہام چھُ تاثر تہٕ معنے یَس درمیان تمہِ کھَیہِ تہٕ ژھنُک ابہام یُس لفظن غارٕ منطقی وابستگی ستۍ تھنہٕ

پیٚوان چھُ۔ اماپوٚز تتھی تہِ چھِ کینٛہہ موقہٕ پیوان ییٚمہِ ساتہٕ رحمان راہی پٔنٛن فن ناوِتیٚمن تہٕ صفاتن ہٕندس رشتس پیٹھے قوربان کران چھُ۔ نتیجہ چھُ نیران زِ نظم یا شعر چھُ جان شاعری بدلہٕ فکرانگیز بیان بنان مثالے:

یُس وُشنیر کہِ گوڈ نکہِ ووتھ یوٚ بروٚنٛہہ تہِ ووتھمُت اوس
تہٕ شٹھیار کہِ انتمہِ لرِ پھرِ پتہٕ تہِ نژان روٗد

(صدا)

یتھ منٛز چھُ شاعر سُند سورے توجہ صفاتی لفظن کُن روٗدمُت۔ توٚے چھُنہٕ گُلس پیٹھ نظمہِ ہُند یہ مصرعہٕ نظمہِ ہندس گُلہم تاثرس دربرٛجشان۔ اماپوٚز زیٚم ساتھ چھِ راہی سنٛز شاعری منٛز خالے لبنہٕ یوان۔



# مطالعہ کُتب


۱) ایم، اے، آر، حبیب، Modern Literary critisism and theory

۲) ڈاکٹر سید عبداللہ، اِشارات تنقید، بسمہ کتاب گھر دہلی

۳) جی، این خیال، Progresive literary movement in Kashmir
............گاشرٕ مینار

۴) جے، ایل، کول، Studies in Kashmiri، کپور برادرس

۵) کے، ایل، کلا، The Literary Heritage of Kashmiri

۶) لیوی سِٹرس کلارڈ Structural Anthroppology، لندن ایلن لین

۷) مشعل سلطانپوری، دھوٚنٛشہ تہٕ میزان

۸) مجروح ریشد، معاصر کاشُر شاعری

۹) نارتھروپ فرائے Anatomy of Criticism پرنسٹسن یونیورسٹی پریس

۱۰) پی، این کے بامزائی، A History of Kashmir ,Ist edition، میٹروپولیٹین دہلی

۱۱) پی، کے، نیر، From Text to Theory، وینابکس

۱۲) رسالہ تہٕ میگزین، شیراز، انہار، نٛیج، آلو، بازیافت، وولرکی ملر، کشمیران سایٹ

۱۳) رحمان راہی، سیاہ رۄدٕ جرین منز، کٔدلہٕ ٹھٔٹِس تل (شعرٕ سوٚمبرنہٕ)

۱۴) رچرڈ ہارلینڈ، Super structualism، روٹ لیج لندن

۱۵) شادرمضان، سہل چھامعنہ بوزُن

۱۶) شفیع شوق تہٕ ناجی منور، کاشرِ ادبُک توٲریخ، شعبہ کشمیری کشمیر یونیورسٹی

# مرغوب نہٕ شاعری ہٕنٛدی
# کینٛہہ ویٚدی تہٕ اویٚدی رنگ

ربّن بخٛشُس تھزر سیٚزرس تہٕ پزٕرس
گُلشن منٛز حُلیہِ شمشادس چھُ بدلے
(تجلِّستان ص ۳۸)

مرغوب بانہالی چھِ تمن کاشُرٕ بن معتبر تہٕ مُستند لِکھاربن ہٕنٛدِس حلقس منٛز اکھ مخصوص تہٕ ممتاز حیثیت تھاوان یِم مُسلسل پاٹھی پتہٕ مو پنٛژہ ہوٕری یو پٹھ پننہٕ عالمانہٕ مطالعہٕ ستی، پننہِ منفرد شعری اسلوٗبٕ ستی، پننہِ گہرِ تحقیقی بصیرت ستی تہٕ پننہِ بے باک تجزیاتی تہٕ تنقیدی شعورٕ ستی کاشرِ زبانی تہٕ ادبس عوامی سوٗتھرِس پٹھ تھوٚد تُلنہٕ اُتھ اکھ باوقار، دانشورانہ تہٕ عالمانہ جہت دِنس منٛز پُرخلوص کوشش کران چھِ۔ اُتھ قبیلس ستی وابستہٕ أدیبن تہٕ شاعرن اُس مشرقی تہٕ مغربی دوشوٕنی علومن منٛز اُستادانہٕ زان کاری تہِ بدس تہٕ یمن اوس وسیع مطالعہٕ تہٕ ماجہِ زیوِ علاوٕ اوسُکھ باقے زبانین پٹھ تہٕ ماہرانہٕ دسترس۔

دوٚیم امتیازی پزٕ زنتھ چھےٚ یمن پتمین کالہٕ باجبن ہٕنٛدِس مقابلس منٛز یہِ زِ یِم اُسی نہٕ شہری تہذیبکی پرورد یتہٕ زندگی ہٕنٛز پرٕتھ کانٛہہ آسائش بدس اُسکھ۔

یِم چھِ تتھ جغرافیٲیی تہٕ لسٲنی خطس سٟتی تعلق تھوان ییٚتہٕ صِرف کٲشر زبان عام لۄکن ہنٛز بول چال نہٕ ؤحد زبان اُسۍ نہٕ بلکہِ اُس گوجری، پہاڑی، سِراجی، پوگلی تہٕ باقے زبانہٕ تہٕ رایج العمل۔ مگر تخلیقی اظہار باپت کٲشر زبٲنی ہنٛدِ انتخابہٕ سٟتی کوٚر یِمو شعوری تہٕ فکری طور دوٚن جغرافیٲیی تہٕ لسٲنی خطن درمیان اکھ مضبوط معاشرتی، ثقافتی تہٕ لِسٲنی اتحادُک رول ادا۔ اتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ مرغوبس بڑ ونٹھ تہٕ چھِ چناب خطس منٛز خاص کر کشتواڑ تہٕ بھدرواہ علاقس منٛز تِتھی اُدیب تہٕ شاعر وۄتلیمتۍ یِمو اُردو زبٲنی سٟتی سٟتی کٲشر زبان تہٕ پننہِ شعری اظہار باپت استعمال کٔر مگر مرغوب صابُن انفرادی بجر چھُ یتھ کتھہِ منٛز پوشیدہٕ زِ یِمو کرنہٕ کٲشرِ زبٲنی ہُنٛد ورتاو محض شعری تجربن تہٕ خیالاتن ہنٛدِ اظہارٕ باپتھ بلکہِ کوٚر رُکھ امیُک شاندار استعمال عالمانہٕ موضوعاتن ہنٛدِ باوٕژ خاطرٕ، معیٲری تحقیقی مطالعن باپت تہٕ تأریخی بحث و مباحثن باپت تہٕ۔ یتھہٕ پٲٹھی چھِ یِم بالہٕ اپارِم گوڈنِکۍ اُدیب یِمو پننہِ ووپزاوِ کوٗششو سٟتی کٲشرِ زبٲنی ہنٛدِس فنی، فکری، لغوی تہٕ لسٲنوی باڑوس کتہِ کور وُسعت عطا کٔر تہٕ یتھہٕ پٲٹھی دژایہ یِم پتٲمن پیشرون منٛز کتہِ کور برونٛہہ۔

مرغوب بانہٲلی سُنٛز شخصیت چھےٚ ہمہ پہلوتہٕ تہٕ بسیار پاسل تہٕ۔ یِم چھِ صاحبِ طرز شاعر تہٕ اکھ بہلہِ پایہ نقاد تہٕ تجزیہ نگار تہٕ۔ یِم چھِ تسلیم شدہ ترجمہٕ کار تہٕ تہٕ ثقافتی تأریخ دان تہٕ۔ یِم چھِ سنجیدٕ ظون تھون وٲلی محقق تہٕ تہٕ لُکہٕ ادبکۍ پوٚختہٕ ماہر تہٕ۔ یِم چھِ زبان دان تہٕ تہٕ ماہر لسانیات تہٕ۔ یِم چھِ مُدرِس اخلاقیات تہٕ عالمِ اقبالیات تہٕ۔ یِمن ہنٛز تخلیقی تہٕ غٲر تخلیقی شخصیت چھےٚ پرٛتھ

لحاظہٕ ماأری منز لوبہٕ وٕنی تہٕ منس پزٕ یہٕ وٕنی ۔ یہنٛدی مشاہدات، محسوسات تہٕ تجربات چھنہٕ محض تِہنٛدِ وسیع مطالعکی پأداوار بلکہ یِمن ہنٛدی تخلیقی ناگہ راد چھِہ ارضی منظر نامہٕ چہٕ کوچھِ منز کاڈ کڈٕتھ یہنٛدِس دأخلی وجودس ستی ہم آہنگ سپدِتھ فن پارن ہنٛز شکل پزٕ اوان ۔ توے چھنہٕ یہنٛدِس شعری اظہارس باقےٚ ہمعصر شاعرن ہنٛدی پأٹھی فارمولائی نظریہٕ ہیچ ہانٛژ لگان ۔ یا وقتی غالب رو.حجانک شرح یا تشریح یِوان مانٕنہٕ ۔ یِمن ہنٛزِ شاعری ہنٛز لگہٕ ہأری چھےٚ پزٕتھ دورس منز مُسلّم ۔

مرغوبُن شعری اظہار چھُ پرن وألس پانس کُن متوجہ کران ۔ یِہنٛزن پانٛژن شعر سومبرنن ہُنٛد مطالعہٕ کٔرِتھ چھُ مرغوبؔ نہٕ مخصوص شعری رٔ ویک، تخلیقی شعورُک تہٕ فنکارانہٕ فہم و اِدراکُک پےٚ ژھارنس منز واریاہ مدد لگان ۔ اَمہِ علاوٕ چھِہ یِم مرغوب نہٕ زندگی ہنٛدِ بن مختلف پزٕاون پیٹھ یِمن ہنٛدِ تخلیقی شخصیت کِین تِمن خارجی تہٕ دأخلی مُحرکاتن ہُنٛد پےٚ میلان یِم یہنٛدِس فنی شعورس تہٕ تخلیقی آگہی نوبن تقاضن تہٕ ضرورتن ہنٛدِس پوٚت منظرس منز نوبن معنوی سِمتن تہٕ مٔنزلن ہنٛز نشاندہی کرنس منز اتھہٕ روٚٹ کران چھِہ ۔ مرغوبس نِش چھےٚ شاعری اکھ خود کفیل تہٕ خود مختار تخلیقی عمل ۔ یوس دأخلی تہٕ خارجی سوٚتھرس پیٹھ محسوساتن تحت اظہار کہ تصوٗدُم تہٕ اِشتراک ستی زاےُن لبان چھےٚ ۔ تِمن نِش چھُ پزٕتھ تجربہٕ پزٕتھ کانٛہہ محسوس خیال اظہارِ کی پننی قالب پانے تلاش کران ۔ وونی گوٚو شاعرس کوتاہ دسترس آسہٕ زبانی ہنٛدِس تخلیقی ورتاوس پیٹھ تہٕ لسانی تہذیب کِس پوٚت منظرس پیٹھ تیوتاہ ہیکہِ شعری تجربک سنبر تہٕ گہرأئی ہُنٛد انداز سپدِتھ ۔ مرغوب چھُ ''پرتوستان'' شعر سومبرنہِ کِس ابتداہس منزٕ سرناس

منٛز پننہِ تخلیقی شعورُک تہٕ فنی رٕوی یٖک باس دِوان۔ مثالہِ خاطرٕ چھِ یِم شعر پیشِ خدمت۔

ٹٹھٕہِ وَنن ہٕنٛدس وَنس منٛز مانٛچھ ووتلاوُن چھُ فن
منٛز سنگستانس گولابا کاڈ کڈناوُن چھُ فن
لفظٕ وَردن معنیس موزون کپٹاوُن چھُ فن
ورگہٕ وَنس منٛز علامٕژ سپنہٕ ووگناوُن چھُ فن
آگہی ہُنٛد سورمہٕ لاٗرِگتھ جلوہ للہٕ ناوُن چھُ فن
انتظارس اعتبارُک ساز بۄمبراوُن چھُ فن
فن چھُ تجربہٕ چھِمن غِلافن منٛز وَلُن ذوقِ جمال
بارسس ئو زو اٗنتھ احساس لفظاوُن چھُ فن



مرغوب نہِ شعری قوتِ اظہارُک بۄڈ وصف چھُ یہِ زِ تِم چھِ شعری تجربہٕ تہٕ محسوس خیال چہِ باوٕژ باپت سوے زبان استعمال کران ییٚچ تتھ تجربس تلاش آسہِ۔ تہٕ یہِ زبان چھُ مرغوب اٗرکس کوہنہٕ مشق شاعرٕ ہٕنٛدی پاٗٹھی ساٗری سیاق وسباق ہیتھ مخصوص لساٗنی تہٕ تہذیبی پۄت منظرس منٛز تلاش کران۔ تورے چھُ اٗمی ہٕنٛدِس شعری اظہارس منٛز علامتن، اشارن، تمثیلن، استعارن تہٕ پیکرن ہُنٛد مانہِ سوٚتہٕ مربوط ورتاومیلان۔ یوہے چھُ وجہ زِ ژٕتی مِس ڈٲلس منٛز ادبی رو۔ رجحان کہٕ تبدیلی ژٕتی ییٚتہِ شاعرن اظہارٕکٕ نٔوی قالب تھٕرنی پینہٕ تتہِ سپُد نہٕ ادبی رو۔ رجحانہٕ کہٕ اٗمہِ تبدیلی ژٕتی مرغوبس نِش شعری اظہارس کانٛہہ پھیرٕ تکیازِ

تِمن نِش اُس نہٕ تخلیقی عمل کُنہِ ضابطہٕ بند یا بروٗنٛہہ مشخص فارمولائی نظریچ غلام بلکہِ اکھ خود کفیل تہٕ خود کار عمل۔ییٚمِکۍ مؤل شاعرسٕندِس داخلی تہٕ نفسیاتی وجودس منٛز مضمر چھ آسان۔

پرتوستانس منٛز ییٚتہِ شاعرارضی پوٚت منظرس منٛز زندگی ہٕندِس زٕتھس تہٕ کرٛاتِھس سفرس منٛز تھنہٕ پیٚنہٕ والین واقعاتن، تبدیلین، مسرتن، کشمکشن، آرزوٕیَن تہٕ ارمانن، خوابن تہٕ مٔزلن ہٕندِس راونس تہٕ لبنس پیٹھ مبنی داخلی محسوساتن تہٕ محسوس تجربن تخلیقی اظہارٕ کین نوبن نوبن ہیتی شکلن منٛز پیش کرنٕچ کوٗشش چھِ کران تتہِ چھ تجلِستان تہٕ اَمہِ پتہٕ دوٚیمین شعرِ سومبرنن منٛز شاعر مرغوب کایناتی پوٚت منظرس منٛز قلبی تسکین کین روحانی تہٕ زمزمی ناگہٕ راد نکھہٕ ترٛیش ہوٚمراوِتھ پوشہِ وٕنین حُسنہٕ گنجن ہٕندِس تلاشس منٛز سرگرم لبنہٕ یوان۔یِمن دوشوِنی شعری مجموعن ہُنٛد موٚثرتہٕ مُدعاچھُ الگ تہٕند اندازِ اظہار، ہیتی تشکیل تہٕ یہُندِ لسانی گرُت تہٕ یہُند فنی تہٕ فکری پوٚت منظر چھ وکھرٕ۔ووٕنی گوٚو شاعرن چھ دوشوِنی سومبرنن منٛز شعری صداقتُک، تہٕ فنی نزاکژ ہُند پوٚرٕ پاٹھۍ خیال تھوومُت۔اگر گوڈنچہِ شعرِ سومبرنہِ منٛز شبیہ سازی تہٕ استعاری ورتاو چھ دوٚیمس منٛز چھ تمثیلی تہٕ علامتی اندازِ بیان۔

مرغوب نہِ شاعری ہُند بیا کھ اکھ نمایاں پہلو چھُ اَمِچ تارٛیخیت۔شاعر چُھنہٕ اَکِس صحافی یا تارٛیخ دان سٕندی پاٹھۍ واقعاتن یا صداقتن پوٚت منظر بناوِتھ زندگی ہٕنزن تِمن کرٛتھن حقیقتن ہُند تخلیقی اظہار کران یِم عالمہٕ کِس کُنہِ تہٕ جغرافیائی، لسانی یا تہذیبی خطس منٛز ظہور پذیر سپدان چھِ۔مرغوبنٕ

شأعری ہیکہِ پگہ کس تأریخ کس سکالرس اِشارتأتہٕ علامتن منٛز مختصر تأریخ کٔمن نادیدٕ گوشن نِسبت مثبت تہٕ بھروسہٕ مند شہادت فراہم کرِتھ۔

مختصر تأریخی گایلاتن ہٕنٛدی کینٛہہ نمونہٕ چھِ۔ یِتھہٕ پأٹھی۔

سیٚدٕ بن سادن پھوٚرُکھ آیات پٔرِ پٔرِ
غریبن پننہِ اَتھہِ لأجِتھ ہٕٹس شرٛاکھ
پھوٚرُکھ مَسجِد بنٛتھ قومس ژٕہنگان چھکھ
اَتری چأنی چھےٚ ژھٹناوان متٕمن باکھ

یا

مےٚ کتہِ نس کوچہِ پھیٚر کوٚر لأنی ژوٗرن
مےٚ وَتہِ ہاوُک ویندُم کُس پیر ونہٕ کیا؟
چُھ سویہِ ووپزاو گوٚ یِیتہِ بَبِر ڈوٗر بن
چھےٚ ژویہِ یِیٚتی کیازِ عالمگیر ونہٕ کیاہ؟

یا

ژھایہِ ژھاین کھوٚان چھےٚ اوٚبرس منٛز
رایہِ رازن زوٚان چھِ اوٚبرس منٛز
ٕکرِژ مُہ مہِژ مران شِناختہٕ زوٚس
ٕکرِژ وُزملہِ ژھوٚان چھےٚ اوٚبرس منٛز

☆

تخلیقی اظہار کہِ پرٛتھ ہیٚتی صورژ پٔٹھ چھُ مرغوب بن پننہِ منفرد اسلوٗ ہکی، تہٕ

کہچکی نقش ترٲوِی ٕمتہٕ۔ چاہے سو غزل ٲسی تن یا نظم، نعت ٲسی تن یا منقبت، مرثیہ ٲسی تن یا دُبیتی یِہُند شعری تجربہ چھُنہٕ سیٚدِ سیوٚد داخلی محسوساتن ہُند ماحصل آسان بلکہِ چھُ یِہُندِس شعری تجربس یا محسوس خیالس متحرک داخلی وجود کہ محشر ستاہِ نچ ہیجان خیزی تخلیقی توٗژھ تہٕ تونگر عطا کران۔ میانین کینٛژن فاضل دوست نقادن ہنٛز راے چھےٚ زِ مرغوب نہٕ شاعری ہُند بیا کھ وصف چھُ تصویری نظمن ہُند ہیتی تجربہٕ۔ یتھ تِم اکھ شعری وصف یا متن سمجھان چھِ۔ مگر یوٚتامتھ زن میانہِ مطالعُک تعلق چھُ تصویر کاٗری چھےٚ شعری تجربس یک رنگی تہٕ منجمد بناوان۔ بیٚلہِ زَن معیاری شاعری ہُند وصف چھُ امیُک مانہِ ساوبر تہٕ کثیرالجہتی آسان یُس پرن واٗلس معنوی سوٚتھرس پیٹھ نادیدہ، جزیرن ہِندِس دریافت کرنس پیٹھ تہٕ وُتشاوان چھُ یِتہٕ میون دوست تصویری نظمہِ نظم ٕنتھ یِہُند داٗیرٕ محدود کران چھُ تتہٕ چھِ یِم شعری تجربہٕ شبیہہ ہانکلن ہنٛز اکھ شکلاٗوِ صورت، یُس نظمہ بصری طرح دِہِنچ اکھ شعوری کوشش چھےٚ باسان۔

بیا کھ اکھ ماٗرِ موٚند پہلو چھُ یِہُندِ شعری منظرنامُک زِ اَمہِ رِکس پوٚت منظرس منٛز چھُ اکھ داستانوی سِر ساوبر۔ شاید چھُ یہِ اٚ رِکس مخصوص جغرافیاٗیی خطس منٛز تمہِ کِنہِ بُسکِین ہِندِس تحت الشعورس پیٹھ اساطیری تہٕ بالا بشری کردارن تہٕ قوتن ہُند اثر۔ یہِ چھُ مرغوب نہٕ شاعری منٛز اکھ مقاٗمی طرح تہٕ پاٗدٕ کران تہٕ اَمہِ داستانوی اسراریت پسندی ستی چھُ یِہُندِس کلامس منٛز غنایتُک غاٗلب عنصر تہٕ پاٗدٕ گژھان تہٕ جمالیاٗتی طرح چھُ شعری حُسنس تہٕ معنیٰ ہس اکھ پوشہٕ وُن۔ ماٗرِ منٛز رپاٗدٕ کران یہِ مقامیت چھےٚ اسطوٗرن، تمثیلن داستانوی

کرِدارن ہنٛز شکلہِ منٛز مرغوب نمن غزلن نظمن ، تہٕ باقی شعری اصنافن منٛز تہٕ درٛینٛٹھی یِوان ۔ ییٚتہِ اَمہِ شعری انہار ستۍ اٲمۍ ہٕندِس کلامس منٛز لُکہٕ شاعری ہُنٛد موٚ دُرسازت پاٲدٕ گژھان چھُ تتہِ چھاٲمۍ ہنٛز شاعری منٛز معنیٰ ہن ہٕنٛدی تہہ دار امکانات تہِ پاٲدٕ سپدان ۔

شہری ہاوباو تہٕ فیشن پرستی مقابلہ چھُ مرغوٗب نہٕ شاعری منٛز چناب تہٕ پیر پانٛژال علاقن ستۍ وابستہٕ لۄکہ پڑھن تہٕ عقیدن پیٹھ مشتمل کرِدارن تہٕ جودکرٕ وُنہِ ارضی ہوانۄ ہُک اظہار میلان ۔ امہِ ستۍ چھُ اٲمۍ ہنٛز شاعری منٛز اساطیری تہٕ داستانوی کرِدارٕ کۍ اَنیکھ پہلووہ تلان ۔ یُس اٲمۍ ہنٛدِ شعری اسلوٗبُک اکھ منفرد طرح بنان چھُ ۔

وچھ ہُنٛد ربن اچھ داربن وٕنی تولچھِ ناوس کیا الزام پگہہ ؟
پُشک بانٛل ہُنتھ سمکھی نہ مرغوٗب سرس منٛز وَس تہٕ پمپوشک تھز روٗ چھ
یہ کوس گانگل چھےٚ پھٕر مژ کونگس تے زۄنہِ راٗ ژن ؟
چُھ للہٕ تژ اگس تہٕ موٚتھمُت پٕنُن دستور عشقو !!!

کٲشُر بالہ اپارِ کتابہ منٛز چھُ مرغوب پیر پنچال اپارتہٕ پروٚنٛژھ ، راز ویرِ ستۍ وابستہٕ کاشرٕ بن اَدیبن تہٕ شاعرن ہنٛزن زندگین تہٕ تہنٛدِس فنس متعلق تجزیاتی مطالعہٕ پیش کران ۔ اَتھ منٛز چھےٚ گوڈنچہِ لٹہِ تمن اَدیبن تہٕ شاعرن ہنٛز ذِکر کرنہٕ آمٕژ یِم نہٕ وُنس تام ادبی توارٖیخ دانن ہٕنٛدی ذٕسۍ Document اٲسۍ آمٕتۍ کرنہٕ ۔

مرغوب چھُ کینٛژھن معتبر فارسی شاعرن ہٕنٛدس کلامس تہِ کاشرِس منٛز

ترجمہٕ کٔرمُت ، پیش چھُ مولانا رومی سِنٛدِ بن شعرن ہُنٛد کاشُر روٗپ

بوز ژٕ تہٕ نےٚ کتھٕ پٔنٕن گدٕرُن ونان
پرٛتھ جُدٲیی گزاو چھُس یتھٕ کٔنی گنان
دَگ مےٚ پُشرٲوِکھ نیستانس ژٕٹتھ
توٗہ یِوان ووشہ میٲنہِ لۄکن اوش پھٕٹتھ



گٔڈٕ گیٖم سینٕس ، یۄ ژٕھم باوٕن فراق
مَٹہِ مےٚ وبٕزھناوٕن چھُ دردِ اِشتیاق
باگہِ نیٚہِ آمُت چھُ لولُک خاص نار
سوزِ عشقٕے نیٚہِ دِوان نالن خُمار!





## مطالعہ کُتب

۱)اسیر کشتواڑی، کٔشیر تہٕ جۆمس منز کأشر زبان تہٕ ادب، عرشیہ پبلیکیشنز دہلی

......جۆمی صوبکی کأشری قلمکار

۲)بشیر بھدرواہی، جۆمس تہٕ کٔشیرِ منز کأشرِ نعتیہ ادبُک توأریخ، عرشیہ پبلیکیشنز دہلی

......شعیب عنایت ملک (ترتیب) مرغوب شناسی، رسا جاودانی ٹرسٹ

۳)مرغوب بانہالی: پرتوستان، تجلستان، دیدمان (شعرِ سۆمبرنہٕ)

۴)منشور بانہالی (ایڈیٹر) گولاب، کاشُر ادبی مرکز بانہال

Banihal The Gateway of Kashmir ...........

۵)شبیر حسین شبیر، ورقن چھکرِتھ گاش

۶)شادرمضان، ہہل چھامعنہ بوزُن

۷)موتی لال ساقی، گاشری

# مےٚ سوٗنتھ گوٚژھنہٕ دغادیُن

## غلام نبی خیال......'الہام' شعرٕ سوٚمبرنہٕ کہِ حوالہٕ

غلام بنی خیال چھُ کأشرِ بن شأعرن ہنٛزِ تتھ چھوکہِ ہستی تعلق تھاوان یمو شعوری طورٕ پننہِ ماجہِ زٕو پننہِ تخلیقی اظہارٕ باپتھ اکہِ طاقتور وسیلہٕ رٔنگی ورتاوس أنی۔ اگرچہِ اتھ قبیلس ہستی وابستہٕ سانٛین شأعرن مغربی زبان وادبٕک سبٹھاہ سروٚن مطالعہٕ تہٕ شعور اوس مگر ماجہِ زیٚوِ ہستی گہرٕ شفقت تہٕ مایے آسنہٕ سببہٕ گٔر یمو پننہِ تخلیقی باوژ باپتھ کأشرِ زبأنی ہُنٛدُ ے انتخاب تہٕ تتھٕ پأٹھی گرامہِ قبیلہٕ کیو شأعروا اَتھ زبأنی اکھ دأنشورانہٕ جہت عطا۔ یمو شأعرو پاناوِنہ محض روایتی شارٕ ذأژ پننہِ شعری تجربن ہنٛدِ اظہارٕ باپتھ بلکہ گٔرکھ ہیت تہٕ موضوع لحاظہٕ نٔوی نٔوی تجربہٕ تہٕ۔ امہِ قبیلہٕ کیو شأعرو کوٚر عالمی ادبہٕ کیٛن کلاسیکی شاہکارن ہُنٛد تہٕ ترجمہٕ پننہِ ماجہِ زیٚوِ منز تہٕ تتھٕ پأٹھی پھُٹر وٕ کھسہٕ بڑم زِ کأشرِ زبأنی ہُنٛد دامانہٕ چھُنہٕ تیوٗت وسیع زِ یہِ ہیکہِ عالمی ادبہٕ کیٛن زأوی جارن ہُنٛد بارژألتھ۔ غلام نبی خیال چھُ اَتھ قبیلس ہستی وابستہٕ شأعرن منزٕ امہِ کنہِ زیادے ممتاز تِکیازِ یمو چھُ تخلیقس ہستی ترجمک فن شعوری طور پانہٕ نوومُت تہٕ تتھٕ پأٹھی چھُ یہنٛدِ ذٔسی کأشرِس شارٕ کیٛو نثری ادبس معیارٕ تہٕ مقدارٕ رٔنگی واریاہ ہُر برتہٕ بُرژرگومُت۔

'الہام' شعرٕ سوٚمبرن چھےٚ خیال نٛین 1970ءٕ پتہٕ لیکھنہٕ آمتین شعرٕ تخلیقاتن

ہنز شیرازٕ بندی، تیمیک اعتراف شائعر بذاتِ خود کتابہِ ہٕنٛدِس آغازس منزٕ ہے کران چھُ۔ سۄمبرنہِ منز چھِ نظمہٕ (پابند تہٕ آزاد دۄشوے) غزلہٕ، شہر آشوب، نعت، منقبت، دُعا، مرثی تہٕ شعری ترجمہٕ بیترِ شعری اصناف شامل۔ شائعر چھُ رِوایتس لور روٗزِتھ 'الہام' کتابہِ ہُنٛد اِبتدا نظم بعنوانِ 'بنی آدم' ہتی کران۔ مگر شائعر چھُنہٕ رِوایتی اندازس منز تہٕ خطابتی لہجس منز ربِ کائناتس دستگیری کرنہٕ باپتھ نادلایان بلکہ چھُ علامتی اندازس منز آدم سٕنٛدِ تخلیقی حوالہٕ ربِ عزتس کل کائناتُک مرکز تہٕ حیاتُک سرچشمہٕ گنز راوان۔

گاسہٕ ٹُل واوِ دَکو ہتی وسان گوو بون کُن
نارٕ لہرو بیٚہٕ ہیوٚت نار چھکُن رقص کرُن!
وشفہٕ کنٕز ماسہ خوداین تہِ یہٕ آدم یوٚت اوٚن
جانور بولنہِ لوٚگ بوٚڈ چھُ خودا بوٚڈ چھُ خودا



شائعری نسبت چھُ خیالؔ کتابہِ ہٕنٛدِس پیش لفظس منز ییمہِ آیہِ کتھ کران:
'شائعری چھےٚ میأنی کنٕز الہام یُس خدا تعالیٰ سٕنٛدِ طرفہٕ کانٛسہِ ودیعت چھُ سپدان۔ ییٚس نہٕ الہامُک فیضان حأصل سپدِ سہ ہیکہِ نہٕ زانٛہہ تہِ اکھ جان شائعر بٕنِتھ تہٕ تسنٕز شائعری آسہِ ذہنی کشمکشُک تہٕ نفسیاتی جدوجہدُک نتیجہٕ۔'
تہٕ یوہے وجہ چھُ زِ خیالؔ چھُ پننہِ یتھ شارٕ سومبرنہِ 'الہام' ناو تھوومُت۔ خیال چھُ شائعری منز رومانوی مزاژُک قأیل۔ آدمی لول تہٕ ارضی حُسن چھُ

یہنٛد بن شعری تجربن ہُنٛد بوٚڈ محرک۔ وُتشاول نسوأنی حسُن چھکی آکار چھِ شعری ترکیبن تہٕ صورژن پتہٕ کنہِ ژھایہِ تہٕ گرایہِ ماران لبنہٕ یوان۔ یہنٛز شاعری پران پران چھُ پرن وول پانہٕ تہِ انزأنی خابہٕ جزیرین ہُنٛد سأرکران یئیتہٕ فقط حُسنٕچ تاجدأری تہٕ عشقٕچ تابعدأری تہٕ ناز بردأری لبنہٕ چھےٚ یوان۔ لطیف جمالیاتی حبس چھُ تِہنٛزن شعری تخلیقاتن اکھ پوشہِ وُن فنی حسُن تہٕ نفسیاتی شبیہہ عطا کران۔

'الہام' کتابہ منز درج تخلیقاتن ہنٛدِ مطالعہٕ پتہٕ چھےٚ یہِ حقیقت واضح سپدان زِ شاعر چھُ فطری حُسنٕچ کو چھِ منز ژھالہٕ ٹلن والہِ نسوأنی حسُنک سبٹھاہ پرستار تہٕ شیدأیی لبنہٕ یوان۔ شاعر چھُ مخصوص لفظہٕ تھُریہٕ ستی محبوب سٕنٛدِس وجوٗدس سو تیوٗ نگلی تیہہ بخشان ییمہٕ ستی دِوٕری آکارتہِ وٕگلنہٕ تہٕ کارنہٕ یوان چھِ۔ یہِ چھُ کلاسیکی لہجہِ نِش مکمل انحراف۔

ٹلی کمبرس ریشم ڈپٹہٕ گنڈِتھ ٹلی شانن زُلفک شال وٕلِتھ
گیسو چھُ ڈبکس پیٹھ چھج وٕہرِتھ مس وانکہٕ چھِ گردنہِ نال وٕلِتھ



کنہٕ دوٗرن ہنٛز ییمہٕ گرایہِ وُچھِتھ ییم لال روخن ہنٛز ڈالہٕ وُچھِتھ
مشکل چھُ گژھان دِل سنبھالُن مستانہٕ مژن امہِ حالہٕ وُچھِتھ



'تخلیق' نظمہِ منز چھُ شاعر' آدم تہٕ حوا' تمثیل کِس پوٚت منظرس منز جدید انسان سٕنٛدِ جنسی بوچھِ تہٕ نفسیأتی وُتشاوچہِ کیفیو نقشاوان۔ یتھ منز زمان تہٕ مکان

دۄشوے اکھٲکس منز شرٛوِیرتھ شعری عمل برۄنٹہٕ چھ پکناوان۔ تخلیقِ آدم پیٹھہٕ موجوٗدٕ آدم ذادس تامُک سفر چھُ وِیرہ وارٕ پیٹھہٕ ناگہٕ بل تامُک سفر باونہٕ آمُت۔

یتھ وِیرٕ وارس منز کوٚت ژا کِھ

یِنہٕ سرپھن اَتھِ وَچھ بچھناوکھ

وولہٕ وونۍ مے نِش، ژےٚ چھکھ سو حوا، بےٚ چھُس آدم!

وولہٕ ناگہٕ بلس پیٹھ اَز شامن

وونۍ دون بدنن ہنٛدِ وصلہٕ کرو أسۍ نوٚو تخلیق

(نظم: تخلیق)

آدم تہٕ حوا سُند المیہ چھُنہٕ فقط دون گوڑ انسانی کردارن ہُند المیہ یُس زمان و مکان کِہن حدن نبر گنِدنہٕ آو بلکہ یتھ بُتراٹھ پیٹھ گنِدنہٕ یِنہٕ واجنہٕ مسلسل عملہِ ہُند نتیجہِ۔ یِمِکۍ کردار، جاے وقوع، تہٕ پوٚت منظر وقتس سۭتۍ سۭتۍ تبدیل گژھان روزان چھِ۔ امہِ عملہِ ہنٛدۍ کردار چھِنہٕ بے زبو، ساکت تہٕ مجبور بلکہ چھِ تم زبول، مُتحرک تہٕ خودمختار۔ امہِ ٹریجڈی ہُند خالق چھُنہٕ خالص مہا تخلیق کار بلکہ خود آدام ذاد۔ یُس پننہِ بُتا یہٕ ہنٛدِ تکمیلہٕ خاطرٕ مسرتکۍ، شادمانی تہٕ نفسیاتی سکوٗنکۍ نوٚو ذریعہ تلاش چھُ کران۔

استعاراتی ورتاو چھُ خیال نہِ شاعری ہنٛز اکھ مخصوص پھیر ہاو خصوصیت مگر شعری تجربس تہٕ اظہارس بیٚلہِ فنی ہم آہنگی سپدان چھےٚ شارس منز چھُ خوشیوٗن شارُت پادٕ گژھان تہٕ یہِ شارُت چھُ تجربس زمان و مکان کِہو حدوٗدو کڈِتھ اکھ آفاقی توثرتہٕ تجربہ بناونس منز کامیاب سپدان۔

اَدِ متہٕ پرٛژھتہٕ شمع کِتھہٕ پرٛزلیاو فونوسو گُس رقصاہ کوٗر

بزمہ اندر ییٚلہِ وأژ حکایت چأنِس رونہِ دامانس تام

میانی نارٕچ وَنہٕ وُٗژھ شِنہٕ ژھٹھ تنہٕ مُورِتھ ووٚنی بدنس چھاو

چانہِ بہارٕچ نوزُکھ خوشبوے وأژ نہٕ زانٛہہ وأرانس تام

O

'خیال نامہٕ' عنوانس تحت نظمہِ منز چھُ شاعر پٔتی مین دون دٔہلین ہنٛز

وولہرشہِ ہنٛدِس پوٚت منظرس منز زاینٛ لبن واجنین تبدیلین تہٕ تمہِ کِس نتیجس

منز کشیرِ ہنٛزن مخصوص روایژن، بأے بندِتس، ہمسایہِ تأنِس، سمأجی

مساواتس تہٕ انسأنی قدرن ہنٛدِس أنیکھ تخریبس پیٹھ ماتم کران لبنہٕ یوان۔ تس

چھُ پننِس أندی پکھِس منز رونماسپدن والیو کرٛٹھی حأدِثاتو تہٕ واقعاتو ستی

وَچھس دگ ووتھان۔ سُہ چھُ یژھان یہِ دگ باوُنی ییتھ تمِ ہنٛدِ وَچھکھ یہِ بار

ہنالوٚت گژھِ مگر یَس سُہ باوِ سُہ دغدارتہٕ دردِل چھُ نایاب۔ تس چھےٚ پأنی پانس

پیٹھ تہٕ پژھ ووتھان تہٕ پننِس وطنس منز تہِ چھُس پُنٛ پان غأرباسان۔

چھُنہٕ میانین دِلہٕ چن دُبراین کن دأرِتھ روزان کانٛہہ آدم

یُس للوان للوان سینہٕ پھوٹُم سُے دود نہٕ بوزان کانٛہہ آدم



حارِچ دگ تہٕ وُجارٕ گی چھُ شاعر پتھ کالہ کہِ شادمأنی ہنٛدِ تصورٕ ستی رفع

یژھان کرُن۔ سُہ چھُ أزی کین وأری داتن ہُنٛد متبأدِل راتہٕ کین گلستانن منز

ژھارُن یژھان وُچھن۔

ییٚلہِ دوٗرِ گلستانن گل پھٲلی زن پٔنی وارِ بہار مےٚ آو
ییٚلہِ کاٗنٹسہِ لوٗئ کٹی شٔری اسناہ کوٚرزن پوٚت پھیرتھ لوکچار مےٚ آو



نظمہِ ہیتی ہیتی چھُ خیالٕنی غزل تہٕ منہٕ سیتل منشہِ ہنٛدین جذبٲتو امارن تہٕ آشن ہنٛز ترجمانی کران۔ مگر اظہار چھنہٕ فقط جذباتن ہنٛز گدرن گرکھ باسان بلکہ چھُ اظہار شاعرانہٕ حُسنس رٔژھرِتھ استعمالس منز یوان اَنہٕ۔ وُچھِو غزلن ہنٛدین یمن شعرن منز کوس حبسأوی تہٕ لمسیأتی کیفیت چھےٚ۔ آہٕ ورتاونہٕ تہٕ شعری تجربُچ دأخلی شبیہہ چھےٚ خأرجی منظر کہِ اتھواسہٕ وۄتلاونہٕ آمٕژ:

یہٕ تاپہٕ کرٛاے دُپہرٕچ یہِ آمہٕ نیومُت دوہ
مےٚ سونتھ گوٚژھ نہٕ دغا دیُن یہٕ چھُس عذابس منز



تنہٕ شہر بسیاے ہتیٚ مکانس تہِ ڈِژوو گُن
سُے ژھمہٕ تہٕ سُے واو تہٕ وُأرانہٕ وَنے کیاہ



ییتھ شہرس منز غم تہِ دژوگیاے
وَنتم کس کیاہ ژھمہٕ سوغات



زیرِ تبصرِ شعرٕ سوٚمبرنہِ منزٕ چھےٚ شاعرن برصغیر کین بہلہِ پایہٕ شاعرن یمن منز غالب، اقبالؔ، ٹیگور، احمد ندیم قاسمیؔ، ساحر لدھیانویؔ تہٕ نذرالسلامؔ بیترِ

شامل چھِ ہنٛدی شعری نمونہٕ تہٕ شامل کری ٚمتۍ۔ یِمہٕ ستۍ امہِ سوٚمبرنہٕ ہنٛدِس شعری حسنس مزید اضافہٕ سپُد مُت چھُ تہٕ یِموکو ششوٕستۍ سپد کاشُرِ زبانۍ ہنٛدِس فکری تہٕ فنی باڑوس منز تہٕ رنگارنگ اضافہٕ۔



## مطالعہ کُتب


۱)ٹی،این رینہ، A History of Kashmiri Literature ساہتیہ اکادمی دہلی

۲)حامدی کشمیری۔ جدید کأشر شأعری،شعبہ کشمیری، کشمیر یونیورسٹی

۳)حامدی کشمیری/ بشر بشیر، کأشرِ شأعری ہُند انتخاب، ساہتیہ اکادمی، دہلی

۴)ڈیوڈ ڈیچریز، A critical History of English Literature

۵)رحمان راہی، کہوٹ، شعبہ کشمیری، کشمیر یونیورسٹی

۶) غلام نبی خیال، الہام (شعرِ سۆمبرن)

...... کاروانِ خیال (نثری مضموٗنن ہنٛز سۆمبرن)

۷)فاروق فیاض، زبان ادب تہٕ توأریخ، نن پوش پبلی کیشنز، سرینگر

# کأشِر شأعری

## سمأجی اتحاد تہٕ مذہبی رواداأری ہُنٛد أنہٕ

یتھ حقیقتس منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ پرتھ علمی زبأنۍ ہُنٛد تخلیقی ادب چھُنہٕ صرف پننہِ زمانُک، پننہِ سماجُک تہٕ پننہِ تہذیبی تہٕ ثقافتی وراثتُک نقیب یوت آسان بلکہ کِہ چھُ صاف تہٕ شفاف أنہٕ تہِ آسان...... ادبہٕ کہِ سمأجی حیثیتہٕ کہِ حوالہٕ تہٕ امہِ کس تأریخی افادیتس پیٹھ یوٚ دوٚے زن جدید تحریکہِ ستی وابستہ تنقیدنگارو واریاہ کینٛہہ تحریر چھُ کوٚرمت مگر امہِ باوجودتہِ ہکو نہٕ ادبہٕ کہِ سمأجی رولہٕ نِش انکار کٔرتھ۔ کأنسہِ تہِ شأعر یا فنکارسنٛزِ تخلیق کرنہٕ تہِ ذأتی نوعیچ أسہِ تن مگر سو چھےٚ کُنہِ نتہٕ کُنہِ رنگہٕ عصری حقیقتن ہُنٛد شعوری یا غأرشعوری عرفان ہیتھ ضرور آسان۔ یوٚتام تہٕ زن کأشِر شعر وادبک تعلق چھُ، امہِ سمأجی الحاقہٕ تہٕ تأریخی ذِمہ دأری نِش ہکہِ نہٕ یہِ کُنہِ تہِ صوٗرتس منٛز لوٚب ہیتھ۔

کأشِر شعر وادبکہِ مطالعہٕ تلہٕ ہکو نہٕ أسۍ یمہِ کتھہِ نشہِ انکار کٔرتھ کہِ اکثر زبانن ہنٛدی پأٹھۍ چھ کأشرس منٛز تہِ ادبی شروعات شعر وشأعری ستی سپدٕمٕژ۔ تہِ امکۍ ابتدأیی نقوش چھِ اسہِ بُہمہِ صدی منٛز شتی کنٹھ نِس ''مہانے پرکاشس'' منٛز میلان۔ مگر یوٚتام تہٕ زن باضأبطہٕ کأشرِ ادبی تأریخُک تعلق چھُ امیک ابتدا چھُ

ژوداہمہِ صدی منز لل دید تہٕ اَمی ہنْدس کائنسی ہم عصر حضرت شیخ العالمؒ ہنْدی کلامہٕ ستی سپدان۔ یِمن دون عظیم المرتبہٕ تہٕ ثقافت شناس شخصیژن ہُند کلام چھُ اسہِ ''واکھ'' تہٕ ''شُرُک'' صِنفن منز میلان۔ یوٚدوَے زن یِمن دون شاعری صِنفن بظاہر کانْہہ تضاد یا تکرار چھُنہٕ مگر معنوی اعتبار چھَ یِمن منز ضرور فرق۔ تہٕ توَے چھُ شاید یہندِس کلامس دون شعرِ ہیژن ہُنْد ناوِ دِنہٕ آمُت۔

مگر اکھ چیز یُس یِمن منز مشترک لبنہٕ چھُ یوان سُہ گویہِ زِ یِمن ابتدائی شعرِ ہیژن منز چھِ سائنس مشترکہ تہذیبی تہٕ ثقافتی زندگی اکھ مرکزی اہمیت حاصل۔ یِم زٕ صِنفہٕ چھےٚ سانہِ طرز فکرچ، سانْین تصوراتن تہٕ اعتقادن، سانْین اجتماعی تہٕ انفرادی احساساتن تہٕ جذباتن تہٕ سانہِ مشترکہ تہذیب کیٚن قدرن ہُندی تِم ان مِٹ آثار تہٕ روشن نقوش یِمن پیٹھ ازتہٕ سانہِ عظیم ثقافتی ورثچ بنیاد ڈٕ رِتھ چھَ۔

تأریخ چھُ گواہ زِ ژوداہمہِ صدی ہُند زمانہ اوس کٔشیرِ منز سیأسی تہٕ ثقافتی لحاظٕ اکہِ زبردست تبدیلی ہُند دور۔ یوٚہے دور چھُ سُہ ییلہِ لل دید تہٕ شیخ العالمؒ کٔشیر ہٕندس ثقافتی تأریخ کس نبہٕ ڈٕندس پیٹھ پرٕ زلان چھِ۔ تأریخ کس اتھ بحرانی دورس منز ییلہِ کٔشیرِ منز وأنسن پیٹھ پھألتھ اَکی نظامِ حکومتن پرٕان اَسی ترأوِ متی تہٕ اکھ نوٚو سیأسی تہٕ ثقافتی نظام اوس دوٗلؤ ہرأوِتھ نوٚبن تقاضن آے برنس پرٕاران۔ یہ دور اوس زبردست تبدیلی ہُند دور۔ وأنسہِ وادن پیٹھ محیط عقیدہ تہٕ توہمات اَسی تبدیل سپدان۔ سبٹھاہ ممکن اوس زِ اتھ نوزک تأریخی موڑس پیٹھ سپدِ ہا کٔشیرِ ہٕندٕن قدیم تہذیبی قدرن تہٕ فکری رجحانن

ہُند خاتمہ اگر نہٕ سائنس تہذیبی نبس پٕٹھ لل دید تہٕ شیخ العالمؒ ہوی ثقافت ساز تہٕ تارٕیخ شِناس شخصیژ اُچھ مژراوِ ہن۔ تِمو کوٚر نہٕ پننہِ شاعری وٕسیلہٕ ستۍ صرف ییٚتہِ کینٛہ قدیم بأے بند تِچھن رِوایژن پٕٹھ ڈٕرتھ روزنس تلقین بٔلکہ کوٚر تِمو فرسودٕ تہٕ غار صحت مند سماجی تہٕ مذہبی رسمن ہُندس کھوکھر آسنس پٹھی تہِ شدید احتجاج۔ اگرچہِ اکہِ پاسہٕ لل دید کاشرِ شو فلسفچہ فکری بلندگی تہٕ امِکس ترو تازگی ہُند اکھ نوٚ و تفسیر تہٕ تشریح کوٚر تتہِ کوٚر شیخ العالمنؒ ییٚتیک رِوأیتی ریشی فلسفہٕ اسلام کینٛہ بنیأدی اصولن ستۍ زأنی یاب تہٕ اُکس نوِس فکری اتحادس تہٕ تہذیبی وحدتس دِتکھ کُن تہٕ یتھ پأٹھی روٗز سأنی یہ ریشی وأریا 'پیروأر' وقتہٕ کھوٗ گأیلاتو نِش واریہس حدس تام محفوظ۔ امِہ حقیقژ ہُند تشریح چھُ موجودٕ دورُک مورخ پروفیسر محمد اسحاق خان یِیمہِ آیہِ کران:

"Lallaa's voice against the social and spiritual pretensions of the Brahmans set in motion new forces rejecting the latter's cherished idea that social status was determined by caste. An important development in this direction was the flowering of the idea of the dignity and the fundamental equality of man, so trenchantly espoused by her younger contemporary, Nurddin Rishi."

اُکی سے مأکس ماجہِ ہُند بن
تِمن دِے ترأوِتھ تہٕ کیاے
مسلمانن کیٛو ہنٛدبن
کر بندن توشہِ خوداے

شُو چھُے تھلہٕ تھلہٕ روزان
مو زان ہیوٚند تہٕ مسلمان
تُرکھ ہے چھُکھ تہٕ پان پنُن پزٕزناو
سوے چھے صاحبس سٟتی زاٰنی زان



اتحادُک، گُنزرک تہٕ بأے بندی یتھٕ یُس تخلیقی تلقین اسہِ لل دیدٕ نِش میلان چھُ، تتھ پتہٕ کنہٕ أسی زبردست تأریخی محرکات کارفرما۔ تأریخ کس اتھ نوزک مرحلس پٮ۪ٹھ یُس مجاہدانہ رول لل دیدِ نبو وتتھ متعلق چھِ مشہور کأشر تأریخ دان پی۔ این۔ کے بامزأی یمن خیالاتن ہُند اظہار کران۔

'مذہبن ہٕنٛدس یتھ تبدیلی ہٕنٛدس دورس منٛز اوس مذہب سمجھاونہٕ خأطرٕ اکہِ تمہِ طریقہٕ کارُک ضرورت یُس تمام ذأژن وحالتہٕ ہنٛکہِ ہأگرتھ تہٕ یُس دِماغ کھوتہٕ زیادہ دِلس متأثر کرِہا۔ کشیرِ ہنٛز دٟنی تہٕ فلسفیانہٕ روایژ وگراتھ موقعس پٮ۪ٹھ صحیح رہبری۔ کیٚنہہ صوٗفی تہٕ درویش صِفت آیہٕ بروٚنٛہہ گٕن یِم پننہٕ نبو تألیماتو تہٕ نفی ذاتہٕ کہِ بدولتہٕ درم تہٕ اخلاقکی زندہ پیکر أسی۔ یمن لوٗکن ہٕنٛدس گوڈنکس صفس منٛز أس عظیم لل عارفہٕ تیمِس زن لگہٕ باوژ منٛز لل دید ونان چھِ"۔

لل دید ہٕنٛدس اتھ تأریخی رولس تہٕ تمہِ سٕندس روحأنی عظمتس متعلق دٔلیلہٕ چھنہٕ صرف اسہِ تأریخی یا نیم تأریخی مسودن منٛزٕ یوت میلان بلکہ تمہِ

ٲسندس کأنس ہمکال شیخ نورالدین نورانیؒ ٲسندس کلامس منٛز تہٕ چھُ اسہِ لل دبد متعلق اکھ معتبر حوالہٕ میلان۔ چنانچہ چھ شیخ العالمؒ فرماوان:

تس پدمان پورچہِ للے
ییمہٕ گلے امرہت چیوٚو
سو سائنٛ تہٕ اوتار لولے
تیُتھے میٚہ ور دِتو دِوو



مذہبی رواداری تہٕ بأے بندتچہِ یژھہِ عظیم الشان مثالہِ یوٚ دوَے گُنہٕ قومس منٛز لبنہٕ ناممکن چھَنہٕ مگر مُشکل چھَ ضرور میلنہٕ۔ تہذیبی اتحادٕچ یہے مثالئی دزٕونی تھاونہٕ خاطرٕ اگر اکہِ طرفہٕ حضرت شیخ اسلام کین بنیأدی اوصوٗلن پیٹھ کاربند روزنک سبٹھاہ تلقین کران چھُ تہٕ دویمہِ طرفہٕ چھُ یتہٕ کس رِوایتی رٛیشی فلسفس اکھ نوٚو معنے تہٕ اکھ نوٚو تأپیر تہٕ وو کھنے کران تہٕ امہِ فلسفچ کرانہٕ ہأنکل پیغمبر آخر زمانسؐ تام واتناونچ اکھ شعوری کوشش کران:

اول رٛیشی احمد رٛیشی
دوٚیم حضرت اویس آو
ترٛییم رٛیشی زلکا رٛیشی
ژوٗرِم حضرت پلاس آو
پأنژِم رٛیشی رُمے رٛیشی
شییم حضرت میران آو

سُتمس کرہم دشنا ہشی
بۄ کُس ریٚشی تہٕ مےٚ کیاہ ناو



علمدار کشمیر شیخ نورالدین ؒ کوٚر مقامی فلسفس اسلامی تصور توحیدس سٍتی یتھ پاٹھی سنگم زِ فرقن تہٕ عقیدن درمیان نفاق تہٕ تقسیم سپُد بے معنے ثابت، تہٕ وقتُک تقاضہ تہِ اوس یوٚہے۔

گُنرے بوزکھ کُنہِ نو روزکھ
اُمی کُنرن کوتاہ دیُت جلاو
عقل تہٕ فِکر تور کوٚت سوزکھ
اُمی مالہِ چیتھ ہیوٚک سُہ ڈٕری یاو



ریٚشی فلسفہٕ یُس فکری بنیادس منٛز ییٚتہِ سانہِ قدیم تہذیبی قدرٕ تہٕ مذہبی عقیدن ہُند عمل دخل اوس تتہِ اوس اتھ منٛز وسط ایشیا پیٹھ ینہٕ واجنین تِمن ثقافتی نٕجن ،فکری تراین تہٕ صوفی انہارن ہُندتہِ سیٚٹھاہ عمل دخل تہٕ یوٚہے حسین سنگم بنیوٚ بروٚنٛہہ کُن پکتھ سانہِ مشترکہ تہذیبی ورانٛچ باوتھ تہٕ برتاوتہِ ،پزٕ زنتھ تہٕ اَرزتھ تہِ۔

تأرِیخٕچ خوش بختی وِچھو زِ تتھِس نازُک مرحلس پیٹھ آو کشیرِ منٛز سُہ پایہِ بوٚڈ سلطان بارسس یَس لُکھ لولہٕ تہٕ مایہٕ سان بڈشاہ چھ ونان۔ اُمی بالغ نظر سلطانن تُلی اکہِ طرفہِ تِتھی واریاہ قدم یِمہٕ سٍتی کأشرِ بن ہنٛز گُلہم اقتصأدی حالت سیٚٹھاہ بہتر سپز تہٕ دوٚیمہِ طرفہِ دیُتن تتھ تہذیبی تہٕ ادبی تہٕ علمی ہوا نواہس

زاینُن یِیمہٕ سٟتۍ مختلف عقیدن سٟتۍ تعلق تھاون والین منٛز اتحادُک اکھ نوٚو ماحول پٲدٕ سپُد۔ دوٚیمین لفظن منٛز ہیٚکوٚ یہِ وٕنتھ زِ اگر اکہِ طرفہٕ لل دید تہٕ شیخ العالمنؒ پننہِ کلامہٕ تہٕ عملہِ سٟتۍ جذبٲتی تہٕ فکری وحدتس پیٚٹھ زور دیُت، تتہٕ بوٚڈ ر زین العابدینن بڈشہن دارالترجمہٕ قٲیم کٔرِتھ لسٲنی وحدتس تہِ گوٚڈ۔ یہِ اوس دٔ نشورانہٕ سطحس پیٚٹھ فِرقن درمیان اتحاد پٲدٕ کرنٕچ اکھ سنجید تہٕ شعوٗری کوٗشش۔ اتھ دارالترجمس منٛز آیہِ وارِیاہن سنسکرت کتابن فارسی زبٲنۍ منٛز ترجمہٕ کرنہٕ تہٕ فارسی زبانہِ منٛز لکھنہٕ آمژن کلاسکی کتابن سنسکرتس منٛز ترجمہٕ کرنہٕ۔ یتھہٕ پٲٹھۍ سپُد کشیرِ منٛز علمی تہٕ دٔ نشورانہٕ یکتیگ اکھ تیُتھ مثٲلی ماحول پٲدٕ تیٚچ مثال اسہِ عصری تٲریخس منٛز میلنۍ ناممکن چھےٚ۔

شُراہمہِ صدی پیٚٹھٕ ارداہمہِ صدی درمیان زمانہٕ چھُ کشیرِ ہندِ تٲریخُک اکھ پُرآشوب دور یوان گنزراونہٕ۔ اتھ دوران اگر سیٲسی لحاظٕ کشیرِ پنُن خود مختار وجوٗد درووتہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ ووت انتظٲمی استحصال تتھ نقطعروٗجس پیٚٹھ ییٚمۍ کٲشرٕن پنٕنۍ پٲری زان تہِ مشراوِ نٲو۔ اتھ دوران سپُد مغل تہٕ افغان گورنرن ہنٛز سرپرستی منٛز کشیرِ منٛز فارسی زبٲنۍ سبٹھاہ چلے جاوحاصل۔ کٲشری شاعر گےٚ فارسی شاعرِیہِ ہنٛز شاہی سرپرستی سٟتۍ تیٚتۍ متاثر زِ کٲشرس منٛز پنُن ضمیر اظہار کرنس منٛز باسیکھ زن تہٕ گال ہش۔ اتھ دوران سپدۍ کشیرِ ہندِس سرزمینس پیٚٹھ وارِیاہ تِتھۍ فارسی شاعر پٲدٕ ییمو فارسی ادبی تٲریخس منٛز سبٹھاہ ناو کموو۔ اتھ ساری سے دورس منٛز ییم کینٛہہ کٲشری شاعر زبوِ پیٚٹھ ہینٛس لایق چھِ تِمو منٛزٕ چھِ حبہٕ خاتون، شیخ داوٗد خاکیؒ، حبیب اللہ نوشہریؒ، صاحب کول، أرِنہِ مال، تہٕ

روپہ دبد۔ یِمن شاعرن ہندِس کلامس منٛز چھُ یاتہٕ معرفتِ الٰہی گریکہٕ ماران، نتہٕ چھُکھ بالہٕ یارٕ سُند ژھبنہٕ گژھُن وَچھس کوٗران۔ اتھ سارۍ سے کالس منٛز ہرگاہ اسہِ انسانی عظمتکۍ تغمہٕ تہٕ آدِمی لولکۍ میٹھۍ تہٕ مٕدرۍ باتھ کنن گژھان چھِ، تم چھِ تم لُکہٕ باتھ یِم وَنہٕ وُن تہٕ روٗف باتن منٛز سانہِ ماجہِ بیٚنہِ گنگراوان آسہٕ۔ یِمن لُکہٕ باتن منٛز چھُنہٕ کُنہِ مذہبی یا کُنہِ تفریقی رُجحانُک عمل دخل آسان۔ یاوری تہٕ یارۍ چھنہٕ مخصوٗص فرقہٕ خاطرٕ دَیِس منگنہٕ یِوان، بلکہِ چھُ گُلہم انسانیت خاطرٕ یوان منگنہٕ۔ گام چھُ ماس پیٹھ حاوی آسان تہٕ اجتمٲعی رٕژر چھُ انفرادی یژھاپہِ ہُند مُژ آسان۔ وچھتو تتھ یکچِہ باتس منٛز کتھٕ چھِ معصوٗم شُرۍ گُلہم گامہٕ باپتھ بزرگن ہنٛز اٚہی یژھان۔

| | | |
|---|---|---|
| ہکٹ کرو | صجس تہٕ | شامن |
| گامس | گرِن | برکت |
| علمدارس | لگو | پٲری |
| ژار | کھسَو | تُہر ہیتھ |
| تورٕ | واپس | یِمو شامس |
| گامس | گرِن | برکت |



کاشرِ منٛزلی باتن ہندِ سنجید مطالعہٕ تلہٕ چھَ یہِ کتھ واضح سپدان زِ کاشرِ ماجہِ آسہٕ پنٕہ نِین گُلن بروٗنٹھ کُلِ عالمہٕ کِنِن گُلن آے کانچھان۔ یِمن دُعاے خٲرن منٛز اوس نہٕ مذہب، ذات، رُتبہٕ، منصب تہٕ عقیدن ہنٛز وابستگی کانٛہہ

معنہٕ مطلب تھاوان۔ ہرگاہ کانٛہہ جذبہٕ یمن بأتن ہندِس ژٕکس تل گرایہٕ اوس ماران، سُہ اوس انسأنی لول، ماے تہٕ محبت آسان۔

سیأسی غأر یقینی تہٕ غأر کأشرٕ بن حکمرانن ہنزِ عدم دلچسپی سببہٕ ییٚتہٕ پیٚتھکی عام لُکھ بدظن گیہٕ تتہٕ رووکأشرٕ بن شأعرن تہٕ پننہٕ زمانٕک احساس۔ سماجس ستی تِہُند رشتہٕ گو منقطع۔ زندگی ستی سپدیےٚ کأشرٕ بن فنکارن یہٕ ڈٕپہٕ زِ تہٕ نفرت۔ دَے گارُن تہٕ خدا ژھارُن بنیوٚ وینہٕ شأعری ہُند مرکز۔ زمانہٕ بجایہٕ بنے یہٕ پننہٕ ذات شأعرن ہنزِ تخلیقی سرگرمیہٕ ہُند مرکز۔ ظأہر پٹھ باطنکی أمی سفرن کوٚر شأعر ذات تہٕ کاینات کین اسرارن وِنی دِلس پٹھ مجبوٗر تہٕ یتھ پأٹھی بنیوٚ وکأشرِ شأعریہٕ ہُند غأئب موضوٗع سریت تہٕ تصوف۔ سریت تہٕ وحدت الوجوٗدکی فلسفن کوٚر کأشرِ شأعریہٕ منز موضوٗعی جموٗد پأدٕ۔ مگر یتہٕ چھُ پزر زِ کأشرِ شأعریہٕ ہندِس گلستانس پھوٚلی تم مشکدار پوش تہٕ یہندِ کلامٕک روٗحأنی تہٕ تخلیقی مشک از تہٕ لولہٕ والین من مشکاوان تہٕ ظوٗن رنز ناوان چھُ۔

سریت پسندی، ییمیٚک موٗل قدیم ویدانت، شِومت، تہٕ بُدھ فلسفس ستی پیوست چھُ، کوٚر ایران پٹھ منتقل تصورس ستی تتھ پأٹھی نالہٕ موٚت زِ کأشرس شعر وادبس منز گیہٕ اکھٕ نوٗ فکری تہٕ لسأنی وحدت پأدٕ۔ یہٕ لسأنی وحدت چھِ دراصل تمن پوٗشید شعوٗری آرزوٗہن ہُند تکمیل ییٚچ بُنیاد ژوداہمہٕ صدی أندی پکھٕ لل دید تہٕ شیخ العالمؒ سند بومبارک اتھو ییموٗ اُس۔ یہٕ شأعری روایت پیٚیہٕ ایرانی تصور کہِ بنیأدی عنصر وحدت الوجوٗدٕ تہٕ شیوی فلسفہٕ کہِ سوٗ ہم سوٗ تصور ستی تھنہٕ۔ ییٚچ بازگشت اسہِ گنو ہمہٕ صدی ہندبن اکثر صوٗفی شأعرن ہندِس

کلامس منز میلان چھے۔ یمن شاعرن نزدیک اوس اعلیٰ حقیقتک عرفان نہ صرف مقصدِ ذاتے یوت بلکہِ مقصدِ حیات تہِ۔ مگر یہِ منزل پراونہِ خاطرٕ اُسی ذات تہٕ زمانکی مصنوعی دیوار مسمار کرٕنی سبٹھاہ ضروری۔ وُچھتو سو چھِ کرال رٕکتھ چھُ اتھ فکری وحدژاُکس صوفیانہ تجربس منز باوٕنچ اکھ تخلیقی کوشش کران۔

برہما، وشنو، مہیش گارُن
شپتھ چھے تِہنُدے زُو
پان ہے کھٹنے جان ہبکھ مارُن
دار نایہِ دارُن سۆ ہم سۆ



اعلیٰ حقیقت چھَ اکھ۔ فقط چھِ ناوٕ وکھرٕ وکھرٕ۔ تِہ یمہِ تہِ ناوٕ ستی یاد گریون، تِہند فریاد بوزن وول آسہِ کُنے۔

سۆ درس منز باگ چھے زۆنہِ ڈبا
تتھ منز بُستھ چھے شاہِ پانے
نہ تتہِ نیہہ تے نہ تتہِ شبا
ہبا یہِ چھے گُمانے



امہِ قبیلہِ کین شاعرن نزدیک چھُنہٕ مذہبی تفرق یا سماجی ذات بندی ہُند کانہہ معنے۔ انسانی محبت، ایشور تہٕ اللہ سنز وحدت، ذاتِ حقیقی یُک عرفان چھُ یہندِ فلسفُک تہٕ طریقُک واحِد مقصد آسان۔ تم چھِ عشقِ صادق

کِسں بل بوتس پیٹھ ربٕ کاینالس ہتی دوستی ہندِس حدس تام اتھ درازیٔ ژھان کرٕنی ۔امی حقیقتُک اظہار چھُ یَتھ کاشُرِس وژنس منز آمُت کرنہٕ:

دپیومےٚ بالہٕ یارس یأرکۍ لاگو
تُمۍ دۄ پنم بوزِوُن چھُکھ کونہٕ لاگو
دپیومَس چھُکھ ژٕ کُنٕے لا شریک
تُمۍ دۄ پنم تمہِ گرٕ ہتھ چھےٚ میأنۍ فطرت
دپیومس اتھ طریقس ہیمَے زاگے
تُمۍ دۄ پنم ہرنہٕ چشمن سورمہٕ لاگے



محمۄد گأمی ہند بن غزلن تہٕ وژنن منز ییٚمہِ سرمدی لولُک اظہار چھُ سپدان، تتھ منز جُزس کُلس ہتی میلنُک تمناتہِ تہٕ فنا پرأوِتھ بقا پراوُنُک مقصدتہِ؟ یہِ مقصد پراونہٕ خأطرٕ چھُ بے پناہ لول تہٕ فنا سپدنُک جذبہٕ شرطِ اولین یوان گنزراونہٕ۔شاید چھُ امی تجربٕچ باوتھ'تمثیل آدم'نظمہِ منز محمۄد گأمی کران۔

تمثیل آدم پرٕ ژھام حبابس
رِنٛدٕ چھُکھ زِنٛدٕ گتھ آبس ہتی
حُبہٕ ہتی حُبین پھوکھ لوے حبابس
پھوکہٕ ہتی میۄل ییٚہٕ آبس ہتی
مۄد کیا، رۄد کیا باقی حسابس
رِنٛدٕ چھُکھ زِنٛدٕ گتھ آبس ہتی

صوٗرتس نِش چھُے تعبیر خابس

مشک زن میلِتھ گلابس ستۍ

وأصلس نِش ژھاے کانٛہہ نہٕ نقابس

رِندٕ چھُکھ زِندٕ گتھ آبس ستۍ

کسبُک معنی پرِژھوم قصابس

دوٗ پنم دِل گنڈ کلابس ستۍ

دزٕ دزٕ ستمن مزٕ اَتھ کبابس

رِندٕ چھُکھ زِندٕ گتھ آبس ستۍ



موضوٗع تہٕ فنہٕ کہِ اعتبارٕ چھَ یہِ نظم صوفیانہٕ تجربس منٛز خالق تہٕ مخلوٗق کِس پُروقار رِشتس أندۍ أندۍ وونہٕ آمٕژ۔ خالق تہٕ تخلیق کہِ عشق واتحادٕچ چھےٚ یہِ اکھ بےمثال تخلیقی تمثیل۔

گُنوہمہِ صدی ہندِس نِصفس تام اُسۍ کأشرۍ صوٗفی شأعر تصوف کہو زٕ اُوی جاروتہٕ امہِ کہِ فلسفیانہٕ تہٕ فکری پوٚت منظرٕ نشہِ مکمل پأٹھۍ زأنۍ یاب گمتۍ۔ مگر اتھ دورس منٛز یمو صوٗفی شأعرو پنہٕ نو تخلیقو تہٕ شأعرانہٕ صلأحیژو ستۍ ناوکموومُت اوس تمو کٔر پنہٕ نین شعری تجربن ہندِ اظہارٕ خأطرٕ سو زبان تخلیق یَتھ منٛز عربی، فارسی تہٕ سنسکرت زبانن ہندۍ واریاہ لفظ شأمِل اُسۍ۔ یمو شأعرو خاص کٔرتھ محموٗد گأمی، مومن صأب، سوچھِ کرال، رحمان ڈار، احمد بٹہٕ وأرۍ، شمس فقیر، نعمہٕ صأب، وہاب کھارن بیترِ ورتأوۍ یِتھۍ استعارٕ، تشبیہہ، اِصطلاح

تہٕ تلمیح یِم ایرأنی تصوف، ہندو شاستر تہٕ مقأمی رِوایژن ہٕنز واتھ اُسی تھاوان۔ یِتھٕ پأٹھی یُس شعری فلسفہٕ سانیو صوٗفی شأعرو پننہٕ شأعری منز دأیرِو، سُہ باسیوٚ ونہٕ کأشرِ بن کُنہِ تہِ رنگہٕ وو پر، بلکہ باسیوکھ یہِ پننہِ مشترکہٕ ثقافتی وراثُک اکھ اژھیوٚن انگ۔ اتھ فلسفیانہٕ، فکرتہٕ لسأنی سنگمس متعلق چھُ پروفیسر رشید نازکی یِیمہِ آیہٕ پننہٕ تاثرات پیش کران:

’فارسی اور عربی تراکیب، مثلاً ناسوٗت، ملکوٗت، جبروٗت، نفی، اثبات، انا الحق، فنا فی الشیخ، فنا فی الرسول وغیرہ اسلامی تصوف کی اصطلاحات کے ساتھ ساتھ برمانڈ، شِو، پاروتی، وِشنو، کام دیو، اندر، مہیش، شاستر، سوٗ ہم سوٗ، وغیرہ سنسکرت اور مقامی تراکیب کا استعمال بھی کشمیری صوفی شعراء کے کلام میں ملتے ہیں۔ شِومت اور خاص کر پڑتہِ بھجیا فلسفے کا اثر ہماری صوفی شاعری پر اسلامی عقیدے کے ساتھ جسم اور روح کی طرح دکھائی دیتے ہیں۔ ان سب عوامل نے ہماری صوفی شاعری کو منضبط طور پر ہندو مسلمان کی مشترکہ تہذیب اور ثقافت کی قوس قزح بنا دیا ہے۔‘

شمس فقیر چھُ تصورِ وحدتس مختلف پیراین منز اِظہار کران۔ تِہُند اکھ شعر چھُ یِتھٕ پأٹھی:

اُمی کُنزَن کیا دیُت جلاو
تس کُنی سےٚ کیا چھُ ناو

پڑٕ زِ ہنزٕ رَزِ پان کھاجوم
موٚت معشوق یاد پیوم

نعمہٕ صاأب چھُ اُتھی تجربس ییٚمہٕ آیہٕ وضاحت کران:

گُنے دژاو کُنِس نیشہ
گُنے اوس سوریوٚو ہٕنہٕ زانٕہہ
وۄن دِیو، نعمو پانس نیشہٕ
کمیو شیشہٕ چوونس مَے

بیا کھ کاشُر صوفی شاعر وہاب کھار چھُ دۄیی تہٕ دوگنیارُک فرضی تقسیم ییٚمہٕ آیہٕ ردکران:

حضرت آدمس ژٕے گبر
تم اُسی دوٚیہٕ سِلسلے
اُکر رٕٹ آورینٕز، بےٚ قبر
دونۄنی چھےٚ گُنی ذات

اسد پرے چھُ تصورِ وحدت، کس اتھ فلسفس رِوایتی عقیدُک ڈوکھ دِتھ ییٚمہٕ آیہٕ ڈٲیران:

بۄ ہٕنکہٕ ناگہٕ راہٕ تن ناوٕمسَے
بۄ سرٕ چھِم دِوَے جان
ہر موکھٕ بالہٕ پان منسومسَے
بہٕ رسہٕ رسَے کوٚرنس تیار

یا

اَوےَ خبر أنٔی رحیم، رامن
موجوٗدٕ منزٕ سرنامن تہٕ لولو
کعبہٕ تہٕ بُتخانہٕ رٔژٕ مِتۍ ثوابن
دمہٕ دمہٕ دِل نیٖوٗم کعبن تہٕ لولو



برصغیرُک مشہور تأریخ دان جی ایم ڈی صوفی چھُ پننس تأریخس ''کشیرِ''منزٕ اسدپرےٚنس شعری اظہارس پٮ۪نہِ زبِو اظہار بخشان:

"The oneness of God and His truth in all religions are frequently dwelt upon. Rahim and Ram are one. The God of the Qibla or K'aba is also the God of the temple. Adam had two sons: one chose cremation and the other burial after death."

وُہمہِ صدی ہندِس ترٛیٚیمس دٔہلس منزٕ ییٚلہِ کشیرِ منزٕ شخصی راجس خلاف منظّم پأٹھی عوامی تحریکُک آغاز سپُد۔ لوٗکھ گیہِ استحصأل قوتن خلاف برسرِ پیکار۔ عوأمی اتحادُک یہِ معتبر اظہارٕ وچھِتھ ژٔج حکوٗمت وقتس تہٕ امہِ کینٛہہ پوٚت پچھاربن کھورَ وتلہٕ میٚوٗ نیٚر تھ۔ لوٗکن ہندِس اَتھ بأج وَٹس تہٕ اتحادس چھٕلہٕ چھٕلہٕ کرنہٕ خأطرٕ گٔری یمو طاقتو مذہبَکس ناوس پٮ۪ٹھ کأشرٕبن منزٕ پھاس تراوٕنٕکی واریاہ حیٖلہٕ، مگر تأریخ کس اتھ نوٗزُک وقتس پٮ۪ٹھ گٔری مجبوٗرتہٕ آزاد ہوٗبوٗ وطن پرست تہٕ حبسہٕ ہُشار شأعرو تم نغمہٕ تخلیق یموٚ ستۍ کأشرٕبن پٮ۪نہِ پتھ کالہٕ کہِ عظمتُک احساس سپُد تہٕ وأنسہِ وادن پٮ۪ٹھ پھأٹتھ مذہبی روادأری، انسان

دوستی ہنزن قدرن ہُند علم تہٕ۔ تہٕ یتھٕ پأٹھی ٚنبو ویمو شاعر وسے مُجأہدانہٕ رول یُس رول شئے ہَتھ وٕری بروٚنہہ لل دیدِ تہٕ شیخ العالمنؒ ٚنبو مُت اوس۔ مجوٗر چھُ یکسأنیتک تہٕ گُنزرُک تمنا یْیمہِ آیہِ کران:

چھِ باغس جانور بولان مگر آواز چھکھ بیوٚن بیوٚن
ژٕ یہندِس آلوٚس یا رب اثر یکسان پیدا کر
مشیدن مندرن، ِگرجن، درم شالن تہٕ استانن
یَمن ہیتین گرن اثر ٚنک گُنٚے درواز تھاوُن چھُم

☆

عبدالاحد آزادس ِنش چھُ دٕیی تہٕ دوگنیارٕچ پربتھ کانٛہہ عمل انسانس تہٕ انسأنی عظمتس خلاف اکھ وار باسان۔ انسانن منٛز مذہب، قوم، زبان، ذاتِکس بنیادس پیٹھ بین کرنس پیٹھ چھُ آزادس جگر کوٚرنہٕ یِوان۔ تہٕ امہِ ٕکفیٚژ ہُند علامتی وونٕ باوَتھ چھُسہٕ یْیمہِ آیہِ کران:

سنبر، دوگنیار، بُٹھی تَے بیرٕ ڈیشتھ جیرٕ چھُم یِوان
گُنبرِ یکسان چھُس ژھاران لاران یوٚت ماران چھُس
توَے چھُس آب اُستھ وارٕ ٹُلہٕ وبن تنبگلن اندر
یِوان چھُم زندگی ہُند سوز سفرن منزِلن اندر

یا

کریو نگھ قُدرتن پأدا محبت بأگراوُن کیُت
یہٕ کُمی ترووُے دِلس اندر دُیی ہُند نار انسانو

یِیلہ 1947ء ہس منز دوٚن آزاد مملکتن ہُند قیام وجوٗدس منز آو، ملک تقسیم سپدنہٕ کِس پوٚت منظرس منز مذہبہٕ کِس ناوس پیٹھ یُس فرقہٕ وارانہٕ نارٕژوپاٗری لوٚگ تہٕ ریٚچھ یوسہٕ ہوٗلی گِندنہٕ آے، تمہٕ سِتۍ گٔیہ لوٗکن ہندی دل مجروٗح۔ کاشُر شاعر یُس باٗے بندتیک تہٕ مذہبی رواداٗری ہُند علمبردار اوس، کتھٕ ہیٚکہِ اَتھ بحراٗنی حالژِ منز پننِس باوٕژوسپلس ٹیب دِتھ؟ چنانچہ تمۍ لیٚکھی تم نغمہٕ یِمن منز شعری حُسن سبٹھاہ کم چھُ، مگر اتھ اِظہارس اُس اکھ عوامی اپیل تہٕ یُس وقتُک اکھ اہم تقاضہٕ اوس۔

نیاے ترٛاٗوِو ماے تھاٗوِو پانہٕ واٗنۍ
پوٚز محبت باٗگہِ راٗوِو پانہٕ واٗنۍ
ہیوٚند چھُ شکر دود چھُ مسلم صاف صاف
دود تہٕ شکر بیٚیہِ رلاٗوِو پانہٕ واٗنۍ
ہیٚندی رٹن نَم، کھوٗری واین اہلِ دین
ناو یِیمہِ ملکچ چلاٗوِو پانہٕ واٗنۍ



شاید چھُ مہجور سِندِ امہِ باٗتُک عملی تفسیر وُچھتھےٚ مہاتما گاندھی جین تتھ پُرآشوب وقتس منز ووٗنمُت زِ ''ہرگاہ مےٚ کُنہِ وومید ہنز زٕژلبنہٕ چھےٚ یوان، سو چھم یوان فقط کشیر منز لبنہٕ''۔

## مطالعہ کُتب


۱) عبدالاحد آزاد، کشمیری زبان اور شاعری، جموں وکشمیر کلچرل اکادمی

۲) امین کامل (ترتیب کار) کاشِر صوٗفی شاعری، جموں وکشمیر کلچرل اکادمی

۳) اوتار کرشن رہبر، کأشرِ ادبٕچ تأریخ

۴) بشر بشیر، یمن پدن مےٚ وبۄز ارگوٚ ژھے

۵) فاروق فیاض، زبان ادب تہٕ توأریخ، نن پوش پبلی کیشنز

٦) جی، ایم، ڈی صوفی، کٔشیر، نوٚ وایڈیشن

۷) جیالال کول، لل دید، جموں وکشمیر کلچرل اکادمی

۸) ناجی منور، پُرسان

۹) پدم ناتھ گنجو، (ترتیب) کلیاتِ آزاد، جموں وکشمیر کلچرل اکادمی

۱۰) پروفیسر محمد اسحاق خان، Kashmir's Transition to Islam منوہر پبلی کیشنز

# نۆو کأشُر غزل......لسأنی تہٕ معنوی تہدأری

کأشرِن ادبی صِنفن ہٕنٛدِس تأریخی پوٚت منظرس زول دِنہٕ پتہٕ ووٚتُس بہٕ یَتھ نتیجس پیٹھ زِ یمن منز چھےٚ روایت پرستی ہٕنٛز مثالہٕ واریاہ درٛینٹھی گژھان تہٕ روایت شکنی ہٕنٛز دلیلہٕ چھےٚ سبٹھاہ کم برونٛہہ کُن یوان۔ ہیتی تہٕ لسأنی سوٚتھرِس پیٹھ ییٚلہِ کلھم غزل صنفہِ ہٕنٛدِس اساسس پیٹھ تجزیہ کرنہٕ اوس یوان، نقادن ہٕنٛز اکھ بڈٕ جماتھ اُس یتھ کتھہِ ستی اتفاق تھاوان زِ غزل بحیثیتِ اکھ خود مختار، اکھ منفرد ادبی صنف ہیکہِ نہٕ بغاوتگ تہٕ انحرافُک کریٚوٹھ تہٕ مکڈُر بار برداشت کٔرِتھ۔ غزلس متعلق نقادن ہٕنٛز یہِ رائے روٗز واریاہس حدس تام مقرر تکیا زِ الہٕ پلہٕ ہتس ؤری یُس روٗد کأشُر غزل کُنہِ بجہِ تبدیلی یا انحرافہٕ نِشہِ واریاہس حدس تام خأ لی۔ اتھ پوٚت منظرس منز چھُ نوٚ و غزل، غزل گویی ہٕنٛدِس تأرٛیخس منز اکہِ اہم انحرأفی عملہِ تہٕ تبدیلی ہٕنٛز نمایندگی کران۔ اگرچہ مجبورتہٕ آزادُن غزل تہِ اوس اکہِ نوِ تہٕ خوشبوٚ نہِ تبدیلی ہٕنٛز ثبینہٕ وَن دِوان مگر یہِنٛد انحراف روٗد صرف یہِنٛدِ نِے غزلن تام محدود تہٕ یہِ ہیوٚک نہٕ اکہِ نوِ روایتہٕ ہُنٛد صورت اختیار کٔرِتھ۔ اتھ برعکس اُنی نۆوی غزلن تأریخ کِس اَکِس خاص موڑس پیٹھ زایِن لبن واُلی فکری، تمدنی تہٕ نفسیأتی روجحان تمی آیہِ تخلیقی سوٚتھرِس پیٹھ برونٛہہ کُن زِ لفظن آو

نۆ و معنہٕ مفہوم عطا کرنہٕ۔ زِندگی ہِندی تقاضہٕ گیہِ تبدیل تہٕ نۆ و سمأجی نفسیات آو بارسس۔ أمۍ نۆی نفسیاتن تہٕ لمحأتی ظوٗنہٕ وطیرن کتھہٕ پأٹھۍ ترووسأئنس کأشرِس غزلس پیٹھ اثر تہٕ لسأنی تہٕ معنوی تہدأری کتھہٕ چھُ نۆِس کأشرِس غزلس منز تخلیقی سوٗتھرِس پیٹھ نوٚبن شعری امکاناتن تہٕ فکری جہاتن ہُنٛد انکشاف کران۔ میانہِ ییمہِ مقالُک متن تہٕ مقصد چھُ تی سر کرُن۔ بہٕ کتھ حدس تام چھُس اَتھ کوششہِ منز کامیاب گومُت امیک فأصلہٕ چھُس تعظیمأ تہٕ ادبأپرن والین پیٹھ ترٛاوان۔

لسأنی تہٕ معنوی اعتبارٕ تہٕ تہدأری آیہِ کأشرِس غزلس گوڈ نِکہِ لٹہِ پٔتمہِ صدی ہِندِس شیٚمہِ دٔہلہِ پتے نادم، کامل، راہی تہٕ فراق نی دٔسی۔ اشترأکی فلسفہٕ کہِ حوالہٕ یُس فارمولأیی ادب تخلیق آو کرنہٕ یا یم غزلہٕ تخلیق آیہِ کرنہٕ تتھ منز اوس یسلہٕ پأٹھۍ موضوعٕ یک رنگی تہٕ لفظن ہُنٛد گربز اوس دِلہٕ کھوتہٕ دِماغس زیادٕ متأثر کران یُس شأعری ہِندِس بنیأدی روحس برخلاف چھُ۔ یِمو ژیوٚن سبٹھاہ جلد زِ فکری تہٕ فلسفیانہٕ تہدأری ہیکہِ نہٕ ذأتی محسوساتن کامیاب شعری تجربن منز تبدیل گٔرِتھ۔ یِمو گٔرتمہِ نفسیأتی پیچیدگی تہٕ تہدأری ہنٛز کتھ یوسہٕ زن عصری انسان سُنٛد بنیأدی مسلہٕ اوس۔

انفرأدی سطحس پیٹھ ژینچہِ عملہِ دوران ییمہِ ہیجان خیزی منز غزل گو شأعرس گُذرُن چھُ پِوان تمیک معنوی پوٚت منظر تہٕ اظہارُک پیش منظر دوشوے چھِ منفرد، ذأتی، بِدوٗن تہٕ سنبر سأوی۔ یوہے وجہ چھُ زِ نۆِس کأشرِس غزلس منز چھُ گہے وُٹھہٕ پھِسر ارے تہٕ گہے خود کلأمی ہُنٛد لہجہِ نمایاں سپدِتھ بروٚنہہ کُن یوان تہٕ گُنہِ چھُ سوالیہ اندازٕ نۆِ کأشرِ غزلہِ ہُنٛد امتیأزی ژیٖنن طرز بنان۔ کینٛہہ

مثالہٕ وُچھتو:

از ییٚیہِ لأوِ تیونگل ژاپان ییٚو شعر وَنُن
مٔلی ہیتھ شُنٛز تھوٚسی ٔلی اوسُم ازماوان دِل

(راہی)

ییٚلہِ وِ تیٚلہِ روٗز وو پرژھایہِ دِلس رایہِ گنان
نظرِ زانہہ پان پنُن آو نہٕ ییتھ شہرس منٛز

(امین کامل)

بختہٕ بوٚڈ چھُکھ ژٕ شہر ترأوِتھ آکھ
گام دوتگھ تہٕ راو بوٗنین تل

(قاضی غلام محمد)

شُہُل کتین کرکھ شاد تۆر چھُ نارٕ بزٕہن
طُفانٕ واو تہٕ وِج چھےٚ سایبانس تل

(پریم ناد شاد)

سینٕہ دِمہٕ کتھ کتھ دولابس ما ژٕ کریل
شاپہٕ وَرشُن یُس تہٕ یوٗن مے چھُ بس

(رسول پونپر)

خوابن تامتھ تن رَتہٕ داوِ
تہٕ چھِ تھذیبس زیٹھان نم

مرغوب بانہالی

زانہِ دَے یم جانور آلین چھِ ژاۓتی کیازِ وُنی
سائنی کنِ پۆ کمُت چھُ اکھ سرتاز لشکر بییہ نہٕ کینٛہہ

(نذیر آزاد)

شاعرانہٕ شخصیژہ ہنٛدِ جھول آسنہٕ سببہٕ چھُ نۆس غزلس منز جبسی امکاناتن ہُنٛد اکھ وسیع تہ خاموش سمندر دیدن تل یوان۔ واقعات تہٕ وأری داتن ہنٛدِ باوژ بدلہٕ چھُ تو ژراتن ہنٛزِ ہیجان خیزی پیٹھ زور یوان دِنہٕ۔ یہِ باوتھ چھےٚ پننہِ جایہِ بذاتِ خود استعارأتی امکاناتن ہُنٛد حأصل تہٕ توے چھُ امہِ قسمہٕ کِس أکس أکس شارس منز مرکب استعارن ہنٛز اکھ لطیف کیفیت تہٕ خوشبوے لبنہٕ یوان:

سونزلہِ پھٔژکس منز گتی جہِ کلاچ ژیر وُہن
شینہٕ شرط ہوی سوختہٕ موسم چھاوان دِل

(راہی)

خیالہٕ گامہٕ کنِ اگر مےٚ سایہِ ماجہِ ہُنٛد سمکھ
پرٕژھس ژٕ وَنتہٕ راورِتھ ژٕھٕنتھ کتبتھ امار کر

(نسیم شفائی)

شینہٕ تھمس پیٹھ اۆبرٕکی پش دِتھ پرٕتھ اکھ لُر
یتھ بستی کیتھ نۆو موسم ازماوان چھس

(رتن تلاشی)

سونزلہِ پھڑ کھ، کُتی جہِ کلام، خیالہٕ گام، شیٖنہٕ تھم، اوبری لِش، سمیہِ سرونگ، ماگہٕ شہر، گاشہِ بل، سبز ہاوس بیترِ یٔژھے ہشہِ یِم ترکیب نٔوِس کاشرِس غزلس منز درٕ ینٛٹھی چھِ گژھان چھِنہٕ کُنہ تہِ مأنڈِ متہِ لسأنی نظامکی یا تہذیبی علاقکی دین باسان بلکہ چھےٚ یمہٕ ترکیبہٕ زمأنی لحاظہٕ حالہٕ چہِ کو چھِ منز لمحہ بہ لمحہ زاینٛ لبان تہٕ یِمن پتہٕ کنہِ فقط شاعرٕ سُند تخلیقی ذاتُک ذأتی بوحران ڈٕکھِس چھُ۔ یتھی وٕے پیکرو ستی شارن منز یُس جِسی دنیا تعمیر چھُ کرنہٕ آمُت سُہ زاننہٕ خأطرٕ چھُنہٕ گُذریمتہِ وقتُک ڈٕوکھ حأصل کرُن بلکہ چھُ چھور چھور کرونہِ حال چہِ دَگہِ ہُنٛد عرفان حأصل کرُن ضروی۔ جِسی ترکیبن ہُنٛد استعمال چھُ نٔوِ کاشرِ غزلُک اکھ مأری موٗنٛدانہار۔ امہِ ستی سپُد کاشرِس غزلس سُہ فضا مویسر یمہِ ستی اکھ پرن وول تِمن معنوی جہاتن دریافت کرنس پٔتھ مجبور چھُ گژھان یُس زن أزی کہِ ذہنی انتشار تہٕ بے یقینی ستی پأدٕ چھُ گومُت۔ نٔوِ غزلُک یہِ شخصی تہٕ غأر رسمی لہجہٕ چھُ شأعرٕ سٕنزٕ نٔوِ ژٕژی ہُنٛد ترجمأنی کران۔ تِمٕ سندِ منفرد طرزِ احساسچ تہٕ نٔوِ اندازِ نظرٕچ ژیٖنہٕ ون دِوان:

ذوزٕری تن وجوُدُک یہِ نیٖچر ذوزٕری تن
زہر دژاو خوابکی سرف ناگی تژاوو
(رفیق رازؔ)

تارِ کوٚژس چھُ اشتہار مُرتھ
پرنہٕ بروٚنٹھے ژٕ کیازِ پیوکھ پتھر
(رسول پونپرؔ)

محفلِ اذکار اُس طَیس پیٹھ پانہٕ خدا اوس صدر نشین
اُتھی منز بڈِ بوڈ بختاوارا ژاوتہٕ ژھری چند بری نم راتھ
(غلام نبی خیالؔ)

وُچھوس تونتہِ منز اکھ موختہٕ ہونزُر
سُہ جاناور وُڈِتھ گوو آسمانی
(مشعلؔ سلطانپوری)



لسانی سوٗتھرِس پیٹھ اُسی یتھ یِیلہِ نِوس کاشرِ غزلہِ کس جمالیاتی ساختس سنان چھِ، یہِ چھُنہٕ نفی ہنک پوٚت منظر ہیتھ اثباتہٕ کِنہ گِتھ گوشن ہُند پے دِوان بلکہ استعاراتی طور قاری سُند ظون پھرناونچ کوشش کران۔ مثبت رٕوی یِچھِ نِوس کاشرِس غزلس منز منفی سوچن ترایہِ منز تبدیل گژھان۔ یہِ چھُ تیلی ممکن یِیلہِ سوچس تہٕ احساس درمیان اکھ ئژنی کھٕے ہیکہِ اُستھ۔ نفسی تضاداتن تہٕ داخلی بوحران کہِ یِیمہِ کربلا منزی نِوس شاعرس گذرُن چھُ پیوان، سُہ چھُ پرٛتھ مقررہ پزرس پیٹھ کتھ کرنہٕ وِزِ زَن تہٕ راوان تہٕ شاعرسُند یہِ راوُن چھُ تمِس نفی کِنہ اَنہِ گٹہ جزیرن ہُند سآر کرناوان۔ وُچھتو یِمہٕ کینٛہہ مثالہٕ:

نہ کانٛہہ اِشارٕ دِلس تھف نہ کانٛہہ ادا قابل
ژٕ وَنتہٕ کینٛہہ تہِ مےٚ نا چھُم ہٹی وسان اوٗند پوٚک
(فراقؔ)

نَے بوٗنۍ أچھن ژھایہِ نہ پھُھرا ے وُٹھن پیٹھ
سمکھو تہِ اگر کانٛہہ تہٕ یوٚہے گٕڈنہِ گٕڈا ہیوٚ

(راہیؔ)

شہہ رگہِ تھٲنس ریہہ لیکھتھ
صُبحکہِ واو تہِ چھِنہٕ شیٛہلان

(نسیم شفاییؔ)

رٲتی راتس ؤوتھ أچھن اندر سمندر بیٚیہٕ نہٕ کینٛہہ
گزلہٕ وقتن بس پھِرن اکھ رؤد ژادر بیٚیہٕ نہٕ کینٛہہ

(نذیر آزادؔ)

أزِکی کاشُر غزل لیکھن وٲلی شاعر چھِ نوبن تخلیقی تصوراتن تہٕ معیارن نِش حأرت انگیز حدس تام باخبر۔ تِم چھِ عمومی تجربس انفرأدی تفکرتہٕ توژر بخشتھ معنے کینہِ نوٚنہٕ جہژن کُن پرن وأرِلس ظوون پھِرناوان۔ توے چھِ وُچھان زِ نِوِس کاشرِس غزلس منز چھِنہٕ علامتن پتہٕ کنہِ کانٛہہ تہِ اصطلأحی پوٚت منظر بلکہ چھُ پرٛتھ علامت نوبن شعری کیفیژن تہٕ تجربن ستی پٔنن معنہِ بدلاوان روزان۔ نِوِس کاشرِس غزلس منز یوسہٕ ارضیت درینٛٹھی چھےٚ گژھان تمہِ خاطرٕ چھُ سون نوٚو غزل گو شاعر تِمنے علامتن ہُند استعمال کران یِم تِمن أندی پکھِس منز دیدن تل چھِ۔ تہٕ یِم تمی میٚوہندی پأداوار چھِ۔ یِمہِ میٚو ہُند پأداوار پانہٕ شاعر چھُ ژونگ، مشألی، جوٗگی، برمجہِ گُل، جاناور، بُرزِ پِش، وگوِ، آنہٕ، زبروَن، ششر گانٹھ، آستان، جنگل، دریاو، شہر بیترِ درجنہِ واد لفظ چھِ علامتی

رنگس منز نَوِ نَو آیہِ یتھہٕ پأٹھۍ یوان استعمالس منز اَنہٕ زِ شارن منز چھُ سُہ تیتھ ابہام پأدٕ گژھان یُس پرن وأرلس بیہِ تہٕ بیہٕ شار پرنہٕ، پرکھاونہٕ تہٕ شارُک جمال تہٕ جلال سرٕ کرنہٕ خأطرٕ اُکساوان چھُ۔

مقامیت چھےٚ نَوِ کأشرِ غزلہِ ہنز بیا کھ اکھ معنوی جہت مگر ییٚتہِ نِس چھےٚ یہِ کتھ یاد تھاوِنۍ لایق زِ نَوِس کأشرِس غزلس منز چھَنہٕ یہِ مقامیت ارضی مأری منز رووتلاوِتھ پأدٕ سپدان بلکہ چھِ نۆی غزل لکھن وألۍ شأعر یہِ مقامیت نوبو علامتو، استعارو تہٕ اِشارو ستی پأدٕ کران تہٕ یتھہٕ کٔنۍ چھُ لفظن ہُنٛد یہِ علامتی ورتاو وَرگہٕ پأٹھۍ اکھ خاص جغرافیأیی اکأیی تہٕ اکھ تہذیبی علاقہٕ دیدن بروٚنٛٹھہٕ کنہِ انان۔ وُچھتو یِمن شعرن منز کمہِ آیہِ چھُ سانی زمینہٕ کِبن علامتن ورتأوِتھ مقأمی شناخژ ہُنٛد شعوری توژُر ووتلاونہٕ آمُت:

گۆٹ شِشری رأژ ہُنٛد بناں سنگلاخ
پان زالان چھُس ستارن ستۍ

(حامدی کاشمیری)

بختہٕ بۆڈ شہر ترأوِتھ آکھ
گام ووتھکھ تہٕ راو بونٛین تل

(قاضی غلام محمد)

بوٚنۍ یوسہ سانہِ شأعری منز اوترٕ اوترٕ تام عظمتُک ، بجرٕ چ تہٕ بختاوری ہنٛدِ علامتہٕ رٔنگۍ استعمال اُس یوان کرنہٕ نَوِس غزلس منز چھےٚ بونہِ ہُنٛد ثقافتی معنے تبدیل گژھِتھ امہِ کہِ ہمہ جہتی معنے لیس منز ورتاونہٕ یوان۔ یہِ چھُ تأریخی

تسلسل، کس رنٛگس منز فراق تہٕ ہجرت کہِ دگہِ ہنٛدِس تصورس منز جغرافیائی تبدیلی ہنٛدس پوٚت منظرس منز شناختی بحران تہٕ بطورِ زمانی بحران کہِ علامتہٕ رٕنگی یوان نٔوِس کاشرِس غزلس منز استعمال کرنہٕ:

کم بونہِ شہلِ ہے ہے نَرِ پانہٕ دِوان تاپس
کُنہِ ژھایہِ بچھ چھا کانٛہہ روزان تہٕ ناڈ وپے
(ناظر کولگامی)

سُہ گُلِ فقیر جشنہٕ گائی گام بونہِ تل ژٕستھ
لوٚ کٹ سو کورِ ہن تہٕ لماں مے اُس دامنس
(شاد رمضان)

بڈ بوٚنۍ سڑکہِ راتھ ژھاں اُس کلمہِ وچھ
چوکس اندر ؤونٛگھ مے پکاں اوری چھُ ڈوزر
(فاروق فیاض)

نٔوِس کاشرِس غزلس منز چھُ زبانٔی ہُنٛد اکھ نبرل تہٕ نوٚو وَرتاو درینٹھی گژھان۔ لفظِ چھنہٕ کلچرل ایریا منز ژارنہٕ یوان بلکہ چھِ تلازمت کینٛن علامتن ہتی یوان منسوب کرنہٕ۔ لفظن ہُنٛد یہِ نوٚ وتعبیر چھُ پرن وٲلی ہنٛدِس احساس پیٹھ تتھہِ پأٹھی اثر تراوان زِ تس چھُ سوٗرے شارٕ فضا وِیوٚ دتہٕ پٔنن باسان۔ شاعریوس زبان حسبی تجربہٕ کہِ اظہارٕ خاطرٕ استعمال چھُ کران سُہ چھُ بے تکلف لسانی پانہٕ نیار کہِ مأنزِ ژٕلتھ۔ تیٚمہ رنگینی تہٕ نزاکت، تمیک وو شلن تہٕ تیمہ شیہلتھ تہٕ چھُ پرن وول تتھے پأٹھی سران یتھہِ پأٹھی پانہٕ شاعرن سوٚ رمُت

چھُ آسان ۔ امہِ ستی دراییہِ کاشری غزل دیوانہٕ خانہٕ کیو آرائیشی زونہٕ ڈبو منز نبر تہٕ اَتھ میوٗل تاشہِ وانک تشرتہٕ گامہِ وتہِ ہنز گردتہٕ، شہری وتن ہنز عارضی موہر تہِ ۔ اَتھ منز چھُنہٕ کانہہ شک زِ کاشرِس غزلس منز اوٗن یہِ نوٗو لہجہِ گوڈ نِکہِ لٹہِ کامل صابن مگر ووٗنی چھِ سانی نوجوان لکھاری اَتھ منز تیتی ماہر بنے متی زِ یہِ چھُ زِ سانہِ نوٗ غزلہِ ہُند اکھ خوبصورت انہار بنیو مُت ۔ مگر اکھ کتھ پیٚیہِ یاد تھاوٕنی زِ نوٗو کاشُر غزل گو شاعر چھُنہٕ رِوایتی غزل گوون ہندی پاٹھی لُکہٕ محاورن ہُند استعمال کران ۔ سُہ چھُ باخبر زِ اَمہِ ستی چھُ شعری تجربہٕ اکھ لُکہٕ تجربہٕ بنان یُس داخلی شعری وجوٗدٕ خاطرٕ سم قاتل چھُ مانہٕ یوان ۔

ہوٕنی، آرمینی، کلم کدل، تیونگل، لفافہٕ، تونت، وٕگوی، وان، کُلی فقیر بیترٕ لفظ ییم زن رِوایتی غزلہٕ زبانی خاطرٕ اچھوٗت اَسی یوان گنزرنہٕ، چھِ ووٕنی نوبن معنے ین منز استعمال یوان کرنہٕ تہٕ شعرن منز باونہٕ آمتی تجربہٕ یا خیال چھِ نوٕی رنگ رٹان ۔

ماگہٕ نب کٕتھ کوٚش تہٕ سیتل شینہٕ ژھٹھ
کاٹھ ژٕنہٕ کانگر مے برناوم تہٕ دراس



مازِ ہا کُس پوٚز ییمن پھرِاٹِل دوٚسن
ہوٕنی ووٚنہم براندٕ نکھہٕ پیاول چھےٚ اَز

(فاروق فیاض)

## مطالعہ کُتب

۱) اے، ایم، کلارک، Study in literary Modes

۲) ایڈتھ رِکارٹ۔ New methods of study of literature

۳) عزیز حاجنی، أنہٕ خانہٕ

۴) ہادی حسن، مغربی شعریات

۵) حامدی کشمیری/ بشر بشیر، کاشرِ شاعری ہُند انتخاب

۶) حامدی کشمیری، جدید کاشِر شاعری، شعبہ کشمیری، کشمیر یونیورسٹی

۷) شاد رمضان، سہل چھامعنہٕ بوزُن

۸) رسالہٕ تہٕ جریدٕ

انہار، شیرازٕ، نیٔہج، سون ادب، نیب

# نسیم شفائی سٕنٛز شاعری منٛز نسوٲنی وقار

گذریمتہٕ ہٮ۪تہٕ لہِ ؠکس اَخری ڈٲلس منٛز کٔشیرِ منٛز ییمہٕ نوِ سیاسی رُدِ ٹیک آغاز سپُد تمہِ تھووِ نہٕ کٲشرِ زندگی ہُنٛد کانٛہہ تہِ شعبہٕ متأثر کرنہٕ رٕوسٕتٕے۔ شاعر، ادیب تہٕ ڈٕ ویم فنکار ییم سماجکی حساس فرد چھِ آسان کتھہٕ روزٕ ہن فکری سطحس پیٹھ امہِ تبدیلیہٕ ہنٛز دَگ سرنے تہٕ باونے۔ ووٕنی گوو یتہٕ پرٛتھ عہدس پننٛز میزان تہٕ تقاضہٕ چھِ آسان تِتہٕ چھِ فردس اظہارٕکی پننٛی ول تہِ بدس آسان۔ توے چھُ مختلف دورن منٛز بظاہر اکی ہے موضوعس پیٹھ تہِ شاعرن تہٕ ادیبن ہنٛدی رُوکِ یہ، بیان تہٕ ژینن طرزٕ مختلف آسان۔

نسیم شفایی چھےٚ موجودٕ دورٕ کین کاشرٕ بن شاعرن منٛز پزی اکھ منفرد تہٕ معتبر آواز۔ تمہِ سٕنٛز شارٕ سٕوٚمبرن ڈٔرکی چہِ مُشرِتھ یِیہِ صداقتن کٔشیرِ ہنٛز عصری تأریخ زاننہٕ خاطرٕ اکھِ معتبر شہادٕ ژرٕنگی تسلیم کرنہٕ۔ سو چھےٚ تأریخ، تہذیب تہٕ روایت ؠکس ڈٔکھس پیٹھ کٔشیرِ ہنٛد بن تمن ادارن ہندِ تباہی پیٹھ اشک بار سپدان ییم راتھ تام سانہِ بجرٕ کی، سانہِ عظمتکی تہٕ سانہِ ذہانتکی پزٕ بزٕ لوٕنی تاج تہٕ تارک گنزرنہٕ یوان اَسی۔ ییمنٕے کینٛژون تأریخی صداقتن منٛز چھِ سانٛی عالمی انسان دوستی، سماجی بأے بندُت،

فکری یکٕت تہٕ تہذیب شناسی تہِ شامِل ۔ سأنی یہِ باذوق شاعر کتھٕ چھےٚ انسأنی قدرن ہٕندِس تخریبس پٮ۪ٹھ باکہٕ ژھٹان تہٕ کٔشیرِ ہُند گاشدار راتک پرتو کتھٕ چھےٚ سو موجوٗدٕ گٔڈلِن تہٕ گٹن ہُند سینہٕ ژٕٹتھ یژھان و ُچھن، تمہِ چہ کیٚنٛہہ مثالہٕ کرٕ بہٕ یِہنٛدے کلامہٕ ستی پیش۔

اَدٕ پوٚ زروتلہِ گریکھ ژھٹ سوٚ درن

ہمسایو بوٗز باکھ ازٕ ہٕٹھ

متہٕ مرٕ تووٗنہِ چھٕ ناوأنسہِ کم

متہٕ مرٕ تووٗنہِ چھونا مأنزِنم

نظم: باکھ......

شاعر چھِنہٕ نظمہِ منٛز محض اَچھن منٛز اوٚش برِتھ تہٕ نالس دامنس تام چاکھ دِتھ انسأنی قدرن ہٕنٛزِ پامألی پٮ۪ٹھ اَکِس عام کأشرِ زنانہِ ہٕندِ بن مجروح جذباتن زبوٗ اَنان، سو چھےٚ کأشرِ ماجہِ روبہٕ خانٛچ بختہٕ بٔڈ بنأوِتھ اَمِس اکہِ تہذیبی علامتہٕ رنٛگی، سمأجی وِقارٕ رنٛگی تہٕ نفسیأتی بجرٕ رنٛگی پیش کران۔ یِمس منٛز تم سأری صفات موجود چھِ یِم زمانٕکی تمام گأیلات برداشت کرنٛچ توژھ تہٕ توانگر تھوان چھِ۔

کٔشیر یوٚس قدیم کالہٕ پٮ۪ٹھ انسأنی قدرن ہٕنٛدِ علمبردار رنٛگی سأرِسے عالمس منٛز مشہور اُس تہٕ یتہِ مختلف تہذیبی تہٕ فکری رَوا اکھ اَکِس لرِ لوٚر روان تہٕ دوان روزٕ مگر بدقسمتی کنہٕ آیہٕ تِتھی حالات وجودس زِ وأنسن ہٕنٛز سوٚمبرن گیہٕ واوٕ بزٕ، رُمس رُمس تیلیو زہر مگر سو شاعر تیمٕی ہٕنٛدِس انکس انکس منٛز پنہٕ وٹنچہٕ میوٚ

ہنز خوشبوے بُستھ چھے تیمی ہندِس اچھرس للہِ، حبہ خوتونہِ تہٕ اُرنی نہِ مالہِ ہُنٛد سرٕ یہٕ تہٕ شرٕ پتھ موجود چھے کتھہِ ہیکہِ ہامہِ کربناک منظرُک مشاہد گرِتھ ییتہِ انسانٔی رَنٛج ہولی گنٛد نہٕ یوان اُس۔ سو چھے ییمہِ آیہِ اَتھ بدلوٕنِس منظرنامس منز پننہِ واویلا ہُک اظہار کران۔

للی للی کیاہ کرِلل وونی لالس
لَس کھیوٚ ودِگہِ دِگہِ ماز گژ بدو
ییہِ تہٕ کلوپٹرا اٰ ۔گتھ یتھ
مریم تھرِ دارس کیُت عیسیٰ
میانین خابن ہُنٛد تعبیرا
یوٚ دیہِ شِٹھیو مُت ماجُت سمکھی
ہر گاہ یم ژھوٚپِ آلو بوزکھ
ژٕرے تہِ لاری وأ راگ متکھ

نظم: ژھوٚپِ آلو......

بدلوٕنین حالاتن ہندِس پوٚت منظرس منز ییمہِ اکہِ نوِسایکی زنم لوٚب یتھ منز سماجی تشدد، عدم تحفظ تہٕ اجتماعی شکن تہٕ ہجرتن انسانہٕ ہندی سینہٕ ژلی تمیک اکھ لازِمی نتیجہِ یہِ دراو زِ فرأری یتھکی جذبن تہٕ احساس رٔٹی سرٕ نی موٗل بُتھی پھری زمانکہِ زنجیرِ ستی یوٚت یوٚت مونٛش مجروح سپدان گوو، سُہ روٗد ذاتہِ کہِ تحفظ خاطرٕ نوٚی نوٚی منزل تلاش کران۔ مگر نسیم شفایی چھِنہٕ غارٕ صحت مند خارجی حالات ڈیرٕ وٹنس تہٕ ذہنکی دارِ برترٕ وپراونس پیٹھ مجبور کران۔ لَس تہٕ چھِ گھے

انسانی لاشن ہنڈی نبتھ ٹنی کفن وچھتھ پانس ستی نفرت یژھان گژھنی مگر تسُند عقیدہ چھُ تیوٗت سرٛ ون تہ شوٗژ زِ سو چھےٚ بُلان بُلان تہِ سنبھلان تہ پننہِ مینٛز کھور ٹھیکراٗ وِتھ بتھی پھری واوس منز تہِ ژاٗنگی ئے ہبتھ گٹین نوٗرانہٕ کرنچ وَتھ کتھ تلاش یژھان کرِنی۔ وُچھو''اکھ خط واٗتتھ'' نظمہِ منز کتھہٕ چھےٚ اَمہِ وعدہ بندی ہُنڈ سوا ظہار کران۔

واٗنجہِ لگی ترٛ کھی لبہِ رَتہٕ چھُکھ کھوٚت
نقشو لوٚب ژُولو تہِ لو تہِ ڈ وپہم
ووتھ یکھ ووتھ تراویہ شہرٕ چ کل
وولہٕ تتھی پننس گامس پھیرو
گوڈٕ تنبہٕ لییس اکہِ لٹہِ گژھہٕ ہا
پتہٕ ترٛ ہریس وُچھتن کانژھا
شہرٕ کی موکل اُچھ مُوراٗ وی تن
یتھ ہانکلہِ زورٕ صدا گژھی تن

لو کچارٕ چ وٕنی خط چون پوٚرُم
پننہٕ میانہِ جوابہٕ دِلس ژےٚ لگی
پیٚتہِ یورےٚ پننہٕ زانٛہہ خط سوزکھ
پننہٕ یاد پہم پننہٕ یاد پےٚ



نسیمس چھےٚ آدمی لوٚلچ وجارگی حساس ذہنس تہِ شیتل روٗحس چھو کہ

داُوی کران۔ ماجن ہٕنٛدی چھوکل وَچھ، بچن ہٕنٛد ہن شوقل تہٕ شریر وُٹھن پیٹھ محیط ژھوپہٕ تہٕ تہنٛدِ سپنٛگ اندرٚ وٹ چھُ تِمس اندری کوٗران تہٕ سوچھےٚ یہِ وٕنتھ یہٕ ڈیٖڑ زِتہِ باکہٕ ژھٹان۔

متھ گوم بےٚ ژھٹہٕ باکھ دیکھ اَز

ژیٖڈ تو ژھوپہِ ہُنٛد پردٕ یہِ ژیٖڈ تو

شُری نےٚ ڈیٖڑ تو اندروٗٹ تراَوِتھ

ژَرِپوٚپ واَیِتھ خوشیاہ کرہن

کوچہِ گلین پیٹھ تھَدِ تھَدِ گوہن

بُچہِ یےٚ بچہِ یےٚ، لرہےٚ ڈٕ ژیےٚ

نظم: اندرٚ وٹ......

سادھن، سنتن، ریٚشن تہٕ جوگین ہٕنزِ یتھ بستی منٛز یٖیتہٕ انسانی وِقارس، ذہنی لیاقتس، سماجی شائستگی تہٕ وِچارٕ ناگن گوڈ اوس یوان برنہٕ۔ سوے بُتراتھ یٖیلہِ حسد، دپے، دوگنیار تہٕ آدم رَتہٕ کہِ ہوسہِ ہلکاری بنےٚ یہِ۔ پتھ کالہٕ کین گچھِ گُٹھمن یٖیلہِ زلری زاَجو نال ؤول شاعر چھِ مُتی ہٕنٛدِ زوٗتمہِ آفتاب کھسنگ دُعا کران یُس کالہٕ گُٹس مشالہِ زوٗل کرنچ سبیل کرِ۔

دمُتی سُند دُعا' نظمہِ ہٕنٛدی یم کینٛہہ شعر چھِ اَتھ دلیلہِ دربر بخشنہٕ خاطرٕ شاید کافی

اکھ پراَنی قبر دِتھ شاند تھُکِتھ

اَکی مُتی تھوٚوکا کنٛذ تلمہِ لیٖکھتھ

دَیہ تتھ ہرٕ ژ گرُت ساتھ ٕبن

بیٚہ یادپیٚین اَسہِ ذاتھ پنٕنۍ
راتکۍ پأٹھۍ گچھِ گُٹھن اندر
لچھِ نأوِس منہٕ وٕنہِ پیٚر بہن
ٕکٹہٕ کال گٹن ہُند سینہٕ ژٕٹتھ
اَسہٕ وُن اَسہٕ وُن اَفتابہٕ گھٕسِن
سادن تہٕ ریٚشن ہٕنٛزِ بستی منٛز
دِل پنٕنی اَسہِ اَستان بٔنِن
بٔڈۍ پیٚر بٔنتھ بسکین ییٚتۍ
أچھ مُوٗرِن تہٕ کراماتھ کرِن (......نظم: مُتی سُند دُعا)

نسیم شفایی چھےٚ 'لاچاری' نظمہِ منٛز علامتی طورلل دبد تہٕ شیخ العالم ہٕندِس ثقافتی وراثتس کُن اِشارٕ کران۔ یوس لل وچھ شیر ِکس تمثیلس منٛز علمدارس میراشہٕ رٔنگۍ چاوٕناوان چھےٚ۔

سالاردینہِ ہاپوشہِ گندیا
للہِ سگہِ نوُ کھدوٕ دٕگلہِ ستۍ
ژارٕ منٛز نارٕ ژھٹ آیہِ کپأری
نُندِ لالہٕ لگیوپأری یے
......نظم: لاچاری

معاشرتی سوٗتھرِس پیٹھ مذہب ِکس ڈٕکھِس تابع یوسہٕ سمأجی ناہموأری تہٕ بےٚ ہشر أسی أندی پکھِس منٛز باضے لبان چھِ تیمہِ ستۍ انسأنی جذبن ہٕنٛز

سوندرتاشل گرٕھان چھےٚ۔ نسیم شفایی چھےٚ تِتھی ہی کرتھٕ کرتہٕ کٕڈرٕ مشاہدات گرِتھ دَیہِ ہٕندِس گتس پیٹھ تہٕ یہِ ڈٕپِہ زِتہٕ اوٚنگج ٹلان۔

نظم ''لاٗنی میٖل''، منٛز چھُ شاعرقبایٔلی معاشرِکس پوٚت منظرس منٛز حُسن تہٕ ہوسس درمیان تکرارکس تٕچھس منٛز نسوانی انسانی جذبن تہٕ امارن ہٕندِس کترٕ بترس پیٹھ گلٕے موران تہٕ وَچھ تچھان۔

خمہٕ منٛز اکھ

نارٕ وُزمل درایہِ

کھوٗتیزقدموبال گُن

شانشہِ لداکھ زز

اوس دِوان آلولوتی

وُچھ ہٕگیاہ وَن چھےٚ کھسان

زیبا...... یہِ آشیٖنہٕ میانٛی چھےٚ......

ییٖلہِ یہِ زانٛہہ گُنٛزٕنی چھےٚ نیران بال گُن

ہیٚرِ بون پانس مےٚ چھم زن ریہہ گنڈان

بوزِناہ کوٚرمس دَیس اٚندری وٚنم

ہاتگن گرِمیوٗٹھ کرِہےَ تتھ اتھس

تیٖمہِ ژٕے یتھ ہیوٗلاٗنی میٖل موٗنےٚ لیکھُن

نظم: مُتی سُند دُعا......

نسیم یوٚدوے اَکس لسانٛی، تہذیبی تہٕ جغرافیایٔی حد بندی منٛز روٗزتھ

زنانہٕ ہِنٛدٕ بن مختلف طرحن ، آکارن تہٕ انہارن پننہِ تخلیقی عملہِ تہٕ شعری اِظہارُک مخصوٗص محاورٕ بنأوِتھ شعری کردارن ہِنٛدِس صوٗرتس منٛز پیش چھےٚ کران مگر یمن نسوأنی شعری کردارن ہِنٛدِ ذریعہ چھِ عالمی تہٕ آفأقی نسوأنی وقارٕ کر أنیکھ گوشہ پلنٛزٕ سأری ارضتھ ہتھ بروٗنٛہہ کُن یوان ۔ییٚتہِ نہٕ لسأنی، قومی، تہذیبی تہٕ جغرافیٲیی سرحدن کانٛہہ معنی تہٕ کانٛہہ بٔمن لبنہٕ چھُ یوان ۔نسوأنی عظمت، وقار، خواب، شکست، مجبوری، لاچأری، تمنا، بےبُسی تہٕ جُرت مندی تہٕ حوصلہٕ تہٕ اعتبار یم سأری متضاد تہٕ محترک میلانات تہٕ کیفیٚوٗ چھےٚ نسیم نہِ شأعری منٛز مکمل شأعرانہٕ حُسن تہٕ دلکشی ستۍ میلان۔



## مطالعہ کُتب

١) غلام نبی آتش، کاشرِ زنانہٕ شاعر

٢) مورس یام، Leterature and Feminism، آکسفورڈ

٣) مجید عاصمی (ترتیب) شیرازٕ سپیشل سرینگر نمبر

٤) نسیم شفایی، ڈٔری چھِ مُژٕ رِتھ (شعرِ سۆمبرن

٥) والڈرڈینس، Literature in the Modern world

٦) رسالہٕ تہٕ جریدٕ

انہار، باوتھ، نیب، نہج، پرتو۔ میراث دہلی، کشمیران سایٹ

# شہناز رشیدنین غزلن منز شعری خوشبوے

کٲشرِ شعری روایژ ہنٛدی یِم بدلوٕنۍ خدوخال اَسہِ ژودأ ہمہِ صدی پتھٕ از تام مختلف شعری اصنافن منز میلان چھِ تہنٛدِ مطالعہ تہٕ مشاہدٕ پتہٕ چھےٚ یہِ کتھ واضح سپدان زِ پرٛتھ دورٕ کین تخلیقی فن پارن منز چھُ گُنہِ نتہٕ گُنہِ رٕنگی تمہِ دورکہِ ادبی کلچرٕکۍ آثار لسانی اظہار کین مختلف زاوی جارن منز پوٚشیدٕ آسان۔ شعری کاینات کہِ امہِ تبدیلی ہُنٛد عکس چھُ تخیلی سوٚتھرِس پٮ۪ٹھ مختلف وٕلن ہنٛدِس صورتس منز نمایاں سپدان یِمن منز ہیئت، موضوع، ورتاو تہٕ اظہارٕکۍ جہات زیادے نمایاں چھِ آسان۔

1980ء یا 1990ء پتھٕ یُس کاروان کٲشرِ بن نوجوان شاعرن ہُنٛد بروٚنہہ کُن آوٕ تمو کوٚر موضوع، تجربہ تہٕ شعری اظہارٕکس سوٚتھرِس پٮ۪ٹھ روایتس ستۍ اکھ شعوری تصادم شروع۔ یہِ تصادم اوس شعری ہیٔو کھوتہٕ زیادٕ فنی موضوع تہٕ لسانی سطحس پٮ۪ٹھ زیادٕ موثر تہٕ منہ مون۔ امیک نتیجہ دراو یہِ زِ کٲشرِ شاعری تہٕ خصوصاً کٲشرِس غزلس منز گوو زبانی تہٕ معنےٚ کس سطحس پٮ۪ٹھ ممتاز ذاتی شعری برتاو کہِ پاننا وچ اکھا اڑھین عمل شروع۔ اَتھ منز تیمِس نوجوان شاعرس یوٚت تخلیقی بٕرتہٕ اظہار کین نوٕہنہٕ وٕلن پٮ۪ٹھ تھپھ اٲس، مشاہداتن تہٕ محسوساتن ہُنٛد

تصورأتی آگہی أس، فکرتہٕ شعوٗرک سنٛر درِدست اوس تٔمۍ کٔرۍ تیٚتۍ معنیٰ تہٕ اظہارٕکۍ نوٚہنہٕ سرحد دریافت۔ أتھۍ نِٔوس تسلس ستۍ وابستہٕ اکھ سنجیدٕ تہٕ حساس شأعر چھُ شہناز رشید۔ شہناز رشید سٕنہِ شعری کاینا تکۍ مولہٕ پزٕر چھِ کاینأتی محورس ستۍ ستۍ پننہِ ماجہِ میٚژِہنٛز خوشبویہِ ستۍ أتھ تہٕ وٕلتھ۔ أمۍ ہنٛدۍ تجربات چھِنہٕ اَوِ چھ بلکہ چھِ تمہِ أکس مخصوص زمان و مکان کس فریمس منٛز کاڈ کڈان۔ مگر شہناز رشیدٕنٛی فنی سحرکأری چھےٚ یتھ کتھِ منٛز پوشیدٕ زِ یم شعری محسوسات تہٕ تجربات چھِ اظہارکہِ طلسمأتی وسیلہٕ ستۍ معنوی دریافت کہِ حوالہٕ آفأقی جہت تہِ اختیار کران۔

سیٚکلی احساس کس تاپس چھےٚ پرٛتھ قدمس ہُرأنی ییٚہ
شٔہج ژھایا ترٕنی کانٛہہ ناگہٕ جوے ژھارو اگر پزٕارکھ



کتھ وٕژھ نہٕ کہٕنٛے نجدٕ وَنٕچ پیٚو نہٕ ژٕتبس کانٛہہ
دیوانہٕ دِلا!، وَنتہٕ پھٹان کیازِ ژےٚ وُسوأسۍ



گوڈنِکس شارٕ کس دوٚیمس مصرعس منٛز شٔہج ژھاے، ترٕنی ناگہٕ جوے اظہار چھِنہٕ کانٛہہ نٔو کتھ بروٚنٛہہ کُن انان، تہٕ نہ چھُ یمو لفظوٕ ستۍ شارس منٛز کانٛہہ حُسن پأدِ گژھان۔ مگر یُس پرٛڈی کیٛٹ شأعرٕ اگر پرارکھ' لفظوٕ ستۍ بیان کران چھُ سُہ چھُ شعرٕ کس کلٕہم تو ژٕرس نٔو بن معنوی امکانات ستۍ روشناس کرناوان تہٕ امہِ ستۍ چھُ گوڈنِکس شارس منٛز استعمال کرنہٕ آمژ ترکیب 'سیٚکلی احساس' ستۍ

وۄتلاوُنہٕ آمُت شعری تضاد شرطیہ بناُوِتھ تضادٕ چ تلخی تہٕ ترۄشر لمحاتی آسودگی منز تبدیل سپدان لبنہٕ یوان۔ شعرُک موٗژ چھُ حالات و واقعات کہِ تبدیلی ستی اندس پیٹھ وأتتھ أکس پرٛیٚشہٕ ہنٛز پیچیدہ عملہ منز تبدیل گژھتھ قاری لیس مختلف جہاتن کُن سوچناونس پیٹھ مجبور کران۔ یوہے چھُ رژِ شاعری ہُند گون تہٕ وصف۔

دۄیمس شارس منز چھےٚ خود کلامی ہنٛز صداقت شعور تہٕ غأر شعوری عملہٕ تہٕ ژیٖنن طرزٕ کس ژھبنس پیٹھ مرکوز شعرٕکس گوڈنکس مصرعس منز چھُ مکمل نفی بروٚنہہ کُن یوان۔ نہ چھےٚ نجدٕ وَنٛچ کانٛہہ کتھے وۄتھان تہٕ نہ چھُ کانٛسہِ ہُند یادظوٗنہٕ صدرس ارتعاش پأدٕ کران۔ مگر اتھ سفرس دوران یوس ہیجان خیزی ہنٛز کیفیت شعری منظر نامس پیٹھ وۄتلان چھےٚ سُہ چھُ سوالیہ اظہارٕ ذٕسی باوتھ لبان۔ سوال چھُنہٕ کانٛسہِ دۄیمس شخصس بلکہ گوڈنیک شخص چھُ پننِس ضمیرس پننِس دِلس ستی مخاطب، انکشاف چھُ یہ زِ نہ آسنس منز یُس آسنُک احساس شاعرس وُترٕ بنیٚل چھُ ٹلان، تمیک آگُر کیا چھُ؟ وُچھتو دۄن الگ الگ غزلن ہنٛد بن یمن وکھرٕ وکھرٕ شارن منز کتھہ چھُ نفسیأتی صداقون اکھ مخصوص زمانی فریم آف ریفرنس عطا کرنہٕ آمُت۔ یہ چھےٚ شاعرٕ سنٛدِ بالغ تخلیقی ذہانچ واضح دلیل۔

1980ء پتہٕ سانٛہن اکثر غزل گو شاعرن منز چھُنہٕ اعتبار، یقین تہٕ قدرن ہنٛز شکستگی ہنٛدِ حوالہٕ تمہِ شدتہ تہٕ فارمولأیی اندازس منز واویلا میلان ییٚمہِ آیہ یہِ گوڈٕ کالہٕ کینٛہن جدید شاعرن منز میلان چھُ۔ یہند بن غزلن ہنٛدی شعر چھِ تِمن

وجدأنی تجربن ہنٛدی حصہٕ باسان یمن منز قدرن ہنٛدِ حوالہٕ پتھ کال پسندی تہٕ روحأنی رِشتن ہنٛزٕ بازیاپھٕ فتیح کوشش نمایاں باسان چھےٚ ماضی تہٕ تہذیبی شناخت کمن آثارن ہنٛزٕ دریافتیح عمل چھےٚ شہناز رشیدنین غزلن منز اکھ منفرد تہٕ مخصوص پہچان۔ یہِ شعری فضا چھُ شأعر تأریخ کہِ وسیلہٕ تلمیحات تہٕ ثقافتی اشاروٕ ستی ووتلاوان۔

تمہِ لبن نیوٚل، چھرا نیوٚل چھرا نیوٚل فضا
سأنی کوتر تہِ پکھن واش کڈن از نہٕ پگاہ

O

لل موج میانہِ ناوِ تہِ گنڈِتھ چھُ اوم پن
دیُتنے دَین ژٔے تارمےٚ پیوٚو واو دُپہرس

O

ممکن چھُ گرٛھن وارِ وارِ یارِ بل مُشِتھ
مشکل چھُ گرٛھنے یار بٕلکی آرِ پل مُشِتھ

O

ئلی ژٔے لوکچارچہِ تمہ پُری یہِ ننٔے پانس ستی
کیازِ کُن ژون ژٕ ہیتھ زونہٕ شبس براندس پیٹھ

O

پشمینہٕ کانٛہہ کتان تہٕ گلریز کانٛہہ پران
ڈُپی زبس زِ سانہِ شہرٕ پیٚنس گوٚو زمانہٕ شین

تتھ دوورِ بونہِ ستی چھِ وابستہٕ کم بہار
واوس چھُ روخ خراب رٕچھن گوٚژھ خدائے تتھ



یِمن شعرن منز چھُنہٕ پتھ کال محض اکھ شعری روحجان بٔنتھ ووتلان بلکہ چھُ ماضی تہٕ حال اکہِ تأریخی تسلسلکی اژھمن حصہٕ بٔنتھ ثقافتی شناختہٕ ہنٛدین نوین امکاناتن تہِ تلاش کرنس پٮ۪ٹھ مجبور کران۔ ماضی تہٕ حالہٕ کس اتھ جذبأتی تصادُمس منز چھُ شہناز رشید کأشرین ہنٛز اجتمأعی ارزتھٕ کس راونس پٮ۪ٹھ دم پھٹےٚ گژھان۔ تسُنٛد سورُے شعری وجود چھُ چھوکہٕ دأوی تہٕ چھلہٕ چھانگرِ گژھان لبنہٕ یوان۔ تس چھُ پلنٔے وَچھ وُزِمتی نغمہٕ بو چھِ ہوٚ مراوٕنکی سامانہٕ بنان۔

راتھ تہِ گٔے ادا مگر دراو نہٕ کانٛہہ یارٕ ٹٔلو
آرٕ پلن امار ہتی بأتھ کھنیایہِ دوہی دوہس



شہناز رشیدنین غزلن منز چھُ تأریخُک سرٚون احساس۔ 'شہرٕ' تہٕ 'گولاب' استعاروٕ سی چھُ شأعر ژہہِ پتہٕ ژہہِ بدلونہٕ تأریخی وقتہٕ کہِ بدلاوُک مزاز تتھہٕ پأٹھی نقشاوان زِ شعری منظرنامہٕ چھُنہٕ منجمدتہٕ شِشر زد ماحولُک باس دِوان بلکہ چھُ فکرِ ہنٛدِس سوٚتھرس پٮ۪ٹھ تخریبہٕ کس منفی روحجانس تتھہٕ پأٹھی فنی شیرازٕ بندی کران زِ پرٕتھ لٔحس چھُ اکھ خودمختار وجود دِرس یوان۔

تھٔکی تھٔکی مہٕ کأنسہِ ہاو ژٕ یِم آنٛکی گولاب
سوٚنتس یوٚچ سو چأنی غریبی چھےٚ أچھن تل

چھکھ چشمہٕ ناگہٕ راد تہٕ روے تابہٕ وِنؠ گولاب
اکھ مملکت چھےٚ ترٛٹھ تہٕ زِ مجبور خال کاںٛہہ

O

شہر تہٕ گامہٕ پرٛتھ أکِس لوکھ کنان اَتھو پیٹھی
میأنؠ قلندرن توے پربتہٕ جاے رٕٹ دوہے

O

یُس اوس تلان یارِ وَنِچ کتھ تہٕ وَدان اوس
افسوس تیمٚی شہرِ پوٚتُس روو سُہ وَنوأسی

O

حُسن چھُ شأعرسُند سرمایہِ تہٕ شأعرِ سنٛزِ تاجدأری ہنٛز ضمانت۔ شہناز رشیدنین غزلن منز امارِچ یوس کیفیت وۄتلان چھےٚ تتھ چھےٚ حیہِ رِچ پاسدأری ڈکھِس۔ موسمی بدلاوِکس پوٚت منظرس منز وُچھو کتھہٕ پأٹھی چھُ شہناز رشید خابن ہُند تاج محل تعمیر کران۔

ہرڈُک ہوا تہٕ ذرد پنٛکی ڈیرِ اوٚبرِ نب
تس آسہِ لأزِمن سو جوأنی أچھن تلے

O

یوٚنہِ سوٚنٛتکی گل چھیو پاوِنؠ زنٛتس
سارِنے اُنن تلِتھ از کھے چھیو

O

یِمن شعرن منز چھُنہٕ بدلوٗن طرز ایماے یوت میلان بلکہ چھُ ییمہِ کتھہِ ہُنٛد نیب تہٕ اشارٕ تہِ میلان زِ کاشُر غزلہِ ہٕنٛدی لِجن چھُ تیوٗت لرِ پھرُن دِیُتمُت ییتھ زن روحانی تجسُس تہٕ تقدس کہِ آہنگُک ناو تہِ پیہِ دِنہٕ۔ یم شار چھِ نوٗس انداز س منز داخلی دردو کربس تہٕ لول وحسنہٕ کِنہٕ تمن کیفیون ظاہر کران یم جگر کوٗران تہٕ دِل کتراوان چھِ مگر شاعر چھُ سُہ شعری فضا تخلیق کران ییتھ منز مجاز حقیقتُک جامہٕ ولان چھُ تہٕ سامانِ جنس چھُ حُسنہٕ کہِ تاجدارٕی ہٕنٛدی گواہ بنان۔

شناختُک کرب چھُ جدید شعری عملہِ ہُنٛد اکھ زبردست موضوع تہٕ تہٕ محرک تہٕ گلوبل کلچرِ کِس غلبس تحت ییٚتہِ قومی تہٕ مقامی روایژن تہٕ ثقافتی قدرن سبٹھاہ دُلتہٕ آو، تتہِ آیہٕ مقامی سوٚتھرِس پٹھ تہِ مادی آسودگی ہٕنٛدِس اثرس تحت روایتی لسنہٕ بسنہٕ کِنہٕ طور طریقن، مشترکہٕ خاندانی قدرن ہٕنٛز لگہارٕی تہٕ شہری زندگی ہٕنٛدِس پھالاوِ کِس نتیجس منز واریاہن انسانی تہٕ معاشرتی قدرن دُلتہٕ۔ کنزیومر کلچرِ کِس پھالاوس ستی رووروایتی انسانی اصولن معنے تہِ تہٕ مشترکہٕ خاندانک تصوٗر گو وچھلہِ چھلہِ۔ شہرزدگی ہٕنٛز عملہِ ہٕنٛدِس نتیجس منز یُس ژھین أزی کِس پُرتناو فردس پننہِ ماجہِ میٚوٕ ستی سرُن پیوٚو، تمیک احساس چھُ سماج کِنہٕ حساس فردن کاغذ کیٚنکی پاٹھی أندری کوٗران۔ مادی مسرتکی تہٕ فرحتکی سامانہٕ مویسر أستھ تہِ چھُ سون شاعر گامہٕ گلاسہٕ گُلن ہُنٛد میچھر تہٕ ژٕنتی کِجن ہٕنٛز سرمستگی ہُنٛد طلبگار باسان۔ تس چھےٚ شہری ووسہٕ دژوسہٕ ہٕنٛدِس ماحولس منز سکونت پراوِتھ تہِ پٔنن پان یہٕ ڈٕلی زِ تہِ وو پر باسان۔ گامہٕ کولن ہٕنٛدِ سازٕ تکی

چھکھ چشمہٕ ناگہٕ راد تہٕ روے تابہٕ وٕنی گولاب
اکھ مملکت چھےٚ ترٛشھ تہِ زِ مجبور خال کانٛہہ

O

شہر تہٕ گامہٕ پرٛتھ أکِس لوکھ ٹکنان اَتھو پیٚٹھی
میأنٛی قلندرن توے پربتہٕ جاے رٕٹ دوہے

O

یُس اوس ٹلان یارِ وَنٛچ کتھ تہٕ وَدان اوس
افسوس تیٚمی شہرِ پوٗتُس روو سُہ وَنوٲسی

O

حُسن چھُ شاعر سُنٛد سرمایہِ تہٕ شاعرٕ سٕنٛزِ تاجدٲری ہنٛز ضمانت۔ شہناز رشیدنبن غزلن منز امارٕچ یوس کیفیت وۄتلان چھےٚ تتھ چھےٚ حیہٕچ پاسدٲری ڈٕکھس۔ موسمی بدلاوٕکِس پوٚت منظرس منز وُچھو کتھہٕ پأٹھی چھُ شہناز رشید خابن ہُنٛد تاج محل تعمیر کران۔

ہرڈُک ہوا تہٕ ذرد پنٛکی ڈیرٕ اوٚبرٕ نب
تس آسہِ لأزِمن سو جوٲنی أچھن تلے

O

ہِوِنہِ سوٗنٛتکی گل چھیٚو پاوٕنی زٕنبس
سارِنٕے اُنن ٹِلتھ از کھے چھیٚو

O

یِمن شعرن منز چھُنہٕ بدلوُن طرز ایماے یوت میلان بلکہ چھُ یِمہٕ کتھہٕ ہُنٛد نیب تہٕ اشارٕ تہٕ میلان زِ کأشرِ غزلہٕ ہنٛدی لِجن چھُ تیوٚت لرِ پھرُن دِتمت یتھ زن روحأنی تجسُس تہٕ تقدس کہِ آہنگُک ناو تہٕ پیہ دِنہٕ۔ یِم شار چھِ نۄس اندازس منز دأخلی درد و کرب تہٕ لول وحسنہٕ کِنہ تمن کیفیژن ظأہر کران یِم جگر کوٚران تہٕ دِل کتراوان چھِ مگر شأعر چھُ سُہ شعری فضا تخلیق کران یتھ منز مجاذِ حقیقتُک جامہٕ ولان چھُ تہٕ سامانِ جنس چھُ حُسنہٕ کہِ تاجدأری ہنٛدی گواہ بنان۔

شناختُک کرب چھُ جدید شعری عملہٕ ہُنٛد اکھ زبردست موضوع تہٕ تہٕ محرک تہٕ گلوبل کلچرٕ کس غلبس تحت ییٚنہٕ قومی تہٕ مقأمی روایژن تہٕ ثقافتی قدرن سبٹھاہ دُلتہٕ آو، تتہٕ آیہ مقأمی سوٚتھرِس پیٹھ تہٕ مأدی آسودگی ہنٛدِس اثرس تحت رِوایتی لسنہٕ بسنہٕ کِنہ طور طریقن، مشترکہٕ خاندأنی قدرن ہنٛز لگہأری تہٕ شہری زندگی ہنٛدِس پھألاوٕ کس نتیجس منز واریاہن انسأنی تہٕ معاشرتی قدرن دُلتہٕ۔ کنزیومر کلچرٕ کس پھألاوس ستی رُو ور روایتی انسأنی اصولن معنے تہٕ تہٕ مشترکہٕ خاندانُک تصوُر گو وچھلہٕ چھلہٕ۔ شہر زدگی ہنٛزِ عملہٕ ہنٛدِس نتیجس منز یُس ژھین أزی کس پُرتناو فردس پنٕنہٕ ماجہِ میٚوٚ ستی سرُن پیوٚو، تمیُک احساس چھُ سماج کِنہ حساس فردن کاغذ کیٚنکی پأٹھی أندری کوٚران۔ مأدی مسرتکی تہٕ فرحکی سامانہٕ مویسر أستھ تہٕ چھُ سون شأعر گامہٕ گلاسہٕ گُلین ہُنٛد میچھر تہٕ ژٕنتی گُجن ہنٛز سرمستگی ہُنٛد طلبگار باسان۔ تس چھےٚ شہری ووسہٕ دژ وسہٕ ہنٛدِس ماحولس منز سکونت پرأوِتھ تہٕ پٔنن پان یہ ڈٲلِ زِ تہٕ وو پر باسان۔ گامہٕ کولن ہنٛدِ سازٕ تکی

یاداوٕری تہٕ وورسہٕ شبن ہُنٛد روح پرور منظرٕکی یاداش چھُ تس ذہنس وُترٕ بُنیٚل ٹلان۔ وُچھِو شہناز رشید کتھہٕ چھُ اَتھ احساسس زبو دِوان۔

کمن کُنتھ ژٕے شہر وأتی تھے یہِ گام پُنن
نہ ہے ژٕے یاد نہ روٗدٕے ژٕتبس گلاسہٕ گلے

O

وٕنٛسی چانہِ شہر مےٚ نابد تہِ ٹیوٗٹھ گومُت
وٕنٛسی میانہِ گامہٕ اَز تہِ مُدرٕی مائزِ رأژ ہُری

O

شہناز رشید چھُنہٕ محسوسس ذأتی تجربن ہنٛزٕ باوتھِ خاطرٕ واقعأتی بیانیہ کامہِ اَنتھ پننہِ تخلیقی ذِمہٕ وأری ہُنٛد حق ادأیی کران بلکہ چھُ سُہ شعوری طور شارن منز کردارو وتلاوِتھ مکالمہٕ کِس دُپاسل اظہارس کامہِ اَنتھ شارس منز اکھ داستانوی فضا تعمیر کران۔ اظہارُک یہِ وَل چھُ پرن وألِس شارس منز تخلیق کرنہٕ آمتِس تجربس پیٹھ سرنہٕ سونچنہٕ علاوٕ تِمس نوبن معنوی تہٕ فکری امکاناتن ہنٛدی سرحد دریافت کرنس پیٹھ مجبور کران۔

کُس نصف راأژ آو تہٕ ژٕول داغ ہتھ دِلکی
تارکھ جٕرِن گُٹھِس سُہ عجیبے قزاق اوس

O

یہِ گُہنٛزٕ پہر چھِےٚ دزاہٕ پشس گُلالہٕ پھٕلے
زِ بنگلہٕ وألی چھِ ژھاران نٔین پُنن گلدان

چون دعوٰی چھُ کتھن روٗدی نہٕ تعویز کرن وٲلی
میانہِ اندازٕ چھِ موجوٗد وتن میٹھی کرن وٲلی

O

وبگلی ژٕرے تُلکتُر تہٕ مےٚ چھن ترِیش آرٕ پل
سوزٕے بہٕ ڈالہِ تاپھ ژٕ سوزُم نشانہٕ شین

O

شہناز رشیدنین غزلن ہُنٛز لسانی سحر کاری چھےٚ ییٚتھ کتھہِ منز پوٚشیدٕ زِ سُہ چھُ شعری تجربہ کہِ اظہارٕ باپتھ بظاہر مروجہِ تہٕ عام فہم زبان استعمال کران مگر اتھ رِوایتی لفظہٕ راشس پیٚتہٕ کنہِ چھُ اکھ مکمل کلچرل ایریا یا تہذیبی دٲیرٕ کاڈ کڈِتھ آسان۔ شارُک کلہم تاثرُ تہٕ تجربٕچ پذیرٲیی ہیکہِ نہٕ قٲری تیٚتِس کالس پرٲوِتھ ییٚتِس کالس نہٕ سُہ تِم سٲری ثقافتی تہٕ تہذیبی امکانات بدِ کڈٕنچ کوشش کرِیم پوٚت منظر بٔنِتھ شارن، ہمہ جہات، پراسرار تہٕ خوشبوٕنی بناوان چھِ۔ شعری اظہارُک یہِ وَل چھُنہٕ سارِنٕے شاعرن بدس آسان تہٕ شعری باوژ ہُنٛد یہِ نرل اندازٕ چھُ شہنازس باقی شاعرن نِش الگ تہٕ ممتاز بناوان۔

پشمینہٕ کانٛہہ کتان تہٕ گلریز کانٛہہ پران
ڈٕپی زبس زِ سانہِ شہرٕ پیٚنس گوٚو زمانہٕ شین

O

ییٚتھ صحراوس پٔد پٔد سورٕگی ناگ وُزان
کرتانی دراٰمتی یپاٰرکی سانی جد باسان

ووداُسی وتھ چھےٚ اُمِس ژندہار تا قندہار

توے چھُ زٕنہٕ پیاپے ہران دوٕے دود

O

ملرن دِتُھ ژےٚ حکم، بٔڈِس ناو میانۍ ژٕ

وولرٕک ہوا تہٕ چانۍ خداۓیی اُچھن تلے

O

شہناز رشید چھُ نِو نسلہٕ کِہن شاعرن ہنٛز چھو کہٕ منٛز روٗزِتھ تہٕ پٔنُن اکھ الگ، معتبر تہٕ منفرد لہجہٕ تہٕ اسلوٗب قائیم کرنس منز کامیاب روٗدمُت۔ یہٕ زن بروٗنہہ تہٕ وَننہٕ آو زِ اُمی ہٕنٛدِ مخصوص لہجِ اکھ ممتاز پہچان چھےٚ اُمی ہٕنٛدِ زبانۍ ہُنٛد طلسماتی تہٕ داستانوی انہار یمِکی موٗل کٔشیرِ ہنٛزِ رنگا برنگی میٚوٕ ستی سبٹھاہ گہراۓیی سان واٗتِتھ چھِ۔ یہٕ شعری فضا چھُ شہناز تمثیلوٕ سی تہٕ ووتلاوان۔ استعاروٕ سی تہٕ اَتھ معنہٕ سوو بناوان تہٕ علامتو تہٕ شعری ترکیبوٕ ستی تہٕ اتھ پُرکشش تہٕ مأری موٗند بناوان۔ اُمی ہٕنٛدِ شعری لہجِ اکھ خوٗبی چھےٚ یہٕ تہٕ زِ یہٕ چھُنہٕ شارن منز ناوتین تھُر کران بلکہ چھُ یہٕ ڈرامٕہکی پأٹھی شعری عملہٕ تھُر کھألِتھ شعرن منز باوُنہٕ آمُت تجربہٕ ہمہ پہلو تہٕ ہمہ جہت بناوان۔ یتھہٕ پأٹھی چھُنہٕ قأری گوڈے اخذ کٔریٚتی نتیجن ہنٛدِس بنیادس پیٹھ باوُنہٕ آمتِس خیالس یا احساس نسبت سرسری یا تاثر راۓ قائیم ہیکان کٔرِتھ۔ تس چھِ شارکی تمام امکانات زیرِ غور ہیوان تھوٚنی تہٕ اِدٕ ہیکہِ شارکلس پیٹھ قأری ہٕنٛدِس ذہنس پیٹھ کانٛہہ مولہٕ وُن تاثر پأدٕ ہیکِتھ کٔرِتھ۔

وُچھ دوُرِ گژھ وُہان تہٕ نزدیک آبشار
باسان چھُم زِ زنتہٕ طلسمی چھُ میون یار

O

ڈز ژٕنتو گژھ سو سانہِ لوکچارٕ چ
ووٚنی بہارُک مےٚ انتظار کرِ

O

درایہِ تتھے یہِ زوٚن ژٔنی، آیہِ گُلشن تہِ زو مگر
کاژٔسہِ سمجھ نہٕ کیازِ یم طوطہٕ کلیایہِ دوہ دوہس



پیکر تراشی یا صورژگری ہُنٛد یُس فن شہناز رشیدس بدس چھُ تمہِ ستی چھُنہٕ شعری پوٚت منظرس منز مصوری ہُنٛد گمانہٕ گنان بلکہ چھُ تصویرس ڈکھ اکھ حسین تہٕ پُر جمال تصوٗر تہِ ووتلان۔ تصور تہٕ تصویرُک یہِ تخلیقی ربط چھُ شعری مطالعہ کہِ حوالہٕ شارس نسبت قاری سٟنٛدِ ذہنی شراکتس ستی ستی تمی سٟنٛدس بصری ورتاوس تہِ پانٕس کُن متوجہ کران۔ شہناز رشیدنہِ شاعری منز چھُنہٕ یتھن مثالن ہنٛز کانٛہہ کمی۔

پوشہِ ہیٚٹھک اکھ شبنمی قطرٕ چھُ پونٛپری دِل رنٛز ناوان
آرِ پلس چھُنہٕ وُمراتن زانٛہہ چھیتھ چھیتھ ترٟیش ہمان
شامہٕ پتی پرٛتھ پوٚد شمع وُچھے گہان
زوٚل کرنٛچ زیرِہن تورے چھیو

پے چھم زِ خندِ کرنہِ بیہن تاپہ ٹیکی پگاہ
فی الحال زونہِ گاشہِ مےٚ شبنٔمی خیال تھری

O

گاٹھک سہ پرٛون ہانٛز رٔٹِتھ کٔدلہِ ٹھوٗٹھ ونان
آسا تمن بہ یاد یمن دیٚت مےٚ وأنسہِ تار

O

زُنہِ گاشس ژٔرے ہاوی کُنہِ أنہِ یادِ وترٛیگ
ڈبہ نِش ییی تہٕ ژھاری کُنہِ کاو ژٔیر تامتھ

O

شہناز رشیدن اگرچہِ کم وأنسہِ منزٕ تخلیقی سفرٕکی واریاہ وٕبھتی پڑاوسرٕ چھِ کرٕی مٕتی تہٕ کأشرِس ہمعصر ادبی تأریخس منز پننہِ خأطرٕ اکھ باوقار تہٕ معتبر جاے پرٛأوِمٕژ چھےٚ مگر أہندِس کلامس چھُنہٕ وُنہِ پزنہٕ پأٹھی صحیح مطالعہٕ آمُت کرنہٕ۔ ہرگاہ کأشرِ زبأنی منز مثبت، مربوط تہٕ صحت مند تنقیدی شعورس پوچھر چھُ دیُن تیٚلہِ پزِ سانین بزرگ کیو جوان تنقید نگارن منصب داری تہٕ جذبأتی وابستگی ہُند أنہٕ پتھر وأڑِتھ کُنہِ تہِ ادبی فن پارس صرف فنی حُسنہِ کِس میزانس تہٕ تخلیقیت کِین بنیأدی اصولن ہِندِس بنیادس پیٹھ مولانکون کرٕنی۔ ہرگاہ کأشُر تنقید نگار پنُن رِوایتی تہٕ آزموٗدٕ منصبی رٔوِیہِ ترک کرِنہ امہِ ستی نہ واتہٕ کأشرِس ادبس کانٛہہ سو چھ تہٕ نہ ہرِ امہِ ستی تنقید نگارٕ سُند روتبے۔ ووٗنی ہرگاہ سون کانٛہہ بزرگ نقاد یارز ہِندِس بنیادس پیٹھ کأشرِ کلہم شأعری ہُند محور کأنسہِ مخصوص

شاعرس زانان چھُ مگر سأنۍ جوان نقادتہٕ چھِ 1947ءپتہٕ کأشرِ شأعری تہٕ خصوصاً کأشرِ نظم کہِ حوالہٕ پنٕژہن ؤرِی ین منز تخلیق گرۍ ہتمن شعری تخلیقاتن محض آوارٕ گردی ہٕستی تعبیر کران۔ دلیل چھےٚ محض عوامی شراکت دأری ہنٕز غأر حأضری قرار دِنہٕ آمٕژ، یُس محض اکھ غأرادبی میزان چھُ۔ یہِ چھُ سراسر ٹاہرِی تہٕ منفی سوچ تہٕ رٔوِیچ ترجمأنی کران۔



## مطالعہ کُتب

۱) ٹی، ایس ایلیٹ، On poetry and poets

۲) اے، ایم، کلارک، Studies in literary Modes

۳) شہناز رشید، دود کھٔنٹھ گُلدانن منز (شعرِ سۆمبرن)

............دۄر پہن دیوارن منز

۴) رِسالہٕ، جریدٕ تہٕ اخبار

انہار، شیرازٕ، نیب، نہج، شیرازٕ (انگلش) میراث دہلی، کہوٹ، سنگرمال

# کاشُر غزل، شیٚتہٕ پتہٕ (۱۹۸۰ء)

کانٛہہ تہِ ادبی کوشش سو شعری نموٗنہٕ آسہِ تن یا نثری تخلیق، چھُنہٕ تیٚتِس کالس اکھ خود مختار فنی وجود پراونس منز کامیاب سپدان، ییٚتِس کالس نہٕ تمہِ کِس تعمیرس منز تخلیق کارٕ سٕنٛز پوٚختہٕ انفرأدی ادبی چاشنی خوشبوے تہٕ میچھر پوٚشیدٕ آسہِ۔ اتھ منز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ مخصوص توٲریخی دورن منز چھِ مختلف تأریخی محرکاتن تہٕ وجوٗہاتن ہٕنٛدِس نتیٖجس منز اکھ خاص فکری نہج تہٕ اجتماعی شعری رٕوی یہِ بارسس یوان تہٕ وقتس سیٖتۍ سیٖتۍ چھےٚ یہِ فکر اکہِ دورٕچ پرٛزنتھ تہٕ مزاجٕ بنان۔ مگر ووٚنۍ کُس چیز چھُ أکِس شاعرٕ سٕنٛدِس کلامس ڈٖوِیمہِ شاعرٕ سٕنٛدِ کلامہٕ نِش الگ تہٕ ممتاز بناوان۔ سُہ چھُ شاعرٕ سُنٛد ذأتی قوت تصوٗر، زبأنۍ ہُنٛد نبرل ورتاو تہٕ انسأنی نفسیاتس پٮ۪ٹھ فنکارٕ سٕنٛز سٲرۍ نظر۔

پنداہمہِ صدی پتہٕ یُس آزادانہٕ عقلہِ تہٕ انسأنی عظمت چہِ بالادستی ہُنٛد دور یوٗرپس منز شروع گوو، تمہِ کِس نتیٖجس منز یُس نوٚ فکری مزاجٕ بارسس آو تمیُک بازگشت چھُ اَسہِ نشاة الثانیہ دورٕکِس ادبس منز میلان۔ پتہٕ ارداہمہِ تہٕ کُنوہمہِ صدی منز یُس صنعتی انقلاب یوٗرپس منز ظأہر سپد تمۍ الرأوۍ قدیم سمأجی، مذہبی تہٕ سیأسی اِدارن تہٕ آدرشن ہٕنٛدۍ کُن۔ امہِ تبدیلی دیُت أکِس نٔوِس سمأجی مزازس زایُن اکھ نٔو سوسائٹی آیہِ بارسس، ییٚتھ منٛز زرعی

معاشرچ جاے صنعتی سماجن رئٹ۔ انسانی سماج گو و دون متضاد دَرجن منز تقسیم۔ محنت کش تہٕ زردار۔ اتھ تضادس تہٕ کشمکشس منز یُس اجتماعی تخلیقی یا ادبی رٕوی یہِ بارسس آو تتھ آو ترقی پسند نظریہ ناوٕ تھُر کھالنہٕ۔

وُہمہِ صدی ہندِس ڈ ویمس دٔہلس تہٕ ترٛیمہِ دٔہلہِ کس اٚخرس پٮ۪ٹھ یوس تباہی دون عالمگیر جنگن ہندِس نتیجس منز اخدنس وُچھنہٕ پییہٕ، تس پٮ۪ٹھ گو وبے پرٛژھی، نامرادی تہٕ خوفک اٚنیکھ اوٚ برغالب۔ سماجی رِشتس پٮ۪ٹھ وٕژھس یرٛژھ تہٕ پرٛژھ، انسانی قدرن پٮ۪ٹھ روٗس اعتبار۔ امہِ تأر کر فضا کس پوٚت منظرس منز یُس ادبی مزاژ تہٕ روحجان بارسس آو تتھ آو جدیدیت ناو کرنہٕ۔ خأرجی ماحول نش فرار حاصل کرِتھ ژاواخدن ذاتہٕ کین پرٛ اسرارنہِ گٹین وأنجہِ گاشہِ وٕنی دِنہٕ۔ ترقی پسند تحریکہِ ہندی پأٹھی آیہِ جدیدیت کس اثرس تحت فقط کینژن موضوعن یمن منز گنبر، بے پرٛژھی، موت، نامرادی، سماجس نش بٔین، وجودکین اسرارن ژون، شعر و شاعری ہندی موضوع بناونہٕ۔ مگر اَتھ دوران تہٕ اگر کانہہ شاعر شعری عظمتس واتنو وُسہ اوس تٔمی سُند مخصوص زبانی ورتاو، شعری تجربس ہتی شاعرٕ سنٛز وعدہ بندی تہٕ تہٕ پوٚختہٕ فنی شعور، تجربک سنبر، باوژ ہُند شعری وَل، شعری تجربچ شدت۔ یم اٚسی پرن وألس شاعرس متعلق رائے دٔرراونس منز معاوِن تہٕ مددگار بنان۔

وُہمہِ صدی ہندِس اٚٹھمس دٔہلس منز سرد جنگ کہِ خأتمہٕ پتہٕ تہٕ سویت روس کہِ چھکراوٕ پتہٕ یُس یونی پولر نظامِ سیاست دُنیاہس منز بارسس آو تہٕ اقتصأدی عالمگیریتک یُس ہوا نو ایاٚد سپدٕ تٔمی مِتاوِ قومن درمیان نسلی، لسأنی تہٕ

فزیکل سرحدن ہنز معنویت، زمین چہ حکمرأنی پٹھ سپز واوِچ حکمرأنی غألب۔ قومیت ِکس تصوٗرس آو دُلتہٕ تہٕ اچھ جاے رُٹ بین الاقوامیتن۔ صارفین کلچرن رُٹ تہذیبی تہٕ توأریخی پتھ کاچ جاے۔ پرٛزنتگ بوحران بنیو و شاعری ہُنٛد نوٚو موضوع۔ عالمگیر کلچرٕ کس غلبس تحت ہیوٚت شاعرو پننین تہذیبی موٗلن ہنز بازیافت کرٕنی تہٕ یہِ بنیہِ وُچھان وُچھان اکھ خودمختار شعری عمل۔

عالمگیریت ِکس یتھ نوِس چیلنجس ستی گوٚو علاقأیی سوٚتھرس پٹھ سو اکھ بوحرأنی کیفیت پأدٕ ییمہٕ نہ صرف وأنسہِ وادن ہنٛدبن رٕچھمٕژن روایتن موٗل ألرأوی بلکہ ییمہٕ ستی سأنی سنسکرتی، اتہاس تہٕ سمأجی ادارٕ تہٕ متأثر سپدی۔ یمن تبدیلین ہنٛدِس اثرس تحت ییہٕ زندگی ہنٛدی باقٕے علمی، فنی، اقتصأدی، نفسیأتی تہٕ سماجی شعبہٕ متأثر سپدی تتہٕ سپد یمو تبدیلیو ستی شعری منظرنامہٕ تہٕ واریاہس حدس تام تبدیل۔ اَتھ نوِس شعری منظرنامس منز یمن موضوعن زیادٕ دَل دِنہٕ آو تِم چھہِ سمأجی عدم تحفظ، اندروٹ، ماجہِ میوٚ ستی وعدٕ بندی، ہجرٕچ دَگ، پرزنتگ بوحران، توأریخی کردارن ہُنٛد کھوج، تہذیبی موٗلن ہنز دریافت، پتھ کاچ یادداوری، موتگ رقص، بےٚ اَنٛد سرحدن ہُنٛد تلاش۔ شہرزدگی، گامو پیٹھہٕ شہرن کُن اِخراج تہٕ اجتماعی انسأنی برتاوس پٹھ صارفینی کلچرٕک اثر۔ یِمے چھہِ سانٛین گُذریمتہِ صدی ہنٛدبن شیٚتہٕ پتہٕ کیٚن شاعرن تہٕ خصوصاً غزل گو شاعرن ہنٛدی نوٚی موضوعات۔ مگر شعری حوالہٕ چھُ یہ اکھ سبٹھاہ صحت مند تہٕ رُت روجحان۔ موضوعٕک ہشر اَستھ تہِ چھُ سانٛین یمن

غزل گو شاعرن ہُنٛد ورتاو، لہجہٕ، زبانٕی آرُت تہٕ تجربُک سِر ساوبر بدٕون تہٕ الگ الگ۔ یِمن شاعرن منٛز ہیٚچھِک یہِ نوبر شدتہٕ سان لبنہٕ چھُ یِوان تِمن منٛز چھِ فیاض تِلگامی، منیب الرحمان، فاروق فیاضؔ، شاد رمضان، اسمائیل آشنا، مجروح رشید، رتن لال تلاشی، عزیز حاجنی، رخسانہ جبین، نسیم شفائی، فیاض دلبر، نثار گلزار، شہناز رشید، برج ناتھ بیتاب، سنیتا پنڈت، گلشن بدرنی، نثار اعظم، صوفی شوکت تہٕ شبنم گلزار ناوٕ ہمبس لایق۔ یِمن شاعرن ہٕنٛزن غزلن ہٕنٛز اکھ منفرد خصوصیت چھےٚ یہِ زِ یِہند بن غزلن چھُنہٕ زور تجربن ہٕنٛدِس اظہارس پیٹھ بلکہ تجربہٕ نِش حاصل سپز ہٕنٛز کیفیژ ہٕنٛدِس تجریدس پیٹھ۔ مطلب چھُ یہِ زِ یِہنٛز غزلہٕ چھےٚ شخصی تہِ تہٕ غاٗر شخصی تہِ، خارجیتس سٟتؠ سٟتؠ چھِ غاٗر خاٗرجیت تہِ۔

اکھ گداگر زِ رٔنیومُت چھُ ہلم تام تیٚمِس
کوٚت مشکل چھُ تِمِس توٚ ملہٕ موچھن راٗچھ کرٕنی

(شہناز رشید)

گرٕ شھِ وارِ کتھن وَٹھ تہٕ وُٹھن پھیرِ سیاہ ژھاے
گرِ میون اگر زہر بوٗ رُت ژہیٚہ یہِ ٹوٗپل ژاو

(نسیم شفائی)

کیٚنٛژون شاعرن ہٕنٛزن غزلن منٛز چھُ سماجی معنویت لفظن ہٕنٛدِس پوٚت منظرس منٛز ووتلان مگر سیٚدِ سیوٚد نہٕ کیٚنٛہہ۔ واقعات تہِ اگر ووتلان چھِ مگر تِم تہِ چھِ تواریخی اِشاریت تہٕ شدید نوعیتہٕ کِس جذباتی تخلیس سٟتؠ۔ امہِ سٟتؠ چھُنہٕ فقط شارٕک حُسن برقرار روزان بلکہ چھےٚ اشاراتی سماجی حوالہٕ تہِ تخلیقی شبیہہ پراوان۔

گوسائنِن ہُنٛد رخت لاگتھ ڈیٚتھ سونہٕ مالہِ اَز ٹلۍ بزم
تہٕ کھیاٚوِکھ مازاکہٕ ننٛدٕنِن تمو ییٚلہِ ژ ون ووٚن کیاہ کرٕ ہو

(عزیز حاجنی)

دارِ پیٹھ ہی مال پراران وُنی دِوان
از دپان بلہٕ پوٚر واتن سرفہٕ واٚلی

(حسرت حسین)

تاپن تہٕ تاپہٕ نوو پنٕنی کنی سیکٕیٚل سبٹھاہ
اٚسکھ ژٕ ستی ستی مگر سائبان بُنتھ

(منیب الرحمان)

لرِ نار دِتُم لشہِ ہرِ ستمن
گرِ سوٗرے ریٚہہ منز باگ زٕ چھُم

(سنیتا رینہ)

جہار ہٕرٕی ژٕنی گُجی پھُلے مے چھاونک ہوس
خبرمے کیازِ خوف ہیوٚ ژٕ ماتیو نگل تیونگل وٕ ہکھ

(مجروح رشید)

غزلہِ ہنٛزِ زبانی منز چھِ لچس سبٹھاہ اہمیت آسان۔ سانہِ قبیلہٕ کین غزل گوشاعرن ہنٛزِ شعری اظہارُک اکھ بیوٗن تہٕ بدوٗن وَل چھُ امیک بے پھرٕ وک اظہار۔ کلاسیکی غزلہِ ہنٛدی پاٚٹھی چھنہٕ شعری تجربس تہٕ باونہٕ ینہٕ واٚلِس احساس درمیان بناوٹی ژھین پاٚدٕ گژھان بلکہ چھُ شعری اظہار عمومی

تہٕ عوأمی لہجہٕ پرأوِتھ پرن وأرِس شاعرٕ ہٕندِ بن قلبی محسوساتن ہُنٛد عرفان حأصل کرنس منز واریاہ اتھٕ رٕوٹ کران۔

ٲکن ٲکنان گژھ یہٕ چھُم مےٚ لون مگر
آنتھٕ رٕوستےٚ تہٕ بے حساب مہ ٲکن

(عزیز حاجنی)

یُس خواب أچھن منز مےٚ وُہان رٕوٗد مُسلسل
شیہٕلاوِ خبرٕ کتی بزیہلِ ساعتھ وُچھان گژھ

نہ خأر پاٹھ وُشن نہ کانٛہہ سلام کلام
فقط چھُ گڈنہٕ سجاوان سُہ میزبان گُٹھن

(فاروق فیاضؔ)

ملالہٕ چھُم نہٕ ٲلِم چھوکھ مےٚ سأرِسے بدنس
ووداٲسی چھُس زِلِم واوِ ہالہِ کم اچھِ پوش

(شاہد دلنوی)

نوبن غزل گو شاعرن ہُنٛد شعری idiom نہ چھُ شہری خواجگی ہُنٛد پأداوار تہٕ نہ چھُ جاگیردارنہٕ وضعدأری ہُنٛد قأیل۔ سانہِ نٔوِ غزلہِ ہُنٛد اظہار تہٕ انہار چھُ عام روزمرٕ زبأنی ہٕنٛدِس مکالماتی صداقتس پیٹھ ڈٲرِتھ۔ امہِ نٔسلہٕ کیٚن غزل گو شاعرن ہٕندِ بن غزلن منز چھُ دیوان خانہٕ کہِ وضعدأری کھوتہٕ زیادٕ بس اڈٕ چہِ لارِ لارِ ہُنٛد صدائے بازگشت میلان۔ توے چھُ یہنٛدِ بن غزلن

منز اَسہِ ڈِہہ، تارِ کوٗٹ، تارکول، بوتل، لفافہٕ، پش، آنگن بیترِ لفظ نوبن شعری معنے ین منز درٛینٹھی گژھان۔ یم ساأری لفظ چھِ ویدی اُستھ تہٕ قأری ییس نوبن نفسیأتی تہٕ معنوی فکری امکاناتن ہنٛز نشاندہی کرناوان۔

گرٛشمہٕ ژھٹن منز چون سُہ آسُن ساتھ مےٚ ئتی
سیٚکی لِس منز وَسہِ وُن ڈریاوا تیُتھ احساس

(فیاض دلبر)

بڈ بوٗنی سرٛکہِ راتھ ژٕہان اُس کلمہٕ وَچھ
چوکس اندر ڈونگھ مےٚ پکان اوٗری چھُ ڈوزر

(فاروق فیاض)

وُہمہِ صدی ہنٛدِس اِٹھی مِس دہلہِ کِس اُخرس منز کشیرِ تہٕ کأشری ییمہِ بوحراٗنکی شکار سپدی تمۍ بنأونہ صرف سیأسی بے یقینی تہٕ سمأجی عدم تحفظے یوت سون مقدر بلکہ پیوٚ وامیک سرٛ ون اثر تہذیبی تہٕ نفسیأتی سوٗتھرِس پیٹھ تہِ۔ ساسہٕ بدبن ؤری ین کوچھِ رچھمٕژ روایتہٕ آیہ تخریب کرٛو بنٛلی یتوٚ ئسی تتھہٕ پأٹھی پتھرٕ ڈکراونہٕ زِ سأنی واریاہ سمأجی ادارٕ، سانہِ مخصوص سمأجی زندگی ہنٛدی پرٛزناون آکارتہٕ انہار گییہِ تشددکہِ نارٕ بزی۔ ہلمن منز پوش ڈالہِ ننہٕ والہن پیٚیہِ پئنہن شانن پیٹھ پتہنے اُچھ گاشن ہنٛزٕ اُچھ وہرأوِتھ لاشہِ سارنہِ۔ واریہن ماجن رأوی ٹاٹھی گبر۔ کوربن رأو مأٹنی ستھ تہٕ بینہن رأوی ڈکھ پھیٚکی ٹأٹھی بأے جانہٕ۔ کتہن پیوٚ وزو بچاونہٕ خأطرٕ پئن گرٕ تہٕ پٔنی پرٛن ترأوِتھ وانٛج وأرِس یہُن۔ اُنیکھ انتظار، بے معنے کجر، ماجہِ میٚنٛہ ہنٛز خوشبوے، پتھ کأنٛج یادأوری،

تہٕ عوٲمی لہجہِ پرٲوِتھ پرن وٲلِس شاعرٕ ہِندٮ۪ن قلبی محسوساتن ہُنٛد عرفان حاصل کرنس منز واریاہ اَتھہٕ رٚوٹ کران۔

ٮ۪کن ٮ۪کنان گژھ یہٕ چھُم مےٚ لون مگر
آنتھہٕ رٚوسُتے تہٕ بے حساب مہ ٮ۪کن

(عزیز حاجنی)

یُس خواب اَچھن منٛز مےٚ وُہان رُوٗد مُسلسل
شیٚہلاوِ خبر کتی بڑٮ۪ہلی ساعتھ وُچھان گژھ

نہ خاٗر پاٹھ وُشن نہ کاتھہ سلام کلام
فقط چھُ گُڈنہِ سجاوان سُہ میزبان گُٹھن

(فاروق فیاضؔ)

ملالہٕ چھُم نہٕ لِگِم چھوکھ مےٚ ساٗرِسے بدنس
ووداٗسی چھُس زِ لِگِم واوِ ہالہِ کم اچھِ پوش

(شاہد دلنوی)

نوٮ۪ن غزل گو شاعرن ہُنٛد شعری idiom نہ چھُ شہری خواجگی ہُنٛد پاٗداوار تہٕ نہ چھُ جاگیردارنہٕ وضعداٗری ہُنٛد قاٗیل۔ سانہِ نٔوِ غزلہِ ہُنٛد اظہار تہٕ انہار چھُ عام روزمرٕ زباٗنی ہِندِس مکالماتی صداقتس پٮ۪ٹھ ڈٲرِتھ۔ امہِ نسلہٕ کٮ۪من غزل گو شاعرن ہِندٮ۪ن غزلن منز چھُ دیوان خانہٕ کہِ وضعداٗری کھوتہٕ زیادٕ بس اَڈٕ چہِ لارِ لارِ ہُنٛد صداے بازگشت میلان۔ توے چھُ یِہِندٮ۪ن غزلن

منز اَسہِ ڈِہہ، تارِ کوٗٹ، تار کول، بوتل، لفافہٕ، پش، آنگن بیترِ لفظ نوبن شعری
معنے ین منز درٛینٹھی گژھان۔ یِم ساٲری لفظ چھِ ویدی اُستھ تہٕ قٲری یس نوبن
نفسیٲتی تہٕ معنوی فکری امکاناتن ہنٛز نشاندہی کرناوان۔

گرٛشمہٕ ژھٹن منز چون سہ آسُن ساتھ مےٚ ہتی
سیٚکِہ لِس منز وَسہٕ وُن ڈٕریاوا تیُتھ احساس

(فیاض دلبر)

بڈ بوٗنی سڑکہِ راتھ ژہان اُس کلِمہٕ وَچھ
چوکس اندر ۆونگھ مےٚ پکان اوٗری چھُ ڈوزر

(فاروق فیاض)

وُہمہِ صدی ہنٛدِس اِٹھی مِس دہلہِ کِس اُخرس منز کشیرِ تہٕ کاشرِ ییمہِ
بوحرانکی شکار سپدی تمی بناوٕ نہ صرف سیاسی بے یقینی تہٕ سماجی عدم تحفظٕ یوت
سون مقدر بلکہ پیوٚ وامیک سرٚ ون اثر تہذیبی تہٕ نفسیاتی سوتھرِس پیٹھ تہٕ۔
ساسہٕ بدبن وٕری ین کوچھِ رچھمٕژ روایتہٕ آیہٕ تخریب کرٕ بُنلی یتوٚ ڈسی ییتہٕ پأٹھی
پھر وٕکراونہٕ زِ ساٲنی واریاہ سماجی ادارٕ، سانہِ مخصوص سماجی زندگی ہنٛدی
پڑ زناون آکارتہٕ انہار گیہ تشدد کہِ نارٕ بُزی۔ ہلمن منز پوش ڈالہِ ننہٕ والین پیٚیہٕ
پتمن شانن پیٹھ پتنی اُچھ گاشن ہنٛز اُچھ وہرٲوِتھ لاشہِ سارنہٕ۔ واریہن ماجن
رأوی ٹاٹھی گبر۔ کوربن رأوماٲلنی ستھ تہٕ بیٚنین رأوی ڈکھ پھٹکی ٹاٹھی بأے
جانہٕ۔ ہتمن پیوٚ وُزو بچاونہٕ خاطرٕ پتُن گرِ تہٕ پٹنی پرَن ترأوِتھ وانٛج وأرِس
بہُن۔ اُنیکھ انتظار، بے معنے کجر، ماجہِ میٚو ہنٛز خوشبوے، پتھ کالٕچ یاداوری،

تہذیبی رِوایژن تہٕ قدرن ہنٛدِس ژھینہٕ گژھنس پیٹھ غم تہٕ افسوس، شناختُک بوحران، ہجرتُک دگ، یِمہٕ موضوعات بنیہ یِہ سانہِ غزلہِ ہنٛدۍ نوۍ انہار۔

امہِ قبیلکۍ شاعر، کتھہٕ چھ اتھ تبدیلی پیٹھ حاٮ۪رتن گژھتھ یہ ڈیٚلہ زِ تہٕ وُٹھ ٹلی واویلا کران تہٕ ہجرتُک دگ کتھہٕ چھےٚ اُمِس واُنج کوٗران۔

یِیتہِ ما چھُ پٮ۪ٹُن گام پٮ۪نٕی لوکھ یہٕ پرژھِہھ
یِیتہِ ما چھُ پیٚشن پیٹھ ہوان دِوار نصف راٗژ

(فیاض دلبر)

چاٗنس شہرس ڈالہِ اَنے
پتمِن ناگن ہُنٛد پاں گول

(سنیتا رینہ)

مےٚ چھُ باسان بایو لَرِ جنگل
گرِ گرِ چھُم باسان لَرِ جنگل

(پیارے ہتاش)

غم فکرو نِش دوٗر شُربن ہُنٛد آلہٕ کژ بنڈُل
اَسہٕ وُن گنِدوٗن سےٚ لوکچارا آسُن گوٗژھ

(فاروق آفاق)

وٮ۪تھہِ بُٹھس پیٹھ کاژہہ کران چھا عیدرٕوف
کاژہہ وسان چھا ناوِ تُل مُل پراٗنی پاٗٹھی

(برجناتھ بیتاب)

مےٚ یِم آفتاب رٕچھِو راتس اُچھن منز
تمے گاشس اندر راوان چھُ اثر

(صوفی شوکت)

پٔتِمین وُہن ترٛہن وٕریِن منز یِم موٗتکی وحشت ناک منظر کاشرِس وُچھنۍ پیٚیہِ، تمہِ ستۍ رووٕ تِمس روحُک قرار تہٕ منٛگ سکوٗن۔ خبر کٲتیاہ گُل گٔیہِ پھولنے برٛونٛہہ چمن زار گٔیہِ وٲرانن منز تبدیل۔ نصیٖبن آو باگہِ وٲراگ تہٕ کستوٗرن آو گلہِ میوٗٹھ کجر کرنہٕ۔ اتھ دٕ دوَنہٕ کِس ماحولس منز کتہِ لبہِہن زایُن لوٚلکی نغمہٕ۔ ہرگاہ شاعر گنگر اوان اوس سُہ اوس فقط لبھان ذاتگ تہٕ زمانٕک مرثیہ۔

چون مالیُن گام ہے زولُکھ تیٚلی
نامہٕ لکھہٕ ناوس مےٚ تِم حالات چھا؟
لاش ہیتھ پنٕنی نکھس پٔٹھ رات کیُتھ رٲوِم وَتھے
گاش کانٛہہ ہاوِ ولُکو کُنہِ جایہِ سَن دٕ ڈراوِ ہن

(فیاض تِلگامی)

بُلبلس ژھوگ ژٕٹتھ، گُتی جہِ وُڈوزَن موٗشُمت
لاشہِ ہُتی نس چھُ تچھان کاوٕ وَچھس تھوٚ تہِ وُچھو

(فاروق فیاض)

ئلہِ تہِ ما پڑاٹہِ زوٗن مس پانس
تس تہِ ما آیہ کانٛسہِ ٹاٹھِس گوٗلی

(شہناز رشید)

گرِ ہے نیرو کفنہٕ پُٹن گرٕھ ستی ٹلُن
زانہِ خدا کس آسہِ گرٕھن کتھ شایہِ دفن؟

(بشیر دادا)

آشن گاٹڈ پکھہٕ کپٹن
لاشن ہُند پاٗراو تہٕ گرد

(شہزادہ رفیق)

تس اُس لاش اتھن منز تہٕ اَسہِ تہٕ اوس پرٕژھان
یہِ کٗمی سا گوٗلی چلاٗو وٕنو گُلس میانٕس؟

(شفق سوپوری)

'پتہٕ چھمب تہٕ بُتھہِ نار' یتھ بحرانی دورس منز ہیٚنہٕ آمُت شاعر چھُ اَکِس مسلسل ذہنی عذاب وکرب کِس ماحولس منز تتھہٕ کنی ہیٚنہٕ آمُت زِ تس چھُ پگاہ گوٚٹ تہٕ از چھوکل باسان۔ اَتھ ذہنی تہٕ نفسیٲتی دباوس منز ہرگاہ کانٛہہ تہٕ تِمس سکون تہٕ شانتی عطا کران چھےٚ سو چھےٚ تِمس پتھ کالہٕ کیٚن حسین یادن ہنٛز یاداوٗری۔ پانس اَندی پکھی فقط بے کس تہٕ بے بسی وُچھِتھ چھُ سون نوجوان شاعر پننِس لوکچارس تہٕ اَتھ ستی وابستہٕ موصوم خابن تہٕ امارن یاد کران۔ یُتھ شدید احساس پتھ کالُک امہِ نسلہٕ کیٚن شاعرن ہنٛزِ شاعری منز میلان چھُ سُہ چھُنہٕ تمہِ شدتہٕ سان اَسہِ برٛونہہ میٚن شاعرن منز میلان۔ ڈ ویم کتھ چھےٚ یہِ زِ امہِ کیفیژ ہُند اظہار چھُنہٕ محض فیشن کِس رنٛگس منز سپدان بلکہ چھُ یمن علامتن پتہٕ کنہِ مشترکہٕ تہذیبک تعمیر تہٕ تخریب تہِ ڈٕکھس۔ یم تجربہٕ چھِ دوہ دینٛچہٕ

زندگی ہِنٛدِ کشمکشہِ منز ہنٛہٕ آمتین انسانی رِشتن تہٕ یمن ستی منسلک قدرن ہِنٛدِ ڈسی وو تلان۔ علاقائی تشخص تہٕ اشاریت چھےٚ اَتھ لرِ لرِ ڈٔرکھس

مہریٚنہِ کارس گنِڈ ہو از بیٚیہِ تیٚلہکی پاٗٹھی

لوکچارچہِ وبسہٕ بیٚیہِ انہوکھ زن آلو دِتھ

(نسیم شفائی)

مےٚ تہِ لوکچارس ہُتھ موڈس پیٹھ وُچھ زوٗن گنِدان

ژٔےٚ تہِ پوٚت پھیرُن چھےٚ تنِ تنہا، دامانہٕ دِنتھ

(الطاف نیاز)

تھٔج کارطیس پیٹھ اوس تہٕ مےٚ پیٚو و یاد تہٕ پرٛژھمکھ

تتھ ڈورِ چھا از کل تہِ تمے کورِ رُوان تھل

(ساگر نذیر)

بہٕ دژاس راتھ ہنا دوٗر شہرٕ نِش تہٕ وُچھم

قدیم لوکھ ونان داستان سراین منٛز

(شفق سوپوری)

اَسہِ زأج پُرٛن تام رچھٕن توگ نہٕ تھٕنٛد کینٛہہ

نتہٕ باگہِ بُرٛتی سأنی تہِ اسلاف خدایا!

(شہناز رشید)

نوشہِ یوان چھا از تہِ مالیٚن پیاو ہیتھ

کُنہِ گران چھا چھان منٛزُل پرأنی پاٗٹھی (برجناتھ بیتاب)

شامہٕ پٔتھ اوس پیٚتھن نوٗر ہران یارٕ بلس
تتہِ ووں از کل چھِ بدل زوٗل کران تی چھِ دپان

(گلشن بدرنی)

کس ژٕتبس آسہِ از گولابہٕ خمیر
کتھ گرس منز آسہِ وٗر موجوٗد؟

(شہناز رشید)

بیٚیہِ تہِ اَز یاد پیٚو سُہ پرون وَژُن
بیٚیہِ کٔنن گوم اَز تہِ تارِ وَزُن

(رخسانہ جبین)

سأرے بستی نِیہِ سہلابن توتہِ چھِ کتہِ تام بچنٛچ برانتھ
کم تام بدٕلے لوکھ چھِ نالان اَسہِ چھےٚ پُرَن ہمسأین تل

(عزیز حاجنی)

زانہِ خودا یِیمہِ کوچہِ پکنٛیا تیا زانہہ شہرٔ دٕی
دارِ دَمس پیٹھ ہونگنیاہ تھأوِتھ گوو لوکچار

(فیاض دِلبر)

بیا کھا اکھ منفرد انہار چھُ امہِ قبیلہٕ کیٚن غزل گو شأعرن ہند بن غزلن منز عموماً نظرِ گژھان، سُہ گوو گاموٕ پیٹھہٕ ترکِ سکونت کٔرِتھ شہرٕ ذٕہ گژھنکہِ عملہِ پیٹھ ماتم کرُن تہٕ گلی موٗرٕنی ۔ یہِ چھُ اکھ سنجیدٕ سمأجی تہٕ نفسیأتی مسلہٕ ییٚمی موجوٗدٕ دورس منز نہ صرف رِوایتی سوشل گرتس منزا کھ بوٚ ڈیوحران پأدٕ کوٚر بلکہ پیٚو وامہِ مأدی

عملہٕ ستی سانِٹن مشترکہٕ قدرن ہٕنٛدِس اجتماعی صحتس پٮ۪ٹھ تہٕ سبٹھاہ ناکارٕ اثر۔ سانٛنی یم شاعر چھِنہٕ اَکس ماہرِ سماجیات ہٕنٛدی پاٹھی محض امہِ کٮ۪نہہ سماجی پہلوون سام ہوان بلکہ چھِ تِم احساسی سوٗتھرس پٮ۪ٹھ ادبی صداقتن تہٕ فنی نزاکتن ہُنٛد پاس کرِتھ اتھ غاۓر صحت مند عملہِ پٮ۪ٹھ تخلیقی آیہ پننین محسوساتن تہِ زبو دِوان۔ تلاش روزگار، تعلیم پراونہٕ کہِ غرضہٕ شہری کلچرٕ کہ مشتاق تہٕ دِلدادٕ بننس پٮ۪ٹھ۔ گامہٕ ؤڈرن تہٕ ناگہٕ پوکھرٕ بن ہٕنٛدِس راونس پٮ۪ٹھ اَندرٕ ی وانٛج کوٗرٕ ے چھےٚ شعوٗری یا غاۓر شعوری طور سانٛنس شاعرس یمہِ آیہِ اظہار کرنس پٮ۪ٹھ مجبور کرناوان۔

چھِہِ منٛز اَسن بُرٕز پٮ۪شن ہٕنٛز کتھ تُجھٕ
یاد پیومُت چھُس شاید ماتامال پٮ۪ٛن

(فیاض دلبر)

ڈوپُن تتھ دردٕ گامس کُتی جہِ پرٕانی پاٹھی یٮ۪ران اَلی
زمانٕک ژھوٗپ تہٕ ڈوپ آلو دپان گووژیر بہٕ کیاہ وَنہٕہس

(شاد رمضان)

لیوٗکھ تُمی تہِ سانہِ گامہٕ تھپل واو موضُمن
آیاو راتھ پانہٕ مژھلی کیاہ گلاب ہٮ۪تھ

(نثار گلزار)

گامہٕ پٮ۪ٹھہٕ شہرن منٛز آباد گژھنہٕ ہکس پوٚت منظرس منٛز کاشرِس اجتماعی خاندان ہکس تصورس یوسہٕ اَدرٕ کھل گٔیہِ تہٕ یمن سماجی روایژن تہٕ قدرن

شامہٕ پٔتہٕ اوس ییٚتھن نوٗر ہران یارٕ بلس
تتہِ ووں از کل چھِ بدل زوٗل کران تی چھِ دپان

(گلشن بدرنی)

کس ژتبس آسہِ از گولابہٕ خمیر
کتھ گرس منز آسہِ ؤر موجوٗد؟

(شہناز رشید)

ییٚہ تہِ اَز یاد پیٚو سُہ پرون وَژُن
ییٚہ کنن گوم اَز تہِ تارِ وَزُن

(رخسانہ جبین)

سأرے بستی رٕیہِ سہلابن تو تہِ چھِ کتہِ تام بچنٕچ برانتھ
کم تام بدٕلے لوکھ چھِ نالان اَسہِ چھےٚ پرُن ہمسأین تل

(عزیز حاجنی)

زانہِ خودا ییمہِ کوچہِ پکیا تیا زانٕہہ شہرآدی
دارِ دٕمس پٮ۪ٹھ ہونگیاہ تھأوتھ گوو لوکچار

(فیاض دِلبر)

بیا کھا اکھ منفرد انہار چھُ امہِ قبیلہٕ کین غزل گوشاعرن ہند ین غزلن منز عموماً نظرِ گژھان، سُہ گو وگاموپٮ۪ٹھہٕ ترکِ سکونت کٔرِتھ شہر ذدٕ گژھنکہِ عملہِ پٮ۪ٹھ ماتم کرُن تہٕ گلہٕ موٗرٕنی۔ یہِ چھُ اکھ سنجیدٕ سمأجی تہٕ نفسیأتی مسلہٕ ییٚمی موجوٗدٕ دورس منز نہ صرف روایتی سوشل گرتس منز اکھ بوٚڈ ووحران پأدٕ کوٚر بلکہ ییٚو وامہٕ مأدی

عملہٕ ستی ساننہ مشترکہ قدرن ہندِس اجتماعی صحتس پیٹھ تہٕ سبٹھاہ ناکارٕ اثر۔ سأنی یم شأعر چھِنہٕ أکِس مأہر سماجیات ہندی پأٹھی محض امہٕ کِنہ سمأجی پہلووِن سام ہوان بلکہ چھِ تِم احساسی سوٗتھرِس پیٹھ ادبی صداقتن تہٕ فنی نزاکتن ہُنٛد پاس کٔرِتھ اتھ غأر صحت مند عملہٕ پیٹھ تخلیقی آیہٕ پننہِ محسوساتن تہٕ زٕو دِوان۔ تلاش روزگار، تعلیم پراونہٕ کہِ غرضہٕ شہری کلچرٕکی مشتاق تہٕ دِلداد بننس پیٹھ۔ گامہٕ وٕڈرن تہٕ ناگہٕ پوٚکھرن ہندِس راونس پیٹھ أندرٕی وأنٛج کوٗرے چھےٚ شعوٗری یا غأر شعوری طور سأنِس شأعرس ییمہِ آیہٕ اظہار کرنس پیٹھ مجبور کرناوان۔

چِھتہِ منٛز أسن برٕزٕ پشن ہنٛز کتھ تُہنٛز
یاد پیوٚمُت چھُس شاید ماتامال پٔنُن

(فیاض دلبر)

ڈوٚپُن تتھ دردٕ گامس کٔتی جہِ پرٔانی پأٹھی ییران أکی
زمانٕک ژھوٚپ تہٕ ڈوٚپ آلودپان گووٕژ یربہٕ کیاہ وَنہہس

(شاد رمضان)

لیوٚکھ ثمی تہِ سانہِ گامہٕ تھپل واو موٚصُمن
آیاو راتھ پانہٕ مژھلی کیاہ گلاب ہیتھ

(نثار گلزار)

گامہٕ پیٹھہٕ شہرن منٛز آباد گژھنہٕ کِس پوٚت منظرس منٛز کأشرِس اجتماعی خاندانہِ کِس تصوٗرس یوٚسہٕ أدرٕ کھل گٔیہ تہٕ یمن سمأجی روایژن تہٕ قدرن

دَدارِ ووت سُہ چھُ عصری زندگی ہُند اکھ بوٚڈ گاٚیلہٕ۔ شاعرُس سماجُک حساس فرد چھُ آسان کتھہٕ ہیکہٕ امہٕ تاٗریخی تبدیلی نِش اَچھ وٗٹِتھ۔ سُہ چھُ امہٕ تبدیلی ہٕنٛدِس پوٚت منظرس منز تباہ حال ماٗری منز قدرن ہٕنٛدِس تخریبس پٮ۪ٹھ تہٕ شہرزدگی ہٕنٛدِس نتیجس منز ذاتی سوٚتھرِس پٮ۪ٹھ مقامی شناختہٕ ہٕنٛدِس راونس پٮ۪ٹھ ییمہٕ آیہٕ ماتم کران۔

کمن کُتھ ژٕے شہر واتی تھے یہٕ گام پٔنن
نہٕ بے ژٕے یاد نہ روٗدی ژٕبس گلاسہٕ گُلی

(شہناز رشید)

چھا میانہٕ گامہٕ اَز تہٕ پھولان سونتہٕ ژٕنٛنی گُلی
چھُم تاپھ مگر ڈیرِ مےٚ دِتھ شہرِ مکانس

(فاروق فیاض)

جولہٕ پرِستان برِتھ شوقہٕ ژھوٚکھ شہر کُنُن
کشف و کرامات کرن والہٕ ژٕے ماساٗنی خبر

(شاد رمضان)

'شہر تہٕ گام' چھ شیٖتہٕ پتہٕ کین شاعرن منز اکہٕ موثر تہٕ طاقت ور نفسیاتی تضادٕ تہٕ سماجی اضطراب کہِ استعارٕ رٔنگی ورتلان۔ ییمن دون لفظن ہُند علامتی تہٕ استعاراتی ورتاو چھُ پرن واٗلِس ماضی تہٕ حالس درمیان تِمن بجن تہٕ سنجیدٕ تبدیلین ہُند تخلیقی سوٚتھرس پٮ۪ٹھ آگاہ کرنٕچ کوشش کران ییمو تبدیلین ہٕنٛدِس نتیجس منز کاشرِ بن ہُند سماجی، ثقافتی تہٕ نفسیاتی شخصیت متاثر سپز۔ شیٖتہٕ پتہٕ کیو

شاعرو چھُ 'گام' تہٕ 'شہر' ذأتی آرزومندی ہِنٛدِ علامت رٕنگی تہٕ استعمال کوٚر رمُت تہٕ سمأجی تخریب کہِ استعارٕ رٕنگی تہٕ۔ یم چھِ نوٚ سمأجی منصب دأری ہِنٛدِ اِشارٕ رٕنگی تہٕ وۄ تلان تہٕ انسأنی قدرن ہِنٛدِ لتہٕ مونجہِ گژھنہٕ کہِ مرثیہ رٕنگی شعری عملہِ ہُنٛد حصہٕ بنان۔ یم چھِ مأدی آسودگی ہِنٛدِ معنی لیس منزٕ تہٕ غزلن منٛز جاے رٹان تہٕ پژٕ زنتھ بحران کہِ استعارٕ رٕنگی تہٕ شعرس منز برونٛہہ کُن یوان۔

گاٖمہِ شیٚچھ ہیتھ اوا کانٛہہ
یمہِ بٕ گُل ہیتھ ژاوا کانٛہہ؟

بہٕ پانے ماجہِ ہِنٛز پُژٕ لوٗنٛٹھ تژأوِتھ شہرٕ بُزٕ سپدُس
تہٕ ہینہٕ آیوس منٛز کنکریٹ صحراوس بہٕ کیٛا کرٕ ہا

(نثار اعظم)

ژٕے چھکھ تہٕ شہرساز بہٕ چھُس گامہٕ وُڈرل
ورتاو شہلہِ خاب مےٚ گےٚ مأنز أدرٕ کھل

(علی شیدا)

وُکرمُنٛز شہرٕ کِس شہرس تہٕ مہریٚنز ڈولہِ اندر چھُنٛز
نہ ہٕنگرے تس نہ پانژ پے نہ چھُس کنہٕ وأری آلو گوڈ

(شہناز رشید)

سفیر اوسانٛہ گاشہِ شہرُک بدل تہٕ کُس سے مےٚ گاش موٚنگمس
مےٚ کُج رہِچ اکھ سو چھی شریٖس بسری رگن منز روان تھوٚون

(مجروح رشید)

مےٚ بوٗز اَز تہٕ چانہِ گامہٕ واوِ ژأنگی ہیتھ نژان

اما زِ میانہِ شہر تے چھِ سیرِ سأوی آستان

(شادرمضان)

مذکورِ نسلہٕ کین شأعرن ہنٛد ین شعری تخلیقاتن منٛز چھُ جلال کھوتہٕ جمالُک پوٗتُر گوٚب باسان۔ یہ جمألی توٗثرُ چھُنہٕ یِہنٛد ین غزلی شارن منٛز محض آدِمی لول کہِ سطحی اظہارٕ ستی واضح سپدان یا خأرجی حسین منظرن ہنٛدِس ردِعملہٕ کِس نتیجس منٛز کاڈ کڈان بلکہ چھُ شعری حُسن و جمالُک راز شعری تصوٗرکہِ پاکیزگی تہٕ احساس کِس جمیل آسنس پیٹھ ڈٲرِتھ۔ حسین تصوٗرن ہنٛدِ اظہارٕ خأطرٕ چھِ سأنی یِم شأعر مختلف شارٕ وَلن ہُنٛد استعمال کران۔ اتھ منٛز چھےٚ ترکیب سأزی تہٕ اسعارٲتی جدتس وار یاہ عمل دخل۔ کینٛہہ مثالہٕ چھےٚ دعوا پٕزراونہٕ خأطرٕ درج یوان کرنہٕ۔

یأگی واوَن کل کڈنسہِ کِنہٕ پانے ژٕج

شُری ہنٛدِ اتھِ منٛزٕ درایہِ تہٕ کھوٗ اسمأنی پتنگ

(نسیم شفائی)

اسمان یمٕس تزاوِ پتھرٕ لتس تہٕ تُلِیا کانٛہہ

کتھ پان ولان بونہِ گوڈس زرٕد پنٛکی ڈیر

(نگہت صاحبہ)

سیٚکلِ احساسہٕ کِس تاپس چھےٚ پٔرتھ قدمس ہُرأنی تیٚہہ
شٔبج ژھایاہ ترٕنی کاثہہ ناگہٕ جوے ژھارَو اگر پرارکھ

(شہناز رشید)

ڈٔریاو بدس اوس تِمس نار أچھن منٛز
صحراوِ بلس اوٚبرٕ کُے آکار أچھن منٛز
اکھ اوس وِل نأوی تہٕ کُس تام منوشا
آ، سُے زِ یِمس اوس اکھ سمسار أچھن منٛز

(ستیش وِمل)

آرٕ بٔٹھِس پیٹھ اوس تہٕ لوٚت لوٚت آوٕ مےٚ کُن
اوٚنگجِہ اِشارَو سٟتی پھِرُن دریاو مےٚ کُن

(غلام رسول جوش)

سانہِ پُتنیہٕ ہنٛد بن شأعرن چھُ تخلیقی وو پزاوس سٟتی سٟتی گہر تنقیدی شعورتہٕ ڈٔکھِس۔ امہِ تنقیدی شعور کہِ برکتہٕ چھُ شارن منٛز باوتہٕ آمتین تجربن منٛزوٚی تہٕ سأدروار فنی تہٕ معنوی امکانات پأدٕ گژھان۔ یہ معنوی امکانات تہٕ بسیار شعری جہت وو تلاونس منٛز چھُ لسأنی طلسم کأری ہُنٛد تہِ سبٹھاہ عمل دخل۔

آکھہٕ نہٕ اگر راس یہِ دریاو کیٛا کرن؟
پھٹ زن بٔٹھِس پیٹھے وونی تِمن ناو کیٛا کرن

(نثار اعظم)

پراگاش ژھیٚو وتہٕ اگر میانہِ پاسہٕ کیٚن بالن
ہُپأرۍ زوٗل کُرِتھ چوٗن آسمان چھُنا

(منیب الرحمان)

یہِ کُس یوان چھُ نبصف رأژ دارِتل مےٚ دوہے
یہِ کُس صدا چھُ دِوان روز روز وُنہِ چھےٚ سُل

(شفق سوپوری)

یہِ اظہار چھُ نبرل۔ یہِ چھُ سانہِ رِوایتی غزلہٕ کہِ اظہارٕ نِش بالکل نوٚ وتہٕ سأدروار۔ یمن منز چھُنہٕ کُنہِ تہِ طریقہٕ زبأنی ہُنٛد ابہام۔ شارن منز چھےٚ عام فہم تہٕ روزمرٕ زبان استعمال آمٕژ کرنہٕ مگر شأعرٕ سُنٛد ورتاوتہٕ تجربُک سنبر چھُ شارن منز خود بخود نوٚ شعری کایناتُک بازیافت کران۔ یہِ وُچھِتھ چھُنہٕ مےٚ رحمان راہیٕ سٕندِس یتھ دٕپِس منز کانٛہہ وزن تہٕ پزر لبنہٕ یوان۔ یتھ منٛز سُہ جوان سال کأشرِ بن غزل گو شأعرن متعلق یِیمہِ آیہ پننہِ رایہِ ہُنٛد اظہار چھُ کران:

'سأنی نوجوان شأعر چھِ شاید اوٚ کنہٕ صرف غزل صِنفہِ الأنٛدی گأمٕتۍ زِ اَتھ منز چھکھ طبع آزمأیی سہل باسان۔ قأفیہِ تنٛزاہ کھأر، ردیفہٕ لُٹا گنٛڈ۔ اکھ بیاکھ زمینہِ ہنا پأرأو، یِژھ تِژھ خیالہٕ بٕندی یاہ کُر تہٕ غزلہٕ کوٚاہ ہتھ درایہِ بازرٕ۔

سانِئن جوان شاعرن چھُ زندگی ہنٛز، complexity ہُند سرٛون مشاہدٕ تہٕ تجربہٕ تہٕ۔ ووں ییٚلہِ اَتھ ہتۍ ہتۍ زبانٕٛی ورتاوس پیٹھ تہٕ ماہرانہٕ دسترس آسہِ شارن منز چھُ فکرو شعورُک ہِر ساوبر پاۂد سپدُن لازمی۔ یمن جوان شاعرن ہُند یُس شاعری landscape پرن واۂلِس برونٹھہٕ کنہِ منکشف سپدان چھُ تتھ منز چھُ حُسن کاری ہتۍ ہتۍ انسانی غم والمکی اَنہِکھ گھاوتہِ نظرِ گژھان۔ عصری سماج تہٕ کلہم زندگی ہنٛزن پیچیدٕ صداقتن ہُند یُس شعوری آگہی سانِئن جوان شاعرن دردِست چھُ تمہِ کہِ بدولت چھُ یِہنٛد بن شعرن منز اکھ پوشہِ وُن فکری وبقارتہٕ شعوری سنبر پاۂد گژھان۔ یِہنٛد بن غزلن منز چھِنہٕ بناوٹی ٹانیارلبنہٕ یوان بلکہ چھُ اتھ منز فکری او ببر گو ببر، اظہارُک نوبر تہٕ لہجُک غاررو ایتی ورتاو، یُس امہِ قبیلہِ کِہن شاعرن پننین پیش رَوَن نِش امتیاز عطا چھُ کران۔

یام چھکراۂوی زُلف واوَن ڈبکس
وُزملو لیٚوکھ زن نبس پیٹھ شعر ہیوٚ

(فاروق فیاض)

سمجھوتس منز اوسُم فہمک ادراکُک سودا کوٚرمُت
یتھہٕ تِتھہٕ زاۂنتھ دِل رژھرایو یتہٕ گوٚوسُتہٕ دُبراین تل

(عزیز حاجنی)

زٕ دی دار ہلمس منز چھا روزان سوٚمبرِتھ تاپھ
صُبح پژٕ یِنہٕ کوہ ژھنڈناوی یکھ پانس

(برجناتھ بیتاب)

موچھِ منز تہِ زن رأچھ گرتھ تھاوِ سمندر
پٮ۪ے ما چھُ تمِس ناو لٔبتھ راوِ سمندر

(شبیر ماگامی)

ہیرِ کنہِ درج شعرن ہنٛدِ حوالہٕ چھُنہٕ شادرمضان نِس یتھ قولس منز کانٛہہ صداقت لبنہٕ یوان۔ یتھ منز سُہ ونان چھُ:

"مے چھُ ذأتی طور باسان زِ أزِکی نوجوان شأعر چھِنہٕ پننین غزل شعرن منز فکری تہدأری تہٕ شأعرانہٕ ہونرمندی ہنٛدی قأیل ییمہِ کنہِ تہنٛد بن غزل شعرن ہنٛدی مضمون تہِ سرسری چھِ تہٕ تہنٛز لسأنی شودبودتہِ غأرشأعرانہٕ چھےٚ"

شادرمضانہِ اَتھ رایہ پتہٕ کنہِ نہ چھےٚ کانٛہہ دلیل دِنہٕ آمٕژ تہٕ نہ چھُ بیانس ڈٕکھِس کانٛہہ شعری آثار۔ باسان چھُ یہِ چھُ تمی مھٕپنِس ووستاد رحمان راہی ہنٛدِس بیانس Substantiate کرنٕچ کوشش کٔرمٕژ۔ امہِ ستی چھُ سُہ بذاتِ خود پننہِ منفرد شعری اظہارُک تہِ نفی کران۔ اُستاد سُنٛد احترام گوٚ ٹھیک مگر نہ زِ ذاتہٕ ہِکس تخرٕپس پیٹھ۔

امہِ شأعری قبیلہٕ کِنِہ شأعرن منز چھُ ہمعصر کوچھِ منز زاینٕ لبن واجنٕبن انقلاب انگیز تبدیلین ہُنٛد گہرٕ تأریخی شعور مگر تم چھِنہٕ پننین پیش رو شأعرن ہنٛدی پأٹھی أکِس مخصوص ideology ہنٛدی غولام بٔنتھ یا کُنہِ خاص نظریأتی وابستگی یا کُنہِ مخصوص شعری روجانٕکی طرف دار بٔنتھ فیشن رٕنگی تأرتخس ستی وابستہٕ موضوعن شأعری ہُنٛد جامہٕ وٕلتھ صداقتن تہٕ جذبن دَدارٕ واتناوان

بلکہ چھِ أ ِکس تخلیقی تجزیہ کارٕ ہنٛدی پأٹھی سأری جہات نظرِ تل تھأوِتھ فنکارانہٕ قوت کہِ مدتہٕ یِمن تبدیلین ہنٛدِس نتیجس منز زاین لبن واجنِن نفسیأتی، سمأجی تہٕ تأریخی پہلوون پیٹھ معروضی تہٕ بغأرِ کُنہِ تعصب پننٕہ نِمن محسوساتن تہٕ مشأہدن ہنٛز تخلیقی آیہِ باوتھ کران۔ کانٛہہ تہِ توأریخ دان ہیکہِ نہٕ کٲشرِ ہنٛدِس ہمعصر تأریخس پیٹھ تۄ تام صداقتس پیٹھ مبنی تأریخ مرتب کٔرِتھ ییٚتس کالس نہٕ سُہ ربوایتی تأریخی آثارن ستی ستی لسأنی تہٕ تخلیقی آثارن ہُنٛد تہِ مطالعہٕ کرِ۔

اشارأتی تہٕ علامتی لہجہِ تہٕ اَتھ پتہٕ کُنہِ گہرٕ طنزیہ شعور چھُ شیتہٕ پتہٕ کینٛہن غزل گوشأعرن ہُنٛد اکھ بوٚڈ تہٕ منفرد شعری ورتاو وَل۔ زمأنی صداقتن ہنٛدِس بیانس منز چھُ یِمو تخلیقی تہٕ خصوصاً شعری اظہارٕ کی تمام ضأبطہٕ تہٕ نوقطہٕ نظرِ تل تھأوی ئتی۔ یِتھہٕ کُنی چھےٚ یِہنٛز شأعری شعری لگہأری ہُنٛد اکھ باوقار طرح پرٛاوان

وُنہِ تہِ باسان زن تہٕ وُنی وُنی نیرِ کانٛہہ بچنٛح سبیل
اِنتظارن منز چھےٚ راوان انتشارن ہنٛز کٲشر

(عزیز حاجنی)

سوے پھُٹجہِ ہن وُچھس مےٚ دوہے ییٚلہِ تہِ گاٹھ وۄتھ
سوداگرس چھےٚ وأنٛس گمٕو ناوِ تارِ بُزی

(شہناز رشید)

نقشس سُہ شوق رنگ بران اوس مُصور
أ کی شُری وۄنُس کٲشرِ کتھو رنگ مےٚ از برکھ

(فاروق فیاض)

رفیق راز چھُ پننِس اَکِس مقالس منز شعرتہِ کہِ حوالہٕ ترکیب سازی ہنٛزِ بنیاد پیٹھ نوبن کیٛو پرانین شاعرن منز صرف پانژن یا شین شاعرن original آسنک سند عطا کران۔ ہرگاہ یمن پانژن یا شین شاعرن منز میون ناو تہٕ چھُ شامل مگر پز رچھُ یہِ زِ محض ترکیب سازی ہنٛدِس شعری وَلس پیٹھ ماہسکو کانٛہہ حتمی فیصلہٕ صادِر کٔرِتھ۔ یتھ منز چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ راہی تہٕ کامِلس پتہٕ یوس چھوکھ کٲشرِ بن شاعرن ہنٛز بروٚنٛہہ کُن یوان چھےٚ تمن منز چھُنہٕ پزی کانٛہہ trendsetter شاعرٕ ہنٛدِس روٗپس منز بروٚنٛہہ کُن یوان۔ کُنہِ کُنہِ ساعتہٕ چھُ کانٛسہِ شاعرٕ ہنٛدِ ذٔسی کانٛہہ رُت شارتہِ تھنہٕ پیوٚمُت۔ تہٕ ہیکہِ شاعرٕ ہنٛدِ لحاظتی لسانی تہٕ تخلیقی سحر کاری ہنٛز دلیل آسِتھ۔ رفیق راز چھُ واریاہ کالہٕ پتہٕ راہی تہٕ کامل ہنٛدِس شعری اسلوبس، لہجس تہٕ موضوعس منز اکھ نوبر پاد کٔرِتھ اکھ نوٚ وشارٕ مزازٕ تہٕ انہار پادٕ کرنس منز کامیاب روٗدمُت۔ مگر یہِ چھےٚ پٔتی مین ترٛبن ؤری ین منز کٲشرِ شارٕ ادبچ تہٕ خصوصاً غزلہِ ہنٛدِ حوالہٕ خوش نصیبی تہٕ ڈبکہٕ بجرٕ چ اکھ دلیل زِ رفیق رازس ستی یا ہنا پتہٕ پہن یوس کٲشرِ بن شاعرن ہنٛز اکھ بڈ چھوکھ بروٚنٛہہ کُن آیہِ، تِہنٛز شاعری بنے یہِ نہٕ رفیق رازنہِ شاعری ہنٛز پوٗت آواز بلکہ آو پٔزتھ شاعر پٔنُن اکھ الگ لہجہِ، آہنگ، اسلوب تہٕ شعری برتاوہتھ بروٚنٛہہ کُن۔ شعری موضوعن منز یک رنگی آسِتھ تہِ چھِ یم شاعر پننہِ منفرد تخلیقی صورژ ستی تہٕ مخصوص شعری اظہار کہِ بدولتہٕ فکر، معنیٰ تہٕ لسانی گرتہِ کہِ حوالہٕ صحت مند شعری تجربہٕ کرنس منز کامیاب روٗدی متی۔

پےٚ اوسُم انجام چھُ کیاہ امہِ چکہٕ چاوُک
واوس کوچھِ منز زِتنہِ شابابا اوس تہٕ ژٲول

(نذیرآزاد)

وُنہِ اوس آفتاب نوٚنُے، زوٗن ڈ وپٕھ کھۄژ
ہے میانہِ ستی باجہِ مےٚ وَن روو کتبتھ شام

(فاروق فیاض)

گیوٗس وأنسہِ اتھ تُلتھ قبوٗل دُعایہِ خأراکھ
خداے زانہِ رٹنہٕ وِزِ ژھوٹیایہِ کیٛازِ ژٕتمٕس

(شبنم گلزار)

کزول زخمن چھُ بیوٗٹھمُت یعنے
تاپھ ترأوِتھ چھُ تیوٚنگلن پیٹھ سوٗر

(شفق سوپوری)

پتھ کُنتھ بس چھُ پتے یوت پری خانس منز
سبزٕ رنگ آبہٕ برِتھ حوض تہٕ سرخابکۍ پر

(منیب الرحمان)

نیوٚنُے ژےٚ اوس تاپھ لونچہِ منز گنڈِتھ تہٕ نی زِ ہے
ہےٚ کیازِ ترووتھس پڑاہ اوٗ دُر یہِ مال بازرس

(شادرمضان)

یُس خواب أچھن منٛز مےٚ وُہان روُد مسلسل
شیٚہلا وِ خبر ءکتی برٛہیٚلی ساعتھ وُچھان گژھ

مےٚ یِم افتاب أچھ رالتس أچھن منٛز
تمے گاشس اندر راوزن چھےٚ اکثر

(صوفی شوکت)

کاروانےٚ تھکی یتہٕ ترٛأوِ کھ لر أتی
تارکن ہنٛز یِژھ بغاوت کتھ لُجی



کتھ کتھ چھےٚ اہرِ بل لس شہن آب لس وسان
ہُتھ ڈُکرِ پیٹھ چھُ ڈوکہٕ خبر کم چھِ اتہٕ بسان؟

دِل چھُ راوان خدا ے خأر گرٕنی
موٚت چھُ کمرس اندر اَسان خألی

(الیاس آزاد)

کینٛہہ وٕری بروٚنٛہہ آیہٕ تِتھی کینٛہہ نوجوان پنٛنۍ غزلیات ہیتھ بروٚنٛہہ یِمن ہنٛدِ مطالعہ یا بوزنہٕ پتہٕ چھُ یہِ اشارٕ ضرٕور میلان زِ امہِ جوان سال قبیلہٕ کیٚن شأعرن ہنٛدس شعری لہجس منٛز چھُ واقعی زبان و بیانُک نوبر، عصری

نوینہٕ جمالیاتی تصوراتن تصویرن منز شکلاوُنک ول، معنی ہیچ تھدٲری ستی ستی روزمرہ لسانٔی مکالمہٕ کِس واتناوِرس پیٹھ تہٕ دسترس بدس۔

پۆر ونہٕ وُن گوم کنن وۆن منن معشوق آو
اتھ سِرس سنہٕ وُنی سنن وۆن منن معشوق آو

از چھُنہٕ سازس سوزٕے گڑ زِ ہے، وَزِ ہے زیر و بم
شمع تہٕ پوشِر یکہٕ وٹہٕ دِز ہے، وَزِ ہے زیر و بم
(شاہدہ شبنم)

ووٕنی کیٛا ونے کوٗرُن رِتھ عذاب خابس منز
سُہ اوس دود مےٚ باوان گولابس منز
متیٛا بہٕ سأری وُمرِ ہا ونڈے یمن چشمن
ژٕے مانٛنوٕ مےٚ دیُتھ از شراب خابس منز
(پرویز گلشن)

مانہِ تل گوٚو مُرتھ پرُس بچور
وتہٕ گتھن کُس یہُس ووٕنی چاوِ شین
(مسرور مظفر)

اتھ نصیبس ژٕے نا ژلی کرٕہئیار
ساسہِ پھرِ تے تن چھلکھ کاوو

رِشتہٕ سأری خوشآمدٕکی چھِ اپزی
پننہِ کُکلے پسند یِی یکھ کاوو

(شوکت شفا)

محشرس منز اگر ژٕ روے ہاوکھ
ترٛیش چانٹن أچھن منگن کأتیاہ
یِی زِ کُنہِ ساعتہٕ سانہِ بستی کُن
نظرِ روٗزتھ ژٔے چھِی وتن کأتیاہ

(ساگرسرفراز)

ڈٔنتھ دامن پٔژن از بازرس منز
وٗنتھ سِر وأنسہِ ہُنٛد دیوان عجب ژوٗل
دپان تم بے زبان وأران بزٕی گے
پوٗہل نیرتھ پتو نیرس یہِ جب ژوٗل
بدس شاھدٓ ہلالا منصفی چھس
لیکھتھ پردبن مے نِش شجرۂ نسب ژوٗل

(شاہد ہلال)

یہِ کُس مے دارِتل یوان نصف شبن سدا دِوان
عجیب آدما یہِ کُس یوان تہٕ واپسے گژھان
تلا حکیما سر تہٕ سونٛچ وارِ وُچھ نبض رٔٹتھ
یہِ دود کیازِ بے خبر أکِس بٔلتھ بٔیس رٹان

تھٔر آنگنٕج چھَم ہانٛٹھ تتھ پھۆل نہٕ زانٛہہ گلاب<br>
چشمن اندر مےٚ توتہِ چھِم سرتازٕ ووٕزلی خاب<br>
دۄپہم زِ مرنہٕ بروٚنٛٹھ ژےٚ کیٛا اَخری طمع<br>
جانانہٕ یہِ چھا کم زِ مےٚ کۆر چون انتخاب

(ساگرنظیر)



فاروق فیاض چھُ ہم عصر کأشرِ بن نثر نگارن منٛز اکھ منفرد تہٕ نیرِ بل سوچ ہیتھ برونٛھ کُن یوان۔ یِہُنٛد علمی، ادبی، تأریخی تہٕ ثقافتی شعور چھُ پختگی ہُنٛد احساس دِوان۔ یِہنٛدِ بن نثر پارن ہنٛز سارِوے کھوتہٕ بڈٕ خوٗبی چھےٚ یہِ زِ یِہُنٛد اپروچ چھُ سنجید۔ کأنسہِ تہٕ قلم کارس یا قلم پارس متعلق کینٛہہ تہِ لیٛکھنہٕ وِزِ چھِ گوڈٕ زیرِ تبصرٕ مضموٗنک باریک بینی سان مطالعہ کران تہٕ پتہٕ چھِ اِدِ پننہِ تحقیقی، تأریخی تہٕ تنقیدی بترِ مطأبق رائے ظأہر کران۔

سرسری بیان بأزی، غأر سنجید جملہ بندی تہٕ گیلہٕ لأیتھ دِنک سُقُم چھُنہٕ یِہنٛدِس نثرِس منٛز باقے کینٛژن ہمکال نثر نگارن ہنٛدی پأٹھی نظرِ گژھان۔ بحیثیت نقاد چھُ فاروق پُرمغز تہٕ بااصول تہٕ۔ گُنہِ تخلیق کہِ یا تخلیق کارٕ ہنٛدِ حوالہٕ کتھ کرنہٕ وِزِ چھِ یِم غأر شخصی رُویہ اپناوان یُس تنقیدُک اکھ سونہارٕ اصوٗل چھُ۔

تنقید لیٛکھنہٕ وِزِ نہٕ چھِ یِم بسیار Superlatives ورتأوِتھ ییرِ گژھان تہٕ نہٕ چھِ کأنسہِ ذأتی ناپسندیدگی ہنٛزِ بُنیاد پیٹھ دستار واپلنٛج حماقت کران۔ یِہنٛز دِرِدس کتاب سپد میانہِ خیالہٕ کأشرِس ادبس اندر اکھ اہم سنگ میل ثأبت۔ میون دُعا چھُ زِ خدا دِیِن یِمن علمس بییہ ہن تھزر تہٕ قلمس مزید وُسعت۔

عزیز حاجنی

شعریات، تأریخ تہٕ بشریات چھِ ادبُک مطالعہ کرنہٕ باپتھ لأزم وملزوٗم۔ فاروق فیاض نِس ادبی حُسنس منٛز چھُ یمن ترٛین علمی شعبن ہُند متوازی امتزاج۔ یتھ مجموعس منٛز شأمِل سأری مضمون چھِ ہاوان زِ ادب رِوایتی آسہِ یا عصری، اتھ چھُ تیٚلے اعتبار ییٚلہِ اتھ منٛز مخصوص سماجس منٛز بسن وول انسان اِنفرادی طورتہِ تہٕ سمأجی طور موجوٗد آسہِ تہٕ ونہِ ییہِ۔ فاروق فیاضن چھُ پننٮ۪ن تنقیدی مضمونن منٛز، یِم تمہِ وارِیاہن ؤرین دوران لیٚکھی، کأشرِ ادبہٕ کیٚن کیٚنژھن اہم شأعرن تہٕ نثر نگارن ہٕندی تخلیقات تجزیاتی انداز زیرِ بحث أنی متی۔ اتھ بَحثس چھِ تیٚلے وقعت ییٚلہِ یہِ نوٚین بَحثن زیر دِیہِ۔ تنقیدی مقالن ہُند دردست مجموعہ چھُ عصری ادبی تنقیدس اکھ اہم اضافہٕ۔

**شفیع شوق** ______________________

کأشُر زبان چھےٚ اکھ قدیم کأنٛسی کلاسیکل زبان مگر ادبی تنقید چھ اکھ ؤرتہٕ سأری سےٚ وحاطہٕ کرن واجینٛز شاندار رِوایت آسنہٕ باوجوٗد دروز موجود کالس منٛز اچھ وبژھے سأری ژینان۔ خال خالے آو کأنٛہہ تنقیدی بصیرت تہٕ زبأنی وول عأٮ۪لم اتھ باگہِ۔ عام پأٹھی روٗز کأشُر تنقید عبدالاحد آزاد سٕندٮ۪ن لیٚکھتن أندی یکی پننہِ بَرِ تہٕ مہارتہٕ حسابہٕ پننی پننی حأشیہ شیران۔ از چھُ پرٛنہٕ پأٹھی کأشرِن یہِ بیٚاکھ تنقیدی کتاب میسر۔ فاروق فیاض چھُ کأشرِ کیٚو عالمی تہذیبی توأریخُک (ہسٹری) ہُند اکھ رُت منہٕ پوٗز و ستاد تہٕ کأشرِ شعر و ادبُک پننہِ آیہِ تہٕ پننٮ۪ن حدٕ دن منٛز اکھ با اعتبار معمار۔ تنقیدٕ باپتھ یُس زبأنی ہُند شوٗزر، تُل ترٛ او، نزاکت تہٕ واتنیار آسُن گژھِ سُہ زن چھُ فاروق فیاضس اورے ودیعت سپُد مُت۔ یِہنٛد ادبی تنقید چہ اہم خصوصیت چھےٚ اکھ سرٛ ون تواریخی شعوٗر، کأنٛہہ فن پارٕ، زبان تہٕ ثقافتی رِوایژ منٛز پرٛزناوُنک بل، شعری جمالیاتُک سرٛ ون ظون تہٕ رُت ورتاو۔ کھُلہٕ ذہن، بے ریا واتنیار، پُر معنی تہٕ غأر مبہم لفظ بندش تہٕ ضروٗری اصطلاحن ہُند ورتاو پننہِ کتھِ ہنٛدس ڈٕکھس منٛز مناسب دعوٰی تہٕ دلیلہٕ تہٕ اتھ ستی ستی بوزکھ تہٕ پأٹھک ہنٛدس ذہنس منٛز ووتلن والیٚن سوالن ہُند تہِ ظون۔

**گلشن مجید** ______________________




فریش کوڈ
بُکس



Digitized By e Gangotri and Kashmir Treasure